میانِن خوابن ہٕنز کشیرِ آسہٕ سو

یتھ منٛز مے اکہِ طرفہٕ

آچاریہ ابھینو گُپت ہٕتھ آسہٕ

تہٕ بیٛیہ اندٕ محمد یوسف ٹینگ

........................ پروفیسر رحمان راہی

19 / اپریل 2007ء۔ ایس پی ہائر سیکنڈری سکول سرینگر

(زیرِ صدارت ڈاکٹر آغا اشرف علی)

کتابہ ہُند ناو ——— کأشر کتاب

مُصنّف ——— محمد یُوسف ٹینگ

بارِ اوّل ——— 2008ء

خوشنویس ——— قاضی عاشق حسین۔ سوپور

سرورق ڈیزائن ——— اِفتخار جعفر

قیمت ——— 500/= روپیہ

چھاپ خانہٕ ——— جے کے آفسیٹ پرنٹرز۔ دہلی

سرورق : کشیرِ متیوٗ ودلو ع

ختم گژھِ چینگیز خانی شور وشر    روزِ قایم تا ابد شیراز میٚون

مہجورؔ

تصویر: غلام محمد شیخ۔ احمد آباد

بہٕ شُکریہ : انسٹی ٹیوٹ آف فائن آرٹس
سرینگر

کتابہ ہندی تمام حقوق چھ مصنف سند حقہٕ رٔژھرتھ



- رۆسلیٖن وعظ، امبرٛن ساز، گلہِ ہِندی ناز

کاشُر گنڈتی
(ۆہمہِ صدی ہُند ابتدار) ___________

- مستانہٕ دُلی تراویرہ تہٕ ہنا غار ذمہ دار آسُن چھُ آرٹ تہٕ اَدبہ کِہ لُطف تہٕ لذتک حِصہٕ۔ تیتھہٕ حِصہٕ یُتھ نہ مکتبہٕ تہٕ مُدرسہٕ وٲلی زٲنٛہہ مانَن یا تسلیم کرن۔

___________ جیمز جوائیس

- یُس شخص تہٕ زاہ غلطی کٔرمٕژ چھےٚ، تمہِ آسہ نہ زٲنٛہہ کانٛہہ نوو رٛ ژھانڈنٕچ کوٗشش کٔرمٕژ۔

___________ البرٹ آئینسٹائن

- تکمیل (PERFECTION) کھۄتہٕ چھُ برجستہٕ ووپزاو (ORIGINALITY) زیادٕ اصل تہٕ موٗلُل۔

___________ الڈس ھکسلے

- ہمی آید بجائے تمرِ ہندی زِ ہندوستان ترُشروئی بہ خروار

___________ حمید اللہ شاہ آبادی
بے بوج نامہ 1835ء

# اِنتساب

تِمن اَمارہ ہتین

——— تہٕ پوشہ متین

ازلہٕ مقبولن

——— ہندہ ناوی

یِمَو کشیرہنزہ سرداری تہٕ سُرخ روئی

ہندی خواب وُچھان وُچھان

——— پنُن لوو تہٕ سوو پان چھپہ دیُت

ع وۅنے کیا عشقہٕ بیچالو کنو بوز
چھُنے کینہہ پانہٕ مارِس کیازِ کھٕیتے

(رسول میرؔ)

# فہرس

# پیش کلام

جارج برنارڈ شا چھُ انگریزی زبانٕ ہُند بوٚڈ ڈرامہ نِگار تہٕ کیشژن ہند ونہٕ ولیم شیکسپیرس پتہٕ عظیم ترین۔ تِہندِین پرٕن والین چھُ پَے زِ تِہندِس پربتھ ڈراماہس چھُ ہمہ کرمتن کھوتہٕ بوٚڈ کلہٕ پوش ووٚڈ آسان۔ تمیک سرنامہٕ یا پیش لفظ۔ لعضے چھُ یہ حال وُچھتھ یہ شوخ کأشرٕ ڈٕپیٹھ تہٕ یاد پیوان، اَڈ گز ماہنز ڈوٚڈ گز لوٚژ، مگر پانہٕ برنارڈ شا اوس تو شی تو شی وَنان زِ یہ چھُس ڈراما اَوٕ باپتھ لیکھان زِ اَمہٕ ستی ییم اُمیک سرنامہٕ لیکھنچ وأرٕ تہٕ وار۔ نوٚمہٕ سطر لیکھن وألس چھُ مقدمہ نِگار آسنچ رِیتھ واریاہ کالہٕ پیٹھٕ لاگنہٕ یِوان تہٕ اکثر ہموکۍ اڈیبو ہندِ طرفہٕ یمن نہٕ پننہِ قلمدانن منز ژورِن حرفن ہُند سرمایہ تہٕ چھُ۔ بہر حال۔ پزر چھُ یی زِ شوکھس معشوق ہندِس کوٹھس چھُ پیش کلام لیکھنس ژوٚرے پہن سواد یِوان۔ باقی کمھن ہُند کیا وَنو البتہٕ یہ وَننس ما پیہ نہٕ کانہہ لوٚٹ لانج زِ یہ چھُ کأشرٕ زبانٕ ہندِین مُقدمہٕ بازن منز بروونہہ برونٹھے۔ یعنی بقولِ مرزا غالبؔ ع گر بہ معنی نہ رسی جلوۂ صورت چہ کم است

(گوٗج نٔے لیٛتھ کنجنٕے دِپھیش پھیش)

کاشُر زبانٔیِ ہنٔز کانٛہہ ادبی تہٕ سوٗتہٕ سبٕنس کینٛہہ نٔژرس منٛز کِتاب چھاپنٕی چھ بدستور گاٹٕھک تہٕ خسارُک سودا۔ اَتھ نہٕ چھ کانٛہہ بازان تہٕ نہٕ ٹُلی ہیوان. اَو تام تہٕ اوس سہلے۔ تعشوقہٕ تہٕ تماشہٕ پرٛژھ ساسن ڈاس کرٕن تہٕ چھُ آمٕتۍ۔ مگر یمہٕ وِزِ زن چھ صاحبِ کتابس کانٛہہ بد ذاتھ گُر دوٚلتی ٹُلنٛتھ ٹھ لایان ییلہٕ کاٚنسہِ یارس مددگارس، پرٛن سرن واٚلس یا کاٚنسہِ حاکمس افسرس کتاب محض دِسنے پیش کرو تہٕ سُہ ییتھے اَتھ کاشرِ پاٹھ دِچھ تہٕ وَنہٕ "ہے کیا حض۔ یہ کیا حض چھُکھ لیکھان، یہ نہٕ حض چھُنہٕ کاٚنسہ پرٛن تہٕ لگان"۔ صاحبِ گفتار چھ یمہٕ کتھہٕ وَنان وَنان ہتھی کھنٛجہٕ سُہ چونکُھر کران زن تہٕ لتس ٹٹھ وینہٕ ژیوٹ آپراوان آسن۔ ییتھین حضرت بندن کُس وَنہٕ کاشرس لیُس مَن وسلوی سو لبہٕ ہُلمس منٛز چھ۔ پرٛن واٚلس ہینکہِ نہٕ تمیک کانٛہہ نعم البدل کُنہٕ تہٕ جایہٕ حاصل سپدِتھ۔ یہ ونی بچھنہٕ کانٛہہ مالا یانی۔ پرٛژھو کانٛہہ زِ کٹھ تہٕ شاٚیستہٕ زبان چھ پننہٕ ہنٛن بولن والین دنیا پرٛزناونک تہٕ اَنکہِ ناونک اَکھ بالکل بیوٚن بِدون تہٕ انفرادی حبس ہوش دِوان۔

مشہور جرمن ادیب لُڈوگ وٹگنسٹین سند قول چھُ زِ "ہر گاہ ہے بہ پننہٕ ماجہ زیوِ بدلہ بیٚیہ کانٛہہ زبان بولان آسہ ہا۔ تیٚلہ آسہ ہے مے دنیا تمہٕ رنگہٕ بدلے ژینہٕ، لبہٕ تہٕ ڈیٚشنہٕ یوان، ییٚمہِ رنگہٕ بہ یہ زانٛن"۔ ہرگاہ کاشُر زِنہٕ کُس تہٕ تنہٕ کُس نتھ رکنہٕ چھمبس بیٹھ وسان گو ییتہٕ امیک جوہر کمزور

گرٛنتھ ، ساںٛہ خاطر بنٛن لل دید ، نُندٕ ریٚشہِ ، سوٗ چھےٚ کرٛال ، لتمہٕ صائب تہٕ مہجور
تہٕ پرٕ دی تہٕ غارٕ زان ۔ اَسی ہیکوٗ نہٕ پنٕنہٕ نٔن اَبن تہٕ بٔبن ماجن تہٕ دیدن ہٕنز سوٗ
وراثتھ تہٕ عظمتھ بحال تھٲوِتھ یوٗسہٕ اسہٕ اصل کٲشر بناوان چھےٚ تہٕ نہٕ سوٗ پرٕزنتھ
برقرار تھٲوِتھ یوٗسہٕ ساںٛہ آزادی تہٕ خود رنگ آسنٕچ بشارت چھےٚ ـــــ
کٲشُر آسنک ساروٕے کھوتہٕ بوٚڈ لکھچھُن چھُ کٲشرٕ زانُن تہٕ بولُن ۔ اسہٕ یم
باوَن بَل تہٕ ہاوَن وَل کٲشرِس منز چھےٚ ، تِم ہیکن نہٕ وو پرٕ زبانہٕ اَسہٕ
وُمبرٕ وُمبران ہیٚچھتھ تہٕ بخشتھ ۔ تہٕ کیازِ کٲشر یک آبِ حیات چھُ اسہٕ شفیق
ماجہ ہندِس موٗمہٕ دامنٕس سٟتی چیوٗمُت ۔ مےٚ پیوٗو یہٕ وَنان وَنان عربی زبانٕ
سٟتی وابستہ اکھ پرٕزنہٕ تہٕ تواریخی واقعہ تہٕ بیتس ۔ یمیٚک منطق ( LOGIC )
کٲشرِس کیٚتہٕ یوتےٚ دُرست چھُ ۔ عربی زبانٕ ہُند صاحبِ قاموس
مجدالدین اوس ترکہٕ اکھ عجمی یتھ زادو شیرازس نشہ کازرون گامس منز 729
ہجری منز تہٕ 88 وُہر گُذریوو 817 ھ منز ۔ ییٚلہٕ تیموُر لنگی سارِسٕے عجمس تہاراج
کرُن ہیوٗت ، مجد الدین ووت عرب کِس دارالامانس منز ۔ واریاہ کال گُذرِو وُمن
گامن گٕھٹن منز تہٕ چھیکرس گو مکہ معظمہ ہس منز آباد ۔ تمہٕ گو ر عربی رٕہن سٟتھن
تہٕ خاص طور بولنس چالنس منز یُوتاہ کمال زِ سہٕ اوس شُتہ عرب باسان ۔
عجمی شینٕہلنہٕ ورٲے ۔ تٟنز قابلیت تہٕ کمالک اندازٕ کرِتھ کور تٟند بور رٕت
کانچھن والیو تٟندِ رِشتہٕ اَکس عربی کورِ سٟتی طےٚ تہٕ تمن دوٚہٕن یتھ ہیوٗرِ شتہ
میلُن اوس سٕھٹاہ عزٕچ کتھ مانٕنہٕ یوان ۔ ییٚلہٕ عروسی دوہہٕ مہرٕ سنٕہ مہرازس
کُٹھ دِیُتکھ ۔ تہٕ مجد الدینٕس آیہٕ لاوٕہن گُلن کرٕاو کرنٕچ وٕز ۔ تمہٕ ووٚن پننہٕ

عربی مہرہ بنہٕ "اقتلی السراج" (ژونگ قتل کرِتھ ژھیوراوُن)۔ تسُند
یُتے وَنُن زِ عرب کورِ زن دِژ نہٕ سُرپھن لوٗپھ۔ سو گے نارونار تہٕ خشمہٕ ہٕژ
آوازِ منز وونُنس "ژٕ چُھکھ نہٕ عرب۔ ژٕ چُھکھ خلاف محاورٕ عربی بولان۔" مے
چھُ فند کرنہٕ آمُت.... سراسر دھوکہٕ۔ ہرگاہے ژٕ پزے عرب آسہٕ ہکھ ژٕ
وَنہٕ ہکھ تہٕ بیٚیہٕ اَمہٕ لوٗزُکھ وَقتہٕ "افتی السراج" (ژونگ کرُن (پھوکھ دِتھ)
ژھیتہٕ)۔ امہٕ بروٗنہہ زِ مجددالدین کرِہے کڈھ تہٕ مہرہ بنہٕ زن کھٔسِتھ فِنجن
بھوٚد وُچھتھ تلن خنجر اَتھس کنِتھ تہٕ گے مجددالدینس اگادِ "مے دِیِتمی دَمہٕ
طلاق" بنہٕ ژٕ رٕ ٹہہ وُچھان وُچھان گنڈرُ"___ مجددالدینن بیٚیہٕ ژکھ آمژ
تہٕ چھندریمژ نازنین وُچھ تس توٚر فکرِ زِ زنان مَتُن گو ہوٗس متُن۔ تسنز
ہیبیہ تن چھاونک تہٕ آژھ ناوُنک ارمان رٔوُس دِلہٕ سے منز تہٕ یکدم
گوٚنڈنس لوٗنچہ طلاق۔ تہٕ بچووُن اَتھن پھو کھ دی دی ژُو۔
پزر چھُ کاشرِس منز چھُ امہٕ کہ خاص لوٗاریخی تہٕ تہذیبی برکتہٕ
گاہٕ ٹہ جارٕی۔ باوَن ہارٕی، عقبیٰ نوازی، تصوّف شناسی، ژِنین ہارٕی،
اَختیٚ دُنیاداری۔ بیٚیہٕ بے مثال لُکہٕ باوژ ہتریک تیٚتھ گنج شایگان موجود۔
یئس ہرگاہ رٔوُس تل گوسارِسے اِنسانی وسمتس واتہٕ وو کھہٕ ددارہٕ۔ مگر یہٕ
کتھ کتھ تارٕ واٗسی یتہٕ نبن وو تل ہاٗمی حاکمن تہٕ اَیزبن رنگن تہٕ روغنن پتھ
دیرہٕ گاٗمتین عامن خاصن فکرِ؟

یارب وہ نہ سمجھے ہیں نہ سمجھیں گے مری بات
دے اور دل اُن کو جو نہ دے مجھ کو زُباں اور

تعریفن تہٕ توصیفن ہندی مژھ بند تہٕ طلائی تمغہ لاگنک تہٕ ٹھبکہٕ

ناوٕنک شوق کٔس اِنسانس چھُنہٕ آسان؟ مگر اَتھ برعکس ییٚلہِ کانٛہہ بدنصیب

ہُتمتن تہٕ ہانژن ہندی پنچ ستارٕ (FIVE STAR) مڈٕنہٕ ین۔ تیٚمس نامرادی

ہُند کیا حال آسہ؟ یہ عبارت لیکھن وول چھُ تیٚس طالع تھاوَن والین

ییٚھنٕ خاکسارَن منز۔ یُس نہ ہا مگر وَن تہٕ ماسوِرٕن۔ مثالے غلام نبی خیال صابن

لیوٚکھ پتہٕ تُس انگریزی ہفتہٕ وارس زییٚلہِ بہ شوٹھ پاکستان گوس ٹیتہٕ

ہیوٚوت مےٚ ڈاکٹر صابر آفاقی صابس کلہن سنٛز "راج ترنگنی" ہِند اُردو

ترجمک قلمی نسخہ یہ وعدٕ کٔرتھ زِ یہ ییہِ کلچرل اکادمی ہندِ طرفہٕ چھاپنہٕ"

خیال صابن اوس مےٚ تھدِ ہٕٹہٕ سوال کوٚرمُت زِ یہ مال مسروقہ کیٚتہٕ

تھوومےٚ؟ میانِس سوالس پیٹھ وُٹن تموٚ زِ یہ اوس تمن اکادمی منز

میانِ ہم عصرن تہٕ ہم سفر محمد امین کامل صابَن وونمُت مےٚ کُس بوزِ ہے

تہٕ یہ کُس وَنہٕ ہا؟ خدایہ سُند کرُن تھُس آیہ آفاقی صاب مظفرآبادی بسہٕ

منز کشیرِ۔ اکادمی کٔر تمن پُرٕژھی لاٚزی تہٕ اَتھ محفلہِ منز اوس من سکینس

علاوٕ کامل صاب خیال صاب تہٕ بیٚیہِ داہ درداہ مُقتدر کاشُری کیٚوباقی

ادیب، صحافی تہٕ شہری موجود۔ سوال جوابن ہنز وِزِ پرٕژھ مےٚ آفاقی

صابس کیا تموٚ چھا یُتھ ہیوٚ کانٛہہ نسخہ مےٚ حوالہِ کوٚرمُت؟ آفاقی صابس

اُس اَرچ کنہ وان بروٚ ٹھے گامٕژ۔ تمو دیُت ٹاکارٕ تہٕ وِزٕنٕن جواب "جب

ہم نے کوئی ایسا اردو ترجمہ کبھی کیا ہی نہیں ہے، تو آپ کے حوالے

کیا کرتا"۔ یہ جواب اُسی خیال آنہٕ کامل صاحبان گوڈنچہ تندلہِ منز

تشریف تھاوِتھ بوزان۔

تمِنہِ دوہن آوٕ حاجن کِس اَکِس ادبی جلسس منز یہِ سنز بوکھچہِ اُتھ گنڈنہٕ زمےٚ چھ مرحوم پروفیسر محی الدین حاجنی ہندی سائینسی موضوعاتن پیٹھ لیکھمت انگریزی مضمون غائب کرٕی متھ۔ یہِ الزام لاوڈسپیکرس پیٹھ گریزناون والی موصوف اُسی اکھ یارِ دلدارہ تہٕ ریٹائرڈ جج صاحب یہند عدل و اِنصافک اکھ اِبتدائی اصول چھُ تہٕ تام گژھہ کانٛہہ شخص معصوم تہٕ بے گناہ مانہٕ یُن، یوتام نہٕ تٔس جرم بِلا شک و شُبہ ثابت گژھہ۔ مرحبا چھ حاجن کین دوٚن دوستن ـــ محمد احسن احسن تہٕ عزیز حاجنی صاب ـــ تہٕ تتہٕ موجود بیٚیہِ کینٛژن واقف کار دوستن زِ تموٚ کوٚر اُتھ وادتہٕ یہِ کوٚرہس اَمہِ پرٕ ہانٛژ لنشہ نتہٕ وانٛہ بری۔ الزام لاگن والی سُرخ رو دوستن سوٚنچ نہٕ یہِ تہٕ زِ یم مضمون چھ اکہِ اکہِ شایع سپدی متھ تہٕ یمن ہینکہ نہٕ کانٛہہ ذی ہوش شخص پنُن ٹھپہ تراوِتھ شایع کرتھ۔ بیٚیہِ یہِ تہٕ زِ ییلہِ مےٚ یم مضمون کتابی شکلہِ منز چھاپنہٕ خاطرٕ اَکِس مقامی پبلشرس ژُگراے کر، تمیٚ وونٛ ”جج صاب موصوفن کوٚر اَتھ ٹھاک تہٕ وونُن زِ یمن چھ حاشین تہٕ تشریحی نوٹ ہنز کمی“۔ تمیٚ وونٛ مےٚ زِ یم مضمون چھ بہٕ اخذ رسید حاجن والین واپس کرِنہٕ آمتی۔“ واللہ اعلم بالصواب ـــ

اَمہِ تہٕ برونٛہہ اوسُکھ مےٚ یہِ بہتان لوگمُت زِ مرحوم مولوی محمد ابراہیمن یوسہٕ کتاب کشیر ہندین خوشنویسن ہندِ تذکرٕ ژنگی لیچھمٕژ اَس، سہٕ اَس مےٚ گینگرِ منز ہمٕژ تہٕ گتہٕ دوہ بہ کرن پننہٕ ناوِ شایع ـــ الحمدُ لِلّٰہ!!

تِہندِ لوٗ وٲرلوٗ چھےٚ یہ کرتام چھاپ کرٕمتٕر تہٕ اَز چھہ بازرس منز ننٕ تہٕ دٕستیاب

تہٕ میانہِ بےگنٲہی ہنز ژھوٗپ دِھو پہ شہادت دِوان ــــ اَکھ صاحبن لاجی

مےٚ کُلیاتِ رسول میرٕ تہٕ بیٚیہِ کُلیاتِ مہجوٗر بیٚین لوٗٹہٕ پٕنچ ہانژھ ۔ مگر دوٕ شوٗے

کتابہٕ چھہ پیٚنھو عبارتو تہٕ اِشارتو کنہِ سورٕے وَنان ۔ وونی چھُس بہٕ پرٲران

مےٚ کُس لاگہِ بڑٕشاہ ہندِس وزیر کبیر مُلا احمدٕنی کتاب کھٕٹِتھ تھٲوِتھ پٕنچ

ہانژھ، یوسہٕ اَز ہنہٕ بدلو وٕرِی پیٹھٕ غاب چھےٚ ــــ

کٔشیر ہندِ خوٗد رنگ، خوٗد مختار تہٕ خوٗد کفیل آسنکی نشانہٕ چھہ سائنس

زمینس پیٹھ اَولہِ پیٹھےٚ موجود تہٕ محکم ۔ یمن اَنہارن آثارن ہُند نیب چھہ

نیل مت پرٲن (شٔتیم صدی مسیحی) پیٹھٕ اَمان اللہ خان سُنٕز آلوُ بایوگرافی

(جہدِ مسلسل" (وُہم صدی) منز تام زوتان ۔ اَکھ ڈلیشہ وُن سمبل چھُ

سون ڈٕریاو 'وِہتھ' ۔ وون گو نِاَمہِ کِس اَتھ کرِداُرس کُن چھُ خالے ظوٗن

رٕوٗد مُت ۔ کیٚنژٕنے ٹُکن چھہ بیٚھتی ڈٕریاو پنہٕ نِنسےٕ آنگنس منز وُزان تہٕ

شاد آباد تھاوان ۔ پنجاب، راجستھان، ہریانہ تہٕ بیٚھتے ۔ راجستھان وٲلی

چھہ اَز تہٕ رٲسی گامنٕز سرسوتی اچھر والو ہتی ساران تہٕ ژھاران رنبیہ تچھان ۔

تۆے چھہ یہندی شناختی اَنہار گاہ بگاہ بدلان تہٕ بگڑان ۔ وِہتھ چھہ سانہِ

قُدرتی قلایہِ یعنی پانژال چہ بیٚیہ منز نکھ دِتھ ہیوٗر کھسان تہٕ کٔشیر ہندِ

نشنا ہنٕجی علم واہراوان ۔ بیٚیہِ چھہ اَتھ کٔشیر ہندِس کموٗدس تہٕ وجودس ہتی

وانکہِ پن گنڈِتھ ۔ مایتھالوجی مطابق دٕرٲیہِ کٔشیر ہنز نازنین بُتلہِ ہندی پاٹھی

شیوٗ شنکر سندے اَتھہٕ ننٕ ییس اکہِ طرفہٕ ناگ لوکن ہُند شاہ مارتہٕ

دوٚیمہِ طرفہٕ آریہ لوٗکن ہُند تٕرشول اُتھس کینہہ چھُ۔ یہ چھُ سون آبہٕ مالیُن
تہٕ سانہِ مُلکہ چہ سارے جوٗیہ تہٕ آبہٕ چھ اُتھی گنجینس منز ہینہٕ گاگرٕ پھیرِ کتھ
تٕھنان۔ یہ چھ اسہِ رزق وانتاوُنک بوٗڈ منتر، تٕرلیش ہوٗمہ راوٕنچ صٕرے
تہٕ سون تہذیب سرسبز تھاوُنک وسیلہٕ۔ امہِ کِس عظمتس وکھناونہٕ خاطرٕ چھ
اچاریہ برنگیشن "ولستا مہاتاتم"، ہش شاندار کتاب لیچھمٕژ۔ یہ چھ اَزتہٕ امہِ کِہ
رفتارٕ تہٕ ولیستاہٕچ اکھ مُستند گائیڈ بُک (GUIDE BOOK) ہش۔ اُتھ
چھ کشیرِ ہندِ ہن رنگہ رنگہٕ اُنہارن ہُند اَمار۔ یہ چھ امہِ چٕہن نزاکتن اَختے
برکرتن ہُند اُنہٕ تہٕ۔ وبھ چھ کشیر تراونہٕ بڑو ہُہہ وولرسرکِس وِشال گڈونجس
منز پَتُن سورُے سرُیہہ تہٕ زیہہ وپراوان یتھ حاجتہٕ وِز یہ سانہِ زندگی تہٕ
جولائی ہنز ضمانت ہش ڈیشمان روزِ۔ وولرِ نیر پھتے چھُ اکھ سورُے
کردار تہٕ روٗپ رنگ بدلاوان۔ یہ چھُ اکھ ڈلہٕ گرٕژھ وُن تہٕ چکہٕ رارٕے
کرن وول پہاڑی آبٕ بنان — کُجا نوش لبہ ہند خرام تہٕ کُجا کائیسہ کونڈلِہ
ہُند ہکُن۔ یہ چھُ وبھ ہُند خوبصورت کرٕوتھ ترائُوتھ پھوہر تہٕ پھوہڑ
جہلم ناو پراوان۔

اکوٗہمہ صدی منز ییلہٕ آب تقریقن تہٕ تفرقن، ژوٗونک تہٕ زانگہ نک
مُل ماپہ بنیو مُت چھُ اَسہ چھ وانٕج ژھج زِسانہِ وبھہٕ ہیکہٕ نہٕ کاہہ لوٗٹٕ نِتھ
یاکو چہ پھیرٕ کرِتھ۔ ہندوستانس تہٕ پاکستانس چھ وندن خبرٕ گتی وسواس
تہٕ تلواس تہٕ تہندی سرُوٗدی دُریاو مثلاً سِندھ، چناب، راوی بیتر مالگن
ووپرٕ اُتھن منز تہٕ اکھ ماماریٕ بیٖس العطش کران کران۔ اَختے بناو تہندِ ہن

وٕو پزاو کھٕن کھیتن ہانٛٹھ تہٕ بے بُوج۔ پانہٕ ہندوستانس منز چھُ کرناٹک۔ مہاراشٹر، آندھرا، پنجاب، ہریانہ، راجستھان بیتر اکھ اکِس اَزکہِ پیٹھے نٔٹ پھُٹراوان۔ چینس متعلق چھُ شک زِ سُہ تراوِ برہم پُتر ہوس گژ راج دریاوس زولانہٕ تہٕ بنیس ہندوستانہٕ دورُٹھ ـــــ بوزوے تہٕ بڈٕلو ہمالیائی ژریاوو منز چھُ گنگے (دریائے گنگا) ترٛزھ۔ یوسہٕ ہندوستانچہِ بُتلہِ پیٹھ وُزان چھُ۔

ـــــ گونکھ تہٕ گنگوتری ہندی آگر چھُ تووے ٹڈٕ پتر رُتھ تہٕ پانہٕ شوٗ شنکر سنٛزِ جٹائین ہٕستی جوٗر ژٕٹھ۔ خبر امہِ کہِ مقامی آسنک یوہے غار شعوری زہ نتن ما چھُ امہِ کہِ دھارمِک بجرُک اَصل آگر۔ کاشرین تہٕ چھُ یہِ احساس بے شوٗنکی پاٹھی آوٕراوِتھ رٛودمُت۔ دیومالائہِ حسابہٕ چھُ پانہٕ پاروتی وسہٕتھ ہندیوٗل وردن لاگِتھ گیتہٕ ماران۔ اَمیُک زادوہ اوس زین العابدین بڈشاہ سٕنس زمانس تام دوہٕ یہ ہندی پاٹھی مناونہٕ یوان۔ تہٕ اَتھ منز آسی دزٕ وٕنی ژانگی ویرہ تراوِتھ جشن لاگنہٕ یوان ع

دِلکی داغ زاٗلِم ژندن زور نے منز

سانہٕ آبادی اَخنتے آزادی تہٕ شناختُک یہِ پرچم زندہ، لہرماروٗن تہٕ سربُلند تھاوٗن چھُ اسہٕ ہنٛزٕ تہٕ مَنٛزٕ، شاید چھُ اَتھی ستی یہِ مصرعہٕ سجان ع

لہرا اے کشمیر کے جھنڈے

---

یٔمہِ کتابہِ ہندِس زُگس پٔزرِنس متعلق کرن مُعزز قارٕیٖنی پنُن فاصلہ۔ مگر اکھ زِ کتھ عرض کرنٕک اجازت گوژھ اکھ یہِ زِ لیکھن وأل ہٕنِد عادتہٕ

موجوٗب چھ یتھ کتابہ منٛز تہٕ تھٕی کینہہ مضمون یِم کاشُرکِس عمومی پوٚت منظرس
منٛز پوٚھٹے ہیٚن یاسن مثلاً "پکھ، پنجہ تہٕ پڈٔر" یِم چھ بروٗنہہ کنہِ کیٚن مالِن
مُتعلق تِکر کاشُر ادیب چھُ یمِن مُدٕے گنڈٕتِلنس یا رسید دِلنس وُسی پایہ ہیٚو
بوزان ۔ میانی کنٛز چھ ادبس تہٕ عُلمس صرف غزل، نظم، افسانہٕ بیتر صنفن ہنٛزے
یوت ٹھلیاریہ گنڈٕنی شوقہٕ ذوٗق چی کوتاہ قامتی تہٕ تنگی ہش ۔ یِیمہ کتابہ ہندی
مضمون لِکارِن چھُتہٕ پتھمن عنوانن پیٹھ لیکھتھ کاٹھہ کارنامہ کوٚرمُت
تکیاز یِمہ سارے کیتھ چھ سایئنس تہٕ علمہ کیٚن باقی لنجن ڈلجن پیٹھ بروٗنہہ
واہراوتھ ۔ مگر اَسہ چھُ جانہٕ وارن سٟتی ادبک رشتہ اُستوار کرُن پینہٕ تکہٕ
ادبہ اَکھتے پیٚنچ تنتر پیٹھے ڈسلاب گرٕچھان ۔ کوشش چھ یِژے زِ یتھہ ہیٚو
پریٚنچ گرٕژھ کاشرِس قارئیس تہٕ ہال گرٕژھن ـــــ میانی زِ تحقیقی سلسلہ
یعنی "کاشُر تہٕ دراوڑ" تہٕ "لفظ راش ....." چھ یتھہ منٛز بیٚیہ ہیٚن بروٗنہہ
لیکان، تہٕ براتھ ہش چھم زِ کینہہ صاحبِ نظر قارئی ماکرن کینژن خیالن
سٟتی اِتفاق تہٕ ـــــ محمود گامی سُند شینہٕ شار، چھُ البتہٕ اکھ سرتازہٕ تہٕ
ساٗدر وار سوغات ۔ تہٕ یتھ یرٕژھے ترٕژھے کتابہ چھُ بوڈ بوش ۔ قارئی
حضرات وُچھن پانے زِ محمودُن یہ باتھ چھُ وقایع نویسی اَکھتے بیان کرٕنک
لوٗیہ وُن نموٗنہٕ ۔ یُس وُنہٕ شایع سپدِنے اوس ۔ اتھ منٛز چھ محمود گامی
ہنٛز قادر الکلامی تہٕ صدر کاٹز ہیٚو ژٕ وُک حس مزاح SENSE OF
HUMOUR دِل رنٛزناوان ۔ "زُفان گویا" ہندِس فرہنگس پیٹھ مضمون چھ
ہاوان زِ کاشرِ کیٚتہِ ناگہ راد کیٚتھ کنٛز چھ زیرِ زمین رگو ہندی پاٹھی قدیم عجمی زبانن

تہٕ خاص طور فارسی ہِشہِ قدیم تہٕ عظیم زبأنۍ ستۍ چأرِتھ ۔ کیٛنہہ لفظ یِم اَسہِ

خأیِص کأشری باسان چھِ ، چِھ تِتہٕ تہِ امی آیہ ۔ اَمیُک مطلب گوٚو نہٕ زِ سأنۍ

زبان چھِ ہم سایہ زبانن ہِنٛز خوشہٕ چیٖن بلکہ ییتہٕ زِ فارسی یِن تہٕ چھُہ اَسہِ

لِنٛشہ واریاہ رۄٹمُت تہٕ وۄٹمُت ـــــــ یہ چھِ دۄن ییتہٕ بڈٕن پا پرچا

رٕیِسن ہُنٛد پرٛأن لین دین تہٕ چلہٕ وُن تجارت ۔ آ ۔ اَکھ چھ بیٚنیہِ ہَن ژھأنڈ

دِنٕچ ضرورت ۔ پزٕ نہٕ پأٹھی ۔

راولپورہ سرینگر

محمّد یوسف ٹینگ

غُرّہ شوال المکرّم 1428ھ

13 اکتوبر 2007ء

# محمود گامی سٕندی شٕنہ شار

## اکھ نادِر انکشاف ....

محمود گامی اوس پننہِ کالہٕ کاشرِ زبانی ہُند اکھ ذہنیک شہری۔ یتھ کنہٕ از کل کُنہِ مُلکُک صاحبِ صدر آسان چھُ۔ تمیُ لوٗت شارٕ سرمایہ یتھ کُن ترودِتمہٕ چہ کمے مثالہٕ چھےٚ اَسہِ بروٗنٹھہ کنہِ۔ بیٚیہ گوٚن گوٚن نہٕ بیوٚن بیوٚن ذاژن تہٕ صِنفن منز، مثنوی، غزل، وَنہٕ وُن، پد، تمثیلہٕ تہٕ بیٚیہ تہٕ ماکیشہ۔ اَمہِ علاوٕ یہِ وَنُن تہِ چھُ سوٗنہٕ سُند تہٕ سَنہٕ وُن ...... رَنہٕ وٕنی شار.... شارٕچ رَنزٕ ناوَن واجینی ماٗنہٕ گرتھ۔ توٚے چھُ سانیو سارِوٕے کھوٚتہٕ بڈٕ لو ادبی سالارو منزٕ اکھ۔ اَخنےُ سانہٕ جدید دورُک باٗنی کار تہٕ شانہٕ بوٚڈ۔ وُنی کہن چھُنہٕ مےٚ یتھ شایہ لٕس متعلق زیٹھ لاگنچ نہ ضرورت تہٕ نہ فرصت۔ البتہ یہ چھُس لَسنٕدین قدردانن زانی کارَن تہٕ کاشرِ ادبہٕ کہن جبسہٕ ہُشیارن کِرٕ اَکھ ڈالی ہیتھ آمُت۔ محمود نہٕ واچ تہِ سیٹھاہ مزدار۔ مےٚ آو تسُند اکھ باتھ (اخبر نظم وَنُن چھا صحیح) اَتھہِ۔ زن تہٕ وٚوتھ نبہ ییٹھٕ تہٕ بیوٚٹھ مےٚ کاسنہٕ شہ پائز ہندی پاٹھی پھیکرس ییٹھ۔ میانہٕ کوتاہ علمی کنہٕ چھُ یہِ وُنہٕ چھاپ خانس

کھسنے۔ بہرحال، ناوچھُس شیٖنہٕ شار۔۔۔۔ سٕنہٕ چھُس نہٕ دِتھ مگر تِتھٕنز بچہٕ عمُر ہٕندِس کنہٕ وٕریس منز چھُ وارِیاہ شیٖن بیوٗمُت۔ محمود گامی سُند زمانہٕ چھُ (1775-1855) گنڈنہٕ یِوان تہٕ باسان چھُ یہِ چھُ تِتھٕنز جوانی منز یعنی کُنوہمہِ صدی ہُند واقعہٕ وأردات۔ بہرحال بأتھ چھُ 98 شارن پیٹھ مُشتمل۔ 25 بند چھُس تہٕ پرٛتھ بند ژورن مصرعن ہُندِ یمن منز ووج پھِری پھِری یِوان چھُ۔ امہٕ علاوٕ چھُس دوبیتی یعنے پورٕ اکھ شار دُسلابک۔

یہِ بیٛرِتھ چھُ محمودنہٕ باوٕن بٔلک کمال برونٹھہ کُن یِوان۔ اکھ گو شیٖنہٕ غضبانک بیان کرنُک خاص طرز ع

ترِلیشہِ ترٕلیشہِ کران موٗد بیمارا

سرانے روٗستے روٗد یِژکال

میٖتر کنہٕ وٕڈھس شیٖنہٕ انبارا

وٕنہٕ ہیے شیٖنہٕ کُے شارا بوز

بییہِ محمودُن خوش مزازِ تہٕ لٹسنہٕ کرنُک شوق۔ اکھ طوٗفانس منز تہٕ چھُ کھٹاہ کھٹاہ کرِتھ اسان تہٕ پانس سٟتی بأقین تہٕ ٹانہٕ ژٹان باسان ع

پیرزنن تہٕ وانگجن سِید مدارا

فرزندن ہندِ کھوتہٕ لتو ہیہِ پھو ٹاکھو

آبہٕ نار الغام پیٹھہٕ جامہٕ وارا

وٕنہٕ ہیے شیٖنہٕ کُے شارا بوز

یُتے یوت نہٕ سہٕ چھُ گرٕبل تام واتان تہٕ مند چھُ اوک طرف

یھاوِتھ مَردن علاوٕ زنٕنن متعلق تہٕ تتھ وو گراٹھ وَنان زِ عجیب پیکر چھ
وو تلان تہٕ خالِص عوامی سوٗتھریک وٕنژار گفتار چھُ نٕنہٕ واتٕہ کریکہٕ دوان۔

مُتھر سَس بیچھایہٕ اکھ موٗردارا
کھٹہٕ کشہٕ ستو تٔس تلہٕ لٔج گانٹھ
وژہٕ دِتھ گٔڈہس ڈایے گز لوٗرا
وَنہٕ ہیٔے بشہٕ کے شُارا بوز

اکھ کھتہ چھےٚ ژُز زِ یہ بَدرَد ونٕ واجنہٕ چھُ سُہ گوڈٕ موٗردارا وُنِتھ زان
کران یعنے تس کیا مند چھ تہٕ مے کیا لاج ؟

محمودنہٕ بیانہٕ مطابق روٗد یہ عالم 33 ہَن دوہَن جاری تہٕ باسان چھ
زِ یم آسہٕ ہَن چلہٕ کلانکہٕ دوہ۔ میانہٕ عمرٕ ہندِ لوٗ لوکو تہٕ چھُ لوکہٕ چارس منز
یتھی ہوی کٔڈری زمستان وُچھی متہٕ تہٕ بیترٲوی متہٕ۔

اُخرس پیٹھ لیُس دُعا محمودن کوٗرمُت چھ تمہٕ تلہٕ چھُ ننان زِ تمہٕ
وقتہٕ کیا آسی کاشرِ عاش تہٕ عشرت مانان تہٕ تی آسی کاران تہٕ ژھاران۔
اَز باسن اَسہٕ یم سیٹھے معمولی حاجت مگر کاشرِن ییوٗ وہتہ بدہن وُرِ ین
یموا ابتدأیی ضرورتو خاطر جکھِن .... اَخسے زنگہٕ تجھنہٕ ع

موٗ یسٕر تھاوتم پروردگارا
زیٖنٕ، سیٖنُن، نوٗن، تیل بٔتہٕ پوشاک

محموُدن یہ باتھ چھُنہٕ زیادٕ بوٗڈ۔ مگر یہ چھ میانٕز کہٕنز اکھ نادِر دریافت۔
یُتے یوت نہٕ اَمہٕ ستی چھُ محمودنہٕ سندِس شاعرانہٕ قد کاڈس کھنہٕ نے تہٕ کیشتن

آنچن ہُند ہُرہ بر گژھان ہٕتہ یہ چھپنہٕ ڈیہہ ڈیٹھ کتھا ..... مےٚ چھُ پیٚتہٕ مقبول کرالہٕ وٲژ سِندِس "گژیسی نامس" منٛزتہٕ اَمہٕ ریلوایٹک زٕژاوں زٕژاوں باسان۔ تمہِ تہٕ چھُ گریستین مُتعلق یوہَے بُتھ ژٕ کرأوِتھ IRREVERENT اِظہار اختیار کوٚرمُت۔ تہٕ سورُے سوٚن وو گُن، نوٚن کوٚڈمُت ..... لیکہ ہندِس حدس تام۔

مےٚ ہیٚکہِ نہٕ دوٚن ترٕین مِصرعن منٛز کینٛہہ لفظ پٔرِتھ (بند اَکھ ترٕیِم مِصرعہٕ، بند 8 ترٕیِم مِصرعہٕ تہٕ شاید بیٚیہ اَکھاہ)۔ ہٕ چھُس وُنی دوان ہٕتہ ییٚتھُے اصل لبہٕ یہ کرٕ ترٕ ے۔ مےٚ چھِ اُمید زِ محمود گامی سِندی مانٛن زانٛن وٲلی گژھن یہ پٔرِتھ خوش۔ یہ تہٕ چھُم باسان زِ ییٚنہٕ واجنبن شاہرٕ ژأرن ہٕتہ ANTHOLOGIES منٛز تہٕ ہیکن نہٕ اَتھ نظر انداز کٔرِتھ۔

## برف نامہ

شیٚنہٕ شار : مِن تصنیف محمود گامی شاہ آبادی

مأگُن وُہم دوہ اُس شیٚنہٕ[1] واراہ
وَنہٕ ہے شیٚنہٕ کُے شارا بوز

○

پاژھ پور لٔرہ روٗز .......
سیٚتہٕ پور لٔرہ اَکھ دأراہ نیٚز

○

---

[1] شیٚنہٕ — ہجری تقویمہ حسابہٕ ژٕندرٕ وار

حِس کرتہٕ حال کیا یس آسہٕ بارا
وٕنہٕ ہے شِشنہٕ کُے شارا بوز

○

نکھہٕ نکھہٕ یوٚد کأنسہٕ اوس محلہٕ دارا
ژورِ دوٚہی اورٕ یورٕ بوٗزِکھ کتھ
پچھ پتہٕ گامہٕ گامہٕ پیٚوو وتہٕ تارا
وٕنہٕ ہے شِشنہٕ کُے شارا بوز

○

شِشنہٕ بڑو نہہ آیاو یارٕ سُند یارا
بأڑو بأڑو ووٚندٕہَس زٕتھ
شینہٕ پتہٕ درینٹھوٗ آکھ تنخواہ دارا
وٕنہٕ ہے شِشنہٕ کُے شارا بوز

○

گرٕ گرٕ پھیران اوس ناچارا
اُتھس کیتھ کانگرِ کھارا ہیتھ
ترِ ستی مۆدُس تتہٕ ہا نارا
وٕنہٕ ہے شِشنہٕ کُے شارا بوز

○

بخیل بابا اُس بدکارا
بڑم دِتھ ژٲجی تس کانگر ہیتھ
نارٕ جوشہٕ باپتھ وۄد تمیٚ وارا
وَنہٕ ہے شیٚنہٕ کیٚ شارا بوز

O

مُھنوس اٲس اوس نۄو پٲزارا
معاوضہٕ ہیوٚتنس پرٚژن پُلہٕ ہور
پوتوٕ کنہٕ تمیٚ گوٚنڈ دستارا
وَنہٕ ہے شیٚنہٕ کیٚ شارا بوز

O

گامَن ژورِ ٹنکہٕ لوٚگ ژٕنہٕ بارا
شٔہرس لٔج بیٚلہٕ شامن وٕتھ
پانس بوک ...... کھارا
وَنہٕ ہے شیٚنہٕ کیٚ شارا بوز

O

طُلبس سُوز کھ اَکھ ہرکارا
شیٚنن کھیوٚو کنہٕ جینن کھیوٚو
نوٚن کونہٕ دِژاو وُتہٕ یوٚ کُھکھ اخبارا
وَنہٕ ہے شیٚنہٕ کیٚ شارا بوز

O

---

ا؎ لوٚٹنک ـ تمہٕ وقتہٕ کہ ضربک پولنہٕ ـ محاورہ چھُہ ازتہ پانسہ لوٚٹنک

رۄد نۍ جنگلن جانا وارا
ژھٹہٕ ستۍ زٕٹ تمو گامن جاے
شامہٕ پتہٕ سہہ بیم اوسۍ وارا
وٕنہٕ ہے شِنہٕ کۍ شارا بوز

○

کأنِن پیٹھ یوٚد پکہٕ ہے برأرا
وانِنہٕ مران آسہٕ وہہ کھیتھ
سہہ بیمہٕ خلاص گیہٕ باردارا
وٕنہٕ ہے شِنہٕ کۍ شارا بوز

○

گو ہٕے بخشہم وٕنہٕ ہے پھیارا
سرانہٕ روٚس کیٚنژ دوٚہی کم گوم رہتھ
آبہٕ نارٕ باپتھ دوٚتھ گٹہٕ کارا
وٕنہٕ ہے شِنہٕ کۍ شارا بوز

○

شبہٕ اکہٕ شو نجاو شبہٕ بیدارا
یارٕ بہٕ کمہٕ ستۍ کرٕ طہارت ؟
خوابہٕ منز ڈیشہٕ نا اکھ آبہٕ نأرا
وٕنہٕ ہے شِنہٕ کۍ شارا بوز

○

تژلیشہِ تژیشہِ کران مۆد بیمارا
سژانے رۆ سُےٚ رۆد یٔژکال
میٚژٕ کَنہٕ وُڈٕہس شینہٕ انبارا
وَنہٕ ہے شینہٕ کُےٚ شارا بوز

○

زَنہٕ تےٚ ریرٕنس گو تکرارا
وو تھوٗ خانہٕ اَکھ آبہٕ نأرا اَن
اَنکھ نےٚ آب تہٕ گوٚرُمتے پھیاٚرا
وَنہٕ ہےٚ شینہٕ کُےٚ شارا بوز

○

آبہٕ دادِ لۆٗی لۆٗی کھیوکھ گنہارا
کیشرو دأن بیوٚل لعابَس تھوٚو
ٹٕینکِس داں تژکھ.... ....
وَنہٕ ہے شینہٕ کُےٚ شارا بوز

○

پرزنین تہٕ وانگجن سپُن مدارا
فرزندن ہٕندِ کھوتہٕ لوہبہٕ چھو ٹاٹھ
آبہٕ نارِ انعام پیٚٹھہٕ جامہٕ وارا
وَنہٕ ہےٚ شینہٕ کُےٚ شارا بوز

○

مَردن عُمرِ اکِہ ئِج آبہٕ سأرا
گردنن تل گاسہٕ اُرا ہیتھ
گرہٕٹہٕ بَلہٕ پیٹھٕ وأژ اکھ آبہٕ نأرا
وَنہٕ ہے ژشنہٕ کےٚ شارا بوز

○

کولہِ پیٹھٕ وولرن دیٚت پھوکارا
مُلکس ڈُہی گٹہٕ کارا ووٚتھ
ستہٕ دوٚہی بیرو گُنڈہس لارا
وَنہٕ ہے ژشنہٕ کےٚ شارا بوز

○

موٚنڈِ اکہٕ دِژاو گبوٕ ووز وارا
شُہِہِ ستی گوٚتس تیخ بستہٕ
گاسہٕ گیئڈ زأج ہس گوس نہٕ کٔمہٕ جارا
وَنہٕ ہے ژشنہٕ کےٚ شارا بوز

○

مُتھرس پیچھیایہٕ اَکھ موٚردارا
کٹھ کشہٕ ستی لتس ٹلہٕ لجٕ گاشٹھ
درژہٕ دِتھ گُڈہس ڈاے گز لوٚرا
وَنہٕ ہے ژشنہٕ کےٚ شارا بوز

کیھڑ کشِہ دوہیہ آو سودا گارا
وُہقرن کییّھ تِلہِ کھارا ہیھ
شُہہِ ستی نارِ گجِہ تل مؤد کھارا
وَنِہ ہے ښِنِہ کُے شارا بوز

○

تیشُھ ووّبھ دڑاگا مُلکس وارا
پاڑِ ہتر لُجی مُجبہ ہنچہ پاو
ستر کاڑ دلگلین کوڑکھ لگارا
وَنِہ ہے ښِنِہ کُے شارا بوز

○

کاہ تڑے آنِہ تیبّیہ ترہ بنیؤو وارا
ښِنِہ تلہِ آب آشکارا گو
گاش آکھ چشمن گوکھ دیدارا
وَنِہ ہے ښِنِہ کُے شارا بوز

○

مولیسر کھاوتم پرور دگارا
زیڑُن، سپن، نوٗن، نیل، بتہ، پوشاک
محمود پڑی لوّ اِستغفارا
وَنِہ ہے ښِنِہ کُے شارا بوز

○



ٹینگ صاحب کشمیر یونیورسٹی کے ایک سیمینار کی صدارت کرتے ہوئے۔ سرینگر 2004ء



ٹینگ صاحب کو گجر دیش چیریٹیبل ٹرسٹ کی طرف سے گوجری زبان وثقافت کی خدمت کیلئے
''شان گجر'' کا اعزاز......وزیر اعلیٰ غلام نبی آزاد ٹرافی پیش کر رہے ہیں



ٹینگ صاحب کو کشمیری پنڈت ادبی تنظیم ناگراد ادبی سنگم جموں کی طرف سے بلراج پوری
کے ہاتھوں ایوارڈ۔ اپریل 2005ء




ٹینگ صاحب سجاد ظہیر قومی سمینار میں خطبہ صدارت دیتے ہوئے
پروفیسر مشیر الحسن ساتھ ہیں۔ ایوان غالب نئی دہلی 2005ء



ٹینگ صاحب صحافی خشونت سنگھ کو ایک قلمی نسخے کی نزاکتیں سمجھا رہے ہیں۔ داچھی گام
سرینگر 1983ء



ٹینگ صاحب کلا کیندر جموں میں ایک آرٹ ایگزبشن کا افتتاح کر رہے ہیں۔
مارچ 2007



دائیں سے پہلی صف: غلام نبی خیال۔ رفیق راز۔ پران کشور۔
دوسری صف: رحمان راہی۔ امین کامل۔ محمد یوسف ٹینگ۔ ستمبر 2003ء




ٹینگ صاحب کو گلشن کلچرل فورم بدرن کی طرف سے اعزاز۔ سرینگر 2007ء




مرحوم محمد ایوب بیتاب کی یاد میں

دائیں سے: پروفیسر رحمان راہی ۔ محمد یوسف ٹینگ ۔ پرویز ابن ایوب ۔ سرینگر ۔ مئی 2007ء

# کأشِرٕ دراوِڑ ۔ 4

(یمیٚہِ مضمونکہِ ترٛے قسط چھےٚ راقمٕ سٕنزن ترٛین کتابَن منٛز شایع سپدِمٕتہِ)

کیرالہ کِہن نیٚرَن (رٔنے نار) یِموٚ منٛز اکھ حال حالے تتیٚک چیف منسٹر اوس، مُتعلق چھُ وَنہٕ آمُت زِ تِمٕ اَسی کشیٖرِ پیٹھٕ لُوٚر گأمٕتۍ۔ دیپان یِم اَسی چھان، دُسِل تہٕ باقے کسبَن سٕتۍ تعلق تھاوان تہٕ یِمنی کشیٖرِ ہِندی عظیم بادشاہ للتادِتن مُکتاپیڈن لُوٚر یِلہِ تِمٕ (757-720ء) کیرالہ فتح کوٚر۔ یِم چھِ اَز تہٕ ناگن ہنٛز پوٗزا کران۔ یہِ عقیدٕ ییٚو یِموٚ کشیٖرِ پیٹھٕ پانَس سٕتۍ تہٕ کشیٖرِ ہِندی اصل باشندٕ اَسی ناگ۔ کشیٖرِ منٛز چھِ ناگ قبیلکۍ نیب نشانہٕ وُنہِ وَنہِ یوان۔ تہٕ تھٕرِ نی سأنکراتھ چھےٚ کأشِرین ہِندین منٛز اَز تہٕ سبٹھاہ پوٚتر مانٛنہٕ یوان۔ تہٕ کیرالہ کِہ نیٚرَن تہٕ چھِ اکھ تیوٚہار ہیوٚ مانان۔ نیٚر چھِ ناگ پوٗزایہِ منٛز شِو شنکرَس تہٕ شرادھ ہاوان تِکیازِ کأشرِ ہِن ناگن منٛزیُس عقیدٕ رأیج اوس تِتھٕ منٛز تہٕ اوس ناگ پوٗزایہِ منٛز شِو شاسترٕ کِہ کیشہ آدن اِظہار موجوٗد۔ اشوکِ اعظمن یِلہِ کشیٖر حاصل کٔر تِمۍ دِیُت تہٕ

پیٚنہٕ نٮ۪ن بُدھ پرچارہٕ کٕرن بیتر ناگن ہنٛدِس اَتھ عقیدس ٹھاکھ کرنٕک اِجازت۔ یوہے عقیدٕ چھُ کیرالہ کٕہن نیٛرن بنیٛہٕ اَز تہٕ زُٹھ ہٕرکھ۔[1]

کیرالہ (پیٚرون چارو ناڈ) منٛز یم سِکہٕ وُنیٚک تام اَتھ آمتۍ چھ تِمن منٛز چھُ کانٛشُر دینار سارٕوٕے کھوٚتہٕ پرٛوٚن۔ اَمیُک ذِکر چھ کیرالہ ہٕنٛس منٛز ڈریافت سپدٕمتِس سارٕوٕے کھوتہٕ قدیم تراموٕس کُتبس (EDICT) منٛز موجود۔ یُس وزا پلِے گامٕس منٛز اوس۔ یہ چھُ کلو سیکھرا خاندانٕکۍ گوڈنکۍ مہاراج جسی کھارا ورما سٕنٛدِ وقتُک۔ اَتھ چھ ملیالمٕ لُکھ 'پرسورامار اشی' وَنان تہٕ یہ چھُ کٔشیر ہنٛدِس زبردست فاتح للتادتیہ مکتا پیڈس سٕتۍ منسوٗب پَوان کرنہٕ۔ ڈپان یم دینار اَسۍ کٔشیر تہٕ کیرالہ دوشوٕنی شاہیٚن اَکے وَقتہٕ چلان۔[2]

کیرالہ ہٕنٛس منٛز اوس ہیٚتہٕ بدٕہن وٕرین مُندرن منٛز دیو داسی کھاوٕنُک رِواج۔ لُکھ اَسۍ اَنہٕرِ شِن کوٗرِ ہن دیوتاہن تہٕ مندرن ارپن کران۔ تہٕ پتہٕ آسہٕ تِمے پوٗشہٕ پوٗز کران اَختہٕ دھارمِک ناچ تہٕ۔ یہ اوس پتہٕ اخلاقی پستی ہنٛد شکار سپدٕمُت تکیازِ مہنت تہٕ پوٗزارۍ اَسۍ یِمن کوٗرِ ہن پتہٕ پیٚنہٕ نٮ۪ن ہاوٕسن ہنٛد نِشانہٕ بناوان۔ انگریز حُکمرانو لاگ اَتھ اَرداہِمہٕ صدی منٛز پابندی۔ اَتھ ملیالی سکالر پی وی میتھیوز چھُ کریمانہٕ گُڈٕ کھ وَنان زِ کیرالہ کٕہن لُکن چھُ عقیدٕ زِ کلچرکِس معاملس

1. ACTA INDICA; BY P.V.MATHEW

2. THE KERALA HISTORY; PUBLISHED BY KERALA HISTORY ASSOCIATION, ERNAKULAM.

منز چھ تِمن پیٹھ نہٕ ہمسایہ ریاستن تامِل ناڈو تہٕ کرناٹکہٕ نِسبت کٲشِرِ سِتۍ زیادٕہ شرتہٕ برابری۔

یہ کتھ چھےٚ سیٹھاہ حیرت انگیز زِ تامِل زبانۍ منز چھ ریشم SILK خٲطرٕ اکھ مُترادِف "پالوٗ"۔ کٲشرِس منز تہٕ چھ ریشمس 'پوٚٹ' وَنان۔ یہ کتھ چھےٚ صاف زِ تامِل ناڈکیو دراوڈو چھُ یہ ناو تِمہِ وِزِ کٲشِرِ پیٹھ پانس سِتۍ وولمُت ییٚلہِ تِمن آریہ حملہٕ آور کٲشِرِ منز چھکِ دِژ۔ اکھ چھےٚ دلیل یہ زِ کٲشِر چھےٚ تامِل ناڈوٚس مقابلہٕ چینس وارِیاہ وارِیاہ وارِیاہ نکھہ۔ تہٕ چیٖنۍ چھُ ریشمُک آگُر تہٕ اصل وَطن تہٕ یہ آسہے جنوبی ایشیاہَس منز گوڈٕ کٲشِرے وٲتمُت یتھ سِتۍ چینس وارِیاہ پرٲنۍ تجارتی رابطٕہ آسی۔ یم 1947 تام وارِیاہن رنگن منز موجود تہٕ جٲری آسی۔

کٲشرِس منز چھ موختہٕ (PEARL) گوہرس وَنان۔ یُس سمندری ہانگِنہٕ شکمس منز پٲدٕ ہٕتان پوٚشان چھُ۔ یہ ناو چھُ ساہنو اَندی ٲکھو زبانو ہِنزِ وارِیاہ بدٕلن۔ فارسی پٲٹھۍ چھ اَتھ دُر وَنان تہٕ ہندی یَس منز موتی۔ تامِلس منز چھ اَتھ (MUTTHU) تہٕ باسان چھُ زِ یتھ گرکنہٕ پیٹھ کھٔسمت چھُ یوہے لفظ کٲشُر موختہٕ بنیومُت۔ لِسانیاتکۍ ماہر ہیکن اَمہِ کِس لرِ پھِرِ بٔنس پوٗرٕ وِژھنے کٔرتھ۔ البتہٕ چھُ کٲشرِس منز اَولے پیٹھٕ زِ تہٕ تراوان مہجوُرٕ سُند وارِیاہ رُت شار چھُ ے

پرٕ ژھیوٚن اوس رُوٕد قطرٕ موختہٕ پھوٚل کیتھٕ پٲٹھۍ گوس

تھزرِ پیٹھٕ بے وایہ ووتھ تِمہٕ لٲے طوٗفانس اندر

---

1. LINKING KASHMIR AND KERALA, SHEERAZA (ENGLISH) VOL. 1, NO: 2

موختہٕ یعنی انگریزی PEARL چھُ سمندرُک پیداوار۔ دپان ییلہِ
سۄنتہٕ کالس منز اَبرِ نیسان سُدرہٕ ہٕ نگنین کو چھ بران چھُ موختہٕ چھُ بنُن
دسلاب سپدان۔ کشیر چھےٚ بٹلہِ جندرس منز بند یعنی LAND LOCKED
لہاذا چھُ ییتہِ صدف یا سیپ چہ یٹھ منز پھانچلن والہِ موختُک مقامی
ناو ژھانڈُن دوراز کار۔ وونی گو موختہٕ چھُ قودرتن ییتہٕ کرشمہٕ زٲبی
ہُند تاپہٕ ٹوک ہیٚوٚ بنوو مُت۔ یہِ چھُ ہرشاپہٕ ہندی پاٹھی ییتہٕ تہٕ مہراجن،
بادشاہن، تہنزٕ ملکاہن، امیرن تہٕ خاص طور نازنین تہٕ نازک مزاز
زنانن ہُند دِل پسند گہنہٕ تہٕ زیور رُوٗدمُت۔ فارسی پاٹھی چھ اَتھ دُر،
دُرِ شاہوار، دُرِ عدن، دُردانہٕ، گوہر بیتر وَنان۔ کٲشرہ لو چھُ یوٚہے ناو
زیادٕ پہن سنبولمُت۔ اَتھی چھُ زنانہٕ ہنزن کنہ پھیٚرن منز لاگتھ زیورس
'دوٗر' ناو کرتھے وَنان یہِ زَن 'دُر' لفظُک زِ بیٚچھر تہٕ مُکشر چھُ۔ اَتھ کٲشرۍ وُتھ
چھ دوٗرٕ ہور (جوہر) تہٕ وَنان۔ فارسی یَس منز چھ اَتھ گوہر تہٕ اَکھ ناو۔ عربی پاٹھی چھ
اَتھ جوہر گژھان تہٕ کیا ذِنتہٕ چھُنہٕ گ۔ ییتہٕ لولو، لالا بیترِ سنسکرت پاٹھی چھس رتن
وَنان تہٕ پرانین کاشرس منز چھُ ییتہ استعمال سپدمُت، مثلاً سے

زٕنی چھےٚ رتن متہ پٹارس

موختہٕ پھوٗل چھ گاہ تراوان تہٕ تابدار آسان۔ لہاذا چھُ لل دیٚد 'رتن
دیپ' تہٕ گوٚنڈمُت۔ اُردو، ہندی پاٹھی چھ اَتھ موتی وَنان۔ مگر یہِ ناو
کھوٗت نہٕ کاشر بن زبوٚن پیٹھ۔ تمہِ چھ اَتھ موختے وَنان۔ موختہٕ پھوٗل،
موختہٕ ہار، موختہٕ مال، موختہٕ دوٗژھ، موختہٕ پو کھر بیتر۔

موٗختہٕ نہ چھُ عربی، نہ فارسی نہ سنسکرت تہٕ نہ ہندی اُردو.....اد کتہٕ پیٚٹھہٕ ییٚوٚو یہِ سائنس ہٕلمس منز یا کیٚتھہٕ کنہٕ ہیٚتھرن کاشرِ ن نازلِن ہنزٕ دندٕ مالہِ پرلوتستان بناوِنہٕ؟ ے

دَند موٗختہٕ وُٹھ مِرجانہ
چھکھ جانٕ جانانہٕ! (رسول میرؔ)

تہٕ اَختےٚ تسندہٕ ن وَچھہ ووگنیارن پیٹھ کہکشانکی پاٹھی لرِ لوٚرگاشہ ڈری یاو الوٗندرٹُن:

ہا یارٕ موٗختے ہارٕ گنڈ ڈھکو یہ ہٹے لو (رسول میرؔ)

ہٹہِ زیبان ستہٕ لوٚر موٗختے ہار
ژھٹہِ اکہِ گرٕ ژھہ روٗشن گُلِ سمسار (احد زرگر)

ہاو روخ خوش دیدار، لال ہا دِمے کرٕ ژھے لو
موٗ ہرن کرٕ ے انبار، موٗختہٕ چھکے دوٗ ژھے لو
(شمس فقیر)

ژکہِ چھُ موٗختہٕ لفظ اَسہِ تابل زبانٕ ستہٕ سروٚد۔ تامِل چھِ اَتھ MU-TTHU وَنان۔ کاشرِ ن زلوٚن پیٹھ کولہٕ تارس تران تہٕ تگہِ تگہِ لپکان ٹکان بنیوو مُتھٗو۔ موٗختہٕ یا موٗکھتہٕ لیعنے کٹھ بنیوو 'خھ' یہ لسانی قاعدٕ وتہٕ مارفولوجی ہندِ ضابطو مطابِق رژھا گوٚبےٗ تہٕ وارِیاہ وژھنے کرِ ہتھ غارٕ مُمکن چھُنہٕ۔

زبأنی ہُند چلہٕ وُن کرالہٕ ژُکھر چھُیم رَند پھٔش تہٕ دِوان۔ تہٕ تۄوے چھُ
یہِ خوبصورت تارُکھ کٲشیرِ ہٕندِس غیر دراوِڑ أندی ٹکھس منز تہٕ موٗختہٕ
زِژ ہیٛو چمکان۔ پنجاب، سِندھ، ہریانہ، راجستھان، گُنہٕ جایہِ چھِنہٕ اَکھ
یہِ شکل یا پھوٚر۔ یہِ چھُ سانہٕ دراوِڑ رِشتُک بیاکھ نیب۔ وۄنی چھُ موٗختہٕ
جاپانس اَختہٕ بِنیہِ تہٕ کینژن جاین اِنسان ہیڈرٕن (MUSHROOM) ہِندی
پأٹھۍ وَوان تہٕ کاشت کران۔ سأنس ٹلکس منز چھُ حیدر آباد شہر اَمیک
سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ تجارتی مرکز۔ یِیتہٕ عرب مینٛژ تیلہٕ خوجہ چھِ یِنہٕ مو ہر
دیار آیکی پأٹھۍ خرچاوِتھ اَکھ سبزاسبز پھاوان چھِ۔ اَختے چھُ حیدر آبادس
PEARL CITY تہٕ اَکھ ناو بنیومُت۔

ژۄر ژانےٚ لالہٕ انبارس
موٗختہٕ نیوٗنم بوٚکہِ کیٛو دوٚژھے

○

کیا کرِ موٗختہٕ ہارس ہوٚن
(أُندہٕ بیوش)

○

وأکن تے نأل مالے اُلہٕ راوان کمہِ چالے
سوٗختہٕ کوٚرنم موٗختہٕ جمکن ہا ہا یہِ کیا ژھارن

—— (النعمہٕ صأب)

أنی تو موٗختہٕ تہٕ بڑی تو داوُن کوٚرس کھراوون وأرِو گُن
موٗختے ہارس کرِ یے ترنزیے لالن ژھٕنکھ گوٚبرِ گرٚینزیے

—— (ٹکہٕ وَنوُن)

—— ○ ——

کأشِر زبأنۍ تہٕ دزٕ اوڈ زبأنٕن ہِنٛد سرو دِ مزاجچ گوأہی چھیٚے خالصہ حضرأتن ہِنٛز پۆتر کتاب "آدی گرنتھ"۔ بیٚ شوٗنکی پأٹھۍ مگر حتمی طریقس منٛز بڑٕ وٛنہہ کُن اَنان۔ یہِ عظیم کِتاب کرٕ جہانگیر بادشاہ (1627 - 1605ء) ہِنٛدِس دوٗرس منٛز پٲنٛژِم سِکھ گرو ارجن دیو جیٖن مُرتب۔ اَتھ منٛز چھ سِکھ پنتھ کِس بأنی تہٕ بب گرو نانک سٕنٛدِ کلامہٕ علاوٕ بیٚیہ پانٛژہ ہن خُدا شناس تہٕ معرفت آگاہ شأعرن ہنٛز شٔے ساس منظوم گنٛڈ تہٕ۔ سنت کبیر سورداس، فریدالدین گنج شکر، نام دیو تہٕ اَتھ ژھیٖنی کھوٚرکی تہٕ پوٗرب کِنۍ بنگال تام۔ البتہٕ زِ علاقہٕ چھِ زن ژھیٚن دِتھ بیوٚن بہتھ۔ شمالہٕ کِنۍ کشیر بیٚتہٕ بابانانک صأبس تہٕ بروٚنہہ لل دیدِ ہُنٛد گیان تہٕ نُنٛدٕ ریٚشی سُنٛد عأرفانہٕ بیان رحمتِ باران کران اوس۔ ہرگاہ کأشِر زبان تہٕنٛز فکرِ ہِنٛدِس أنٛس منٛز پرتو تراوِتھ ہیٚکہِ ہیٚے خبر اَمہٕ کہٕن معرفت آگاہ شأعرن تہٕ ماہیرہیٚے اَتھ صحیفس منٛز کینٛژن ورقن ہُنٛد اطلاس وٚلنُک شرف اَتھ۔ مگر پوٗتر گرنتھس منٛز چھیٚنہٕ کانٛہہ کأشِر آواز گروبأنی ہِنٛدِس زمزمس منٛز پرزناونہٕ یِوان۔ اگر ہیٚے کانٛہہ امیک وجہ یہِ وَنہٕ زِ کشیر اُس دوٚرِ تہٕ پانٛژآلن ہِنٛدِس ژھایہِ ہلس تَل تِس بیٚیہ یاد پاوُن زِ جہانگیر اوس اَمہِ وِزِ پنجابہٕ علاوٕ کشیر پیٹھ تہٕ راج کران بلکہ اوس تَمہِ وَقتہٕ مُغل سلطنتُک رازدان زَنتہٕ دِلہٕ پیٹھ لاہور اَنہٕ آمُت۔ جہانگیرٕ سنٛز حکومت اُس أتی پیٹھ راج کران۔ پانہٕ گرو نانک دیو جی مہاراج سپدی 1513ء کشیر منٛز تشریف آورتہٕ مَٹن قصبس منٛز چھُ تہِنٛدِن پاک قدمن ہنٛز یادگار موجود اَتھی

گےٚ بِم تیاری لداخ تہٕ۔ یِتہِ لیہہ شہر برونٛہہ پِھن گرُدوارہ پِھتر صاحب چھہ لَسندِ دوٗرُک گواہ بَنِتھ موجود۔ باباہ نانک ییٚس پتہٕ آے سِکھن ہندی شیٖیم گُرو تہٕ کشیرِ تہٕ ہارپربت کِس دامنَس تل چھُ گرُدوارہ چھیٚٹی پادشاہی اَمیُک اعلان کران۔ لہاذا چھُنہٕ کُڈر دوٗرِ ہٕ کاشُر آلوکہِ علیٚحدگی ہُند وجہ بلکہ پہ زِ یہٕ زبان اَس نہٕ پنجاب پیٹھہٕ وندھیاچَل پہاڑس تام بولنہٕ یِوان واجنین زبانَن ہندی پاٹھی غار کاشرِ ہن فکرِ تران۔ یِتھہٕ کنہٕ وندھیا پہاڑ اَپاری مِہ دڑاوڑ زبانہٕ تمن ساران آسہٕ۔ تَوے چھِ مُقدس گرنتھس منز کاشرِ کی پاٹھی دڑاوڑ زبانہٕ تہٕ غار حاضر۔۔۔۔

کُند ہم جنس باہم جنس پرواز



دوٗدِ کرٕ چھہ کاشری پاٹھی تہٕ سِنس وَنان یُس زامتس دوٗدَس بناونہٕ چھُ یِوان۔ زامُت دوٗد چھُ پھینٹنہٕ یِوان۔ پتہٕ چھس رٕتلہٕ لگاوٕ کران ۔۔۔۔۔۔ مسالہٕ، نوٗن، لیٚدرہ، مرژہِ وانگن، شوٗنٹھ، دارچیٖن، بادم گوجہ تہٕ اَخنِتُ تازٕ تہٕ ہیٚج دانہٕ وَل نزراونہٕ یِوان ۔۔۔۔۔۔ یہ چھِ ٹھوٗلَن تہٕ مازٕچ تہٕ بناونہٕ یِوان۔ پرانین کاشرِ ہن زبانَن چھُ امیُک پَے مگر نوٗنیہ منز چھُ خال کانسہِ امیُک اتاہ پتاہ۔

برابر یِہے کَرٕی KARI چھِ تامل زبانٕنی منز تہٕ بناونہٕ یِوان۔ ووٚنی چھُ یہٕ لوزیاہِ۔ یوت کیازِ یہ لفظ تہٕ انگریٚزی زبانٕنی منز ووتمُت۔ کنسایز آکسفورڈ ڈکشنری منز چھُ امیُک اِندراج یِیمہٕ آیہٕ ترایہٕ موجود:

CURRY : A DISH OF MEAT, FISH, EGG COOKED WITH CRUSHED SPICES AND TURMERIC.

ڈکشنری چھنے اَمہِ لفظہِ کہِ تابِل اصٗلک تہٕ ذکر کران۔ یِہے وَنن چھُ اَکھ ویبسٹرٕ سنٕز ڈکشنری منٛز۔

سینٛود چھُ نَنان زِ اَکہِ وِزِ آسی تامِل تہٕ کاشُری یہٕ سرٛوٗدی پاٹھی رنان پاکہٕ وان تہٕ ساسہٕ بدٕ ہن وٗری ین تہٕ میلن ہندی شگافن چھُنہٕ اَکھ کاشہ تراس تہٕ پھاس ترووُمت۔ او، کاشرٕ ہن ہنز لوٗپٕ چھےٚ ووٚنی ہوٹلن بیٚتر منٛز رٚس قطرٕ منگنہٕ بدلہٕ انگریزی کرٕتھ وَنان "کُچھ CURRY بھی دے دو" ووٚنی چھُ سرینگرس منٛز تہٕ اَکھ شاندار ریستوٗران شروع گومُت یتھ انگریزی سائن بورڈ چھُ "SPICE AND CURRY RESTAURANT"

پرٛانہٕ دٕراوڑ تہذیبک اگر سارٕ وٕے کھوٚتہٕ نٕے مگر واریاہ نوٚن سیمبل چھُ لنکایہ ہُند راز راوٕن۔ آریہ ہن روٗبہ روٗ، دینا ناتھ نادِمن ووٚن یِوٕے

کھسہٕ وُن سٕریہ تہٕ رامُن راج ے

وَسہٕ وُن سٕریہ تہٕ راوُن موٗد

تِسندی شہر تہٕ چھ مانان زِ سہٕ اوس واریاہ وِدھوان، عالِم تہٕ اصل۔ مگر تمیٚ ہور آریہ حملہٕ آورن مقابلہٕ۔ تاریخ چھ فاتح لوٗکھے لیکھان تہٕ توٗے تِسنز موجوٗدٕ امیچ ۔۔۔۔ بہر حال کشیرِ ستی چھُ راوِن تہٕ لنکایہ واریاہ یُن گژھن۔ دیٖو مالایوٚتے کیاز تاریخ چھنے لیکھان زِ تِتلہٕ مُلچ راگنیا دیوی آیہ ڈاے ساس وٗری برٛونہہ ہیوٚتی پیٹھ کشیرِ ہندِ پیٹھس گاشر اونہٕ۔ راوُن سُند بڑی بب

پلسٹ[1] ریشی تہٕ آوتی بیہٹھ تہٕ یوٗتھ کشیر ہٕنز پوٚشہٕ لوٚنچہٕ تَل پرٛونٛژھس

منز پہارون لنشہٕ تپسیا کرنہٕ۔ اَمیُک پَے چھُ ہیون سانگ سُند سفرنامہٕ

دِوان تہٕ دِپان پرٛونٛژھ قصبُک ناو چھُ اُمی سِندے ناوچہٕ گلِنہٕ بیہٹھ۔

یِم پراچین اِشارٕ چھ پأنی پانے پنٕنۍ زمین ووتراوان۔ اَتھ علاقس منز چھ

اُکس آرس تہٕ پلسٹ ناو تہٕ از موجوٗد۔

## دراوڑوانی ـــــ بِلا تبصرٕ :

مدراس 25 دسمبر : دراوڑ کاز کمۍ جمأژ مناو از راوَن لیلاہٕ تمو زألۍ

رام، سیتاہ تہٕ لکشمن ہندۍ کِٹھ وجوٗد (EFFIGIES) ۔ پریس ٹرسٹ آف انڈیا

چھ خبر دِوان زِ پارٹی ہندۍ 5000 قریب ڈاڈٕ طرفدارٕ اسی لنعرٕ دِوان تہٕ دیوتاہن

لبکہٕ لبکھ کران۔ زِ پارٹی طرفدارٕ اسی راوَن تہٕ کُنبہٕ کرن سُند رٗوپ لأگتھ

رضاکارَن مرحبا کران تہٕ اسان۔ پارٹی ہٕنز لیڈر مسز راما سوامی ووٚن زِ تِم گے

یِم کِٹھ وجوٗد زالنہٕ خأطرٕ اوسبہٕ مجبور تکیازِ پرائم منسٹرن چھنہٕ دِلہ منز رام لیلا

چارنس پیٹھ پابندی لأگمٕژ۔ تمہٕ ووٚن زِ رام لیلا مناونۍ چھے دراوڑ لوکن تہٕ

تہندِس کلچرس ٹاوتُلنس برابر۔ توٗے چھ برہمن سامراجکۍ حامی شمالی بھارتس

منز اَتھ چلے جاو دِوان روٗدی متی۔ بیٚیہ اَکی تقریر کرن والی ووٚن زِ برہمن

ہندۍ دیوتا چھِنہٕ تِمن راژن تہٕ مہارانین علاوٕ بیٚیہ کہنی یِمو دراوڑن ہُند

---

[1] کأشر رِوایژ منز چھُ رُمہٕ ریش زلک ریش علاوٕ پلاسمن ریش سُند ناو گژھن یِوان،

شیخ العالم سُند مصرعہ چھُ حضٕر "ژٕ ذُو بِرم حضرت پلاس آو" پلاس تہٕ پلسٹ کمہٕ آیہٕ چھ رَلان

سُہ چھُ اَکھ تحقیقی بحث۔

سون دیس فتح کوّر مُت اوس۔ برہمن چھ تھنز یارے جاری تھاوِتھ۔ تاکہ ہُند قبضہ کرُن ییہِ یاد تھاونہٕ تہٕ مستقل بناونہٕ۔ مسز میناماٹی کوّر 'رامایَن' کتابہٕ متعلق شک تہٕ وونُن دراوڈ مہاراز راوَن چھ زانِتھ مانِتھ مگر اکھت ماکھت۔ یچھ خصلژ ہُند ہاونہٕ آمُت۔ حالانکہ پزر چھ ییہِ زِ سُہ اوس اکھ پاکباز تہٕ نیک حُکمران۔ رامائن کِس مہایُدھس منز آسی لوتاریخہ کِھونیب لنشانو مطابق کاٹشری راون سندی طرفدار۔

## چھکرتہٕ صحرائی

سانہٕ گِہون واچہ چھکرہ ہندناو چھ راجپوتانہٕ کِہ صحرا ییتھ آمُت۔ تہٕ اتھ آسی اوے کاٹشری پاٹھی گوڈٕ 'صحرائی' وَنان۔ امیک تھدِ ہیٹہٕ آدائی ہُندوجہ تہٕ چھُ زِ صحراہس منز اوس زورِ زورِ گِہون ییوان تہٕ اَداوس باتھ کنن ییتھ آسان گژھان۔

# "بہٕ چھُس رحَل تہٕ ژٕ قُرآنَے"

(حبہٕ خوتون)

کٲشیرِ منز آسی مُسلمانَو قبرن ہندین پیرن صاحبِ قبرِ سِندِ صنفہ حسابہٕ بیوٚن بیوٚن نشانہٕ مُقرر کرٕی متی۔ یعنی مَردٕ سِندِس پیرِس اَلگ تہٕ زنانہٕ ہندِس پیرِس اَلگ۔ مگر یِمن اوس یاہٕ وٲنی سُے لازِم تہٕ ملزوٗم رِشتہ یہٕ زندگی منز مَردس تہٕ زنانہٕ آسان چھُ۔ اَکِس بغٲر بیاکھ بے معنی تہٕ ناتمام۔ مَردن ہندِس پیری نالس پیٹھ اوس قلمدانُک نِشان وُبارِتھ کھالنہٕ یِوان۔ یعنی EMBOSS کرنہٕ یِوان۔ یعنی یِمہٕ کہِ ساماہٕ ستی لیکھنہٕ یا تحریر کرنہٕ ییہ۔ زنانہٕ پیرِن ہُنز تالہِ پیٹھ اکھ صاف دوٗج یا مشق (لوح) بناونہٕ یِوان۔ یعنی یتھ پیٹھ لیکھنہٕ یا نقش کرنہٕ ییہ...... صنفن ہُند یہ ہاونک معنہ سوو مگر تہذیب یافتہ طریقہٕ تہٕ کوتاہ رَنہٕ وُن۔ سرینگرِ کِس مزارِ کلان تہٕ مزارِ سلاطینَس منز آسی یِم پیری اوترٕ تام۔ مگر وونی چھینہٕ بوزنہٕ یِوان۔ اَمہِ پوٚت منظرس منز چھُ احد زرگرُن یہ مِصرعہٕ اکھ لوٗب وُن نیب دِوان تہٕ تمی چھُ یہ زنانہٕ ہنزِ آواز پُشرووُمت ے

جٕری نَم اَچھر بندس بندس    ہے ویٚسی ژٕ وَنتم باوٕکس

اِنسانٕنۍ ہُند ڈی این اے ( DNA ) کوڈ چھُ وونۍ پٔرِنہٕ ناوٕنہٕ
تہٕ وۄدکھناونہٕ آمُت ۔ تہٕ تتھ زَن چھہِ حرفن تہٕ اَچھرَن ہٕنز صوٗرت تہٕ
سبیل ۔ انجیلِ مُقدّسُک یہِ اِرشادِ ربانی تہٕ چھُ یاد پیوان :
"سارِ ہٕوے کھوٗتہٕ برونٛہہ کوٚر اَسہِ لفظ پیدا"
قلمدان تہٕ مشقہٕ ہُند یہِ علامتی وَرتاو چھُ تاج محل آگرہٕ ہَس
منز تہٕ ۔ شاہ جہان ُنس پیرِس چھُ بوڈ قلمدان تہٕ ارجمند بانوٚ یہِ
زاوِج مشق ۔ کأشرِس پیرِس پیٹھ سارِنے سَرس چھُ گول صِفر اُبراوِتھ
تھاوٕنہٕ یِوان ۔ (٥) یہِ زٕن شُنہٕ گو ۔ یعنے خبر کیتہٕ آو تہٕ خبر کوٚت ووت ۔
شُنہٕ چھُ ناگ ارجن سٕندِ شُنہٕ دَرشنُک نِشان ۔ اُمی سےٚ ناگ ارزنس
چھُ سانہٕ لُکہٕ کِتھہ ہی مال ناگرایس منز نایک سٕنز تھوٚر کھأیمژ عظیم
فلسفی تہٕ تہٕ اَز تہٕ چھُ کأشرِ ین قبرن پیٹھ اَرِ کرِتھ موجوٗد ۔



کمن سِتی گوٚم ؟ سرینگرٕ زینہٕ کَدلس اپور پہن چھُ مزارِ سلاطین ۔
اَتہٕ چھُ سُلطان سِکندرس یَتہٕ دوٚیمس نمبرس پیٹھ تہندس فرزند
سُلطان زین العابدین سٕنز قبر ۔ اَتھ چھُ لتعویذ مزارس اَڈم ژٕڈ کرِنہٕ
آمُت ۔ ییٚلہِ یہِ ٹھیک اوس اَتھ اوس پیٹھ بلوٗری (CRYSTAL)
پیوٚر لاگِتھ ییمہِ منز بُتھ اوس بوزنہٕ یِوان ( زٕ أنہ راج ترنگنی ) مُصدقہٕ
بیالو مطابق آو یہِ مہاراجہ گلاب سنگھ ( 1857 - 1846 ) اِسٕندِس
وَقتس منز جُدا کرِنہٕ تہٕ اَتھ آیہِ جرٹی بوڈٕ پٔشینٛجی زیٹھ ہش نیم (کھرل) بناوٕنہٕ ۔
رأمتِن چھُ اَتھ پیٹھ ژٕنجیہہ وٕری برونٛہہ آیینہٕ ، اخبارس منز لیوٚکھمت ییتھ پیٹھ
واریاہ ہنگامہ تہٕ گو ۔

# کوہِ طور بہتر کوہ مارانے[1]

زمانہٕ چھُ اَکھ نِکوٗن ٹکوٗن مُسلسل تہٕ مربوط ذٕری یاو۔ اَتھ لو کچہٕ موکچہ گیجہٕ تہٕ کھُجہٕ کرُنک اِلنسائی عادت چھُ دراصل اِلنساہٕ سنٕز ناتوانی تہٕ نارسائی ہُند بداہیوٗرُ۔ چھُ بُرٕسندی یا کھٕ اَچھ مُرٕراوان مُرٕراوٗنہٕ بینہٕ لوٗٹان۔ کالہٕ سوٗدرٕ کِس اَنٛتہٕ رٕسٕتس سٕدرس اَکُے زٕے مَلرو وتھان ڈٕلیشان تہٕ تتھی سٕتی لوسان۔ تُوے چھُ شہ اَمہٕ سٕدرُک پَے پتاہ پینہٕ نو مو چھُو تہٕ دوٕ ژھو ہنٕد لوکوتاہ تہٕ کم میٕشرو سٕتی مقرر کران۔ اَمے حسابہٕ

[1] سابقہ یونین منسٹر تہٕ ہندوتاہکی بڈ نظریہ ساز صحافی ارون شورین چھُ حال حالے کینٛشرن پنڈت سبھاین ہندِس ییتہٕ دعویٰ ہس پیٛشنے کرُمٕژ زٕ ہارِ پربتس کوہِ ماران وٕنہٕ چھُ اَکھ ( EVIL NAME ) کرنہٕ آمُت۔ مگر یہ چھُ اوٗڈُے پَزر۔ اَتھ کوہ لچہ اُس آبادی ہُند گنہٕ سیدہٕ بٕروشہ اوتزاو تر سٕرپھے سٕرپھ اَرکرٕتھ زن بوزنہٕ یوان، لہاذا چھُ یہ اَکھ طبعی پَزر۔ دوٛیُم اَتھ چھُ کشیر ہندس مُستند (خرافاتی برعکس) ناگ پوٗت کالَس سٕتی واٹھ۔ تریٛم زِ یہ ناو چھُ سائنس لگہٕ تہٕ تحریری دوشوٗنی ادبن منز مُکرر سپدان تہٕ ہتہ بدلو ڈٕری یو بیٛٹھ۔

چھ اُسی پننہِ اَدٕنچ ٹُلنَے تہٕ کران ۔ اَز بروٗنہہ وٕری ہِتھ ڈایہ مٕر ہیوٚ یعنی 1750ء ہٕس اَندی ئِکھو وٕتھی کأشری شأعر سٕندِس مَن سٕرس کیٚشہ تیز پلر تہٕ اَکھ گأشہ گژھتھ لجٕ ہکہٕ چی چی کٕرِتھ بارٕ بُکہٕ بینہٕ ۔ زَن تہٕ پھُٹہٕ رووٕ کأنٛہ دیوتاہَن اَمہِ مالنبلُک شُفتہٕ یوٚدوٕے شأہِتھ بُکرُیُس ٹُلہٕ کٔترن وٕنمُت اوس ۔ یِلہٕ گی پرٲوِتھ ہیٚتن اَکھ ساز وٕزنی ۔ زن تہٕ آیہٕ فِکرٕ ہِندین شُھٹے مِتین سنگرن ہنگہٕ منگہٕ گرٕ کِھہ تہٕ یِمن ہُنٛد نأنٛڈیوٚ مُت شیٖن کملیوو تہٕ یِموٚ آگرٕ ویٖٹھ ہیوٚتُن ذِکرَن تہٕ فِکرن ہُنٛد آب لُقو لُقوٕ تہٕ گرٕ ہٹوٕ گرہٹو لبون کُن دوٗرُن ہیٚے ٹُلان ، ہکِچہ کران ، تہٕ ہُری وَنان ۔ یہٕ اوس وَندٕ ژٕلنک تہٕ شیٖن گلنُک گوڈٕ سونتھ ۔ اَمہِ بروٗنہہ یہِن اوس نُندٕ ریٛشنہٕ لوٗرأنی آوازٕ ہُنٛد زأوُیل یُن دَرٕ لگی یِتھے کشیٖر روٗٹہٕ گأمٕژ ۔ اَکھ ظأہِر تہٕ بأطِن دوٗ شوٗرے ہانٛنے مِتی تہٕ ہِندٕ ریٛتہٕ آلوٗ زلوٗن پیٚیتھ رٕتہٕ باندٕ گٔژھتھ تہٕ آوازٕ ہٕٹن منٛز پھٔسِتھ بیگرٕ یے مٕژ ۔ اِظہار چھُ زندگی ہُنٛد اعلان تہٕ ژھوٚپہ اَمِچ شمشان ۔ اَکھ ژھوٚپہٕ دوٗلیس منٛز وٕ تلے یہِ یُدٕ یہِن آوازاہ مُنزٕ ۔۔۔۔ حبہ خاتونہٕ ہٕنز ۔ زنانہٕ ہٕنزٕ کایایہٕ منٛزٕ چھُ حیات پناہ لبان ، پرِہِتان تہٕ پتہٕ اَمے ناگرادٕ وُزنگ پٔے لبان ۔ مگر اَمہِ کُنہٕ آوازٕ ےٕ ستی اُس ژھوٚپہٕ زَن زیادٕ ے سٔنان تہٕ سایَس سایَس کران ۔ عیسیٰ سنٛزِ ارداہمہِ صدی منٛز ہیوٚتُن کأشُر آلوٗ ووٗتلُن تہٕ وُہُن اِمیک گأشہ منٛدیُن آو کُنوہمہِ صدی منٛزٕ ۔ کأشرٕ لوٗ ژٕ تہٕ وُترکیوٚ کُنہٕ سرناگو درایہٕ کٕمتھ ہٕنزٕ ویٚتھ تہٕ ویٛشوٕ ، لٕنمن ہِندٕ زٕنی آرٕ تہٕ روٗمشہ بأتن ہٕنزٕ چھٕژکولہٕ تہٕ کرانکہ نٕدٕ ۔۔۔۔ سوٚ چھِہ کرال ، شاہ غفور ، رحمان ڈار ، تہٕ بیٚیہٕ واریاہ تِمنے

منز اوس اِظہارُک اکھ رنبہٕ وُن بالہٕ آر سوپورُک رحیم صاب: ع

سوپوری رحیمن ڈیشو وخاب

رحیم صائبُن مبہرُ تنہٕ گومور باب' درگِن گیم تارٕ ے' چھُ تسنٛد گرکلی باسان۔ مگر فارسی شاعری منز چھُ اکھ وارِیاہ گُرِنز۔ البتہٕ چھ تسنٛدِس کلامس منز تعشوق آمادگی تہٕ معشوق پسندی ہندی وارِیاہ باغ تہٕ تراگ سجاوِتھ۔ یُتھ زَن تِھتِس ہر کانٛسہٕ روٕ نہٕ ٹمتس سوخن گوٚیس لِشہٕ وَنہٕ ین۔ اُولی اولی جذبہٕ، مُشک ژھٕٹہٕ وِژ اماره، لوٕ تہٕ وائے تہٕ رنگہٕ دار بٔنگرِن ہندی لفظ لأگِتھ بھٔز کران تہٕ سازٔت انان۔ بوزن وول چھُ پیتہٕ تہٕ ینان زٕ اَتھ بُس توٚت تہٕ یتو لنگُل لارِتھ ءِسۍ چھُ، سُہ چھُ امہٕ چہ میچھہٕ میچھہٕ دگہٕ تگہٕ ہُنداصل آگرُ۔ وُنٛ وونٛ بالکل کأشرُ عادتہٕ تہٕ آیہٕ۔ نہٕ کانٛہہ گنڈٕ تہٕ نہٕ کانٛہہ شرُک۔ بوزن واٮ۪لس لوٚرِ ٹلمل ہش وَلِنہٕ یِوان تہٕ گاشہٕ ژٕکھرکی پأٹھی رقص کرناوان ع

حوٗرِ دژایہٕ وَلوان آسہٕ لوشن تے

سوٗرگہٕ کہٕ لوٚرُک پرتو ییوو

حوٗرِ دژایہٕ دوٚرَن اٮ۪لراوان تے

وَنتے نارٕ ے دُز ہا میانٛ تَن

○

ہا لالہٕ وَندٕ ے لال مے چھُم حال چونٛے بُس

ژٕ ے موٗل ژٕ ے میون مال مے چھُم حال چونٛے بُس

○

عرفہٕ چھے عالمسے عید چھے عاشقسے
یارٕ رٔوس عید کوٗ سے

○

بہار آیہ گُل پھُلی رنٛگا رنگ
رنٛگا رنگ پانٕہ چھُے بے رنگ
اَندری تیتھوٗم عشقہٕ نارٕ کنگ
رنٛگا رنگ پانٕہ چھُے بے رنگ

○

پوٗنیرٕ لۆ غم چھُ کیا سوپوری رحیمس
رحیمٔ نیوٗ سوزن پیرٕ تے لوٗنٕتہ لو

○

ڈیکس پیٹھ ٹِکہٕ شوٗبان کیا چھُ منبر

○

شین زن گاٹ جبس ہارٕ نے تاپے
واٹ جنس منز ژٕبی آرے لو

○

یمن مانٛچھ مَلرٕن چھُنہٕ شُمارا۔ نہٕ یم چھ بڑی بوزن واٹس واوٕ مالَن
ہندی پاٹھی نژٕ ناوان تہٕ چپاوانان۔ مگر یہ چھُ اکھ حِسیاتی تہٕ بھری پیکر،
وونگ تہٕ واشراونک بے شوٗنک عمل۔ اَمیہ پیٹہٕ چھُ قاٹینچ توٗژھ تہٕ تیمہ

تمِکۍ رنگ تہٕ ڈھنگ پوشہٕ ناوِچ بیاکھ بیٚنۍ اِظہار کس پٲرِیتس پیٹھ کھسان تہٕ طرزن تہٕ طرحن منز پھۄلے کڈان۔ روٗحانی بتُر چھُ اَمہِ پنٕک اَستر۔ گوڈٕ چھُ شاعر ہندِ ووٕدری وانٕک اَصل مقام تہٕ نِشان نوٚن نیران۔ تِمنز کٲشیر پیٹھ نٕہن بٔھری خیالہٕ بچن تہٕ تندلِہ لاگان۔ تہٕ پتہٕ بصیر تکی گاشہٕ کھمب تہٕ اَلبساوان تہٕ اِستادٕ کران۔ مےٚ آو رحیم صأبنس کلامس منز یہِ کأشُر تمثال ژوٗرُے پٔہن بوزنہٕ۔ صرف کیشہ ناو گۄنزراونہٕ ستی ہیٚن اَمہِ نوٗرِ تسبیح ہندی رنگہٕ منقہٕ کٔشیرِ ہُند گرٕنز ژُلن، شاہ ہمدانؒ، للہٕ دید، بابم ریشی، باباشکر الدین، خواجہ حبیبُ اللہ نوشہری، حضرت مخدوم حمزہؒ، تہٕ پانہٕ علمدارِ کشمیر شیخ نورالدین ولیؒ ع

دیدار ژھانجوم اُستانَن

مَس مےٚ دیُتم مستانَن

کأنسہِ ہیٚے گمان گرٕژھہ زِ یہِ تسبیح چھےٚ عادت تہٕ بے خیالی ہُند اَژیوٗت[1] عمل۔ کلامس بیٚنہٕ ہٕن سٕنزِ کھٕ تہٕ سٕنہِ ٹھ چھُ پلانے ننان زِ یہِ چھُنہٕ اَکِس مُڈٕ تہٕ نٕاڑ سنز زیٹھ زِپٹھ یا درود۔ اَمہِ یتہٕ کِنہٕ چھُ اَکِس حِس آگاہ، باشعور تہٕ وُزِ وٕنی بُراے۔ خوش ہواوَن ہنزِ رنگہٕ تہٕ باران رحمتکی آبہٕ فموار۔ روٗحانی فِکرن ہندی زم زم شیشہٕ تہٕ صوفی ترائن ہندی کوٚستوٗرِ نافہٕ

---

[1] للہٕ دیدِ ہُند مصرعہٕ: "اَژیتن دِوان سوٕژیتی آہار۔

اَژیوٗت: یُس نہٕ حِس آسہِ (کنِ بیترِ)

سوٕژیوٗت: باہوش، مثلاً جانور بیترِ

مگر یمن اوس کشیرِ منز اَکھ نوو دون دِنہٕ یوان ۔ یمن اوس یمہٕ طاقت ورزمینہٕ

ہُند کشش ثقل پاہٕ ناوِتھ پننہٕ اُڈرنہٕ ہند اَکھ تیتھ حِصہٕ بناوان یُس نہٕ

کانٛہہ بیوٚن دوٚیِ نہٕ دوٚگنیار تھاوان اوس ۔ یم گاشہٕ تٔ گھرس نیو کلیائی

زانٛہن مہیا کران چھ مگر یمن ہنزن ضمیر کوندن منز چھ تہند مُسلمان اعتقاد

نہٕ یمن ہُند لیزر (LAZER) جمکہٕ تہندِس وطن کشیرِ اَکھ اَویز مگر اَردر

قلاے گنڈان ۔ یہ طلسماتی ووٚہرِ وان نےٚ تعمیرٕ نہٕ تحصیل کٔس طیس بیٚھ

آسہٕ ہے اَمہٕ منز مانیرٕ ہن یم رنگین جامہٕ وار ع

نوٗرِ تجلیٰ دوٚتھ اکہٕ آنے

سوٗر گو کوہِ طورس

کوہِ طور بہتر کوہِ مارانے

یہ ہا واہٕ وانے چوونس مَس

○

آرام میدارم بدِل

چیزے ندارم غیرِ دِل

○

بُڈِ ڈلہٕ وُچھ مکھو دیدار ہاوان

حضرت بلہٕ کے سیرٕ لو

○

رحیم سو پوٗرِ دژاو گرِ پانس

عرشس وائتھ کورُن ٹھہراو

درگاہ وولُش اُگی ہے آنس
راتھاہ بۄزِم غاٗرزانس ستۍ

○

ہی پوش سوٚمبرم ہالہٕ ماٗدانس
آرولہٕ پانس کیا رنگ گوم
یِم پوش شُبہن خلیلُ الرحمانس
راتھاہ بۄزِم غاٗرزانس ستۍ

○

یندرازنہٕ آنگنہٕ ژاس یانےٚ
لغمہٕ منصور تتہٕ چھےٚ گژھان
سوز بوٗزِتھ گوس دیوانےٚ لو
کٔن تھاو یارِ جانانےٚ لو

○

کوہِ طوٗرکوہِ مارانس ستۍ رلاوُن، خلیلُ الرحمانس ہی پوش ہلمو چھکنۍ تہٕ یندرازنہٕ دربارِ منصور سُند لغمہٕ بوزُن..... یہ چھےٚ مٔنہ کہ ماننہِ لیچ بے پھروک گرِکھ ہاوان تہٕ امیک تھوٚد وُچھہٕ وارتہٕ، مگر یہ چھُ تمہ یلہٕ گی تہٕ برجستگی ہندلۍ بہ وُن منظرتہٕ، یُس ہتہٕ وادوٕرِیٚن ہندِ کوٚتھتہٕ گنڈہٕ کاہ پتہٕ ژوٗری تہٕ غوبچہ پیدا کران اوس۔ امہِ وِزِ..... کنُو ہمہٕ صدی منز اوس خارجی زندگی منز ظُلم تہٕ ظلمتُک ییٚپ گرزان۔ مگر کاشُر باوُن ترائے

اُس اَندری اَندری ڈولان تہٕ شولان ۔ توے چھُ غولأمی ہُند ووکھ گنڈ گوڈٕ پننہٕ زبأنی ہندین اَبی گاٹھن تہٕ یارٕبلن پیٹھے مُژراوُن یوان ۔ ژھٕ کُملیو تہٕ زلو آیہ پیٹہٕ کُس ہینکہٕ جسمن زنجیر لٔرتہٕ کرٕتھ ؟

رحیم صأبنس کلامس منز چھُ کأشر رُوحأنی قلاپہٕ ہُند وُتلُن تہٕ لداو سپھٹاہ ٹاکارٕ ۔ مگر اَتہٕ چھُ کشیرِ ہندِ لینڈ اسکیپکو (LANDSCAPE) باقٕے تھِتھی اَنہار تہٕ کوچہ پیٹہٕ کوچہ ۔ یم اَز سأنِس اَدبس منز پرانین تعویذن ہندی پأٹھی لأرِتھ گأمتی چھِ ۔ سأنِس اَدبس منز اُس لأل مجنونن ، شیرین فرہادن بیتر بڑوٚنٹھے ڈبہٕ ڈالان پأراوِنی ہیتی متی ۔ اَز چھِ اَتھ منز ہیلن ، قلوپطرہ ، نوش لب ، رُستم ، ہرقیل بیتر تہٕ جلوٕ ہاوان ۔ مگر رحیم صأبنہ وقتُک سخنور اوس پنُن دردِ دل درگٕہ ہاوان تہٕ کأشرِ کتھن ہنزن رنگہٕ منڈورِ نے ٹنگہٕ بر مُژراوان تہٕ بند کران ۔ یمنے منز ژھیپی ژھارس گنڈان ۔ سُہ اوس یمنے منز پان وُلمنین تراوان تہٕ عجیب شمعدان تہٕ رنگہٕ زورِ دریافت کران ۔

"وہی مال ناگرأے" کأشرِ چی ساروِے کھوٕتہٕ بیٚیہ زوٚ (PREGNANT) تہٕ معتبر اَخیتُ من پسند کہانی ۔ اَتھ روٕ پہٕ خأنس منز چھِ سأنی نسلی تہٕ اَصلی رُح رکأبہٕ بند بستوٗرن منز اُویزان ۔ اَتھ منز چھِ سأنی تہذیبی اِشارٕ منہی ہندین اَنہٕ پھو تین منز تہٕ شیربِتھ سنبألِتھ ۔ اَتھ منز چھِ سأنی عمرانی وأرداتھ اَنبرٕ اَنبرٕ لو پنین منز شاپھ دِتھ موژیمتی ۔ سأنِس اَزی کِس شأعرس یا تہٕ چھِنہٕ اَمہٕ کِن فصاحتن تام رسأیی نتہٕ چھُکھ یہ سورُے یادٕ وترٕ منز رأسی گومُت ۔ بیٚیہ چھِنہٕ اَز یہ نینبر میو بیمو بیو کنہ پوٗرٕ لگہٕ ہار روزمرٕ

تلکیاز اَمیک مہراز چھُ سُہ بچورہ کاشُر ناگُراے یُس پننہٕ ہی مالہٕ ہنٛدِس یژنگہٕ کُنٛڈِس منٛز اَتھ ژُنک سنز چھُ کران مگر ژنتہٕ چھس گژھنہٕ کرٕہتھ کڈان۔ اَچھ کرٲج چھےٚ اَزی کِس مُخبر ہنٛدی پاٹھۍ تھٔرز ذاتہٕ ہنز راز کمارہٕ ماے مُشراونہٕ تہٕ وتھ راوراونہٕ خاطرٕ نیران۔ مگر رحیم صٲبُس ستۍ ستۍ تمہِ ہنٛدِ وقتکی بلکہ شاعر اَسی اَتھ بڈلگہٕ ہارہ مانان تہٕ یم اَسی اَتھ کھۄرنہٕ بیٹھ پننہٕ اظہارکہِن شراکہٕ پچھُن پیٚن دِوان۔ اَتھ منٛز وُچھو توٚ پرانہٕ کاشُر ہیٚتھر ہنٛدی محاکات کِتھ چھ رحیم صٲبُس لِنشہٕ مُشک ژھٹان تہٕ مانہِتھ گران ع

تلپاتاپچھ کرٲج ماج آیے
بانہٕ ما ہیےٚ دو گراکو ہو
نادان ہی مال منگنے ژرایے
ژھایے روٗس گےٚ ہیےٚ مال
عاشق سیمرغ وُچھنے درایے
درایے لچھ بُدی ساس تہٕ کرور
ژنتہٕ کوٗر عاشقو یکُت تہٕ آیے
ژھایے روٗس گےٚ ہیےٚ مال

یتھےٚ کنٛہ چھُ سیٚندزلہٕ[۱] یُس کشیرٕ ہنٛد آبِ حیات چھُ۔ رحیم صٲبنِس

[۱] سانٛذ سیٚند چھ برصغیرکِس شیر دریا یا 'اباسین' دریاے بندرچ ہم نام۔ مگر سائنس چھُ لوکُٹ آسنہٕ باوجود پنُن موکھ الگ۔ تواریخ دان چھ یکراے زِ شیر دریاوِ سِندھن دیُت پنُن ناو ہندوستانس۔ بندھس گو لسانی جبرٕ ستۍ ہندتہٕ انگریزی پاٹھۍ INDUS

کلامس پٮٛنٛز شوٗژ دِگیٛز تراوان تہٕ اَتھ پاکیزگی تہٕ طھارٹک اَنھار بخشان رحیم صائبس اوس تہٕ سورُے یہ ہیٚرہ ہِن شارن منز وَنہٕ آو، یوٚسہ شارک خرقہٕ سامن والین آسنہٕ گژھہ۔ تِنہٕ کاشُرہٕ مَنہٕ صوفی۔ مگر گوٚ نماتھ تہٕ اوٗسُس ترٗس ترٗس دِوان لوٗے چھ تَمیٚ ہندی زلہٕ وِنی تہٕ چلہٕ وِنی راگ تَمے یِمن منز تسنز شاعرانہٕ خصلت بُگہٕ یِوان چھےٚ۔ یِمن جایَن چھُ ئیٚنزی پاٹھوٗ سو چھ کرال، رحمان ڈار تہٕ وَہاب کھارنس شارتس ستی پیمانہٕ ہینان۔

رِژ کٮ۪تھ چھےٚ یہ زِ دِلہ ظلماتس منز ڈُنگ دِتھ سُہ یِم گوٚہر کھاران چھُ نہ چھ یِمن رگہٕ ہنز زادگی تہٕ نہ گچھِک عائب آسان ؏

گچھ کُنھٕ ہے منز زلال      راُچھو گرِزیم یِمن بہر حال
یُھتھہٕ روزے شاہ دار وُزھے      تام مُژرے مُژراُوبھس۔



کوٗکلی پیچان چھی پاس سری      بٔستہٕ گومُت سورِمہٕ ظُلمات
مہتاب کھوٗ تمُت کالہٕ اوٗبری      شاہ سوندری ہے شاہ سوندری



ساعتہٕ اَکہٕ لَس تہٕ مے گوٗ کُنے آن
تٔہ چھُس زُو تہٕ جان لَس وَندا مٔنی

---

پٔتمہ صفحہ پیٹھٕ : اَمے منز دراٛیہ ہندوستان تہٕ اِنڈیا۔ مگر سون لوکٹ ہند اوسہٕ سِکندرسندیو یونانیو دِچھمُت۔اَکی کاشرِ بلرتہٕ مُقدس عبایا چھ اَکھ اہم راز کوٗ چھہ منز ہٮ۪تھ۔ یٔئے چھےٚ شادی پوٗر واَتھ ویتھِہ ستی وائصل گژھان تہٕ کیشِر ہند سارِوے کھوٗ تہٕ پوٗترسنگم شیران۔

○

نرمی زمینس مے چھون پانس — راتھا بڑم غار زانس ستو

○

فدا پروانہٕ شمعس پیٹھ — شمع شولان چھُ ڈیشتھ اتھ

چھےٚ نارس منز یہِ لوٗرچ وَتھ — سپُد حارٲن سوائے دِل

○

سوندری لوٗت کیا ژےٚ بوٗرتھ چاو

ژھلے دِلبرس روے ہاو

○

رحیم صاب گُذرے یہ اَز بروٚنٹھ ڈوڈ ہتھ وُری ژوٚرُ ے۔ سُہ چھُ سو چھے کرٲلس پیتہٕ ساہن صوٗفی شاعرن منز زٕٹھ آیہ تہٕ گوڈنچہ تندلہ منز۔ یم شروٗنی ساہن زبر صوٗفی شاعرن لِنشہ واَنجہ کٔتھ چھ دِوان ہتھی چھ لتس لِنشہِ تہِ سولبہ سولبہٕ...... اَخسےٚ نار، رباب، سوز ہوی لفظ ٕتہ اِستعارٕ چھ لتس لِنشہِ بڑیتھ تہٕ بے شُمار نظر گژھان۔ تِمہ وِزٕ آسےٚ نہ دربار یا دفتر بیتر یمن کتابن رٕژھراوتس یا یمَن کُھرکھاٲلتھ یھندن شیشن یہ رَس تہٕ مَس برٕلس۔ مگر عام کاشرین ہندین سینن ہنٛز دوجہ آسہ یلہٕ تہٕ حاضر یمن بنے یہ تِمنے سینہٕ صفاین منز جاے۔ اَز تہِ چھُ رحیم صابُن آستان سولبہٕ کاشر لغمہٕ خانی ہُندیہ عوام پسند مَس لوٗرلو لوٗرلوہ باگراوان تہٕ میانہٕ کم علمی حساۓ چھُ کمرازس منز بیتہٕ نوعیتک کُن تہ کیوٚل۔

رحیم صابُن زاسنہٕ چھُ 1775ء تہٕ مرن سنہٕ 1840ء گنڈنہٕ یوان۔
رحیم صابنہٕ زندگی ہنٛز یوسہٕ وکھنے تہٕ وِژھنے محی الدین حاجنی، محمد امین شکیب، موتی لال ساقی اُحسن صابِ حاجنی تہٕ ووٚنی محفوظ جانن کٔرمٕژ چھےٚ تمہِ تلہٕ چھُنہٕ یِتھ کینہہ کانٛہہ شک روزان زِ یمن چھہ اکھ علمی گرچ رلوایت ڈکھس اٚسمٕژ۔ توٚے ہرگاہ یِم پانٛسے پانٛس اَن پرٛٹھ تہٕ چھہ ونان لوتہٕ چھہ تہندِ بٔرٕ ڈیگجل تہٕ آگاہ موکل باسان۔ یِم اٚسی 'شاہ' تہٕ یِتھ کینہہ چھنہٕ زیادٕ زیر کرنٕچ ضرورت زِ یموسہ زانٛہہ گُپن راٚچھی کٔرمٕژ۔ یہ پیشہٕ چھُ بڈلو بڈلو ذی ولقارو تہٕ پیرٕ تہٕ والیو تہٕ کمہٕ لوٚومُت۔ تہٕ اَمہِ ستی چھُنہٕ تہندس علمی کھٔرزس بجٔرس کانٛہہ لانٛج یوان۔ مےٚ چھہ سیٹھا مسرّت زِ تہندِ گُذرنہٕ پتہٕ ڈوڈی ہنٛز وٚہری چھہ یہ باگہ بٔرژ سومبرن پلہٕ وٚٹہٕ کٔرِتھ تہٕ سومبرِتھ مرتبن اکھ کرامت کٔرمٕژ۔ اَمہِ ستی پرٛزلہِ رحیم صابُن سوخنورانہٕ موکھ بیٚنہٕ ہٕن تہٕ کأشُر شأعری ہنٛز منفة مالہِ منٛز گژھہ اکھ نیہ نیہٕ کروٚنہٕ دٕرٕ پھلیکھ ہُرہ ہُر۔
(کُلیاتِ رحیم صأب سوپوری اَز ڈاکٹر محفوظ جان)
— سرنامہ —

# رِگ وید خروشتی پاٹھ

خروشتی رسم خط اوس کشیرِ منز تَتھ زمانس منز رائج ییلہِ ییٚتہِ کُشان شہنشاہ کنشک سُند راج اوس (105-75ء)۔ یِمٕنے دوہَن سپُز ییٚتہِ ژورِم بُدھ کونسل یتھ منز یمہِ وقتہٕ کِہ دنیاہکیو عظیم بُدھ عالمو شرکت کٔرِمٕن منز اوس ناگ ارجن تہٕ اشوگوش تہِ شأمِل۔ یمو دِژ بودھن ہندِس صحیفہ ترِی پِٹکاھس ترتیب۔ یوسہٕ أتھی رسمِ خطس منز لیکھنہٕ آیہِ تہٕ آیہ کشیرِ ہندِس کونڈل وَن وہارس منز اکِس کَنہِ صندوقس منز ژٕٹھرِتھ تھاونہٕ۔ یہِ أس واریاہَن ترامہٕ پیٹَن (تامر) پیٹھ کھنہٕ آمژ لیُس یمہِ وَقتُک کاغذ ہیوٚ اوس نہٕ لیُس تہٕ دوران اوس نہٕ تہٕ أسس کھٔے کھوان۔ یہِ عظیم تہذیبی تہٕ دھارمک خزانہٕ چھُ وُنہِ رأوی سے تل۔

یمِن دوستن شک چھُ زِ یم کیا أسی تہٕ خروشتی پاٹھ لیکھنہٕ آمتہِ تمن پَزِ کنشک سٕنز موہر وُچھنۍ۔ یوسہ باقٕے میوزیمو علاوٕ سرینگرٕکس ایس پی میوزیمس منز تہِ موجود چھیٚ۔ تتھ چھ أتھی زبأنی منز لیکھتھ …… شہنشاہو، کُشانو، شہرو …… شہرُک مطلب چھُ اَز تہٕ فارسیس منز

سلطنت۔

خروشتی زبان کأژاہ اُس شمال مغربی ہندوستانس منز ورتاونہٕ یوان تمیُک اندازٕ ہیکہٕ یِمہٕ کنہِ ءِستی سپدِتھ زِ برہمن وادٕچ سارِوے کھوتہٕ قدیم تہٕ مُستند کتاب رِگ وید اُس باقٕے سکرپٹو علاوٕ خروشتی پأٹھۍ تہٕ لیکھنہٕ یوان۔ چنانچہ تامل ناڈو یونیورسٹی منزِ ریسرچ کارکہٕ طرفہٕ راجیہ سبھامبرن، وی ویرم بھائی (V. VIRUMBHAI) چھُ پنہٕ نِس اُکس بیانس منز انکشاف کوٚرمُت "سنسکرت خاطرٕ صرف دیوناگری ہندے یوت رسمِ خط آسنک خیال چھُ یِمہٕ پزرٕ ءِستی پاش پاش گرٛژھان زِ رگ وید ہُند نُسخہ چھُ اُتھ آمُت یُس خروشتی (فارسیس) نکھہٕ نکھہٕ سکرپٹ) رسمِ خطس منز لیکھتھ چھُ۔

(خبر جاری کردہ: یونائیٹڈ نیوز آف انڈیا" U.N.I" تہٕ ڈیلی کشمیر ٹائمز جموں، مورخہ 23 دسمبر 2003 ءِ منز چھپیمٕژ)

---

# تہذیبُک چوکہٕ بل۔۔۔ کأشیر

کشیر منز چھُ دُنیہکین ژوٚرن قدیم تہٕ عظیم تہذیبن پانہٕ وأنی تیُتھ سنگاٹھ سپدمُت زِیم چھُ تہٕ پھیکس ستہٕ بھیوٚک رلاوِتھ پکان۔ یِم گے "ہندوستأنی، ایرأنی، چینی تہٕ یونأنی"۔

(سر مارک آرل سٹائین)

کلہن پنڈت نہٕ راج ترنگنی ہُند ترجمہٕ تہٕ تفسیر کار

---

# دیناناتھ نادِم ـــ شاعرٕنہٕ سِمبل

پنڈت دینا ناتھ کول نادمس گے از یوٚہے ریتہٕ کم کُنوہ وٕری یِمہٕ عالمہٕ منٛز ژامتس۔ تتہٕ دژاوتس پیٹھ کلچرل اکادمی ہندِ رسالہٕ 'شیرازُک' نادِم نمبر۔ مگر باقی زَن رود تٔسند ناو بٕہ تٔسند کرأوت مشربس نے تہٕ مگر پچھ تِل روزِتھ۔ تٔسنز غیر حاضری گے کٔژتامی وٕری مگر زَن چھُ زِگتن تتہٕ پیٹھ پیٚنٛ پرٕ وٕن تہٕ بوسیدٕ کرٕوٚژھ ترأوِتھ ژُھنمُت۔ نادم سُند نظریاتی شنگرِ یلا سوویت یونین اوس تتس دیدٕ مانے آوسیومُت نگر اَز تہٕ چھہٕ تمہٕ چہ کچہ تہٕ نہٕ نظرِ گژھان۔ ژوچہ ہنز چھہٕ کھتے۔ بُتلہٕ چھُ تٔسند نظریاتی شہرمن ـــ کیپٹلِزمن ـــ نال ووٚلمُت۔ البتہٕ چھُ اَمِچ کرٕ نیٚٹھ ژلہٕ راونہٕ خاطرٕ اَکھ عالماوِیر یا گلوبلائزیشن تہٕ ناو کرنہٕ یِوان۔ نادم ہنز پیٚنٛی کشیرِ تہٕ چھ کتہٕ کور بدلے مژ۔ اَمہ چھُ تٔسنٛدٕ دکانٔری ہُند ژھوکھ لوٚگمُت تہٕ جنگل تہٕ سبزار کم گژھنک لہون بھٔش تہٕ کأشرِ زبأنی ہندِس تخلیقی آرس چھُ جغرافی ہندِس ژنبی آرٕکی پأٹھی آب کم گوٚمُت۔ تٔسنزِ وینِز کیتھ آوازٕ چھہٕ وُنہٕ موجود، مگر سر تازٕ تہٕ پُرجوش نوٚین آوازن ہُند گژیز چھُہٕ کٔنن گژھان۔ کشیرِ تہٕ

کأشِر زبان دٕ شوٗے زن چھ مَد ہشہٕ وژھمژ تہٕ موٗژیمژ ا البتہٕ شاعر چھ حقیقی دُنیاہ علاوٕ اکہِ خیاٰلی دُنیاہُک نیب تہٕ لوٗبت تہٕ آسان ۔ یمن معیارن پیٹھ چھُ ناٰدِم سُند قد بدستور بالا ۔ آلتسندی کیتھ آلوٗ چھ اَز پیٚمتی تہٕ لُبہٕ آمتی باسان

زرس بوٗش زردار نٔے راج روزِیا

ژھرِن لورِ کُٹہٕ نین سَرس تاج روزِیا

اَکس ژوٗر ہُہ بیٚیاکھ موٗحتاج روزِیا

وَچھس پیٹھ کھٔسِتھ تاجدارَن پرژھُن چھُم

یہِ اوس شاعرس لنعرہ باز پڑکژ ژامُت تہٕ اَکھ اٰڈرنہ ڈبکس لیکھِتھ ـــــ ناٰدم سِندِ کلامُک یہِ حصہ چھُ زرزلومُت مگر لوتہٕ اَکہِ لرِ پھِر نیٚک نیب تہٕ لنشانہٕ ۔ یتھ فرسوٗدہٕ کاکدن دوٗنژھ دِنہٕ وول اَدبی موٗرِخ ضروٗر للہِ کھوٗلہ کرِ ـــــ مگر اَصل شاعر چھُ ناٰدِم سِندِس کلامَس منز اَز تہٕ تازٕہ تہٕ تیٚمہ ہیٚتھ ۔ شاعری لوٗسہٕ اَز تہٕ دِلن قران تہٕ واٰرجن پھِران چھے ۔ لول ۔ روٗمان تہٕ بڈٕین پزرن ہنز شاعری ع

نوٗ بوٗش چھ کھوٗتمُت پوشہٕ بھرِن

باوٕڈ گُلہ نے تے بٔنگرِ نزِن

ـــ ○ ـــ

دوٗ ہنے ہُند دوٗدِ شرپہٕ بلوٗ پیرُ

کھوٗنہِ کھوٗنہِ پھِر وِتھ لجہ ہاوٗنے

لنگ ویٚیت کوٗنگہِ جامن آرٕ ولن

رنگ پھیوٗر گُلہِ ٹمرہ لوٗ سِندچہ ڈلن

موصُوم لالن سینہٕ نالن پیٹھ آمژ مسوٗل اَسہٕ ناوا نے

نادِم سٕند آلواوس آدنے ہکہٕ تہٕ تھدِ اَمنانہٕ۔ اَتھ اوس اکہٕ کوہستانی آبشارُک زور تہٕ شور۔ چنانچہ تٕسندی لگ بگ ساری ہم کال گے اَمہٕ چیر تیز گتھہِ منز گوڈٕ لوہے پیرہٕ ہیو، لوٚتام پتہٕ تمو پننہٕ پوشہ بیٚنجہ تہٕ سوٚنہٕ لانکہ لبہٕ تہٕ شولہِ ناوِ۔ ووٚنی گو نادم سُند آگرے گریژُن چھُ تسُند تیتھ کمال یمیٚک نقش تہٕ لکھش تٕسندین ہم عمرن آسُن گوی لوسپدوٗنے۔ مگر ژھانڈٕ ہے دِمو یمن ہندی آثار تہٕ آکار ین تٕسندین زِ کٹھین یعنی مہجور صابُن ہوین مرد یامن ہندس اٰخری کلامس منز تہٕ بوزنہٕ شوزنہ۔ فقط نادم سٕنز شاعرانہٕ صداقت تہٕ شوزٕر ہیٚکہِ تسندیو کینژو مصرعو، آوازو تہٕ اظہارو ستی ثابت کرنہٕ یتھ۔ یِہ گے تژھے ہش کتھاہ زِ اَمجد علی خان دِیہ سرودس اکی ضرب تہٕ سون محمد عبداللہ تبت بقال لاگہِ سنطورس اَکی قلم تہٕ سارِنے واتن اَتھ سپنس پیٹھ۔ یٔمِس اُستادس چھ ضربہٕ جود ہم رکاب آسان ع

نبژن منز یاپژن پیٹھ
اوٚش گو شبنمہٕ کھوٚ تہٕ اموٚیل

○

نہتھ ننہٕ اَنہٕ گٹہٕ گو گمہٕ سژان
صُبحچہ دمدمہِ لنش اوس گوٚد

○

ائژِ کِس سوٚدرس ژھانٛٹہٕ بہٕ ترٛٲہا کرٕ ہا بٔنِھ بٔھٹھ درشُن چون
تیلہِ اوس اوٚہ باپتھ لوکہٕ چارٕس زُومیثون لوٚت پأٹھی گام گرژھان

○

سوٗنہٕ ہوا وُبھلیومُت شُر  خوشبوبہ ببٔیہ پیتہٕ پیتہٕ ماگو

○

نأدِم ہٕنز شاعری ہندِس وۄپزأوی آسہٕ لنس چھُنہٕ کأنٛسہٕ شک۔ معشوق ہٕنز تیز نظر ہندِ پأٹھۍ چھ سوٗ زٕژہِ ہش نأنِپان تہٕ تمبرٕ ہندی پأٹھی ترُس دِوان مگر لتسند ادبی کارنامہ تہٕ چھُ بذاتِ خود شاندار تہٕ بڈٕرادٕ۔ سُہ اوس أکھ عظیم تجربہ کار۔ سأنِس محمود گأمی ہندِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ تہٕ نوینہٕ۔ کأشرِس اَدبس منز لیوٚکھ تمی گوڈنیک سانیٹ تہٕ تمسندٕنے شأئن پیٹھ دڑاو بلینک ورس تہٕ آزاد نظمِ واش۔ تمی لیوکھ ظاہرا گوڈنیُک کأشُر ہائیکو تہٕ ــــ اوپیرا چہ شارِ ذأژ منز چھُ سنگیتُک شروٗژ تگہ تگہ پکان۔ نأدمن لیکھی یہٕ کأشرِ کی ڈسلأیکہِ اوپیرا ہے۔ بلکہ سارِۄے کھوتہٕ ئڈ تہٕ کامیاب تہٕ۔ ہرگاہ نے سُہ یِمو اوپیراہو ورأے بٔبیہِ کیٚنہٕ لیکھہِ ہے لوتہٕ آسہِ ہے سُہ کأشرِ زبأنۍ ہندیو گوڈنِچہ تندلہِ ہندین فنکارن منز مجُراتہٕ موجود۔ بوزوٚے تہٕ یِمو اوپیراہو ــــ تہٕ ینبرزل تہٕ وِیتستا ــــ خاص کرٕ کرٕ سأنِس پیتہٕ بڈِس باندٕ پأٹھرس لوٗ پیوندکأری، توٚے ہیکہٕ ہوکھ نہٕ یِم یوٗرپ کین اوپیراہن سوٚمبس سوٚم بھأوِتھ۔ یِمن چھ سانہٕ رلواینچ طراوت تہٕ موجود تہٕ عالمی جدت طرأزی ہٕنز خوش اسلوٗبی تہٕ بلہٕ مشہ۔ یِمو چھُ یتھ کُن نہٕ بٔنُن وجود

ماہ نوٚو مُت تہٕ یم ہیٚکن بروٚنٹھ کُن تہٕ خیال انگیز پیش کارٕن ہندی تفسیر تہٕ تشریح پوٚرٕ شوٗزِرٕ شانہٕ بیٚیتر اوٚسکھ تہٕ ویٚتر اوٚسکھ ۔ ناٗدِم سٕنز تجربہٕ پسندی تہٕ چھِ تِمن ہندِ آخری دورٕکین حاےٚ ثاتن زیادے بہن گوٚوج ۔ بملا رینہٕ سٕندِ وَننہٕ مطابق تہٕ بیٚیٹھِ باپہٕ چہ آنکہٕ ڈٲنی حسابہٕ چھ یم سانہٕ آدن شاعری یعنی للہٕ واکھن ہُند زن تہٕ نوزنم ۔ فارم تقریباً تیتھے ہیٚو البتہ زیچھرس منز بَڈ تہٕ نوگرُت تہٕ ۔ مگر باوٕژ بٕلک ہشر کُنے تہٕ خاص طور کاشُر لفظچ ترٛتھے ہش چاشنی تہٕ باش بیٚیہٕ عام طور رِوایتی کاشُر SENSIBILITY وَیہٕ ڈٲنی تہٕ ٹارٕ کھسہٕ ونی ۔ مگر تیوٚت کٔرِتھ متن تہٕ مفہوم کہٕ لحاظٕ لوٚکھ تہٕ نوٚو وے ۔ یمن منز چھُ ناٗدِم سُند سوٗرُے نظریاتی DOGMA تہٕ فکری شٕٹھِ نِثار نظر ہندِ تٔرِ تہٕ جذبہ کہٕ مَثرٕ سٕتی قطرہ قطرہ ولگلان تہٕ اکہٕ سرتازہٕ شعری بصیرتُک جہانِ معنی آباد کران ۔ یہٕ سوٗرُے چھُ تِمہٕ فنکاٗری سٕتی کرنہٕ آمُت زٲنکھ کامیابی سان پاٗروی کٔرنی چھ ترٛتھے ڈیٚٹھ کتھاہ ہش باسان پیٚتر کیٚتن شتابدن للہِ ہُند نقل کرُن کرِلوٚکھ سیدٕ مُت اوس ۔ یمن حاےٚ ثاتن منز چھ خیالن ہنز ندرت، البسٹریکٹ مصوری ہنز امیجری سٕتی میزان گٔرِتھ کُنہٕ وِزِ للِ دیدِ ہُند ژیٚنن بٔتر تہٕ کُنہٕ وِزِ پیلو پکاسو سُند وُکر یوٚمُت تمثال باسان ۔ تہٕ اصلس منز چھ یہٕ پانہٕ ناٗدِم سٕنز فنکاٗری ہُند بام عروج ع

سونتہٕ ہوا پوٚک سانی بَرٕ ٹٔلی
گُلہٕ موران اوس ماران پان

أسہِ پڑوٚژھ پوشن کیا ساسپدیوٚ؟
تمہ أسہِ لوٚب کُن وُٹھ ژراپان
وٕنہٕ آیہِ ہردٕ چہِ ہوٚ چھہ مژٕ ٹُژٕ کیشہِ
سوٚنتہٕ دوٚہ پھِٔن تُجبہٕ کلہٕ کھٹاسان

○

راتچہٕ ژھوٚپہِ دوٚہ پہِ ہٕنہ بیوٚو شبنم
ؤُتھرس ؤُتھرس گےٚ گمہٕ سران
صُبحچ ہٕزٕ گیہِ پوٚت ؤُژھ بھیرکھ
بیٚلہٕ ہمہٕ سُٕر دگہٕ لشہٕ دِتی پژان

○

کأشر زبان چھہ شمأ لی ہندوستانٕچ سارٕوے کھوٚتہٕ قدیم تہٕ تأریخہٕ نے
مگر اِمکانو حسابہٕ عظیم زبان۔ اَتھ زبأنی چھہ واریاہ بڈٕ ین ذٕہنن تہٕ دٕہنن
ہُند بھہرٕ واوِ پھشٕ تہٕ بچاہ لوٚگمُت۔ مگر ہمہٕ کھوٚتہٕ زیادٕ بڈٕ ین اِنسانن ہنزٕ
دوستی تہٕ ہمسائیگی حأصِل سپنزٕ مژٕ۔ ہمو ووٚن تہٕ کأشرس منزٕ تہٕ تتھ وَجہ
ژھأرٕنی چھہ بیوٚن موضوٗع۔ مگر کأشرِ لفظٕ باگہٕ بوٚرُت تہٕ بجتاوار بناونس
منز ہیکہٕ ہُند دستہٕ سخاتہٕ موجود أسِتھ۔ نادِم اوس پننہٕ لنس وَقتس منز
اَمہٕ لفظٕ راشک سبھٹاہ کارہ ووٚگن کولمبس تہٕ ورتاوَن ہار۔ ہمی کوٚڈ کأشرِ
شبدٕ ساپنژٕ ہنزٕ سم گوٚ چھہ ہُند نوٕ سرٕ پےٚ پتاہ تہٕ پننہٕ باوَن ہأری ستہٕ
ترجمأنی ہتی کوٚرُن اَمیک سوٗرُے گاش ارزان ع

موصٕم دوٚ ہیڈراڈاو گُل پھولہٕ وُن
پھنبہ توٚمب، ننہ باٹھ، ہقولہٕ وُن ہقولہٕ وُن
پڑینہٕ اوٚبرُک توٚمب، سوٚنتس زاموٗت
پڑوٕ ہُند موٚنی وہہ زلہٕ وُن زلہٕ وُن
زن پوٹ ہٕتہٕ سحر چھُ ہقنیٚ اُوٗیل
ڈل واو صُبحک ڈلہٕ وُن ڈُلہٕ وُن
پھنبہ سیر یوٚہے زن پھرکہٕ وُن پھوٚر
موٗچھہ منز ریشم ژلہٕ وُن ژلہٕ وُن



ناٗدم صاٖبن کرٕ کاشرِس منز دیو مالایہٕ ہندی وارِیاہ وٕل استعمال۔ مگر کیٚنہہ ساعتہٕ خاٖلص کاشر مثلاً وِتستاہٕ بمبور ہیٚنبرزل، اوِیراہس مگر بیتہٕ زیادٕ بُڈ ہٕتہٕ وُبھِتھ انسانی تجربہٕ ہاوُنی باوُنی ہیٚتِس ہٕتہٕ وزٕ اٗنی تمہٕ پننہٕ استعارہ ہٕتہٕ پیکر امیجہ بینٕز عالمی ہٕتہٕ ہندو مائتھالوجی منزہٕ۔ نابد ہٹیٚتھ وہن نظم چھ بیٚین بڈہن کاشرین شاعرن ہندی پاٹھی تن حبشن یا شریرگیہ یا BODY BANQUET چہن لذتن ہٕتہٕ لطائیفن ہندی پوشش ژٹان۔ مگر یہ چھ اسلوبہ کنہ بلکل بدون ہٕتہٕ بدل۔ تتھ چھ وجہ زٕ تمہ چھ تتھ منز ہندو اَخت یونانی دیومالایہ ہندی ہم سمبل ہُتھ اٗنی ہتی یم نہٕ امہ رنگہ کاشرِس ادبس ژہتس اٗسی ــــ اوے ہٕتہٕ چھ نظم جذبہٕ کنہٕ مثالے تسند لو ہم عصر بڈہن شاعرن ہنز و پیٚرتھے ہشو تخلیقی نظمو کھوٚتہٕ زیادٕ ژٕش مگر تمہٕ باوجود کم وُتشاوی

فقط کینٛہہ مصرعہ ع

نیلس پرٛدس ؤزٕھ کھتھرٲے — گُلپسترا ماشرانس ؤزٕھ

أندی ئِکھی سۄدرا شیشے ناگس — ہمپوشس تھٔنہ پیومُت برہما

ہیرٕ بوٚنہٕ اُوج زاوج ہی ھٔر — منز باگن تھزراہ ووزجارا

نابد ٹھِٹھ وٕن، ٹھِٹھ دینہ نابد — تیٚچ شکنتلا بیٚیہ مالیُن کُن

○

نادم صابنہٕ کلامچ سارِوے کھوتہٕ بڈ پزر زنتھ چھ میانہٕ خیالہ تہٕ تِنز برجستگی یتھ ناگہٕ بُبراپہ ہنز گژھتھ چھے۔ شاعری منز چھُ کسب ہاوُن تہٕ صنعت گری کرٕنی تمہٕ چہ رِوایتہٕ ہنداتھیوٚن تہٕ بامے مارٕ موٚند حصہٕ۔ مگر کینٛہہ شعر زن چھ آدنکٕ سنگارہیتھ تھٔنہ پیوان۔ اُردو شاعری منز ہیکہٕ ہوٚن أسی مرزا غالب گوڈنچہ شاعری ہُند ترجمان مانتھ تہٕ میر تقی میر دوٚیمہٕ نمونک نشان۔ کاشرِس منز چھُ یہ دوٚن ہم کال بڈ بن شاعرن ہِنشہ ثابت سپدان۔ رحمان راہی ہنز مہین کاری تہٕ کُندن گرٕی گوڈنچہ ذارٕ ہنز مثال تہٕ نادم سُند بے پھِرک تہٕ بولہ وُن انداز دوٚیمیک۔ بوزِوے تہٕ سانہٕ سارے شاعری منز چھ امہٕ نموار آیہ فارسی ترکیبہٕ مطابق یہ آمد آسنچ خاص مثال۔ کینٛژن زٕتنن دِمو بیٹھ بیٹھے نظراہ۔ زن تہٕ اسان اسان اُچھو منز نیرن واٲلۍ اُشی قطرہ تہٕ ننہٕ صُبحس سکلی کانہہ انہرٕش اُوی جہٕ گُلی لنجہ بیٹھ گگوبہٕ چھ تراوان ے

لُو اُس اُزلے پرو ہنز مائے — اُسہٕ گیہ اُشی پھیری ئلی بدنام

رُوے ووشلیومُت گولابس	نارِ جَم جَم کیا وَنے
حبہٕ خوتن دژایہِ آبس!	پادشاہَم کیا وَنے
حُسن ووگنیومُت شبابس	عشق سرخم کیا وَنے



بہٕ وُچھ ہے ہرٕنہ چشمن روگہِ روگے	بہٕ تژاوَے پان پنہٕ نُے نائیلیے لو
اچھر والین جرٕہِ اوٚش موخنہٕ کرِ پاٹھو	مےٚ اُنی مے دون اچھن ہنز ڈائیلیے لو



## پگاہ شولہِ دُنیا

کرٕزُل لاگہٕ نے مےٚ گرٕژھن اُچھو کرنٕائلی!
وسم دودتہٕ ببہٕ ٹینڈی گرٕژھن مےٚ ووزائلی
تہٕ وُہہِ ڈُہری دشہار پیہِ شوٚن سائلی
پگاہ شولہِ دُنیا...



## لکھچی چھہ لکھچن

شہہ رگہِ ہیوٚر کُن	لال پرٕنزل وُن!
ہر موکھ پیہٹھ چے	پرٕ پنہٕ شینہ مانے
وُزملہٕ زن ووٚنز	بوہٕ چھُ کوٚرمُت



بومبرس پراران سوندر مال	نہٕ زن وَن سے منز سیتائے
اُسش ڈل آمُت مالا مال

شاعر ہنز پرٛژھ ہشو برجستگی پیٹھ ہرگاہ کانٛسہٕ پہٕ خیال گرٛژھ زِ یہ آب

ساری گرٛکلی تہٕ سودیشی لٕس پَزٕ ہمن نوینہٕ شارٕ دٲرٕژن ہند ظوٗن تہٕ تھاوُن

پمہ ناد من ڈسلابسے تہٕ پیٹھے بابہٕ کانٛہ رس پُشراوِ تہٕ رٕنزناوِ۔ پرٛتھ کانٛہہ

نو شارٕ صنف چھ اِظہارٕک اَکھ نو گاج ہیتھ یوان تہٕ زبانی نو واسلوب

اَختہٕ آئیڈیا آیہٕ تن تھاوان تہٕ آبراوان۔ لوٗرے چھ نادم سانہٕ شعری رلوایژ

ہُند سنٛبرتہٕ وجھِرتہٕ سنبالان تہٕ پننہٕ زمانہ کِہن تازہ ترین واوِ گرائن استقبال

کرِتھ نوین خیالن ہنز بجلی لہرہ تہٕ چمکاوان۔ زن تہٕ کُنہِ وِشال سٕدرٕ کنڈس

پیٹھ ہوائی بجلی پادہ کرنہٕ خاطر واوجن ہنز بڑ کالونی سجاوِ تھ آسہ۔ لتندِ ہن

کیتشرن تجربن چھ دُنہِ اپرٕ پاٹھی واشس کڈنے تکیازِ لس پتہٕ ہیوٚک نہ اَکھ

بجہ سائنٛسٹر تہٕ امہ کِہن وِہ وار نیر نگین برٕو نٛہہ یکہ ناوٕنج چھنہٕ کیتھے۔ یورٕ پاٹھی

کو مہ اَنٛن وول یا سامن وول تخلیقی فنکار اَسہ منز پادٕ سپدِ تھ لہاذا چھ یہ

کتھ طے زِ سُہ روز وار یاہن ڈریٚن سانہ ادبک سُہ زیٹھ زِلو ٹھ سُم سوتھ

یُس اَمہ کِس پوٚت کالس اَز کالس تہٕ برٕونٛہہ کالس درمیان خیالن، شارٕ

دارٕژن تہٕ نوین دِشاین ہُند نیب دِوان روزِ۔ نادم اوس سپھاہ یوٚڈ شاعر

تہٕ لٕس پتہٕ چھُ اَمیک گیان دھیان زوٚر رگینومُت تہٕ ننیو مُت۔ مگر سُہ

اوس بجن زبانن ہندن بڈٕین رہبرن ہندی پاٹھی اَکھ پاسَل۔ زن تہٕ

ہندی زبانی ہُند راہول سنکرتیاین یا اردو ادبک احمد ندیم قاسمی۔ ژٕم لیکھی

کانٛشر زبانی ہندی گوڈنکی اَفسانہٕ چاہے کُنہِ اَفسانس آسہ بنیہٕ کانٛسہٕ

مطابق بوم وار، برلسواہ ہنز فرق روٗزمژ۔ پرٛژ کتھ چھے یہ زِ کیہہ ہین

آسنہٕ باوجود چھِ یِم اَز تہٕ نَنہٕ بأنۍ۔ تِمۍ لیکھی گوڈنکین کأشرِ بَن رسالن اِیڈیٹوریل یِمن منز اَز تہٕ کاڈی ووزِ وزکھ موجود چھِ۔ تِمۍ لیکھی واریاہ مضمون یِمن منز دأنِشہ گاشہ چہ زبٔنہٕ اَز تہٕ ووشلان چھِے۔ سُہ اوس کأشرِس تأریخس لُکہٕ ادبس اَخنتے لُکہٕ گیوتنس تہٕ سازن تام وأقف تہٕ وأنتھ۔ یِمن ہُند نیب تِہندِ تخلیقی راشہ کِہِن الگ الگ عرضتن منز وُنہٕ چھِ گژھان۔ سُہ اوس دِل جھُہِتھ لوان۔ یِمن کِتھن ہِنز تُلنے چھِ اَمہٕ باپتھ ضروری زِ تُہُند پیکرہ روزِ کأشرِس ادبس منز ہمیشہ کشش تہٕ جاذبیتک نِشان۔ یِتھے وجود چھِ تہذیبن INSPIRE کران تہٕ وولسنس اَنان۔ مےٚ چھِ وِشواس زِ یِنہٕ والین پگین منز آسن تِہندی تمثال کأشرِ رنگ میٚنز تہٕ ادبی چیارن منز روزن والین اکِہ مالامال دورِ چِ ریہہ تہٕ تیتھہ ڈلیشہٕ ناوان ۔

بونے تحت الثرالیس زن ڈلیتھ نال

ہیرہ ہیٚور چرخ گردانس یِتھے تال

اَکھ شاندار پۆت منظرس منز کو ستور سندِ ژرچ کتھ کرٕنی گے محفلہ بے لطفی کرٕنی۔ مگر اَکھ چھِ سانہٕ شعری وراثت کِس عظیم امانتس تہٕ پانہٕ سانہٕ امانت داری ہندِس سیٹھے اَولس مگر اہم ترین مالِس سیتۍ واٹھ ــــ یہٕ کتھ چھِ پُرزِ تہٕ یہِ بِزنہٕ اَسہِ ٹُہ راوِتھ وَنِنز۔ دینا ناتھ نادِم سُند سأرِ کلیات تہٕ سرسوبوت ادبی کارنامہ چھِ وُنہٕ تہٕ رأوِس تل۔ وِشھلی گُل، چھِ تِہندِ کلامہٕ کِس اَکِس قلیل تہٕ عام طور کم زبرجھس کوٚم کران۔ کلچرل اکادمی اَسن سرِس خارہ تمہٕ کِہ وساطتہٕ چھِ تِہندی "وِلتا"، تہٕ "بمبور یمبرزل" اوبیرا چھپیمتۍ۔ مگر اَسہِ سارِنے چھِ معلوم زِ تُہُند بسیار اَخنتے بے شمار کلامہٕ چھِ یا ژیچھن پنژہن

ڈٟرۍ ین چھپیٖن والین رسالن تہٕ اخبارن منز چھانبر تہٕ چھکھ ۔ یہ چھپنہٕ وٕنہ سوٗنبرنہٕ تہٕ آمُت ۔ تسند واریاہ کلام چھ کیٚنژن دوستن نِشہ تہٕ ۔ بیٚییہ ہرگاہ تمٕ کیٚنہ غیر مطبوعہ کلام بیٚتھ کُن ترووُمُت آسہِ ۔ سُہ چھُ تسندین وارثن خاص کرِتھ شری شانتی ویر کول صابس نِشہ ۔ نادم صابنہ سورگہ واس گژھنہ وِزِ کرے یہ اکادمی ارہٕ شرہٕ زسہ دِیہ اکھ اکھ تہٕ کرِ شایع ۔ مگر نادِم صابنین وارثن اوس حق اشاعت تہٕ یمِ آسی نہ اکھ منز کانسہِ ہُند دخل دِنچ رواداری شانتی ویر کولن ووٗن پرژھن والین زِ سُہ کرِ یہ واریاہن حسن منز تہٕ شایانِ شان طریقس پیٹھ شایع مگر از کتو ہسہ ڈٟہری چھ امہِ اعلانک اعتبار ہنا پرٛووُمُت ۔ گوڈٕ کوٗریا نہٕ نادم صابنہ لیجنڈری بے نیازی لاپرواًی تہٕ کہالتن اکھ شاندار ثقافتی سمپتی گھاٹہٕ تہٕ یتہٕ سیٚدٕ تھند بو وارلو تہٕ ساہو اکھوا اکھ ووٕتھوار —— از چھ شاید یہ وراثت رٕبھ کھالنک ۔ بچاونک اًخری موقعہ ۔ تہٕ یہ چھ ساہنین برہنین تہٕ ہٹس کران ۔ خبر یتہٕ ماین نہٕ اکھ پن تہٕ اکھ ۔ امہِ خاطرٕ روزِ پیٚنہ کال اَسہ ووٕہوان تہٕ فاش پران مگر بُڈ کتھ چھ یہ زِ کاشر زبان ہیٚکہ نہٕ یتھ ہیوٗ ضرب شدید زٕ ہیٚ سندائہ کھ تہٕ کیاز نادمس ہیوٗ شاعر چھ شتہ کہ وارو پیٖتہٕ پیٚتُن روٗے نازنین نون کڈان ؎

حفظِ اسرار کا ہے فطرت کو سودا ایسا

رازدان پھر نہ کرے گی کوئی پیدا ایسا (اقبالؔ)

---

(مارچ 2007 ء منز کوٗر ساہتیہ اکادمی سرینگرس منز دینا ناتھ نادم صابس پیٹھ اکھ نیشنل سیمی نار تمہٕ کس گوڈنکس سیشنس منز آو یہ مقالہ کلیدی خطبہ ژنگ پرنہٕ ۔ اَتھ محفلہ اوس پروفیسر رحمٰن راہی صدارت کران ۔)

# دٕہرٕ روو دٕہرٕس

لڈی شاہ چھِ کاشُر لُکہٕ باوُتھ ہُند سٕتھٕ لوٚب وُن شوٚبہٕ وُن امتیازی شارٕ ذاتھ۔ لڈی شاہ چھُ خالص لُکہٕ ژینٕتٕہ تہٕ باوٕنہٕ کِہن حالاتن ستہٕ حاژری ثاتن پیٹھ زٕلہٕ ونہِن تہٕ چلہٕ ونہِن ہٕرہٕن منز تبصر کران۔ سماجی لیہٕ کھوزی اِنتظامی دنٕدٕ وزنی، سیاسی معاملات، قودرتی گاٚیلات، حاکمانہ ظلم گاری تہٕ اَختیٚ دوہٕ دِشہ کہِن اِنسانی سنٕہِن وٚوگنٕہِن پیٹھ شار بناوان تہٕ پران، یمن منز سوزٕ تہٕ آسان چھُ تہٕ شوخی تہٕ۔ مذاق تہٕ آسان چھُ تہٕ طنز تہٕ آسان چھُ تہٕ ٹیٚچھر۔ بہر حال یہٕ چھِ اَکِس عجب سازٕ لورِ ڈکھران تہٕ پکان۔ اَتھ چھِ دٕہرٕ وُنان۔ لوٚ ڈشستر گرٕہیوٚ یتھ مٕژھ لِنشہ 22 بنگرٕ پالہٕ (بنگرٕ چالہٕ) لاگِتھ آسان چھِ۔ لڈی شاہ چھِ یمنے اتھہٕ ستی چھوٚنی کران تہٕ باتھ ٹلان۔ بہر حال اَز چھُنہٕ کشیرِ منز یہٕ دٕہرٕ بناوَن وول کہنی کاژری گر موجود۔ امیک شعری حِصہ اوس برو نہے ژھوٚکیوٚمُت۔ وونی چھُ دٕہرٕ تہٕ اَتھہٕ ستی ڈاف تراوٕنہٕ گومُت۔



# قداوار

## اکھ انٹرویو

ٹینگ صابس ستی تہنزٕ زندگی مُتعلق کتھ کرنہٕ وزٕ آیہٕ کینہہ کتھہ بروٗنہہ کُن یِمہٕ یِمَن کالمس لۍ انٹرویوچ شکل تہٕ ہنا گو طویل پہن۔ اُسی چھہ تُہنزٕ دلچسپی مدِ نظر تھاوِتھ تمی آیہٕ لوٗہہ بروٗنہہ کنہٕ تراوان۔

- لوٗہہ کیازٕ چھُنہٕ پدم شری یا یُتھے ہیوٗ کانٛہہ بوٚڈ اعزاز میوٗلمُت ؟

★ خطاب چھُنہٕ راشٹرپتی ٹھنڈی زٕ بطورِ حق پیہ تھارنہٕ۔ دوٚیم زٕ مے چھُنہٕ اَمہٕ خاطرٕ مانگنے کرُنک وَل تہٕ ہل۔ نہٕ تھورُم دِلہٕ منز کانٛہہ حق خدا۔ (GOD FATHER) یُس وارِیاہَن یِتھِن القابَن منز دستگیری چھُ کران۔ دِل چھِم کشیرِ ستی اَکھ تو آبادی ہُند سلوک ہیوٗ کران۔ توٚے گئے احد زرگر، پنڈت رام چند کاک، پنڈت پریم ناتھ بزاز، میر غلام رسول نازکی، پروفیسر محی الدین حاجنی، مرزا عارف، دینا ناتھ نادم، شمیم احمد شمیم تہٕ یِتھی ہِوی بایہٕ بٔڈیم خطاب حاصِل کرنے یِمہٕ عالمہٕ۔ مولانا مسعودی ہِوِس قربانی تہٕ ایثار مجسّم اِنسانس یِمی سنزن خدمتن ہُند ریکارڈ ژُوتہٕ دوٗن چھُ

تہٕ یُس فارسی، عربی، اُردو تہٕ پہاڑی علم و فضلُک پیکر اوس۔ سپُد
نہٕ یہ زانہہ حاصِل۔ میر قاسم صابس ڈیٚتکھ قبرِ منز ڈاپھ ترا وِتھ
پیتہٕ مگر تسندِس اُستادِس تہٕ کشیرِ ہندِ بے مِثال LAND TO
TILLER قانون کِس ترتیب کار مرزا محمد افضل بیگس نہٕ زانہہ۔ دِلہِ
والیو دِتی ژھوٹینگہٕ فرقہ پرست تہٕ بے توقیر لوٗکن بھارت رتن مگر
مگر شیخ محمد عبداللہ ژھنکھ کُنہٕ تہٕ ہن ستی۔ یِژھہ مِثالہٕ چھےٚ اَندٕ
روٗس۔ لہاذا مےٚ ہیوٗ لیوٗژ آدم تے پیارے رُوٗدٕ، تتھ منز کُس
تاجب چھُ؟

- آتش چنارس، مُتعلق چھ کینہہ لوٗکھ وَنان زِ یہ چھےٚ آل احمد سرور
صابن لیکچر۔ تِہُند کرِ لو واضح زِ اصل صوٗرت حال کیا چھےٚ؟

★ یِژھہ ہِشہ کتھ کرن والی چھ حسدکہ تمہٕ دوزخہ ناروٗک مظاہر کران
یُس تہندین دِلن منز رِہہ ژھٹان چھُ۔ اوٗ تام اوس یہ تہند ذاتی
مسلہ مگر یِم اعتراض ہِم چھ کران سُہ چھُ ہاوان زِ تِم کاتیاہ اَن پڑھ
چھ۔ پروفیسر سرور چھ اُردو ہِکہ صاحب کمال نثر نگار۔ تہند نثرُک
اسلوٗب چھُ امتیازی۔ ہرگاہ تمن ہنزن کینژن سُطرن آتش چنار
چن عبارژن ستی اسلوبیاتی مقابلہ کرنہٕ ییہ سوٗرُے زگ تہٕ پژرٕن ییر
نوٗن۔ یہ چھےٚ ادبی حلقن پیتاہ زِ اسلوٗبیائی مقابلہ چھُ ازاکھ سائینس
ہیوٗ بنیوٗ مُت۔ اَمہٕ کِس PRECISE ULTRA SOUNDS بیٹھ کھاٹھ
تہٕ اکھ میینژ ورتاوِتھ چھُ اُد تحریرن ہُند DNA تام نَنان۔ ییتھ کِنہٕ

شُرِ بِن ہِندِ ولدیتُک سراغ چھُ نوٚن نیران۔ یِمن لوٚکن پٔزِ اَتھ کارگر طریقس کأم ہیٚتھ کٔرِنۍ۔ دوٚیم زِ سرور صأبٕن چھےٚ اصل کتھ پننہٕ خود لیوٚشت سوانح عمری منز لیچھمٕژ۔ یِمو دوستو چھا تتھ زانہہ ورقہٕ پھِرِ کٔرمٕژ؟ ترٚیم زِ مےٚ لٔبِ چھُ اَتھ مالس منز سرور صأبٕنۍ دستخطی تحریر موجود یتھ منز تِمو سورےٚ کیٚنہہ ہوومُت تہٕ بوومُت چھُ۔ مگر یِم دِن تتھ تہٕ دول۔ ژوٚرِم کتھ زِ شیخ صأبن تہٕ تِہنز قابلِ احترام بیگم صأبہ چھُ پانہٕ اَتھ کِتابہ منز سورےٚ کیٚنہہ وِرٕشھنوومُت تہٕ پأنژِم زِ یہِ سورےٚ مالہٕ سُد شیخ صأبنٕن فرزندن، دُخترن تہٕ باقی گرٕ بأژن ڈیلشمان مُکمل۔ یِمن چشم دید گواہن یِم فضلِ خدایہ ہیتی حالےٚ حیات چھِ، ہُندٕ وَنُن چھا معتبر کِنہٕ کینژن حاسِد لوٚکن ہُند وَنُن بُخار؟

- لوٚ ہہ وأژاہ سوٚ قدر یِمکی تِہُنٛز حقدار چھوٕ؟

★ قدر پراونک تمنا چھُ پرٛیتھ اِنسانس آسان۔ اگر تہٕ مےٚ پوٚز قدر سپیز تتھ چھُ کینژ ہامیٚوٚن قسمت ذِمہٕ وار تہٕ کینژ ہاپتَن نہٕ تگُن تہٕ نہ واتُن۔ اَکھےٚ کینژن اصوٚلن پیٹھ ڈاڈ کٔرِنۍ تہٕ۔

- کیٚنہہ لوٚکھ چھِ وَنان زِ اکادمی آیہ کُس بدحالس واتناونس منز چھُ تُہُند تہٕ قصوٗر تکیاز۔ لوٚ ہہ لأگِو تہٕ اَتہٕ صحیح لفظ؟

★ مےٚ گیہٕ اکادمی لٔبِ ریٹائر گأمتس ترٛوواہ وٕری۔ اَتھ دورانس بدلیوو اَتہٕ سہٕ سورےٚ اِنتظأمی ڈھانچہ یُس مےٚ تعمیر کوٚرمُت اوس۔ یہِ وَنُن پھُٹہٕ رٔژھ تہٕ صحیح زِ مےٚ لأگِ تہٕ اَتہٕ قأبِل تہٕ کاروا اہلکار۔ مےٚ دِیو

عاجزی سان عرض کرُنک اِجازت زٕ اکادمی ہُند دفترٕ تہٕ دوٚیِم ترٛیٚیم تبدل ذہین تہٕ لایق شخصو سٟتی آراستہٕ کرنہٕ خاطرٕ ہیٚتھ خدس تام یہ گوس نچ میلہِ خالے سرکٲری محکمن منز کانٛہہ مثال تہٕ تمکی ثبوت چھ ٹاکارٕ۔ مےٚ کرٕ شفیع شوق تہٕ گُلشن مجید ہوی اہلکار کانٛہہ عرضی دِنہٕ ورٲے تہٕ اِنٹرویو سپدنہٕ لغٲرٕے اَتہٕ تعینات۔ اَکھنٕ سوٗزی نکھ آرڈر ٹیلیگراف دِتھ گرٕ تہٕ وونمکھ زٕ ژٕ لو جوانٛ کرِو، تِکیازِ مےٚ اُس یمن منز تیٚز نظر گامژٕ۔ پتہٕ آیہ یمن یونیورسٹی ہنز ملازمت پسند۔ پزٕ ہیٚتھ کانٛسہ اِنسانہٕ سندی پائٹھی اوس یمن تہٕ پنُن پگاہ زیادٕ خوشحال تہٕ آرام ژھارُنک حق تہٕ یمن کُس ہیٚکہِ ہےٚ ہٹاکھ کرِتھ۔ یونیورسٹی نظام چھُ اکھ عالمی جواز تہٕ اعتبار تھاوان تہٕ اَتہٕ چھ مُلازمن امکانن، ترقین تہٕ فٲیدن ہندی وسیع موقعہٕ آسان۔ اکادمی ہیوٚ لوکُٹ ادارٕ ہیٚکہِ ہےٚ نہٕ یمن ہتھی ہوی موقعہٕ بہم کرِنچ گارنٹی دِتھ۔ مےٚ کوٚر پروفیسر رشید نازکی یَس ہیوٚ عالِم تہٕ فاضل اَتہٕ مُقرر مگر تمن تہٕ آو یونیورسٹی ہُند باغ و بوستان وُچھتھ توٚری گژھنُک لوٗب۔ مےٚ کُر پروفیسر غلام نبی فراقؔ تہٕ پروفیسر مشعل سُلطانپوری ہوین ماٗنہِ متین ادیبن اکادمی منز منصبن ہنز پیش کش مگر تمو ہیوٚک نہٕ پننیو ذاتی وجوہاتو کِنی قبول کرِتھ۔ یہ کیا کرٕ ہاتھ؟ یہ چھےٚ صِرف کاشُر شوٗبچ کتھ۔ اکادمی اٗسی بیٚییہ تہٕ وارِیاہ شعبہٕ۔ تِم پھانٛپھلاونہٕ خاطرٕ کیا کوٚر مےٚ، تِمچ کتھ کرٕ ژھےٚ تفصیل طلب۔ یوٗت وقت گژھتھ چھُ ازٕ اکادمی منز محمدؔ اشرف ٹاک اردو

ایڈیٹرٕ بوزنہٕ کنہٕ زبرٕے کائم کران۔ سہٕ لوٗگ میٚتہٕ گورنر جگموہنہٕ تحریری ہٕ ڈاڈٕ اعتراض باوجود تکیاز تس منزٕ آیہٕ میٚتہٕ زٕ تہٕ ہش بوزنہٕ۔ بیاکھ ییتہٕ زٕ سیکریٹری چھُنہٕ مجاز مُطلق آسان تس چھہ اصل مالک پالس ہیٚوٗر آسان۔

دۄیم کتھ ییٚتھ کُن بہٕ تُہند توجہ پھرِ چھیٚتہٕ زٕ اکادمی منز اوسنہٕ پرٕ ہتھ وِزٕ میانہٕ خاطرٕ سوٗرُے ہپٹک ہٕ سوٗرُٹ۔ مثلاً میانہٕ وشترو برٕ صدر اکادمی خواجہ غلام محمد شاہس (1986-1984ء) کُن میٚتہٕ خلاف آو باقاعدٕ اکھ انکوائری کمیشن مقرر کرنہٕ ییٚتھ پیٹھٕ تمہٕ وقتہٕ ویجی لینس محکمکی ڈی آئی جی مسعود چودھری اُسی (یم چھہ اَز کل شاہدرہ شریف چہ اسلامی یونیورسٹی ہندی وائس چانسلر) میٚتہٕ آیہٕ دفترٕکی کاغذہٕ فائیلہ ضبط کرنہٕ۔ میانہن ماتحت افسرن ہٮ۪تکھ بیانِ حلفی۔ جوٚمہٕ ہٕ سرینگرٕ آیہٕ میانہن رہائیش گاہن پیٹھٕ چھاپہٕ تراونہٕ ہٕ تلاشی کرنہٕ۔ سرینگرٕ واجکھ میانی خانہٕ دارِ نی لوٚن ہٕ پبلک پارکہٕ منز تھاوِکھ ییتھنہٕ سو تلاشی وِزِ گرس منز روزٕ۔ حاکم اُسی یٚژھان زٕ یمن گوٚڈھ کانہہ تیتھ ثبوت میلُن ییتھ میٚتہٕ خلاف کیس کرٕتھ بہٕ گوڈٕ نوکری نشہٕ برطرف کرنہٕ یمہٕ ہٕ اَدٕ گرفتار کرنہٕ۔ بیٹھٕ اوس حاکمن تُہند زور زٕ کیس اُنو جل جل۔ تمہٕ وقتکی چیف ویجی لینس کمشنر غلام جیلانی پنڈت گے یہ حال وُچھتھ ساری کاغذ ہیتھ وزیر اعلیٰ ہس دفترٕ ہٕ وٚنکھ زٕ تِنگ چھہٕ بے گوناہ ہٕ تس خلاف

ہیوک نہ کہیں ثابت سپدِتھ ۔ مگر حکومت چھےٚ سیفٹی ایکٹ استعمال کرِتھ ٹینگس معذوٗل یا محبوٗس کرنٕچ مجاز ۔ جیلانٔی پنڈت صابٕنۍ دیانت تہٕ نیک سیرتی اُس مُسلّمہ ۔ شاہ صابٕس گو یہ بوٗزتھ دِل نرم تہٕ یہ مظلوم ذرٕاس ٹنگی ٹلی ۔ آ ۔ یمٕنۍ دوٚہن ہنٛدٕ منٛزٕ صدرٕن سیکریٹری ہندی ساٚری اختیار تہٕ تم آیہ چیف سیکریٹری نصراللہ صابنس اُکس سپیشل اسسٹنٹس دِنہٕ ۔ منٛزٕ اوس نہٕ کہنی چلان ۔ پتہٕ سپُد گورنر راج جگ موہنن ژھنُس یہ اکادمی منزٕ ے کڈٕتھ ۔ 1989ء منز کرٕ میانہ و کینٹر دفتر یو ژومے تہٕ یہ وانہٕ نوٚوہس جوم ۔ دوٚیمہ طرفہٕ اُسی اکھ خاص طبقکی نوکر شاہ منٛزٕ خلاف یموٚ منٛزٕ فرقہٕ پرستی ہُند لوٗٹ لوگ منٛزٕ اوس نہٕ یمن دوٚہن تہٕ کہیں اختیار ۔ اَختہٕ کوٗر ایجوکیشن کمشنر سُشما چودھری، منٛزٕ بیاکھ تحقیقات شروع تہٕ ایجوکیشن محکمُک چیف اکاونٹس آفیسر پنڈت پی این رینہ کوٚر کھا انکوائری آفیسر مُقرر، بنیہ آیہ کاغذ ضبط کرنہٕ تہٕ چھان بین لاگنہٕ مگر حمد لِلّٰہ ذاتِ پاک سُند نہ کہیں ذراکھ نہ تہٕ یہ گوس اُکھی کسمپرُسی منز 1993ء منز جوٗنہ مے ریٹائر ۔ منٛزٕ چھ یمن زحمتن ہندی چھو کھ معنوی وجوٗدس جایہ جایہ ۔ تہٕ اُتھ منز منٛزٕ اکادمی خراب کرنُک قصوٗر کھائن چھُنہٕ قرینِ انصاف ۔

● اکادمی منز روٗزِتھ کیا خاص کارنامہٕ دِلتو لتو یہ انجام ؟

★ ہرگاہ منٛزٕ کینژہ اکادمی منز کوٚر سُہ اوس میون فرضِ منصبی نِکھ والُن

تہٕ نمک حلال کرٕن۔ ووٚنی گوٚیہ تمن دوہن اکیڈمی منز کرنہٕ آو
سُہ چھُ امہ سبپہ پھرہٕ تھُرہٕ پوان زِ امہ پتہٕ یمہ کوٚلہ اکھ بچہ تمہ
دٔرلے زیادٕ پھن ہٕندر۔ اکھ وقتس منز آو کأشرِیک خاص طورٕ تہٕ
باقی مقأمی زبانٕن ہُند لِسأنی تھٔز رٕ بجر نٔی راونس منز واریاہ کیشہ
کرنہٕ۔ امے وقتہٕ آیہ کأشرِس، اردوہس تہٕ بیٚیہ کیٚنژن زبانٕن منز
بنیأدی ڈکشنرٕین ہندی 36 کھوتہٕ زیادٕ جلد تیار کرنہٕ۔ کأشرِ پأٹھی
آو انسائیکلو پیڈیا شایع کرنُک ڈسلاب کرنہٕ۔ یُس بجن تہٕ ترقی یافتہٕ
زبانٕنن ہُند گہنہٕ آسان چھُ۔ کتاب گھر آیہ اُستوار کرنہٕ یمو علمی آگہی
اکھ خاص طرح دِنس منز سیٹھاہ حِصہٕ ادا کوٚر۔ شیخ العالمؒ، لل دید،
علامہ اقبالؒ، مرزا غالب مہجور بیتر ہندی خاص ؤری تہٕ عُرس آیہ
مناونہٕ یتھ منز یمن مُشاہیرن مُتعلق کتابن، تصویرن تہٕ یادگارن
ہندی داتھر ٔگی۔ اکھ وقتس منز گےٚ کأشرِن سخنورن ہندی درجنہٕ واد
کُلیات شایع۔ اکھ دورانس آو کأشرِس تہٕ باقی زبانٕنن منز ٔگہٕ ادب
سوٚمبراونہٕ تہٕ شایع کرنہٕ تہٕ یہ چھے بنیأدی اہمیتھ کأم۔

● معاصر ادیبو منز کُس چھُ سارِوے کھوتہٕ سرس؟

★ بلاشک وشُبہ پروفیسر رحمان راہیؔ یُس زِندٕ زُوے کأشرِ ادبہ کِن
ہمیشہ بہار تھونگین منز شأمل سیُدمُت چھُ۔

● تُہہ کیازِ رُودِو ہمیشہ CONTROVERCIAL؟

★ یہ کرپنہٕ نو کمزور لفظو بدلہٕ انگریز ادیب آسکر وائلڈ سُند قول جوابٕن

پیش "SINCERITY IS GOOD BUT ABSOLUTE SINCERITY:

TOTALLY DISASTEROUS" تہٕ اَتھی سِتی پیہ اردو شعر ے

جس جگہ جاو وہاں اُس کا ہی چرچا ہو گا
اُس کے دُشمن ہیں بہت آدمی اچھا ہو گا

● عملی سیاستس منز وُسھ زِن چلیو وُنہٕ تُہی، پیہ چھا پوٚز؟ کیازِ؟

★ اگر سیاستس منز کامیأبی ہُند مطلب چھُ وزیر امیر کرورپتی بنُن تہٕ کُنبہٕ پرٛوری کرٛنی تیٚلہِ چھُ پیہ بلکل پوٚز۔ کیازِ! اتھ چھُ نہٕ مےٚ بُنہٕ کانٛہہ جواب۔

● صحافت کِس مأدانس منز کیا کوٚر وُتہٕ؟

★ مےٚ ووت کم از کم پنٛژاہ وُری کشیر ہِندس صحافتس سِتی وابستہٕ۔ ادبی رسالہٕ "تعمیر" تہٕ شیرازُک ایڈیٹر تہٕ نگران روٗدُس۔ بیٚیہ چھُس خدمت، سنسار، جہانِ نو، آئینہ، زمیندار تہٕ چٹان اخبارَن سِتی تہٕ وابستہٕ روٗدمُت۔ تِہ یمن منز تہٕ چھُ میانہٕ قلمہٕ وارِیاہ چھپیومُت۔ باضے میانہٕ ناوٕ تہٕ باضے تمہِ لغأرِ۔ پیہ سلسلہٕ چھُ وُنہٕ بدستور جأری۔ "گوجر دیش" رسالُک چھُس پیہ اَز پنداہو وُری یو پیٹھہٕ سرپرست۔ "چٹان" اخبار کِس مجلسِ ادارتس منز تہٕ آو میٚون ناو وارِیاہس کالس چھاپنہٕ۔

(ہفتہ وار "سنگر مال" سرینگر
20 مارچ 2006ء)

# ریشہ ژٔے سُر میول سانہن سازن

(راہی)

اکھ آیڈیا چھ اَکھ گاشہٕ زٕژ آسان۔ تہٕ خبر کیتھن انہٕ گٹن ہُند وُچھ بُھ پینہِ آن ماہہٕ راوان۔ امیک اَکھ لوکُٹ نمونہٕ چھُ محمد یوسف ٹینگ سُند سرینگر ائرپورٹس شیخ العالم ہِندِس ناوس ستی وابستہٕ کرُنک تجویز تہٕ تمیک رُت نتیجہ 1997ء منز دٔراو یاوُھ رِسالک محمد یوسف ٹینگ نمبر تمہِ کیو ترتیب کار ڈاکٹر محفوظ جالنس پٕرژھہ 'انٹرویوس' منز یُس شایع چھُ گومُت۔

"سرینگرہ ہوأیی اَڈس گوژھ شیخ العالمؒ یا لل دید ائرپورٹ ناو آسُن۔ میٔہ کرِے یہِ کأفی کوٗشش مگر میٔے دٔراوہٕ یہِ ارمان۔ توٚہہِ چھُوٚ میأنی وصیت زٕ امہِ خاطرٕ کرِی زٕ لوٚ کوٗشش"

"ٹینگ صاب یہِ کرنہٕ ستی کیاہ مطلب چھُ توٚہہِ"

ٹینگ صابنہٕ زیبہٕ جوابک اَکھ موخصر اقتباس چھُ:

"کوتاہ زٕبر گرژھ ہے زِ یُھتے کاہہٕ سیاح آکاشہ بیہہٕ یتھ سانہٕ بُتلہِ بیہہٕ قدم تھاوِ، تس سپدِ اَتھہٕ ستی لتعارف، امہِ چہ مُستند تہٕ معتبر علامٔژ ستی ــ یہِ چھِنہٕ ترژھ کأماہ یو سہٕ أسی

یوت کرُو ۔ روم شہر کِس بین الاقوامی ائرپورٹس چھُ مشہور عالم، مصوّر، تہٕ قاموسی لیونارڈ ڈاوِنچی سُند ناو تھاونہٕ آمُت۔ (اِنٹرویو پیتہٕ چھُ لاہور کِس بین الاقوامی اَڈس علامہ اقبالُن سُند ناو تھاونہٕ آمُت)"

پیتہٕ ییلہِ مئی 2005 ہس منز ادبی مرکز کمراز اکھ وفد تمہِ وقتہٕ کِس وزیرِ اعلیٰ مفتی محمد سعید صابُس سرینگرہٕ سمکھ۔ تتھ منز تہٕ ٹُل ٹینگ صابن تمن لِسٹہ پیٹھ سوال۔ 12 مئی 2006 ہس منز کوٚر ریاستی حکومتن اعلان زِ تمہٕ چھُ پیہ ناو تھاونُک کابینہ ہس منز سفارش منظور کُرمُت تہٕ مرکزی سرکارس سوزمُت۔

اَز گے اَتھ وۄنی خبر کیتہٕ رِیتھ مگر یہ چھُ وُنہِ منظوری ہُند انتظار کران۔

__ حالانکہ لیہہ لداخ کِس ائرپورٹس کُشک بکولا رِمپوچے سُند ناو تھاونچ سفارش آیہ دسمبر 2005 ہس منز کرنہٕ۔ تہٕ مارچ 2006 ہس منز اُس پوٗر کرنہٕ آمُت۔

ٹینگ صابنے سفارشہِ پیٹھ دِژ وزیرِ اعلیٰ شیخ محمد عبداللہ صابن 1978 ہس منز جمہِ اکادمی ہندس نوبہ لو تھیٹرس کشیر ہندس عظیم فلسفی تہٕ ڈراماشناس ابھنوگُپت ہندِس ناوس پیٹھ ابھنو تھیٹر ناو کرنچ منظوری۔

__ ابھنو، گو ویسے تہٕ جدید ترین ULTRA MODERN تہٕ یہ تھیٹر اوس تمہِ وِزِ واقعی اُمے آیہ۔ مگر کشمیر یونیورسٹی ہندس اَڈیم تہٕ لوٗبِنہٕ آڈیٹوریمس چھُنہٕ وُنہِ شیخ صابُن ناو لاگنہٕ یوان۔ حالانکہ یہ اوس تمہِ وے شروع کوٚرمُت۔ حالانکہ جموں یونیورسٹی ہندِس ییتھے ہالس چھُ اَکِس غیر ریاستی ملازم سپاہ سُند ناو تھاونہٕ آمُت۔

# بے تاب شاعر مگر صابر ایوب

محمد ایوب اوس نہٕ میٚے زانٛہہ بے تاب ہٕندِ معرفتہٕ ووٚن۔ یہٕ رُودُس واریاہس کالس تٕہٕندِ شاعر آسنٕ تہٕ ئلی مانان تہٕ ہرگاہے کانٛہہ دوست یہٕ ذکر میٚے بٕنشہ بیٚنیہٕ تہٕ بیٚنیہٕ کران روزٕ ہے، یہٕ اوٚسُس مانان زِ یہٕ تہٕ چھُ اُکھتے مأکھتے۔ یہٕ پیٚلہِ لُوٚزُم زِ سُہ چھُ تِتھٕ مٔتہٕ لولہٕ شاروٕنان، یہٕ اوٚسُس وٕشلان ییٚتہِ کُنٛہ کانٛہہ قریبی رشتہٕ دار زٕنی کوتاہ قبأیی سان بروٚنہہ کُن یِیہ تہٕ تٕسٕندٕ نٕنہٕ بدرنگ کانٛہہ اَوٕیُل حِصہٕ نظرِ گژھِہ۔ خبر یہِ وَشفہٕ ماچھُ میٚے ہٕتی واریاہن بیٚنیٚن تہِ یم ییٚنہٕ نہٕن خاصن بس سُبحان اللہ پرٕنکیٚ یوت وِرد کران وُچھن چھِ یژھان تہٕ یہٕ "پیار وبار" ووٚپرٕن ژووٚپرٕن منزٕ وٕہندان۔ ظاہر پیٚہ نہٕ واریاہن پرٕن والین پٔژھے زِ اَسہِ بارٕنیوٚ چھٕنہٕ زانٛہہ تٕہٕندِس شاعر آسنس مُتعلق کینٛہہ کرٕمٕژرٕکہِ چھےٚ کینٛہہ یہِ زِ یہٕ اوٚسُس مألس ماجہِ آدُنک اولاد۔ کیٛنژھاہ تمہِ دقیانوسی وَقتُک تأثیر، تہٕ کیٛنژھاہ میانہِ مزازٕچ گھمبیر ترالے، میانین بٕتیٚنین بایَن سارِنے اوس میون ہیم تہٕ کیٛنژھاہ حیا۔ ایوب نِہ اوس آخرس تام میٚنے ہتی دَندوٕٹُی کینٛہہ کران۔ دٕیان سُہ اوس

تموک، سگریٹ وارِیاہ چیوان۔ ظاہر ما گو تسٕنز کراوار بیمار پموٚے ستی
بیٚوندٕ تہٕ وایہٕ لوٗوکھ رز ژٲٹھ نٕ ژھٹس بٲلیس برٕو ٹھٲے مزار بَل۔ مگر لوٗزٕ ژھٕسو
وٚنان مےٚ چھُنہٕ سُہ پیٚنہٕ نوٚ اَچھو اَکہِ پھِرِ تہٕ بجیٚر نٕلی چیس دام دِوان یا سگریٹ
اَتھس منز تھاوٕتھ وُچھُمت۔ (مرزا افضل بیگ اوس وٚنان زِ تسُند فرزند
چھُ تس تھی ژٕ پیٚٹھ کُن تھاوِتھ سگریٹ زوٚر تھاوان۔ مگر دُہہ نیرِ تس مالکہ
ہے بھُوٚر۔ توٚے پُرژھ تمس بیگ صاحبن اکہِ دوہ ژٕ ے ما چھےٚ ژٕے کُنہ چیز
لاگِتھ تھاوِمژ......) بہرحال، تمس تہٕ مےٚ اوس اَکھ اوٚ ژھ پرِ دِ منز باگ۔
مےٚ چھُنہٕ واقعی تسٕنز شاعری پرِمژ۔ ویسے ہرگاہ پرِمژ تہٕ آسہ ہیم مےٚ چھےٚ
پننہِ پٔرِ ہے تَرِ ہے وضعداری کنس منز وٚنان زِ مےٚ پَرِ ہے تہٕ تتھ پیٹھ لیکھن
سرودِ وانک مال اِکنہٕ خاطر تتھ ہکھ دِتھ تعریف کرنی چھُنہٕ ادبہ کہ شائستہ
گُفتاری ہُند حصہ۔

محمد ایوب اوس مےٚ سیٹھاہ فرمانبردار۔ مےٚ کوٚر تس خاندرٕ تہٕ مےٚ
ژٕ ٲ ر تس کرٕ مھر پننہِ۔ تمۍ بجارن تھاوٕ کار پھن تل تہٕ کرٕ تھ تہٕ کوٚرُن نہٕ اَتھہ
تسٕنز پرِتھ ترتھ نوکری ہُند سنز ٹنز تہٕ کوٚر مےٚ۔ مگر تمہ پتہٕ لوٚگُس نہٕ پانہٕ
رزق گارنہٕ کنہِ وادِ کلبن۔ اَمہِ خاطر روٗدُس سرینگرہ چیٚن وَتن تہٕ وٹہٕن منز
تچھ پچھ کران۔ سانہٕ مشترکہ کرک میزان ڈوٗل تہٕ پتہٕ اوسہٕ سَن نہٕ محمد ایوب
رہتہٕ وادوِ تہٕ وُچھان۔ شپُین کھسہٕ ہاتہٕ اَسَم مول موج حائے حیات۔ بم اسم النہ تہٕ
ولنہٕ پوان۔ باقےٚ آسی ذاتی غرضو تہٕ عضو خاطر جمگھٹہ کران۔ لہٰذا اوس مےٚ محمد ایوبس سیتی
سینہ مُژرأوتھ کتھ کرنک کمے موقعہ پوان۔ سُہ اوس شہر یا تہٕ کمے پہن وسان

نتہٕ ٹرانسپورٹ آسان گژھنہٕ کِنۍ اَندی اَندی واپس ژلان۔ مگر شُکر پروردگارٕ سُند زِ جصہِ رَسہٕ باقے ییتھن معاملن گےٚ نہٕ اَسہٕ زانٛہہ اختلاف۔ تہٕ مےٚ کرٕ کوشش زاگرکانٛسہٕ ژیچھ ہیٚنۍ چھے، زیٖٹھ بویی ہیٚین پہٕ تہٕ سُہ رٔٹِن تژٕ ییٚو منزٕ اکوے داند[1]۔

بیٚنہٕ آسہٕ مأنِس ماجہ وُنہٕ اَچھ وَژھے۔ تہٕ نیاین نٔر دِنہٕ والۍ آسہ موجود۔ محمد ایوبن کرٕ تعلیمہ منز پیش قدمی تہٕ ترقی ہندن ہیرپاون تہٕ کھوٚت۔ پننہٕ ہمتہ تہٕ ہیکتہٕ عتہٕ۔ سُہ آو اَکھ جان اُستاد تہٕ مانہٕ۔ پہٕ اوسُس پہٕ دوٗرٕ دوٗرٕ وُچھان تہٕ وأنج اَسِم، ہشیچ روزان۔ سُہ رُود تتھ دَمس تام اَسان تہٕ لَسان یوٚتانٛۍ کیٚنہہ ؤری بژرو ژہہ لٔسنز تھکہٕ بیٚنجہ[2] ہندِس دارٕ دَمس پیٚٹھ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ ناکارٕ بیمارن ہنز ڈوٗرٕ کانٛۍ بیٚٹھ۔ لسنز آشینز تہٕ میانو اَکھو اَنۍ ہشر مہربیٚنۍ آمنہٕ گےٚ اَکِس کرٕ اوارٕ بیمارِ ہُند شکار۔ محمد ایوبن کوٚرُس پننہٕ مقدوٗرٕ مطابق وارِیاہ علاج مگر اوس تہٕ غریب اُستادٕ۔ کیٚنژھا قضا تہٕ کیٚنژھا کم سامانۍ، نمہٕ سوٚرٕ بیاکھ عالمُ۔ گھند لَدس بیاکھ کھوٚند۔ محمد ایوب اوس لتس دیدٕ مانے بیٚکہٕ لاعلاج بیمارِ ہندن ییٚچن

---

[1] دَپان زِ گرٕ یسی بأے دزاے بیوٚن تہٕ ہیوٗتکھ وراثتس حِصہٕ کرٕن۔ داندٕ اَسکھ ترٕ تے۔ زٕٹھ بأے یکنو اَکھ داند الگ تہٕ دوٚن زِ یہ گو مےٚ زِیٹھ بوگ۔ دوٚیمس کرٕن کھۍچھ پہٕ وُنھد زِ یہ چھُم پنُن حِصہٕ۔ ترٕیِمس آیہٕ وُن پان تہٕ دوٚیُن زِ "یتھ گو یہ ترٕیم، اگر ہیٚے قتل تہٕ گژھن پہٕ تراوٕن ہنز پہٕ زنہےٚ"۔

[2] تمُ چھُ پننہٕ یہرٕ یہ ناو کھووُمُت۔

منز آورنہٕ آمٕت ۔ وٕری یہ وادٕن ژٕلٕن وار یاہ ایذا سٕزٕ تہٕ سرکأری ہسپتالن ہٕندی دکہٕ تہٕ دول ۔ ہٕ اوسُس اَکھ نہ مانس منز بدنصیبی ہٕنزِ اَکہ واوہٕ ہالہٕ پیرو یار واتہٕ نووِمٕت ۔ تسند حالگ اوسُس کم کاسہٕ پٕئے نتھاوان ۔ مگر یچارس اوس وتراوُن بیتراوُن پانسے ۔ ییٚلہٕ مےٚ ہسپتال وانٕس منز تسندِ عذابُک خیال چھُ یوان تہٕ یتہٕ سانہٕن ڈاکٹر صابٕن ہندی ہٹہٕ بُتھہٕن ہُند ، مےٚ چھِ اَچھن ہندی ٹوٗری ٹکہٕ ییہٕ ییتہٕ اَکھ وأنج ژٕٹہٕ وُن ہیوٗ قرار یوان نہٕ اَخرس وُچھس اللہ تعالیٰ ہٕنہ پننہ رحمچ ژادر تہٕ ہسپتالن ہندیو پھندو تہٕ جندو ولنشہٕ دیتنس نجات ۔ یہ کتھ روزِ مےٚ ہمیشہ اَکھ ترٕوش ترٕوش سکون دِوان زِ یم ووکھہٕ آکھ تہٕ چاکھ تس ژألنی پیٚئی تہٕ تم تہٕ وٕری یہ وادٕن ، تمن برٕو نہٕ کنہٕ ولسریوٗوہٕ سہٕ زٕ تھیے ۔ اَندرہٕ کوس نارہٕ لُبسر آسہٕ ہَس تہٕ زانہٕ ہے تٕمی سُندے یان ۔ مگر نیٚبری کنہٕ اوس اَکہٕ باولقار خاموشی ہند باس دِوان ۔ مےٚ چھُنہٕ سہٕ اَکھ بیمارہٕ ہٕنجوٚنس منز تھیے اَچھ اَدراوان وُچھمٕت ۔ اوٚش تراوٕنچ چھُنہٕ کتھے ۔ حالانکہ تٕمی سُند یہ کرنہٕ ہستی اوس مےٚ وأنجہ تلہٕ ٹلیٚن لگان ۔ مُنزی چھِم ظوٗن گرٹھان زِ سہٕ اوس میانہٕ بیمہٕ اَچھن ہندِس کٕنڈی زالِس سوٗ تھی گنڈان ۔ یہ ژٕ ینتھ کُس حالِ بد چھُ مےٚ گرٹھان تہٕ بادِنچ تووٚژھ کتہٕ گے قلمس ؟ ع

قلم ایں جا رسید و بہ شکست

محمد ایوب نٕیس صبر ہسپتالہٕ پننہٕ اَخری بیمارہٕ منز کوٚر سہٕ اوس صبرِ ایوب برٕو نہٕ کُن اَنان ۔

بیا اَکھ کتھ یوسہٕ مےٚ قبرِ منز تہٕ ترٕس ترٕس دِوان روزِ چھِ میون یہ

شُرٕ نہٕ محمد یوسُن گٕڈ عدم آباد س کُن تمہِ وِز ژلکھ ییٚلہِ یہِ جیٚمہ کس وٕ وٕ پرٕ
علاقس منز اوُسس ۔ ییٚلہِ یہِ خبر لُوٗکھ شیٚین وولُس تتہِ اوس مزار
بُلس پیٚٹھ میٚنز لُوناہ تہٕ بیٚیہِ نہٕ کینہہ ۔ امہِ بروٗنہہ اوس میٚے پنٕنہِ ماجہ
حاجرہ بیگمہِ تہٕ پی کورمُت ۔ ییٚلہِ یہِ لتھندِ گُذر نچ شیٚچھی لُوٗکھ آیہٕ اندری
وولُس تمہِ اوس پنُن روےٚ نازنین خاکہ کس برقعس منز کھٹِتھ تھوومُت ،
یہِ خیال کرنےٚ زٕ دوٗرِ کین ذکن اُگی میٚتس لتھندِس خانہٕ ماٗلس یوسفس
ماگرُھن ماجہ ہُند بُتھ وُچھنہٕ کہِ ماہٕ میٚتہ زِندٕ پانےٚ اُچھ تالوس
اُگلیتھ ۔ شفیق ماجہ ییٚلہِ یہِ امہِ سلوکک حقدار لُوٗزس بُوے کیا مانہٕ ہے ۔
اُمی نہٕ کوٗرتی ۔ چھناوناں زِیم برادُن چھُ مُشکل ۔
محمد یوسُف اُسی کینہہ چیز پیٚٹھ باقےٚ میانہٕ کھوتہٕ زبر تہٕ بہتر ۔
سُہ اوس میانہٕ کھوتہٕ قدٕ کنہ تھوٚد ، ہینٕنس واریاہ جُستاوار تہٕ قداوار
ماٗلس ہیوٗ ۔ تہٕ تھوٚد قد چھُ اِنسانٕس اَکھ امتیاز تہٕ شان بخشان ۔
یہِ چھُس اَتھ برعکس پنٕنہِ ماجہ جنتی ہیوٗ سوٚمہ قدے ۔
دوٚیم کتھ یتھ پیٚٹھ میٚے رشک اوس یوان زِلتس اُس حقن
ہمسائین تہٕ لُوٗکن منز میانہٕ کھوتہٕ زیادٕ قبولیت ۔ میٚے چھُنہٕ وُنہٕ تہٕ
کانہہ لفز سمکھیومُت ییمی تسُند بد ووٚنمُت آسہ ۔ تسُند ہر وِزِ آسہٕ وُن
دہان اوس امیک اَکھ ظاہری وجہ مگر لوٗکن ستی تسُند ولوہار تہٕ بایار
تہٕ آسہِ ہیے میوٗ ٹھ میوٗ ٹھے ۔ توٚے زٕنتہٕ اوس نہٕ لتس کانہہ دُشمنے ۔
اُزکی دوست تہٕ کیا چھ دِوان مگر دُشمنن ہندِ ناگہ نہٕ آسنک خیال

چھ اَکھ بڈ فراغت تہٕ فرحت۔ تَس مقابلہ کیا وَنہٕ پَنُن۔ ہر گاہے

مئے کانٛہہ چیز داہ در داہ تہٕ بے پناہ لاریومُت چھُ سُہ چھ شِشترٕن

ہُنٛز فراوانی۔ ڈٕچھنہِ کھووٕری، پیٖتہٕ برونٛہہ، زمینہٕ پیٛٹھ تہٕ چندن منٛز

تہٕ۔ ہم ییم پہٕ زانکھ تہٕ اوٚتام اوس بنہٕ وُنے۔ مگر واریاہ ہم ییم تہٕ

منٛز زانٛہہ سمکھے ہتہٕ چھ یایمن ہئے ہستی کانٛہہ واتھ وٕرتاو چھُپنہٕ

رٔود مُت۔ خبر میون وُنُن چلیا مگر پانس چھُم پی باسان زِ کانٛسہٕ چھُمنہٕ

زانٛہہ مانٛہہ دوارِ واتنو وُمت۔ (الغاٰیہ ہئے کانٛہہ اَتھ گرٛنٛدھ سو گئے

بَشرٰا سیٚنٛج دلیل) مگر ارادِ کرِتھ واریاہن مدد کوٚرمُت تہٕ اَتھ شیٛہلووُمُت۔

کیٚنٛشن شُہ خدس تام زِ پانس ووٚتُم ضرر۔ مگر شِشترٕن ہُنٛزن تَندلَن

منٛز چھِ پیٹھِ صاحب برٛونہہ برونٛہہ۔ اَتھ دٕلواہ کانٛہہ MANUFACT-

URING DEFECT کیٛنہٕ سیّدِ سیٖوٚ ڈے بدنصیبہ، تہٕ کُس اَنزراوِ؟....

اِنشاءاللہ موکھ ہئے موقہٕ دیُت کیٛتھہ گڈ و واتُن تہٕ یہ تٔراوٕ خلقِ خدایہ

ہِندِس عدالتس منٛز۔

بنہٕ ساعتھاہ وَنہٕ اکرم حسب حال

مَشہٕ لوٚکن لاٰل مجنون، ہیہِ مال

آ۔ محمد ایوب اوس واریاہن شراکن ہُنٛز تیزی میانہٕ خاطرٕ

مانٛنراوان تہٕ مئے ترشھن جاین پُشت پناہ بنان ییٚنہٕ نہٕ سَنح بانٛیس

بغانٛر کانٛہہ اَگار لکاریس ہے۔ میانہٕ خیالہٕ چھُ حالی سُندیہ شعر میانٛس

معاملس منٛز غلط ثابت سپدان۔ اَتھ ہینکہٕ یہ وَجہ تہٕ اَسِتھ زِ حضرت

یوٗسفس آسہٕ ہِن ژٕم ماجہِ بیوٚن بأے - ع

آ رہی ہے چاہِ یوسف سے صدا

دوست یاں پر کم ہیں اور بھائی بہت

دوٚیِم کُس رٔژ پٔمِن نیٖرِ بیٚتھِن ہندی چھو کھ پنٕنِ شانہِ پیٹھ تہٕ مےٚ لوٗلتانِس پیٹھ واتناوٕنہٕ الوٚأری ؟

محمد ایوب آوا مےٚ زندگی منٛز بکار کٔرنہٕ مگر پنٕنِس زٕکھس بأیِس پیٹھ کُن ترأوِتھ کوٚر ژٕمی مےٚ یِتی سخ ظلم - اکھ یہ زِ کأژِس بأیِس پیٹھ زِندٕ روزٕن چھُ مےٚ زٕن اتھٕ رٔٹِتھ باسان ع

جیسے کوئی گناہ کئے جا رہا ہوں میں

دوٚیِم یہِ زِ بیٚلہِ میانہِ گرٕ چھیٚنج وأری واتہٕ یوسہٕ دوٚیِمی دوٚر چھنٕہٕ ژٕمہِ وِزِ آسہٕ میانِس تابوٗتس شوٗبہٕ دُن کرنہٕ دوٚر غأب - سُہ ہنہٕ ہے مےٚ پنٕنِ کھلٕن پھیکِن پیٹھ اخری ڈاکھ تراوِنہٕ تہٕ میانہِ غمہٕ وِدِ ہے کھٕلہِ ڈٕلہِ باکھ ترأوِتھ - پنٕنِ میانہِ زندگأنی منٛز میانہِ بیمہٕ ژٕمی کرِتھ ہیوٚک دوٚیِم زِ ژٕمہِ ہندہِ ہستی پٔہن داہ پننی پرٕدی اکھنہٕ وٕلنہٕ - تہٕ میانہِ بے کسی روزٕ ہے پرٕدٕ -

ازٕ چھُم وأنٛج یمہِ خیالہٕ ہتی کوٚرٕ تہٕ لیوان زِ مأیِس ماجہِ پنٕنہِ میوٚن اخری دٔردِل بیوٚکھ مےٚ پرٕ تہٕ چھنےٚ میٚتھ ہُند گوب وُرُن ہیتھ - دوٚیِمی ہےٚ میوٚن عار پنٕہ تہٕ کُس ؟ مےٚ بدٕ زٕد بوٗزِتھ کُس پنٕہ ٹھکھ تہٕ میوٚن رُت بوٗزِتھ کُس پھوٚلِن بوٚ کہٕ ؟ کیا با محمد الیوب اکس ترووھس یہ بُڈِتھ یہے گیا فرمانبردأری ؟ ہتو لاکِن دٔرا کھ سازٕ تہٕ تیتھے ؟

# بھارت ناٹیم زاو کشیر منز

کشیر ہُند عظیم بادشاہ للتادتیہ چھُ عہدِ وسط کہ شمائلی ہندوستانہٕ کہ طرزِ تعمیرُک (ARCHITECTURE) بانی کار مانہٕ یوان۔ مگر ہندوستانہٕ کہن پرانہن فنونِ لطیفن ہندی بڈی بارٕ مُبصر تہٕ ماہرا کھتے ٹاٹا فاونڈیشن کہ طرفہٕ شایع سپدن والہِ بھارتہٕ کہ سارِوے کھوتہٕ بڈٕ آرٹ میگزین (THE MARG) ترتیب دِنہٕ وٲلی سورگیہ ملک راج آنند سِندِ وَنہٕ چھُ (2003-1910ء) کشیرِ منزٕ زامُت تہٕ پھبیوٗمُت۔ تسند وَنُن چھُ "بھارت ناٹیم ڈانس زاو عظیم کاشُرس بادشاہ للتادتیہ سِندِس دربارس منز نہ کہ جنوبی ہندوستانس منز، یہ زَن ازکل فرضی طور روایت کرنہٕ یوان چھے۔"

ملک راج آنند۔ 29 جون 1991ء

بہ حوالہٕ CRAFT DEVELOPMENT شایع کردہ: سمپارک

البتہٕ چھُ تَس سٕنہٕ گنزراونس منز غلطی گامٕژ، یوسہٕ یا تہٕ ملک راج سِندِ بڈیمتہٕ ژہتہٕ وٗوتریک قصور چھُ نتہٕ پروٗف پرٕنک فتور۔ یُس چھُ اتھ ژوٗرِ مِہ تہٕ پینٛژی مِہ صدی ہُند معاملہٕ وَنان۔ حالانکہ للتادتیہ سُند زمانہٕ اوس اٹھمہِ صدی ہُند وَسط۔ شاید اَس نہٕ رٕنچ گنڈنچ یہے طاقتور روایت یہِ زین العابدینن کوٗر کرناٹک سنگیتک گوڈنیک عالمی سمیلن کشیر منز (یہ چھُ جنوبی ہندوستانک سنگیت) تہٕ تمۍ سندِس دربارس منز آسہٕ تارا تہٕ بیۍ تہٕ کینہہ باکمال زَنٛان واجنہٕ۔

# فرہنگِ زفان گویا

## (اَکِس کأشِر سِنٛزِ نظرِ منٛز)

زبانہٕ چھےٚ اِنسأنی جذبٕن تہٕ جنونن، تجارت کرن لوٗشن تہٕ تماشن تہذیب چن نزاکژن تہٕ نفاستن تہٕ آدم زادن ہندٮ۪ن رشتن رِوایتن تہٕ ہمتن ہندٮ۪ن آوی جارن تہٕ زاوی جارن ہُند پونبرِ پوٹ وونان۔ کشیر چھےٚ دیس پردیس تہٕ ویلن ویلایتن ہندٮ۪ن لوٗکن ہُند ژُ ووت تہٕ چوک بازر روزِمرٕ۔ اِنسان چھ فأنی تہٕ میٛژِ منٛز والس گژھان۔ تہذیبی لہرن ہُند یُپ چھ کیٛشرس کالس گرٕژان تہٕ بیٛتہٕ رأسہٕ رأسہٕ سوتان تہٕ ہمان۔ البتہ تہندٮ۪ن زبأنٮ۪ن ہندی لفظ بیترِ چھ پرانٮ۪ن منقن ہندی پاٹھی اِنسأنی زرٮ۪ون پیٹھ سفر کران تہٕ تہذیبن تہٕ یادداشتن ہِنز کھرٕ نہٕ کھٕسِتھ نانیان تہٕ چلان روزان۔ کأشر زبان چھ اَمہٕ میٛٹھ باپارُک اَکھ سٛٹھاہ خوشحال گنج۔ یِم لفظ چھ وارِیاہن صورتن منٛز کأشرِس اِظہارس تیوٗت سمس سوٗم سپدیمتہٕ زِ اَز چھ مازٕ تہٕ نم ہی اَکھ اَکِس عٕتی واٹھد تہٕ وابستہٕ۔

فارسی زبأنی ہندِس معاملس منٛز چھےٚ یہ کتھ زیادے یٮ۪ہن ییٚزِ فارسی

چھےٚ دُنیہچو عظیم زبانو منز اکھ۔ یہِ اَس پرانہٕ دُنیاہکِس عظیم تہذیب تہٕ عالمی طاقت ایرانچ زبان۔ یمیٚ عیسیٰؑ ہندِ زاسنہٕ پتہٕ تہٕ بروٚنٹھہٕ کین ساسہٕ کھوتہٕ زیادٕ وٕرِیَن دُنیہس راج چھُ کوٚرمُت۔ روٗم ہارنو و عربو پیٹھ بر پاسیدی متی اسلأمی انقلابَن تمہِ کِس دورِ زوالس منز۔ ییلہِ اَمہِ کِہ طاقتچ گنٹھ اسمانَن کھسنہٕ پتہٕ واپس زٕٹہٕ آس گژھان۔ مگر فارسن اوس اَتھ اَمہِ کِس پورِ کأج کالس منز دب کوٚڈمُت۔ رسمی توٲریخن ہنٛز چھےٚنہٕ کیہہٕ۔ پانہٕ قرآنِ مجیدُک الہأمی بیان چھُ امیک تصدیق کران[1]۔

کٔشیرِ منز کوٚر 1339ء پیٹھہٕ برابر 1819ء تام فارسی نواز حکمرانو راج۔ پانہٕ حکمرانَن ہنٛز اَس اَتھ منز کیہہ پہن لادن تکیازِ فارسی زبان آس تمن وقتن منز تتھ سأری سے سوادِ اعظمس منز لہر ماران یُس اَکہِ طرفہٕ ہمدانہٕ پیٹھہٕ حیدرآبادنہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ بصرہ پیٹھہٕ باکو تام واہرأوِتھ اوس۔ یِم حأکِم فارسیک مۄغلُ ڈیشتھ پانہٕ گٔلی آسی گژھان، تمن نہٕ اوس پنُن تخت سلامت تھاونہٕ خأطرِ فارسیک پھیُہ وایُن پیوان یُتھ سلطنتہٕ کِس ستی سرس منز پنُن ہیٚتے تھتے کھوٚچ روان ہیکہِ ہَن تھۄوِتھ۔ لاہورِ کی سنگھ نہٕ جیمکی راجپوت مِنہِ آسی یِتھی جرمُنز خوجہِ[2]۔

یہِ سلسلہٕ روٗد تۄتام رسمی طور جأری یوٚتام 1889ء منز فارسی

---

[1] وُچھو قرآن مجیدُک سورۃ الروم..... یمیٚہ چہ اِبتدأیی آیات چھِ غلبت الروم....

[2] ڈوگرہ میاں راجپوت۔ گلاب سنگھ اوس اَمے کرانیک تہٕ تمہٕ آسی یمیٚ اوٗ اشناو کٔشیرِ ہندی بے دسگاہ مالکھ بناوی متی۔

سرکاری زبانی ہندِ حیثیتہٕ برٕ کنی کڈٕنہٕ آے تہٕ اُردو کس تازٕ دم کھارٕ کس آوزین ساز کرنہٕ۔ مگر اَمہِ کھوتہٕ اہم کتھ چھِ یہِ زِ فارسی اُس عیسوی سنہٕ کس ڈیسلابَس تہٕ برونٹھہ کشیرِ منز دربارن تہٕ دیپارن ہنز بھٕژ ذر روٗزمژ۔ یلہ ایرانک دُرفش کاویانی[1] رومہِ پیٹھ تاشقند تام گیہ ماران اوس، کشیر اُس ہخامنشی بادشاہن تہٕ دارائے اعظم ہندِ سلطنتک اکھ حِصہ۔ بوزوے تہٕ تمی آدِ کالہٕ پیٹھٕ اوس فارسی لفظ راشُن کشیرِ ہنز زرخیز میژِ منز پھٕبان تہٕ سٕزان۔ نتیجہ چھُ زِ کینہ تِتھی فارسی لفظ چھِ سانہِ زبانی منز تِتھی کنی شٕرپتھ اَکھ پَنُن وجود پُشرِتھ گاہتی پیٹھ کنی تیلہ دِگنی کُنہ ریشمی پارچس تیلان تہٕ میلان چھِ ..... اکھ حدس تام زِ یتھین کینژن لفظن متعلق چھُ اَزٕ تہٕ سونکٕت دِیُن مُشکل گژھان زِ یم چھا ورٕ پور کُن وُٹھی متی کُنہ یور ہیور کھٕنی متی۔

نوم سطرِ لیکھن والِس سپیز کینہ وری برونہہ اکھ زٕ بٔڈ فارسی ڈِکشنری وُچھنہٕ متہ ہش وُنن۔ یہِ ڈکشنری چھےٚ فرہنگِ زُفان گویا۔

فرہنگ زُفان گویا و جہان پویان چھےٚ بدر بن ابراہیم سٕنز تالیف یوان مانٕنہٕ۔ یہِ شخص اوس اَزی کہِ مشرقی اُتر پردیش کہِ قصبہ جونپور ک۔

---

[1] دُرفش کاویانی: ایرانی بادشاہ ضحاک سندِ وقتہٕ بناو کاوٕ آہنگر ناوِ اکھ کھارٕ کُٹھ یہِ علم۔ اکھ آسی لال تہٕ موختہٕ جڑتھ۔ یہِ روٗز گوڈنچہ صدی ہجری (٤٥ ھ) تام ایرانچ قومی علم۔ جنگ قادسیس منز دِژ عربو آخری کسریٰ یزدگردس شکست تہٕ یہِ علم تہٕ آیکھ قبضس منز۔ پتہٕ آیہ اَتھ حِصہ بٹاے کرنہٕ تہٕ یم حِصہ آیہ مالِ غنیمت کہِ حیثیتہٕ اَمہِ جنگ کین فاتح مجاہدن منز باگراونہٕ۔

اَمِچ اَزِچ صوٗرت چھےٚ جون پور تہٕ یہِ اوس اِسلأمی دورس منٛز علم و ادبُک اَکھ اہم مرکز۔ اَتھ فرہنگس متعلق چھُ حافظ محمود شیرانی تہٕ بٔنیہ وارِیاہو تحقیق لِگاروِ لیوٗکھمُت زِ یہِ آیہ 822 ہجری یا اَمہِ بروٚنٛہہ ترتیب دِنہٕ، یعنی 1371 میلادی یا اَمہِ بروٚنٛہہ۔ یہِ چھےٚ فارسی چِہ قدیم فرہنگو منٛز وارِیاہ اہم مانٛنہٕ یِوان۔ کِتاب ہٕنٛز توأریخی تہٕ لِسأنی اہمیت نظرِ تل تھٲوِتھ آیہ خُدا بخش اورینٹل لائبریری پٹنہ کہِ طرفہٕ شایع کرنہٕ۔ اَمِچ جدید ترتیب دِژ یونیورسٹی منٛز فارسیکی مشہور تہٕ مُستند پروفیسر نذیر احمد صأبن۔ پروفیسر نذیر احمد زایہ 1915ء منٛز۔ تِم چھ وُمبرٕ وُمبران فارسی ادب تہٕ زبان کِس تحقیقس منٛز مصروٗف روٗدی مٕتی تہٕ اَتھ منٛز چھکھ تِمو کارنامہٕ اَنجام دِتی مٕتی زِ اہلِ زبان تہٕ چھِ وَنٛنہٕ وأجِنہٕ تِمَن داد دِوان تہٕ تِہنٛز اُستأدی ہُند اعتراف کران۔ تِہنٛد ترتیب دِیِمُت دیوانِ حافظ چھُ دُنیہک سارِوٕے کھوتہٕ مُصدقہٕ تہٕ معتبر دیوان مانٛنہٕ یِوان تہٕ یہِ چھُ ایرأنی حکومت کہِ طرفہٕ شایع کرنہٕ آمُت۔



یِم لفظ زُفانس منٛز درج چھِ، تِمَن بیٚٹھ کأشُر آسنُک گُمان چھُ گژھان ہیٚکن، پانٛہ ترتیب کارٕ سٕنٛدی کِنہِ فارسی، تازی (عربی) ترکی تہٕ یونأنی آسِتھ مگر یِمَن چھُ تیٚتھ کأشُر مُشک زنتہٕ چھُ کأشُر بیٚٹھ یِمَن زبانَن ہٕنٛزن لفظن کُن وُچھ تِلِتھ گأمٕتی۔ اَمہِ سٕتی چھا کأشُر اَصلِچ کینہہ ثابت سپدان تہٕ وَنُن چھُ مُشکِل مگر اَکھ کینہہ چھےٚ ٹاکارٕ زِ یِمَن زبانَن سٕتی کأشُر یک بوٗلُن

بوٗنٕ چاٗلُن تہٕ پٔژن سٔژن چھُ واریاہ پرٛوٚن۔ یِمن دوٚہن ہِیہٕ زبانہٕ

کشیٖرِ منٛز اقتدار کٔس ہیٚو یتھ کھٔسِتھ نژان پھیٚژان آسہٕ تِمن دوٚہن تہٕ

اٗسہ کاشُر زبان یتھ سرزمیٖنس پیٚٹھ موجود تہٕ زمیٖنی پٔژرن آٗنہٕ ہاوان۔

فارسی یِیہِ کیاہ زِ سنسکرت کٔس آدن کالس منٛز یعنے ییلہِ ویدک آریہ

کشیٖرِ منٛز زنگہِ واہراوان تہٕ ییٚتہِ کہن آدِ واسین یعنے ناگن زنگہٕ کڈان اٗسی،

تِمہِ وِزِ تہِ اٗسہ کاشُر زبان ییٚتہِ موجود۔ یِہِندِک اکھ ثبوت ناگ آریہ

بھٹوٗلہِ ہٕنٛز شاہد لگہٕ کتھ ہیٚ مال نٲ گراے چھِ۔ اَتھ منٛز چھِ نالکایہِ

ہُند ناو ہیٚ مال نہ۔۔۔۔۔جو ہیٚ مال نہ۔۔۔۔۔ییٚس اکھ شوٗد کاشُر ناو چھُ تہٕ

یُس اَز ساسہٕ بدلہٕ وٕری لوٚ پیٚٹھے کاشرِس لگہٕ ژھینس چھُ۔ تہٕ یِمکی وقوعاتی

شُیُن سریہ ہندِس اَندی پکھس منٛز طوطہٕ TOPOGRAPHICAL PROOF

ہیٚ بولان چھِ۔ یہٕ وُژھ منٛزی کتھ۔ وُنِ چھُم زِ زفان گویاہس منٛز ییٚتی تیٚتی

لفظ کاشُر روٗخہ موکھ بوزنہٕ چھِ یوان یِمن چھِ کاشُرہ اَنہار ہیوٗ باسان۔

کیٚنہ نموٗنہٕ چھِ حاضر:

بوٗش : کرّوفر را گویند

کاشرِس منٛز چھُ اَتھ فخر، ناز تہٕ اَکھنے کبر تہٕ مفہوم۔

پرخاش : کارزار یعنی جنگ و شور و فریاد یعنی بِبائی پارسی گویند۔

ع کاشری پاٹھی چھس باز خاس، تلاش بیتر تہٕ مفہوم۔۔۔۔

"سوٗنتھ ییہ پانے تُلہِ پرخاش" (مہجور)

بم : بانگِ بُلند

کأشرِ پأٹھۍ چھس تلاطم ہتہٕ مارُن زٕٹُن ہتہٕ مفہوم۔
للہ دیدِ ہُند مصرعہٕ چھُ ع
"پرواہٕ ژٕدرِ روٗٹُم ہتہٕ ٹُلمس بَم"

بالنو : عروسِ خانہٕ آنرا کہ بُتز کی خالون گوئیند
کأشرِ پأٹھۍ چھُ زیادٕ پہن باکرہ یا دوشیزہ کورِ باپتھ ورتاونہٕ
یوان۔ نِکاح کرنہٕ وِزِ چھِ مولوی مہرازس پرٕژھان "ژٕے
کوٗرِ بتاموخنہٕ بالنو سُند نفس قبوٗل؟"

بنہٕ : انباع و رخت خانہ را گویند جہانکہ بنگا یعنی جائے رخت و
بندار خانہ دارد۔
کأشرس منز چھُ اکھ 'بنگال' گوٗمت ع
"وُتھرِے سینہٕ کِس بنگالس"..... (رسول میر)
بنگالہٕ اوس پرانین کأشرین اَشرافن لرین ہندِس بامس یعنی
تالہِ پیٹھ آسان۔ یہٕ آسہِ ہے رخت بدلاونک کُٹھ آسان۔
یورہٕ عام یِن گرٕژھن آسہِ ہے آسان ہتہٕ توٗے خلوت.....
"بندار خانہ" لوہٕ کنہِ چھِ زُفالس منز وَرٕژھنے:
"بضم ...... رخت خانہ"
رسول میرنس مصرعس منز چھُ بنگالہٕ کہِ تھزرس پیٹھ آسنہٕ کہِ
نسبت اکھ زنانہٕ ہندِس وُچھس سٕتۍ تشبیہ دِنہٕ آمٕژ ہتہٕ اکھ
لطیف شوخی پأدٕ کرنہٕ آمٕژ۔

بنفشہ : چھُ پوشس ناو اُسی ہیتے مگر یہ چھُ اَکس خوش پسند رنگس تہِ ناو یعنے کبود PURPLE - یہ چھُ کاشُر جامہِ وارک خاص رنگ ۔

برّہ : بچہ گوسفند ...... کٕٹہٕ پوٗت، بنیادی طور ترُکی زبانی ہُند لفظ یُس مےؔ قازقستانس منز تہٕ ٹٔن گو ..... دِلہِ ہندِن موغلایی ہوٹلن منز یُس برہ کباب چھُ میلان، سُہ گو کٕٹہٕ ماز بُزتھ۔

بنجرہ : سوراخی یا دری بود کہ از خانہ ہا کاخہا سوئے کوئی و بازار بود.... کاشرس منز چھُ ڈسلابک 'ب' 'پ' بنیومُت تہٕ لفظ پنجرہ ییمہِ منز پنجرہٕ کاری، پنجرٕ پٔڑ بیتر درامتی چھہ ۔ ع

"زالی پنجرٕ و مُنزی نظر تراو  بالی آسہِ مے مُشراو"

برمہٕ : سوراخ کُن درودگراں ۔
کاشری پاٹھی تہِ چھہ زدس یا ترمَس وَنان ۔ درودگر گو فارسی پاٹھی چھان ۔ یہ چھُ چھانن ہُند اوزار تہٕ ۔

بنوہ : خرمن ....
کاشری پاٹھی چھُ واو وُسی پیوٚمُت تہٕ بنے یوت روٗدمُت ۔ یہ گو انبر، ڈیرِ بیترِ ۔ گاسہٕ بنہٕ، میٚتھرٕ بنہٕ یا لوٚن ۔

پاسخ : گو جواب ۔ کاشرِن مثنوین منز چھُ فارسیس منز وارِیاہ وَرتاونہٕ آمُت ۔

پار : روزِ ہائے گزشتہ ۔ پار سال
گاٗشرِ پاٗٹھی چھس پرُس (پارُس) گوٚمُت یعنے ئتم وری۔

پریر : پیش از دی۔
کاٗشرِ پاٗٹھی چھہ اَمی حسابہٕ پریرُس (پیارُس) یعنے ئتمہٕ
برونہہ ک وُری۔

پلاس : پشمینہٕ۔
کاٗشر پلاسمن ریشی ماآسہٕ ہے یوٗ ہے لاٗگِتھ تہٕ نوٗ ے
پیوس پہٕ ناو۔

پریش : بہ معنی پریشان۔
کاٗشرِ پاٗٹھی "پرِٕش" پرِٕشہٕ دِل بیتر۔

پاٗتلہٕ : یعنی کراہی (کڈاہی) کاٗشرِ پاٗٹھی چھس پتِلہٕ گوٚمُت،
یُس کڈاہہٕ لِنشہٕ الگ بانہٕ چھُ۔ پرانِہ وقتہٕ ماآسہٕ ہَن اَکھ
کڈاہہٕ ہنز کاٗم ہیوان، تِکیازِ کڈاہہٕ خاطرِ چھُنہٕ اَسہٕ بیوٚن
کاٗشر لفظ۔ تاٗو چھے بدلہٕ مفہوم تھاوان۔ خبر کراے ماپیس
برو بر۔

پنجرہٕ : قفس۔
کاٗشرِ پاٗٹھی تہٕ پی۔ یتھ منز جاندارہٕ بند پیہٕ تھاونہٕ۔

پیمانہٕ : بدان ہر چیزی پیمانید۔

پینز : پینہٕ ستی کانٛہہ چیز بیتر مینہٕ بیترِ پیہٕ۔

پی (پے): پیش و نشانِ پاے۔
کأشرِ پأٹھۍ نیب نِشانہٕ بیتر۔ پے تہٕ

توتیا: سنگی است کہ سُرمہ سازند۔
کأشرِ پأٹھۍ تہٕ یی۔

تالواسہ: اندوہ، بے قراری
کأشرِ پأٹھۍ تہٕ یی۔ پریشأنی، وہم بیتر۔
شعرِ اُستاد چھُ نقل کرنہٕ آمُت ع

زِ بَس تلواسہ کاندر جانِ من بُود
تو گُفتی مُردنم درمانِ مَن بود (اشہری)

تازیانہ (قمچہ): کأشرِ پأٹھۍ چھِس تازُن تہٕ وَنان۔

تغارہ: آوندِ بُزرگ رُو کُشادہ۔
کأشرِ پأٹھۍ آب تھاوِنہٕ نٕچ لٕگأری، بأٹ۔

تودہ: انبار..... بنہٕ، بوٗن۔

چاروا: اسپ و ہر چہ از مواشی باشد۔
ژوٗرن زنگن ہُند جاندار۔ کأشرِ تہٕ چھِ چاروأے ونان تہٕ چوچاروأے تہٕ۔

چنار: نامِ درختے۔ کأشرِ پأٹھۍ چھِ بوٗنۍ تہٕ وَنان۔

چَندن: صندل..... کأشرِ پأٹھۍ ژندُن

ابلق: یعنی دو رنگ
کأشرِ پأٹھۍ صِرف گُرِ ہِندِ خأطرٕ مخصوص یعنے ابلق گُر۔

خیش: جامۂ پنبہ آگندہ بافتہ۔
کأشرِ پأٹھۍ کھیش۔ اَتھ چھ وونی محاورِ نہٕ بنے متہٕ۔
"گوڑ کھیش اَدٕ درویش"۔ بیتر۔

خراک: بانگِ خفتہ۔
کأشرِ پأٹھۍ چھس خرٕکھ بنیومُت۔ اُردو پأٹھۍ خراٹے۔

خام: ضدِ پختہ۔
کأشرِ پأٹھۍ تِیی۔ اَصل کأشر چھ اوم۔

خلم: آب بینی بتر۔۔۔۔ کأشرِ پأٹھۍ ہِنز (کھِنی)

خان: بادشاہِ ملکِ سمرقند
کأشرِ پأٹھۍ تہٕ زوراوار لوکَن ہنز ذاتھ۔ ملِک ذأژ ہیو۔

ختلان: نام ولایتی است در ترکستان کہ آنجا اسپ خوب خیزد۔
زُفان چھِ حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانی ناماوار بننہٕ
برونہہ لیکھنہٕ آمژ۔ کشیرِ منز چھ ختلان تہندے پاک نسبت
ستی زانہٕ یوان۔ اَتہٕ چھ تہند ذاتِ شریف تہٕ تہندی فرزند
حضرت محمد ہمدانی اوسودٕ۔ کشیرِ منز چھ پتہٕ ہتھ وَری پہ عُرسِ
ختلان مناونہٕ یوان۔

خشارہ: پاک کردنِ باغ وکِشت را از گیاہِ خودرُو۔
کأشرِ پأٹھۍ تہٕ چھ فضول چیزن وَنان، اَخِتے گاٹس تہٕ۔

تاجِ خروس: کوکرِ سِنز ووڈہِ ہُند تاج۔ یعنے سو گرٕ ہتھ تہٕ ژٔرِ ہتھ چھَل

یوس کأشرس (دیسی) کو کرس کلس ییمٕڑ آسان چھےٚ۔ بٕہ
یٔتھ ماز رنگ آسان چھُہ۔

خستہٕ : مجروح

کأشرِ پأٹھۍ چھہِ آوسیمتس ہٕتہ تنگ دست اِنسانس تہٕ وَنان۔

خواجہ : دستوٗر و صاحب و حاکِم۔

کأشرِ پأٹھۍ سوداگرس یا دیارٕ وألِس وَنان۔

داب : خصلت و شان و جبّاری و پیدا کردنِ کرّ و فر۔

کأشرِ پأٹھۍ دَکھ دِنس، بڈیمی ہاونس، کھوڑناونس ونان۔

رعب و داب۔ دابہٕ ونان بیتر۔

داس : بہ ہندوی درانتی گویند۔ کأشُر دژوت

درنگ : آہستگی

کأشرِ پأٹھۍ دَرنگی کرٕنی۔ ژیر لاگُن، حیلہٕ کرٕنی وغارٕ۔

دُغل : دولاب و مردِ سفلہ۔

کأشرِ پأٹھۍ دَغل دوٗزٕ، دوٗغُل دست، اُتھی مفہوٗمس منز۔

داہ : یعنی عشرہ

کأشرِ پأٹھۍ تہِ یی۔ یعنے دہٕ۔

دستوانہ : کأشرِ پأٹھۍ دسوانہٕ ع

"میتے ہاکرٕی ژٕیے کتی پوشہٕ دَسوانے" (حبہ خاتون)

دوشیزہ : بکر یعنی دُخترِ شوی نا پیوستہ

کاشرِ پأٹھۍ تہٕ کرِ کورِ ہندِ بابتھ قبول سپُدمُت۔

سردابہ: گورخانہ ومدفن گبران۔ ہرآدمی کہ بمیرد درتابوت کُنند دوران نہند۔

کأشرِ پأٹھۍ سرتابہٕ۔ کأشرؠ مسلمانو قبوٗل کوٗرمُت۔ سرینگر کِس مزارِ کلانس منز چھِ واریاہ قبرٕ یمن سرتابہٕ بناونہٕ آمتہٕ چھِ۔

درمنہ: گیاہی است در خراسان کہ اسپان خورند۔
کأشرِ پأٹھۍ درٕمُن۔ مشہور ینچہ ذاتھ۔

دبدبہ: آوازۂ بزرگی۔
کأشرِ پأٹھۍ شان۔ بڈٕ ہی، رعب و داب

رباب: مشہور سازُک ناو۔ کأشرِ لکہٕ موسیقی ہُند مأرِ موٗند ساز۔ فارسییس منز چھُ رباب اَکِس عاشقہٕ سُند ناو تہٕ یُس دعدس پیٹھ فِدا اوس۔ دعد و رباب سُند لولہٕ قصہ چھُ فارسی ادبُس منز مشہور۔ ڈاکٹر نذیر احمد چھُ حاشییس منز لیکھان:
"اگرچہ فارسی شاعرو چھُ رباب و دعدلأیہِ تہٕ مجنونہٕ سُندی پأٹھۍ عاشق تہٕ معشوق قرار دِتی متی۔ مگر اصلاً آسہِ رباب تہٕ دَعد دوشوٕے زنانہٕ۔ اَدٕے چھُ یہِ ہم جنس (LESBION) لوٗلُک ترجمان قصہ۔"

روس: ولایتی در ترکستان۔

غور طلب چھُ تمہِ وِزاوس ہٕنہ روس الگ ملک تہٕ یہٕ اوس
تمہِ وسیع بیابانک اَکھ حِصہٕ یتھ ترکستان وَنان اُسی۔

رخش : قوس اللّٰد کہِ اورا خلق از جاہلی کمانِ رُستم گویند۔ نام
اسپِ رُستم پہلوان۔
یعنے یہِ چھُ قوسِ قزحُک اَکھ ناو۔ پرأنی ایرأنی اُسی اَکھ پنہٕنس
قومی ہیرو رُستمس بستی منسوٗب کرِتھ کمانِ رُستم وَنان یتھ
مسلمانو دُرستی کرِتھ قوس اللّٰد وَن تہٕ کأشرو علی صأبنٕ کمان۔
رُستم سُند گُر..... کأشرِن داستانن منز چھِ کتھِ ذأتھ
ہِندس گُرِس تہٕ رکھچہ وَنان یوسہٕ رخشہٕ چی اَکھ صورت چھِے۔

رزہ : رِشتہ کہ بروہر چیزے اندازند۔ کأشر رَز۔

ربوخہ : خوشی و ذوقِ جماع تا ہر کہِ بہ وقتِ جماع۔
بہ خوشی رس گویند، ربوخہ شُد
کأشری پأٹھۍ زنانہٕ مردِ سُند وَصل سپدِتھ چھُٹن۔ انگریزی
ORGASM اَتھ چھُٹنہ کاٗنہہ الگ تہٕ معنہٕ سوو کأشر
مُترادف۔
مأہرن ہندِ اندازٕ مطأبق چھُ اَکس اوسط مردس وٕری یس منز
باہ یا ساڑ باہ مِنٹ یتھ ہیوٗ لطف یا آنند لیوان یِیلہِ تس
بزی روٗم روٗم جسمأنی لُطف اندوزی ہنز تھ ناوِ کھسہٕ یوسہٕ
تس گورہ گورہ کران تتھ سرٕدس منز واتناوان چھُ یُس

دُنیاوی لذتن ہُند عروج چھُ۔ دپان ہِمن مزہ دار تہٕ ہین
ہیے ہنا پایدٲری آسہٕ ہیے منوشس مِٹھہٕ ہیے سوز ہِگیچھ کل۔

زز : پیر کُہن۔ ضدِ برنا۔ ازیں جاست کہ زالِ سام را زالِ زز
گویند از بہرِ مُوئے سفید۔
حاژت چھُ زِ کٲشر 'زز' لفظُک معنی تہٕ چھُ بلکل یی تہٕ حرف
چھِ دوشونی منز ہیتی قریب۔ 'ززہٕ' سیٚود کٲشری پٲٹھۍ 'زز'
اُتھ متعلق چھِ وارِیاہ سوال پٲدٕ گژھان۔ تکیازِ 'زز' علاوٕ
چھُ کٲشری پٲٹھۍ زژُر تہٕ ززرُن ہوی لفظ تہٕ ہیم کیتھہٕ گئی
واٹہٕ ہوکھ 'زز' لفظس ستی تِمہٕ منز چھِ اِشکال گژھان۔

زہار عانہ یعنی شرمگاہ۔
کٲشری پٲٹھۍ چھِ بلضے زوٚکس لیعنی نِتھہٕ جُزٕ، یوسہٕ زنانہٕ یا
مُرد ہندہِن خاص تانَن اُندی اُندی آسان چھےٚ، مُوئے
زہار تہٕ وَنان۔

زُگال : ینگرُیس آب ژھنِتھ ژٕنی بنہٕ۔ اُمہِ چھِ لداخی منز تہٕ
اَکھ معنی یہ۔
کٲشری پٲٹھۍ کُنہٕ وُلہٕ وُریبہٕ چیزس وَنان۔۔۔۔ زُفان ہندِ
حسابہٕ چھُ یہ ارمنی زبٲنی ہُند لفظ۔

زنگلہ : جرسِ خورد کہ بچگان بندند۔ کٲشر زونگلہ۔ روٕنہٕ۔
سندان : بدآنچہ آہن کوبند۔ ڈوکُریالوکُٹ لوٗنگ۔ کٲشرس منز تہٕ

اِستعمال سپدان۔ مقبول کرالہٕ واُری سُند مصرعہٕ چھُ ع
صریرِ کلک نقطہٕ سنگین ترز سندان

**سُرنائی :** نائی تُرکی ..... کأشِر سورنے۔ یہ چھُ اصلی تُرک سازٕ تہٕ
تتی پیٹھٕ کشیر آمُت۔

**شوٗب :** دستار، کأشِرِ پأٹھۍ شان یا زیبائی۔
سنسکرت شوبا یہٕ ستہٕ واٹھ۔

**شنکل :** دُزد و راہزن۔
کأشِرِ پأٹھۍ شانکل۔ زاگہٕ روزن وول ہُشیار

**شال :** گلیمی خُرد۔
کأشِرِ پأٹھۍ شال یُس پھیکِن پیٹھ تراوان چھ۔

**شران :** باران تُند
کأشِرِ پأٹھۍ زبردس رُؤد ہیوٚن، رُؤدِ شرانہٕ وسان چھ وَنَن۔

**شروانی :** نام ولایتی
کأشِرِ پأٹھۍ شیروانی تہٕ یِتھ کنہٕ بخاری بیتر۔ حالانکہ دود کھَن
والین تہٕ اُسی شیروانی لیکھان۔

**شیہنہ** آوازِ اسپ
کأشِرِ پأٹھۍ لسانی قاعدو مطابق گوڑٕ شین (ہ) بنان۔ اِتھٕ
کنۍ "ہشھ"، "ہنھ" بنان چھُ) تہٕ کأشِرِ پأٹھۍ ہِنۍ۔ گُرۍ آوازٕ
بأپتھ محاورن منز تہٕ اِستعمال سپدان۔ "گُرۍ ہنز ہِنہٕ چھکھ

پٔرٛھ کران، میاَلِس آلوٗس پٕ۔"

شرزہ: شرزہ شیری راگویند کہ در دُم او مادہ باشد۔
کأشرِ پأٹھۍ یِہ اَکِس قیأسی جالوٗرٕس ونان۔ دپان چھُ بالَن کھسان یُتھ زوٗن کھسھ ہیکہ ہے۔ مگر پتہٕ ڈٕلِہ گژھان۔ کأشرِ شأعری منز واریاہو استعمال کوٗرمُت۔

غر: آنکہ در گلوی مردم برآید کدو دار۔ بیشتر در حلقِ مردمِ فرغانہ بود۔
گوٗڈُر، یُس برونہہ کالہٕ IODINE چہ کمی کِنۍ واریاہن کأشرن نیران اوس، خاص طورٕ چھرٹ علاقس منز۔ اَتھ متعلق چھُ شیخ العالمؒ ہن سنٛز منسوٗب یہِ ڈٔبیُتھ مشہور:
"دگہِ روٗ ستےٚ رگہِ پھِل"

غازہ: گُل گونہ بود کہ زنان در روئے مالند یعنی سپیدی و سرخیٔ زنان۔
کأشرِ پأٹھۍ یِہ چھُ غازہ اَتھ مفہومس منز استعمال سپدان۔

فرتوت: پیرِ سال خوردہ یعنی سخت پیر۔
کأشرِ پأٹھۍ یِہ زَژُبڈس ونان۔

قولنج: نامِ علتی است از باد۔
کأشرِ پأٹھۍ کوٗلنج، اَتھۍ مفہوٗمس منز۔

کلوچ: نانِ زیرہ۔ کأشرِ پأٹھۍ کُلچہ اَکھ الگ زٕوچہ داتھ۔

کلوخ : پارٕہ گُل خشک کردہ۔
کأشرِ پأٹھۍ تہٕ کلوخ۔ مێژٕ ژُ یێمہٕ سٟتۍ پیشاب پھیرِ خشک کران چھہ۔

کرود : چاہی کہ آب از بدشواری کشند۔
کأشُر کرٕوٗل (کنواں) ییمہٕ منٛز آب ہیوٚر کھاران چھہ۔

کشاور : مزروع، کاشتکار
کأشرِ پأٹھۍ زیادٕ پٕہن زمینداری منز ورتاوس لاگنہٕ خأطرٕ ساماننس وَنان۔ آلاتِ کشاورزی۔

کُس : فرجِ عورت، VAGINA۔ کأشرِ پأٹھۍ تہٕ یی۔

کول : خزینہ آب۔
کأشرِ پأٹھۍ چھہ واو ژھوٚٹۍ اُوِھ کول بنان۔ یہ چھہ کأشرِ پأٹھۍ ندِ یا نہرٕ وَنان۔ مگر یمو کھوٕ تہٕ زیادٕ زٕبون ییٹھ۔

کول : چُغد۔ یعنی بوم
یہ چھہ کأشرِ بن بٔٹن ہنز زیادٕ پٕہن مگر مسلمانٛن ہنز تہٕ اکھ ذاتھ۔ کینٛژو کأشرِ لۆ لِکھارِ لۆ چھُ ووٚ نمت زِ یہ چھہ کورِ لیکھ۔ مگر امہٕ معنی سٟتۍ چھہ صاف زِ یہ چھنہٕ کانٛہہ لیکھ بلکہ اکھ بدردہ۔ لیعنۍ 'ہے راتہٕ موٗغلا' اردو پأٹھۍ "ادے اُلّو کے پٹھے" "کول" چھُ زیچہ تہٕ جندٕ کُس معنیس منز تہٕ ہاوِنہٕ آمُت۔

کوکلہ : ہُدہُد۔ کأشرِ پأٹھۍ چھُ یہ کُکلہٕ نزدیک سٟتۍ تہٕ کوٗئِل۔

گنجور: خازن۔ خزانچی
کأشرِ پأٹھۍ چھس گوٚنج یا گنجو بنیوٚمُت۔

گیگیر: حقہ۔ بتازی جرجیر گویند۔
کأشرِ چھُ عربی جرجیر/ ججیر ہیوٗ ڈلوم ناوقبول کوٚرمُت۔

گوز: بادی مراد است کہ از دُبر رہا میشود۔
کأشرِ پأٹھۍ تہٕ استعمال سپدان۔ اَخیتُۍ یُچھ گوز" (پُلوامہ ضلعہٕ) گامہٕ کِس ناوَس سٟتۍ تہٕ اَتھۍ معنیس منز۔

لاخ: جاے۔ گویند دیو لاخ یعنی جائے دیو۔
کأشرِ پأٹھۍ گو سنگلاخ۔ کنہٕ زمین، سنگستان۔ لداخ گودرٕنہٕ ہنز زمین یعنی لادرہ (زوجی لا، پھوتیلا، نامکی لا بیترِ) تہٕ "داخ" زمین۔ یہ گژھ منگول زبأنۍ ہُند لفظ آسُن۔

لاس: ابریشم
باسان چھُ کأشرِ پأٹھۍ تہٕ چھُ اَتھ یوٚہے معنی۔ لاس لبُن۔ یعنی ریشم یا پوٚٹ اَنُن۔ اَتھ چھِ کینہہ لیکھن وأژِیت چہ رازدانہٕ لاسہٕ ہس سٟتۍ نسبت دِوان۔ یعنی سفر کرٕ کرٕ پیت تہٕ لاسہٕ واتُن۔ میانہٕ خیالہٕ چھُ یہ دوٗر از کار معنی۔ تہٕ اَتھ چھِنہٕ کانٛہہ تحریری سَند۔ اَصل چھُ ریشم۔ کأشرِ چھِ وُنان کانٛہہ قیمتی چیز اَنہٕ وِزِ "ژیٚے کُسو لاس چھِیے لوٚبمُت" "خبر کُس لاس چھُس اونمُت" پرانہٕ زمانہٕ آس ریشم زیادٕ چینہٕ پیٹھے

پِوان تہٕ اوسے اَکھ لاس ۔ اگر لاس واتنس یہِ وَنہٕ ہَن تیٚلہِ
آسہِ ہے لبنہٕ بدلہِ بیٚیہِ کانٛہہ لفظ۔

لاد: بنائے دیواری کہ از گِل باہم نہاد بود۔
کأشرِ پأٹھۍ چھِ مصنوعی یا کیٚٹہٕ کولہِ، یمَن أندی أندی بُٹھ
اِستادٕ کرناوٕنہٕ آسَن آمتی، وَنان۔ شُپیچ گامہٕ لاد، اسلام بادٕ
لأزبل (لادنہٕ بل) بییتر۔

لولی: مطروب وکوچہ گرد۔
کأشر لۆلی باپہِ۔ یِم گیوان آسہِ تہٕ مُلکن مُلکن پھیرِتھ پٔنُن کسب
ہاوان آسہِ۔ حافظ شیرازی تہِ چھُ اِستعمال کوٚرمُت۔

مرغزار: آنجا کہ سبزہ رُستہ باشد
کأشرِ پأٹھۍ سرسبز زمین نیرِ ہُند پوٚت لوٚگ۔ گُل مرگ،
یوس مرگ، سونہٕ مرگ، ٹنگمرگ بییتر۔ قبرستانس تہِ چھُس
شاید مرغزار (ملہٕ گذار) بنیوٚمُت۔

نارون: درختی است بُلند وراست۔
کأشرِ پأٹھۍ معشوقہٕ سندِس قدس وَنان ع
"زُلفِ زنار، قد ناروَن" (رسول میر)

ناہار: ناشتا۔ آنکہ چیزی ہنوز نہ خوردہ باشد
BREAKFAST کأشرِ پأٹھۍ سکلی کھینہٕ یِنہٕ وول غذا۔ نہأری

لواء: نامِ پردہ وسرود۔

کأشِر کلاسیکی (صوفیانہ) موسیقی ہُند اکھ مقام ئ لوا۔ ہر دأرِس
دوا۔ (یہ چھُ اکھ دُبیٹھ ۔)

نہیب: ترس و ہیبت۔
کأشِرس منز نم تہٕ ماز سپد مُت۔ مطلب عبرت رٹُن۔ ہأبتھ رٹُن۔

نِہال: درخت نو نشاندہ
کأشِرِ پأٹھۍ تہٕ یِی۔ نو نہال (نوٚو گُل) نِہألی بیتر۔

نماز: پرستش و خدمتگأرِی و نواز بوٗد۔
مسلمانٔن ہنز روزانہ عبادت۔ اَتھ منز چھُ نمنک مفہوم۔ اصلی
قرآنی اِصطلاح چھےٚ صلوٰۃ۔

ورم: آماس
کأشِرِ پأٹھۍ تہٕ یِی۔ ہنُن۔ وو پھرُن۔ پھوک کھسُن۔

وُریب۔ کجی۔ کژ
کأشِرِ پأٹھۍ وُلٹہ تہٕ پوٚت پھِر کھ۔ کأشِرس منز وار یاہ ہمرنگ
سپدُمت۔

ویل: فرصت یا فتن بکاری بامُراد وظفر
کأشِرِ پأٹھۍ موقع، رُت ساعت۔ فرصت بیتر

ہراس: بیم وترس۔
کأشِرِ پأٹھۍ تہٕ یِی۔ بلکہ احتیاط، کھوژُن، حبس بیتر تہٕ۔

ہال: آرام و قرار۔

خبر واریاہن کأشرِ ہن گامَن ہُند پوّت لوٗگ بہٕ ماچھ۔ مثلاً
ڈمہٕ ہال (ییٚتہٕ بہٕ دم گژھ) اکہٕ ہال، باہہٕ ہال، ژاڈہٕ ہال بیتر۔

ہکری: کشتی کہ از باران آب خورد۔
کأشرِ پأٹھی چھُس معنہٕ مفہوم واریاہ زیٛٹھیوٗمُت مگر بہرحال
لکرِ ہستی وابستہٕ۔ مثلاً ہکرٕ تراوٕنی۔ نالن ہتہ آرن منز جنگلی کلہن
ہنز لکرِ ہُند انبر بروٗنہہ پکناوُن۔ ہکرٕ گژھنی گو ہو کھَن بتہ بتہ
نزروشُن بہٕ۔ محاورٕ بتہ چھس بنےٚ ہتی۔ "اَسہ بتہ خوجہ ترأو
پکوٚٹہ ہکرٕ"۔

یلہ: رہا شدہ وہرزہ
کأشرِ پأٹھی رہا گژھن، موکلُن۔ بیاکھ مفہوم 'یلہٕ گژھن' ییس
بہٕ کانہہ حیا یا بیم آسہٕ۔ یا یوسہٕ چالو آسہٕ۔

یاوری: یأری
کأشرِ پأٹھی بتہ پی۔ یعنے مَدد کرُن۔ ساوُن یا مُشکلہٕ منز
کڈُن۔

یرنان: شہر سمرقندک اکھ پروٚن ناو

پس نوشت: سوزنل یعنے قوس قزح چھُ قدرتُک سٕہ رنگین چمتکار ییُس
بُتلہٕ ہندِ آدہٕ بیٚہہٕ اَزتام اَکھ معشوقہٕ سٕنز بمہٕ کأری ہندی
پأٹھی رنگہٕ میحراب شیران یا رنگدار حلقہٕ بند ہیوٗ لاگان چھُ۔
بہٕ گو انجیلِ مقدسہ مطأبق سٕے معجزٕ بیٛلہٕ نوح ؑ سٕند طوٗفان

سوٚتُن ہیوٚتُن تہٕ کرِ دگارَن دیُت بیٚیہِ زٕ ذاتَن حیاتی ہُند آے تہٕ پاے ۔ اَمہِ وِزِ شولے یہِ نَبس پیٹھ خوبصورت سوٚنزل تہٕ زندگانی ہیوٚت بیٚیہِ سنز کرُن تہٕ ساز لاگُن ۔ فارسیس منز چھِ اَکس بجہ زبانی ہٕندی پاٹھی اَکی دَرجنہٕ واد ناو۔ اَتھ اَسی ایرانی ییٚنہٕ لٔنس قومی شہسوار تہٕ فردوسی سٕندِ شاہنامہٕ کِس ہیرو رُستم پہلوان سٕندِس ناوَس سٕتی منسوب کرِتھ کمانِ رُستم وَنان ۔ یِتھ مُسلمانو ییتہٕ بہَن یِنہٕ عقیدٕ مُطابق کرُن کرِنچ کوشِش کرٕ ۔ بہرحال فرہنگ زفان گویاہس منز چھِ اَکی بیٚیہِ کینہ ناوِ ییمہِ آیہ :

لوٚسہ : کزم ، سریر ۔ رخش (چمکن وول)

ماہِ سیام : یہ چھُ ماہِ صیام یعنے ماہِ رمضانس ہم آہنگ ۔ مگر یٔرکِ چھِ اَکھ اَدبی اِصطلاح ۔ زُفان چھُ اَتھ وِتھرٕنے کران لیکھان :

کوہی است در ماوراءالنہر کہ ابن مقفع بہ دروغ از آں ماہ بر آوردہ بود وآں ماہ را ماہِ سیام ۔ ماہِ کاشغر ۔ ماہِ مقفع وماہِ کشش نیز گویند کہ چہار شہر را روشن کردی ۔"

کأشری پاٹھی چھِس ماہِ نخشب یا قندہارِ چ زُون تہٕ وَنان ۔ خاص کر رسول میرَن ورتوومُت ۔

بُلغار : نام ولایتی است در تُرکستان کہ آنجا خوبان باشند و آں زمین سرد سیر است ۔

بُلغار کہِ نسبتہٕ چھُ رسول میرن آفتاب بُلغار لیو کھمُت۔ یہِ اوس ترکستانہٕ کیس وِترِ کھووِرِس منز سائبیر یاہس نکھہٕ تہٕ سخت ہُنٛدُر۔ دِپان اَتہِ اوس اَکھ گرم پوستین تہٕ بَنان یِمہٕ بُلغارٕ کہ وَنان اَسی۔ اَتہِ اوس کمیٚسے کالس آفتابہٕ کھسان تہٕ توٚے اوس دوہ واریاہ لوکُٹ آسان۔ اَوَے پیٚوو اَتہِ کیٚن کسب دارن کیٚہہ آفتاب کھالُن یِمہٕ دوہ زیٛچھ ہیٚے تہٕ وُشنیر تہٕ گاش پوشہٕ ہیٚے۔



---

وُن کیٚن چھُ زیادٕ تر ادب، ہر گاہے اکھ ادب وُنہٕ ہیکو، اخبارن ہندین خاصٕ اَتی ہسپتالن منز تولِدِ سپدان۔ تہٕ نتہٕ ٹیلی ویژن یا ریڈیو کیٚن اشتہاری بورڈن پیٹھ یِمہٕ نظرِ گژھان۔

جمیل جالبیؔ ______

# شال: کمال تہٕ جمال

- انگریزٕ ژیک مشہور ناول نِگار چارلس ڈِکنز چھُ ونان زِ کأشر شال چھُ اکھ مُکمل تمدُن یتھ منز حُسن تہٕ جمال گِندان تہٕ ترپان چھُ۔
- بیٚلہِ کنُو ہمہِ صدی ہندِ اَخری وٚرِی ین منز اکھ شاندار کأنی شال اِنگلستانچہِ ملکہِ وِکٹوریہ ہس (وفات: ۱۹۰۱ء) کشیرِ ہندی مہراج صابن پیش کوٚر ـــــ زنم دہ ہیچ ڈالر ـــــ سو گےٚ تیٚمہ شاہ خوشی زِ تمہِ دژ تس اکھ بدلہ ویلز چہ ٹراوٹ گاڈ کشیرِ ہنٛد پھانیچھ لاوچ بخشائیش۔ اتی بیٚہہِ (۱۸۹۹ء) چھِ کشیرِ ہندِ دریاون منز یمن گاڈن ہنز سونزلہ نأپنان تہٕ وٚوہٕ ٹُلان۔ تہٕ یہ اوس ساری سے برصغیرس منز گوڈنچہ لٹہ۔
- ہندوستأنی اَتھہٕ کامہِ ہنز مشہور قدرشناس تہٕ نیہ دِلہ ہندی آل انڈیا ہینڈی کرافٹس ایمپوریم بازرِچ بانی کار کملا دیوی چٹوپادھیاے چھ لیکھان زِ کأشر کأنی شال چھُ پننہِ فنی خوبصورتی تہٕ کامرأنی کنہٕ عالمی فنوٗن منز سوے قدر تھاوان، یوسہٕ مغل میناتور MUGHAL MINIATURE مُصوری تھاوان چھےٚ۔ سو چھ ونان زِ امہِ شالہٕ کِس

وُشنِس پارچس ژھایہِ چھُ دنیاہکین سارِوٕے کھوتہٕ نُندٕ باہنن تہٕ شوژٕ شاہِ زنانہٕ وٚچھن ہُند نرم، گرم تہٕ پشُل پشُل النسأئی توسہٕ رود مُنت ــــ تہٕ پتہٕ چھاوٕنہٕ، البساوٕنہٕ تہٕ بوسہٕ ناوٕنہٕ تہٕ آمُت۔

- "کأشُر شال ـــــ جامہ وارٕ بیٖبھژٕ پیسلے تام"، کتابہِ ہِنز ترتیب کار شیرٕی رحمان تہٕ ناہید جعفری (لاہور۔ پاکستان) چھِ لیکھان زٕ "کأشُر شال چھُ عالمی ڈیزائین کِس خزانس برصغیر (ہندوستان۔ پاکستان) کہِ طرفہٕ سارِوٕے کھوتہٕ اہم تہٕ لۆبہٕ وُن وأحِد تحفہٕ CONTRIBUTION ریاستکی بجلی منسٹر رگزن جورا ہن چھِ لداخین ووٚنمُت زِ، تِم ہیکن نہٕ پشمینہٕ شال بناوٕنس منز کأشرِ ین سیتۍ مان مان یا مقابلہٕ کٔرِتھ۔ لہٰذا پزِ تِمن بدل چیزن ــــ لۆٹِین، اتھہٕ بینِن بیتر کُن کرُن۔

(اگریٹر کشمیر، سرینگر 26 جُلاے 2006ء)

- سوامی وِویکانند سُند وَنُن چھُ جان شاعری ہُند ترجمہ چھُ کأشرِ یک رُخی شالُک وُریہٕ طرف ہیوٗ آسان۔ لۆٹہٕ کُنیٖ مگر حُسن نہٕ کُنیٖ۔

- دیپان کأشُر شال اوس نوشیروانِ عادل سٕنزِ ملکہ معظّم تہٕ وُڈان تہٕ کأشرِ پشمینک بیزارِ تہٕ لاگان۔ نپولین بوناپارٹ (1821-1770ء) سٕنزِ بہار بستر ملکانہ جوزیفائن کیتۍ اٗسۍ تِم ہتہٕ بٔدی کأنی شال انہٕ ناوٕمٕژٕ۔



# کاشُرِ لُکہٕ بأتھ تہٕ آنند کُمار سوامی

کشیٖر ہِندِ لُکہٕ ادبچ باوَن ہأری تہٕ سوٗرن کأری چھِ وِوِپرِد ژھِدِپرِوتہٕ خاص طور انگریزی زانَن والیو غأر ہندوستأنی عالمو فأضِلو سِہٹاہ مأنِمِژ تہٕ ژھأنِمِژ ـــــ ییٚلہِ وُنہ اَسہٕ کأشرِن ادیبن آگہی تہٕ گیان دھیانچ اَتھ شِتھ آسہٕ۔ تِم أسی کأشر لُکہٕ باوُژ مور چھلہٕ کران۔ اَتھ چھُ یانہٕ اَمِہ ادبُک مَتن تہٕ مطلب اَتھنُے اَہمار تہٕ اِظہار تہٕ ذِمہٕ وار۔ مگر اَمِہ دِلچسپی ہُند اکھ وجہ چھُ کشیٖر ہُند ناو تہٕ اَمِچ شوہرتھ تہٕ۔ یِتھِہ کنہٕ کأنسہِ پادشاہ زادِہنز پرِیتھ کانہہ نظر چھُ مولِنہٕ یِوان۔ تی۔ یُد کشیٖر ہِندِس لُکہٕ ادبَس تہٕ۔

یِمو عالِمو فأضِلو اَتھ کُن ڈسلابے سیٖزٕ تہٕ شفیق نظر چُھ، تِمَن منز چھِ ارنسٹ نیو، رِچرڈ ٹیمپل، آرل سٹاین، والٹر لارنس بییتر یورپی سکالرَن اوٚلیت حأصِل۔ مگر امیک برٚزہٕ کھنڈ لیوکھ وُہمہٕ صدی ہِندِس آغازس منز أکی تِتھی شخصن یُس أزی چہ سری لنکایہ ـــــ شیخ العالمؒ سُند سنگلدیپک یاسانہٕ لُکہٕ ادبچہ لانکہٕ ہُند روٗزن وول اوس، آنند کمار سوامی۔ سُہ زاو 1877ء منز لنکایہ منزے۔ تِمُ کوٚر ہندوستأنی فنونَن خاص طور موسیقی

مُصوری تہٕ مجسمہ سازی پٮ۪ٹھ لکھٕ وُترٮ۪ک سبٹھاہ سوٚن مطالعہ۔ سُہ اوس انگریزی علاوٕ فرانسیسی تہٕ بیٚیہ کیٚنہہ زبانہٕ تہٕ زانان۔ تمۍ کوٚر ہندوستٲنی فن تہٕ فلسفہٕ سبٹھاہ وِزٕ ہنے کرِتھ یورپس لِنشہ پیش۔ تہٕ مشہور آرٹ ماہرِ بھرتا ایٚرِ سٕنٛزِ کتھِ ہندوستٲنی فنونَن متعلق پھُٹراوٕ تمۍ مغرب والین ہنٛزٕ ناواقفی ہنٛز دوسہٕ دِلوارٕ۔ ہر گاہے ہندوستانک تمدّنی مُرمایہ مغربس منٛز پننِ آن ماہٕ رٲونس منٛز کامیاب گو تتھ منٛز چھُ اکھ بوٚڈ حصہٕ آنند کمار سوامی سٕنٛز ترجمٲنی تہٕ نمائندگی ہُند۔ راقم الحروفس وَوٚن پایہٕ عظیم مُصوّر ایم۔ ایف حُسینن زِ ہندوستٲنی علوم تہٕ فنونن ہُند تیوٚت کانٛہہ شاندار پارکھ تہٕ نقاد چھُنہٕ وُنہٕ نظرِ گژھان۔ یوت آنند کمار اسوامی اوس۔ سُہ آو 1917ء منٛز امریکہس منٛز بوسٹن میوزیمک CURATOR بناونہٕ۔ یہِ اوس یٮ۪مہ کتھِ ہُند اعتراف زِ تمۍ اُسۍ ہندوستٲنی، اِسلٲمی تہٕ ایرٲنی آرٹس منٛز بے بہا کارنامہٕ انجام دِتمٕت۔ سُہ لوٚس اَتھی منصبس پٮ۪ٹھ 8۔ ستمبر 1947ء منٛز۔

یِم تعارفی سطرٕ آسہٕ اَمہِ خاطرٕ ضروری زِ آنند کمار اسوامی آو پننہٕ انگریز آشنہٕ، یِمۍ ہندوستٲنی ناو رتن دیوی اختیار کوٚرمُت اوس، سٟتۍ 1911ء منٛز کشیرِ۔ تمس اوس کپورتھلہ روزن وول اُستاد عبدالرحیم کلاونت تہٕ سٟتۍ۔ یِم ترٛیشوے بٲتہٕ بجٲری روٗدی سرینگرکس جھیلِ ڈلس منٛز اَکس بجہ ناوِ منٛز۔ یِم روٗدی کشیرِ منٛز پورٕ دٕہن ہفتن۔ یِمو کٔرۍ یِم ڈاے رٮ۪تھ سبٹھاہ آوٕریس منٛز بسر۔ شہرِ خاص کین بٹن لِنشہ گٔژھِتھ، تِمن ہندین عالمن اَچارِین سٟتۍ وِیژارٕ بدلے کرِنس، تِہنٛزن زنانن لِنشہ لُکہٕ بٲتھ بوزنس

تہٕ تھندِین گیوٚن والین لِنشہٕ یم بأتھ بیتر ریکارڈ کرِنس۔ یِتہٕ پھیری تم کشیر

أندی أندی تہٕ خاص مرازس تہٕ تتہٕ تہٕ کوٚرُکھ عام لُکہٕ گایکن طنبورین بیتر

لِنشہٕ یہٕ راشِس تہٕ گاشِش وصوٗل ـــــ أتھ کرِکھ مقامی مدد گار رو۔

یِمن باضأبطہٕ پولنسہٕ لٹونک تہٕ میلان آسہٕ ہے ـــــ ہِندِ مدتہٕ کأشری

بتن مُرتّب۔ یِمن منز اکثرن ہِنز لَے یہٕ تہٕ طرز بوٗزِتھ کہٕ تہٕ اُستاد عبدالرحیم

پیٹیالوی ہِنز آگاہی ستی کرِکھ یِمن مقام بندی (NOTATION)۔ بأتن

ہُند اصل کأشُر کوٚرُکھ۔ ترجمہٕ تہٕ نوٹیشن ہیتھ مُرتّب ـــــ یِتھ کاروأی

اُس تہٕ کأشرِس لُکہٕ ادبس متعلق اَتھ دُمس تام کأنسہٕ کرِمژ ـــــ یم بأتھ

آیہٕ 1913ء منز کینژہ ڈوگری تہٕ پنجأبی بأتھ رلأوِتھ شایع کرِنہٕ تہٕ ناو تھووس

THIRTY SONGS FROM PUNJABI AND KASHMIR۔ یِمن منز

اُسی نِصف ہوی بأتھ کأشری۔ کتابہٕ لیوٚکھ کُمارا سوامی (CUMARASWAMY)

ین سیٹھاہ مبسوط گوڈُت تہٕ پیش لفظ لیوٚکھُس رابندر ناتھ ٹیگورن ـــــ

اَمہٕ پتہٕ گے یم اِنگلستان یتہٕ یِمو ہندوستأنی سنگیت پیش کوٚر تہٕ اَمِچ

خاص گلوکارہ اُس اُستاد عبدالرحیم سِنز ہیچھہٕ ناوٕمژ رتن دیوی۔ خیال چھُ زِ

یِمنہٕ نوٹیشن کِہ مدتہٕ کرِ تمی کینژہ کأشرِ گانگرایہٕ گوڈنچہٕ لٹہٕ یوٗرپس منز پیش۔

یہٕ سنگیت بوزن والین منز اوس سرکردہ انگریزی شأعر ولیم بٹلر ییٹس تہٕ شأمل۔

تمی لیوٚکھ پتہٕ:

مسز کمارا سوامی ہُند گیوٚن بوٗزِتھ گوس بہٕ نِہال۔ زن اوسُن

زندگی ہِندِس کُنہِ لمحس نار ہیوٚتمٕت۔ یا کانْہہ جذبہٕ اوس

بے شوٗنکی پاٹھی اَسُن ترأوِتھ یوٗ خستگی ووتمُت۔"

کتابہِ ہنٛز اہمیت وُچھتھ کوٗر اندراگاندھی نیشنل سنٹر آف آرٹس نوٗ دلہِ اَمیُک تازٕ ایڈیشن 1994ء منٛز شایع تہٕ اَکھ لیوٗکھ کشیر منٛز پرہٕنہ واجنہٕ سنٹرچہِ لالف سیکرٹری کپیلا واتسایئنہٕ حرفِ آغاز۔

رابندر ناتھ ٹیگورن چھ رتن دیوی ہندِ ہتہٕ یم باتھ لوٗزِتھ کینٛہہ دِلچسپ کتھہٕ وَنہٕ ہناوِ منٛز۔ سُہ چھُ لیکھان زِ کُنہِ وزِ چھُ کُنہ نظم پارٕک مطلب ترجمہ کہِ ذریعہ زیادٕ سوو باسان تہٕ ڈٲلۍ فکِر تران۔ اَمہِ کنہٕ نہٕ زیٖہ آسہِ لازمی طور اَصل باتہٕ کھوٗتہٕ زیادٕ پرزیہِ وُن۔ ہاں لوٗسِ منظرس منٛز چھ باتس اَکھ آزمایش پوٗرِ کرٕنۍ پیوان۔ ہر گلہس یہِ پاسِ دِژاو یہِ چھُ واریاہ زرقہٕ برق کرُن ہیوان تہٕ چمکہ تراوان۔ رتن دیوی ٹُل اَکہِ ساتہٕ اکھ الاپ تمہِ آیہِ زیٖمے گوشنٛہ تھےٕ زِ یہ چھس لندنہٕ کُس کُنہ ایوانس منٛز۔ میون مَن زن گو مشرقی (ORIENTAL) شب دیجورس منٛز ٹرانسپورٹ۔ یُچھی اَنہٕ گٹہٕ مینہٕ نٔے ہینکہ نہٕ یتھ مگر آسہِ لوٗتہٕ گاشر ہیش۔ زن تہٕ کانٛسہِ ہندوستٲنی انہرشہ ہنٛز کرِہٕنہٕ تہٕ سیاہ اَچھ۔ زِنتہٕ اوٗسُس یہ اَمہِ کُس سنٛزرس تہٕ سکولتس منٛز تِن تنہا ایستادٕ۔"

کتابہِ ہندِس گوڈنکس بابس منٛز کینہٕ پنجابی باتھ دوٗنٛرہ راوِتھ چھِ، دوٗیمس حصس منٛز کاشرِن باتن ہنٛز وَنہٕ ہنے درج۔ یہ کرٕ لوٗنہ کنہٕ اَمہِ کہِ دُسلابہٕ عبارژنک اَکھ حِصہ پیش۔

"دیان موسیقی زایہٕ بنگالہٕ، یہ پریتھے یہ اودھ دیشس منٛز۔

یاوَن آسس پنجابہٕ تہٕ سوٗرے پہٕ کشیٖرِ منٛز ــــــــــــــــ

یہ بیان چھُنہٕ پزٕ پٲٹھۍ بالکُل مجھُہ ــــ تہٕ کیازِ کاشُر موسیقی خواہ سُہ پنڈتن ہٕنز آسی تَن، بچہٕ کَٹھن ہٕنز آسی تن یا نٔژن واجنین کورِن ہٕنز، بلکہ سازندرن ہٕنز (یمن منز چھ کیٖژھ جان) چھ پُرشور (HARSH) ۔ بیٚیہ پیٚلہٕ زِ شور اِنسان یکہٕ وٹہٕ گیوَن ہِم چھ لےٚ سوٗر آسان۔ اَکھ اَکِس راگہٕ منز تہٕ بیاکھ بیٚیِس[1] منز۔

کاشُر چھُ بڑی موسیقی ہُند مُشتاق۔ ہرگاہ ہے دال کھٔہن ناو یا جنگلن منز گُرِس پیٹھ سوار گژھتھ یکو، اِنسان چھُ محنت کشَن زنانَن مَردَن ہندِ گیوٕنکی زیر و بم بوزان۔ شہر ونٛزہے یکو کُنہ ڈبہ پیٹھ چھُ للہٕ وُن یا مٔنزلی بائِچ لے کٔنہ گژھان۔ کُنہ وودَس یادوِیہ منز چھ کاشُری سازندر گیوان نظرِ گژھان۔ بچہ کٔٹہٕ تہٕ چھ گیتہٕ ماران آسان۔ بیٚیہ چھُ سنگیت خاندرن خوندرن تہٕ تماشن منز تہٕ شامِل آسان۔ مگر توٚتہٕ ہیکو نہٕ ؤنِتھ زِ کشیٖرِ منز چھُ سنگیت تمے آیہٕ پھانپھہٕ لان۔ یِتھہٕ کنہٕ ہندوستانس منز۔ کاشُری چھ موسیقی ہٕندِ کھوتہٕ شاعری ہندی زیادٕ دِلدادٕ۔ کاشُر چھُ اصلی لوک سنگیت

---

[1] یہ چھُ چھکرِ ہُند حال باسان۔ چھکرِ چھ کشیٖر راجستھانہٕ پیٹھ آمژ تہٕ اوے چھُ امیک پیرُون ناو صحرائی۔ اَتھ منز چھ واقعی بعضے تربیتہٕ ورأے فنکار آلوٚ رلاوٕنچ کوشش کران۔ مگر سأنِس شاہانہٕ یا صوفیانہٕ موسیقی متعلق چھُ یہ وَنُن بالکل اوٚک ہوٚنگ تہٕ غلط۔

اگرچہ کیشہ سازندر بیترِ چھ اُتھ چم کھالان مگر اَتہِ چھُپہِ
راگن ہُند کانْہہ تفاوت تہٕ نہ ترنْگُک کانْہہ تیتھُد سائنس یُتھ
ہندوستانس منز چھُ ــــــ مگر اُتھ موسیقی چھِ پننیٖ کششِ۔ یہ
چھ ہندوستٲنی موسیقی ہِنْشہ بدٕ ن۔ مٲنی تو ہِتھے کنْہ بیٖتھ کنٛہ
اُستاد (کلاونت) ہِنزِ گائیکی ہِنْشہ انگریزن ہِنز کانْہہ لُکہ لے
یا بِھیتھووَن[1] ہِنزن (SYMPHONICS) ہِنْشہ ڈلیتھ آسہٕ، یِم
پہاڑی بٲتھ چھ محنت تہٕ جسم کہو تہٕ دُرستی بڑِ تھ مگر
بٲ طیٖنچ ترٲیہ گرٲیہ چھکھ کِمے ہُہن۔ یِمن ہندی جذبات کلاسکی
راگن ٹاٹھ ہِش پیدان چھ۔

یِمہ مِثالہ درج کرنہٕ ین تِم کرِ رتن دلوی گیوان والین ہِنْشہ
براہِ راست لوٗٹ۔ یہٕ گیوٚن یِمن بروٚنْہہ کنہ یُتھ زن یِم اُتھ
دُرستی کرِتھ تصدیق کرن۔ عبداللہ ڈار اوس خاص طور اِنتہٲیی
زبردٕ ہنچھہِ ناوٕن وول۔ تس اوس میوٚ کھٕ کن تہٕ بٲتکی لو کٕٹ
لو کٕٹ حِصہِ اوس سُہ بیٚنیہِ تہٕ بیٚنیہِ آدا کرنس ینہٕ تیار آسان۔
یوٚتام زن نہ یہ پوٗرٕ دُرستی سان درج کرنہٕ ییہ ہیے۔ یِم
مِثالہ پیش کرنہٕ ین، تِم چھ رتن دلوی گیوان والین ہِنْشہ ہوبہو
لوٗٹ کرِمژٕ۔ لہٰذا یِہند گیوٚن پانٹھ گرژھہ بلکل دُرست مانِنہٕ یُن۔
کاشرِ ہِن بٲتن ہندی لفظ چھ زبردست اہمیت تھاوان

[1] بِھیتھووَن ــــــ جرمنی ہُند مشہور عالم موسیقار تہٕ کمپوزر۔

یمن چھ نہٕ قسم۔ لُکہٕ باتَن ہندی تہٕ ہمن باتَن ہندی یم ساز ندر
آدا کران چھ۔ دوشونی چھِ الگ الگ جذباتی آگر۔ گوڈٕ ذاتہٕ
ہندی چھ واریاہ پرٛکشش تہٕ لوٚتے گرٛ ہن گوڈٕ تُلنہٕ ییٚن۔ یم لُکہٕ
باتھ درج چھ کرنہٕ آمٕتی، ہمن ہُند سارٕے کھوتہٕ اصل حِصہٕ چھُ
منزٕلی باتَن تہٕ امہٕ قسمہٕ کین باقی زنانہٕ باتَن ہُند۔ یم چھ گُلھم
پاٹھٕ مقامی تہٕ ہندو جذباتَن ہنز ترجمانی کران۔ مگر یمن منز
چھِ عام لُکہٕ باتنُک رُت اظہار تہٕ موجود یمن منز زیادٕ پہَن
تم یم نہٕ وُنیکُس تام لیکھنہٕ آمتی چھ۔ طماہ چھُم نہٕ یم گژھی تمہٕ
کھوتہٕ زیادٕ واریاہ پاٹھو سٕنہٕ نظرِ وُنی راونہٕ ین یوت نہٕ میانہٕ
خاطرٕ مُمکن سپُد۔ تہٕ کیازِ ہمن چھ ترشے خوبی تہٕ مُشک یتھ
یوٗروپی سازندر گیوان چھُ تہٕ یتھ منز۔ یورپچ لُکہٕ اُختے لیکھن
شاعری پوان چھ۔ (گوتم چھ اسہٕ راور مژٕ تہٕ کیازِ تہند کانٛہہ
ریکارڈاہ بییتر چھُنہٕ) یم باتھ چھ زندگی ہندِس بنہٕ لَس گُدرٕ لَس
آنہٕ ہاوان۔ مثلاً زینٛس، لول برلَس تہٕ مرلَس بییتر۔ یمن منز
چھُ منزٕلبن تہٕ ییندرن ہُند بیٚیہٕ پوشن بییتر ہُند ذِکر تہ سٕہ تہٕ
تمہٕ آیہٕ ییمہٕ آیہٕ زنانہٕ یمن وُچھتھ ژینن چھ۔ یم باتھ چھ
وُنہٕ تتھ مرلس بیہٕ ٹھ ییتہٕ ووج تکرار کرنگ ودلہٕ بور تُلن ضروری
چھُ۔ اکھ مصرع یا سطرٕ ییمہٕ بیٚیہٕ تہٕ بیٚیہٕ گیونہٕ ـــــ کھٕہن منز
سوٗنتہٕ کالہٕ، شادیانَن منز، بیٚیہٕ سارٕنے یکوٹہٕ تقریبن منز

خاص کرِتھ یِیہٕ زنانَن ہند سمت آسہٕ، چھ کاشہ زٕنی ہُر تُلان

تہٕ باقی چھ اُتھ لیُشنے کران۔ اکثر باتھ چھ ہتھی آسن زٕ وٕ وستہٕ

زٕنی چھپے پرٕ یتھ مِصرعس اکوے اکوے لفظاہ بدلأوِتھ نوٚ و موکھ

تہٕ بیوٚن معنی یاد ہہکان کرِتھ۔ یمن باتَن منز چھ پیکر تہٕ محاورٕ

تہٕ زٕ وتان مگر یمن ہندی وَنَن وأل چھ نامعلوٗم روزان ـــــ

یمن باتَن منز چھ سوٗنتھ ہیچی، ربہٕ تہٕ کول وایہٕ پَچ ـــ کولہٕ رأدن

پیٹھ پوشِس پھوٚ لنکی ہری آسان۔ بنیہٕ مٔردن آلو پوان دِنہٕ زٕ تہٕ

نیرِن گرٕ ونبرتہٕ وأرِن سبز نیرٕ بن تہٕ پھوٚلی ہتنن وَنَن منز۔

اِلنسانَن چھ گُلِن کٹِن ،پوشَن تہٕ جاناوارَن ستی تشبیہہ پوان

دِنہٕ ـــ شُرِس چھ جعفر پوش وَنان۔ زنانہٕ چھ پالنس تُہنزٕ پوش

گنٕزراوان ـــ نتہٕ ژندن گُج یا دیو دار ـــ تم چھ پالنس کوتر

ـــ جنگلی وِگنہٕ تہٕ زٕل پرٕ ری یہٕ تہٕ ناوکڈان۔ مٔردس چھ کوسُم

پوش یعنی بُنفشہ وَنان ـــ یہٕ سورُے بوٗزِتھ چھُ انگریزی باتَن

ہندی پوشہٕ استعارہ یاد پیوان ـــ ژہتس پأوی لو انگریزی باتھ

"SPRING OF THYME" -

سأرے لولہٕ باتھ چھ زنانہٕ جذباتَن ہلر تُلان۔ کُنہٕ وزِ

اُتھ ستی مذہبی تہٕ دھرمی معاملن تہٕ ہلہ مِشہٕ کران۔ لولہٕ وول

چھُ تُسند آنگن اژان۔ تمہٕ سندِ خاطرِ چھ سوتن ناوان۔ سو چھ

تسنز وِیرِ بیٹھتھ صاف دِل پرٕ ھان یُتھ تَتھ دٕ ری یا وس آب

اوس یُتھ تران تران تس پۆز کشناوِنہٕ آیہٕ یہ۔ پننس عاشقہٕ سِندِ خاطرٕ ہیکہِ سُہ پَنُن رُوم رُوم بلایہ دِتھ۔ بیٛیہِ سُہ گوسائیں لاگتھ چھِ یوان۔ سوٚ چھِ تمس پنُن پانے پیشراوان۔ غرض یِمن ٹِہندِ روحکی پرلتو دُیھی وُیھی چھِ اَسی سبھٹاہ حیٲران گژھان۔

— ترجمن منز چھُسنہٕ یِمن بیٲتن ہُند لغمٲتی تاثیر جلوٕہ ہاوان مگر کُنہِ کُنہِ ساعتہ چھِ مصرعن تہٕ محاورن منز جذبہٕ رِہِہ تُلان بوزنہٕ یوان۔

یِم کٲشرِی بیٲتھ پیش کرنہٕ چھِ یوان۔ یِم چھِ تِمہ TEXT پیٹھٕ تُلنہٕ آمتی یِم اَکہِ پنڈتہ سمسار چندن فارسی حرفو ستی لیوکھمُت تہٕ بعضے بیٛیہ بٲژن ناگری پٲٹھۍ۔

## بٲژن ہُند سنگیت

کٲشرِین بٲژن منز چھِ گیوَن وٲین واِلۍ واریاہ کم۔ مگر یِمن امنیک شوق چھُ، تِم چھِ تھٲکہِ نٲوِتھ وَنان زِ ہندوستانی موسیقی ہُند اصل آگُر چھُ کشیر۔ تِم چھِ چمہ خمہٕ سان کشیر بیوٚن مُلک مانان تہٕ ہندوستانک بیتر حِصہٕ نہ کیٛشہ۔ (صفہ 33۔ سطر 5، 6، 7)

اُسہِ بوٗزی ترٛنے بٔڈٕ موسیقار یِمن کم کاسہٕ مشہوری اُس مگر ترٛ لیشوٚے اَسی واٲنسٕہٕ۔ تِم چھِ اَکِس بےٚ سُرٕ تہٕ لوٚ کٹِس موٚ کٹِس سیتارس پیٹھٕ گیوان۔ اَکہِ ووے سنطور (ZEITHER)، امہِ چہِ تارٕ آسہٕ مشکلہٕ سان چارنہٕ آمژٕ تہٕ

سہ اوس یمن ہچوپ قلموٗ سیتۍ ضرب دِوان۔ اَمہِ سیتۍ اُسی میٹھۍ لغمہٕ ہیٚی وزان۔
کرشن بابایا غریب ناوٕکۍ گیوٗن واٲلۍ گیوٗو گنپت بندِس تعریفس منز یہ اکھ اَمکۍ
کیٖشہ شار چھِ تِہنز مقام بندی ہیتھ پیش ۔

ژرہ ژرہ چھُکھ پرمیشورے

رچھتم پینہٕ نین پادن تل

گژ موکھ ، بالا ژندرہ ، لمبودرو

دِنائیکو بوٗینے سبجے

ہرموکھہ درشن دِتم الیشورو

رچھتم پینہٕ نین پادن تل

پرتھ کانٛہہ مِصرعہٕ چھُ کیٚژِ لٹہِ پھرنہٕ تہٕ پھرنہٕ یِوان۔ کاشرِ بٹن ہندی بیٚیہ
کیٖشہ باتھ چھِ ٹیٚلہِ کنہِ درج یِوان کرنہٕ۔ یِم زیادٕ پہن کرشن بابوٕ غریب بندٕ
ہنٛزٕ بوزِتھ ریکارڈ کرنہٕ آیہِ ۔

## مقام عراق۔ سہ تالہ

اول صاحب سرونْدے

ویٚسی اُسی چانے آنگن آیہِ

لوکہ چار چھا گنہ چکہ چاوس

بُجر لاگان گنڈی زال

---

۱ گنیش سُند بُتھ چھُ ہستی بتس مشابہ۔ گژ گوگج کاشرِ ہیتھ تہٕ گج چھِ ہستی وَنان۔

گرٹھن رے پان۔ ہی پان سوے
ویسی اُسی چوٹے گندان آئے
وَلئے اُسی آپہ گنڈڑی زالہ سے
ویسی اُسی چوٹے گندان آئے

## جُدائی ہُند باتھ

(مقامِ عراق)

غوصہ کیاہ گوے سون ژٔے دِلس
گوٗرے کرِیو مارِ ستے
غوصہ کیاہ گوے سوٗن ژٔے دِلس
کیٛہ کے کُڈِٹھ سون دِمہ یو
غوصہ کیاہ گوے سوٗن ژٔے دِلس
کن ژٔے تھاولتو میانہِ کیتھے
غوصہ کیاہ گوے سوٗن ژٔے دِلس
دوٗر ہر چوٹے بال ....
کترے زارے میانے یارو
غوصہ کیاہ گوے سوٗن ژٔے دِلس



# لولہٕ نغمہٕ

اَس مے ولیسیرِ یے میوٗن ہیوٗ کَس گو
یس گو مَسولہِ گوٗندہٕ ہواو
زوٗۂ ڈٖبہ بِہتھے ڈری چیس ٹھس گوم
زوٗنُم زِ اوٗشس ما آنگن ژام
یارنے ڈیشن۔ وأنجہ ژس گوم
یس گو مَسولہِ گوٗندہ ہواو

بأتہٕ کہ ترجمہٕ پتہٕ چھُ لیکھنہٕ آمُت

"دوٚیمہٕ مِصرعُک معنی چھُ ہرگاہ بییہ کأنسہ زنانہٕ (مَسول: پوش) تہٕ گُدرلوٗمُت آسہِ یہ مےٚ گو، یمہٕ آسہٕ ہے بِہتھے کُنہ سنبولمُت یمیٚہ کُنہٕ کاہٕمہ لُنڈ چھُ واوِ رنگ نیرنہٕ پتہٕ بییہ تھوٚو دوٚو تھان مگر بہ ہیچس نہٕ سنداَر تھ. مےٚ چھُ تمی سٕندی فراقن دِلس پریشُن کوٚرمُت۔ "گوٗندے" گوٗطأہرا کوٗنڈل ـــ نیلجہ ہٕنز تیر، یُس زنانہٕ لأگتھ چھِ. ذأتی طور چھُنہٕ مےٚ اَتھ ورشھنےٚ ہتی برابری ...... کوٗنڈل کِتہٕ گے تیر؟ ــــ پروفیسر جیالال کول

اوس یہ مِصرعہٕ یِمہٕ آیہ پران

"یس گو گوٗندر ہوأیی"

گوٗندر چھِ دیوٗ مالاکِہن اَسمأنی گیوٗن والِہن GANDHARAS تہٕ ونان تہٕ یمن چھُ بُرن تہٕ یم پرانہٕ زمانہ کہ گاندھالا (اَزُک پِشاور بیترِ) پیٹھٕ یوٚرِ یوان

اُسی۔ (م۔ی۔ٹ)

# لولہِ نغمہ ـــــ راگ سارنگ

متہ ویر ، ہے ، ہے
موٗت مےٚ لوگمو چون
رالتس تہٕ دوہس کل پھم چائنی
کل لئےٚ یوٗ زاہ میانی
متہ ویر ہے ۔ وہے ۔ ہے



## سوٗنتہٕ باٗکھ

عید آیہ باغ پھٔلی یوسمن
کرأیو کوٗسمن کرٛاو
عید آیہ باغ پھٔلی یوسمن
نیرتھ گوٗہمو وَنَن
یوت کیاہ ژئےٚ پھُیوچاو
ترأوِتھ ژوٗلہمو موسمن
(امہِ چہ دوٗیمہِ سٕطرِ چھُ ترجمہٕ کرنہٕ آمُت :

"I WILL MAKE A COMPLAINT MY KOSMAN FLOWER

—· MY HUSBAND."

یہ چھُ بالکل غلط۔ کوسم پوشش چھِ کشیر منز تہٕ کُسم سنسکرتس منز۔ کوسمن کرٛاو کرٕنی گو پوشس چھاوٕنی۔ اَتھ منز چھُنہٕ خاوندیا اَوش سیدِ سیوٗد۔ آکھ خیالی اندازٕ ماآسہ تسُند تہٕ۔

## سوٗنتہٕ باُتھ

آو بہار پھوٚجہ پوش تھرے
کمہٕ گرِ یہٕ ڈیلیشن ییٖنہٕ نُے یار
بوٚمبرس یہ پیٚزٕ ہا یور کرترے
کمہٕ گرِ آوس یہٕ موخته ہار
ییٚم نَتے پانے سورے
کمہٕ گرِ یہٕ ڈیلیشن ییٖنہٕ نُے یار

ژوٚرمہِ سُطرِ چھُ ترجمہٕ کرنہٕ آمُت:

"AND IN THEM, I WILL WEAR MY NECKLACE OF PEARLS"

یہ چھُ غلط۔ ٹھیک مانہٕ چھُ زِ یہٕ لاگہٕ کمہٕ وِزِ تس موختہ ہار۔
ییٚتھے کٕنی پانٕژِمس مِصرعس چھُ ترجمہٕ کرنہٕ آمُت:

"IF HE COMES NOT, IT IS HE HIM-SELF WILL BE SAD."

یہِ تہٕ چھُنہٕ صحیح۔ یہ چھُ سانہٕ شعری رِوٲیژ کٕنی بال پانٕنِس کُن اشارٕ کران۔ یعنی پیتہٕ ییِہ نا مگر یہ آسہٕ سس سورٕ یٚمژ۔"

## سونتہ باٗتھ

ہاوٲنسی بہار آوٕ گُلن

سوے کُل بُلبلن چھے

گرٕ بارٕ دٕرالیس اُلن تہٕ ڈٟلن

رَسہٕ رسہٕ واژٕس مانسبل

موج کیاہ دِتےٚ مانسبلن

## سوٗنتہ باٗتھ

لج پھُلےٚ یوسمن ژٕتےٚ کٔنن گوٚے نا یارو

لجُ پھُلےٚ کوہٕ بٔٹھن ووٚتھ نیرو پھُلی پوش وَنن

ژٕتےٚ کٔنن گوٚے نا یارو

## سوٗنتہ باٗتھ

لجُ پھُلےٚ بادمن سُہ کمن گوٚیے موٚتے

یار کمن گوٚیے موٚتے

لجُ پھُلےٚ سبند بٔٹھن ووٚتھ جنگلن کھساٚوو

رنگہٕ رنگہٕ پھُلی پوش وَنن ژٕتےٚ کٔنن گوٚے نامدٕ نو

# دِل دریاوُ

وندے یو بہ رُمہ رُمے        رُمہ، رُمے، رُمے
دوٗرِ مے مدُن یوان ڈیو شھُم        پوٗرۍ ژیک ماہ زن چھُمے

رُمہ، رُمے، رُمے

دریاو تران دامن بوٗڈم        دریا دِل مے گوژھ ھمے

رُمہ، رُمے، رُمے

اُتھ منز چھُ        مصرعس ترجمہٕ کرنہٕ آمُت۔

WOULD THAT MY HEART WERE LIKE A RIVER.

تہٕ پتہٕ وۄتھنے کرنہٕ آمُت — دریاوس منزے کانٛہہ چیز نہٕ ترٛاوو — تھم چھُنہٕ کُل پہوان۔

خبر یہ تشریح تہٕ ما چھ غلط — بال چھ دپان زِ میانِس یارس تہٕ گوژھ دریاو ہیو دِل — فراخ دِل آسُن۔

اُتھ شایہ چھ 'موسیقی' ناوِ کِتابہِ ہِندِ ہِن کیٛشرِ نِ باتَن ہُند ترجمہٕ دِنہٕ آمُت۔ مگر باتُک اصل متن نہٕ کیٛشہ۔ کُمار اسوامی چھ لیکھان "یہ چھُس پیٛتہٕ نِس کیٛشہ ہیٛتھی باتھ درج کران، یم فارسی، کأشرِ ہِن تہٕ ہندوستأنی باتن ہِندِس مجموعہ موسیقی منز درج چھے" — یمن دوہِن اُس وُنہٕ احمد اللہ پنجابی سِنز کأشر موسیقی چھپیٛنے۔ لہٰذا آسہن یم کُنہِ قلمی کتابہِ منز تُلنہٕ آمتی۔ کُمار اسوامی چھُ ونان "یمن سارنے چھ صوفیانہٕ تہٕ ذأتی حیثیت تہٕ"۔

# پنڈتانن ہندی منزلی بأتھ

یِم بأتھ آیہٕ رَتن دیوی ہنٛدِ خأطرٕ پنڈت سمسار چند ہنٛدِس گرس منز گیونہٕ۔ تمیٚ ہنٛدۍ انگوٚ أشناوٕ بیترِ ہنٛدِ ہٕٹہٕ۔ یِمہٕ زنانہٕ آسہٕ واریاہ شرمدار۔ مگر تِمن دژایہٕ تِمہٕ وِزِ کھر کھ ہٕشِ بیٚیلہٕ رَتن دیوی تِمن برونٛہہ کنہٕ کینہہ کأشرۍ بأتھ گیوٚی۔ واریاہ گیوٚن واجنہٕ آسہٕ شُری واجنہٕ تہٕ۔ یہٕ تِم آسہٕ یِمن بیٚیہِ سنٛز کھوٚنہٕ منز تراوان۔ یِمن اوس نہٕ تال سُرک کانٛہہ اندازٕ۔ تِمہٕ آسہٕ کُنہِ وِزِ یکوٹہٕ تہٕ بأتھ تُلان۔ یِتہٕ پٮ۪ٹھن آیہٕ تِم مُشراونہٕ ہٕشہٕ تہٕ گیوٚکھ زیرِ پأٹھی —— منزلی بأتھ چھِ پننہِ حسابہٕ واریاہ ڈولأمی آسان۔ جدید موسیقی ہُنٛد لوٚ نام نہاد منزلی پأٹھو برعکس چھِ یِم پرزی سُلہ ناوان تہٕ بیٚیہ ہنٛدر کھاران۔ یِمن چھُ لے تہٕ کُنٛی تہٕ ہموار آسان۔ اَمہِ کھوتہٕ سہل بأتھ ہیٚکہِ نہٕ اَسِتھے۔ تالری آوازن ہنٛز خوبصورتی تہٕ موٚدرٕ لے چھِ رَلہٕ مِلہٕ ٹأری گوٚبراوان۔ (اَمہِ پٮ۪تہٕ چھِ بأتھ نوٹیشن)

| | |
|---|---|
| دو دچیتو دامہٕ دامہٕ گلِہ گلے | ہو ہو کریو اُڈ کلے |
| لالو لولِہ منز الہ رے | گور ہو کرے کنہٕ دور گرے لالو |
| لالو لولِہ منز الہ رے | گوٗر ہو کرے کنہٕ دۆر گرے |
| مالِہ ہو کرے گُلِ جعفرے | گوٗر ہو کرے کنہٕ دۆر گرے |

پیالہٕ ہو گرٕ ے گُل جعفرٕ ے     گوٗر ہو کرٕ ے کنہٕ دۄر گرٕ ے
ژٕندرٕ ہو گرٕ ے گُل جعفرٕ ے     گوٗر ہو کرٕ ے کنہٕ دۄر گرٕ ے

## سیتایہٕ ہندی فریاد

سری رامہٕ مَن ہامےٚ گو تارِ لولو
سِیتا أسس ہِتھ کیاہ گوم
زُونُم ہٕ رٲم ہُند وٕدیش، پیوٚم
اپزٕس تہٕ لوٗئے کَن دارہٕ لولو
سری رامہٕ من مےٚ گوم تارِ لولو
راژٕے زنکِژ أسس پہٕ کوٚر
راٚمے ژٕندرٕنی سیدٕس پہٕ ہوٚر[1]
زٕنکِژ کُنی کور تارِ لولو
سری رامہٕ من مےٚ گوم تارِ لولو

## بأتھ

بہٕ بند أسِتھ شرمندٕ تھأوٕنس
گجسو پہٕ چانہٕ امارٕ ے لالو

---

[1] ہوٚر: جُفت۔ جوڑی دار۔ أتھ ہبکہٕ کأنسہ دوٚرٕ پرٕنگ کوٚ ڈٕر تہٕ ؤٕبھتھ۔ مگر یہ چھُ اصل کأشُر لفظ۔ جور شوٗبہ نہ ویسے تہٕ أتھ دھرمس۔ ترجمس منز تہٕ چھُ أتھ WIFE لیکھنہٕ آمُت۔

جنّت دوزخس ہستی ئرِھ گاٗس
ئرِھ ییکے ہٕ دوبارٕ لولو
بہ بند اٗسھ شرمندٕ بھاٗونس
وَن لتس اٗہس ژندن وارٕ لولو

ون مےٗ ووتُم ژندن دارو
ژٕبُھ بہ تراٗونس، ہو کھہٕ گاجنس
گجسو بہ چانہٕ امارٕے لالو
زری جامن بٕرے وتھراوے
پری لاگے خریدارو
بہ بندٕ اٗسھ شرمندٕ بھاٗونس

اٗندس بیہِھ چھُ کمار اسوامی وَنان زٕ گوڈنیک مصرعہ چھُ خاٗلِص
"صوفی" ہتہٕ "AND A FAIRY I WILL BUY FOR THEE" گوبہٕ ژھارٕن
ژیہہ کرِژھ اٗکھ ماٗری مُنز کوٗلے۔
میاٗنی کِنہٕ چھِ ہم دوشوٗے کتھہٕ گُماٗنے یوت۔

## اٗکہٕ ننٕد لو

اکہٕ ننٕد لو دود مندنس ژیر ہو گوم
اکہٕ ننٕد لو گھنہٕ گرنس ژیر ہو گوم

اکہٕ ننِدلو سوٚن گرنس ژیر ہو گوم
اکہٕ ننِدلو مالہٕ گرنَس ژیر ہو گوم
اکہٕ ننِدلو ڈل گژھنس ژیر ہو گوم
اکہٕ ننِدلو پربت گژھنس ژیر ہو گوم
اکہٕ ننِدلو بھتہٕ کھینس ژیر ہو گوم

## روہِ منزلس منز

ژھنہٕ روہِ منزلس کرَے گور گور
پھٹے بیٚلہٕ پیوہم اَچھ راتن
ذاتُکھ چون لیوٚکھ بھگوانن
ذاتُکھ ہیتھ آیہِ ستہٕ ریٚشہِ یور
ژھنَہٕ روہِ منزلس کرَے گور گور
گوڈٕ سونتہٕ پھُلیاہ لجٔ مےٚ وارے
کوتُر پھشہٕ پیوٚو وَن ہارے
ہے بٹہٕ! لکھمی ہیتھ روز یور
ژھنَہٕ روہِ منزلس کرَے گوٗر گوٗر
بب چون بیندراز مأج ینبرزل
منزلس وتھرے ہیی تہٕ مخمل

مَنزلِس چانِس سوٗزِ کیٚنہٕ دور

ژٕھنتھ روٗزِ مَنزلِس کَرے گوٗر گوٗر

ذٕہِہ بجہ لالو گرٛژھ لۆتہٕ ژاٹہٕ ہال

اَتھس کیٚتھ دوٗج بلہٕ وأر کرٛژھس تَل کتاب

ژوٗرِ بجہ لالو ژٕہ ووٗلو یوٗر

ژٕھنتھ روٗزِ مَنزلِس کَرے گوٗر گوٗر

موٗختہٕ پھوٗل ڈکھ چھے زٕتھ مالے

بالیو بیٚنہٕ چھے زیبائے

بایِن چانِن چشم بد دور

ژٕھنتھ روٗزِ مَنزلِس کَرے گوٗر گوٗر

اَسمانٔی لیکان جانا وار

گرٛژھِ یوٗ گُکل کِنہٕ کستوٗر

دوٗدِ موج ہٲہمنے ژٕنیٚنچ حور

ژٕھنتھ روٗزِ مَنزلِس کَرے گوٗر گوٗر

تَلہٕ کیٚنہٕ چھُ کُمار اسوامی لیکھان زِ دوٚیمِس بَندس منز ہیٚنکہٕ "گوڑٕ سوٗنتھ" امہِ ناوِکِس گامُس کُن تہٕ اِشارٕ آسِتھ ـــ مگر یہِ تہٕ چھُ بس گُمانے باسان۔

امہِ پتہٕ چھُ کیٚنہہ باتھ پیش کرنہٕ آمتی۔ کُمار اسوامی چھُ وَنان زِ یِم چھِ خاندرن خوندرَن تہٕ شادیانَن منٛزٕ لے یوٗزِ تراوُنکین موقعن

پیٹھ بہٕ کورِ تہٕ بٹنہٕ گیوان۔ تہٕ اَمہِ وِزِ چھِے طبلہٕ تہٕ وایان سے

گوٗپین ہٕندِ کنکہٕ لالو — گوٗپالو! درشُن ہاوٗ
بھگتی چانے موخنہ دراوتھرنے — روٗٹ رادھے ژرنے کینہٕ
کینہٕ دژایہ بازارو — گوٗپالو! درشُن مےٚ ہاو
شران کرنے گوڈوارکایے — بیٚیہ یزِ یور یانزلیے
بلبدروتہٕ کرشنہٕ اوتارو — گوٗپالو درشُن ہاو

کُماراسوامی چھُ لیکھان زِ یمن ہُند ووج مصرعہٕ چھُ سارے زناٗنہٕ یک آواز گیوان تہٕ خاص گیوٚن واجینۍ چھہ مصرعہ بردہ پکناوان۔ بیٚیہ زٕ ترٚیمہٕ لایٔنہٕ یعنی:

"بھگتی چانے موخنہٕ دژاوتھرنے" گونہ دچھہ رانٹھ۔ بلکہ تھرٗ گیہ کاٹھہ پوشہٕ راٹھ۔ یتھ کاٹھہ میوٗ کھٕ مزہٕ دار گلی ماچھہٕ نیر۔



رُکمنی ہندے کرشنہٕ بگوانو — پان وندے یو بگوانو
شارکایہ ہندے وام دیو جانو — زالایہ ہندے مہادیو جانو
راگنی ہندے بوتیشور جانو — ولبھ بایےٚ گنپت جانو
سیتایہ ہندے رام ژندر جانو — کوشلیایہ ہندے دشرتھ جانو
لکھمی ہندے ناتیانہ جانو — کالکایہ ہندے مہاکالہ جانو
ترپیورہ ہندے کامیشور جانو — پاروتی ہندِ شیوجی جانو
سُبدرایہ ہندے ارزن دیو جانے — دمینتی ہندِ نل راژہٕ جانو

دیوکی ہندے واسدیو جانوٗ رادھایہ ہندے کرشنہٕ بگوانوٗ
پان وندٕیو بگوانوٗ!

# خاندرٕ باتھ

آو بہار گُلِ بادامن
شارہ کا دیوی اندی اندی
پوشہ چمنن دیوار بندی
پوش لاگس صُبحس تہٕ شامن
آو بہار گُلِ بادامن
راگنہ دیوی اندی اندی
یمہ پوشن دیوار بندی
دود باوس صُبحس تہٕ شامن
آو بہار گُلِ بادامن
زالہ دیوی اندی اندی
وینہ پوشن دیوار بندی
نارائنس اندی اندی
تُلسی پوشن دیوار بندی
کوٚنگ مٔلس صُبحن تہٕ شامن
آو بہار گُلِ بادامن

بوٚنہ کنہٕ چھُ لیکھتھ — شارکا — راگنیا ناو چھُ یمن بگوتین تہٕ جایَن شایَن کُن اِشارٕ کران۔ شارکا (ستی۔ پاروتی) گوہارٕ پربت تہٕ۔ اتہٕ چھ مارِ چس منزٕ ے دِوے لگان۔ راگنیا (کھیر بھوانی) چھ تُلہ مُلہ اکھ لانکھ۔ تہٕ اَتہٕ چھُ مئی منز مالہِ لگان۔ زالا (پاروتی ہُند بیاکھ ناو) چھ اکس بالس بیٹھ۔ اَتہٕ چھُ جونس منز دِوے آسان۔ شیوا چھی زاٗنہ گیر پرگنس منز۔

اَکھ گام۔ نارائن چھُ ورُملس نش اَکھ تیر تھ ــــــ کُمار اسوامی ہنز کتھ چھُ پوشہ چمن دیوار بندی، ہُمند یہ مطلب زِ وندہ پیٹھ چھ یمن شایَن تہ باغن دوین دیوارَن ٹوٗٹمِر مرمت یُوان کرنہٕ۔

## لولہٕ نغمہٕ

رأتھ ووٗلے ووٗلَے سوٗندری
مَس کھوس ہے برَے ژیٚنے
رأتہٕ ووٗلَے ووٗلَے سوٗندری
سوٚن ووٗلے ووٗلَے سوٗندری
سالہٕ ووٗلَے ووٗلَے سوٗندری
پوزِ چانہِ زَے تالے دُوریے
لوٗزکہِ وَقتہٕ ووٗتھ سوٗندری
پوٗژِ چانہِ پأٹھ انزألیے
بابَن اونٕنے روٗنہِ منزولیے
اَسمانہٕ وژھکھے ہے رنگہٕ ژٲری
وَسہٕ کھے پانے کِنہٕ لاگے والہٕ یٲری
یِم کُمٕ گرنیے کُنٛد نٕکی گری
گٔژیے سوٗنہ رن کِنہٕ ووٗستہ کأری گرے
نقش داریندرس پیٚچھ کُمٕ گرے
گرٕنے چھانن کِنہٕ ووٗستہ کأری گریے



روزٕ بُلبلو لول چون آمو
اَر پوشو ژیر کیوہو گویو
اندرٕ وٕنٔے نٕندر ما پیٚیو
نیٚر نبر چھُے پلیٚے جاؤ
روز بُلبلو لول چون آمو
آدن ییٚلہِ بادم ڈراوو
گے وُچھنے ووٚکھلیٚ تہٕ ناوو
رنگہِ ناوَن لوٚگ چلیٚے جاو
روز بُلبلو لول چون آمو



پیٚنٛژ دوہ گے مے پٔرارانے | اَز روز سانہِ میٖہمانے
مجنونو چانہِ لأل مرجانے | کوٚت ڈراکھو ہا دیوانے
مَس ژٔرٔے کٔمیٚ کوٚرِیو پریشانو | اَز روز سانہِ میٖہمانے
سَتھ چھِے زمیٖنہ سَتھ آسمانے | کِمَن منز روزان پانے
مَلک تہٕ چھی حأرانے | از روز سانہ میٖہمانے
سُلہ بور اَنُن پَنُن جانانے | لوتیہ ووٚتھرَن تراوٕ سے
وُنہ نٔے بییِتہ کاہٕ میٖہمانے | اَز روز سانہِ میٖہمانے
یُس درِ روزٕ ست نارانے | تس کِتھ چھی سوٚرگٕچ جانے

سۓ یوت ؤنہٕ اد رام رامے     از روزہ سانہٕ میہمانے
ئیٚس دِرہ روزٕ رمضانے     تس کیتھ چھی جنتکی جاۓ
سُہ ادِ پرِ آیہ قُرآنے     از روز سانہٕ میہمانے
میانہِ ڈیہ کیاز زائیس ماجے     کیازٕ آئیس یئمہ سمسارے
چھُس بہٕ دیوان کیا پروانے     از روز سانہٕ میہمانے
موٚرِ مرس ناو کت کرشیے     ناوِ وول اسہ تار دیہ پلنے
چھی ملک کیاتہ حارانے     از روز سانہٕ میہمانے
ژایاوَ جوگیا آنگنہٕ سانے     ناد لویُن تمۍ خیر اَنس
خارتہ کیہ بہ دِمس پانے     از روز سانہٕ میہمانے
سادھ لُکھ ژایے میوٗنے خانے     کھور چھلکھ سانے پلنے
پان دِمکھ ادِ نذرانے     از روز سانہٕ میہمانے

کُمارا سوامی چھ اتھ کتھہِ داد دِوان زِ بالتس منز چھ صوفی تہٕ ہندو دوٚلونی
درِن ہندی تلمیح دِنہٕ آمژ۔ حسبِ ذیل زِ بند درج کرنہٕ برِد ہٕہ چھُ سُہ لیکھان
زِ یم چھ سیٹھاہے خوبصورت تہٕ خدائس پنُن پان پیش کرنک SELF –
SURRENDER آئینہ۔ لفظ 'خُدا' چھُ تمی آیہ ورتاونہٕ یوان، ییمہ آیہ
مسیحی مناجاتن منز موجود چھُ۔

فقیر آنگن ژامے     تتہ خارتھ مینگنے
خارتھ دِمہ سیٚہ پننے پانے     از روز سانہٕ میہمانے
ست زن گرِ میون ژامے     کھور لتس بہ چھلہ پانی پانے
ڈکھنا دمہ سے سورے پانے     از روز سانہٕ میہمانے

کُمارا سوامی چھُ عام طور پنڈت گھوَنک طرفدار تہٕ یمَن کُن زیادٕ توجہ دِوان۔ شاید چھہ اَمیُک وجہ زِ ہم اَسی پٕرۍ ہتی لیکھمتی تہٕ یمَن ہتۍ کتھ کلام کرنس آسہٕ ہیے تس ژۄرُے لُطف یِوان۔ حسبِ ذیل بأتس متعلق چھُ سُہ وَنان زِ یہ چھہ زنانہٕ گیوان مگر صرف بٕڑ زنانے یا ژٕھ، تہٕ ہیکہٕ نہٕ یہ وَنِتھ۔ زنانہٕ چھہ اَکھ اَکس کُن بُتھ کٔرِتھ دۄن تندِین منز وۄدنہٕ روزان۔ اَکھ اَکسندِس پھیکِس منز نَر تراوِتھ چھہ یم پتھ بروٗنہہ قدم تراوان تہٕ گیوان۔ اَکھ دۄر چھُ بأتُک اَکھ مصرعہٕ تُلان، بیاکھ چھہ بأنی بأتھ گیوان۔ گوڈنیک دۄر چھُ گوڈنکس مصرعس ٹھلانی تہٕ تُلانی کران۔ یہ چھُ نٔژن بأتھ وَنہٕ نُک اصل طریقہٕ۔ منز چھُنہٕ کانٛہہ مقلمہ کڈنہٕ یِوان تہٕ اَخرس پیٹھ چھہ بأتُک تہٕ نٔژن قدمن ہُند رفتار تیزان۔ (یہ چھُ سیوٗدُے سوٗن روٗہ) ــــــ یہ چھُ ساز و بغأر اداکرنُک معتبر لکہٕ بأتھ۔

گۄر گۄر کرہٕ یو کنہٕ کے دورو، کنہٕ کے دورو

ٹینٛڈہی ماڈی یو مرگے ژورو، مرگے ژورے

سیٖنٛن کیارنہٕ یو، بھٹلہٕ زۄنبورو، بھٹلہٕ زۄنبورو

دِلہٕ ہندِ شہزادہٕ آکھا لاہورو، آکھا لاہورو

چونے دۄر ہر کرِ مو سورو، کرِ مو سورو

مولہٕ وَتھ بازرہ ہٹہ ہوٗنزورو، ہٹہ ہوٗنزورو

عشقے نارن کوٗرنم سورو، کوٗرنم سورو

مے معرفت مے چاولتو، یورو، چاولتہ یورو

## محمود گامی ژھانڈان دۆرو، ژھانڈان دورو

اَندلِس منز چھُ محمود گامی سُند ناو ظاہر چھُ زِ یہ چھُ محمودُن باتھ یہ اکھ لگہ ہانژہ لاگنہٕ چھِ غلط۔ مگر یہ اوس یوٗت مشہورٕ نہٕ کشیرِ ہندین طرفاتن منز اوس وَرناونہٕ یوان۔ یہ چھُ گامی سنز مقبولیت ہٕنز شان ہاوان۔ اکادمی ہندِس کلیاتِ محمود گامیس ـــــ مرتبہ ناجی منوّر ـــــ منز یتھ چھُ یہ درج مگر واریاہن شاعرن ہُند موکھ بدلِ حسابہٕ اَخنتے کینٛہ الگ الگ۔

مثلاً اکھ بند یُس مشترکہ چھُ کُلیاتس منز ییٚنہٕ طریقہٕ:

دِلہِ ہندِ شاہزادہ آکھا لأہورو    ٹینٛٹڑی ماڈدی یو مرگی سورس

نیرِ ہا یتہٕ یتہٕ چھُنہٕ دۆستورو    ژہٕ ہا پردٕ یتہٕ چھُس مستورو

کمارا سوامی ین دۆیُم مِصرعہٕ چھُ مانہٕ سوو یتہٕ کُلیاتک غلط یتہٕ لو یتہٕ کینہ چھُس حاشیہ "یہ مِصرعہٕ چھُنہٕ صاف وو ہقان"۔

## باغہٕ باتھ

آمد بہار جانانے    یارانے چھُ مُبارک

سبزی آیہ مأدانن    کوہن یتہٕ کوہ بیابانن

وارِ ین پھُلِم بوستانے    یارانے چھے مُبارک

قُمری پران حق سر ہو    یا ہو پران یامن ہو

... یاد ... ... ...    یارانے چھے مُبارک

پوشِہ نولو گوشن چھے پھلے    مست کیتہٕ ہوش دارانے

وٕلۆر ہیتھ نۆر چھاوانے یارانے چھے مُبارک

'پوشہِ نۆلُس' چھُ کُمارا سوامی 'MANGO BIRD' ترجمہٕ کران۔

بیٚیہِ کیشرٕن باٗتَن ہُند مَتن چھُ یِیمہِ آیہِ دِنہٕ آمُت:

کرٕلو گۆر گۆرو میانہِ جنتکہِ دورو

خلوت خانس چھُکھہ بُستہِ پالنس

تاٗ بیاہ چھے حورو میانہِ جنتکہِ دورو

آدم، آدم کیتھہٕ لڑٕلۆوُن لڈھتھ لورو

زونہ ڈبہ وتھرے، ووٕلہٕ سۆن سِتھرے

لولہِ کستورو، میانہِ جنتکہِ دورو

خواب ہے ڈلوٕتھم، سیٹھاہ گیٚس بے تاب

یہ چھِہ لتہِ ندلۆرو، میانہِ جنتکہِ دورو

ناٗلی چھے مالہِ لے، وآلی چھی کنہٕ نے

ہیٹہ ہوٚنزورو، میانہِ جنتکہِ دورو

یہ باٗتھ چھُ شرٚوٕنے باسان۔ جنتکہِ دۆرو کیاسناگو؟ یا تہ چھُ وٚن

واٗلس ۆژھیمہ نۆتہ بوزن واٗلس پہٕ توٚ گمُت بوزُن۔



بیٚیہِ دوٚن باٗتَن ہندی کیشہ بند دِوان چھُ سُہ لیکھان زِیم لۆزِیمے

گنہ بلہٕ (کھنہٕ بلہٕ) تہ اَچھہ وٕلہٕ اَکِس ہشرٕ گٹس نِش لیُس اِسلام آبادکِ اوس۔

بے درد دادِ چانے سُور ہو گومو     سوٗرے لۍ مُٹھ یامیانہٕ یارِ و لولو

یوسف ینو کھو کِنِنے بازرو     مصرکہٕ منز بازارو لولو

ہر تارِ دِل ہو سوز بو لاگے     سوٗرے لے بوز میانہٕ یارِ و لولو

مجلوٗن کھڑاو بجذٕ کس بالس     تراوان اُشہ نے دارے لولو

مجلوٗن پھیران منز صحراوٗن     لاٗل واٗژ منز دربارو لولو

(یہ باٗتھ چھُ اَسہ ساروے بوٗزمٕژ تہٕ ریڈیو پیٹھہ تہٕ چھُ نشر سپدان۔ اَمیک چھُ کماڈ اسُواہین ترجمے یوت دِتُھمت۔ مے لیکھس کاٗشرِ مصرعہ پننہٕ آنکو نہ کنی، یعنی ترجمُک ترجمہ)

## سازندر باٗتھ

"یم باٗتھ بوٗزی اَسہ سرینگرٕ عبداللہ ڈارس نِشہ۔ یُس اکھ پیشہٕ ور گیون وول چھُ۔ مسلمان سازندر چھ سرینگرٕ گیوٚتھ پنُن اوذ تہٕ کماوان۔ یم سازندر اَسہ سمکھے یہ ہمتن منزاوس عبداللہ ڈار سارہٕ نے سَرس۔ یم چھ ووٚدس تہٕ خاندرن خوٚندرَن منز تہٕ وایان گایان۔ عبداللہ چھُ اکھ شاندار فنکار تہٕ موسیقی چھ تس لَس لبُن۔ سہ چھُ سنگیت کار تہٕ باٗتھ تہٕ لیکھان۔ سہ ییلہ سازہٕ بغاٗر تہٕ کاٗنہہ فارسی یا کاٗشُر باٗتھ چھُ آداکران، یہ چھ موسیقی کھوٚتہٕ زیادٕ نے تہٕ ٹھتی، سیوٚ سرٕ ودٲنان۔ باٗقی کاٗشرٕ ین گلوکارَن ہندی پاٗٹھی چھ تمس رباب اَتھس کیٛتھ آسان ع

رُسہٕ رُسہٕ یاوٗن ژوٚلموٚ ژوٚرے     حورے راوِ رُم شوٗرے پان

ساعتاہ وُنی لوس کھور زے مورے  حورے راوُرم شوُرے پان

ماچہ پیٚلہٕ چھولنس کونگہٕ کستورے  زیٚہنہٕ پچی ناحقہٕ کرٕنم ہاشر

آیم پوٚمپھ ماسہٕ لیوٚمھٕ کیتو دورے  حورے راوُرم شوُرے پان

رنگہٕ رنگہٕ بابہٕ مٔھرٕی گلالیے  کس کیا بیوٚن بیوٚن باگران اوٚس

کم وٕیہہ کرٕنم اٚمی لاٚنی ژوٚرے  حورے راوُرم شوُرے پان

یاوُنہٕ اٚسس کھسان گورے  ناداٚنی راوُرم بالے پان

یاٚری ہیٚے لوٚیم زاٚوِجہ موٗرے  حورے راوُرم شوُرے پان

تیٚرہیٚے دِتنم تٔنہٕ داٚری داٚریے  سیٖنہٕ ہیٚے کوٚرنم نیٚندرٕ بیدار

درشُن چانے بلہ بیمارے  حورے راوُرم شوُرے پان

چشمہٕ چھیے بادام، بُمہٕ تیر کارے  سروِ قد روے چون ماہِ تابان

وُٹھ چاٚنی دُرٕ ٹھلی دند مولاٚلیے  حورے راوُرم شوُرے پان

یس اٚکس لوٚگٹس منزلہٕ دورے  تس گو برابر صُبح تہٕ شام

دٔیہ نے دِیہ تے ڈٔبکہٕ ئے پوٗرے  حورے راوُرم شوُرے پان

وٚن تس اوٚسس بہ دار دلوٚدارے  توٚتے وٚاتھ پیوٚم زوراوار

ژٔٹھ ترٕاٚوُنس اٚمی گٹلی یارے  حورے راوُرم شوُرے پان

مٔس ہیٚے دِتنم اٚمی کلہٕ واٚلیے  مٔے ہیٚے چاٚ ونس مالامال

ریندہٕ چھی دٔدی متہٕ درد کہٕ نار ییے  حورے راوُرم شوُرے پان

پیٚرس پٔنہٕ نس لگہٕ ناپاٚریے  سیٚرس تمٔی ہیٚے کرٕنم زان

موختہٕ ٹاٚرس ووہ میدواٚری  حورے راوُرم شوُرے پان

یہ چھُ کتام موخہٕ ڈارٕ سُند باتھ مگر سُہ تہٕ چھُ سانہٕ خاطرٕ نوٚو۔
اَمہِ پتہٕ چھُ مولانا رومی سُند فارسی غزل ع

چہ تدبیر اے مُسلمانان کہ من خود را نمی دانم

یتھ NOTATION نہٕ چھ دِنہٕ آمژ۔ عبداللہ ڈار اوس یتہٕ زبانس پیٹھ گھوان۔

اَخرس پیٹھ چھُ محمود گامِین باتھ ۔ ع

اَز مےٚ لول آم وُچھ ہتھ وارے

درج کرنہٕ آمُت۔ کُمار اسوامی چھ لیکھان زِ یہ چھُ لولہٕ نغمہٕ مگر اَتھ تہٕ ہیٚکن صوفی تفسیر کرِتھ سُہ چھُ تتھ مقامی رِوایژ تلأنی کران، یوٚسہٕ زبأنی زبأنی اَتھ بأتس مُتعلق اسہٕ تام واتژ مژ چھ۔

"دیان تمأ لیوٚکھ کتہٕ ہارچہ اَکس کور متعلق یہ بأتھ۔ یس عزٕ مے ناوٕوس۔ مگر اَمہِ عزتی وُوٚتھ ٹٹھ۔ گامی یس متعلق آیہ شکایت کرنہٕ تہٕ کورِ مألی کوٚر تحصیلدارس نشہ ریٹھ۔ مگر شاعرن وُون یہ چھُنہٕ مےٚ 'عزٕ مے' ناوٕ بلکہ 'اَز مے' یعنی TODAY تہٕ یہ چھُ صوفی خیالک آلو"۔

یہ بأتھ تہٕ چھُ ناجی مُنوّر صأبن کلیاتِ محمود گامی یس منز درج کوٚرمُت۔ مگر پأٹھس چھ کتہٕ کور تفاوت۔ کُلیاتس منز چھ اَتھ 18 شار مگر کُمار اسوامی چھ 13 ہے درج کران۔ کیٚنژن شارن ہُند فرق چھُ کتہٕ کور مِثالے کُلیاتہٕ کِہ غزلک شار چھُ ع

شانگس لوگام کتہٕ بو پرارے

وُنہٕ ہے حالِ اسرارے لو

لاشکھ چھُکھ ژےٚ ماشوق پژارے

ازےٚ ہاو دیدارے لو

کُمارا سوامی سُند پاٹھ چھُ زیادٕ رُت ع

شانگس نوٗ گام کتہٕ بو پرارے

بد نام گوس کُٹہٕ ہارے لو

اچھ ولہ نیب آم برٛنگ کٹہٕ ہارے

ازلے ہاوٚ دیدارے لو

یہ وُچھت چھُنہٕ اندازٕ کرُن مُشکل زِ ساہن بڈین تہٕ نزدیکی شاعرن ہُند کلامہٕ تہٕ چھُ زبأنی چلان وار یاہ کینہ کتر ہلہٕ وچھ اَسہٕ بنشہ وو تمُت. یمن بروٗ نٛہہ بروٗ نٛہہ یم شاعر وٗتھمِتۍ چھِ، تِہند کلام گژھ زگ تہٕ پریوٗن زانُن چھُنہٕ زیادٕ کرٛیوٗ ٹھ۔

---

اگر بہ ہیٚنٛز ماجہ زیو بدلہٕ بیتِہ کانٛہہ زبان بولان آسہٕ ہا تیلہٕ آسہ ہےٚ مےٚ دُنیا بدلےٚ رنگہٕ ژیینہٕ تہٕ وُچھنہٕ یوان۔

لُڈوِگ وِٹگنسٹین

—— جرمن ادیب

# بیٚون بیٚون گرٛی نکھ نقاش

(حبّہ خاتون)

کشیرِ ہنٛز وُڈر چھےٚ اکھ تیٚتھ زمینی (GEOLOGICAL) عجایبات زامہٕ خاطرٕ چھُنہٕ انگریزی ہشہٕ بجہ زبانٕی کانٛہہ شناختی لفظ یا ترکیب۔ توٚے چھُ ہموٚ امیک بیاکھ مُترادف کریوہ اَسے بِنشہٕ منگیٚتہٕ نیٚومُت۔ یِم وُڈر چھِ کشیرِ ہندِ سبھٹاہ پرانہٕ تہٕ بارسیٚتہٕ تواریخ تہٕ تہذیبکی ہالہٕ مأدان روٗدی متی۔ توٚے چھِ یِم شمارٕ ئیتہٕ تہٕ بسیار ہاکترٕ کھنجوسیٚتی بٔٹھہ تہٕ آورِ تھ۔ ویچہِ بیارٕ سیمھقن (یونانی بستی)، شُشیَن کھسہٕ وُن بلہٕ پوٗر (ہی مالہِ ہندِس مأیس رازٕ بلاویرٕنی رازٕ دأنی) پَٹن کھووٕری کنٛی پریہاسپور (للتادتیہ سُند ماشٹھ) ژوڈُر بنشہٕ خام پوٗر، ہأروَن، دامُودر وُڈر بیترٕ۔ یِم چھ پرانِن آبادین تہٕ بُستی ین ہندی آثارٕتہٕ نیب۔ أزی نہٕ پانٛژھ ہتھ وٕری برٛونٛہہ حبہٕ خاتوٗنہٕ ہندِ وقتہٕ تہٕ۔ نتہٕ ماوَنہٕ ہے سو بداد دِوان نہٕ ریٚشٹھ لاگان عَ

وُڈر کھسہٕ نٕے گُڈٕر گومو کترِ سَنہٕ مو مالِنیو ہو

کترٕ اُس اکِہ وقتہٕ زمانہٕ کہ ٹکنالوجی ہُند اَہمارٕ تہٕ اِظہار۔ یہِ چھےٚ کأشرِ تہذیب کرِ زیچھِ وأتنہٕ تہٕ اَمہِ چہ کسب کأری ہندی وِہتہٕ ہاوان۔ کرالہٕ پوٗری

چھ کشیر منز درجنہ واد۔ کشیر منز چھ پراچین تہذیبن ہندی آکار تہٕ آثار اَکہِ میوزیمَس کہِ حٲثیژہ زن ژٕرِتھ رٔوِدی ہتی۔ ..... ووٚنی چھ یم جدید کاٗری ہندٕ تأوِترٕ ژٕرستی شیٚنہ مانٛنہِ ہندی پاٹھۍ ولگلان تہٕ وِبسران۔ مگر کیٚنہ ژٕلی بروٚنٛہہ تام اَسی یم موہنجو دارو کین بانٛن بٔٹھن ہندِ موکھہ۔ تہٕ موہنجو دارو کِس عجایب خانس منز چھ اَز تہٕ یمن ہندی تمثال موجود۔ شُری تماشہٕ ( TOYS ) شُرنہٕ، چھنجہ پوٚتی، بٔربتہٕ، کٔتروی گُری گۍپن، یم کیٛنہ وُری بروٚنٛہہ تام بناونہٕ یوان اَسی، چھ بالکل موہنجو دارو کہِ آیہِ۔ کشیر منز اَسی وُہ پٲنٛژہ وُری بروٚنٛہہ تام کیٛنہ کرٛال گوٚپھن منز روزان۔ پانٛژن ساسن وُریٛن ہُندٕ رسیدٕ ـــــ ترالہِ کین شہمار ٹلِن تل کنہٕ گوٚپھہ کرٛال چھے پانہٕ وُچھی ہتی۔ تمن ستی کٔھتہ کرمٕژٕ تمن ہیٚیہ آدنک تہٕ گوڈنیک مضمون لیوٚکھمُت۔ تتہٕ ووٚن مے اَکہِ کرٛاجہ زٕ مے چھ بیٚنھی گوٚپھہ منز پانٛژھ ہیٚن دِتی ہتی۔ سانٛین اکثر کٔترو بانٛن کھانٛن چھ پانٛژھ ساس وُری پرانین کتر بانٛن ستی ہشر۔ ژوٚڈ، ژوٚنگ، دالہِ دلِگُل، سپٹیہِ وٲرِ، لوٚٹک، لوٚبرٕ، تأو، اینیٛٹ، بٔشکابہ، لیٚنج، لبوٚل، ڈٔرِلج، نوٚٹ، گینٛزٕ مَنٛن، کانگ، ٹینڈ، لتوٚلج، ٹکہِ بیٚترِ ( تقٕحٔٔن منز باگ اَس مایہتن تہٕ زنانہٕ مرد ہم آغوش ہُند EROTIC منظر نقشاونہٕ یوان۔ تہٕ تتوے چھے اَز تہٕ محاورس منز تقچہ پرٛن۔ لبکہِ بیتر کڈنہٕ کس معنیس منز ورتاونہٕ یوان۔ یم تقچہ چھہ پرانین آثارن منز لبنہٕ آمژٕ کیٛنہ چھ سرینگر میوزیمس منز کام سوترٕ کی نالہٕ مٔتی ہاوان) اَختۍ کوٚر کاشرِ لوکتر ہُند زن تہٕ اَزی کہِ کیٛنواسکی پاٹھۍ پٔنٕنہِ تخلیقی جوش، زور، کمال، تہٕ جمال اُبراونہٕ خاطرٕ استعمال۔ ہأروٚن، ہُپہ نار، ہٕنٛہٕ مور،

کٔڑہ بل، مَدین صابٕ یِم کترِ وٹال ؤراہتی چھِ، تِمن ہُند تندلو تندلو لاگِتھ
لگار خانہٕ چھُ کأشرِ بن ہندِ تخلیقی ترایہ گرٛایہ ہُند ثبوت۔ یِمن ٹالن پیٹھ
چھِ پوشہٕ ذأرٕژن، گُلبن کٕٹبن، جاناوارن، أژدر ذأرٕژن، گٔتہ ریٖبن تہٕ
واریاہ بیٚیہ تہٕ کیٚنہٕ عکس موجود۔ کأشرِ لو بناوی کترِ بن گبونکی سازتہٕ......
کٕلہن چھُ کیٖشرٕن کُن اِشارٕ کران۔ نوٗٹ، دُمبکھ نأر بیتر چھِ اَسہٕ برٛونٹھہ
کَنہٕ۔ اَمہٕ علاوٕ أسی یِم تِھتی ٹٔڈی چیزٕ تہٕ بناوان، یِمن ہُند خالے کٔنہٕ نیب
نیٖران چھُ۔ مثلاً لوٕیُن، ووٕیِچ، مٔٹ (گرم آبہٕ خأطرٕ سرٛانہٕ کُٹھبن ہسنہٕ)
نأرٕ تہٕ بیٚیہ تہٕ سیٹھاہ۔ بتہٕ کھیٚنہٕ خأطرٕ أسی یِم چیز بناوان۔ یِمیک ذِکر
شیخ العالمؒ تہٕ حبہٕ خاتونہٕ دوشوٕیو کوٚرمُت چھُ۔ چیز کرٛال محلہ، چینہٕ گونٔڈ
بیتر آسہٕ یِھے پٔنہٕ پوان۔ یِتہٕ یِیِلہٕ کأشرِ بن چینٕ چھونی چھونی ہیٚتِن کرٕنی
تِموٕ بناو یِہ ترایِچ۔ خاص کأشر مگر ترایِچ۔ مگر چیز چھِ وُنہٕ واریاہن
لعمژن اَلم داران۔ طبخ چینز۔ وانٕ چھِ اَتھ منز خالِص کأشر طبخ مازتلان۔
نہٕ تیار کران۔ نہٕ اَمیک اَز تہٕ یوہے ناو چھُ ہاوان زِ ترامہٕ برٛونٹھہ آسہٕ
ہے یِتہٕ کترِو۔ یِیٹھہٕ کٔنی سسبر گوگج یا شب دیگ کترِ ونٕہ لیٚجن منز
رٔنہٕ پاکونہٕ یوان آسہٕ۔ مہریٖنہٕ ہندی وأرِو گرژھنہٕ چہ رأژ چھِ کأشری اَز تہٕ
برأژ سالہٕ منز سیٖٹھن تہٕ سارٕوے کھوتہٕ اَصل......شب چینہٕ منز
شیٖران تہٕ مہرازٕ گرٕکین تِمن بأژن ضیافت کھیاوناوان، یِم تہٕ مہرازٕ
سبہٕ منز گٔژھتھ ہیکان چھِ۔ کأشری أسی کیٖشرھأنہٕ آسنہٕ کِنہٕ تہٕ کیٖشرھا
رلوایتہٕ کِہ درٕسہٕ کنی آستانَن ہندی برٛنگ تام کترِو بناوان تہٕ اَز تہٕ

ہیکن ژھارِن وأنی دوٗر کینٛہ گامن منٛز یمن ہُند درشُن کرِتھ۔ یمہٕ اُسی شِستر پایپ ییٚنہٕ بروٚنٛہہ تریٚش تہٕ آب اوٚرِ یور واتناونہٕ خاطرٕ کتروٗ نلکہٕ وَرتاوان۔ ہارِ پربت قلعس اندر چھ اَز تہٕ یمن ہِندی نمونہٕ موجود۔ کترٕ وٕ بُل بہٕڑ اوس اکھ عجیب تماشہ ہیوٚ آسان تہٕ اَز تہٕ چھُ محاورس منٛز گنٛڈتھ...... کرالہٕ سُند تھُرمُت باہٕ چھُ لل دیٚد تام پییٚہٕ لِس شارس منٛز وارٕ کارٕ تھووٗمُت۔ ع

آہن ٹاکین یونی زن شمان

زٕوچھُم برہمان گرٕ گژھہ ہا

کترٕ اوس یوٗت شونڈٕ ورتووٗمُت زِ کأشرس منٛز ییٚو واسہٕ اکس قوٗدرتی کرٕ اوِلِس کترٕ ہُند پیوند کرُن۔ تلہٕ کترٕ (FROZEN WATER) گوٚتی۔ کٔشیرِ ہُند کار کُشا تہٕ زبان دراز فارسی شاعر مُلّا طاہر غنی تام گوونہٕ باونہٕ خاطرٕ کأشرس کترٕ کارٕ یعنے کرالس کُن رجوع کرنس مجبور تہٕ ژٕھٹی گونٛڈ اکھ خالِص کأشر ترکیب پینہٕ لِس شارس منٛز..... نتہٕ ہمہٕ ہس نہٕ باوَن تیوٚلے۔ ع

موئے میانِ تو شدہ کرالہٕ پن کرد جُدا کاسۂ سر ہا زِ تن

مرزا صائب آوا کرالہٕ پنک معنہٕ ژھانڈنہٕ کشیرِ کِنہٕ نہٕ۔ مگر یہ چھُ اَز تہٕ کأشرِ زبأنی ہُنز تیزی تہٕ تیکھی ہُند زِھنی تھبکہٕ ناوان۔ COPPER-AGE یعنے ترامُک زمانہٕ ییٚنہٕ پتہٕ تہٕ ژوٚٹ نہٕ کأشرہٕ لوییٚنہٕ جدّت طرأزی ہُند اِظہار۔ سماوار چھُ ناوٕ کس حدس تام یقینن روٗسی، مگر

یہ کوٚر کأشرِ لوٗپنٕنو لگہِ ہار حسابو سوٗ تہٕ بدلےٚ طرح دِیُتھس۔ روٗسی سماوار چھُ زنتہٕ کنہِ کُلہٕ منٛڈی سٕندی یا ہٕٹہ اکۍ سےٚ جایہِ ژٕہنہٕ آسان۔ سون سماوار چھُ رِہ چل (MOBILE) عنوانہٕ ...... پٔرتھس برو ٹھہ کنہِ حاضر گرٛدھان، کلہٕ نوٗمرا اوٕنھ لتس بندگی کران تہٕ اَدٕ لٔسنٛدین پیالن تہٕ فنجانن مُشک ژھہٕٹہ وُن تہٕ پھوٗ پھوٗ کرِ دُن وُشنُ قہوٕ پھران۔ روٗسی سماوارس چھےٚ نٔژیا CORK آسان۔ یوٚسہٕ مُژرا اوٕنی تہٕ بند کرٕنی چھ پیوان۔ کأشر سماوارٕچ ہی چھےٚ مُسٹ تہٕ مُژرِتھ آسان۔ بیٛنیہ چھس پھرٕتہٕ چہ جایہِ معشوق ہندین ٹارین ہش ہی آسان۔ یعنے زا اوٕج پُتر ہش زلو، یوٚسہ اَکھ دم تہٕ چھ سنبا لِتھ تھاوان، جوش تہٕ ڈنجہ رٹان تہٕ چھانہٕ ہنز ژوٕ نہٕ برداری ہش کرِتھ وُچھان زٕ کاٗہہ تیٖتھ ولیوٚ ٹھ مسالہ گوٚژھ نہٕ ووٚ ٹہ تُلن، ییٚمہِ ستی چینہٕ وأکی سُند لطیف مزٕ ترٛ ہرِ ...... طشت تہٕ نارٕ تہٕ چھ بٔنتہٕ اَنہارٕ وہارٕ کنی کأشرےٚ کأشر تہٕ یم آسہ گوڈٕ کترِ وتہٕ آسان۔ زورٕ تہٕ شورٕتہٕ۔ نارِ چھُ بیٛٹھ گرِتھ ٹوٗپ زن تہٕ تاج ہیوٗ آسان۔ کندِ کاری سماوار تہٕ طشت نار چھےٚ کُنہِ ساعتہٕ نقشو ستی زنتہٕ گلزار ہی آسان ...... زنتہٕ ورتاو وسترٕ و کھوتہٕ زیادٕ موبایل آرٹ گیلری ہندی سوٗنبل تہٕ روٗنبل تھٕیکہ ناوان ...... سرپوش یتھ تالہِ بیٛٹھ لیوٚدر کلہٕ ولیوٚ ٹھ ہیوٗ نٔندِ بون کنگر آسان چھُ، تہٕ چھُ کأشرین ہندےٚ ووٚ بزاو۔ گوڈٕ واز یتہٕ ترامہِ ہندس شیر تھہٕ تہٕ پأرِتھ گلدانس ڈٕھٹین تہٕ بیچھن ہندِ آدمی قہرٕ لتسہ رچھان۔ تہٕ یتہٕ اَمہِ چہ بےٚ ستری ہندس

اڑ ہانگلس پڑ پۄشی کران۔ یتھے کنٔہ اسپند سوزن۔ دۄدٕ پیالہٕ، لادٕبن تہٕ
لوٗچین لوٗشن کوٗ رہن ہنٛز کینہہ، یِمن منٛز رۄنہٕ تِھتے کنٔہ وزان چھِہ یتھہٕ کنٔہ
أشس نزٕ آلوٗن وِزِلتھنز رۄنہٕ داربنگہٕ شرۄنی چھ کران۔
کتر وٲنہٕ چھ ساہنین زبانی محاورن تہٕ ڈیٚن منز تہٕ گرزز رۄس
تہٕ گاہے سبٹھاہ مزدار..... مس کھاسی چشمہٕ، کتر ہش تن، تو لچ کرنی،
منٛٹن چھیہ تہٕ وُہٹن تہٕ چھیٚ نا، کتر نٲرِ آسُن، چھو چھ کتر کرن، نٹو
نار بو چون، لوٗنہٕ کین نٹین پہوڑ آسُن، کترو عمارت آسی کتر بتہٕ گرٛھن،
ٹاکین واہراونہٕ یُن، بتہٕ لیچہٕ بیٹھے کنہٕ وُچھن، طشتس تلاب گرٛھن، بانگہٕ
نیرُن تہٕ ژانگہٕ اژُن، ہٹہٕ دِمے ژھ نٹہ دِمے نہٕ تریش..... اکھ کاشر
گنٛڈتی چھیہ زِبیلہٕ دیگلس منز بنس پاکھ لگان چھُ تہٕ سُہ چھُ اَچ آواز
سِس سِس ہش کران، یہ چھ حکیم لقمان واے واے کران۔ یُس گرٛبکہٕ وونہٕ
لیچہٕ منز ژھنمت چھکھ۔ کرٛالن ہنزے کونہٕ منز چھ کلال تہٕ اکھ لنڈیھ کنٔہ
گُجرہٕ ہن منز بکروال۔ کرٛال ترکیب چھے کلال تہٕ گرٛھان ع

رنگہٕ رنگہٕ بانہٕ کھرِی پانہٕ کلالی

رتی تہٕ لتی ہندی پاٹھی لسانی قاعدو مطابق رٕل بنان۔ کلال لفظ چھُ
سانہٕ گکہٕ شاعری بیتر منز ورتاون۔ اَخنٕ چھ جمہٕ، پنجابہٕ بیتر کلالی ہُند
پیشہ اَمہٕ ناہٕ مشہور یم چھ شراب تہٕ بناوان۔ کشیر منز تہٕ اوس مسلمانن
ہندِ برو نٹھہٕ یم پنہٕ ہن بچھن بانن منز تیار کران۔ یمن چھ توٗے کلہٕ وال
تہٕ وَنان۔ کلہٕ وال بینو پتہٕ کاشرس منز زنن تہٕ چاوَن وٲلس یا ساقی لیس

ناو۔ کأشُر مصرعہ چھُ ے

أمِ کلہٕ والِن پینہٕ نے پانہٕ

پہٕ ہا وانہٕ وانہٕ چھوونَس مَس

(رحیم صائب)

اَختۍ اوس کلہٕ والِس لَغمہٕ گری ہُند کسب تہٕ گنڈِتھ تھاونہٕ آمُت۔ کأشُر شعر چھُ ع

کلہ والہ ژہ دیوٚ قارِ صداقتی چھُ مُدعا میثون

زوالہ لِشہ روزِ جُداتی چھُ مُدعا میثون

یِتھۍ کنۍ چھِ یِم سارے لفظ تہٕ اِصطِلاح سانہٕ ادبی وراثتُک حِصہٕ بنیٚ مِتۍ۔

کشیرِ منز چھِ کرٛالن تہٕ کترِ بن ہُند یُتھ تاوتہٕ وہراورۍ دمُت زِ یِتہٕ چھِ کرٛالہ سنگرتہٕ کترٹینگ بتہٕ تہٕ کرٛالہٕ کھوڑتہٕ۔

—— ○ ——

## نُندہٕ ریشنۍ کشیر

یِم چھِ سرن تہٕ ھترِ بن پوش

یینن وبنہٕ تہٕ وَنن ہی

——

# پکھہ، پنجہٕ تہٕ پڈٕر

ع آگر پچھنے تا بیا چھی جن تہٕ اِنسانے

(احمد بٹہ واری)

بُتل چھِنہٕ آدم زاد سنز کاہہ الگ تہٕ اندیکھ وراثت یا ژٕھٹھ تہٕ ڈٕٹھ جاگیر۔ یہ چھُ صحیح زِ از چھ اِنسانہٕ سندی ہُنے ہتہ ہاوسن تہٕ پھلوائے وُپھارن بُتلہٕ ہنز ماجہ ہیٹھ کو چھ ناہ بسر بناومژ۔ امہٕ کِنہ شیٖنہٕ مالنن لوٚمہٕ لاجمژ، امہٕ چیٖن ناگہٕ بُبراین وُزٕنی پاٹاسی کرٕمژ۔ امہٕ کِس بےٚ شونکھ تہٕ شوقہٕ ہٕنس دو پراوس گانٕہ ہُند ہوٚل تہٕ ہانٹہٕ ہُند ڈومب بنووُمت۔ یژھ وٚری تہٕ چھ امہٕ پچھ کھوٚنہٕ منز ہیٚتہٕ وادپوشن ہنز اژھ رژھ لوسان تہٕ سابہٕ واد گلپن کٹہن، پرندن، چرندن تہٕ نایاب زُو ذاژن ہنز وگنہٕ ہمیشہ خاطرٕ رد خصت گرژھان۔ زندگی ہندی بیٚرٕ بکوٚ ذی جلوہ نابود گرژھان تہٕ ہستی ہندی شاندار خمہٕ ژٹٕنہٕ پوان۔ یژھے باسان ہے رٕوز حیات تہٕ آسنہٕ کس یِتھ طلسم خانس منز ماروزِ منوش ہُنہٕ مشید ہندس جن سندی پاٹھی کُن تہٕ کوڈمُت کمینہٕ ہیو۔ فِطرت دید چھنے واریاہ صابر تہٕ ژبڈ بھاوَن واجینۍ۔ مگر اکھ ہے ترٕس تہٕ تُرٕس

لگان روزِ یہ چھِے وولان تہٕ جِنس واپس کوٚجن لاگان۔ اَمیک واد تہٕ وار چھُ دوٚ دُر تہٕ دُرمٹھ ہیوٚ آسان۔ ہرگاہ نَے اِنسانن ہِہن ہیوٚت یِہے زمین مابنہٕ تسند باپتھ اَکھ گر یکوٚنی تلہٕ کڑاے تہٕ اِجتماعی شمشان۔ تسنزن فأیرا زن تہٕ فِتنہٕ ساماٚنین لاد ہیہٕ خاطرمادا تہٕ ناوِ سوٚرتس ڈاس تہٕ ڈاکھ کرِتھ لوٚٹنم نیہٕ[1]

زمینہٕ ہندِس سٕتھرِس پیٹھ اَسی منوٚشن برونہہ رنگہٕ رنگہٕ قسمہٕ قسمہٕ ذی حیات۔ یمن منز اَز کانٛہہ کانٛہہ موجود چھُ اِنسانَے بوٚزوٚ نہٕ چھُ یِمہ کاروانِ سرایہ ہُند سابِقہٕ رے کھوٚ تہٕ کوٚلنس وانگُج۔ بُتلہٕ ہنز اصل رونق چھِے اَتھ منز روزِ وٚنہٕ اَلگ نُروٚ ذأژ۔ اِنسان چھُ پننِس جوڑس ستی صرف پننِ اَنٛہ مُدراوان تہٕ پننہٕ ذأژ (SPECIES) ہُند تولید تہٕ تسلسل برونہہ پکناوان۔ مگر واریاہ پرندٕ تہٕ چرندٕ چھ زِنہٕ نک تہٕ ژُوٚنک یہ زلہٕ گر (BIOLO-GICAL CYCLE) چلاٚوِتھ پننہٕ تولیدُک سنز تہٕ کران تہٕ اَسان تہٕ گیوان اَکھ برونہہ پکناوان۔ برونہہ کنہٕ چی مثال چھِے ہوٚکلِن پیٹھ لوٚمبرن بیتر ہُند بہُن تہٕ تُر پوشن ہُند ولیوٚر مادن تام واتناوُن بیتر۔ یِمہ ستی ہستی ہُند یہ آو جاو گرِ کنہٕ لاگِتھ پکان چھُ۔

اَسہ اَندی پٔکھی بولہٕ وِنی طوطہٕ تہٕ کستور، گکلہٕ تہٕ قُمری، چھِٹہٕ لوٚنپرِ تہٕ ہالوٚ، ژھالہٕ مارِ وِنی چار وأے، گرِ بزٕ تُلہٕ وِنی سہہ تہٕ ژیٚتر، مشمعدان ہوٚی ہنگہٕ بھیج گکلہٕ ناوُن وألی ہانگل ہٕنسی، وِوٚنٹھ، چار وأے تہٕ یِتھی بے شمار تہٕ ہزار در

[1] اَکھ بیوٚن تہٕ بیردن خوفناک جاے۔ لوٚ یہ داستانن منز پھرِ تہٕ چھِے یوان تہٕ یوٚرِ تہٕ کہنی واپس ہیکہٕ یِتھ۔

ہزار۔ یمو منز چھ وار یاہ اِنسانہٕ ہنٛدِ بروٚنٛہہ زمینہٕ پیٹھ پیٚدٕ روایان، ییٚمٹ
دِوان تہٕ ژٕنگہٕ تُلان رُودی ہتی۔ اَز بروٚنٛہہ دٔہ کرور وٕری اوس ڈینوسار
بُتلہٕ ہُند کُنہٕ وال نہٕ کوٚٹھدار۔ دپان تِمی سنٛزٕ کینٛہہ ذاژ آسہٕ پچھن رۄپَس
منز پکھہٕ وایان۔ کینٛہہ ڈینوسار اُسی یِنہ کوٚہ لچھن ہوی بٔڈی تہٕ بٔرِتھ وجوٗد
ہٕتھاوان۔ مگر آسمانَن تہٕ بُتلہٕ کرِ کینٛہہ تام ژھومب نٕ واہٕ وار گول یمن
ہُند بیوٗل تام۔ یہنٛدی ؤٹھی گٲمتی کٔرنٕ آیہٕ لچھ بٔڈی وٕری سۄر رِتھ کُنہٕ
بالہٕ کھمبرٕ بن نالہٕ ہتی کٔرِتھ تہٕ کُنہٕ گوٚیِھن ہنٛدِس اَنہٕ گٹس منز دفن گٔژھِتھ
لبنہٕ۔ لو تہٕ چھُ یہنٛد یکُن جلکُھن بیتر اِنسانہٕ ہنٛدِس لاشعورس زندگی ہُند
خیالی نقشہٕ ہاوان۔ یمن دیوہیکل جانورَن ہُند ہیکہٕ ہے شونٛڈ اکِس بٔڈِس
SKY SCRAPER ہیوٚ اُسِتھ یہنٛد ختم گژھن چھ ہاوان زِ اگر یِژھ ہش
طاقتوٗر زوٗ ذاتھ ہیچ نہٕ پوشہٕ وٕنی تہٕ پایدار رٔٹنِتھ اِنسانی ٲرٕژ کریلس کیاہ پاے
چھُ ؟ ڈینوسارٕ ہنٛدِ خصلژ، جبلژ، جسامژ تہٕ ضخامتکی کینٛہہ ذی حیات چھ

---

ل ڈینوسار (DINOSAUR) (کاشُر لفظی معنے تہ زامٹھ) گے کمہٕ تام پُر اسرار آسمانی بلایہ تہٕ ستی
فنا۔ دُپان شُنہ پیٹھ آو اکھ لٹہٕ دار تارُکھ زمینہٕ پیٹھ ٹھاسنہٕ۔ امہ نیہ گرٕ بنہٕ ہتی وٕ وتھ سٔہ گردِ ثُشنگہٕ
زٕ ڈینوسارن زن بیوٗد ایوٗ۔ شہہ ہبنس گیکھ کامن تہٕ شُشنہ نارٕ بن منز زن وُژ ھکھ زب۔ تاپھ
پھاوٕنگ زندگی بخش زمادٕ تہٕ گوکھ نایاب تہٕ یم گے زنگہٕ تچھان تہٕ چرنگ دِوان دِوان نابوٗد۔ اَز
چھ یوروپ تہٕ امریکہ کین ڈینوسار میوزیمن منز یہنٛدی کٔرنٕ یہنٛد بل بٹ آشکارا کران۔ سٹیفن سپیل
برگ سٕنز فلم JURASIC PARK چھنے یہنٛز زندگی ہُند خیالی نقشہٕ ہاوان۔ دپان مگر چھ
(کاشُر کٔریل) چھ دُنیہک اُخری ڈینوسار یہ اوس دہ کرور وری بروٚنٛہہ تہٕ موجود۔

ازِ تہٕ زمینس پیٹھ ۔۔۔ ویلؔ مچھلی، یوسہٕ ہیتہٕ وادٕٹن وزن ہیکہٕ پٲرِتھ، چھےٚ یمن منز سرس۔ اکِہ ہوسؔ، شُتر مرُغ، رینو (گینڈا) برازیلس منز موجود شاہ مار اناکونڈا (ANACONDA) یُس وٕہ فُٹہٕ زیوٚٹھ تہٕ آسان چھ تہٕ بس بنیہٕ ژور پارٕژھ۔

نِکیٚن پکھشن، مارِ منڈیٚن جاناوارن تہٕ وُڈٕنیٚن پکھیہٕ والیٚن ہٕنز دِوٕے چھےٚ ساناہٕ زمینہٕ ہٕنز پاپر جایی تہٕ خوبصورتی۔ یمن ہُندِ نب ژھنڈٕن، سائبیریایہٕ لنکاہس، افریقہس تہٕ چینس بیتر فضائی کائل تارٕن یمن ہٕنزٕ نٕدر تہٕ سِنہٕ وِنہٕ بولہٕ۔ یمن ہُند گنڈٕن دروکُن، ترٕیُن تہٕ تنبلُن چھُ یتھ زمینہٕ حیاتہٕ کہ جوشُک تہٕ ہستی ہٕندِ ہوشُک اگور کرن وول منزل بناوان۔ انسان یمہٕ خیالی جنتک تصور کران چھُ تہٕ گیاپہ مرزا غالب سنز کتھ ززؔ حوٕرن ہٕندیٚن شُتر غمزن ہندی وکانہٕ آسی پھےٚ۔ مگر یمیٚن سنطور لوازن تہٕ نورِ پُشکابٕن ہُند تیتہٕ تہٕ آسُن یاکمی ہُند خیال یِہتے چھُ آدٕلُن پوان۔

---

ء قدیم عربک سارِوٕے کھوتہٕ طاقتور تہٕ نامدار قبیلہ چھُ قریش۔ "قریش" گو اصل معنے حسابہٕ عربی پاٹھٕ ویل مچھلی۔

ء ہوٚس تہٕ اخنےٚ آی سُند بیش رو میمتھ (MAMOTH) دوشوےٚ آسی اکہٕ وقتہٕ کشیر منز پینز زیٹھ کرتہٕ وادچھ کن ہیتھ پکان۔ سرینگر میوزیمس منز یِنڈِ کرزٕ، گاندر ڈوڈِر پٹھ ہُشی سُند وُٹسی (FOSSIL) تہٕ سائنس ٹکہ ادبس منز یہند ذکر چھُ اکی ٹاکار ثبوت۔

ء مس والہ سیتیٚن گنڈٕن ہوس (الل دید)

ء یم کس بطخ پچھین (CRANE) سائبیریا پیٹھ سردی ہندِس موسمس یور تران تہٕ رتہٕ کالہٕ واپس گژھان چھ تہٕ تم چھ آون جاون 12 ساس میل آسمانی منزلہٕ ژھنڈان۔ طایرن ہُند

اِنسان تہٕ جانور چھِ ہمیشہ ستی ستی رُوٗدی مِتی۔ اَکھ چھُ جاناوار
اِنسانن ہِندین خوبصورت اَمارن تہٕ قومی وِرثارن ہندی نِشانہٕ تہٕ علامت
تہٕ بنے مِتی۔ یِمن منز چھُ چینک ڈریگن (DRAGON) سرس۔ یہٕ صرف
چینی یوت نہٕ بلکہ اَستہٕ اَستہٕ زَن منگول نَسلُک نِشانہٕ بنیوٗمُت۔ اُمس یُس
اسطوری آکار گونڈمُت چھُکھ تمہِ حسابہٕ چھُس شاہ مار سُند بُتھ تہٕ مگرمچھ
سُند تن بدن ہیوٗ آسان۔ زِ یچھہٕ تہٕ عنیق پکھ تہٕ ترٛےٚ یا ژور پنجہ۔ یہ چھُ
زمینہٕ پیٹھ تہٕ پکان تہٕ اَسمانَس تہٕ وُپھان۔ یہ چھُ اُمسہ منز نارٕ برٛہہ ژھٹان
یِم نشکارس سور ساس کرِتھ تھاوان چھُ۔ اُمس چھُ منکہ تہٕ اَسس منز
آسان یُس اگر کانٛسہ پاپھہ لَس نیر دُنیہک پرِتھ کانٛہہ حاجت۔ چینی لوکھ
چھِ اُمس مُتبرک زانان۔ یہ چھُ تِہُند تہذیبک پارٕ ےٚ تہٕ تہٕ پرستیھ تہٕ
یہ چھُ تِہندین عُرسن، قومی تہٕ اِجتماعی تقریبن تہٕ موج مستی ہِنزن دوین
منز ژُو والپور واوَس مالہ کران۔ یہ چھُ تِہنزن تصویرن، رقصن، تعمیرن،
پوشاکن، حِرفتن تہٕ ہُنرمندین منز پنٕن پان گَلہ ناوان۔ یہ چینس
ہمسایہ تبت کِین خاص بانن برتنن منز تہٕ نظر گژھان۔ اَخنتے سائنس
لاخس تام لانچھ لایان۔ یِمن علاقن ہُند رقص شاہ مار (DRAGON DANCE) چھُ اَز تہٕ ظیس پیٹھ۔ موجودٕ وَری (2006) چھُ چینی کلینڈر

---

پُٹہ مہ صفحہ پیٹھ ــــ علم زانن واٚلۍ چھِ وَنان اکھ یِتھ جانور چھُ پننہ زندگی منز اَمہ اَکہ زمینہ پیٹھ
زونہٕ تام دوٗرٕ ہٕ رطے کران۔ یِمن ہِندی نسل دَرنسل چھِ برابر اَکی ہے وَتہ پیٹھ پکان یِتھ زَن
فیتہ سان نِشانہٕ چھِ ترٛاوِتھ آسان تہٕ وقت تہٕ چھِ پرِتھ وَری یہ اکوے آسان۔

حسابہٕ ہۆلنس کھۄستھ آمُت ۔ جنوری ہندِس اندس پیٹھ آو یہ پیکینگ تہٕ
دۄیمِس شاہِنۍ نمہٕ شوٗژ مناونہٕ نہٕ ٹیلی وِژنہٕ کِس جادوٗیی صندوٗقس تہٕ
گیہ منٛز ۔ ڈریگن چھُ قدیم تواریخس منز ہور ہیور وُڈُو دوان تہٕ قدیم
مصرٕکین فرعونی نقش خانن منز تہٕ بعضے شکل ہاوان ۔
فرعونی مِصرس منز اُس کوبرا سرپھس طُغرٲیی سِنز حیثیت حٲصل ۔
مصرٕکین سارِنے شاہی مومیاین (MUMMIES) تہٕ تاج بیترِ پلوساتن
چھُ کوبرا سُند آکار بناوِتھ ۔ ییلہٕ سُہ استادٕ گرٕ ڈھتھ پنٕن چھز چھُ مُژراوان ۔
قدیم مصرٕ چہ آخری بجہٕ حکمران ، بطلیموس خاندانچہ پادشاہ بایہ قلوپطرا یہ ییلہٕ
روٗم کین سیزرنہٕ مارک انطونی ہوین حاکمن پنٕن ہی پان وٲترتھ تراونہٕ
باوجود تہٕ لاینٕ نیاے پیٹھ تراوُن ہیوو تمہٕ مور کُننٲجی وٕری عُمرٕ منز پان ،
پنٕن اُنہٕ ہوس سیپنس کُن اُکس کوبراہس وَتھ ہاوِتھ ۔ یمی سوٗنچھی تہٕ
کاٗسنس اقتدارہٕ تہٕ اُمار دوشوٕنی ہنز لوٗٹ پھ ۔
اطرسکن (قدیم اطالیہ) والین ہُند چمیرا (CHIMAERA) چھُ دُنیاہکہٕ
اَدبی تہٕ سیاسی محاورک اکھ تیتھ استعارٕ بنیومُت ۔ بیتھ تہٕ کانٛہہ موزوٗن
مُتبادِل چھُ ۔ یہ اوس سہہ شکلہٕ بناونہٕ یوان ۔ سہہ سُندس کَلس پیٹھ کُنہٕ
اوس ژھاوجہ ہُند کلہٕ موجود آسان ۔ اُکھ اُس لٹ سرٕپھ سُند آیہ
یوان بناونہٕ تہٕ سرٕپھ اوس ژھاوجہ ہندین ہینگن پیٹھ زبانہٕ لہراوان ۔ اُمی سِنز
اَکھ لوٗیہ موٗرت چھیے موجود یوٗسہ تقریباً 350 ق.م ، منز گرنہٕ آمٕژ چھیے ۔ یہ
چھیے وُنہٕ تہٕ اِنسانی اَتھو کانسہٕ جانور سنزو گُرٕ مژ د بہترین موٗرتیو منز اَکھ

قدیم یونانین ہُند سنطور (CENTAUR) چھُ اَز تام اِنسانہٕ سِنٛز ابدی شبد اولی ہُند حِصہٕ۔ یہ اوس اَکھ تصوراتی پیکر۔ یتھ کلہٕ نَرِ تہٕ وَچھ اِنسانس ہیوٗ آسان اٲسی، مگر تھر تہٕ زنگہٕ گُری سِنٛز۔ یِم اٲسی واریاہَن جہاتن تہٕ طرفاتَن سٟتۍ منسوٗب تہٕ وُتہٕ ہاوکھ ہوی مانہٕ یوان۔

قدیم مِصرک سارِوٕے کھوتہٕ پُر جلال تہٕ باکمال نِشان یتھ عربی ہشہٕ عظیم زبانی منز باوَن ہاری ہند بوٗ اَرِسر وِکنی ابوالہول (SPHYNX) ناو چھُ تھاونہٕ آمُت[2]۔ یہ چھُ قاہرِس نزدیک غیزاکس دۄیمِس اہرامس نِشہٕ آفتابس کُن بُتھ کٔرِتھ تہٕ ژۄ ینچل بیٛتھ۔ کلہٕ چھُس اِنسانہٕ سُند تہٕ بَدن پادر سِہہ سُند۔ یہ چھُ اَز بروٗنہہ سارِ ژۄر ساس وری بناونہٕ آمُت۔ تہٕ اَکس واریاہ بجہٕ شیلہٕ منز شکلاونہٕ آمُت۔ دپان یہ چھُ دراصل فرعون چیفران سِنٛز ترجمانی کران۔ یہ چھُ 260 فُٹ زیوٗٹھ تہٕ 66 فُٹہٕ پناہ دار۔ یہ اوس وقتکی واوِلنہٕ سیٛکہٕ شاٹھس تل دۄبرومُت۔ مگر یٔیلہٕ 1799ء منز نیپولین بوناپارٹن مِصر زیوٗن، مِصر کین باقے آثارَن سٟتۍ سٟتۍ وۄتھ اَکھ تہٕ بازخاس تہٕ یہ دراو ژۄر ساسہٕ وُہری زیادے بٔنیہِ نوٚن۔ دپان اَمہٕ کِس بُتھِس اٲس داڑ (ریش) تہٕ یوسہٕ پتہٕ وُسی بٔنیہٕ۔

---

[1] وُچھو "THE LAST TWO MILLION YEARS" شایع کردہ: ریڈرس ڈائجسٹ ایسوسی ایشن۔

[2] یہ ناو چھُ اوک ہوٗنگ تہٕ بے تو ژھ۔ پوشک نے ژۄ لکھ تنا ہیوٗ

قدیم تہذیبن ہنزن علامژن منز چھُ پرٛانہٕ ایران کِس "سی مُرغ"
پرندس خاص بجر حاصِل۔ فردوسی طوسیَن بناوی رُستم تہٕ سی مُرغ
کِسریٰ سٕندِ فارسکہِ زٕ عظیم نشانہٕ۔ فردوسیَن کوٚر سی مرغس سٕہ طاقتہٕ
پرواز عطا زِ یہ چھُ وونی ازل تہٕ اَبدس درمیان اکھ خلاَیی جہاز ہیوٚو وُچھان
معنے حِسابہٕ گوٚ سی مرغ ترٛٮ۪ہ جانور تہٕ یِتہِ ہُند بکُت تہٕ اَخِتیُمتن ہِندِ ین
طاقتن، طوہارن تہٕ طریقن ہُند میزان۔ زرتُشت سٕنز ژندا وستا یہ منز
وُچھِو تُلِتھ چھُ یہ چاروطرف پیٚنہٕ نٕیِن سفید نِکھن ہندِ گاشہٕ پھوار ترٛاوان۔
رِوایت چھِ یہ زِ یہ چھُ پننِس طاقت وَر پکھن منز السانہ کیا، بڈ کھوٚر تہٕ
لوٚڈ جانا وار تُلِتھ وُڑِتھ ہیکان۔ اَمِس سٕتی چھِ ایرانی ترٛہن باکمال
صوفین ہندی کرامات تہٕ واٹان۔ دٔپان یہ اوس رُستم سٕندِس مالِس
زال پہلوانس ووستاد تہٕ واریاہ داو پیچ ہِکہِ تاران۔ (وُچھو بتاین گھاس)
شیخ فریدالدین عطار سٕنز فارسی مثنوی منطق الطیرس منز چھِ جاناوارن
ہِندی واریاہ چرچہ مگر ژکہِ چھُ یہ سی مرغ سٕندے تلاشہٕ سمتہِ سبیل تہٕ اَمہ
شاعرانہٕ لطافتہٕ سان زٕ مولانا رومی چھُ یمن میتھ ہیوٚو خراج ادا کران ظ

ہفت شہر عشق را عطار گشت

ما ہنوز اندر غبارِ ناقہ گم

ترجمہ: عطارن زینٔ عشقکہِ ستھ شہر تہٕ اَسی چھِ وونتہٕ ہندس غبارس منز رٕ بند۔

ایرانی مصوری منز چھِ اَمی سٕنز شبیہہ واریاہ پرُجمال۔ نیلہِ یہ
بکھ واہرأوِتھ نیلہ آسمانہٕ کِس سمندرس منز بادبان کھولان اوس

دپان ئِتھرس اُس گٔژِ نال ولان تہٕ اُمی سِندی پؠٹھ اُسی آفتابس تانی ٹھوٗر کران۔ گُلی کٔٹنے کیازِ باٲنِ تہٕ پانژٲنِ تام اُس نٕژ نٕژ وۄتھان۔ سۍ مُرغ ہِندِس نٔرِس...... رُستم سُندر بَخش تہٕ چھُ لِٹریچرِ تہٕ مُصوٗری منٛز پٔڈروایان تہٕ راہدار دٕو ژُلان۔ کأشرِ ین صوفی شاعرن ہندِس کلامس منٛز تہٕ چھُ سۍ مُرغ کُنہ کُنہ پٔتہٕ پکھہٕ وایان۔ ؎

عاشق سۍ مُرغ وُچھنے دژایے
دژایے لچھہٕ ئدی ساس تہٕ کرور

ہندوستٲنی دیوٗ مالاتہٕ چھہ چرندن، پرندن ہندلوٗ پکھو، پٔڈرو، پنجوتہٕ نیٹو، لتو نتہٕ لوٗٹنگو تہٕ دَندگورزو ستۍ اَکھ تیٚژھ محاکاتی فِضا بارسَس اَنان زِ یم چھہ آکاشہٕ، پاتالہٕ، زمینہٕ تہٕ سمندرہٕ علاوٕ پرٛتھن پرٛتھن ہندِ ین اَندرِ مین ولِشائن تہٕ شرد ھایہٕ ہنزِن مَن سرایِن منٛزتہٕ ژھالہِ نوان تہٕ ووٚپہٕ پوان۔ سرِیہ (آفتاب) دیوتاہس یُس ہگُم چھُ تتہ چھہ ستہٕ گُری نژٛاخ پرٛاخ کرِتھ پکناوان۔ ترِیموٗرتی ہندِس منٛزِمِس بگوان برہماہس چھُ اَکھ جنگلی رازِ ہونٛز پیٹہٕ نین پکھن پیٹھ پھِرناوان۔ وِشنو نارایِن چھُ خونخوار گرُڑیہ سنزِن پکھن پیٹھ لکان تہٕ شیشہ ناگ کِس کمخواب ہیوٚس گرِتھ تہٕ ژٔرِتھ پرٛنیکھسٕ پیٹھ ڈاف تراوان۔ شیوشنکر چھُ ناندی ہندِس کورِ داندس لاگم چاران تہٕ ووٚپہٕ ووٚتھ کرناوان۔ تس چھُ چار وایِن ہند پژھ شیٖہلِن زِلتُند اَکھ ناو چھُ پشوپتی ناتھ (نیپال کِس کھٹمنڈو شہرس

---

[1] یہ چھُ لل دیدِ ہُند لفظ: ؎ ژامر، چھتر، رِتھ، سمہاسن
پلاد، ناٹرس، تُلہٕ پرٛنیکھ

منز چھُ یہِ اَز سارِوے کھوَتہ بڈ مندرٕنگ ناو) ۔ وشنو سُند واہن گرٕڈ چھُ

اَکِس فیلڈ مارشل ہندی پأٹھی سرِپھن بیتر لوتنتہ ہنزَو، تبرٕستی دِگیہ دی دِ

مُرٗھ ماز بناوان تہ لوٗنٹ وٕٹہ ناوان ۔ دراصل چھِتے یہِ ویدِک آریا ہن

تہ شمال مغرب کِین ناگ ذاتٕن ہندٕن اصل بسکینن ہنز حملہٕ دَلیل ۔

یہِ چھُ مأنِتھ زِ گرٕڈ تہ سرِپھ چھ اکھ اَکِس زاگان تہ شانکان آسان

تہ اَمہِ کھوتہ کُس سِمبل پزٕ یہِ ہیے تہ وَیہ ہیے آریہ بھگوان وشنوس ؟

تسنز اَکِس آشنہٕ سرسوتی چھُ انزِواہن تہ شہوت کِس دیوتا کام دِوس

طوطہٕ ۔ شیوجی سٕنز نصف بہتر یعنے دُرگا یہِ چھُ سِہہ جیھ دِنس تہ تَوے

چھس وَنان "شیراں والی"۔ وشنو سنزے آشنیٕ تہ دولت تہ خوبصورتی

ہنز دیوی لکشمی چھےٚ پمپوشہٕ پیٹھ نیران ۔ تسُند اکھ روٗپ چھُ سری یعنے

خوبصورتی ہُند ..... شیٚن سریہ لِسِتہ چھُ اکھ گام شرمال ..... یعنے شری دیوی

ہُند مالیُن ۔ یہِ چھُ واقعی سیٹھاہ خوبصورت علاقہ ۔ ویدن ہندِس جبروتہ

وأٹس اندر دیوتا ( ہِندراز ) ہس اوس وُزملہ ہُند نیزہ کرُن تہ چھچہ

دارتاژُن اَتھس کیٚتھ ۔ یِیمہ عتی سُہ اوٗبرٕ کِین راہوارن بم اوس ٹھلان ۔

شیوجی تہ پاروتی ہُند پوٗتر گنیش چھُ اِنسانہٕ سُند جسم تہ ۂسی کلہٕ لأگِتھ

بروٗنہہ کُن پوان ۔ یہِ چھُ بختاوٗری تہ دولتُک دیوتا مانِنہٕ پوان ۔ تہ

کشیرِ پیٹھ تامل ناڈو تانی وارِیاہ لوٗٹھ ۔ مہاراشٹرچ گنیش چترٕ دشی چھ

بھارت چو سارِوے کھوتہ ہنگامہ خیز دِوی لوٗ منزٕ سٕرس ۔ دپان بال گنگا

دھر تِلک (وفات : ۱۹۱۹ء ) اوس مُسلمانن ہندِ محرّم جلوٗسچ تیتھہ تہ

تلاطم وچھِتھ وۄلسنہٕ یوان تہٕ اَکھ کاہ مقامی یا ہندو طرح تہٕ تقابُل
دِیُن یِژھان۔ چنانچہ آو گنیش چترُدشی تازِ تیل تراوُنہٕ تہٕ فُتلہٕ لاگنہٕ پتہٕ
بنیوو یہ انگریزن خلاف آزادی ہندِ جنگک تہٕ اَکھ ہنگامہٕ۔ رام چندرجی
سُند ڈاڈ بھگت ہنومان چھُ واندرٕ ذاتس ستی تعلق تھاوان تہٕ پنٕنس سیالس
وچھِتھ لٹ گلہٕ ناوان۔ سُہ چھُ لنکایہ ڈٕہہ ڈاس کران تہٕ سنجیونی پربت اَتھس
تُلان...... سامی رِوایتن منز چھُ حضرت سلیمان علیہ السلام سُند سَدُت
(ہُد ہُد) تہٕ رنگہٕ رٕکھہ تراوان تہٕ توتہٕ تبروایان۔ دپان حضرتن اوس جنن تہٕ
جاناوارن پیٹھ اقتدار تہٕ اختیار تہٕ سارے یِژھ زُو ذاتہ آسہٕ تِمن تابیاہ۔
ستہٕ کوکواوس مُلک یمن چہ مُلکانہٕ بلقیس (QUEEN OF SHEEBA
ستی تِہُند قاصِد۔ یہ چھُ کاشرس لُکہ ادبس منز تہٕ لوتہٕ وایان۔ مگر فارسی ییس
منز حافظ شیرازی ہیس شاعرس تہٕ اظہارُک آزار ماتراوان ع

اے ہُدہُدِ صبا بہ سبا مے فرستمت

عُقاب تہٕ سہہ چھِ زٕ جانوور۔ یم لُوار جنس منز بڈِ بن مفہومن تہٕ عظمتن
ہندی STATEMENT آپہ بناونہٕ۔ روم کین اوس عقاب اعلیٰ اِقتدارُک نشان۔
قیصرِ روم سُند تاج اوس عقاب سنز شکلہٕ منز بناونہٕ یوان۔ تہٕ اَختے
آسہٕ رُومی سپاہ کارکُنن لوٹہ پہ HELMET تس عقاب چالے آسان۔ رومی سلطنت
رُوزٕ ساسس وری ییس دُنیاہس حکم چلاوان تہٕ غولامی کرناوان۔ تِہُند قومی
نعرٕ اوس " AD ATHERA TENDENSE " (ترجمہٕ: عقابہٕ ہندی یا تھٕ روزٕ زو
پکھن واش کڈِتھ) اُزی کس دُنیاہس منز چھُ امیک علمبردار تہٕ وارث امریکہ۔

عسکری طاقتُک نشانہٕ بنیومُت۔ قزاقستان کس جھنڈس پیٹھ چھےٚ اَز
تہٕ عقاب ہنز شکل۔ قزاقن اوس یہ قومی جانوَر ہیوٚ۔ ہٕتہٕ سوویت یونین کس
زمانس منز آسی یہٕ روٗسی قزاقن ہنز عقاب لوٗانزی ہیٹھ خوش۔ روس کین
زارن ہُند شاہی طغریٰ اوس زٕ عقاب یکہٕ وَٹہٕ وُچھِ ناوان۔ عقاب ہنز
اقتدار نمائی تہٕ خوش بختی ہُند نقیب آسُن چھُ وونہٕ دُنیا ہچہ پرٕتھ پٔنٕژھہ
ہُند حِصہٕ۔ کأشری پأٹھۍ تہٕ چھُ لُکہٕ ڈیشِتھ زِ ہٕنٹھس پأنز بہُن گویا دشاہ بنہٕ ہنٛج
بشارت۔ علامہ اقبالن چھُ عقاب یا شاہین جلال، جبروٗت، شان تہٕ
ایمانُک شاندار نشانہٕ بنوومُت ع

تو شاہین ہے پرواز ہے کام تیرا
تیرے سامنے آسماں اور بھی ہیں

یاد رٔہہٕ تہٕ چھُ پرٕتھ دورس منز شہنشاہی، شہ زوری تہٕ بالادستی
ہُند طغریٰ روزمُت۔ ہندوستانس منز آسی بادشاہی تختس سنگھاسن یعنے
سِہہ آسن وَنان۔ سو کرسی یوسہٕ سِہَن ہندِ بٕن پھکین پیٹھ آسہٕ۔ یہ چھُ اَز
تہٕ اکھ معنیس منز ورتاونہٕ یوان ع

بول اری او دھرتی بول
راج سنگھاسن ڈانوا ڈول

لل دیدِ ہُند مِصرعہٕ چھُ ع

ژامر، چھتر، سِہاسن

ماڈرن ہندوستانُک اُزیُک LOGO تہٕ چھُ ژوٗرن سِہَن ہُنٛد

(مگر ترٹے چھ بوزنہ یوان تکیاںہٕ ژٕرِم سپہ چھ بُتھ روزن CAPITOL

واپس سپہس ٹھر کنہ۔ یہ اوس دراصل شہنشاہ اشوک اعظم ( 273 ق م)

سُند لنشانہٕ یُس سٕہ پنہٕ نہن شاہی فرمانن پیٹھ کنہ کنہٕ کرناوان اوس۔

حبش چھ ڈایہ ساس وٕری پرانہٕ شہنشاہی ہُند لنشانہٕ تہٕ اوس سپہ۔

ییٚمیُک آخری بادشاہ ہیل سلاسی 1974 ہٕ منز معزٗول کرنہٕ آو۔ تِمس آسی

"پادر سپہ" وَنان۔ شیر چھُ اَز تہٕ طاقتُک تہٕ کامیأبی ہُند لنشانہٕ مانہٕ یوان۔

تَوے چھ وارِیاہن ہیروَن، لیڈرن یہ عوامی خطاب واٹہٕ آمُت۔

شیرِ میسور ٹیپو سلطان، شیرِ بنگال فضل الحق، شیرِ پنجاب لاجپت رائے،

تہٕ سارِوے کھوٚتہٕ مشہور تہٕ مقبول سون شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ۔ سری لنکایہ

ہندِس قومی پرچمس پیٹھ چھُ سپہ سُند لنشان تہٕ تِم گے سِنہالی یعنے سپہ واٗلی۔

سُند قبیلہ۔ بھارتس منز چھ راجپوت سردار ناوس پٔت لوٚگ ۔۔ سِنگھ لیکھان۔

تہٕ گو سِمہہ یعنے سپہ۔ اَکھتے سِنہا تہٕ۔ تَنہٕ رٕیش سِندی اجداد تہٕ آسی سنز: مثلاً

سلرسنز۔ تہٕ یہ تہٕ چھُ سِمہہ یعنے سنگھ اَکھ شکل۔ کیشرِ منز چھ ازہ تہٕ مسلمانن

اَکھ کرام سپہ۔ سکھ تہٕ چھ پنہٕ نِس ناوس ستی سِنگھ واٹان۔

جاناوار، چرند، پرند بیتر چھ انسانی تواریخ تہٕ اَکھتے ارتقاہس منز تہٕ

اَکھ اہم حِصہ اداکران رٕودی متہٕ۔ گُری سُند سی سپُدن اوس انسانی تاریخُک

اَکھ سیٹھاہ زبردست کارنامہ۔ تِمو لاٚگی انسانس پرٕ تہٕ فتوحاتن تہٕ جنگن ہُند

تقدیر بدلوٗوکھ۔ گھوڑ سوار دستہٕ (CAVALRY) اوس فتح کرن والین ہُند

ترٚیک یکہٕ آسان۔ مقدونیہ ہٕکی سکندر اعظمن کوٚرامہ چھ راگہ پیٹھ پڑانہٕ

ڈُنیہک فتح ۔ تس اوس پنہٕ نس گرٕس بیکا پھلوس ناو ۔ ڈپان ییلہٕ
جنگس منٛز زخمی گژھتھ موٗد تمہٕ کوٚرُس شاہی اعزازس سان دفن تہٕ مقبرٕ
تہٕ بنوونس ۔ یہ سپد کشیرِ ہندِس جنوب مغربس منٛز تہٕ تۄرے چھ اَتھ جایہ
از تہٕ بیھلیاس وَنان ۔ کشیرِ ہندی لالتادتیہ ہَن تہٕ گُڈٕ گری سِندِس پتنس
بیہٕٹھ اِٹھمہٕ صدی عیسوی منٛز جنوبی ہندوستانہٕ بیہٕٹھ منگولیاہس تام
ژھٹھ ۔ ترٛوٲہمہٕ صدی ژٕھنٛز چنگیز خانن تہٕ تسند لوٚوٲرٕ لشکرو روٗے زمینس
گردِ نہٕ کھف تہٕ امیک سارِوے کھوتہٕ اہم کردار اوس منگولیاہک گر۔
واقعہ چھُ وُہمہٕ صدی منٛز موٗرگاڈٕ ہِن ہندِ طوفانہٕ بروٚنہہ اَسی گرٛی سِندی پدٕر
حکومتن تہٕ سلطنتن ہُند تقدیر بناوان لگاڑان ۔ کوٚتر چھُ اِلنسانہٕ سُند قاصد
روٗدمُت تہٕ بااعتبار ۔ پتہٕ بنوو یہ لکہ باتَن منٛز عاشق معشوقو پنہٕ نِن لولہٕ
ڈُتارَن ہُند نقیب ۔ ہوٗن چھُ اِلنسانہٕ سُند سارِوے کھوتہٕ وفادار غار النسانی
دوست مانہٕ یوان ۔ تۄرے خواجہ سگ پرست ہیوٚ کردار تہٕ بے شمار لکہ کتھ۔
اَز تہٕ چھ ہوٗنِن ہندی واریاہ قسم اِلنسانس سٟتی تہٕ خاص طور خوبصورت
زنانَن کوچھ تہٕ بران تہٕ بستر تہٕ ڈُشناوان ۔

گاوچھے سارے عالمکی پاٹھی کشیرِ منٛز تہٕ ماجہ نبارُک نشانہٕ ۔ گوپال،
تہٕ ’گوپال‘ چھ سانہٕ لکہ ادبکی ٹاٹھی تہٕ خوبصورت کردار ۔ منوسمرتی منٛز چھ
لیکھتھ زٕ ہرگاہ کانٛہہ برہمن چنڈالس، ماہواری لد زنانہٕ، شودرس، لاشہٕ یا
اَرٛڈی جہ اَتھ لاگتھ تہٕ ھینہٕ، سوے گاوَ اَتھ الاگہٕ بینیہ گرِدِہ شوٗزٕ ۔ کینہٕ برہمن
چھ از تہٕ پنچ گویہ ( گاو دوٚد، زامُت دوٚد، گاو گیہو، مُتھر تہٕ گوہ ) رلاوِتھ چیوان ۔

رِگ وید مطابق اُس آدتی سارہ نے اوتارٕن ہنز موج۔ کرشن کانہٕ ہندِس جنتس چھے گاو لوکے ناو۔ پنچ تنتر آیہ کشیرِ منزٕ لیکھنہٕ۔ یہ چھ جانا وارٕن ہندِس بول باشس منز کائنا تکی تہٕ آدم ذاتکی سابہ بدی نیاے اُنزراوان تہٕ ہیتہٕ بدہن سیر اسرارٕن تلأنی کران تہٕ پزر چھُ یہ زِ اتھ خاص ذانہٕ کس منز چھپنہٕ اَز تام دُنیاہس منز امہ کھوتہٕ سرس بیا کانہہ کتاب۔ امیک عکس چھُ کلیلہ دمنہ تہٕ عربہٕ عجم تہٕ یورپ چین وارِیاہن زبانٔن منز گاہے وریہٕ تہٕ گاہے ٹاکارٕ، نٔنان تہٕ پرٕنان رٕوزِ مُت۔ کشیرِ منزٕ ے اُسی سوٕد برور تہٕ لوٕدِ برور، زٕ پیچھی کُلس بیٹھ دُنیا ہکہن ناسن تراسن ہنز کتھ تُلان تہٕ تمن پننہٕ گاٹہٕ جارِ کی پزٕ و تارِتھ اِلنسانٔن ہندِ پاپتھ سُہل تہٕ اہل بناوان۔

کشیرِ ہنز تہذیبی خود مختاری ہُند اکھ شولہ وُن تہٕ بولہٕ وُن سمبل چھُ آگرٕ پچھی۔ اُسی چھپہٕ چین، ایران تہٕ عربکی پاٹھی راد زِ ہیٹھی تہٕ ہونزٕ کھلی۔ سٔتن اَٹھن ساسٔن مربع میلن ہُند اکھ زمینہٕ ٹُکل پاپوشہٕ پینڈ۔ مگر اسہٕ چھُ پننہٕ خود مختاری ہنز پنٕز دیتھ یوسہٕ ساٗنی سے آنگنس منز کھٕتہٕ پیوان تہٕ امہ کیسے گرٕد وجس بیٹھ پنُن آب سوٗمبرٕاوِتھ وولرُ چھُ بناوان۔ اسہٕ ہینکہ تہٕ کاشہہ مثالے پنجابکی پاٹھی ترٕیش ژٕ ٹھتہ یا سگ درٕ بند کرٕتھ۔ اسہٕ چھُ پنُن گنگہٕ بل، پنُن پرٕیاگ تہٕ پنُن پُشکر۔ اسہٕ چھُ پنُن مدینتہ الثانی تہٕ پنُن عُروۃ الوثقیٰ۔ اسہٕ چھُ پنُن مادر زاد لکہٕ تقیرٕ۔۔۔ پاٹھر، پنُن ضیافتی نظام وازٕ وان، خاص ہانگل تہٕ خاص الخاص کونگ۔ نیٹھے کنی چھُ اسہٕ ڈریگن تہٕ سی مُرغ ہندی پاٹھی پنُن مثالی جانور۔۔۔ آگرٕ پچھی۔ یہ ناوے

چھُ سرداُری تہٕ سروری ہُند تہٕ کأشرٕ لُکہٕ گاٹہٕ جارُک اِظہار۔ اُمی ہِندِس وجوٗدس منٛز چھہٕ دیوٗ ساہ بیٚیہ ڈریگن تہٕ سی مُرغ تام سأری اُکی سِے سلیمان ٹینگس بیٚیہ سمان تہٕ پننۍ عجائبات ہاوان۔ آگر پچھنۍ چھہٕ کأشرِن لُکہٕ کتھن، دلیلن تہٕ داستانن ہُند اکھ بےٚ مِثال تہٕ پُرجلال پرنٛد۔ یینیلہٕ یہ پکھ یلہٕ تراوان چھہٕ روےٚ زمینس چھےٚ وِشال شاہیانٕکی پأٹھۍ پیٚنہٕ لنس پناہس منٛز انان۔ یہ چھےٚ جنن تہٕ دیون تام پکھہٕ ٹاسہٕ ستۍ پھکھ بناوان تہٕ کھیاوان۔ یہ چھےٚ اِنسانن اُلاوِ بلاوِ نِشہٕ رچھان۔ سانیوٗ لُکہٕ بأتو علاوٕ چھہٕ صوفی شاعرو تہٕ اَمِس ڈٔنی دِتی متےٚ

ہاوِیٚسی تٔس ستۍ کوہٕ لاجیوٗ تازٕ یارانےٚ
آگرپچھنےٚ تابیا پچھی جن تہٕ اِنسانےٚ

(وہاب کھار)

آگرٕ پچھنۍ اَمِس بیٚیہ کوہِ قافس
اُمی ساعتہٕ سأمِس درایےٚ
تھاہ لأیےٚ نےٚ سمندرس
شاہزادِ نیوٗن یکبار

(احمد بٹہٕ واری)

یِم چھہٕ اَکےٚ زٕ ےٚ مثالہٕ۔ نتہٕ چھُ سون لُکہٕ ادب، لُکہٕ کتھہٕ تہٕ خاص طور صوفی شاعرن ہُند کلام یِمو حوالو ستۍ لبریز۔

آگرٕ پچھنۍ چھےٚ کأشرِس یکتأیی ہُند احساس اُبھاران۔ مگر اَسہِ چھہٕ امہِ علاوٕ تہِ وارِیاہ غأر اِنسأنی مخلوق تہٕ تہنٛز زٕھایہٕ گرٛایہٕ، یِم سانین لُکہٕ باوژن

یاتن تہٕ دلیلیٚن خاص اَہمیت تہٕ اِظہار دِوان چھ یمن منز چھ ساپنہٕ گُڈرِ ونیکالکی کینہہ خاص غار اِنسانی کِردار ...... مثلاً رانٹس۔ دلیلین منز چھ اَمِس مَس پریشان تہٕ اَوکھ۔ یہ ہینکہ ہے حالاتو تہٕ ضرورتو مطابق کُنہہ ساعتہٕ جمیل تہٕ کُنہ ساعتہٕ ذلیل اُسِتھ۔ اَمی سُند اَکھ شناختی نشان اوس زِ اَمِس اَسی کھور وکھی آسان اَو نگیہ زال پھِتھ کُن تہٕ کھور برونہہ کُن۔ یہ اُس اِنسانن برم دِوان تہٕ بیم ہاوان۔

رِوایتی ماگھ ماس اُس بیاکھ بلائے۔ یہ اُس منز وندس ییلہٕ ماگھ شِشر گانٹھ ہندی آینہ خانہٕ تہٕ کھٹہٕ کُشیچ پھلے وہراوان اوس۔ بِجن تہٕ زیچھن رأژن ہنٛز پھیران۔ ہرگاہ نِے وَتہٕ یا آنگنس منز شکار بنہٕ ہس دَپان یہ اُس دَروازن ٹھس ٹھس کران تہٕ اُکھِتھ مُکھِتھ میٹھی آلو دِوان۔ یِتھ شکارس برم لگہٕ ہے۔ دپان یہ اُس گرِ بأژن ہنٛز کتھ ہُند نقل کرِتھ فند کران۔ سُہ مُنٛزراوِ ہے بَرلوٹ تہٕ پہ کرِ ہس اَم۔ ماس اُسی اَمے فریب کاری کِنہِ وَنان۔ مأنِن ہندِس کیٚنہہ شفقتس تہٕ چھُ اَتھ منز اَکھ طنز موجوٗد۔ یچھ تہٕ اوس اَکھ عجب کِردار آسان۔ کنھاسرت ساگر ہندِس انگریزی ترجمہٕ کار پنزیرِ سُند خیال چھُ زِ یچھ چھُ دَراصل پساژ (پِشاچ) ذأژ ہُند کاشُرناو۔ یم کشیر ہندی سیٹھاہ قدیم باشندہٕ اُسی۔ تہٕ یمن آریہ رِچھ نظرِ وُچھان اُسی۔ یم اُسی موردِ ماز کھیوان۔ تَوے چھُ لفظ "یچھ" اَز تہٕ کُنہ بدکامہٕ بییترِ ہنٛز ورتاونہٕ یِوان مثلاً یہ چھیتے یچھ کام .... تمس چھِتے یچھ وَن گامِژ، وغارٕ۔ یچھ اوس پریتھ گرس موکل ہیو آسان تہٕ عموماً ہیرِ کِنہ برأری کانی منز روزان۔ دَپان یہ اوس رأتس بَدلے آلو دِوان تہٕ وہ گرِ کِنی کھسان وَسان۔

روایت اُس زِ یہ اوس پننہِ لۄ پہ ..... پھو سہ ..... بڈٕ راۓ چھ کران بہٕ

ہرگاہ بے کانسہ۔ یِچھ ہنز کھوس اکھ لگہ ہے ہُسہ زن اوس اللہ دین سُند

جادوٕی ژونگ لبان۔ تکیاز اکھ یہ سہ منگہ ہے بہٕ اوسُس برونہہ کُن

واتان۔ اَلہ دین ہندس ثائنگس سٟتۍ امیُک ذکر چھُ ہاوان زِ النساہٕ ہندی

الگ الگ کلچر کیٛتھ کٕنۍ چھ نمٕ ہندۍ یزِ ھن تہٕ امارن ہندی ہم صفت

ینتر گران رۄدی مِتۍ۔ یہ کتھ بہٕ گژھ پہ مُشراونہٕ یِنۍ زِ یکِش، چھُ بودہ

دھرمُک اکھ مانوس کردار، یُس مندورن علاوٕ مندرن تہٕ راۓ چھ اوس مانہٕ

یوان۔ پریہا سپورکس راج وہارس لنشہ چھ ڈیڑی وانٕن ہندِ حیثیتہ تسندی

مجسمہ اُز تہٕ لبنہٕ یوان۔ یَیہ دِلہ منز چھُ ریزرو بینک آف انڈیاکس دفترس،

یُس اکاش وانی بھونس مقابلہ چھُ، اُز تہٕ زِ بڈٕ بڈیم کنو یکشا یو تلی ڈیڑیوانٕن

ہندِ حیثیتہ الیستادٕ یم جدید ہندوستانکی ساروے کھوتہٕ بڈی مجسمہ ساز رام

کنکرن وزیر اعظم جواہر لال نہرو ہندس فرمائشس پیٹھ گڑی متۍ چھ۔ موریا

دورٕچ (320-200, BC) سنگِ اسودٕچ یا کھشنی مورت یو سہ دیدار گنج

بہارٕ دریافت سپز چھیٚ سارے وقتہٕ کھو بہترین شاہ کارو منز اکھ مانہٕ

یوان۔ اَمی سُند لۄکہ بدن، نازُک لی خولہٕ خط تہٕ خاص طور اوڑ دورہ تہٕ لوٗبہٕ وُن

وُچھہٕ وُپھار چھُ دلس کھف دِوان۔ یہ چھیٚ دلہ ہندِ نیشنل میوزیم کھو

نادِر عجائباتو منز اکھ شُمار سپدان۔

بیا کھ عجایب ذاتھ اوس برم برم چوک۔ دپان اُہس اوس کلس

پیٹھ نارٕ لوٗکھ آسان تہٕ اوس وَ بہٕ گتن برم دوان۔ یمن عجائب زُوذاژن ہند

نیب مانیر ہموکتر ٹایلو منز یم کُٹہ بلہٕ تہٕ ہاروٗہ کھُدائی کرِتھ ڈراہِتھ چھِ۔
بُرزہامہ اوس کنِہن بیٹھ یھند آکار۔

اِسلامی اسطوٗرس تہٕ تواریخس منز چھِ بُراقس اہم جاے۔ یہ گو سُہ خوش طالع پیکر یُس سوار سپدِتھ حضرت سرورِ کونین صلی اللہ علیہ وسلم آسمانن ہُند سال کرِتھ سدرۃ المنتہیٰ واتی تہٕ ییتہِ سپدُکھ نورِ لایزالس ہِنٛزہ دیدار۔۔۔۔ ییتہ منز صرف قوسین او ادنیٰ یعنے دۄن اِنسانی بُمن ہُند مُنزیم ژھینہِ یوت دوٗر براوس۔ براقس چھُ گرٕی سُند جسم تہٕ پرٕی یہ ہُند بُتھ مانہٕ یوان۔ بُراقُک معنے گو بجلی ہیو تیز پکہ وُن گاشک رفتار، یُس آسمانی برقہ ہُند متاع آسان چھُ، چھُ سائنسی حسابہ 86000 میل فی سیکنڈ۔ ییٚلہِ آنحضور صلی اللہ علیہ وسلم معراج خاطر اسمان کُن سفر کرنہٕ بر وٗتہ القدس (یروشلم) واتی ییتس کالس ہمو نماز آدا کرٕ، براق آو اُکس کینگرس ستی گنڈتھ تھاونہٕ۔ یوہے چھُ قُبتہ الصخریٰ DOME OF THE ROCK .. ییمیک تصویر غلط رنگہِ مسجدِ اقصیٰ زانہٕ چھُ یوان۔ یہ چھُ اصل مسجد ہِنٛزہ 175 فُٹہ دوٗر۔ دِیان ییٚلہِ براق سدرۃ المنتہیٰ ہس نکھہِ ووت تمیٚ کوٚر اُش دار تراوان حضوٗرن عرض "حضرتؐ ..... کمہِ زبانی وٗنہٕ ..... ییمہِ اپور چھُمہٕ پکنُک بتر۔ الٰہایکی راز دار جبریل امینؑ کرِ پنیہٕ نکھہِ پیش مگر اپور یہن وٲتھ ییوس حضوٗرنؑ عرض کرُن ییمہِ اپورنہ حض چھُمہٕ پکنُک اِجازت۔ شیخ سعدی ہیندِن لفظن منز

اگر یک سر موے برتر پرم
فروغِ تجلی بسوزد پرم

ییٚلہِ حضورؐ اَمہِ آسمأنی سفرٕ لِنٕتھ واپس وأتی، دپان تہٕنٛز بر نہٕ ہٕنز سو

بالکل اُس وُنہٕ اَلان یتھ تہٕند سفرس بیٚر نہٕ وِزنہٕ زیرا اُس لَحمُش۔ اتھ کراماتی

سفرس لیٚکھی یِتہٕ مسلمان شأعرو اکیہ کھوتہٕ اکھ سَہنہٕ وٕنی معراج نامہٕ۔

ہانکلہِ گوٗرٕ گوٗرٕ وُنہٕ اوس گرٛھان (شمس فقیر)

ڈیان یورپی شأعر دانتے سٕنز DIVINE COMEDY ہنٛدِ لیٚکھنٕک

وُتُش تہٕ لوٗگ یمہ معراج نامو ستی۔[1]

کأشرِس لُکہِ وٕترس منٛز چھُ ڈُلڈل سٕمبھٕڈاہ سوو۔ یہ چھُ بعضے بٕڈین گرٕس

تہٕ لوٗکٕس وٕنان تہٕ کُنہ ساعتہٕ زنٛتہٕ چھُ یہ سورگُک کانٛہہ راہدار۔ ڈُلڈُل چھُ روٗ نہٕ

مہارزن ہنٛز تہٕ ٹاٹھ سوأری تہٕ اتھ چھُ تقدیس عبایایہ لاگنہٕ یِوان۔ ساہنِین لُکہ

بأتن خاص طور وٕنہٕ وٕن ہُرِن منٛز چھِ گرٕ گرٕ ڈوان تہٕ ٹاپو ٹاپ کمال ہاوان۔

مسلمانٕن چھِ وٕنھٕ ڈتہٕ واریاہ پسند۔ تکیازِ اَمِس سٕتی چھُ بانی اسلامؐن

ہنٛدِ سیرت پأنٛکی واریاہ واقعات وابستہٕ۔ مثلاً ییٚلہِ تِم 623 عیسوی منٛز ہجرت

کٕرِتھ مدینہٕ شریف وأتی تتہٕ رۆدی عقیدت مند تمن ہنٛز میز بأنی کرنہٕ خاطر

مان مان کران۔ مگر حضورو دیُت لیکھِت زیٚیتِن میأنی سوأری اوٗنٛٹنی بیٚہہ

اُسی کرو تتی قرار۔ طالعن لیچھ یہ برکت تہٕ رحمت حضرت ابوایوب انصاریؓ

سٕندِ ناوِ یہندِس گرٕس لِنٛتھ وٕونٛٹنہٕ زنٛگہٕ وٕچھ۔ تہٕ تمن سپُد حضورنؐ مہمان

بناوُنک سُہ انعام عطا یمُک کانٛہہ شرف برابری کرنس عاجز چھُ۔

---

[1] وُچھو۔۔۔۔ (شمس الرحمان فاروقی، تحفتہ السرور ۶۱ ابن خلدون سندِ موجب اوس مصرٕکی بادشاہ مقوقسن حضور سرور کائناتسؐ باقی تحفو علاوٕ اکھ شاندار کاتُر سوٗزمُت۔ یتھ تِم شوقہٕ سان سوار اُسی سپدان۔ اَمِس ییوو ڈُلڈُل ناو۔

یونیسکو (UNESCO) ورلڈ ہسٹری مطابق چھُ وۄنھ دراصل ایرانک

اُصل (NATIVE) تہٕ ایرانی پیغمبر زرتُشت سُند اصل ناو چھُ زرتُشتر۔ اُشتر

گو وۄنھ تہٕ اُمہِ کِتابہٕ مُطابق اوس مجوسی دور کِہن اکثر ایرانی ناون چھُ اُشترٕ تہٕ ستی

آسان۔ زرتُشت ہندِس ناوس منز چھُ اصلیت ٹاکارٕ۔(ZORASTARA)

کشیر چھِ پرندن، پرندن، پکھشن تہٕ ہینگلن ہُند روزنہٕ منزل۔ بیتکو

جل، قُمری، کُکلہٕ، لکو، کستوٗر، دبدرِ، گلہٕ وغایرٕ چھ فردوسس تہٕ عارِق اُنان۔

اُسی چھُ پننہٕ باغبر چھابر منز گژتامے پکھشی ذاتہٕ پرزنہٕ اوان مگر عالم طیوٗر زانن واُلی

چھِ وَنان زِ بیتہٕ چھُ وٕریس منز اکہٕ ساعتہٕ نتہٕ بیہ ساعتہٕ ژور ہتہٕ کھوتہٕ

زیادٕ ے جانور پوان۔ بول باش کران تہٕ پکھہٕ پھٹراوان۔ مقبول شاہنہٕ گُلریزٕ ہُند

شار چھُ ژہتش پیوان ے

صُبح پھوٗل بُلبلو تُل شور و غوغا

گُیس بیدار مُژرم چشم شہلا

پزر چھُ کشیر ہندس رہتہٕ کالس منز چھُ صُبحے پگہے زَن تہٕ اکھ آسمانی

آرکسٹرا وَزان آسان۔ شرط چھُ زِ کنن گژھ ہوش آسُن۔ بیتہٕ چھُ ہانگل، روسی،

مارخور، ہپہٕ، ہاپت، ژہتر، شال، دبدرٕ تہٕ ہتہٕ بدی قسمہٕ چہ ژو ذاتہٕ۔ ہوٗس

تہٕ چھُ اوسمُت، ییتھ کُن بڑو نہے اِشارٕ کرنہٕ آمُت چھُ۔ یہ چھے تمہٕ پرانہٕ

زمانٕچ کتھ ییلہٕ تہٕ وُنہ یانژال اُہس نازنین ہندس سُترس سینس پیٹھ

وَچھ وو گنیار بنیتھ ہیٖوٗر کھوتمُت اوس۔ ویتھ اُس تہٕ وولرس کُن مازان

بلکہٕ ڈُچھنہٕ اندیشن مُشکہٕ وُن گمہٕ گُشہلاوان۔ باسان چھُ زِ تمن دوہن

آسہٕ ہے یہِ ہٲسی تِمن تہٕ اَمہٕ کوٚمبہٕ ہندٮ۪ن جانوٗرَن سازگار۔ یِتہٕ دٲیِت زنانہٕ ہندیو ہارموٗنو ہندی پأٹھی پاتال کھوٗتہٕ تنگل الاوٕ زمیٖنہٕ چھو نیٖنہٕ تہٕ اَمہٕ گرٕ بکہٕ کھوٗت پانژال ہیٚوٗر۔ وٕہہٕ دژایہِ نکھس ہیٚنژٕ آیہِ نٔنٹ ہیٚہہ وولرس گُن تہٕ ہٲسی تہٕ تِہندی ہم ذاتہٕ گے نابید۔ ویسے کٔشیر ہُند آدن چھُ اَکس دیو زاد جلدیوس سٕتۍ وٲبُتھ۔ کشپ ریشی نے لَش نیال گالہٕ ہے۔ کٔشیر ہنٛز سبز پٔری کتہٕ ترادِ ہے مَس پریشان تہٕ تارکھ مال ناٚلۍ۔ سوٗن لکہٕ ادب چھُ ژُوِ ذأژن ہُند جبنہٕ جنگل تہٕ وُستوٚرَون۔ سانہِن لکہٕ پأٹھرَن منٛز چھُ شکارگاہ اَکھ مُستقل تہٕ الگ پأٹھر۔ یِتھ کردار قسمہٕ قسمکۍ جاناوار چھِ۔ سہہ، ہٲپٕزی، ہاپت، ہرٕنہٕ بیتر۔ یِمن ہندی کاسٹیوٗم تہٕ چھِ پرانہٕ پیٚٹھے جاناوارَن ہنزِن لِبستن ہُند قدرتی اظہار ہیٚہہ آسان۔ شکارگاہ چھُ پأٹھرَن ہُند سردار مانہٕ یِوان تہٕ خاص موقعن پیٚٹھ تہٕ خاصہٕ پزٕھین برٕونہہ کُنہٕ پیش کرنہٕ یِوان۔۔۔۔ سائنس مُستند ولی کامِل شیخ حمزہ مخدومؒ ہِنٛز مُتعلق چھےٚ لوٗکن منٛز یِہ پٔژھ زِ یِم آسی گرٕس سوار سپدنہٕ وِزِ لاکمہٕ بدلہٕ تس سُرِ چھ چاران تہٕ قمچہ بدلہٕ گُنس ہیٚہہ پکان۔ سوٗن تازٕ اَدب چھُ جاناوار تہٕ پکھشیو نِشہٕ زن صاف کٔرِتھ یِمن زن چھکھ اَتہٕ چھٕگ دِژمژٕ۔ اَتھ چھِ کٔشرِ ہا سانِہِن نظرن ہنٛز کوتاہی تہٕ کٔشرِ ہا سانِہِن شوقن ہنٛز تنگی پتہٕ کنہٕ۔ مگر یِہ نہٕ چھُ پوٚز زِ یِمہٕ ژُوِ ذأژ بیتر چھےٚ ژھیٚپِن ژامژ تہٕ اِلنسانی بیاپٕچ فراوانی وُچھتھ وارٕ وارٕ غٲب گژھنہٕ لٮ۪جہٕ مژٕ۔ وٕندن ہندی شرِ کنَن تہٕ ہوکھن تہٕ بجلی گاشکو تیزابَن تہٕ چھِ یِمن لار کٔرمژٕ۔۔۔۔ مگر سوٗن لکہٕ اَدب۔۔۔۔ دلیلہٕ تہٕ بأتھ دوشوٗے۔۔۔ صوفی شاعری تہٕ

مثنوی چھ یِھند لو بول باشوٗ تہٕ کھمبہٕ دٕمنہٕ ہیتی گرٕ بزان تہٕ وزان۔ کاشُر ادب زِن چھُ سرِیچہٕ ہٕندی پانٹھی ناگرا یہٕ یِنس ناگس یِنشہٕ گلی لیچہٕ اویزان سدا رام بہٕ بستہٕ منز اٹٕان تہٕ اوٕرٕ ناگر رائے ئُنبھ یِزان تہٕ پتہٕ پہن لیوٗ بھٹے ہی مالہٕ یِھندِس ناگس منز موجود دوٕ دٕ کرٕ ایہٕ منز وٕسِتھ تل پاتال واتان۔ مگر کاشرِس ادبس زندگی ہنز سوٗیہٕ رائے عطا کرتھ سانہٕ ساریٕ وے کھوٗ تہٕ گکہٕ ساو مثنوی گلریزٕ ہنز نایکہٕ نوشہٕ لب چھ پکھشی ہٕندِ اُنہارٕ ے سانہٕ ادبہٕ چہ زٕوٗنہٕ ڈبہٕ اٹٕان تہٕ پتہٕ پہن یاوٕن منز زنانہٕ ہُند اٚنہٕ بدن مولنا وان۔ نخشب شہرُک بادشاہ معصوم چھُ جاناوار ڈیشتھ تنبلان ؎

بہٕ طوطی حبانوارا اوس خوشتر
زر افشاں ، بال و پر طاوس پیکر
چو دیوانہٕ زِ جائے خویش برجست
روٗدُن دامن بسوے مرغ در دست
زِتاجش موخۂ بامکہٕ تخت ہٕستی
جُدا گو جانور ہٕندِ بجۂ ہٕستی
وُچھتھ دُر دانہٕ بوٗر جاناوزن چاو
غذا تس اوس تی تھ بیٹھ وٕسِتھ آو
بجائے دانہ تھوو ہس موخۂ دردام
پھِر ووٗتھ جانور ڈیشتھ از آں بام

ہیوٚتُن دُر دانہٕ کھیوٚن یامتھ بہ مِقدار
سرو پایش بہ چنبر گو گرفتار
طمع چھےٚ ژوٗر ایمانک بلاشک
طمع چھےٚ دام پایۓ مُرغِ زیرک

سانہٕ صوٗفیانہٕ موسیقی ہِندِ ہن کیٚتیٚن مقامن مُتعلق چھُ تذکرٕ لگاو دِیتو کھمت ۔ تم آیہ جانانہ وارِن ہِندِ لُو مُدر لوٚ حلقو منٛزٕ پھیاٚ رِتھ تہٕ پھیاٚئِتھ موسیقی ہِندِ ہن عطر دانن منٛز سجاونہٕ ۔ چُنانچہ للہ ہندِس کلام ہیٚ وُچھو نوٚم منظر چھُ بروٗنہہ کُن یوان ۔ یمن منٛز چھ اِلنسائی وطیرن ہُند استعاہٕ جانور زِگیتہ بنٛشہٕ اَنِنہٕ آمُت ع

ہوٚس یُس مَس والہٕ گنڈٕرے

O

کیسر وِنہٕ وولُم زِٹھ شال

O

شو شو کران ، ہمسہٕ گمتھ سوٚ زِتھ
روز بہٕ وتھ ولو ہاری دِہن کیو راتھ

O

رازِ ہونز آسِتھ سیدٕ کھ کوٚلۓ
کُس تام ژوٚلۓ کیاہ تام ہیٚتھ

O

نُندٕ ریوٚش تہٕ چھُ یِتھی محاورٕ یِسلہٕ وَرتاوان ع

شوگہٕ ژٕلہٕ نیرِتھ تہٕ بیٚینزر منٛڈٕم

٥

کیٚنژن دیُت ہیٚے لوٗرِے آلو

کیٚنژن پیٚتھ گےٚ ہالوٗ کھیٚتھ

٥

"ہمسہٕ گیٚتھ" بینو وللہٕ ہِندِ اُپدیش تہٕ فنکاری ہُند تیٚشُد سِمبل زِ اکہٕ

یورپی میمہٕ نیلاکم کرٕ کرِ لیچھ لتس مُتعلق اَکھ کِتاب۔

کأشُر لکہٕ ادبہ تہٕ شأعری منز جاناوارن تہٕ چرندن متعلق حوالہٕ

ژھانڈُن گونٹھ وارِ منز اہر بل برن۔ مےٚ ہیوٚ اِنسان کیا دِیہ اَکھ اَکھ

زِ وأتنسہٕ ہندِ لوپھہٕر داو پھشو چھ سو لوٗ ژٕھے زاجمٕژ تہٕ گأجمٕژ۔ ووٚن گو لیچہٕ

پیٚمٕژ پیٚھے کیٚنہ ژأری میتی بتہٕ پھٕلو ع

سلیمان نوٗن ییٚلہِ دژاو

تخت اوُسس بَر ہوا واو

٥

دَم گوٚس کاترٕ سُند پیدا

چھس پَدٕر موخترٕ ے، اُچھر عنقا

سینٕ کِنی پادرٕ سہہ زن آو

تاجدارٕ سون معراجس دراو

ہُسی کھر بُراقس گے پیدا
چشمن رف رفس ینبر زلہِ چھاو

O

تیز پوک بُراق واو چھُسنہ پوشان

(احمدراہ)

اَسمانٔی جانوٗر ناو چھُس ندہر
بُچھ نے تَنہ آم گوڈٕ عشقہٕ اَجدر

O

سی مُرغ پیٹھ کوہِ قاف سے

O

ٹھوٗلہِ منز ڈیوٗٹھن ووٗنٹہٕ کاروانا
دوٗر گژھ ماننٛد واو

O

شیر بدرو دژاو شکارس
شام و سحارس وٕنٔ دِوان
سیمرغ بیوٗٹھ برگنج ژاوی جارس
کوہِ قاف دیوارِ دِل

(احمد بٹہٕ واری)

O

ہو ہو کران شیر زن گرہزان پیکان منز جنگالی

٥

شنز کھوت آسمان زون کھینے

٥

(وہاب کھار)

پوشہ نوُل ونان عشقہ نارن موُرس
پیپنہ کانہہ دپان بتہ ژن ژن

٥

(اکبہ بائتھ)

قُمری کستوُر، کوتر اِنتظارس
کران اُسی نالہ زاری لالہ زارس

٥

ہار دِل نیوُنم طوطن تے
وارہ وُچھہن صورتن

٥

قُمری لغت .بوزُم کاجہ آدن باجہ میانہ یاونو

(رحمان ڈار) ٥

کس دپان بُراق کیاہ چھُس کھہن
کاو خبر ہیتھ آو رازہ ہونزس، کوتاہ ٹُلن کُہ کاس

٥

اُڈدہا منزِ کڈ لال محرماہ
اَکھ دماہ یکھنا سوئیے

٥

آگر پچھن نیا لوزِتھ تھیکی شہ پرِ سمندرس ترے

٥

(شمس فقیر)

شاہ باز کھوتُے پر لامکان
باکُنہ شاہ بازس پُد یکسان

٥

جبرئیل نبیؐ یَس خبر ہیتھ آو
بُراقس کھسِتھ نبیؐ دراو

٥

(رحیم صاحب)

یَس گو نینگلِتھ عشقہ اجدر ہیو
لتس کیتہ نیب و نِشانے

٥

کف دِتھ شُ بُراق مولا
ہفت فلکن بیٹھ بالا
رَف رف سُے گو تمہ بالا
اَفراز سیُٹھے شوٗبے

(واعظ محمود)

عشقہ لوٗنہٕ میانے سیتھ لنجہ سیتھ شاخ
تیتھ پیٚرِ قُمرہ لو اَئیلیے لولو
عشقٕچ رازٕ ہونز چھُم مژ نندرے
یندراز گوم پاتالے لولو

ہ

دم ہیتھ شیر اروٗزِ تھ درغار، روٗزِتھ درغار
یہٕ شکار کران ہالہٕ ووٗلہٕ معشوقو

ہ

ژھال رٔیہ نَم کالہٕ شہمارٕن

ہ

رحمان ڈارٕن چھُ 'ماچھہ ٹُلر'، اَکھ پوٗرٕ نظم لیچھمژ۔ یہٕ یہتھے گٔژھ....
'روٗسی کٹ'۔ سانہٕ جدید شاعری منز چھِ یہ رِوایت تنی پٔہن توٗرے چھینہٕ سانہٕ
بچہ گِھہٕ ستی ہموار سپدان۔

دوٗپ شرزن[1] زوٗن کھمن اَچھوے ستین

(رمضان بٹ گنستان)

شرز کھوٚت آسمان زوٗن کھیتے
ہارکوٗے طوطہٕ ہنز یارٕ زان ڈٲجہ پیے
لٔج یے دوٗرٕن گرایے

(صمد میر)

---

[1] اَکھ افسانوی جانور، ہوٗنی ہالہٕ، دپان یہ چھُ زوٗن کھیٚنہٕ لاران۔ گٔنہ کوہ ٹھنگس پیٹھ
کھسان تہٕ زوٗن ڈٖیچھتھ ووٚف کران تہٕ پانے ڈٗلہٕ گڑھان تہٕ مران۔

ووٗلہٕ وٕیسی گرٛشھوٕے ڈٔل تےٚ
تٔتہٕ چھےٚ دبدبہٕ جٔل تےٚ

(اُلکہٕ باٗھ)

O

گرٛی چھی گنڈٔس تےٚ ہٕسی طبیلس
کٔمہٕ قبیلس پٔزاران چھُکھ
ژٕ چھُکھ پٔزاران بٔبہٕ قبیلس
تمُہ ہوٚ چھی ہیٚلس زیٚن شیٚرکھ

(اوٚنہٕ وُن)

جدید شاعری منٛز چھ مہجور ہندٮ۪ن کلامس منٛز اکھ پورٕ باتھ بکبلس
تہٕ لٔتندٮ۪س راٗوی ہنٛدس ژھاگس مُتعلق۔ یہ چھےٚ کاشرس منٛز امہ قسمک
ڈسلاٗبی نظم۔ اگرچہ اَمِچ فنی حیثیت چھ رٕژھا لوٗتوان آیےٚ۔ اکہٕ دوٚ ہہ چھُ مہجور
پرٮ۪تھ دوٚہہ لتندٮ۪س دار داکٕس پیٹھ پچِھن واٗلس بُلبلس وُچھان۔ یُس
تمُہ تام ژھوگ کو سمُت اوس۔ یُس چھُ دِیُس نٔم پوران تہٕ سُہ چھُ وَنان ع
ژٕ کتیا ژھوگ راو راوٕتھ آکھ
یہ نظم چھےٚ کیٚتٮ۪ن بنٛدن پیٹھ مشتمل۔ مہجورنس کلامس منٛز چھ کاشرٮ۪ن پکھشیٚن
ہندی بیٚنہٕ کیٚنہ صداکنٕن گرٛشھان ع
نٮ۪ہہ گٹہٕ گوس بیدا کٔنِن کٔتھ بولٔن گوم
زٕوٗنٕم کہٕ ونہٕ سور یوو پٔرتو تروو سونہٕ کالن

O

کرٕ قُمرۍ سندۍ پاٹھۍ ژٕ نہٕ کُفرس تہٕ اِسلامس کُنۍ

برزبان حق بسر ہوٗ چھُس نا اُلنس زُنار چھے

○

اِگکی رینزٕلی وارِلبن گالن

بلبلوٗ غم نرٛاو کڈٕ پکھن واش

ییٚنتہٕ یور چوٗ نۍ مذہب پالن

سنگر مالن ییٚوٗ پراگاش

○

حالے حیات شاعرن منز لٔب مےٚ رحمان راٗہیٚس بنتہٕ جانا وارٕن

بیٚتر مُتعلق کینٛہ خیالات تہٕ ذکر......

حلیم زن تہٕ وۄن ژھایہ پھانپھلے ہتی مور

○

دُنیا تھوٗ وُکھ لۆتہٕ پہٕ گٔلس بیہٕ ٹکوتر ٹھوٗل

○

پہٕ چھُنہٕ کانہہ تفصیلی جائزٕ۔ صرف لۆو دِنہٕ خاطرٕ شارٕ موٗ کھاہ۔ کشیرٕ ہنزٕن اَتھٕ کا ہن، کارٕن کسبن تہٕ کارٕ تعمیرس منز تہٕ چھُ جاناوارٕن تہٕ باقےٚ غارٕ اِنسانی ذاژن ہُند جمگٹھ۔ کارٕ قلم دانی لیٚنے بیٚپرماشی منز چھُ بُلبل، قُمرۍ، طوطہٕ تہٕ باقےٚ پکھشی پکھہ ٹھاسان تہٕ لۆونہٕ وایان۔ بول باشن ہُند ہوٗل بارٕو ٹُلان۔ سانین ہچہ کا ہن مثلاً میز، کرسی، المارٕ، سانہٕ ڈبہٕ بیٚتر

منز تہٕ چھ قسمہٕ قسمہٕ جاناوار خاص کٔرِتھ سرپھ تہٕ ڈریگن ہوی چیز نظرِ گژھان۔ یہٕ چھُ چینی تہٕ تبتی اثر۔ سانین پرانین تعمیرن خاص کٔرِتھ آستانن ہندین برٛاندن، تھمبن بیترِ تہٕ چھ ڈریگن ہیو انہار نظرِ گژھان۔ سانین قالینن منز چھ شکارگاہ اکھ مُستقل موضوع۔ تہٕ اکھ مضمونس ستی والبتہٕ قالین چھ جنگلی جانورن ہند گنڈن دروکُن، زاگُن تہٕ لارُن سورُے نظرن بروٚنٛہہ کُن انان۔ کشیرِ منز مُصوری منز تہٕ چھ پرگرٛاے نٔژ۔ وینہ چھِے اکِس زنانہٕ ہنٛزِ شکلہِ منز گنڈنہٕ آمژ یوسہ اکِس مہاسیر گاڈ بیٹھ بِہتھ چھے۔ کأشرین اوس عالم طیوٗر تہٕ وحوش ہمیشہٕ کل کڈان۔ ہُٹہ مُر، کیٚٹہ بلہٕ، ہأرون بیترِ یِم زساس وُری تہٕ پرانے کترو ٹایل بیتر کڈنہٕ آمتی چھ، تِمن منز چھ عجیب عجیب جاناوارن ہنٛزٕ شکلہٕ اُبھأرِتھ۔ یِم مصری اَختٕے CHIMERA قسمہٕ کِہن جانورن ہندی نقش ووتلاوان چھ۔ یِمن منز چھ ہنسی تہٕ نظر گژھان۔ ہانگل[1] تہٕ ہتھی، بطخ تہٕ یِم پینن بکھن بیٹھ منوشن دریاون اپور تاران چھ ییتے یوت...... کشیرِ کیازِ یِمہٕ سارے وشال علاقک اکھ قدیم ترین تہذیبی آثارخانہٕ...... بُرزہوم تہٕ چھُ ہانگلہٕ ہنٛز شکل ہاوان تہٕ زٔژھراوان...... کشیرِ ہُند آدم زاد اوس جبتر اٰژ ہندین یِمن بیابین ہمیشہٕ تھاران، گاران تہٕ پراران، یِمن ستی تس پہٕ سورُے اوٚند پوٚک سرد تہٕ یک جدی اوس۔ اَسہِ چھُ یِنہٕ ہنٛن بِن تہٕ جدن

---

[1] ہانگل ناو چھُ خأیس کأشُر۔ یعنے ہِنگ مقاون وول۔ دأچھیگامس منز چھ ییتی ہوی ہنگہ چھیج تھوون وأل جانور، یِم صرف ییتے یوت چھ۔ عجیب اتفاق چھُ زٕ کوریأیی زبأنی ہندس رسمِ خطس تہٕ چھُ 'ہانگُل' ناو۔ ہانگل چھ ووٚنی انٹرنیشنل فرہنگن ہُند حصہ بنیومُت۔

ہُند یہ وِرٲثہٕ کٲر ووگناوان۔ تہٕ بێیہ نادلایان زٕ اُسی کرو وسیع خیالی تہٕ
بِسیار دِل جوٗیی بێیہ تازٕ۔ پکھہٕ، پنجہ، اِپڈر، نیٹہ تہٕ لچہ ٹاس کرن وٲلی ہیم
ذی حیات چھِ سانہٕ زمینہٕ پیٹھہٕ ووکھ ٹلِتھ سٲئنس اُدبس نہٕ طرح دِوان تہٕ
تاپہٕ تاران۔ خبر بُتلہٕ پیٹھ روز یا ہمن کانہہ نیب یا نیال۔ مگر سٲئنس ادبس منز
روزن ہیم وُچھان، ووتلان، ہٹولہٕ ہٹول کران، لوتہٕ تہٕ رلاوان، دزامُن کران
تہٕ کھونکھوٕ رلاوان، زندہٕ تہٕ جاوید۔۔۔۔ سانہٕ جدید ادبک اکھ گاٹہٕ چھِ
پتہٕ زٕ اُتھ منز چھِ تِتھی شِسترٕوِ جنگلہٕ کھارنہٕ آمتی ییٚمی ہمن گِندٕ باش
کرِونہن بُتلہٕ لُسکینن اندر اژلنس ٹھاک چھُ کوٗرمُت۔



جاناوار چھِ موسیقی ( MUSIC ) ہندہن سرٕودن تہٕ میچھرن ہندی
اَصل آگر۔ ڈپان بہوے ہندہٕ لو لول باشو وُزلوو سُرسنگیتک سُندر اِلنسائی
مَنس منز۔ اَکھتُے چھُ موسیقار وُنہٕ فاریسیس منزٕ اُکس پکھہ واین وٲلس
شاہمی (صوفیانہٕ) موسیقی ہندی واریاہ مقام چھِ مختلف جاناوارن ہندہن بول
باشن ہتی واٹنہٕ پِوان۔ (وُچھو کاشُر موسیقی ہندی قلمی نسخہٕ)

جاناوارن ہِنشہ اُذٕمتی محاورٕ ہیتر چھِ دُنیاہکہ ادبہ اکھتُے روزانہٕ ولوہارک
اژھیوٗن حِصہ۔ یتھ جایہ اَکے مِثال:

انگریزی COCK TAIL یعنے کوکرٕ سُند لوٗٹ (نائیلان کوکرٕ سُند
نہٕ بلکہ خروس سُند) یہ چھُ مختلف شرابہٕ مِلہٕ ولنس وَنان تہٕ اَتھ چھُنہٕ پرٕتھ
زبانی منز تہٕ کانہہ مُترادف۔ کاشِر کتھ باتھ تہٕ دوہٕ دِش کُس ورتاوس منز

چھ جاناوارن، پرندن، چرندن تہٕ درندن متعلق وارِیاہ ڈیٖشِھ، محاورٕ، مثالہٕ، بیٚیترِ یِم ہاوان چھ کأشرٮ۪ن کوتاہ اوس یِمن مُتلِق باخبٔر تہٕ بستی بیالیٖن ہُند ظوٗن۔ یِہندِ ین عادتن ہُند پے، یِہنزن خصلژن ہُند مشاہدٕ تہٕ یِمن ءِ سٕتی وابٔستہٕ آسنک باس بیٚیترِ۔ یِھتی کیٚنہہ ڈیٖشِھ بیٚیترِ چھ پیش تہٕ یِمن ہندِ فصاحت علاوٕ چھُنہٕ بعض صوٗرژن منز اَمہِ قسمہٕ چہ باوٕتہٕ ہُند کانٛہہ مُتبادِلے۔

پڈر چھوٗت، پڈر دِیُن، وٕنہٕ پڈرس تل ٹھوٗل، شال ژٕلِتھ بٹھِن چوٗب، شالس لوٗٹ زیوٗٹھ بالِس ژٕلیا یتر، ہنگن میٚژر لٔدِتھ آسُن، ہانگ ہاوٕنی، ہنگ ٹسنی، بکر ماٗرِتھ اُتھن پھکھ، ژرِ وانہڈ آسُن، برارِ گاسہٕ، سہہ گوٗنرِ تھ میوٗٹھ، ہاپت یارٕز، یِچھ سُنز پھوٗس، براٗری صالح، پکھہٕ تل کاٗر نِتھاوٕنی، چیٖوٗر[1] آسُن، پٔرن ییٛٹھ تہٕ پوٗنی ہیوٗن، پکھہٕ پُھٹراونہٕ، ندٕ ہیرنی تھر آسنی، وارِ سٕنز تھیٖچھ، ڈیٖنسرٕ ہُند پنجہٕ، نٮ۪تھ ہینی (نٮ۪ٹُن)، لبتہٕ والِنی، یمہٕ سنی زاتہٕ سنٛتی سٕنز دِگ، ہوگاڈن کن ژھارنی، پھرِ وٕنہٕ، کھوٗنکھن گلہٕ وُن، اکھاہ ہو کھناوان یارٕ بیاکھ ماران گاڈ، ہوٗتی اٗڈرج آسنی، ککوٗ نے چھیے کنہٕ شروپان، گانٹہٕ ہُند پوٗت تہٕ ہانٹہٕ ہُند پوٗتھر، ہوٗل بارو وُگانتھ ژلہٕ ناوٕنہٕ خاطرِ یُس شور کرِ نہٕ چھُ پوان تھ

---

[1] چیٖوٗر (CHEERU) چھُ دراصل لداخی نسلہٕ کِس مرگس (ANTELOPE) ونان یُس بنشہٕ لوٗتیہٕ حاصل سپدان چھُ۔ (وُچھو رٲقم سٕنز شش رنگ) مگر چیٖوٗر آسُن چھُ کاشُر محاورٕ تہٕ بیمنک مانے چھُ بکوٗلسی آسُن یا گاہ بگاہ پیننٕ وٕنُن۔ مے چھُ باسان زِ چیٖوٗر جانوٗرتہٕ ما آسہٕ شور کران تہٕ توے ما چھُ یہِ سائنس محاورس منز آمُت۔ ہالنگلن منز چھ پرٛتھ ہش اکھ ذاتھ یتھ BARKING DEER ونان چھ۔

چھ ہوٗل وَنان )، کاوِ سٕنز نوٗشت بیٚیلہٕ دوٗ درٕ، کاوِ چھلیٚو کھ سٕنز صابٕنۍ بے
کاوس کرٕ ہنیار ژوٗل نوزا نٕہٕہ، کاوِ ییٚتہٕ وول، کاوِ گاٹل، پٕش لٹہٕ پہٕ ستی
کھورگو بُن، ہانکہٕ سٕنز ماے لاگِنۍ، راتہٕ موغلہٕ سٕنز خصلت، شال بیوٚن بیوٚن
ٹُنگہٕ وِزٕ کُنۍ، ہُسی یٔڈ گابہٕ گیڈ، ییٚتہٕ واوِ طوفانس منز ہُسی وُڈان۔ ثٕتہٕ چھ بُڈ
کپس ٹُلان، ہٕتہٕ ہوٚنہٕ کھیٚتہٕ زنگ، ہٕتی ہاوٕنۍ کھیوٗمٕت، مانٛژ کریل سُند نکین،
أنزٕ نہٕ گرٕدن آسنۍ، کوکرٕ سُند تاج (تاجِ خروس)، کوکرٕ ہنٛز پوٗتی کھٕچ، کوکر
پٔرا ے ییٚنۍ، اگر کنہٕ آسنۍ، ہارِچ گوٚگجِ گے لارِچ گٕنس، یمہٕ سُند کرم گُژھن،
ہُٹھ لاینٕ (گُرِ سُند) ہُٹھ ٹُلنۍ، تنبلہٕ ٹُلنہٕ، پٔدرِ واینۍ، شال، گٔب تہٕ ہاکہٕ ژٔر
سیٚینۍ پیپنۍ، کھمہٕ ہے گرٕتہٕ کھمان چھ گٕنہٕ، بٔژ گوتونہٕ چھیے ہٕنج، نٕتہٕ کیاہ چھٕم سیوٚد،
وٕ ونٹہٕ نژن بٕن گٔب، ہشِ روزٕنی، سداہ نپرکٔڈھ نگہٕ یلے کاٗر، برِیش[1] لگنۍ، لچہ
واھ کرٕن، پکھن تل تھاوُن، پکھہٕ رَچھنۍ (طرفداری کرٕنۍ) کوکر کوٚن وہ تھٕن۔
(کوکرن ہنٛدو وبا) بطخ پوٚتھ کھیمٕ آسنۍ، پننٛز ہنٛدی پوٗتی کرٕنۍ، داند مناجات
لاگِنۍ، گاوِ تہٕ ہیوان، ووٚژھ تہٕ چھوان، خر پٔڈ وِ آسُن، گاڈ تہٕ ہالو کھشہٕ روٗستے
مذہب دارٕن حلال چھی (میر عبداللہ بیہقی)

گانٹہٕ ہنٛد آلہٕ بیٛٹھ ٹھوٗل والنۍ، آنٛچہٕ دنہٕ، پھاہ دیٛن، اُتھہٕ بیوٚو بڑاٗر
کھیوٚو، اپٔر ھی کھیوٚو کوکر، پننہٕ کھیوٚن مرِیک، داندن کھیے ہٕنج، پننۍ کھیٚین منٛدِ جر

---

[1] انسان چھ پچہ کشی باہوٗنی رٔٹن چلان، مگر حیوانن بیٛتر چھ امہٕ خاطرٕ خاص وقت تہٕ موسم۔ یٚلہٕ یمن ہارموٗن جوشس چھ دِوان ( IN HEAT ) امہٕ خاطرٕ چھ کاشُر لفظ برِیش واریاہ باوٕن ہار۔

وُزِھس لاگِتھ پٔرِ ھس کُن ۔ گاو نِیاے ۔ بوزن سٲری داند نِیاے نہٕ کانٛہہ ، شال

ژٕلِتھ بٹھِن چوب ، ہوٗنی مازس واتِل واز ، شالہٕ سٕنز ٹٔنگ ، ہوٗنی سُند گراڑٕ ۔

سٕہہ سُند گٔرز ، ہوٗنی سُند ووٗزن ، گٔری سٕنز ہنی ، خرٕ سٕنز ٹانگ ، بُلبُل سُند ژٕچِن ۔

راہدارِ پکُن ، نیٖنٛٹہ ٹھوٗکنی ، کھٲنٛکہ دِنہٕ ، طوطہٕ نس آسنی ، آچھر آسُن ، ہیٖنٛگ آیم نہٕ

وُزھرے چھس ، شٗری زایم نتہٕ چکٕلٹے چھس ، برار زوٗن گڑھنی ، ہرنہٕ چیشمہ آسنہٕ ،

کُکو سٕنز چال ، پوٗنیرنی گمتھ دِنی ، ہارہِ ہش آسنی ، زٕرِن ہُند چری گیوٗش ، یچھ

کھٕتھ کرٕنی ، جنس کوچن پیوٗن ، ٹھٕنہٕ تلک دود ہیوٗ ، لٔٹ ژٕلِتھ گٔب نیرُن ، موٗجل

ہے پھولہٕ زین آسہٕ دانتو ، سورٕ سٕنز ووڈ موٗرِ سُند تاج ۔ تیوٗت چھُنہٕ برارٕ

ہُند دو دکھیوٗن مُشکل گڑھان یوٗت پیتہٕ تمی سٕنز لٔٹ گلہٕ ناوٕنی ۔ ڈل کاو لاگُن ،

دِگہٕ دِگ کرٕنی ۔ دِگ دِنی ۔ سُترٕ نہٕ پاو اُڑُن تہٕ ۂسی برنہٕ نیرُن ۔ زنان مٔتُن گوہوٗس

مٔتُن ۔ برٲری سُند پھیانگُن ۔ ادرٕ (اتتہ) کھل گڑھنی ۔ کوکرٕ ہُند تچھُن ۔ ژھاولی برٕزھ ،

ژٕ ہتہٕ لوٗرگ (لل دیڈ) سیٖمِنہٕ جیچھ (راہی) ، ترامٕٹ ہنٛز زاگ ، کُکلہٕ پوٗرٕٹ ، ترٕونز

مٔتُن ۔ سٕہہ سٕنز اَڈمہٕ تٔلہٕ کڈُن ، وانٛہٕ پھیرُن ، دزامُن کرُن ، شہمارٕ زُلف آسنی ۔

ہوٗن وٕوران کارخانہٕ لگان ۔

کشیر منز چھ کینٛژن جایَن تہٕ جانوٗرَن ہندی ناو یا تمن سٕتی نسبت ۔ کوکر

ناگ ۔ سٕہہ پوٗر ۔ شالہٕ لوٗٹ (شٕپینس لِشہٕ گام) ۔ پٔڈر پوٗر ۔ ہاپت نار ۔ ۂسی ونز ،

توٗسہٕ مٲدان ، یچھہٕ گوز ، ہانگُل گنڈ خرووٕر ۔ ژٕتر نار ۔ گٔری دو کدل[1] ، شالہٕ پوٗر ، بُلبُل

---

[1] گٔری دو کدل ۔ سرینگر کس ریڈیو سٹیشن بلڈنگہٕ لِشہٕ گزہتھ کھنڈابور منٛزرکس منز ۔ یہ اوس پوٗلو مٲدانس ستو تہٕ ۔ اوتام اُسی چوگانس منز گیندن والی گٔری دو تُلان ۔ ڈوگرٕ دورس منز اُسی گٔری دو کدل ونان ۔ وونی چھُس سرکٲری ناو عبدالعزیز برج ۔

نوگام۔ شوٗلنشی پوٗرٕ۔ کوہِ ماران بیترٕ۔

کشیرِ منز چھِ بٹن مسلمانن ہنز کرامہٕ تہٕ جانورن سٕتی ملہِ مشہِ مثلاً کوترٕ، پٔنزِ، ۂنڈی، پوٗتی، داند، شال، بطخ، کاو، بُلبُل، کوکر، زلٕرِ، کھٹ (یموٗ منز اکھ کشیرِ ہُند وزیراعظم بنیوو۔ 1963-1962) براٗرۍ، گگر، خر، گد (گدھا)، پوٗنپُر، لٔٹ، مینگن

برور چھُ کشیرِ منز خاص رونتہٕ تھاوان تہٕ اَتھ چھِ تبرُّک چھوٗ اُچھوٗ وچھنہٕ یوان۔ تُلہٕ ملہٕ چہٕ کھیر بھوانی چھِ اصل کاشُر ناورانہٕ بیارع ماج ساءنی رانہ براٗری۔ کھرِ یوچہِ زالادیوی چھِ ہارِ براٗرِ وَنان؛ تہٕ بیتھے کٔنہ چھُ اَسہٕ گاشہِ بیارناوٕ اکھ بالہٕ تھونگ تہٕ۔ پٔہلی گامہٕ لنتہٕ۔ سرینگرِ چھِ براٗرِ آنگن تہٕ اکھ پوٗترجاے، مٔتے چھِ منتہ گرژھان زِ یہِ ووپرآیہِ ادبی مضمون وانہٕ ناوَن کیٚنژن جانور نواز شعرن بیٚتھ اند۔ یہِ گرژھِ کوج کھسِتھ نابدسپاٗرِ پیش کرنس ہیوٗ پُر لُطف۔ اکھ چھِ یمن شارَن منز جانورَن ہندی خوبصوٗرت پیکر بٔنیتھ تہندِ حوالہٕ کیٚنہہ مضمون آفرین مضمون طوالت نہٕ گرژھِ تہٕ گرژھتے۔ لہٰذا بس اکے قول:

دَپان موغل بادشاہ جہانگیر اوس اکِہ دوہہ پننہٕ نازنین مگر سوخن شناس مٔلکانہِ نوٗرجہانہِ سٕتی گِندان دژوکان۔ شوخی ہندِ اُکس وِہس منز پرژھنس سوال:

زیرِ دامانِ تو پنہاں چیست اے نازُک بدن

لہ شوٗلنش گو ہندی لکڑ بھگا تہٕ انگریزی HYNA یُس سہہ سُند شکارِ یَتہٕ تُند ژھیوٹ چھُ کھیوان۔ اکِہ وقتہٕ اوس کشیر منز واریاہ مگر وونی زَن چھُ نابود گومُت۔

(لتہٕ کیاہ چیز چھُ بیٚیہِ منز کھٲنٛتھ ؟)

سو تہٕ اُس بیگ خانوادٕچ ۔ شارٕہسے منز دیٚتنس جواب :

نقشِ سُمِ آہوے چیں است بر برگِ سمن ۔

(عالی جاہ اَزٕ تہٕ یوسمن ؤتھرس پیٹھ چین کِس غزالٕ سٕنٛد نیٚٹوک

عکس ہیوٗ)



جی ٹی وِگنی اوس اکھ سیاح یُس 1839ء منز کشیر آو ۔ سُہ چھُ پننِس

سفرنامس منز کاشرِ ہن منز یمن خیالن درانٛٹھاکن ، جانا وارن ہُنٛد ذکر تہٕ آسہِ

کران زن تہٕ اسہِ یم پرٛے موجوٗد ۔ تمی سُنٛد اکھ اقتباس کرِ دِلچسپ وضاحت ۔

"دہ جن چھِ دہ شونی جنسن ہندی ۔۔۔۔ نر تہٕ مادٕ آسان ۔ یم چھِ بڈٕ کھوٗہسی لد آسان ۔

بدی کرنس تہٕ ایذا دِنس منز چھِ پرٛتھ جایہِ تہٕ پرٛتھ وِزِ زن حاضر آسان ۔ دیو چھِ

مُجرم کِردار آسان ۔ عفریت تہٕ چھِ اُمے خصلتکی ۔ یمن مُتعلق چھُ وَننہٕ یوان زِ یم

اَسی اکِہ وقتہٕ حضرت سلیمانس ماتحت ۔ دیٚت ( DYUT ) چھِ لرِہن منزٕ آسان ۔

دیٚپان زِ گرس منز یُس شور وشر ، عیب و ثواب تہٕ ددارٕ چھُ سیدان ، تمن چھُ

یتھے ہرِ دِدان ۔ تمن چھِ ؤری یُس منز اکِہ دہ ہِ کھٕن چین متھاوان (شاید کھبرِ

ماوس ۔ یوس پساژن (ریکھن) متھاوان اُسی ۔۔۔۔ دیٚپان برم برم چوک چھُ اٚبی جاین

تہٕ وتلین لٕنشہِ آسان ۔ اصلی راتھ کیٛوت ۔ وٕچھن وٲلو چھِ دیٚپان زِ یہِ چھُ خرٕ وول

جانور ۔ تہٕ ٹُلے بد شکل تہٕ بے طور ۔ مےٚ چھِ پنُن خیال زِ یہِ چھُ ہندوستانک قبرٕ

پرٛاٹُن وول ترٕ ونر ۔ بیلہِ صمد شاہ نس وَنہٕ نس پیٹھ مےٚ اُسُن ترو وٕنس کھرٕ

واریاہ ژکھ تہٕ تمیٚ دِژ مےٚ ژُر کہٕ زمردی گے راتھ کیٛژ خیمہٕ نیبر شونگن۔ اَدِ
ہاوی برٛم برٛم چوک تماشہٕ۔ ہوپ (WHOP) چھ ہوٗنس یا برأرِس ہیو
آسان تہٕ پرٛانین لرِہن منز روزان۔ مُشران چھ اکھ بدصوٗرت تہٕ وِکھٹ
بُڈ چالہٕ پوان۔ سُہ چھ گوڈ شفقتہٕ سان نالہٕ موٚت کران تہٕ اَمہٕ پتہٕ چھ چیر
دِوان تہٕ زُن پھیشِنِتھ نوان۔ گوریا چھ چھ مور دِن کھوان۔ ڈأینہٕ گےٚ دلوٚن
ہنٛز مادٕ۔ دپان یِم چھ فانی اِنسانن ستیٚ ینیٚہتر کرِنک مأل تھاوان۔ مگر یِس تمن
ستیٚ میوٗل گو، سُہ زُن تہٕ موکلیو۔ دوٚنی ترٛہن رِہتھ منز چھ مرِتھ گژھان۔ یہ
ڈأین (یعنی یورپُچ (WITCH) چھ واریاہ بدخصلت آسان۔ یہ چھ پننس
اِنسان یارس سٕنز وأنج گٕڈتھ نوان تہٕ برٛہکان۔ رانٹس لوٗزی لوٗتون افغانستانٕچ
یا ایران تہٕ ترکُک غول (بیابانی)۔ تَس چھ کھور پتہٕ بروٗنہہ پھیرتھ (AAL)
آسان تہٕ اُچھ اکھ اکس پیٹھ ..... نستہٕ ستیٚ رکھ ہش۔ رِیح (RIH) چھ
زنانہٕ آیہٕ آسان۔ سوندر مگر مردس ژھل کران تہٕ ہم کرِتھ نوان۔

پری چھ البتہٕ پزٕے خوٗبصورت تہٕ پرژ۔ تسُند بدن چھ ژوٗرن عناصرن
ہُند آسان۔ مگر نار زیادٕے پہن۔ رتمن ہے کانہہ اِنسان عاشق گژھہ سُہ
تہٕ چھنہٕ وار روزان۔ نرٕ تہٕ مادٕ دوشوٕے چھ خطرناک۔ مگر یمن چھ واریاہ ژھل
تہٕ وَل آسان۔ یہنٛز زنانہٕ ذاتھ چھ شہزادٕ ہوٚن لوکٹین جوانن مازان.... لوکچہ
کأشرٕ اتھ شہرس چھ شرمدأری سان ونان زٕجن تہٕ پریہ دوشوٕے چھ راتھ کیٛژ۔
ییلہٕ تِمہٕ مرٛ نیندرِ آسان چھ تمن لشہٕ پوان۔ شہر سرینگرٕکس سرس لشہٕ سنٛز بالس پیٹھ
یوسہ پرأنی لڑ (یعنی) کونتہٕ لیون (KUTLINA) چھ، دپان یہ چھ تہنٛز اکھ بُڈ مرٕے

تہٕ توٗرے چھس پٔرۍ محل وَنان یعنی پٔرۍ یَن ہُند محل خانہٕ۔

بیاکھ اکھ جنات تہٕ چھ اَتہٕ آسان مگر میانہٕ کاپی منز چھُ تُہند ناو نٔہوہٕ آمُت۔ دٔپان یوہے چھُ تِم خوفناک آلوٕ تہٕ آوازٕ دوان، یموٚ سۭتی ویران گامَن مندورَن منز ہول ہانگے آسان چھ۔"

یہ مضمون لیکھتھ گوو مےٚ کُنن زِ کأشری پأٹھۍ چھ جانان وارن ہندِس موضوعس پیٹھ اکھ کتاب درامژ۔ مےٚ ہیٚژ گلشن بدرنی سنز مِنت یہندی ادارٕ گلشن کلچرل فورم بدرنن یہ شایع کٔرمژ چھےٚ۔ یہ چھ حکیم غلام حسینؒ شاہ باز صابَن لیچھمژ۔ تہٕ ناو چھس زُو ذاژ۔ مےٚ گیہ یہ وُچھتھ سیٹھاہ فرحت تہٕ تہٕ تعجب تہٕ، کأشرس منز ادبہ کہ ژھوٚتہٕ قلایہ بیٚیٹھی وۄ وٕڈ لائیتھ یتھین موضوعن پیٹھ لیکھُن چھُ سیٹھاہ قلیل۔ یہ چھ اَتھ موضوعس پیٹھ کأشری پأٹھۍ اول تہٕ آخر کُنی کتاب۔ زبان ہژ تہٕ سہل تہٕ علمی ورتاو سیٹھاہ جان۔ کتاب پٔرتھ چھ اَتھ مضموٗنس مُتعلق وارِیاہ تُو کنھ نَنان۔ اَخنےٚ زُو ذاژن ہندی کیٚتہٕ کأشری ناو چھ اکھ نُدرت تہٕ اکھ خاص اہمیت دوان۔

مےٚ سپُد کتابہ نظر دِنہٕ سۭتی وارِیاہ نوٚو حاصل۔ مثلاً اَتھ منز چھُ لیکھنہٕ آمُت زِ اَز برونہہ پہن اوس شپین علاقہٕ کس کوثر ناگس تہٕ بیٚیہ کیٚنژن آبی ذخیرن منز اوکٹوپس (OCTOPUS) ناوُک آبی دزِ سیٹھاک روزان۔ اُمس چھ کأشری پأٹھۍ کریم وَنان۔ مےٚ چھ بہٕ لنس لوکچارس منز شوبینہٕ اُمیک ذِکر لوٗزمُت تہٕ بیٚنہٕ زِ یہ اوس پنٕژ رنڈکھ ہیوٚر لایان تہٕ انسانَن پانس کُن ورکأوِتھ نِوان۔ مےٚ اوس خیال زِ یہ آسہ ہے مگرمچھ (کأشُر کریل)۔ تمس چھ لٔٹ نہ پیٹھ آسان۔

مگر تِ چھِنہٕ ہیوٗر ہیکان پلہٕ ناوِتھ ۔ اَمہِ مقابلہٕ چھُ کرِم پاَلتو ہوٗی رَنہ کھ تھاوان
تہٕ بے وستی کنڈرس بیہڑ موجود تِرن گیپنن اَخسنتے انسانٕ تہٕ آبس منز وُٹھکاوان ۔
حکیم صابُن وَنُن چھُ سانٕہ سے لُکہٕ ڈٔترس برابر یوان ۔ اَمہِ علاوٕ تہٕ چھ کتابہٕ
منز واریاہ زبر علمی لو تشہ موجود تہٕ یہ چھُ کاشُر یُک اکھ وکابہ ماَنتراوان ۔

مگر مے چھ کیشُرن جاین پنُن الگ نظریہ ۔ مثلن آگر پچھینہ متعلق
ہُند وَنُن چھِنہٕ لَو اَریخی چھان بین وِبڑاَوِتھ ہیکان ۔ تم چھ اَمس عنقا، تہٕ
"سی مرغ" قرار دِوان ۔ تتھ چھِنہٕ کانٛہہ دلیل ۔ کاشُر ناو چھُ بیون تہٕ الگ ۔ یہ
چھ پرانہٕ کُنبہ ہُند تہٕ "آگر پچھن" ڈٔیتھ چھ اَمِچ شناخت 'عنقا تہٕ 'سی مرغ' کھوتہٕ
واریاہ زیادٕ قدامت ، وضاحت ، تہٕ صراحت برونٛہہ کُن انان ۔ یہ ناوے چھ
کاشر زبانٕی ہُند خاص بتُرہاوان تہٕ یقینی طور باقی کلچرن ولیوٗد بیقین علامژن لشہٕ
اَلگ کڈان ..... عنقا تہٕ سی مُرغ چھُ یِمنے صورتن منز کاشرس منز تہٕ وٕرناوس
منز ۔ یمن کیازِ کرو آگر پچھینہ ہُند موُل اَنہار گالنہٕ خاطرٕ سال ۔ اگر یمن ترٛیشونے
کینہٕ خصلژ تہٕ خوبی ہشے بیان کرنہٕ آمژ چھ ۔ تمہِ وستی چھنہٕ سانہٕ آگر پچھینہ ہُند
وجوٗد گوٗٹ گژھان ۔ یہے ہشہٕ خصلژ چھ تینلہ چینی ڈریگنس تہٕ ..... تمہِ کِنی کروا اَکھ
اَکھ ترجمہ DRAGON تہٕ ؟ حق چھُ یہ زِ انسانٕی تصورن چھ گاہ بیگاہ ہیقین واریاہن
علامژن ہندی تقریباً رَلہٕ وٕنی زلہ وٕز اَنہار آکار گری متی ۔ مگر تمن چھ پننہٕ کلچر
تہٕ تہذیبچ الگ ، آزاد تہٕ شناختی موہر آسان ۔ اَخسنتے مُشکل تہٕ مانہتر تہٕ ۔ اَسی
کیازِ دُلونہٕ زِ باقیو آب ۔ یہ تصورٔ اَسہ لشہ نیو مُت ۔ یتھ کِنی تمو وشنو متراشند
"پنچ تنتر" اَسہ لشہِ منگتہٕ نیو تہٕ تتھ کرِ کھ پننہٕ ناو ۔

# کأشُر حِساب چھُ پچھہ وار

رسول میرن مشہور مِصرعہ چھُ ع

پچھُ لگنس گُنز رنس لچھہ تے ہزار

عام کیلنڈر تہٕ تقویمن منز چھ دوہ یا ہفتہٕ ، رہتہٕ وار نتہٕ وری وادن منز شُمار سپدان ۔ بیٚیہ کُنہ زبأنی منز آسہ خال کُنہ پیٚتھ گنز پچھہ وار ( پندرہ واڑہ ) حسابک یوٚت نوٚن لنشانہٕ مانٛنہٕ یوان ۔ اَتھ چھُنہٕ بیٚیہ یوت وجہ زِ اَتھ مِصرعس منز چھ وزن وُزناونہٕ خأطرٕ پچھس ہستی لچھہ اِستعمال کرنہٕ آمُت ۔ یہِ چھُ شاعرانہٕ کسب کأری ہُند مظاہر مگر کتھ چھ اَمہ کھوتہٕ ہناہ ثرٕنی یہن ۔ رسول میر چھُ کأشر گنڈتی پتہٕ پتہٕ ٹیکتھ اَچھ سند بروٚنہہ کُن انان ۔ دراصل کأشری آسی پرأنین وقتن منز کیا اوتراوتر تام زوٚنہ سنہ یعنی LUNAR CALANDER استعمال کران ۔ گوڈٕ چھ وُنہٕ عربی فارسی تہٕ سانہٕ زبأنی منز رہتہٕ خأطرٕ 'ماہ' استعمال سپدان ۔ تہٕ ماہ گے زوٚن یا چندرما ۔ ماہوار بیتر چھ اَمہ کے مُشتق ۔ اَختہٕ چھ انگریزی ہنٛہٕ اَمی آیہ MONTH ۔ اِنسانن چھ اصلی وقتک میشر کرنہٕ خأطرٕ گوڈٕ زوٚنہ ہُندے

داماہ روٗٹمت۔ ژندر اوس ییران تہٕ ژوٚداہن دوہن وارٕ وارٕ پوٚٹھان
پوٚٹھان پنٕنس ہنز زوٚن بنان تہٕ پتہٕ اوٚس پتہٕ سے کالس پیٹھ آسمانٕکی مشرٲلی غاب
گژھان تہٕ ژوٚداہ دوہ بییہ ییژھ نیران۔ اگر زوٚ نہٕ پچھس منز راتھ
شولان تہٕ گاشان اوٚس۔ دوٚیمس حصس منز اوٚس اٚنہٕ گٹہٕ نال وَلان۔
تہٕ گٹے گٹہٕ روزان۔ لہاذا بنیہ اَٹھوٚ وہن کُنہٕ ترٕہن دوہن ہندس
اَکھ کالہ میزانس زٕ حصہٕ یا زٕ پکھشٕ (پکھ) زوٗنہٕ پچھ تہٕ گٹہٕ پچھ۔ تہٕ یی
اوس گٔنزرنہٕ یوان۔ کاشرِ ہن ہندِ نوٚ وٕرییک دٔسلاب اوس ژتھرِ نہٕ
(کاشر کیلنڈرک) زُنہٕ پچھ کہٕ گوڈنکہٕ دوہہ یا ژندرِ مہ سٟتی شروع
سپدان۔ یہ دوہ بنیو و نوٚرہ۔ یییلہِ ونٕدرچ شٹھییمٕ زمین بنیہ جمبر ییینہٕ
سٟتی جوشس یوان چھ۔ بنیہ منز بٹلہٕ زیوادان درٕچ تہٕ حیات آفرینی
ہنز زٕتنٕ یادٕ گژھان چھ۔ پتہٕ کوٚر کشیرِ ہندی ذوالقرنین ثانی للتادتیہ
ٔمکتاپیڈٕن اَمی دوہہ اکھ بوٚڈ ملک فتح تہٕ یہ بنیو کشیرِ ہُند قومی تہوار۔
نوٚرہہ تہٕ للتادتیہ (757-720ء) سندِ اَمِہ تعلقکی ہُری چھ البوریحان البیرونی
ین تہٕ تلی متی۔

کاشرِ لو پنڈتو کوٚر ماہتابی کیلنڈرس کیشن دوہن ہندِ خسارٕ پورٕ
کرنہٕ خاطر ترٕ ییہ وٕہری اَمِہ کہن 24 ہن پچھن منز مزید اکھ رہتھ جمع کرنک
سنز۔ تہٕ یہ اوس اَمِہ سٟتی اَزی کس شمسی کیلنڈرس SOLAR CALANDER
برابر برابر دوہ گٔنزراوان۔ بٹن ہندِ ملٲسی طبقہ چھُ اَز تہٕ اَمے حسابہٕ
پننہٕ نین تہوارن بیسترٕ ہن ہُند حساب بیٹر کران۔

زُنہٕ پچھ حسابہٕ چھِ کاشرِس منز اَتھ ستی گنڈتھ لفظ تہٕ اِصطلاح اَز تہٕ وَرتاوس منز۔ اماوس، پُنِم، غُرہ، سانکراتھ تہٕ بییہٕ واریاہ پچھہٕ وار حسابہٕ چہ کاشرِ خصلتٕچ ہُند اَکھ سیٹھاہ جان انداز چھُ اَز تہٕ مزارکس چھترہ گُل گامس منز موجود۔ تتہ چھِ اکھ پرٕون قبرستان تقریبن ترٕے ہتھ وُہُر تہٕ زیادٕے۔ اَتہ چھِ قبرن شاندکنہٕ یعنی لوح مزار اِستادٕ۔ یہ تمن بیٹھ چھُ صاحب قبر سُند ناو درج تہٕ یہ لیکھتھ زِ سُہ گو زُنہٕ پچھہٕ کہِ فلانٕی تاریخہٕ بییہٕ عالمہٕ۔ مثلاً "مسعود حسین گُذریوو" زُنہٕ پچھہٕ کہِ گوڈنکہِ دوہہٕ" یا "اَحمد حسین گُذریوو گٹہٕ پچھہٕ کہِ شُتمہِ دوہہٕ" ـــــ کمال چھُ یہ زِ یہ عبارت چھِ کاشرِ پاٹھۍ لیکھنہٕ آمٕژ۔ یہ گوس اوریانہٕ تہٕ اَتہ وُچھم لوارِ یکٕی یم گوڈنکی کاشرِ کتبہٕ۔ افسوس زِ مےٚ اوس نہٕ تمہِ وِز کیمرہ ستی۔

کاشرٕن شیٚن موسمن ہُند شُمار تہٕ اگر ماہوار حسابہٕ کرو، تمن چھ کمی بیش روزان۔ مگر پچھہٕ وار میٚژ لاگنہٕ ستی چھِ یم پننِس اصل صوٗرتس منز شُمار ہیکان سپدِتھ۔ پچھ چھِ کاشر گرگلی کیلنڈرُک اَصل تہٕ بنیادی یونٹ۔ یہ ہیکی ژِ وُہ یونٹ چھ سوٗن اَکھ وٕری سومبراوان۔ بڑوہ بڑوہ پٹھن یِیلہٕ نہٕ وُنہٕ بجلی ہُند لوٗپہ گاشس اوس، کاشرِ آسی خاندر خوندر کرنہٕ خاطرٕ زُنہٕ پچھے پسند کران۔ یُتھ راتھ کیٚنژ کھسہٕ نس وسہٕ نس پکہٕ نس ٹلہٕ نس وارِ بناریہٕ۔

کشیر منز کیتھ کنہٕ چھُ پچھہٕ وار رائج تہٕ وَرتاوس منز اوسمُت۔ تمیُک تصدیق تہٕ توثیق چھُ کشمیر سرائی ہنز قدیم ترین کتابہٕ۔ نیل مت پران نِشہ سپدان۔ اَتھ چھُ اُڈی پانژمہِ صدی میلادی تہٕ کیٚنہٕ شُتمہِ صدی میلادی ہُند

مانان - اَتھ چھ مذہبی تہٕ سماجی سارہٕ نے تقریبن کُنے مِیٚثر - یعنی پچھہ وار مثالے رکشا بندھن تہوار - یعنی امرناتھ یاترا ہُک عروج چھ شراون پُنم - یعنی شراوٕن کہٕ زُنہٕ پچھُک ژوداہم - ہیتھے پاٹھی ویساکھ کہٕ زُنہٕ پچھچ پُنم چھ برہمنن ہنز پوٗزا کرنہٕ یِنہٕ ـــــــ شلوک نمبر 717, 718

ہیتھے کنہٕ "پوٗزا کرِنچ کام گرٛھن زنانہٕ کرنہٕ - اَتھ منز گرٛھہ نہٕ مرد کانٛہہ کام کرُن - گیٹ پچھہٕ کہٕ اٰٹھمہٕ دوہہ گرٛھن زنانہٕ موٗرتی شرٛان دھیان کرنہٕ" ـــــــ شلوک نمبر 553 - 554

غرض یہ سورُے پرُان چھُ سارِنے تہوارن تہٕ دوین دوہن ہنز گرہند شمار بہترِ پچھہ وار حسابہٕ کران -



## چین چھُ سون چمن

- ژٕنُن چھُ چینہٕ پیٹھ آمُت میوہ - سنسکرت ناو چھُس CHINANI
- ٹنگ تہٕ چھُ چینہٕ پیٹھ آمُت تہٕ سنسکرت ناو چھُس CHINA
(چین راز کمار) RAJPUTRA
- ژیر تہٕ گلاس (CHERRY) تہٕ چھ چینہٕ پیٹھے آمتی -

# کأشرؠ رنگ

پرٛ یتھٕ مُلکہٕ کیٛن لُکن تہٕ سرٕ دن، مُشکن تہٕ خوشبوٕین ہندی پاٹھۍ چھ پرٛ یتھ
آزاد تہٕ خودکفیل تمدّنس پننی کینہہ خاص رنگ تہٕ آسان۔ یم رنگ چھ امہٕ کس
ثقافتس، زندگی، لسنہٕ بسنہٕ کیٛن طور طریقن تہٕ ذوق و شوق چیٛن ترٛاین گرٛاین
ہندی طرح رٹان تہٕ تمتٕنے ہندٮ۪ن قالبن نکھہٕ ڈکھہٕ آسان۔ کشیرِ منز چھ اتھ زیادے
یہن خاص الخاص آسنک سبب تہٕ وجہ موجود۔ سُہ گیہ ساٛنی جغرافیٲیی
خلوت۔ یوٚسہٕ ساٛنیو تھدیو پربتو پانژالو ساتہٕ بدٮ۪ن وٕریٕین رٲچھ
دٲچھ۔ امہٕ کنی روٗدی أسی باقی ثقافتن ہندٮ۪ن رنگن رسن دٔورِ دٔورے۔
تہٕ أسہٕ کٔر پننیو ژینن ترایوٚ تہٕ ڈلیشن اُنہارو کنی پننی رنگ تیار۔ مگر اصل
وجہ چھُ سُون آب و ہوا تہٕ موسم۔ رنگ چھ ژکہٕ گاش یعنی روشنی ہندٮ۪ن
ڈلہٕ وٕنن وٕہن ہُند معجون تہٕ میزان آسان۔ ڈکشنری ہنزِ وٕژھنے
کنی سُہ صفت یُس چیزن تمہٕ وزِ یادٕ گژھان چھُ ییلہٕ الگ الگ باگنین
یا — WAVE LENGTHS ہنز گاشہٕ زٕژٕ ہمن منز عکس پذیر گژھان
چھ۔ کشیر چھ تھٕ زمینی سطحس پیٹھ مَس مُژراوِ تھدیو یہ نہ تبتٕ للاخکی

پائٹھۍ تیژراہ ووہگٕژ چھِ زٕامہٕ کِہن فضاون منٛز آسہٕ آکسیجنک پرٛدٕ تٕنٛھ تہٕ رٕنٛھ۔ یہٕ چھِ مأدانی علاقن ہنٛدِ آیہٕ یِیتہٕ گاشہٕ زٕژن کوچہ پھیرُ چھِ گژھان۔ کٔشیر چھِ تِتھس بُتلہِ زٕانپانس منٛز لأل مرجان ہِش بِہِتھ۔ یِیتہٕ امیک أزٕ پوٗٹ ہیوٗنب گاشس پھِیتی کران تہٕ شوٗبہ راوان چھِ۔ اَتھ چھِ رنگ ہِتھے پائٹھۍ وُزان یِتھہٕ کٔنہ معشوق سِنٛزن چشمن منٛز سوٗرمہٕ گِرتہٕ ماران چھِ۔ وارِیاہو بیرونی وِہٕ گِتو چھُ کٔشیر یِتھ أمہٕ کہٕ خاصیتُک ذِکر کوٗرمُت۔ یِم چھِ وَنان زِ یِیتہٕ چھُ گاشس پرٛکاش جادُے یِہن زٕوتان تہٕ بزٕ برزٕلان۔ کلہن پنڈت تہٕ چھُ راج ترنگنی ہنٛدِس گوڈٕ وُترس منٛزے وَنان زِ میانہٕ دلیسہ چین خوبصورتین منٛز چھُ اَکھ یِتہٕ زِ یِیتہٕ چھُ سِرِیہ شۂہلہٕ شۂہلہٕ آیہٕ تہٕ نرمی سان پٔرِ وِتراوان[1]۔ گاشچ یہٕ صورت چھِ یِیتہٕ رنگن بدل أڈرن کران۔ یِتھنٛز کمسٹرۍ گیہ أسِتھے تہٕ تِہند موکھ تہٕ بدلاوان۔ اَتھ ہے کیتھہٕ کمی بیشی تہٕ کسر آسہٕ ہے۔ سوٗ کرٕ کأشرِ پنٛنہٕ تخلیقی ہوشہٕ بوشہٕ یِتی پوٗرٕ۔

کأشرِ پائٹھۍ چھِ أسی باقی زبانو لِنشہٕ اِنحراف کٔرِتھ نیٖلس رنگس پنٛنہٕ آیہٕ ووٗن دِوان۔ نیوٗل یعنی BLUE گو باقی زبانن منٛز آسمأنی رنگ مگر کأشرِ پائٹھۍ چھُ یہٕ سبز یعنی GREEN رنگہٕ خاطرٕ ورتاونہٕ یِوان۔ ہیٖچ یعنی ہاکھ ہِش سبزی۔ ہریالی ع۔

---

[1] کأشرِن چھُ پنٛنہٕ وطنچہ امہٕ خوبی ہُند ظون بروٗنہہ پتھے اوسمُت۔ کلہن پنڈت سِنٛز یہٕ کتھ چھِ سائنس عظیم فاتح للتادتیہ سِنٛدِس ناوس منٛز تہٕ زراوٕن کران۔ معنی چھُس میوٗکھٹ تہٕ کومل آفتاب۔

کر پھیر سبزی لولہٕ باغس نیر پہٕ شہ میثون

پہ رنگہٕ دُنیٖوت کیاز چھُ کأشرس حِصہٕ آمُت تتھ ظلونس واتِھ چھُ میانہٕ خاطر کرٛلوٗٹھ۔ مگر اکھ تأویل ہیکہٕ اوس یہ کرِتھ زِ پرکرٛتھ ماجہ یعنی فِطرت چھے کشیٖر ہِتھ کُنہ یٖنہٕ شفیق اٚسِتھ ڈولمُت زِ اٚمِتھ چھُ بُتلہ، گُلبن کٹھن، بالن بیتر سارِیے سبزرے سبز واہراوِتھ تہٕ کأشرس باسیوو یہ نیوٗل۔ مگر یہ چھُ اڈک ہیونگے تفسیر۔ کشیٖر منز چھِ موسمن ہنز رنگارنگی تہٕ پرٛتھ موسمس چھِ پننی خاص رنگ۔ مثالے وندُک شیٖن، یتھ وُچھتھ اَسہ محاورٕ بنیومُت چھُ پروٚن شیٖن ہیوٚ۔ یہ چھے چھٕٹرٕ یعنی سفیدی ہُند سارِوے کھوتہٕ خألص تہٕ اصل اظہار۔ سفیدی ہندِس کم پہن SHADES چھ کأشر چھوٚت وَنان۔ ٹھولُک چھٕٹر دِگر اٚتھ اندر یُس لیٖدُر دانہٕ آسان چھُ۔ کأشری پأٹھی یہ تتھ وَنہٕ لوان چھُ۔ یہ چھِ کأشرِن ہندِ جمالیأتی حیثِسک کمال ـــ زوٗن۔ کم کم لیٖدُر تہٕ تتھ پیٹھ زوٗنہٕ ہندے پأٹھی بدلہٕ رنگہٕ داغ بیٚیہ پننی زوٗنہٕ ہندی پأٹھی سالم تہٕ ڈوگر) ہرُدس منز چھُ کشیٖر کھٕہن، کھلن، فصلن تہٕ ہنجہ مأدانن لیوٚدُر پھشِ لگان۔ ماجہ بُتلہٕ ہُند ہم سایہ تہٕ ہم شبیہہ۔ کریہنس چھِ اَسہ کاوِ یکھ ہیوٚ تہٕ وَنان تہٕ کرزل رنگ تہٕ ځ

کرزلی کرِٕ ئی نم ووٚزلی جائے مے نیوٗتم کامہٕ دیون دِل

کأشرِن رنگن ہندِ حسین اِظہارُک اندازہ چھُ سانین قدیم کسبن مثلاً شالبأفی خاص طور کأنی شال تہٕ جامہ وارکین شاہ پسند رنگن منز سیدان۔ کأنی شال اوس بادشاہن مُلکانین، وزیرن تہٕ امیرن ہُند لوٗٹھ تہٕ دِل نواز۔ خاص طور موغلن ہندِن رنگہٕ وُلی تہٕ تہذیب پرور وقتن منز۔ اُمیک اکھ

فرہنگ چھُ اَمہِ کہن رَنگن ہُند وفور تہٕ تِہُند خاص طرح ہاوان۔

- چھوٚت ..... سفید لۆتُسی یعنی OFF WHITE
- کوفوری ..... یعنی لوٚتہٕ وَے لیٚوٚدُر • زرد ... تیٚکھ لیٚوٚدُر
- مَلاَئے : لوٚت لوٚت نیٖوُل۔ آسمانی
- زنگاری : توٚت سبز۔ بقول مرزا غالب ع

چمن زنگار ہے آئینۂ بادِ بہاری کا

- گولابی • سُرنجانی ۔ کیٖژ رنگ۔ یہ چھُ لطیف تہٕ لوٚتہٕ وَے آسان۔ کیٚو چھ ڈیمبوٚتہٕ سرو منز ووٚپدن والہِ اکہِ گولیٚک ناو • کیسری : کونگہٕ رنگ تیز لیٚوٚدُرِ یُس سُرخی نما ہیوٚ آسہِ۔ • بنفشی : وانگن رنگ : PURPLE
- لسواَری یا زنگ : گوٚٹ ووٚزُل یعنی BROWN • فیروزی یا پیروزی : تیٚکھ نیٖوُل یا DARK BLUE ۔

یِم چھ بُنیاَدی رنگن ہِندی ناو۔ مگر کاَشرِ رنگریز اَسی یِمن لۆ مِلہٕ وَنہٕ کرِتھ بے شمار طرح دِوان۔ کانی شالس منز اَسی رنگ زوتہٕ وِنی آسان مگر GAUDY تہٕ بے طور نہٕ۔ اَوے اوس یِمن متعلق "صوفیانہٕ رنگ" ہش اِصطلاح تہٕ وَرتاونہٕ یِوان۔ یِمن ہِنز شایستگی، سُتھرایی تہٕ خوش نظر طرح اَس لَوٚے موغل بادشاہَن، اشرافن تہٕ بٔڈ طبقہٕ کِہن امیرن وزیرن سیٚٹھاہ خوش کران۔ تَوے اَسی اَمکی حِصہٕ تِہندِ ین تاجن طومارَن منز تہٕ پیوستہٕ تہٕ تِہندِ ین رنگین کمربندن منز تہٕ بنیہٕ کران۔ تِہندِ ین گلوبندن تہٕ دَسوانن منز تہٕ شوٗلان۔ یِمن شالَن ہِنز خوٗبی اَس پٔرتھ زِ ادٔ اَمہ

کنُو ہمہِ صدی ہندِس یورپس خاص طور تتہ چہ فیشن منڈی فرانسس منز
تہٕ اُس یہنز شوٗوے تہٕ شہرت ۔ فرانس کہِ فیشن بازرُک ضراب خانہٕ یعنی
شاہی محل بنیو واُمیک نمائش گاہ ۔ عظیم فاتح نپولین بوناپارٹن -1770ء)
(1821 اَنہٕ نأوی مصر کہِ دسأورِ کنہِ پننہِ بسترآرا رازِرانہٕ یعنی جوزیفائنہٕ خاطر
واریاہ کأشرۍ شال ۔ دپان تسِندِ گِندنک ترٛپنک اُکھ انداز اوس خاص الخاص۔
پیٚلہِ دوٚہس سلطنت کِہن کھُرہٕ ہِن کھوورِہٕ ہُند گوبر تہٕ عنبارہ مأنز ادہٕ خاطر
سُہ پننہِ ٹاچھ رازِرانہٕ ستی آتشدانس (FIRE PLACE) برونٛہہ کنہٕ ، مُس پیالِن
اُکِھ داران اوس، جوزیفائن اُس تس برو برہہان مگر پننہِ شانہٕ عُریان تھاوِتھ۔
یمہِ بأڑا اُسی دُشنیرتہٕ کران تہٕ موٚہنۍ میٹھۍ ہندِس تھیٚپہِ تھاأِس تہٕ
گِندان ۔ جوزیفاین ہندۍ شانن ہُند کانی شال اوس رِکنہٕ اوریور ڈلان تہٕ
سوٗ اُس تِتھ مست شباب کورِہٕ ہندۍ وَ چھ ڈُوٚپٹن ہندی پأٹھۍ بنیہِ وَلنک
ڈامب کران ۔ بادشاہ اوس لولہٕ تماشہِ کِہن ترٛزِن مُزرِن منز تس یہٕ
شال تھٲپہِ لوان تہٕ تسِندۍ ننگہٕ شانن اُختےٚ وَ چھ انارِن تہٕ اُکِھ ڈالان۔
دپان سوٗ اُس نازکران کران شالہٕ بنہٕ منز بیاکھ شال تُلان تہٕ پھینکِن پیٚٹھ
واہراوان ۔ اَمہِ ستی اوس بادشاہس زیادے وُتارہ دوہٕ تھان تہٕ سُہ اوس
یہِ شال تہٕ ہوٗت دأرِہ تھ دِوان ___ وَصل آمادہ شاہی بأژن ہُند یہِ
دروکُن چھوکُن اوس منطقی انجامس واننس تام جاری روزان ___
پاکستانس منز چھُ شیری رحمان تہٕ ناہید جعفری لاہور لندن تہٕ پیرس میوزیمن
منز موجود شاندار کانی شالن ہندِس بنیادس پیٹھ اکھ سٲبھے نفیس کتاب

شایع کرٕمژ۔ یتھ منز وَنہٕ چھُ آمُت زِ عالمی فیشن کِس دُنیاہَس چھ برصغیر جنوب الیشیائُک سارِوٕے کھوتہٕ عظیم تہٕ بولہٕ وُن تحفہ کشیر ہُند یوہے کأنی شال۔ یہِ ظاہر چھُ زِ اَتھ منز چھُ اَمہِ کِس رنگن ہند برجستہٕ پھُلیہِ باغُک بوٗد حصہ۔ شیری رحمانن چھُ یہِ انکشاف تہٕ کوٚرمُت زِ یٚیلہِ 1839ء منز مہاراجہ رنجیت سنگھ لاہورس منز فوت سپُد، تسنز راںٕہ آسہٕ زندٕے پان زالنس لیٚنی سُتی گژھنس اَمہِ سٕرہ ہشہ کران۔ مگر تمن ژلیکھ کفنہٕ بدلہٕ کأنی شال تہٕ یمو دژٕ تمہِ پیٹھ دزٕ وِنہٕ ژینتاین منز ووٚٹہ۔ لاہور چہ شاہی مسجدِ کِہ کھوورِ لبہ تل چھُ رنجیت سنگھ تہٕ تسنزن مہارانین ہندی یم شمشان اَز تہٕ موجود۔ کأشرٕن رنگن ہند بیاکھ اہم ورتاوس قالین بافی ہندٕین وانن منز سپدان۔ یتہٕ یمن ہندی ناو اَز تہٕ تہنز خاص تعلیمہِ منز قاعدہ بند چھُ —— بیاکھ اَکھ سٕھٹھے خوش پسند کسب اوس قلمی کتابن شیرنُک پأرنُک۔ پرانین کأشرٕن قلمن کتابن ہندی جدول، حأشیہ، نقوش بیتر چھ تیتی نفیس زِ اَز تہٕ چھ سرتازٕ تہٕ دِل مُہتھ لگان۔ یمن چھ ووٚنی ماہر ARTS OF THE BOOK وُنتھ پیٚژٕ زناوان تہٕ کشیر چھ اَمیک اَکھ بوٚڈ مرکز مانٕنہ یوان۔ اَز برونٹھہ زِ ترٕےٚ ہتھ وٕری اَس تاشقند پیٹھہ تبریزتہٕ ہمدانہٕ پیٹھہ حیدر آباد کِ شوقنہٕ وألی یمن اَیٕھی دادی لدن ہندی پأٹھی تہٕ تھاران، گاران تہٕ پٕراران۔ یمن منز چھ خاص زرِ خالص تہٕ منقشی رنگن ہندی طرح غالب تہٕ حأوی۔

کأشرٕ اوس اوتُر اوترتام پننی رنگ پانٕے بناوان۔ پننہٕ حسابہ تہٕ پننہٕ مزازہٕ۔ یم اُسی جرٕی بوٹھن، پوشن، میوٕن، میوٕ دلِن، نیچن، خاص

رنگہٕ چھن کنہٕ ذاژن، چمک دارٕ شکل بھاوَن والین کیمّین کرِلن، خاص مصالحہ کرٕتھ ژالنہٕ پتہٕ بناوَن وأنِس کرٕنس تہٕ ہایِن بناونہٕ یِوان۔ لداخ پیٹھٕ آسہٕ بیوّن بیوّن رنگن ہنز کنہٕ اَنہٕ یِوان۔ تِتہٕ کیو کوہو بیا بالوٚ پیٹھٕ تہٕ تِمن آسی پیپسھ پھِکھ بناوان۔ انار یعنی دأن گولرس۔ اَخنےٚ ڈوٗنی گولرس تہٕ اُسی گیشان تہٕ رنگ بناوان۔ واریاہن گُلین مثلاً ڈوٗن بیٚنہٕ ریک دِل تہٕ اوس خاص رنگ دِوان۔ سرن تہٕ کوٚلن نزدیک چھ کیٚشہ کیٚمہ لِکان آسان، یمن ژم رنگدار تہٕ کُنہٕ کُنہٕ چمکدار تہٕ چھ آسان۔ یُہند استعمال تہٕ اوس رنگن منز سپدان۔ تہٕ اَخنےٚ کُنہٕ کُنہٕ گاڈن ہنز ژھمہٕ ہندین زوتہٕ وِنین پرن نکھن ہُندہٕ تہٕ یسون روپھ، اَخنےٚ نیلم تہٕ یاقوت ہِشہٕ قیمتی کنہٕ تہٕ آسہٕ رنگہٕ بُشکابن منز مارنہٕ یِوان۔ یم اُسی پوشہٕ ونی تہٕ پوختہٕ آسان۔ اَمیُک اَکھ اندازٕ ہیکہٕ اَزتہٕ سرینگر میوٗزیم کِس پارچاتی حصس نظرِ دِنہٕ سیتی لگتھ۔ کیٚر پٕنیومٕت تہٕ تلمہٕ گوٚمت مگر رنگ لوتہٕ تابان تہٕ بول باشس کران۔ افسوس زِ کیمیائی تہٕ بازرٕ ری رنگو چھ ووٚنی زِب تہٕ سبب کُنی کرٕمٕژ۔ یمن رنگن ہنز پوٚھٹ تہٕ بے طور صورت چھ نظرن ہٹہ لبتہٕ کھالان تہٕ بیٚنیہ چھ اُگے چھو کھ کڈ منز تھتے پاٹھی نیر بتھ گٹرھان، یپھتہٕ کِنہٕ اَزکی دوست کاشہٕ مُشکل ڈوٚھتہٕ ٹکہٕ ڈگ بھاوان تہٕ ژلان چھ۔ یہ باش چھِنہٕ پارچن کِتابن بیٚنہٕ سیتی وابستہٕ رنگنے یوت گامژ۔ سانین وازٕ وانن تہٕ چھُ یوٚہے پھش آمُت۔ برونٛہہٕ اُس سائنس روغن جوشس قورمس تہٕ رِتس موٗل پوٚشک وَپہِ وُن رنگ ووشلُن کھالان۔ اَخنےٚ مزس تہٕ الہٕ سو کران تہٕ وَپہِ وُن تہٕ آسان۔ اَز چھ بازٕری رنگ امیُک سوواہار

بدلاوان تہٕ اُتھ کرِ بھڑ کھالان ہیتھ کنہٕ اوس قہوس تہٕ سنٛبن کوٚنگ بدلے تیتھ تہٕ طرح دِوان ۔ ووٚنی چھ زعفران زمینے HI JACK سپدمُت تہٕ اُتھ چھ STEM ROT ناوِ چ ایڈس ہیوٚ میوٚند اگادِ گوٚمُت ۔ کیٛرِ تہٕ پارچوٚ گیہٕ اُسِتھ ووٚنی چھُ کھیٚنہٕ چیٚن کیٚن نعمتن منٛز خالہ کانٛسے خوٗش بخنش کوٚنگُک رُت رنگ ، اُمچہ سنہٕ وِنی خوشبو تہٕ اَمیک میوٚٹھ ذایقہ نصیب سپدان ۔ کأشری اَسی رنگن ہنٛدی الگ الگ ناو اُلگ اُلگ چیٖزن ہنٛدِ حسابہٕ وَرتاوان ۔ مثلاً گُرٕ ہن گُپنن ہنٛدی رنگ اَسی اُلگ ناوٕ ____ کوٗنی ____ بوٚمبور ____ گُرٕ ____ ہور ____ تیٚچہٕ ہور ____ ڈبہ ہور تہٕ وار یاہ ____ رنگن ہنٛدِ یِم اوس کشیٖر ہنٛدپو بے شمار تہٕ ہزار در ہزار پوشہ بٔرِ گولشہ تہٕ وُزان روزان ۔ کیٛشہ کأشری مِصرعہٕ دِن یِمن رنگن ہنٛز گوٲہی ؎

پانٛہ میانے قرمز پٹہٕ

کمے وانہٕ رنگنے آکھ ؟ (حبہ خاتون)

○

اُرنہٕ رنگ گوم شرا ون ہیی یے

(محمود گامی) ○

ژٕنی پوش رنگہٕ یارس ڈلیٚشی مَس تن

(حبی) ○

شکر خندہ گولاۍ کوٚرُس خارے

زندے دٔر نار مسول ژاے ہتی یے

○

ژٕنٛز پوشں رنگ آم لِنشہٕ نے مِلونم ژٕندنس رنگ

O

نتہٕ ما یارٕ چھولمُت روٗیے چھُھ قمری رتہٕ ما!
نتہٕ ما سروِ نازس تاز پھولمُت گُلِ انارا

O

(رسول میر)

رنگ چھُنہٕ صرف پارچن تہٕ پوشکین تام محدود۔ یِم چھ عقیدن، مُلکن تہٕ قومَن ہُند نشان تہٕ بنے ہِتی۔ کینٛہہ مُلک چھ خاص رنگو ستی پڑزناونہٕ یوان۔ مثلاً کمیونسٹ، تِمن چھُ سُرخ، یعنی RED تہٕ وَننہٕ یوان۔ مسلمانن چھُ سبز رنگ ہھٮ۪کہٕ ناوان تہٕ ہندو قوم پرست گیروا یعنی گوسانٛی رنگ حالانکہ تِم چھ زبردستی کرٕ ہھ پالنس کیسری یا SAFFRON وَنان مگر یہ چھ دِلچسپ تہٕ نہ دستار ہِش کتھ۔ کوٚنگہٕ رنگ چھُ گیروا نِشہ وارٕہ بدٕون۔ دوٚیِم چھ اَتھ خوشبو آسان۔ سُہ کتہٕ اَنٛن تِم؟ اَتھی چھ وَنان برعکس نہند نام زنگی کافور۔ اَمنٛک رنگ چھُ سفید مانہٕ آمُت تہٕ ریڈ کراس کہٕ نِشانٕک بنیادی رنگ تہٕ چھُ لوے۔ سیاہی ہُند رنگ چھُ خوبصورتی ہُند۔ یعنی موٗیے مشکین تہٕ حافظ شیرازی سُند 'سیاہ چشمانِ کشمیری' اَختیٚ معشوقہٕ ہِند ہٕٹھیک لکھُن۔ دینا ناتھ نادمن چھ اَتھ کِتھ اِستعارٕ گنٛڈی ہِتی ع

لٕکھِچ چھ لکھُن ہمِہٕ ہنٛز سٕمہٕ بیٛھ
نا گرایس زن ناگہٕ ہٕٹِس بیٛھ

منفۍ چھ موٚشمُت

تہٕ بییہ واریاہ۔ مگر علامہ اقبالؒ چھ سِیاہ رنگ بد طالعی ہندِس مفہومس منز وَرتاوان، مگر تۄتہٕ ییٚتھ خوبصورت شعرٕ وَنان ؎

طالعِ قیس و گیسوئے لیلیٰ
اُس کی تاریکیوں سے دوش بدوش

بہرحال کأشرِ ین رنگن ہندِ یہ رنگین داستان چھ واریاہ سوٚن تہٕ گوٚن۔ مےٚ چھُ احساس زِ یہِ ہیوٚکُس نہٕ اَتھ سیٚٹھا تہٕ پوٚرٕ پأٹھۍ شکلاہ دِتھ۔ مگر یہِ مضمون چھُ وُچھن سَنن والیٚن ہُند توجہ اَتھ سیٚٹھے رنبہٕ وِلنس موضوعس کُن مبذوٗل کرنٕک آلوٗ ہیو ـــــــ نتہٕ اگر صرف پیپر میشی ہندِ نےٚ رنگن زوٗل دِمو، خبر کیتین گٹہٕ پٔچھن گژھن زوٗل۔ مےٚ چھ بڈا اَنتھ زِ کانٛہہ شہوارہ نیرِ یہِ رنگہٕ رأٹِھ کاپہِ اَنِنہٕ۔

چھیکرس چھُس یہِ کأنی شالَن ہندی، تم طرح درج کرِتھ تھاوُن یژھان یُوا کہِ وَقتہٕ شاہی محل خانہٕ، حرم خانَن ہندی وَردن پٹارہ تہٕ رئیسن ہندی شانہٕ، پھیکی، کمرِ تہٕ اُختےٚ کلہٕ تہٕ سجاوی ہنتی آسی۔ (جامہٕ وارُک اَکھ قسم اوس دستار کہِ بدلہٕ لاگنہٕ یوان تہٕ رنگا برنگی تاج ہیوٗ سجان)۔ یم چھنہٕ رنگن ہندی ناو وَنان مگر یمن ہُند ووَن دوَنن تہٕ سورُے ویستار انہار اوس رنگن ہُند جشنہٕ ہیو آسان۔

- گولاب کار
- چہار بادام
- سیٛدہ بادام کاوِ لبغار)
- پینج دار ـــــ پینج بادام
- چھینٹ مِصری۔
- شِکار گاہ
- خِرقہٕ (رِوانہ) مردانہ تہٕ زنانہ
- ریزہ
- تُلسی
- چینبیل
- بُنفشہ
- گُلِ صبا
- ریزہٕ مِصری

• شگفتہ • گُل داود • کیوپوشی LIGHT PURPLE

• ماروار DRAGON MOTIFF • خطِ راست • جوزلیفائن

کشیرِ ہندِ بن پارچَن منز چھ اَکھ پڑیہ وُن رنگ۔ شیر چاپہ رنگ تہٕ پہ چھُ کاشرِ بن ہُند پسندیدہ پھیرن۔ سینہ بند۔ تہ اَکھتے دُسہ تہٕ دوشالہ یِم اَکھ رنگس منز آسَن چھ سارِ وے کھوتہٕ زیادٕ ٹارِ کھسہ وِنی آسان۔ تہٕ پھیکرس فیض احمد فیض ہندے وَنہٕ موجوب ع

رنگ پیراہن کا، خوشبو زُلف لہرانے کا نام



## زڈ تہٕ زٕر

چینس منز چھ دست کارِ شُری ہنز گوڈنچ نٕڈہ کاسے تہ ایمبرائیڈری تہ آرائشہ خاطرٕ استعمال کران۔

# اَکھ چانہِ جو پہ آب ہمیشہ

شاعری چھِ دُعا منگُنک تہٕ مراقبہ کرُنک اَکھ شٕنز۔

(فرانسیسی شاعر بریموں)

نغمہ صائبُن کلام بوزنہٕ یا پرنہٕ وِزِ چھُ گوڑ بوزن یا پرن وٲلِس سورُے وجوٗد اکِہ لطیف میچھرٕ ستی سٕری گژھان تہٕ اَدِ چھُس تہِ زینان زِ پہ میوٗ ٹھ فموار کتہِ بیہٕٹھ وو تلیوو تہٕ لتس گوٗو بےٚ شوٗنکی پاٹھی تہٕ اِجازت ہیٚنے اناٲری غوطہٕ دِتھ۔ سانِہِن پہٕ ڈُنی زِ تہٕ سارِنٕے صوفی شاعرَن سمکھِتھ یا بوٗزِتھ چھُ پٕرِتھ اَکِس لِنشہ یُتھ ہیٚو مانچھُر یکدم لاٲرِتھ گژھان تکیبازِ۔ تم ساٲری چھِ پنٕہ نِہِن خاص اندازٕ کِہِن مُدرِن مَس وانن ہِندی پاسہ کلہٕ وال۔ تِمن ہِندِن بیہٕٹھاکن برونٹھہ کنہِ چھُ زَن تہٕ اُزکِہ محاورٕ موٗجوٗب نیوٗان NEON LIGHTS گاشہِ اُچھرَن منز رسول میرنہٕ یِیمہِ اِظہارُک ساین بورڈ لیکھِتھ ے

چھُی رسول میر شاہ باد ڈوٗرے

تُہٕ چھُ تروومُت عشقہٕ دُکان

# ڈلہٕ وِ عاشقو چیٚیو لۆرٕ لۆڑے
# مےٚ چھُ مۆرے للہٕ وُن نار

رسول میریُس شراب بأگراوان چھُ تمہِ کس میوٚ ٹھ آسنس چھاکینہٕ وُنُن مگر سُہ ییٚلہِ رُمن تہٕ ٹمن تیلان چھُ، تمہِ ستۍ چھُ اَکہِ دُہہ وِہٕ جوشُک مَنزٕ تہٕ تَنزٕر کھسان۔ اَمہِ ستۍ چھُ سُہ اَکِس اَکِس رُمہِ وأنِس دزِ دُن ژوٚنگ بناوان۔ مگر اَمہِ ستۍ چھُ ٹمن جسن، ٹمن چاشن تہٕ ٹمن رغبتن اوٚگُن لگان، یمن ہندِ چارٕ تہٕ تسکین اَندی بٔکی موجود آسن چھُ۔ بامے تہُند ژھانڈُن لبُن اَسی تن کریوٚ ٹھے یٔہن۔ معشوق ہنزِ رو یہ تن یا تہندین ٹارین ہندین سو تھین منز باگ ناگہِ راد چشمہٕ چھ حواسن ہندِس اَمہٕ اَلاوس فائر بریگیڈٕ کی پأٹھی رٔہہ نشٕ راوان تہٕ دگ مٔشراوان۔ صوفی شأعرن نشہٕ چھے صورت ہنا ورکھوان تہٕ دُریہ گژھان۔ تہُند مَس تہٕ چھُ میوٚ ٹھ تہٕ رسہٕ لوٚرٕت آسان۔ مگر سُہ یُس کأف کھالان تہٕ مستی اَنان چھُ، تِتھ چھُ بدل اَہناہ آسان۔ اَتھ چھُ شرابِ طہورٕکی پأٹھی اکأیل تہٕ واریاہ پشہ لبن تسکینن ہنز منگ آسان۔ اَمیک نشہٕ مأنتراونہٕ تہٕ منساونہٕ خأطرٕ چھُنہٕ دیدمان اچھ دارین تتہٕ مُنزراوٕنے یوت دگ ژٔلراونہٕ تہٕ دود ٹھلراونہٕ خأطرٕ کأفی تہٕ شأفی......یتھی ہوی وُشنہٕ تہٕ وُہہ وِنی ساماںہٕ ہیکن سیرِ اسرار کین غأبی طاقچن پیٚٹھ ژٔژھرکھ ترٕلیشہٕ صُرٔن تام واتنہٕ خأطرٕ پلوٚ کرنکی نکھہٕ ڈکھ یا ہیرٕ پأوی ٔبنتھ۔ مگر

ژکہٕ چھُ یمہٕ گژھہِ مَن سراپہٕ ہندین نظرن پیٹھٕ خیالن ہنز ژھٹہٕ
شکاری پکہٕ ناوِتھے اَتھہِ یوان۔ یتھہِ اَسی لاشعورٕ وٕتو یاششش کل ونان
چھ، سرمستی، سرخوشی تہٕ عرفانک اصل تہٕ اوٗدٕر بالسرور چھُ یوہے
آسان۔ تہٕ اَوے چھُ امیک سرور زیادٕ مزدار نَے تہٕ یقینی طور کیتہٕ کور
ژوٗر پوشہٕ وُن واریاہ زیادٕ پُشرن وول تہٕ بخشش ہار بنان۔ تکیازِ
کایا چھُ فانی آسان تہٕ اَتھ لاشکھ لذت تہٕ تھٕتھٕے۔ اکائیل چھُ ذہن
تہٕ روحانی سرورس سیتؠ وٲتھ تہٕ اَوے فنا تہٕ بانبرٕ ہند لولارنو پھیپارہٕ نو
واریاہ الپورہٕ۔

نعمہٕ صاحب چھُ رسول میر تہٕ صوفی شاعرن منز یاگ کتھ تام
سوٗ تہٕ لانکہٕ پیٹھٕ بہتھ باسان۔ تس اوس سبر تہٕ ہم کال تہٕ واریاہ صوفی
شاعر تہٕ ڈیچھنی کھوٗرِ۔ مگر تسنز مزاز ترٲوے اَس زن تہٕ بیون بیوٗنے۔
تسندِس کلامس منز کوتاہ ساز، کوتاہ شروٗنی تہٕ کاتیاہ سنطور چھُ وزان۔
تمیک انداز ہیکہٕ تسندہٕ کینژرو گوڈٕ تو ستی سپدتھ۔ یم چھُ اَز
لگ بگ دوٕ یوٗ ہتو وٕری یوٗ پیٹھٕ سانہٕ زبٲنی ہندی ساریوٕے کھوٕ تہٕ
وُپھہٕ وِنی تہٕ مقبول باتھ ـ

بلبل فراق ڈٲنی دیوٗ گلن ___ اَنتن سُہ مدنوار
بہندانہٕ گِندٕو جورے کورے مےٚ دِل نیوٗنم



ژ گرڑھ تے جسۂ ہے ویسی اَسۂ وَن یارَ سے
سُہ بوزیا یا ہٕ بوزیا تو نہٕ وَن یارَ سے

○

متہٕ مو روش متہٕ مو روش    پوش ہو لاگے ووزٲلیے لو

○

عشقو گرَن اَمی ظٲلمن    برٕ کرٕی نم لوکچٕ چمن

○

یا چھُ دیدَن نہٕ دَرمن    یار کیتیو ژھانڈن

○

یس لاپہ نادسہ چھُم نیشہٕ    کمیو شیشہٕ چوونس مے

○

دادِ چانہٕ یارو پان مارَیے    کَیے ہیتا مو!!

○

یم چھ صرف کینہہ نمونہٕ۔ نتہٕ چھُ لغمہٕ صاٛبُن سورُے کلام سُر ساگرِ منز لیہہ ہُند پمپوش ہیوٚ زن پھٹان یتھ حدس تام زِ گوڈٕ گوڈٕ چھُ بزم گرٹھان زِ سُہ چھُ حبہ خوتوٗن، رسول میر تہٕ مہجورٕنی پاٛٹھی محض تعشوقہٕ شاعر۔ مے چھُ ژیتس ییلہٕ بخشی غلام محمد صاٛبنِ وزیر اعظمی ہندِس روٗ نہٕ داماںہٕ لاٛگتھ زمانس منز کلام رسول میر کہٕ باد شاہ سُند دربار مُشکا وان تہٕ پرٕ برٕ لاوان اوس، تتھٕ زاکھ شاٛہی لوٗ ہٕ گج اَس ساز سرود کہٕ

وقتہٕ رأسے بیٚون نیران تہٕ پنٕنہٕ ڈو ڈ او لنگل اِندر سبھا الگ سجاوان۔
یمن آسہِ ہے ظأہر پنٕنس زِٹھس تہٕ زوراوار بخشی صأبُن کینٛژھاحیا
کینٛژھا بیم تہٕ کینٛژھا ٹھوٗر گرٛشہان لتس کھتی ما آسھکھ نہٕ پننہٕ نٕہن چائن
ڈالن، مزٕن تہٕ مُستین، لُطفن تہٕ لذتن نہٕ کھلہٕ ڈُلہٕ واش کرٛنک وار
بنار یوان۔ توے اُس پننہٕ نٕہن من پسند سازندرن رأسے اِشارٕ
ہاوان تہٕ بیٚیہ کُنہٕ شایہِ سازن ناز کرناوان۔ بخشی صأب اوس آکاش۔
لتس نہٕ ما آسہِ ہے پننہٕ نٕہن کینسین ہُند ٹھوٗر دوٗر گرٛشہان تہٕ اُدٕ آسہٕس
پنُن کھڈارٕ کرنس یلہٕ گی باسان۔ تہٕ کھلہٕ ڈُلہٕ پأٹھی ڈالہٕ دِنک چاو
پوان۔ بہرحال یہ آس اکِہ دوہہٕ اُکھ وُسعت ہوس سازٕ دأیرس
منز وٕلنہٕ۔ اَتہٕ اوس نہٕ رسول میر گیوٗنس کُن زیادٕ مأل تکیازِ تبلہِ کیا
روزِ یوو یمن تہٕ بادشاہ محفلہِ منز پھیرِ؟ اَتہٕ اوس لغمہِ صأبس بوش۔ تہٕ
اُکھ مجلسہِ اوس پزٕے بُڈس بخشی صأبنہِ محفلہِ لٕنشہ الگ صاد، سرور تہٕ
سماع آسان۔ لغمہِ صأبنہِ کلاسک سازٕت تہٕ شروٗنی اوس اَچھہِ وٕل ناگٕی
پأٹھی شرانہٕ شرانہٕ وُزان وُڈان تہٕ سارِنے ڈٕہیتھ لوان۔ بیٚیہ اوس
دویمہِ دوہہٕ واریاہن زِلوٕ پینتھن پیٹھ آسان۔
لغمہِ صأبُن کلام اوس اُزی کس دٕمس تام کُہے کُہے دُستیاب
مگر ڈاکٹر محفوظہ جانہ چھِ سوٗ چھہِ کرالنہٕ پیٚتہٕ لغمہِ صأبُن یوت گنٛتل کلامہٕ
یکجا کرِتھ اُسہِ سارِنے کرٛۂ بُڈ نعمت شیٖرمٕژ۔ تمِنٛد یوت کلامہٕ اُکیسے
سوٗمبرنہٕ منز جمع کرُن چھُ اُکھ کارنامہِ — مگر یوت سوٗرے کلامہٕ

بروٚنہہ کُن پیٚنہٕ بپَتہٕ تہٕ چھُ نغمہ صابنہٕ کلائُک مجموعی تاثیر تہٕ تاثرٕ
برقرار تہٕ بجار روزان۔ سازٕ بے سازٕ تہٕ موٚد رٕ بے موٚدرٕ...... یُتھے سُہ
مطلع وَنان چھُ زِن تہٕ چھِے سنطورن ضرب لگان تہٕ تیسندِ اِظہار کرٕ
قلمہٕ ستی چھُ سُہ وِنی نغمہ بارٕ بکہٕ لوان۔ نغمہ صابنہٕ کلائُک مجموعی تاثیر
چھُ یُتھے۔ سُہ چھُنہٕ یقیناً رسول میرنہٕ قبیلہٕ کرانیُک شاعر۔ سُہ چھُ صوفی
لیہ ستی تہٕ ژلیتھ تہٕ اُتھی منز شرابور۔ مگر یہ تہٕ چھُ پوٚز زِ سُہ چھُ زیادٕ
پھُہن شاعر تہٕ اِد صوٗفی۔ سُہ چھُ گوٚبن تہٕ دٕرینٹھن خیالن شاعری
ہُنز کھہرنہٕ کھالان تہٕ اَمہِ چہ کھرباۓ تہٕ زتنہٕ وُچھارٕ ستی تِہند مزاز تے
تہٕ شکل تہٕ قالب یقینی طور تبدیل کران۔ تس چھُ پانہٕ تہٕ اَمیُک احساس

اَمہِ لولہٕ گرٕیٹھ کنہٕ میٚے پیٚتھ
فرہاد لِشہٕ کیا بوٚیے
بتھ میانہٕ جوٚیہ آب ہمیشہ
کھیوٗ شیشہٕ چاوَنس موٚے

گوٚڈ چھُ پاسہٕ فنچ تہٕ کرامتھ یہ کرشمہٕ زائی ہے بُنگہٕ کران
زیم طباشیر جوٚیہ کتھ ٹیٹھس وَقتس منز زایہ تہٕ رٔٹِھ کھُر۔ نغمہٕ صاب
چھُے کنوٚہمہِ صدی ہُند شاعر بیٚلہٕ کشیرِ منز مہارآجی دوٗرُک گیٚٹہٕ چھِچھ اوس۔
سُہ اوس پانہٕ اکھ شالباف یعنی کھنڈ واو...... سُے کھنڈ واو یِمس
متعلق تِمہٕ وِزہِ ہُنز یام ہِش گنڈتی اُس زِ سِنہ مِہمہٕ سوٗزِل تہٕ رائی نہہمہ

کھنڈ واو۔ یم بچاری آسی نہٕ مزورِ یوت اُختے بیگارِ مزور۔ یم نہٕ
ہیکہ ہٕن کام ترٲوِتھ نہٕ کشیرِ منز ژٔلتھ۔ تہِ کیازِ تہنٛز مزورِ ہند آیہ
بستہٕ اوس سرکار تہٕ لیٚندٕ پیٚرِ ڈارن تہٕ اہلکارن ہندین عیش عشرتن
ہُند گرٕ بٕژ چلان روزان۔ تمن آسی نہٕ میلنس برابر اُجرت دِوان۔
اوڈ اوسُکھ سرکاری خزانہٕ لوٗٹان، اوڈ داغ شالک ٹھیکہٕ دار۔ اوڈ راکھ
تہٕ باقی سرزول تہٕ شقدر کارہ دار بیتر۔ سُہ اوس دوہ راتھ پننہٕ نین اُچھن
ہُند گاشس ہٕشرِ پاوِن نارِ تھ پشمینہٕ پٹس چھاوان تہٕ تمہٕ منز لورک
گُلستان بوستان ووٚبران۔ مگر شامُس اوس چند چھوٚنے نیران۔
اُختے آسس گاہ بیگاہ ٹاس تہٕ ٹوٗسی نہٕ وہراوِنی ہیوان۔ اڈٕ ہن
کسب دارن آیہٕ ہنٛھ تام ژٹنہٕ۔ یُتھ تم نبرِ گژھتھ یا ژوٚرِ ژھیپہٕ
پنٕن ماری موٚند کسب کمہٕ ناوِتھ سرکارس ووٚزم بوش والن نہٕ گاٹہٕ
پاوَن نہٕ۔ اَتھ گٔیہٕ کارس تہٕ ٹٹھ سالَس منز بھتی ہوی مُدری باتھ وُنہٕ
چھُ النسائی کارفرمائی ہُند سُہ جبروت ہاوان یمہٕ سُہ ہایت پنجوتہٕ
شاہکار آسو لیٚشہ دارِ کارِ ہنٛووہ تہذیبک زوال لاگنوو۔ النسانی SPIRIT
چہ برتری ہُند لوہے ثبوت چھُ نغمہٕ صائبُن لولہٕ نغمہ۔ نغمہ صائبس نٕشہ
چھ اَتھ نغمہٕ گری ہُند آلو ژوٚرے یہن غالب گژھان۔ تصوف کین
سو بوتنے منکہٕ پھلین چھُ تُند اندرِیم فنکار آوازِ ہُند سُہ میوٚتھ سفوف
بناوان، یُس خیال کین گوبرن نغمہٕ گری نہٕ ستی تیوٚت ہم آہنگ کران
چھُ زِ یمن ہُند دوٚگنیار چھُ ختم گژھان۔ توٚے چھ نغمہٕ صائب متالے

شاہ غفورٕ سٕندِ روحانی کوٚمبہٕ ہُنٛد سوخن گوٗ اَسِتھ تہٕ پنٛنہٕ آوازِ ہُنٛد لاوبرٕ تہٕ ساوبرٕ الگ مانہٕ رٲوِتھ ہہکان ـــ

لچھہٕ بدی پرٕدٕ کیا چھپسے    حدٕ روٚس تٕتے بےشمار
ہا، اکہٕ ستی پرٕدٕ زالسے    مٕرِتھ دوٚہیم کر گرِفتار

○

کینٛہہ نہٕ کٔس بحرس کینٛہہ نہٕ کُے کنار
کینٛہہ نہٕ کٔس کنارس پیٹھ شالمار
کینٛہہ نہٕ کٔس بحرس کینٛہہ نہٕ چھی ناو

○

ہم موکھ وُچھم الٰہس کُنہ یے    تِتہٕ مٕنٛز ڈیوٗ ھُم پنٕنٕے پان

○

قطرِ منٛز ے دراو دٔریاو    قطرے چھُہ بر ہواو
ہا لگبہٕ کُنہٕ ما ژھین    یار کیتو ژھارن

○

یم شار چھہٕ معمولی۔ نہٕ کٕمہٕ باتن ہنٛد سمبھٕرکٕ نہٕ تعشوقہٕ تژرٕ کر۔ یم چھہٕ ذکرٕ تہٕ فکرٕ ہُنٛد وٕیژرٕ تہٕ وزن ہیتھ۔ مگر لوٚتہٕ چھکھ لفظ ورتاو لوٚتہٕ فٔے لوٚتہٕ ؤے۔ لگبہٕ حساب اوس یوٚژرٕ پاٹھو زانان زہٕ ہاگنہٕ پھُھ دمتھ کینٛہہ کنٛزٕ گرٕشتھ موٚختہٕ بتھول گاشہٕ بٕزٕ ہنٛدی پاٹھو لفظن ہنٛزن ملبہٕ داوٚن منٛز ژوٚمبنہٕ ییٚن ...... خالص شعری ترٛاپہٕ گرٕاپہٕ کنٛز واتہٕ تس

کاٰشہہ ہم عصر یمیٚک معنہٕ پہ گرٛژھہٕ نہ کڈہٕ یُن زِ تسُند توشہٕ کیاچھُ شمس فقیر یا وہاب کھارنِہن ارزنن تام واٰتتھ ہیکان۔ اَمیُک مانے گوٚو یہٕ زِ ہرگاہ وُہمہِ صدی ہندیٚن شاعرن منز مثالے کرِشنہٕ جو راز دان، مہجور تہٕ عبدالاحد آزاد ہوی سوخن ورٕ اَگۍ ہے تندلہِ منز استادٕ کرٕ ہوکھ، اَسہِ پییہِ ماننُن زِ یمن منز اَس زیادٕ پاسہٕ لغمہٕ گری ہنز نہج مہجور سے۔ حالانکہ تسُند سورُے مژٕمایہٕ ماآبہِ ورقوتہٕ گرہندو نہٕ دھیانہٕ وٕسمتو حسابہٕ باقی ووٚن موصوفن لِشہٕ کم کیٚہ۔ اَختےٚ ماآسہِ ہئیت کاٰری یا خیال انگیزی منز تہٕ تسُند یوتر باقیو لِشہٕ ہیوٚرُے۔

ساہن صوفیانہٕ شاعرن ہنز اکھ خصلت چھےٚ از کل کس تناظرس منز زیادٕے نۍ نیران زِ تمن چھ باوُن ترایے بالکل کاٰشرٕ تہٕ ووٚپر آرایشو نہٕ آلایشو لِشہٕ پاک۔ وُہمہِ صدی منز گیٔہ پہ صوٗرتحال تبدیل۔ پتہٕ پتہٕ کیٚن شاعرن ہُند گیوو اَسِتھے۔ مہجورس ہوٚس تہٕ چھ باضے اَلوچ صوٗرت وہراونہٕ تہٕ اَلساوہٕ لِوان۔ زَن تہٕ چھُ تمن خیال یا مضمون بیٚیہِ کُنہٕ زبانۍ منز سران تہٕ ذہنس ولِنہٕ لِوان تہٕ پتہٕ ادٕلۍ لمۍ نبسر تیرتھ پننۍ ووٚپر بندش اختےٚ شیٚہلُن تام برقرار تھاوان۔ اَمہِ ستۍ چھ سو بے پھرٕ وک رواٰنی تہٕ ڈٕلہٕ ونۍ ژٕلہٕ ونۍ برجستگی زَن گو بو کھوٗرٕو پکنۍ ہیوان، یوسہٕ شیخ العالمؒ تہٕ پتہٕ موصوفی شاعرٕو وَرتاومژ تہٕ سگہٕ ناوٕ مژٕ اَس۔ یہٕ اَس عام کاٰشرٕس پاٹھکس یکدم وٕژان تہٕ وٕیان تہٕ وولسنس اَنان۔ یتس اوس نہٕ باسان زِ کستوٗرٕ ہندس بول باشس منز کیاہ چھُ کاٰشہہ پُرد ژٕرتہٕ کرٕ موجود۔ مثالے نۍ لوٚن مہجور

سُندِ یہِ شار ے

بھٹِس منز زندگی ہندی زیادٕ دوہ یوٚدوَے مےٚ گُذرآوِم

چھُ باقی قوتِ پرواز وُنہٕ میٚیاٚنِن پرَن اندر

اَتھ منز زن چھےٚ کینہہ وُٹھو وُٹھو تہٕ شٕھٹھو شٕھٹھو وَننہٕ آمتۍ۔ اَنہارَس منز تہٕ چھُس ووپرٲزی ہِش۔ تہٕ چھُنہٕ شاعرٕ سُند قصوٗر۔ اَصل کینہہ چھےٚ زٕلتس چھُ یہِ خیال تہٕ اَمِچ آنیہ بێیہِ کُنہٕ زبانی منز آپراوِنہٕ آمتۍ نہٕ سُہ چھُ اَمہ چھاوینہٕ تہٕ سُتراوِنے وہٕتراوِنے والیس لفظن منز پھِران تہٕ اَوے چھُنہٕ اَکِس عام کاشرِس یہِ سیوٚدُے ٹارِ کھسان یا سیٚوُدُے ہیٚتھ وَسان۔ عبدالاحد آزادس ہِنشہ چھُ خیالَن ہُنر یہِ راب زیادَے پہَن موٗٹان تہٕ توَے ییٚلہِ سُہ اَتھ کاشرِس منز بازگوئی کران چھُ۔ رابہِ ہُندیہِ گِنبرتہٕ گوہر چھُ پیٚرن والِس تہٕ گوٚبراوان گھلاوان۔ اَکُے شار ہِنہٕ ہوُن ے

گاشِہ پاوان گاٹلین چوُنے یہِ سودا دِتھ فریب

عاشقن ہندِس جنوُنَس دولتِک سامانہٕ ژٕرے

کینہہ ٹھیک ٹھیکے مگر باوِنس منز اَگ تہٕ اَڈیچہ توَے پکہِ عام کاشُر پاٹھک پرٕژھن شایَن سٕری سٕری۔ اَخچُے باسہِ لیٚسنز ژٕنیہ وُترچہ لیڈر مالہِ منز یہِ ہِنا دٕرلوٚنِٹھ نہٕ پوٚشِٹھ مگر نغمہٕ صاٮ۪ب ہوی گوٚنماتھ چھُ پننہٕ لُکہٕ ساوٕر ہِستی ہیٚتھن خیالَن سفوفے یوٗت نہ بلکہِ پھیوٗنمُت گوٗلاب عرق بناوان یُس بوٗزن والِس زٕلوِہیٚتِس لاٗرِتھ گرٕژھنہٕ برونہہ ژٕنیہ وُترِس شٕریان تہٕ رَل گرٕژھان چھُ۔ نہ چھُ محاورُک کانٛہہ ہجر لتس سختی وانہٕ ناوان تہٕ نہ باوَن

گِتھ منز کاہنہ تھوٗپ یوان۔ لِمہٕ صابنہِ یم کیٚنہہ مِصرع وُچھی لوٗکھ۔ یمن ہُند باوُن اِظہار چھُ خوبصورت مگر اصل خیال تہٕ امہٕ منز ووتلن والی پیکر تہٕ چھا کیٚنہہ کم پایہ۔ البتہٕ یتھ طریقس منز ووکھنے چھکھ کرنہٕ آمژ سو چھے خالص کاشُر، ویزِ تہٕ وَیہ ونی ع

صُبحکہٕ وَقتے نور چھے پھولُن عالم چھُ اَتھ وومیدوار
نظرے چانے بیمار بَلن اَنتن سُہ مدنوار

خمار کیا چھُے یمبرزلن ہرتَن کران شکار!
شِکارِ چانے جنگل بَلن اَنتن سُہ مدنوار

یہ باوُن بتٕر تہٕ وَنُن ووٚتر چھُ امہٕ کتھہِ ہنز گواہی دوان زِ سون صوفی شاعر اوس تہٕ کُنہِ گوپھہ گٹس یا ڈیہہ کُٹھس منز صرف پالنس گتھ دوان تہٕ پننے یوت اِظہارٕ کونڈل پھکہٕ ناوان۔ سُہ اوس لوٗکَن ہِتی اَتھ واس کران۔ اَتھتے لرِ لوٗر یہتھ پننہِ گفتارٕ چ زوٗر روشن کران تہٕ تمہِ کہٕ کاشہٕ ہِتی پتہٕ نبن تمن بدنصیب ہم وطنَن ہُند دوٗدمُت پھوٗر بران، یم آتشہٕ تہٕ آتارٕ کِس اَتھ گُدامس ہتھ کرِتھ غوٗلامی تہٕ ظُلمت کِین آوٕلنِن منز لسن پاے زھنڈان تہٕ لبان آسی۔ تم آسیا مکتبو تہٕ مدرسو منز سارٹیفکیٹہٕ حاصل کران کِنہ نہ، مگر تم آسی عواس تہٕ خیالَن ہندِس سطحس بیٹھ بیدار تہٕ ہوشیار آسان تہٕ یوٚہے اوس اَسہ

پَنُن دانشوَر طبقہٕ (باقی زبانَن ہندی ماہرٕ اَسی حاکم طبقن ہِسّی ووٕ تھان بہان تہٕ توٗرے عام کأشِری زِندگی نِشہٕ دوٗر) اَمہٕ حسابہٕ ہتھوٗوسانہٕ زبأنی ہندِ رنگہٕ ٹانگیک لوٗک یِموے شاعرو پننین کلن ییٚھٕڑ تہٕ بچوٗ وُکھ ژھیوٗرن والین ہندِ داہہ نِشہٕ۔ مگر تھدِ خیالُک، وُشنہٕ جذبُک تہٕ فراوان اِظہارُک کانٛہہ توتھ دِنکھ نہٕ چھپہٕ۔ لَلہٕ صابُن اکُے بند کرِ میانہٕ بیانُک حاصِل واضح ے

کیا وُچھُم کَس پتہٕ مَتَس — لَلہٕ ژھانڈان گاش آو
گرژھیا دُرن گاشہٕ کَس گَتَس — ییوٗم ژیٚتَس تس چھُ میون ناو

اَزہِیکہٕ کانٛہہ تہٕ وُنتھ زُ سہٕ چھُہٕ گاشہٕ کَس اَتھ گتَس برٛونٛہہ کنہٕ کمالہٕ سان بیٚینے داران بلکہٕ چھُ یِنہٕ نِہن لفظٕ اَنن ہندِ پرتوٕ ہِسّی اَتھ سائنُن ذہنَن تام تہٕ واتناوان۔

لَلہٕ صابنِس کلامَس منز چھ شارن ہندی شارِ مِصرعن ہندی مِصرعہٕ تہِتھی یِم لُکہٕ پرژھن تہٕ عوامی اعتقادن ہندی ٹکسالی ضرب بنے مَتی چھ۔ تِتھِس کلامَس منز چھُ خاص طور شیخ العالم شیخ نورالدین ولیؒ تہٕ سُلطان العارفین شیخ مخدوم حمزہؒ سُند لول گرایہٕ ماران۔ تہٕ اَتھ منز چھُ یِمن اولیاءٕ کاملَن ہندی منقبت موجود۔ اَختے چھُ باقی کلامَس منز تہٕ یِہُند شرٕ بہ ناگہٕ ٹین ہندی پأٹھۍ بُکھ دوان۔ تِنُند مِصرعہ ے

یُس گرِژھ بِمہٕ زو، ژرار مُقام — تس ییٚھٕ دوزخُک نار حرام

زن ہٕنہٕ چھُ یہ ریٚشی ڈاٗریکٹری ہُند عنوان ہیوٚ۔ یہ چھُ ہتہٕ کُنہٕ
عام زٕلوٗن پیٹھ زِ یہ چھُ لگہٕ باوٗژ ہُند نوٗر عاصہٕ ہیوٚ باسان۔ تِہندِس
کلامس منز چھُ یتھ ہیوٚ لگہٕ ساٗوی شار ہٕنہٕ مصرعہٕ ہاوان زِ سہ کیتھہٕ
کُنہٕ چھُ لگہٕ واٗنجہ ہُند دُبہ راے بنیومُت۔ ع

دِل نیوٚتھ گوٚرتھ جان مےٚ ماکینہٕ تہٕ خبر چھم

•

شاہ چھُم بہتھ پنٕنے گرے
دِلبرو مےٚ دِلس کاس گانگلو
ہٕ بلےٚ چانے دیدارٕ ہٕ ستی

•

وانگج سِپدیا زاہٕہ وطن دار

•

کاٗفرو زُومیون گوٚبُت پرستے     سُجدس سُے محراب اٗنتن

•

وٕنہٕ ہا کوہن روزن ہٕ کُنے

•

اُزکی درویش پرُفن     ہتن منز کیٚنہہ چھِ رہزن

•

یِیمہٕ مجموعُک شاعر چھُ اکھ نواگر تہٕ اکھ موٚت عاشق۔ تصوٗف چھ

تَس چھِپِن جاے تہٕ تہٕ لَسِن پاے تہٕ۔ مگر زندگی چھِنہٕ بڑنز برنز صرف وبڑار گڈۄ وہ تہٕ زیٖچھ مالہٕ ہیٚتھے لِکان۔ اَتھ چھُ مجازٕ ژھارنکی تہٕ سارنکی وِہی تہٕ کل کڈان تہٕ رنزٕ ناوان۔ یِیِلہٕ صرف اِلنسانی رتہٕ سر گژھِکھ دِوان تہٕ رگن منز تمن رسن ہُند کاف کھالان چھِ۔ یِم اِلنسانی کایایہٕ ہندس چیٖز پیالس منز فطرتن بڑھ تھاوِ متی آسان چھِ۔ اتھ چھُ نعمہٕ صاب صرف خائص اِلنسانی جبلّژ ہُند ترجمان بنان۔

حُسنہٕ کس باغس وُتھی تراوِ پھالو

مۄرِ چھِم للہٕ دُن نار سوندری

•

چھِ نعمس نارِ لبسرے گرِکھ

•

اَسہٕ مالہٕ پتشرے دیٖس تھیٚے وونی وُچھو چانہٕ دُسی پیے کیا

•

آدِج تہٕ زاوِج سیم تَن آیِنہٕ کھوتے ہیٚر لۄن

صاف کیا لِکان تھۄ بیٚھ قلم وُچھ لعل در باغ اِرم

•

یُتی بس بندس منز چھُ شاعر معشوقہٕ سُند بدن اَکھ کتاب ہش تصور کران۔ یمہٕ کس سفید ورقس پیٚھ قلم روانی لِکان چھُ۔ یہ چھِنہٕ صرف لیکھنگ سوال بلکہٕ یمہٕ کتھہ ہُند زِ معشوقہٕ تنہٕ ہُند پرٕ متن تہٕ

رنگا رنگ کتابستان ہے بڑوشہہ کنہٕ آسہٕ۔ تَتھ وُچھان وُچھان چھُ قلم
تہٕ لوشان ہتہٕ بےٚ بپھروٚک مضموٗنَن ہنٛز عبارژھ لیکھان۔
ڈاکٹر محفوظہ جانِ چھُ یَتھ مجموعَس منٛز نغمہٕ صابُن واریاہ کلام
سومبروومُت۔ یمہٕ ستی تُسند شاعرانہٕ وجوٗد یقینی طور زیادٕ بختاوارتہٕ فربہٕ
گرٛژھہٕ۔ اَختی چھُ تمہٕ نغمہٕ صابُن سورُے حال اوحال تفصیلہٕ سان
ژھورمُت، گورمُت تہٕ پتہٕ قلمبند کوٚرمُت۔ یہ چھُس از تہٕ پتہٕنس بیٚتھ
خیالَس پیٹھ ڈاڈ گرِژھ زِ کُنوہم صدی ہٕس سانہٕ شاعری ہُند سارُوے
کھوتہٕ لوٚیہ وُن بوستان۔ یمہٕ سومبرنہٕ ستی گرٛژھہ اُتھ خیالَس بیٚیہ ہمَن
دربرٕ۔
پھیکرس چھُ مےٚ یَتھ پیٹھ کیتھ پننہٕ کریمانہٕ کڈُنگ اِظہار کرُن زِ
نغمہٕ صابَ کیتھہٕ کُنہٕ چھُ وَتیچ وہرٛ ژھے کم کرنچ تہٕ زبان مُنٛزراونچ کوشش
کران۔ اَمہٕ وِزِ اوس کشیر منٛز اُردو تہٕ باقی زبانَن ہُند آون جاوَن تہٕ یَتھ
مجموعَس منٛز تہٕ چھِہ کینٛہہ "ریختہٕ" غزل موجوٗد۔ مگر باسان چھُ نغمہٕ صابَس
اُسی پننہٕ زبٲنی ہنٛز لادمُنٛزراوِنی تہٕ یہ گونٛوِ اِظہارُک وۄہرِ وان سجاوُن۔
مثلاً سوٗن عام محاورٕ چھُ "ڈۄنی گولرٕ ستی وۄلرُ پازُن" نغمہٕ صابَس چھِنہ
باوَن بلَس پیٹھ اَمہٕ ستی ژٔہڈ ژران نہٕ سُہ چھُ اُتھ بیٚیہ ہمَن تیز تہٕ تیٚزُن
بناوان ع
سُندجہ پھلہٕ گرٛژھہ وۄلرُ پازُن یلے
بیٚیہ چھُ سُہ عام گنڈ تین تہٕ دُیہ پھران۔ اُتھ کیا سماجی یا سیاسی

مفہوم آسہٕ، سو چھےٚ زیٹھ کٔمتھ۔ مگر یہ چھُ باون نژرایہ لوٚو پھیر واو لاگنک اکھ سنٛز تہٕ ع

دژاٹھ میانے گرٕ کھتہٕ کرتلو

یہ مصرعہٕ چھُ نُندہ ریٚشی سُند سہٕ مصرعہٕ ژہبتس پاوان یتھ منز اکھ بالکل برعکس صوٗرت چھےٚ ع

کرتل پھُٹرم تہٕ گرٕی مس دژاٹھ

یہ کتھ چھےٚ نۆ زِ لعمہٕ صائبس آسہٕ ہیٚے اُمہٕ مصرعُک ضروٗر ظٔ ووٚن مگر تسند لاشعوٗر اوس کأشرِ مَن سرایہ منز اکھ نٔیہ تبدیلی ہُند سونگُت ہیٚو ژینان۔ تس وقتی سپٕز کشیرِ منز ذال ڈگرٕ چی کھنڈ واو بغاوت یتھ منز دَرجنہٕ واد کأشری مارٕ گےٚ تہٕ یمیک شرٔلہٕ وان شالبافن ہُند سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ستمگار، یُسند ناو اَسہٕ تام ووٚتمُت چھُ یعنی داروغہ داغِ شال راجہ کاک دَرشتھو وٗری یس اندر تراہہٕ تراہہٕ وَنان پٔران تر اوِ کھتہٕ گو.....

تہٕ ییلہٕ کأشرین ہندین اچھر وانَن منز نیٚرٕ ییٚتی ووٚہٕ تلنی ہیٚنین یم شاعرن بروٗنہہ ژیٚنے تہٕ ییتہٕ دژایہ سانہٕ آزادی ہنز تحریکہٕ منز نارژن ہندِ صوٗرتہٕ تٔھنہ۔

یہ مجموعہٕ چھُنہٕ کأشر صوفیانہٕ شاعری ہُندے انبر بٔنیہ ہن اورُت بوٗرُت بناوان بلکہٕ چھُ سانہٕ نغشوقہٕ شاعری ہندِس ڈری چس تہٕ دوٚیم پوٚٹ یلہٕ تراوان۔

(کلیات لعمہٕ صائب۔ پیش کلام)

# ناوٕن ہٕندی آوٕلنہٕ

## ییٚلہِ آثارن ہٕندی آثار نِہناوِکھ

کشیٖرِ منٛز ووٚتھ پُتہٕ مہِ صدی ہِندِس پٔتِمِس نصفس منٛز ادبی، تہذیبی تہٕ تمدُّنی واو ورتاو بٕرایہِ کران ہتھوٚد.... اکِس پولرِس تہٕ وُٹھی نبل شُری ہٕندی پٲٹھی وُچھان وُچھأنی واش واہراو کڈان۔ ژکہِ اَس میٖٹہٕ سیٹھا بوج، ساز گار ہواوَن ہنٛز کیٖنٛہہ گٔژرایہِ تہٕ سگہ رٔنگی کیٖنٛہہ شبنم قطرٕ پیٚنہٕ ستی زن لگی ناگہم وُڈرِ پیٹھ گُلالہِ ہٕکٕٹ کرنہِ۔ جلدٕے ہیٚوت یِمَو کامیوٕ تہٕ کاروأییو تیوٚت جہار لبُن زِ یِمن جاین پیٹھ یِمہٕ سپدان سُتران آسہِ تِمن ہیٚوتُن ٹھانڈ وٹلی پھیٚار نیرِتھ ژلُن۔ یِتہٕ یِہَن اوس سارِنٕے باسان زِ کُشادِ نہٕ کھلہِ ڈُلہِ مقامَن تہٕ رنٛگن سنٛگن ہنٛز چھیٚے وثٕھے۔ یِیٚتہٕ روٗدی اَز وُری یہِ وادو بیٹھہٕ زانَن مانَن وٲلی لوٗکھ تہٕ خاص گٔرِتھ فنکار طبقہٕ زنٛگہِ مُشراوِتھ تہٕ نٔرِ پھٔہلاوِتھ ڈالہِ دِنہٕ خاطرٕ پھیٚاہ پھیٚاہ کران۔ مگر یِمن تام اَمیٖک سنٛز ٹنٛز کرُن چھُ یِمَو چھُ زوٚر لوگمُت

پتہٕ اَخبتے چھ اورے اُنؠ مُش ہاوان۔ اَمہٕ ژھارہٕ گارِ ئژ کینٛہہ چھیےٚ دِلچسپ تہٕ پتہٕ چشم کُشا تہٕ۔ شاید اوس سرینگرس منٛز ہالہ یا اَکھ بسٹی آڈیٹوریم کُنہٕ گوڈنیتھ ایس پی کالجس منٛز یُس وُہمہٕ صدی ہندِس ڈُسلابہٕ ڈہلس منٛز بنٛن ہیوٚتُن۔ اَتہٕ آسہن ظاہرا تعلیمی معاملو، مقصد و خاطرٕ سمتی سپدان نتہٕ اِمتحان یِوان ہینہٕ۔ خبر مہاراجن تہٕ انگریزن ہندِ بن لاُزم دار پرٛتھبن تہٕ ما آسہ ہے اَتہٕ ہُقر کھارہٕ یِوان تہٕ کینٛہہ وَرشُن سپدان۔ مگر اَسہٕ تام چھ یہ شینٛچھ واتمٕژ زِ ۱۹۱۵ منٛز بیٚیلہٕ رابندر ناتھ ٹیگور سرینگر آو، تس آیہٕ اَتہٕ پرٛژھ لاٗزمی کرنہٕ تہٕ تٔمؠ تہٕ کوٚر اَتہٕ بھاشن۔ اَتہٕ آسن مزید بیٚیہ اہم تمدُنی تماشہٕ سپدی متی۔ مگر تمن ہُند تفصیل ژھارُن تہٕ دِیُن چھُ وُنکس کم لگہٕ ہار آ۔۔۔۔۔۔ ۱۹۵۰ء پتہٕ کینٛژن واقعن ہُند چھُس بہٕ تہٕ چشم دید گواہ تہٕ تِہند بیان چھُ لوٚتی قلمہٕ بٚیٚنٛس پیٚیھ یِوان۔ مثلاً ۱۹۵۰ء منٛز آو اور مشہور ناٹک کار تہٕ ایکٹر پرتھوی راج۔ تٔمؠ کٔر لٔڑکن ستی کینٛہہ باتھ تہٕ اَمہٕ محفلہٕ ہنٛز صدارت اوس تمہٕ وقتُک وزیر اعظم شیخ محمد عبداللہ پانہٕ کران۔ اُتھی ہالس منٛز بوٗزمے تہٕ تمن دوہن علی گڈھ یونیورسٹی ہندِس طلسماتی ہیرو پروفیسر ہادی حسن سُنٛد تقریر۔ تمؠ اُسی پننہٕ حیرت ناک یادٕ دٲشتہٕ کُنہٕ کالیداس سٕندِ شکنتلا تہٕ شیکسپیئر سٕندِ بن کینٛژن ڈرامہن پننے یوت آوازِ تہٕ اداکاری ستی ٹیٚجس پیٚیھ پیش کران۔ اُتھی ہالس منٛز آو اکتوبر ۱۹۵۱ء منٛز گوڈنیک

یومِ حبہ خاتون مناونہٕ۔ یہ اوس وقتکی نائب وزیر اعظم بخشی غلام محمدن کرنوٚومُت سرنوٚومُت۔ اَتھ منز اوس غلام احمد مہجورؔ پانہٕ موجود تہٕ شاید اُس یہ کُنہٕ عام ادبی تقریبہ منز تسنز لوسہٕ وٚنی حاضری (سُہ گُذریوو اپریل ۱۹۵۲ء منز)۔ اَمہ وِزِ کوٚر واریاہو حبہ خوتونہِ متعلق تقریر یا شارٕ بوگ پیش۔ مہجور صابنہِ طرفہٕ آو اَکھ پرُاون بانٛتھ پرناونہٕ۔ (یہ پوٚر گلوکار غلام محمد راہیؔ۔ مہجور اوس عام طور پنُن کلامہٕ کانٛسہِ میچھہ آوازٕ ہنٛدِس گلوکارس اَتھی پرناوان)۔ اَکھ اُس یہ خصوصیت زِ حبہ خاتونہٕ متعلق اوس اَمہِ کِس اَکِس بندس منز اِشارٕ پانٛٹھی باوِنہٕ آمُت ؎

دوہہ اَکِہ تُنٛدہٕ ہار گریسی گرِ زائیس
وقتن بناوٕس پادشاہ بایے
تَتھ شاہی منزٕ تہٕ کھوژہٕس خوداییس
یاوَن رائیس چھِنہٕ میانی مایے

سرینگرس منز اوس نمائش گاہک اَوگرٕ یہ کھوگرٕ ہال گیونہٕ بیتر خاطرٕ استعمال سپدان روٗدمُت۔ نمائش گرٕ ڈوگرہ مہاراج پرتاپ سِنگھن شروع۔ اَتھ منز اُسی کشیرِ ہنٛزن رنگہٕ دار تہٕ شوبہٕ دار اَکھہٕ کامن ہندی نمونہٕ ماحول سجاوان۔ تہٕ تفریح تہٕ رنزونکی سامانہٕ تہٕ اُسس ستی آسان۔ گیوٚن، نژُن، سائیکل بائیسکل بازی ہندی ژھل، فلمی دُنیاہچین ژھٹہٕ شکارہٕ ہش چوبرن

ہندی ناز نخرٕ (۱۹۴۴ء منز ہوٲتہٕ تمہ وقتہٕ چھ ایشور یا رائے یعنی پری چہرہ نسیمہٕ پٔنٛن حُسنہٕ دفترٕ تہٕ غمزٕ لشکر)۔ دپان بڑو شہہ ہہن اوس اٲتہٕ ہری سنگھ نہٕ دربارچہ اکہٕ مُشکہٕ تجہ یعنی ملکہ پکھراجہ تہٕ گیون وان لوگمت۔ اَختے مشاعرتہٕ۔ اَسہٕ چھُ ۱۹۳۴ء منزاٲتہٕ سیدی مہتہٕ اکہٕ مشاعرُک رویداد بہٕٹان۔ یتھمیک اِنتظام اکہٕ وقتُک مشہور مال تہٕ خوش نوا اردو شاعر خوشی محمد ناظرٕ اوس کران۔ اَتھ منز اوس حفیظ جالندھری تہٕ تہٕ روش صدیقی تہٕ۔ بیٚیہ اردو تہٕ پنجابیکی واریاہ بٔڈی شاعر۔ مہجور سُند گُف چھُ زِ تس آو اور گرٛھنک لوٗب تہٕ اٲتہٕ یوٗٹھن کٲشر پرٛن۔ تس آو شرط لاگنہٕ زِ اکھ گرٛھ سُہ ڈسلا لبس اُردو غزل پرٛن پتے کٲشُر تہٕ پرٕ مگر سُہ گرٛھ جھیلِ ڈل تہٕ موغل باغن مُتعلق آسُن۔ مہجورس اوس نہٕ یم شرط مانٕنس چارٕے چنانچہ اُردو غزل پرٕنہٕ پتہٕ دیُت تمیٚ بٔننس آزماوِ ہتس گلوکارس سُہ بٲتھ یتھمی کٲشر شاعری ہنز نوٗ صوٗرت نۄۓ گٔڈٕ۔ ے

باغ نشاط کے گلو  نازہ کران کران ولو

اکھ بٲتھ سیٲدرِوارتہٕ سرتاز امیجری بیٚیہ محموٗد شہری سُند موٗدُر حلقہ۔ لوٗکھ گے باتہٕ شُرِی۔۔۔ یہ اوس گُنہ سرکاری اَختے رسمی مشاعرس منز پرٕنہٕ پنہٕ وول آدنک کٲشر نغمہٕ۔۔۔ دوہ بہ دوہ ہیہ اوس یہ ساری سے شہرس منز ہوہیہ رائے ٹلان۔ اَتھ آیہ پتہٕ گراموفون ریکارڈ تہٕ بناونہٕ۔

نمائیشہ ہندس اکھ موکھس ژھایہ اوس امیُک وُکرُ بُتھ
تہ۔ امی وٲری یہ کُس ربتہٕ کاُلس منز اٲسی اَتہٕ کاُشرین قیچہ لایان۔
یم لۆکھ عوٲمی تحریکہ منز حصہٕ نیہ ہین یا سرکاری فوجدارین
ہنز رٕکھہ منز کھور کڈہین۔ تمن اٲسی اَتہٕ ٹکٹکی لایان تہٕ نرم نرم
جاین ہنٛدہ لبتہٕ کھالان۔ مگر نمائیشہ ہنٛدٕ ژھنہٕ اَندٕ اوس یوہے
چیارٕ ہیوٗ حال تہ۔ اکھ منز اوس تہٕ ہاونہٕ یوان یہ نہٕ ییٚتہٕ کھُلہٕ
فِضاہس منز وُچھُن لایق آسہٕ ہے۔ یعنے تمہٕ وَقتہٕ کہ محاورٕ حسابہٕ
نہٕ ندٕ ناچ گانا۔۔۔ اکھ منز آسہٕ لاہور، دِلہٕ، بمبیہٕ بییتر اَکھتےٚ
جیٚمہٕ بیٚہتھ ییٚتہٕ اردو بازرس منز گانہٕ وُنہٕ ڈٲلِ گلوان آسہٕ بییتر۔ نژن واجنہٕ
اُتھ ہالس اٲسی تمہٕ وقتکی بییٚتی عاشق زوٗل کران تہٕ آباد تھاوان۔ یِمہٕ
زنانہٕ بییتر آسہٕ عام طورٕ لوٗنی مہٕ درجہ چہ آسان۔ بیٚنٛ یاوُن بنٛزراوُکھ
بیٚلہٕ وائلسہٕ وانٛ منز آسان آسہٕ۔ اِدٕ آسہٕ گلن دِنہٕ یوان۔ مےٚ چھُ امیُک
اکھ شوٗ وُچھمت۔ کیٚنہہ اَڈوٕ زنانہٕ یمن پوڈرٕ ستی جسم لِوتھ اوس۔
تہٕ تنہٕ ہنٛدی زنانہٕ تان زن پوشہٕ ٹلبو ستی کم زیادٕ ڈُلتھ اٲس
آسان آسہٕ نژان تہٕ ہالس منز اوس شٲری نین تہٕ ژرپیین ہنٛد
ہول ہانگے ووتھان۔ ۱۹۴۷ء پتہٕ بنیوو یہ کلچرل کانفرنس کِن
پونگہٕ کمیونسٹن ہنٛد کلکٹو فارم۔ اتہٕ کرٕی تموٚ کیٚنہہ ڈرامانہٕ باقے تمدّنی
تقریبہ تہٕ۔ اوت چھ خواجہ احمد عباس، سردار جعفری، شیلا بھاٹیہ، شودان
سنگھ چوہان بییتر ادیب تہٕ وائی مٕتی۔

سرینگرٕ اوس شہید گنج اپور چوٹہٕ بازرٕ کِس شوالا مندرس
بنِشہ بٹَن ہُنٛد اکھ منٛچ ۱۹۳۰ء برونٛہہ قایِم۔ اَتہٕ اَسی راسہ کتھ
لیلاپہٕ بییتر گنٛدان۔ گوڈنِکی کأشری ڈراما راجہ ہریش چندر تہٕ تاراچند
بسمل سُنٛد "سینٛچ کھوٹ" تہٕ آیہٕ اَتہٕ گنٛدنہٕ۔ مگر ۴۷ ءٕ پیوان پیوان
اوس یہٕ چونکھریومُت لوٚتہٕ چھہ اَتھ جایہٕ یہٕ اہمیت زٕ ۱۹۸۷ء
منٛز کوٚر اَتہٕ پنڈت کشپ بندھو وٕن بٔڈ حضراتن ءِ ستی سیوٚد سیوٚد
کلام۔ تمہٕ اَسی ۱۹۸۶ء منٛز جگموہن گورنرس پوشہ لبنن واو کرٕ تھ
موکلے متہٕ۔ بندھو جیین وٕن پیٛنہٕ ننن جاتی باین سِرٕ بوج
بٔنتھ۔ "بییتر مین اَلہٕ ڈلن ہُنوٕن کل دِنی۔ اَمہٕ ءِ ستی روزن تمہٕ کشیر اندر
پھلتھ تہٕ پھٔبتھ۔"

سرینگرٕک نصرت الاسلام سکول اوس مولوی رسول صابٕن
گنتوہمہٕ صدی ہندین آخری وٕرین منٛز اُستوار کوٚرمُت۔ میٛے
چھینہٕ پیٚےزٕ اَتھ کربنوٚ وُکھ حال مگر ۱۹۱۵ء پیٛتہٕ چھہ اَمہٕ کین سالانٕہ
جلسن ہندی روداد میلان۔ اَتہٕ اَس چندٕہ تہٕ حساب کِتابٕچ کتھ
تہٕ چلان۔ مگر یتھ سکولس منٛز شیخ محمد عبداللہ، غلام احمد مہجورٕ، ڈاکٹر
علی جان، پروفیسر رحمٰن راہی ہیوی ژاٹھ روٚدی ءِ متی آسہن تتہٕ اوس
تقریرن تہٕ مشاعرن تہٕ چلے جاو لگُن ضروری۔ اَتہٕ چھہ علامہ اقبال
ہندی سارِوے کھوتہٕ قریبی کأشری مُحِب خواجہ عبدالصمد ککروٗ، ڈاکٹر
عبدالواحد، منشی سراج الدین بییتر موصوفن ہندی تقریرہ تہٕ سپدِ مِتہٕ۔

اَخنٕچ کیٛنہہ طوفٲنی مشاعرٕ تہٕ۔ کٲشر تمدٕنی یادٕ وُتریک یہ بار رٕستہٕ منڈل تہٕ گووچلہٕ وِنہٕ طغیانی منز غائب۔

سرینگرٕ شیر گڈھ منز دربار ہال اوس مہراجٕ دورُک دیوان خان۔ اَتہٕ اُس اسمبلی تہٕ لگان۔ مہراجٕ دورس منز اُسی اَتہٕ شاہی دربار لگان۔ ییٚلہٕ ریاست تہٕ نیبرٕکی بڈی بڈی بالہٕ ہزاری اُسی جمع گژھان مہراج اوس تختس بہہان۔ پَتہٕ شاہی رخت تہٕ چوغہ لاگِتھ۔ بیٚیہ وچھس موختہ مالہٕ لاگِتھ۔ کشیر ہندی جاگیردار، کیٚژٕ رئیس تہٕ باقٕے درباری اُسی شوٗژٕ شانہٕ لیوان۔ تختس برونٛہہ کنہٕ نمان تہٕ رٔیشم رومالَن ڈٔلتھ سونہٕ سندی پونڈگلہٕ میوٗٹھ تراوان۔ ہیرِ کنہٕ آسہٕ خاص ڈبہٕ ڈالانَن پیٹھ حرمہٕ تہٕ رازٕ کمارِ آسان۔ یِمہٕ دِن ژھایہٕ لوٗزُک آوازن منز لول باش کران تہٕ رنگی کھکھایہٕ ماران۔ تہٕنزن روپیہ مُژھن ہندی اُنہٕ تہٕ تمن منز سونہٕ بنگرٕ آسہٕ پرٛوٕ تہٕ ژھٹان تہٕ شروٗنہٕ تہٕ کران۔ مہراج اوس تختہٕ پیٹھے نظر ہیوٚر تُلان تہٕ وُتھ کملاوان۔ مگر باقٕے دربارن اوس زنتہٕ اکس اکس اچھر والس پیٹھ اَکھ اَکھ کُٹوال رٲچھی آسان۔ تِم اُسی نظرن وگ رٹان زِ کُنہٕ گوٚژھ نہٕ تمن طہارت پھُٹُن۔ اُتھی ہالس منز اوس ۲۴ اکتوبر ۱۹۴۷ء مہاراجہ ہری سنگھ دربار دارٕ ہندِس اَتھ رقصِ طاؤسس منز مست۔ بجلی زٲنگی اُسی نیبہ تارکَن ہندی پانٹھ شولان۔ مگر یہ اوس زن تہٕ کھیٚلی وُتھرس پیٹھ رینبو گاڑٕ ہُند وومہٕ ٹیُن ..... دربار اوس طیس پیٹھ زِ شام وقتن

زن نیوٗکھ سارِنے گاشہِ آگرن زٕوکٕڈِتھ ۔۔۔ قبائلی اُسی موہرا بجلی گر واٲتی مِتی تہٕ تِمو اوٗسُکھ ژٔلِتھ دِتھمُت۔ مہاراجس گیہِ اُچھ رٕتہ ژٲنگی ہشہِ۔ ہوٗل بارٕو وُوٗتھ مگر اکِس ٹیکس اوس آفتاب لوٗسمُت ع

پھر اُس کے بعد چراغوں میں روشنی نہ رہی

مہاراجس واتٕژ کوٗ خبر، سُہ دٔراو کٔنہ پھُٹ شال ہیوٗ۔ دوٚیمہ دوٚہہ گوٚو جوٚم روانہٕ تہٕ پتہٕ وُچھن نہٕ زانہہ تمہِ کشیر ہُنٛد روٗےٚ نازنین یَتھ پیٹھ سُہ لوٗت ہیتھو مُت اوس زِ پنہٕ نِس ریاستس اوس صرف کشمیرونان۔ تہٕ پننہٕ BENTELEY موٹر گاڈاوُسن پتے لیوٗکھمُت ۔۔۔۔ KASHMIR–I جوٚم اوُسن کوٗمَس یسٕتی ترٛوومُت۔ پیٚلہِ مہاراجہ ہری سنگھ ۱۹۶۱ء کس اپریل رٕتس منٛز بمبیہ منٛز لوٗس، تمی ہندی تخت شکن مگر توتہٕ ہندوستانی قٲدی شیخ محمد عبداللّٰہن ووٚن جیمہ سپیشل جج ہندِس عدالتس منٛز۔۔۔ ''مہاراجہ ہری سنگھ ایک غیرت مند PROUD کشمیری تھے۔ اور کشمیر سے دِلی لگاو رکھتے تھے'' ۔۔۔ آ۔ اَتھ دربار گڈھ ہالس منٛز اُسی مہاراجہ ہندی مہمان کیٚنہہ والیسرائے تہٕ بنے مِتی۔ تہٕ ہندوستانی ریاستن ہندی بٔڈی بٔڈی نواب تہٕ مہراج تہٕ ۔۔۔ یہ اوس سٕتھی خوبصورت تہٕ پٔزی پاٹھی زنتہٕ شیشہ محل۔ تالوٗس اَسٕس کاشر پیپر میشی ہنٛز سارِوے کھوتہٕ شاندار صنعت گری۔ لبن اَسٕس راجستھانی نقش تہٕ بچن بچن اَنہٕ کھٔنجن ہندی اوٗلِ تہٕ زاوٗلِ نقش۔ انتہائی

شاندار فانوس اویزان یم ولایتہ پیٹھ اناؤ وی ہتی اسکھ۔ فرشس
زیٹھۍ ہۄ ازحد مارۍ مۄندی ایرانۍ ہۄ ریشمی قالین۔ روپھ لاگتھ
کرسیہ ہۄ دانتھ لاگتھ میز..... ۱۹۴۷ یتہ پتہ آیہ اسمبلی۔ میٚ چھ
آتہ شیخ محمد عبداللہ، بخشی غلام محمد، خواجہ غلام محمد صادق ہۄ سید
میر قاسم وۄشلان ہۄ وۄزلان وُچھ ہتۍ۔ یہ بے بہا قومی ورثہ گوو
۱۹۸۱ء منز زۄنگ لگنہ سۭتۍ تباہ۔
سرینگرس منز نیڈوز ہوٹلک ہال ہۄ اوس اکھ اہم تمدنی میلہ
گاہ۔ یہ ہوٹل اوس انگریزن ہۄ بۄڈ طبقہ کین لوکن ہُند گیندن مینز۔
فرنیچر اوس اعلیٰ ہۄ سیٹیج ہۄ رُت۔ اکھ کم زیاد سنہر سان ہۄ (اوۄ ہۄ
چھ پھانگرہ گرٚہ ہستھ موجود ے)۔ پردۍ اسس مخملکۍ۔ اتھۍ ہالس منز
سپد ۱۹۵۰ء منز سۄ عظیم اُردو مشاعرٕ یتھ منز جواہر لعل نہرو ہۄ اوس۔
جوش ملیح آبادی تہ ہیل ہیلہ وزیراعظم شیخ محمد عبداللہ شیرِ کشمیر ہتھ سنباتھ
اچھ دارن منز گیندان ہۄ ترپان وُچھ تمۍ ورٚس سیٹجہ پیٹھ کر بکھ۔
"شیخ صاحب.... اب تو مردانے میں آیئے" ہۄ سورے ہال وۄتھ
اسن کھنگالو سۭتۍ ملر وہندی پائٹھی تھوٚد تھوٚد۔ میٚ وُچھ ۱۹۵۵ء منز
دینا ناتھ نادم سُند کاشر اوپیرا "بوٚمبر یمبرزل" اتی۔ یہ اُس سرینگرس
منز امہ سۄتھرچ گوڈنچ (ہۄ وۄنیک تام ہۄ) سارِوے کھوتہ اہم تقریب۔
یتھ منز تمہ وقتکۍ سپر پاور سوویت روٗسکۍ زۭ سارِوے کھوتہ بٔڈۍ
لیڈر.... وزیراعظم نکولائی بلگانن ہۄ سوویت کمیونسٹ پارٹی ہندۍ

سیکریٹری تہٕ اصل موقدم نکیتا کرسچوف پٕرٕٹھ آسی تہٕ اندرگاندھی اٗس
پانہٕ تمن پوشہِ لنجہٕ واوکرنس ..... اَتی دیُت تموٚ کشیرِ ہندوستانک
انگ آسنک لبکھت تہٕ۔ یورٕ کوٚر کھ تہٕ کانٕسے واد..... اَکھ ہالس
منز آسہٕ مصوٚری ہنز کیشہ نمایشہ تہٕ سپدان تہٕ مےٚ تہٕ چھےٚ پانہٕ وُچھمژ
اَتہٕ دڑاو شمیم احمد شمیم سندِس کونگہٕ تہٕ ہوس ہفتہٕ وار اخبار "آیٔنہ"
ہس روزنامہٕ شکلہٕ منز گوڈنیک شُمارٕ تہٕ نیوٗنس سوروٗے مُشک آٗنتراوِتھ۔

غارت گرِ ناموس نہ ہو گر ہوسِ زر
کیوں شاہدِ گُل باغ سے بازار میں آئے

اَتھ منز آسہٕ اکہٕ وقتکی جانٕی یار شیخ محمد عبداللہ تہٕ پریم ناتھ بزاز،
پموسٹرو دِوِٕ اَکھو یکم اگست ۱۹۳۵ء اخبار "ہمدرد" کوٚڈمُت
اوس...... شمیمن بنیہٕ اکِہ لٹہٕ سوٚنبراوی متی۔ شیخ صاب اوس
وزیرِ اعلیٰ تہٕ تموٚ کٔج شُمارس مہرٕ نیتہٕ موہر۔ بزاز صأبن کوٚر صحافت کس
کِرہ دارس پیٹھ اکھ تقریر دِل پذیر مگر شمیم صأبن لوگ بُتھی پھیرٕ تہٕ
کوٚرنس ساری ہے واد۔

مےٚ چھےٚ اَمہٕ حوالہٕ اکھ دِلچسپ کتھ یاد پیوان یوس تہٕ وُنہٕ
کانٕسہِ خبر چھےٚ ..... یہٕ اوسُس شمیم صأبس یارہ آسی کھٔے اَختے اخبارس
منز تہٕ وار یاہ نکھہٕ ڈکھ..... تقریب اٗس اول اگست ۱۹۷۵ء
پانٔژ بجہٕ مقرر۔ مگر شمیمس ووتھ کوٚ ڈُر۔ ہرگاہ شیخ صاب اُتھی تقریبہٕ
منز "آیٔنہ" ہک خریدار بنتھ چندہٕ دِیہٕ اکھ بڈٕ اخبارس پٔژھ پیہٕ تیتھ دوٚیم

گرٛٮ۪ھن "لااَنٕ مالہٕ"۔ مگر شیخ صأبنہٕ تھدِ سیاسی کاڑٕ علاوٕ تہٕنزٕ بند موٚچھہِ ہٕنزٕ تہٕ آگاہی۔ تِمۍ تھاوٕ ہتہٕ روٗپیہِ زٕ کرٕ کرٕ کرن وألۍ نوٹ لفافس منٛزٕ تہٕ سۭتۍ اکھ چھوٚٹہٕ پرچہ تہٕ۔ شیخ صأبنہٕ ناوٕ ..... ییٚتھ منٛز تِمن اوس درخواست کرنہٕ آمٕژ ہرگاہ تِہۍ بِمن پیٚنٛن اکھہٕ ڈالو، تہٕ ییٚلہِ یہ سیٹچس پیٹھ چندٕ خأطرٕ اپیل کرٕ ہیٚ پٕلہٕ ناوٕن منٛزٕ ژٕلہٕ کٕھے تہٕ نٕ یے۔ تہٕ تہٕنٛدِ اَچھ برکت کریم مالامال تہٕ اَکھتے کھسم ٹینٛٹھ تہٕ ..... تس اوس شیخ صأبنس لِنٛشہٕ ئن گرٛٮ۪ھن آسی پھٕتے، سُہ ووت تور، تتہٕ روٗٹُن شیخ صأبُن خأدم خاص عبدالغنی تہٕ کوٗرنس لِفافہٕ حوالہٕ۔ تِمۍ ووٚن تِمس زِ ییٚلہِ شیخ صأب کوٚج کھیٚتھ عادتہٕ موجوب قیلولہ کرن، تٕ تھأوِزٕ یہ لفافہٕ تہٕندِس تھدِ سٕدرٕ چندس یوسہٕ لأگِتھ تِم تقریبہٕ پیٹھ نیرن۔ اَکھتےٕ وُنۍ زٕ بِکھ شمیم صأبن دیٖٹھ یہ لفافہٕ شیخ صأب آسی عظیم چندٕ ہینہٕ وألۍ دِنہٕ وألۍ تہٕ کینٛہہ ع

ہر کسے را بہر کارے ساختند

تِم آسی وٕنان زٕ یہ چھُس کشیرِ ہُنٛد سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ بھکاری تہٕ ییٚلہِ یہ قومَس چھُس چندٕ منگان تِم چھہِ منٛے نہال کران۔ بہرحال شمیم صأبن موٚنگ سیٹچس پیٹھ چندٕ تہٕ شیخ صأبن کوٚڈ بٕڈ طرحدأری سان چندٕ منٛز لفافہٕ تہٕ لوٗکن وُچھ وُن ترأوِ لنس زٕ نوٹ اَکھس پیٹھ۔ شیخ صأبُن اَکھہٕ لگنہٕ سۭتۍ آسی یِم روٗپیہٕ رٕدٕ تراوٕن وألۍ زٕ اَڈٕ برٕ لگی بنیمتی۔ اَکھ واکھ تہٕ بیا کھ وٕژِن۔ تہٕ رٹن وألۍ ہیوٗت جوٗشس پیٹھ

زینتہٕ نرشُن۔

— O —

بخشی غلام محمد ییلہِ ۱۹۵۳ءَ پیٹھ وزیرِ اعظم بنیوو، تمیٔ ہیٚتی لوٗکن اگادِ گوٗمُت دِلک دود مانتراوِنہٕ باپتھ کنہن سیرن تہٕ سیمٹکی سوٗتھی اِستادِ کرِنی۔ بٔنیہ آسی ووٚنی دِلہٕ والہو خزانَن بٹھان تُلتھ تھاۓ ووی متی۔ تِمنے دوٚہن بنیوو اَزی کِس ریڈیو سٹیشنس ییپار لوٗرسٹ سینٹر (یہ دوٚدٕ ۲۰۰۴ء منز تہٕ ووٚنی چھُ لبُس ماۓ دان) لوٗرسٹ سینٹر اوس گرٕدٕ دوٚ کٔدلس ییپارِ (اَتھ چھِ ووٚنی عزیز برج ونان) مگر مہاراج وقتس منز اوس پولو گراونڈ واتنہٕ خاطرِ ورتاونہٕ یِوان تہٕ چوگانس چھِ کأشری گرٕدٕ دوٚ ونان۔ پولو گرٕدٕ آسی دوران اوٚتھ تام واتان) اَتھی آسی دوٚہمس پورس منز زٕ بارستہٕ تہٕ کُشادِ ہال۔ یِم ہال بنے یہ بخشی صابنِس اقتدارس منز ثقافتی سرگرمیَن ہندی ہالہٕ ماۓ دان۔ اَتہِ آیہِ تِم شاندار مشاعرٕ کرنہٕ یِمن منز جگر مُرادآبادی (جوش آوٕنہٕ شیخ صابنہِ گرفتأری پیٹھ زأنہہ کشیرِ) اسرارالحق مجاز، معین احسن جذبی، نشور واحدی، انور صابری، علی سردار جعفری، غلام ربانی تابان، رسا جاودانی، شاد تمکنت بیترِ شریک سپدی تہٕ پانہٕ بخشی صائب آسی داد دِنہٕ خاطرٕ موجود آسان۔ اَتھی ہالس منز سپٹمبر ۱۹۷۶ء منز جگن ناتھ آزادنی ترتیب دِژ علامہ اقبال نمائش منعقد۔ یمہِ کِس ڈائسس پیٹھ گورنر بھگوان سہائے، وزیرِ اعلیٰ سید میر قاسم، مرکزی وزیرِ اطلاعات اِندر کمار گجرال آسی تہٕ بٔنیہ

عوٚہدٕ ورأے شیخ محمد عبداللہ یِم لوٗکن ہندین نَظرن ہندی مرکز
أسی۔ أتھی نمائیشہ منٛز ووٚن شیخ صأبن زِ میٚے اوس علامہ صأبس
۱۹۳۷ ء منٛز کشیرِ ییٚنٛک سال گوٚرمُت۔ یُتھ تِم ییٚن بیمار زُو
سنبالِہٕ ہیٚن ہیوٚ۔ تِمو اوس ییٚنٛک وعدٕ کوٚرمُت مگر تِمن دیٚت نہٕ
تمہِ وَقتٕچہ حکومتَن اِجازت تہٕ دوٚیمہِ وُری یہ ۲۱ اپریل گیہِ تِم پننہٕ نِس
مالکِ حقیقی سندِس نادس پیٚٹھ لوٚر، یور نہٕ کٲنٛہہ واپس یِوان چھُ۔
۔۔۔۔ مگر از چھےٚ تِہندین تصویرن ہنٛزِ یہ نمائیش ڈیشتھ میٚے برٲنٛٹھ
گژھان، زن چھُ تِمو گُذرنہٕ پتہٕ ییٚنٛ وعدٕ پورٕ کوٚرمُت تہٕ از چھِ اَسہِ
درمیان آمتی۔ تہٕ أتھی منٛز ووٚن لوٗمہِ سطرٕ لیٚکھن والین پننہٕ نِن تقریرن
منٛز گوڈنچہِ لٹہِ زِ علامہٕ اقبال سندی اجداد أسی سپرو کولگامہِ پیٹھٕ پنجاب
ژٔرِمتی۔

یِمنٕے ہالَن منٛز سپز اکتوبر ۱۹۸۰ ء منٛز سوٚ عظیم اِسلأمی نمائیش
لوٚسہ ہجری تقویمکی ژوٚداہَشتھ وُری پورٕ سپدنہٕ وِزِ کرنہٕ آیہ۔ تہٕ لوٚسہ
قریب ژوٚرو لچھو لُکو وُچھ۔ یِہےٚ نمائیش وُچھتھ آو مرحوم میرواعظ
مولوی فاروقس بُتھ چاوزِ تِمو سوٗزی گوڈنکہِ لٹہِ میرواعظ منٛزلکی کینٛہہ
فنی نادرات نمائیشہ منٛز تھاونہٕ خأطرٕ۔ شیخ محمد عبداللہ آیہ پننہِ
ضعیف العمری باوجود ژوٚرِ پھیرِ یہ نمائیش وُچھنہٕ تہٕ دینا ناتھ نادم
صأبن ییٚلہِ یہ وُچھ تِمؤ لیوٗکھ وزیٹرس کتابہِ منٛز زِ ووٚنۍ گژِھ ہندو
دورَس مُتعلق تہٕ یِژھےٚ نمائیش کرنہٕ ییٚنۍ۔ دِلہٕ والین ووٚنتھ اَمہٕ ستی

یوٗت تلواس زِ رتھو دٲرِ نہٕ دۆیمہِ ؤری پہٕ امیٹک مُکرر انعقاد کرنس
اَکھ وَ پھِٹے ..... کلچرل اکادمی کٔرِ اَتہٕ وارِیاہ تصویری نمائیشہٕ یمن
منٛز یورپی ماسٹرن ہندین شاہ پارن ہٕنز نمائش تہٕ اٲس۔ یۄسہٕ
یونیسکون یور اٲنی مٕژ اٲس۔
۱۹۵۹ء منٛز کوٚر سرینگرِ تہٕ تمہِ وقتکی مرکزی وزیرِ خزانہٕ مُرارجی
ڈیسائی ین ٹیگور ہالُک اِفتتاح۔ یہِ اوس تمن درجنہٕ واد ہالن ہُند
ہانکلہِ کوٚر یِم ہندوستان کہِ قومی اٲنتھم کِس شاعر رابندر ناتھ ٹیگور
سٕنزِن صدی تقریبن ہندِس سِلسِلس منٛز ہندوستٲنی ریاستن ہندین
بڈین شہرن منٛز بناونہٕ آے۔ ٹیگور ہالُک بنُن چھُ کشیرِ ہٕنز تمدنی
زندگی ہُند اکھ وارِیاہ اہم پڑاو۔ یہِ بننہٕ ستی زن تہٕ گے سانہٕ ثقافتکی
بیوٚن بیوٚن انگ وُزِتھ پرنکس پیٹھ سوار تہٕ گے منٛزلن پیٹھ مُنٛزلہِ
ژھنڈان۔ تقریر، سیمینار، مباحثہٕ، کانفرنسہٕ، پاٹھر، کلاسیکل ناچ،
سنگیت ڈرامہ فیسٹول تہٕ وارِیاہ وارِیاہ کینٛہہ۔ ۱۹۸۹ء منٛز آو اَکھ
نار دِنہٕ تہٕ وُرین داہن رٕوُد یہِ فوجک اڈٕ۔ مگر پتہٕ آو بیٚیہ
بحال کرنہٕ تہٕ ازکل چھُ بیٚیہ وزان، گرزان تہٕ پرٕژِ تراوان۔ اَکھ
ہالس منٛز چھُ جواہر لعل نہرو، وارِیاہ راشٹرپتی، تہٕ مُلکہٕ تہٕ بیرون
مُلکچی اہم ترین ہم کال فنکار بیتیر آمتی۔ یمن منٛز اُستاد بسم اللہ خان
ملکہ پکھراج، اندرانی رحمان، یامنی کرشنا مورتی، سونل مان سِنگھ،
اُستاد محمد عبداللہ تبت بقال، اُستاد غلام محمد قالین باف، پنڈت

پریم ناتھ بزاز، پروفیسر محی الدین حاجنی، میر غلام رسول ناز کی،
گرجا دیوی، ہری پرساد چوراسیہ، تہٕ بیٚیہِ وار یاہ چھ۔ اَتی سپُد
دینا ناتھ نادم سُند اوپیرا "ولتستا" سیٚنج تہٕ بیٚیہِ۔ اکادمی ہندی"....
......"پیا باج پیالہ" "ٹیپو سلطان" بیتر اوپیرا پیش۔ ٹیگور ہال
چھ کشیرِ ہندِ تمدنی جشنک سارِوے کھوتہٕ بوڈ رنگ تہٕ ڈیوٗنگ
روٗد مُت۔

سرینگرس منز اوس ۱۹۳۲ء منز شیخ محمد عبداللہ ہُن کشیرِ ہُند
قومی تحریکگ دِل مُجاہد منزل بنوومُت۔ اَتھ اَس یہ سعادت زِ
یہ گو کُنہ سرکاری ژھیٚنڈ وانہ بغار تعمیر۔ عام لوٗکو دیُت موٚچھ توٚمُل
تُیس یِم پژھ دوہہ موکھ موکھ تراوِتھ سوٚنبران اَسی۔ زنانو دِژ
واجہ، کنہٕ واجہ، مالہِ تہٕ کرٕی۔ اَتہٕ اوس اصلی سیاسی مجادلہٕ تبادلے
سپدان مگر اَتہٕ سپٕز کیٚنہہ اہم تمدنی تقریب تہٕ۔ حفیظ جالندھری ین
پُرانی پننٕ نظم ع

شیر سے محروم ہے مالک ہے جوئے شیر کا
ایک پہلو یہ بھی ہے اس وادیٔ کشمیر کا

اور آیہ مہاتما گاندھی تہٕ تہٕ سیف الدین کچلو تہٕ، جواہر لال
نہرو تہٕ خان عبد الغفار خان تہٕ، جے پرکاش نراین تہٕ تہٕ گوبند بلبھ
پنت تہٕ۔ اَتہٕ سپُد ۱۹۶۸ء منز سٕہ سٹیٹ پیوپلز کانفرنس ییٚنہ تہٕ شیخ
عبداللہ، پریم ناتھ بزاز، بخشی غلام محمد، مولینا محمد سعید مسعودی، مرزا

افضل بیگ، میر واعظ محمد فاروق، محی الدین قرہ تہٕ جیٚمکی وارِیاہ لیڈر آکۍ سٕے
کُھٹِس منٛز دل چھل کران آسی۔ مجاہد منزل چھ وارِیاہ مشاعرٕ تہٕ
کرنہٕ آمتۍ۔ افسوس زِ یہ عوامی مانٛٹہٕ شایہ تہٕ چھِ ناز بُرزی گامٕژ۔

پَتِمہِ صدی ہندِس شیٚتیمِس تہٕ سَتیمِس دہیلِس منٛز بنیہ
یِیتہٕ کیبنٹن کالجن منٛز تہٕ آڈیٹوریم۔ امیراکدل ویمنز کالجس منٛز
ہال اوس خاص طور کینٹرِس وقتس اہم تقریبن ہُند مرکز۔۔۔ اکھ
آو اکہِ پھِر جواہرلال نہرو کالج ناوٕک بورڈ تہٕ کھالنہٕ مگر پتہٕ
وولکھ یہ بون۔ اَتہٕ چھِ اندرا گاندھی وزیراعظم آسِتھ وارِیاہ تمدنی
تماشہٕ وُچھمتۍ۔ یِیلہِ اور وزیرِاعلیٰ صادق صاب پرٛژھی ہیٚتھ یِوان آسی،
دروازِ پیٹھے آسہٕ کورِ طلبہٕ چھاٗوِتھ پھرِن تہٕ خوبصورت ڈیپٹہٕ لہراوان
ڈری کرٛی ولنوان تہٕ تِمن استقبال کران۔ اَتہٕ اوس ہالہٕکِس دروازس
پیٹھ اِسبند سوز سنطور وایان وایان مُشک ژھٹان۔ اندر ہالس منٛز
آسی مجمن منٛز فنجان تہٕ اَکھن کیٚتھ بہہ ژھٹہٕ وٕنی قہوِ سماوار مُشکِنی دھار
تراوان تہٕ سأری سٕے ماحولس نشہ کھالان۔۔۔۔ برابر اوس اکہٕ شوٗرہٕ دار
خاندرٕ کھُندرٕک فضا آسان تہٕ سٹیجس پیٹھ روٗنہٕ وَزان۔ پیشوازِ زِژہٕ
تراوان تہٕ کورِن ہندی ہیٚڈ ترٛژھہ تارٕ وایان یم پانہٕ پروردگارن چھےٚ چارِتھ
آسان ہتھومٕژ۔ تہٕ یِمن باقی ساز تھلہِ تھلہِ وُچھِتھ ہٕژرِ سان ووٚتش
چھ تراوان۔

سرینگرس منٛز کوٚر شیرِ کشمیر انٹرنیشنل کنونشن کمپلیکس شیخ صابنے

شروع۔ تمن اوس باسان زِ سویزرلینڈکس جنیواشہرکی پاٹھی بنہٕ ییتہٕ بین الاقوامی سیمینارن ہُند مرکز۔ یہ آو ڈل جیلس پرٚ میٚیشر ترٲوِ ۓمتِس زمینہٕ ٹکس پیٹھ بناونہٕ تہٕ تتھ آیہ اعتراض تہٕ کرنہٕ۔ مگر بنیادی طور چھُ یہ سماج کہن بالائی یعنی ملاۓ کھینہٕ والین CREAMY LAYER طبقن آماجگاہ۔ اَوے چھُ عامن تہٕ خاصن ہندلو قدمو لٔنشہِ دوٗر..... بدامنی ہندِس زمانس منٛز پھوٹ امنیک لیوٗل وَتہِ بیٹھ۔ اَتہِ چھِ ووٚنی سیکورٹی ہانکلہٕ ڈٔلِتھ لوکھ بوت پھِرکھ تراوان۔ بہرحال یہ چھُ تقریرو بیترِ خاطرٕ تہٕ امہِ کِس سیٹجس چھِ نہٕ ثقافتی تقریبن، موسیقی، ڈراما تہٕ رقص کِہن تماشن خاطرٕ بانہٕ تہٕ تمبہ آراستگی۔ یہ چھُ مغل زمانہٕ کِہن ناگرنگرٕ تہٕ نٔتہِ کِہن بالہٕ ہزارن ہُند سمن بل۔

یہ اوس روٗپیہ ہُند اکھ پاس۔ بیاکھ چھُ یہ زِ بیٚلہِ نوٚسمیہ کیو لوٚلوٚ آلو و پلوٚو سرینگرس تہٕ لوٚنچہ لمُن ہیوٚوت تہٕ امہِ کِہن آرزوین تہٕ فلایہ پھٔش دیُن ہیوٚوت، تمدُّن پروری ہندن تازٕ امکانن تہٕ اَرمانن تہٕ ہیوٚتُن حِس بھیرن..... تیتھ ہالا یینہٕ زیادٕ یہن وُچھن والی یکوٹہٕ آسہن تہٕ تماشہٕ بین آسہن نہٕ لبن کھسان۔ ییتھ سٹیج تہٕ کھُلہٕ ڈٔلہ سوٚن تہٕ سوٚو آسہ ہہے۔ تہٕ گاشدٲری ہندن نوین طریقن تہٕ طرزن وہیہٕ رٲوِتھ ہینکہ ہہے۔ ییتہ بوزن ولستار (ACOUSTICS) تہٕ کِنن ٹھیک پاٹھی رٔٹنہٕ ناوہن تہٕ بہہنہٕ کرنگی سنزٕ تہٕ ٹھٔر راحت بخش آسہن، بٮ۪یہِ

یِیتہِ کشیِر ہِندِس وندِ گٮ۪نہٕ کارِس تہٕ کوٹھی شہٕ ہٕندریاٮ۪س منٛز بٔہن،
بورٕزن، وٕنٛن تہٕ وُچھن فرحت دِیہٕ ہے ۔ یِیتہِ لوکٹٮ۪ن قٔلیل وقائن
خاطرٕ سیمینار روم آسہٕن تہٕ باقٕے ضرورتو خاطرٕ تہٕ ہٕنگ کُٹھی آسہٕن
بیتر ۔ یِیتہِ تصویر تہٕ فن پارٕ زبر پاٹھی تھاوِ وٕنہٕ ، پارٕ اوِتھ تہٕ پرکھاوِتھ
ہیکہٕ ہوکھ ۔ یعنے آرٹ گیلری آسہٕن ۔ یِیتہِ اکھ حاجتہٕ ساوٕ لایبریری
آسہٕ ہے ۔ تہٕ یِیتہِ ژھانڈٕن والین وار یِیہٕ ہے ، یٔڈ ییہٕ ہے
تہٕ ژٕ بٕڈ ژٕلِ ہے ۔ دِلہٕ تہٕ باقٕے شہرن منٛز چھِ یم سولبہٕ سولبہٕ ۔ لٔختے
جیٛمس ہِوس ثقافتی حسابہٕ جرمن خوجہ شہرس منٛز تہٕ ۔ اکھٕیو تھیٹر
لُس تعمیرٲتی زیور تہٕ چھُ ۔ ایر کنڈیشنڈ تہٕ تہٕ یِیتہِ اکھ لوکٹہٕ ہن سہی ،
مگر گیلری تہٕ چھنے ۔ اَسہٕ پیٛو سرینگرٕ بیٛٹھٕ عظیم ڈراما شناس ........
اکھٕیو گیٛت سُنٛد ناو منگہٕ ناوُن تہٕ اکھ ہٕنگس مُرٛتھ تھاوُن .......
بنیہٕ اوس بالکل معنہٕ سوو تہٕ یعنے نٔو کھوتہٕ نٔو ULTRA MODERN -
بہرحال سرینگر ہِوس یِتہٕ بٔڈس ثقافتی عظمتس چھُنہٕ وونیُتھ کینہہ
نصیب ۔ صادق صابنہِ وقتہٕ ...... ۱۹۶۶ء لگ بھگ آو اکھ بیٛٹھ رسمی
غور تہٕ کرنہٕ مگر پتو گو یہٕ مَن ہستم کِہن ٹھٔنکین منٛز مابہٕ ... ۔ زمانہٕ ضِدلو
دِلتس آخری کونشہٕ دَب ۔ شیخ محمد عبداللہ ہس اوس یہٕ بناونُک واریاہ
وَلولہٕ ۔ گوڈٕ کٔر تمو فارسٹ لاج تہٕ تمیک اوند پٔوک (ایس ۔ پی
کالجس نکھہٕ ) امہٕ خاطرٕ پیش ۔ مگر پتہٕ پیٛلہٕ نہٕ یم سُطرٕ لیکھن وٲلس
اَکھرٕ ستی پوٹ ریٛو شیخ صاب گے ایمپوریم کِس احاطس منٛز یہٕ بناونس

ییٹھ مٲیِل تہٕ قٲیِل۔ اَکھ سپُد تہذیب محل ناو تہٕ منظور......
مگر یِہے ناو بنیوو اَکھ وینکٹھ نارائن سُند خنجر ثابت۔
سیکرٹریٹ کِنۍ موکل دارن سِتۍ آرو بار وکرن وٲلۍ مِسٹر
بنسی پار موون کرٕ اَتھ خلاف پھسر اینۍ ہنز مُہم شروع۔ ہے ایمپوریم
باغ گژھہ خراب تہٕ امیک ENVIORENMENT تہٕ۔ حالانکہ تژھ
اُس تہٕ کینہہ کنھ۔ یہ عمارت اُس ایمپوریم بلڈنگہٕ (یوسہٕ دراصل
انگریز ریذیڈنٹ سُند محل خانہٕ اُس توے چھ اَتہ پیٹھ لالچوک
چہ سٹرکہ اَز تہٕ ریذیڈنسی روڈ ونان) تہٕ سرینگر کلبہ چہ بلڈنگہ
منز باگ احاطس منز، یِیتہٕ تہٕ سبزار چھُ تہٕ تہٕ پوش، یُس بالکل
نیٹھہٕ نوٕنے چھُ) مگر ہانژ نے لاگہٕ ہن تیلہٕ کُس مازہ ہیکھہ؟ اَمہٕ
منصوبہ مطابق اُس ایمپوریم بلڈنگ تہٕ HERITAGE کہٕ نمونہٕ
حسابہ زٕژھراونی، تکیازٕ تتھ اُس پٔتِس ختم بند تہٕ دروازن، دارِن
ہنگن بیتر سیٹھاہ شاندار لکرٕ کٲم۔ بہر حال شیخ صاب اوس واریاہ
تجربہ کار۔ تمۍ نیوٗ فاصلہٕ تہٕ اَخنتے کرٕکھ یہ کٲم ڈسلایہ۔ بمبیہ کِس

لہ لُوٗئی مہٕ صدی منز ییلہٕ کشیر منز بودھن تہٕ بٹن واریاہ وُٹھے یہ، ہندو اوتار وشنو
نارائنس لوٗے تمو کمبہ س لِنہٕ خنجر۔ وِشنو چھُ شانتی ہُند اوتار تہٕ یہ باش اُس تہٕ گٔنے
تہٕ تموکوٗر ہس وینکٹھ نارائن ناو یعنے سوٗرگُک راچھی دَر۔ یہ چھُ اصنام گری ICONOGRAPHY
کشیر ہُند خاص عطا مانہٕ پوان۔ سرینگر میوزیمس منز چھِ اَکھ کٔتی نمونہٕ۔

مشہور آرکیٹکٹ میسرز قادری لیس سپرز یہ کام سُپرد۔ قادری صاب آے سرینگر۔ تمو وُچھ یتیٖہ وارِیاہ تعمیر۔ ایمپوریم بلڈنگ تہٕ امیک باغ تہٕ، پتہٕ بنوٗوکھ ماڈل۔ اَتھ منز اوس اکھ جدید ترین طرزُک آڈیٹوریم یتھ منز باہ شتھ لوکھ اَکے ساتہٕ وٲتہٕ ہن۔ زٕ آرٹ گیلری اکھ جدید تہٕ بیاکھ رِوایتی فن پارَن ہندِ خاطرٕ۔ زٕ سیمینار روم، اکھ لیکچر تہٕ فِلم روم، اکھ لائبریری تہٕ اکھ ساوٗنڈ ریکارڈنگ سٹوڈیو شامِل ـــــ ۱۹۸۱ء منز کوٚر شیخ صابن اتھ شرف منظوری عطا۔ تہٕ اَمہِ خاطرٕ کوٚرکھ ۲۵ لچھن ہُند ابتدائی رقم تہٕ واگُزار۔ مگر یُتھے کام شروع گژھہِ ہے شیخ صاب گے بیمار تہٕ پتہٕ مُلکِ عدم روانہٕ۔ مگر ۵، دسمبر ۱۹۸۲ء یعنے تہندِس زادوہس پیٹھ لاج تہندی جانشین ڈاکٹر فاروق عبداللہ صابن اتھ کینہٕ کنٛز۔ یوٚسہٕ وارِیاہس کالس موجوٗد روٗز۔ تہٕ ایمپوریم باغس اوس ریڈیو چوکس منز بورڈ لیکھتھ "SITE FOR TEHZIB MAHAL" یتھ کالس منز گے تہذیب محل (عربی اصطلاح) ہِکی خواہ مخواہ دشمن صف بند تہٕ تمو کوٚر اتھ جوٗیہ آب بند۔ بنسی پارمو صاب اُسی شیخ صابنہٕ گُذرنہٕ پتہٕ ووٚنی پھربکھ ترٲوِتھ اکھ پتہٕ لگہٕ متی۔ آرٹسٹ تہٕ آسنُک اوسکھ دعوٰی مگر ووٚنی اُسی بقول شری تریلوک کول کم ووپزاوی (LOW CREATIVITY) آسنہٕ کنہِ باقے کھشری پاجامن زنگ ترٲوِتھ پان تہٕ آن ماناوان۔ ہنے چھنے مُصدقہٕ اطلاع زِ یِمہٕ دوہہٕ تمن پزٕتھ بیٹھ زیہ خواب

گوپاٹاسی، تمو بنیہٕ نوٚو سیکرٹریٹ اَکھ لڈو مِٹھاۍ بٕرِتھ بٕج ۔ یہٕ سوٚ باگرأوکھ تمہِ وقتہٕ کِس بااقتدار افسر بہٕندِس کمرس منٛز ۔ اَمِکی تصویرہٕ چھہٕ موجود ۔ پتہٕ ۱۹۹۹ء منٛز ووٚتھ اَکھ معاملس بٔنیہِ لوٚج ۔ ڈاکٹر فاروق عبداللہ اُسی وزیرِ اعلیٰ تہٕ محمد شفیع اوڑی صاۓب وزیرِ تعلیم و تمدُّن ۔ بنگلوٗرُک کالونٛدے آرکی ٹیکٹ آو بُلاوِنہٕ تہٕ تمی بنوو اَمیُک ماڈل ۔ نہرو پارکس بپارِ شنکراچاریہ چہ شٕھ بالہٕ لچہ تل بیٚتھن بالس کھسہٕ پٕج وَتھ چھپے نیران ۔ اَمہِ خاطرٕ اُسی زٕ کروَر روپیہ بنکس منٛز الگ تہٕ تھاونہٕ آمتی ۔ مےٚ کوٚر اکِہ دوہہ تمہِ وقتکی وزیرِ تعلیم عبدالرحیم راتھر صاۓبن فون زِ اَتھ کیاہ تھاوٕو ناو ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ یہٕ اوُسُس ووٕنی حکومتہٕ نِشہٕ فارغ سپُد مُت ۔ مےٚ دیُت دٕ ماہ پتہٕ واپس کوٚرمکھ ٹیلی فون ”آثار محل“ حض روزِ جان تکیاز اَکھ منٛز آسہِ میوزیم تہِ ۔ ناو سپُد پسند تہٕ ۵ دسمبر ۲۰۰۱ء یعنی شیخ صاۓبنٕس زادوہس پیٹھ آو اَتھ کَن دِنہٕ ۔ تہٕ واریاہ لوٗش کھالنہٕ ۔ کام گےٚ شروع تہِ تہٕ ڈھانچہ تہِ ہیوٚتُن ووتلُن ۔ مگر ۲۰۰۲ء منٛز ہور فاروق صاۓبنہِ جماژ الیکشن تہٕ حکومت آیہٕ نہٕ اَتھی ہستی برابری تہٕ گیہِ آثار محلچ بُٹۍ تہٕ ژھیتہٕ ۔ بیٚلہِ یہٕ ۲۰۰۳ء کِس رِیتہٕ کاۓلس منٛز اَکھ مقامس گوس، اَتہٕ اوس کھاجمژن لرٕن ہنزن لرٕکانٛین برٕ یانہٕ کرنہٕ یوان ۔ یس انسٹی ٹیوٗٹ آف ہوٹل مینجمنٹ ناوُک مکانہٕ یوٗ راہ اوس نوٚن، آثار محل اوس وُنہِ شتنے کھنڈر بنتھ پوٚت کالہٕ کین آثارن منٛز ژمیوٚمُت ۔ شاید اوس اَتھ تہِ ناوُکے پراہ مِتیومُت ع

گُم ہو وہ نگین جس پر کھُدے نام ہمارا

ووٗنی گو مہجوُرٚن پٮ۪ٹھ شار ہے کأنسہِ یاد پٮ۪یہِ تس وٚلنٕو زانٕتھ دناسیرِ

چھُنہٕ مطلبے ع

آوٕلُن ژھوٚرٕ پیالہٕ ہٮ۪تھ پھیران نٔژان رأتس دوہس

دیُت نہٕ آسن وأنلی ڈرِی یاوٗن تمِس اکھ قطرٕ آب

— O —

جوٗم شہر چھ توی برج کِس ڈیچھنِس طرفس بکرم چوکس اپارِ اکھ سمبھٕے دیدٕ زیب تہٕ خوبصورت عمارت (بلکہ عمارژن ہُند اکھ کمپلیکس۔ بالکل بجہ سڑکہ پٮ۪ٹھ۔ یہِ چھُ جیمٕو شہرُک سارِوٕے کھوتہٕ دژوٗگ تہٕ پژیہ وٗن زمینہِ پاتھُل۔ اکھ چھ پٮ۪ٹھٕ کنہٕ مندرٚن ہندِس شہر چیو مندرٕ و آیے اکھ شوٗبہ وٗن کلش ووڈِ۔ اندر اژو نہٕ ژو واپارٕ سبز قألینہٕ ہوی بٔڈی بٔڈی چمن یمن منز رنگارنگ پوشن ہٕنز زمُرد چھاوے چھٕے۔۔۔۔ تازٕ بہ تازٕ تہٕ نٔو بہ نٔو۔ یہِ چھُ اکھ ثقافتی لحاظہٕ جرمن خوجہ شہرس دوٚن ترٕین افسرن ہُند دیُت۔ مِس سُشما چودھری، مسٹر چکرورتی تہٕ بٮ۪یہِ مسٹر اجیت کمار۔ گورنر ہٕندِس راجس منز بیٚلہِ مہرأج سُندر راج پاٹھ نٔوس زمٕنس اوس آمُت سرینگر کلچرل کمپلیکس بناوُنہٕ خأطرٕ آیہِ دِلہِ پٮ۪ٹھٕ کُنژ تام کرور روپیہ۔ یمن آو رأیسے کوچہ پھیر کرٕنہٕ تہٕ کلا کیندر گو آغاز۔ ژھوپہ دوٕ پہ کرٕتھ تہٕ آدمی قہرٕ نشہ دور دورے، پتہٕ آسن اکھ وارِیاہ دیار

لگ منز۔ مگر یہ بینومنٹ چھُ تہٕ چھِ امہِ شہرکہِ خاطرٕ اڈ گز مانٛز ڈوڈ
گز پۄژ۔ دلہِ یپارِ چھُنہٕ شمالی ہندوستان کُس کُنہِ شہرس یُتھ ہیو
بوش۔ تہٕ یُتھ بوش چھُ جوش تہٕ انان نٔہ ہوش تہٕ۔ ؎

ایک ہم ہیں کہ لیا اپنی ہی صورت کو بگاڑ
ایک وہ ہیں کہ جنہیں تصویر بنا آتی ہے



جمہ سپُد 2006 منز یونیورسٹی منز زوراور سنگھ آڈیٹوریم آغاز۔ دیان امہ چھ 22 کرور زیادٕ روپیہ لاگت لگمٕژ۔ خاص آڈیٹوریمس چھ اکھ ساس لوکھ ہیٚنٛچ گنجائیش۔ بیٚیہ چھُس نٔہ آرٹ گیلری تہٕ یمن منز اکھ نندٕ ریشی سٔندِ ناوٕ تہٕ بیاکھ لداخ کِس اکس لاما سٔندِ ناوٕ چھ ــــ آڈیٹوریم چھُ سیٹھاہ شاندار تہٕ امیُک محل وقوع تہٕ چھُ سیٹھاہ جان، توی ہٕٹس نکھ نکھے اکِہ طرفہٕ کدل پرائینس جمی شہرس سیتی واٹان تہٕ بیٚیہ طرفہٕ اکھ وٕتھ گاندھی نگر، بیاکھ تریکوٹا نگر سان لٔوس جمس سیتی۔ مگر امیُک ناو چھُنہٕ کُنہ خاص ویژارک پیٚ دِوان۔ زوراور سنگھ اوس راجہ گلاب سنگھن اکھ جرنیل یمی لداخ وغیرہ علاقن منز واریاہ خونریزی کرٕ تٕتہ چھ وُنہ تمیٚ سٔندی زبردستی تہٕ ظلمک آگھ وُنہِ یوان تہٕ وبداکھ دِنٕہ یوان۔ مگر بیاکھ اہم کتھ چھ زِ سُہ اوس نٔہ ریاستُک باشندٕ یا روزن وول۔ سُہ اوس اَزٕ کل کہِ ہماچل پردیش کہِ کلو۔ جمہ علاقُک تہٕ جمہ کِس راجہ سُند تنخواہ دار مُلازم۔ یمیقٕن تمدنی

نِشانن ہِتھ غأرٕ متعلق ناوکرٕنؠ چھُ ہاوان زِ جس کیاہ وژھ ہے چھ لوک نیاکین
تہٕ ثقافتی نِشانن ہنز۔ ووٕنؠ گومیاأنس کلچرل اکادمی ہندِس زمانس منز
کوٗر اَسہٕ اکادمی ہتھیٖرِس اَبھنوگپُت کشیٖرٕ مُنھد، بییہ ہتھیٖرڈ آرٹِک اکھ عظیم
شارح تہٕ تمہٕ اپوراوس اَتھ ناوٕس معنیٖک الگ ڈھنگ تہٕ اتھس کینہہ۔
ـــــ ابھنوگو سنسکرت پاٹھؠ ULTRA MODERN یعنی نوٕکھوٕ تہٕ نوٕو۔
سرینگرس منز تہٕ آو یُہس یونیورسٹی اکہٕ بڈٕ آڈیٹوریمک ڈٖسلاب
کرنہٕ۔ یِتھ منز خاص ہالس منز ڈھاے ساس لُکھ بِہِتھ ہیکان چھ۔ یہ
اوس شیخ محمد عبداللہ ہٕنٛ سوٗنجمُت تہٕ سوٗرمُت۔ یونیورسٹی ہنٛدِ
کنووکیشن ہالہٕ کہٕ خیالہٕ ـــــ ہتوٕے اوس اَتھ کٔنؠ دیُتمت مگر اَتھ لگؠ پنٛژہ
وٕری زیادٕ مکمل گژھنس۔ ڈُنہٕ چھُ بےناوٕے۔ حالانکہ کشمیر یونیورسٹی ہندِس
بانی تہٕ کشیٖر ہندِس عظیم الشان عوامی رہنما شیخ محمد عبداللہ ہُنٛ ناو ہیکہٕ اَتھ
ڈٕکہٕ ٹیٖکہٕ بُنِتھ ـــــ تہندِ اَتھ سِتؠ وابستگی ہِتؠ تہٕ تہندِ گوناگوں شخصیت
کہٕ عظمتہٕ حسابہٕ تہٕ۔ مگر دِلہٕ والین چھُنہٕ شاید اَتھ سِتؠ وار بنار۔ شیخ صاب
چھ اَتھ نکھے ابدی ڈاپھ تراوِتھ۔ آڈیٹوریم تہندِس ناوٕس سِتؠ منسوب کرُن
چھُ انصاف تہٕ تہٕ مناسب تہٕ۔

# دینا ناتھ نادِم — اکھ تمدّنی شہزاد

8 اپریل 1988ء سپُد پنڈت دینا ناتھ کول نادم ہندِس سورگہٕ واس گژھنس پیٹھ ریڈیو کشمیر سرینگر شرٕ دھانجلی ہُند اکھ خاص پروگرام نشر۔ییتھ منز تمہٕ ندٕ ممتاز ہم کالو تس متعلق پننی تاثرات پیش کرٕ۔ ییمہٕ سطر لیکھن والی کھاوی یم لیکھتھ۔ تہٕ ازچھ ییمہٕ کتابہٕ منز رچھ کرِتھ پیش کران۔(م۔ی۔ٹ)

نادم صاحب شاعر ہونے کے علاوہ ایک فریڈم فائٹر تھے اور بڑی شخصیت کے مالک۔ اُنکا خلا کبھی پورا نہ ہو سکے گا"

(ڈاکٹر فاروق عبداللہ چیف منسٹر)

"وہ غلام رسول آزاد کے ساتھ لیجسلیٹو کونسل کے لئے اُستادوں کے حلقے سے چُنے گئے تھے۔ اُس وقت آزاد صاحب ٹیچرس ایسوسی ایشن کے صدر تھے اور نادم صاحب جنرل سیکریٹری۔ انہوں نے کونسل میں بہت اچھا رول ادا کیا۔"

(حکیم حبیب اللہ
چیرمین سٹیٹ لیجسلیٹو کونسل)

"نادم صاحب نے کشمیری ادب کو نئے اصناف اور نئی جہتیں

بخشیں ۔ سانیٹ اوپیرا وغیرہ ۔ اُن کی یہ عطا بُھلائی نہیں جاسکتی ۔ آخری عُمر میں اُن کے طرزِ تحریر میں انقلابی تبدیلی آگئی ۔ وہ چھوٹے چھوٹے ٹکڑے یا قطعات لکھنے کی طرف مائل ہوئے ۔ جنہیں گائے اور کُتّے جیسے کرداروں سے شعریت کے نایاب مضامین نکال لیتے تھے ۔ ظاہر ہے کہ آخری دِنوں میں اُن کا مطالعہ اور مشاہدہ بہت غائر اور عمیق ہوگیا تھا ۔ اور اُن کی تخلیقی حِس بہت تیز ۔ اُن کا کلام بے بہا ہے ۔"

(میر غلام رسول نازکی)

"کأشر زبأنی سۄد تیُتھ نوقصان یُس پورٕ گژھن ناممکن چھُ ۔ کأشر زبأنی ووتھ بوٚدِنس تہٕ نٔین رنگن ہُند پأراوکرنس منز اوس سُہ بے مثال ۔ بلینک ورس ، فری ورس ، سانیٹ بیتر چھ کأشرس تسندے دیُت ۔ تمۍ واتہٕ نوو کأشر اَدب کتہٕ کوٚت ۔" (محمد امین کامل)

"یہ اوس نأدِمُن ییگ ۔ سُہ اوس پأنی پانس منزے اَکھ ییگ ۔ سُہ روزِ کأشرس اَدبس منز اَمر ۔" (سومناتھ زتشی)

" نادم صأبن دیُت کأشرس بلینک ورس ، فری ورس ، سانیٹ ، اوپیرا بیترِ ۔ یِوتأنی کأشر زبان پوشہِ نادِم صأبُن ناو روزِ زِندہ ۔"

(پروفیسر غلام نبی فراق)

"نأدِم اوس کشیرِ ہُند شہید ۔ سُہ دزاو تہٕ پنُنہ فنہ چہِ قلایہ منز کشیرِ بنیر ۔"

(پروفیسر رحمان راہی ۔ ٹیچرس کالج کس جلسس منز)

"علامہ اقبال سِندِ مرنہٕ پتہٕ یہ اُردو ادبس گُدریوو تہٕ سۄد کأشرِ زبأنی

نادِم ہِندِ مرتبہٕ ہیتی۔ کأشرِس کیٚتٕ اوس سُہ اقبالؔ ہِسے ہیو کارکُشایہٕ کارساز۔ تمیٚ زن کوٚر اَکھ SPACE BRIDGE تعمیرٕ یُسأنی غریب زبان وأتنٕ عالمی اَدبس ستی۔ یہند اوپراکمی کأشرِس منز لیکھی، تیتھی آسَن خالے واریاہن ہندوستأنی زبانَن منز۔ تس اوس مُصوّری ہُند گیان دھیان تہٕ بٕہ موسیقی ہُندتہٕ واریاہ پے پتاہ۔ تیٚندٮ۪ن اوپیراہن منز چھ واریاہ نغمہٕ لےٚ یہ تہٕ گائنگ اپہٕ تیٚندے مَن سرِکملر۔ حالانکہ ہانژھ چھکھ بیین ہنز۔

(محمد یوسف ٹینگ)

"نادِم اوس بڈٕ ڈوکُک شاعِر۔ تیٚمۍ شاعری چھ کأشرزبأنی ہُند شاندار اِمکان دٔریافت کران۔ سُہ اوس اَکھ مُکمّل کلچرل علامتھ تہٕ یُس سانہِ کلچرکِس سأری ہِسے وراثتس پیٹھ عبور اوس۔ سُہ اوس سانہٕ اکہٕ ادبُک بوز شوزٕ وول اُستاد تہٕ تیٚندٮ۪ن تحریرن منز چھُ کشیر یتھٕ خوبصورتی سان برپٕرٛژھ کران۔ تس اوس ڈراماتہٕ اوپیرا تخلیق کرنہٕ علاوٕ اَمہِ کہٕ پروڈکشن تہٕ ہدایت کأری ہُند حس تہٕ۔"

(ایران کِشور کول)

"نادِم صاحب نے پہلے پہلے اردو میں بھی شاعری کی۔ وہ سحرؔ تخلص کرتے تھے۔ عامِل درویش کے ساتھ ان کی آمدورفت تھی۔ عامل درویش خود بھی شاعری کرتے تھے اور نادم صاحب اُن سے مُتاثر تھے۔"

(پیتامبر ناتھ درفانی)

آفتابن بھُو لیکھمِت کیاہ عجب
اوس نأدِم نأظرُن اُستاد، بَب

1988

(غلام نبی ناظر)

"سُہ اوس کأشرِ زبأنی ہُند ٹیگور۔ بھُو دقد، بھُرٕ آواز، مائیکروفونک
اوس یُہ لِس ضرور بھِتے پیوان"

(شیام لال کول، صحافی)

---

## جدل تہٕ وصل

خاندر چھُ کُنے جنگ یتھ منز اِنسان
پننہٕ لِس دُشمنس سیتی نرٕ آلوِتھ شونگان چھُ۔



# مقامِ شہناز[1]

کاشرِس ادبس چھُ سائنس زمانس منز اکھ ہرموکھ بال ییٚنہٕ زیٚٹھ شٕینہٕ پٔتھر (GLACIER) کوچھ منز ہیٚتھ شاندس ییٚنٛٹھ موجود ...... رحمان راہی تہٕ تٔمِسنٛز شاعری۔ گلیشر چھُ زمینہٕ تہٕ جہانٕ وٕرکٕ یہٕ وادٔن سگہٕ وان تہٕ سبز تھاوان۔ اَخیتُ واریاہن یگن اندری سریہ واتناوان تہٕ وۄپرن پایہ بخشان۔ راہی سنٛز شاعری تہٕ چھےٚ سائنس ہمکال ادبس چارو طرف وُلِتھ تہٕ اُلِتھ اَرکٕرِتھ۔ باسان چھُ امہٕ چہ مرطوب واو گژایہ پوشن برونٛہہ کُن تہٕ۔ مگر بُتلہٕ چھےٚ پننہٕ کراماتہٕ تمن ہندی وَل، ژھل تہٕ بُل ہاوٕنی لگان۔ باضے چھےٚ شٕینہٕ سۄدرٕ تلہٕ ہنگہٕ منگہٕ کاہہ وُشن آبہٕ بُرایہٕ ہموار بٔنِتھ ہیوٚر کھسان تہٕ ڈالہٕ دِوان دِوان نژان۔ اَمہٕ عستی چھُ شٕینہٕ پٔتھر ہُند ژُم تہٕ دَم کُنہٕ حدس تام کم گژھان۔ ییٚتہٕ کنہٕ کُنہٕ جرّار لشکرس منز یُس سِلاح ساماہنہٕ ستی گٔرہِنز آسہٕ کران، کاہہ موصُم شُراہ پننہٕ پادشاہ خیالکی ژٔنگرٕ تُلِتھ نظرن بےٚ شوٚنکی پائٹھی رونہٕ لاگہٕ۔

ییٚمہٕ سوٚمبرنہٕ ہُند شاعر، شہناز رشید تہٕ چھُ پننہٕ آلوٕ ستی سانہٕ ادبی

---

۱ موسیقی ہنداکھ مقام

ہرموکھک شاپھ مانتراوان تہٕ کأشرِ شارٕ کِس فٲرِ یَس گنٛدان گنٛدان اُکِس نٔوینہٕ پوشہِ ہِیٚنٛجہ پیٚٹھ واتناوان۔ اَتھ حدس تانی زنتہ بوزن وول تِمنٛز سازِچہ گیٖتہِ منٛز اکھ بَدلٕے زگیتھ پٔرزناوان تہٕ چھاوان چھُ۔

شہناز سٕنٛد اصل انحراف چھُ راہی سٕنٛز زبانی تہٕ ٲندِشہٕ ستی واٹھ، تِمنٛز زبان چھےٚ لوٚتہِ لطیف، کأشرِ ہِن ہندِ بابتھ تھَن تلیٚج، محاورٕ تہٕ وَرتاوِچ دوٚیِم بہتر بہتھ تہٕ ویٚز باسان۔ سأرِی سے مجموعس منٛز آسن اِضافت واجِنہ ترکیبہٕ گنٛزرنس لایقے۔ راہی سٕنٛدِ طریقٕہ بَرعکس چھےٚ تِمو خالےٚ کینٛہہ نٔو ترکیبہٕ ورتاوِمٕژ۔ مگر لوتہٕ چھُس باوَن بتٕرٕ تہٕ ہاوَن سوٗتٕر معنہِ سوو مَن رنٛزٕوُن تہٕ سوخن سرٲیی ہنٛز نٔوِ زانہٕ لانگہٕ آباد کرن وول۔ باسان چھُ زن تہٕ اکھ لوو لِلہٕ کأنسہِ بارستہٕ ہٕنٛتس ستی ترپان ترپان کُنی شوتُلیہ تُس برونہہ تہٕ نیرِتھ ہیکان چھُ۔ یہ چھےٚ سانہٕ شاعری منٛز اکھ پٔرژ براشتھ تہٕ بَراتھ بَنان۔ یَتھ منٛز ینہٕ کالِچہ واریاہ برکَتھٕ تہٕ بشارٕژ بوزنہٕ چھےٚ یوان۔ انشاء اللہ

اُدبُس چھُنہٕ پننہِ بجہ ماجہ زندگی ہندی پاٹھی کانٛہہ فارمولہ یا پورے تھٕرمُت قوٗنوٗن برؤبرٕ تہٕ بیہٕ بہان۔ کُنہٕ کالَس ہرگاہ کانٛہہ پٔژھدہ ہشش غوش اندیشی باشہٕ کران باسہ، لوتہٕ کُنہٕ وِزِ تہٕ چھےٚ سو واقعاتن ہندٕ دوکرِ دٔبہ ستی پھٕٹان۔ مثلاً پٔی زِ نٔوس خیالس گژھہ لازِمن نٔو زبان تہٕ بَدل گنٛڈنی آسنہٕ۔ یہ کتھ چھےٚ وِزِ وِزِ لانٛزس کھاٲرتھ گَلہٕ ناوینہٕ آمٕژ۔ اُدِ کانٛہہ بدل کونہ ہُنٛد پٔرٕ اِمکان شاعرا چھُ نیران تہٕ نٔوی مناظر ہاوتھ

دِوان ۔ شاعر چھُ ژ کہ گنڈتھ تو لنشہٕ بالا آسان ۔ توے چھ پانے پننہٕ میثرہٕ تہٕ میزان بنان ۔ شہناز رشید چھ ساہن نوجوان شاعرن ہنٛز پُتشنہٕ ہُند ۔ یہ نسل چھُ مابعد جدیدیت کس زمانس منٛز سوخن سرائی کران ۔ شہنازس چھ پننہٕ رلوائش ہُند، یتھ منٛز آہی سُند ثھدٕ شعر یک کلامہٕ تہٕ شامِل چھُ ، پورِ عرفان ۔ مگر یوسہٕ زبان سُہ ورتاوان چھُ یتھ چھُنہٕ ادبی زبانٕنی ہُند ہیتھ تہٕ ہُنر ۔ یوسہٕ زبان سُہ لیکھان چھُ ، سو چھےٚ یتھ حدس تام دوہ دِشرچ پرزنتھ تہٕ خصلت تھاوان ، زن تہٕ چھ اُسی یہ زینہٕ کڈِل وو کھلی نزان تران بوزان ۔ منٛزی ہینکہٕ اکھ پیٹھ ووِنی ہنا دوٗر ، یمِتس مہجوُرن تہٕ برونت گژھِ ہیتھ ۔ ے

ازکُنی ژٕنی وِ چھیتھ ژوداہ زوٗن
داٗر اکھ آبہٕ سخ عذابُس منٛز
ووِنی پہٕ نیران تم گولاب کترٕن
یِم پہ اوسُس وُچھان شبابُس منٛز

○

میوٗن مطلب چھُ لفظن ہِندس عاٗن غاٗن وجوٗدس سِتی یمن منٛز چھُنہٕ کانٛہہ ، یُس نہٕ مہجورس اِمی مانہٕ کِنہٕ گنڈِ ہے ۔ مگر ہشر چھ پتے ۔ اکھ یتہٕ کنہٕ یُس وُہرِش بلکہ SENSIBILITY چھےٚ سو چھےٚ ساٗدروار اکھ مثالہ منٛزنے ، مگر باقی شارن منٛز چھُ اکھ نوو اُنہار تہٕ ژینِن ترائے تہٕ یِہے چھےٚ یمہٕ مجموعچ زِنہٕ وان ۔ ے

اَمہِ کھوٚتہٕ یہٕ کیاہ لوٚلہٕ کے شہرٕچ خبر وٚنے

لفظہٕ ژٲر پٔرٲنی یٔنے تہٕ ربٲیتَس نکھہٕ ڈٲکھہٕ۔ باوَن ترٛلے وٕتِرٕ تہٕ وَیہٕ وٕنی۔ گنڈتی سیٛود سیٛود تہٕ اَلبساوِ شرٕ کھوٚ لنشہِ مُچھہٕ۔ بیٛیہِ اَکھ مٔنز آب رِواجٕچ بے پھرٕک روٲنی ..... تاثیرٕ تہٕ تاثُر تازٕ بتازٕ۔ اَکھ نوٚ ہوٚ ہہٕ رلے ہِش تہٕ بدلے بَدلے ڈُلہ گنٛزِ دِوان۔ وٕلوٚکیٛشَن شارِن دِمُوساٗرٕ ے

یٔتہٕ پوٚ کھیٛیہِ صحراوَن پٔرٕ واوٚبرٕ نَبَن

یٔتہٕ پنٛجرٕ پٹیٛن موٚٹھ پٔرارُن مُدٕے گنٛڈٕتھ شہزادٕن

یٔنہٕ زوٗنہٕ ڈبے گے زوٗنہٕ دغا دِتھ

تٔنہٕ گو وارٕہ کال

(قرنہٕ پھیٛر ..... نظم)

یہٕ گو ہناوِو پرٕ ہیٛو نظم۔ سائنس سوٗ تہٕ سائِرس غزلَس تہٕ چھُہ بی حال ے

پہچان گمٕژ مالہِ تِمن اٗس، نظر راٗسی

کم اٗنہٕ ؤرفتار اٗچھو میلہٕ کنہِن ٹھاٗسی

محفل سوٗ اٗچھو کیازِ وُچھم میٛشانہٕ خدایا

دستار سَرَس اٗسی، نہ سرپوش سَرن اٗسی

یِم چھے بیٛہِ بیٛہِ تلنہٕ آمٕژ مثالہٕ۔ مگر شُہنانٕ زِہندِ پٔنٛچ زٕتیٛ چھے یِمن منز تہٕ موجود۔ زبان بول چالِچ مگر لوتہٕ زیادٕ تازٕ، لفظ دستار دِ جو مٔنزٕ

پھیاۍنتھ، نکھہٕ تلکٕی مگر ورتاوٲزی چہ حسیت ہتہ سۅمبِس سۅم۔ صِرف کاشُر سپےٚ نہٕ، اَختےٚ اَمہِ کھۅتہٕ بجِن زبانَن ہِندِس ہم عصر لہجس بر و بر بر و بر ...... دژاپہٕ ناکتھ زِ ابہامچ کاژر وٚنل تہٕ گوٚ بہٕ بیانٛگ ووٚلہٕ بور نہٕ تُلنہٕ باوجود ہینکہِ تازٕ شعر اَزی کس بوزن والِس اَکھ اَکھ رُم کرنہٕ ناوِتھ، تہٕ ٹُندرأوِتھ تہِ ...... مےٚ چھُ جرمن نقاد سائی سانگ سُند یہِ قول بیٚنیہِ یاد ہیوان زِ رُت شاعر چھُ زبانٕی ہِنٛز دوشیزگی بحال کران۔ شہناز سُند لفظہٕ راش تہٕ آلوٚ پلوٚ چھُنہٕ ولیوٚ دُے یوت، اَختےٚ اَمچ بندِش تہٕ ادائیِ تہِ چھےٚ کاشُر آیہِ ..... ہاکہٕ بُدِس ہیٚنٛز دیلیوٚک گنڈ۔ مگر جہانِ معنی چھُ چینتن تہٕ باس چہ طلسمی آبہٕ دوزٕ ہتہ کتہِ کوٚت۔ یِمہِ مجموعُک شاعر چھُنہٕ حسیت چہ تازگی ہُند باس دِنہٕ ہتی یوت بلکہ آن مایہٕ راوان۔ لَتِس چھےٚ اِنسانی جذبَن ہندِ ہِمن وژارن، آکارن ہتہ تہِ رسائی ہمِن ہِندی خولہٕ خط مَن سَراپہٕ ہندِ پاتالَن منز ژھینچھ دِتھ روزان چھےٚ۔ یِم اکائیِ تہٕ لفظن ہِنٛز و کمندو منٛز پشلبن گرنن ہِندی پاٹھی ووٚتھ تلِتھ ژلن والی جذبات اِظہارکس کرٕ بیٚجلِس منز کاپہ اَہنٛز چھُ اَکھ بوڈ معنیاتی فتح آسان، تہٕ یتھ کتابہٕ منٛز چھِ یتھی فتح مُبین سولہٕ سولہٕ ےٚ

نظرِ یِمہٕ لَتِس چھےٚ ہِمن سورِمہٕ اُچھن راٗچھی کرٕنۍ
سونتہٕ بابتھ چھےٚ تِمس گُتی جہ بُکھن راٗچھی کرٕنۍ
اَکھ گداگر زِ رنیوٚمُت چھُ ہلم تام یِمِس!
کوٚت مُشکل چھُ تِمس توٚلہ موچھن راٗچھی کرٕنۍ

چاٲنی کام آسہ تہٕ مالۍ ہلہٕ ڈُوٗن تارکھ نب
میون مَسلک چھُ مگر زوٗنہٕ بچھن راچھہٕ کرٕنی

○

پریچھ دوٚ بہ نوٚے دلیل تہٕ سرتاز انکشاف
یِم چشمہٕ چانہٕ زنتہٕ چھےٚ کانہہ سائنسی کِتاب

○

مُشکل چھُ سینکستانہٕ پھوٚلنی پوش، تِمِس پےٚ
اِنہار میون توتہٕ وَوان آسہِ گٔنیٚ زوٗن

○

یُتےٚ یوت نہٕ، تُمہِ چھ وانسھ تہٕ زز مگر ورتاو پاسہ اِستعارن
تہٕ نوٚکھوٚنوٚ دِتھ تِمن ہشن باوَن ترایِن موکھ پرٕ پرٕ لاَوی مَتی، یِم
وُنیشتام ژھاین ہندی پاکھی شاعرن بڑوٚ بہہ کنہٕ چھو چھ کتر کران آسہِ،
مگر اَتھےٚ آسہ نہٕ یوان نہٕ اِظہارُک قالب سجاۆتھ ہبکان۔
کیٚتھ بیٚہہ بلبوکھ کیازِ وُچھتھ خاب یوٚسفنی
ہے میانہٕ شُہِرکانہٕ ژٕےٚ چھی داوِ داوِ کھُری

○

اَزی کس کیاکُنہِ زمانہٕ کس شاعرس تگہ نہٕ بنہٕ نوٚو زمانہٕ چیوٚ سِرہ
گُسرہوٚ تہٕ رایوٚ بشہ بےٚ خبر روٗزِن۔ اَختےٚ چھُ شاعرسندِن کنن تل یِمن
بُند صدا سمندر زیادٕ گرٕزان۔ شہناز رشید ییتھ کالہِ ہانکلہِ ژونبِتھ چھُ

تتھ منز چھے کشیر اکس دوکھ آولنس منز وو تلان تہٕ بوڈان۔ اَخئے وُکر وُکر گیتہٕ گیوٚر کران۔ سورُے زگتھ تہٕ چھُ یُتھ زٕ کھراوِتھ۔ وولیومُت تہٕ وو تل بجہ کران۔ یتھ مجموعس منز چھُ شاعرٕ سُند قلم یہ سورُے وترا وان تہٕ وہپہ راوان۔ مگر کُنہ شایہ چھُنہٕ اَتھ صحافی ایپر یا تاثرٕ سری اِظہارٕچ کاںہہ گراے۔ تفصیل ہٕ کُنی مگر تاوِل سوٚن تہٕ گوٚن۔ یوٚنہ یمن شارن منز لیس کھنڈ پھٹ، کھُرِ دار تہٕ ہیڑ تزامُت سمسار بوزنہٕ یوان چھُ، سُہ چھُ پننہٕ خصلتٕ ہُند ترس دِوان تہٕ جِگر زٹان ے

یمن اچھن چھُ وُدُن لانہٕ لیوٚکھمُت وَقتن
ہُمن کنہن تہٕ بروٚن آسہ بے پناہ لوکو



وَدَو تہٕ خوب وَدَو ساری اسی وَدَو یکجا
دٲلو سمو تہٕ مقرر کرو دوہا لوٚکو



یمن ہٕ فطرتہ آیک مئے وُچھ اچھن اندر
یمے وَنان وُچھم جاپہ جایہ ناگ ہوکھن



پشمینہٕ کاںہہ کتاں نہٕ گُل ریز کاںہہ پران
ڈیپی زلس زِ سانہٕ شہرِ ہینس گو زمانہٕ شٹین

پربتھ اُلنس آئنہ دِلۍ لوٗر رنیوس

○

یِم کنِوی شہرکی رٕنیمتی روے ڈیٖشتھ
کِتی اَنہأری اَئنہٕ پھُٹۍ متی یِہتھ تلاوس

○

ئلو نتہٕ ما پرارِتھ زوٗن مَس پانَس
کَس نتہٕ ما آیہ کأنسہِ ٹاٹھس گوٗل

○

یام لٕجۍ ناو بوٗڑ تہٕ لوٗکو وُچھ
اُڈۍ چھ گوٗل، اُڈۍ چھ ٹھیٖلی کھیٖتھ آمتی

○

یِم چھےٚ کینہہ مِثالے، نتہٕ چھےٚ کتاب یِموٚگرِ دِ غبارو سیٚتی ہُوہَس منز وادٕلنی ہوی شأیِھ ڈنقشہ وو تلاوان۔ جرمَن شاعر گوٗیٹےٚ ین ونیوواز ہتھ زِہتھ وُری برونٛہہ زِ اَزِچ صداقت چھےٚ ووٕ نی اَکِس شیٖشَس منز پیٚنۍ عطر پھیانان...... شأعری...... مگر شأعری چھےٚ لاشعورکہِ ظلماتہٕ وُزِتھ تہٕ خابہٕ کِس رنگ محلس کُن وُچھ تُلان، رومان تہٕ لوٗکِہ ناگہ سبزار ژھانڈان۔ یِمہٕ کِتابہٕ ہُنٛد شأعر تہٕ چھُ اَتھی تندلہِ منز ئمی چھُ وُٹھن ہام لگنہٕ تہٕ زنگن لام اگاد گرژھنہٕ باوجود اکہِ طلسم خانک نقش وو تلوومُت...... یہ چھُ تُنٛد خیٲلی گام...... شٔہُل، سبز، سادٕ

تہٕ شفیق..... اَکھ صِرف ذاتی پناہ گاہ وُنُن چھُ ٹاکارٕ صداقتس ڈام کرُن۔ اَزی کہِ بازٲری سمساہٕ منز، بیٚیتہٕ اِنسان سٕنز تن، تسُند مَن، زنانہٕ جسمن ہُند لوٗسہِ ہِمن ہندن کاوِن تہٕ قوسَن ہنز وَن چھیپہٕ مالِ تجارت بنیمتی چھ، بیٚیتہٕ اِنسانَن ہنٛز یژدہ تہٕ پٔژدہ عقیدٕ، اصول تہٕ ایمان پیٚنہٕ ڈینگہن کھٲلِتھ نیلام چھ لِوان کرنہٕ، تِتہِ چھ وُنہٕ شاعرس اکہِ چھپن جایہِ ہُند پتاہ۔ تسندین خیالَن تہٕ لوکچارکین یادٕ وٕتریٚن ہُند گام۔

ویٚسی چاںٕہ شہر لوٗزمے نابد چھُ ٹیوٗ کھٹہ گوٗمت

ویٚسی میانہٕ گامہٕ اَز تہِ مُدری مأنٛز رٲژہ ہُری



شہرس چھےٚ نیلہ سٹرکہٕ دِہے دِہ تہٕ لارٕ لار

شبنم، گوٗلاب، تازٕ ہوا گامہٕ کی وُچھان



کمخواب ہے دٕنیاے مگر خاب نے دٕنیاے



کُمِس کُنہِ ژٕ نے شہر وٲتِتھے یہ گام پنُن

بٕ بے ژٕنے یاد، نہ رٕوٕدی ژٕہنس گُلابٕ کُلی!



بَر بٕکہٕ آلو، لوٗہنٛی پوشس تہٕ ژھوٚپہٕ دوٚپی ناگہِ پوکھر

کاہِہہ نیٚتہ کاہِہ ژھینہٕ گوٗمت ژوٚنہٕ شبس یاد پیوان

شاعری چھےٚ حُسن گارنچ ترییش توٚے چھےٚ ڈٕکس دِژہہ کھاٚلتھ شاعرن

میر تقی میر، بودلیر، میر انیس، میراجی بیتر بنشہ نہٕ رنگ کھاٚلتھ بہ......

دوٚپزان تہٕ رٕس پٔرِیڈان۔ یہ چھےٚ اکھ ترتھ پاٚڈی داویوسہ ورگہٕ زنمہٕ کین

سوخن گوین اٚکی ہے یارہٕ بلس پیٹھ سومبراوان چھےٚ۔ وُچھو تو نعمت خان

عالی سُندیہ خوبصورت شعر ے

رنگِ گُلشن بہ زمین طرزِ نگاہش ریزد
نقشِ پا برگِ گُل تازہ بہ راہش ریزد

مرزا غالب چھُ اکھ پننہٕ طریقہٕ پیٹھ کنہٕ باوان ے

دیکھو تو دِلفریبیٔ اندازِ نقشِ پا
موجِ خرامِ یار بھی کیا گُل کتر گئی

شہناز رشید تہٕ چھُ ہمپوشہٕ پادن ہُند یہ خراماں وُچھان تہٕ غور طلب گژھان۔ تمٕ تہٕ چھُ یہ حسین اِستعارس منز نقش بند کوٚرمُت۔ پننہٕ رنگہٕ تہٕ پننہٕ مزاجہٕ...... ہیٚرم دوٚشوٚے شعر چھِ اکھ پتہٕ کنہٕ وُزان۔ حالانکہ مےٚ چھُ خیال زِ تس آسہٕ نہٕ نعمت خان عالی سُندِ شعرک ظوٗنے۔ پیکرن ہنٛز دورنگی باوجود اٚکس اٚندرِ مس سطحس پیٹھ یہنٛز ہمسائیگی چھےٚ ہے بُنگہٕ کران ے

شامہٕ ہُنٛز پرِیتھ پوٚد شمع وُچھےٚ گھاں
زوٗل کرنچ زیرِ ہَنِ لوٗرِ چھےٚ یو

شہناز رشیدنی یہ سومبرن چھے پننہٕ مُشکہٕ تہٕ ماٗنھۄر کنی کاشُرس

اکھ شۆبہ وُن گاچ آراستہٕ کران۔ اِظہار ہیٚن تیز، باوۆژ بلگ، بۆڑ طاقتور

پیکرَن ہُند موٗرٕ خانہٕ اَنہور عنوان ہیٚتھ، محاورٕچ لبہٕ بھرن لۆو آپہ، مگر خوشنما

لفظٕت تہٕ بندش دوہ دِشرس نالہٕ مٕتی کران۔ یہ چھےٚ سانہٕ وَرتاوٕ زبانی

ہندی اِمکان ثابت کران تہٕ پارٕ دِوان زِ رُت شعر چھُنہٕ لازِم طورٕ نہٕ

وبڑوُن یا مُشکل آزما آسان یِتھس طریقس اَسی اُردو وٲلی سہل مُمتنع

ونان..... لوٗزُن تہٕ سارٕن کیٛت سٕہل مگر وٕنن کیٛت کرٕ لوٗ ڈٕ یہ چھُس

یہ رجحان راہی یَس دپد مان، خاص طور غزلس منز مابعد راہی POST RAHI

شاعری ہُند اکھ رُت نیب تہٕ پھرٕ وٕڑ سٕنز مانان۔

ییٚمہٕ سومبرنہٕ ہندی کینہٕ جستہٕ جستہٕ شار پیش کرٕتھ چھُس یہ پننہٕ لِس

یِتھ خیالس پُشٕنے کرٕنی برٕہان زِ یمن منز چھُ شۆد شارُت تہٕ اَخرُے

احساسُک سادرو وار باس تہٕ

یَس نہٕ اُلِٕ فِچ خبر یَس نہٕ بے یُک پتاہ
سُے چھُ ییٚمہٕ داستانٕکی وَرق بٕنی ژٕٹھ

○

پھلِ پھلی یورٕ کر لۆرٕ تہٕ لۆرٕ کی یور اَنان
جانا وارٕن چھُنہٕ سرحد سرحد باسان

وُچھ دُور گژھ وُہان تہٕ نزدیک آبشار
باسان چھُم زِ زنتہٕ طلسمی چھُہ میون یار

○

اَکھ جنگ سپُد دوہلہ تمن تاپہٕ ٹینکہن پیٹھ
وونی گورٛژھ نہٕ گژھن بیاکھ یمن موم بتن پیٹھ

○

شہرتہٕ گامہٕ پرٛیتھ اُکس لوٗکھ کِنان اَتھو پیٹھی
میانٛی قلندرن توٗے پَربتہٕ جائے ژٹ دوہے

○

ترٛیشہٕ ہتین معصوم پدین تل پاہٕ دٕ سپُد
زمزمی آبس اَزئے رِشتہٕ چھُ کعبس ستی

○

کُس نصف رأژ آوتہٕ ژوٗل داغ ہیتھ دِلکی
ناکھ جِگرن گُنٛڈس سُہ عجیبے قزاق اوس

○

اُخرس پیٹھ ...... یہ چھُنا تعجب کتھ زِ سون عظیم بیتھ کال تہٕ تمکی گاشہٕ تارکھ چھُ کُنہٕ ساعتہٕ شاعرس اجازت ہیٚنہٕ ورأے تَسند کلامہٕ منز ناگہٕ بُرہی نیٚنٛز نیران۔ تہٕ پتہٕ چھُ میٚے ہوس کانٛسہٕ اپارِ بازرکس وَتہٕ گَنتس تسند ناو شاعرس یاد پاوُن پیوان ۔

یتھ صحراوس پد پد سورگژ ناگ وُزان
کرتاٲنی دراہتھ پیاٲری ساٲنی جد باسان

یہ ہینکہٕ للتادت تہٕ اٲسھتھ۔ کشیر منز چھِنہٕ صحراہٕ اوے چھِے کشیر نیبر کیتھ واتان۔ للتادت سوریوو صحراے گوبی ییس منز یُس منگو لِیہس لشہٕ چھُ۔
بیا کھہ شار چھُ پزٕ زنتھ ہیتھ ہگرامیک انداز چھُ۔ مثالے مہجور ہندیو تاریخی محاکاتو لشہ بالکل الگ ۓ
دپان وولِہ ہُتس پیٹھ زٕ ٹھتھ قلم کاغذ
حُسن چھُ اَز تہٕ کہانی کشیرِ ہنز لیکھان
ہرگاہ کاٲنسہٕ یہ بوزِتھ علامہ اقبالؒ سُند یہ شعر یاد پیوو ع
ہمالہ کے چشمے اُبلتے ہیں کب تک۔۔۔۔۔
تس چھُ مبون یُتے عرض زٕ بیلہٕ کاشر زبان زانن وول حسن شاہ خواجہ خضر سُند وو تلن بوڈن وُچھان چھُ، سُہ چھُ پنُن قلم تلِتھ تتھ خضر سُند عاصہ تہٕ بناوان تہٕ کشیرِ ہُند ترجمان تہٕ۔

# کشیرِ ہُند لُکہٕ تھیٹر..... پاتھر

## ناوتہِ کأشُر تہٕ نادتہِ کأشُر

---

وِلیم شیکسپیئر سُند یہ قول چھُ سیٹھاہ مشہور :-

"WORLD IS A STAGE AND ALL THE MEN AND

WOMEN MERE PLAYERS"

اَتھ بٔجہ کٕنہہِ منز چھُ اکِہ عالمی صداقتُک اِظہار کرنہٕ آمُت۔ اَوے چھُ
یہ زبأنی ہندی مصنوعی رَندکھ اوّک طرف ترأوِتھ دِلس منز زراوُن
زراوُن گُران۔ کأشر زبان چھےٚ ہِمن بالہٕ قلاین ہنز پلیار اندر اندر
اکِس معصوم روُسۍ کچہ ہندۍ پأٹھۍ بپانِہلے مرث۔ توتہٕ چھُ اتھ منز
پیٹھنے ہوہن پُرزورتہٕ بجن اِنسأنی پُرزن ہُند پوٚت گریز موجود۔ علمدار
کشمیر شیخ نورالدین ولیؒ سُند اکوے مِصرٕ ہنہٕ ہوان ع

چھس پأتھر بیوٚن بیوٚن، اکُے چھُ ماگُن

نُندہٕ ریوٚش نہٕ چھُ یتھ دُنیہس اکِہ رنگ منج کِہ اندازہٕ وُچھان۔ مگر

تہندس مصرعس چھُ اَمہِ علاوٕ تہٕ مُشرمایہ ڈنب۔ شیکسپیئر چھُ صرف
سیٹیجک رنگ ڈنگ ہاوان باوان۔ مگر سُون ریوٚش چھُ پرٕ دیتہٕ کین
اَسرارن ژاَنکان تہٕ وَنہِ کڈٕنچ کل کران۔ سُہ چھُ تس پُراسرار ماگنس
تہٕ ثمہٕ ہندین خیالن ستی بیخہ آزمائی کرُن یژھان یُس عالمک یہ
بڈٕ بوٚڈُے تہٕ پرانہِ پرٕوٗنے سٹیج پکناوان تہٕ ڈنجہ ہتاوان چھُ۔ شیکسپیئر
سُند قول چھُ اکھ ہوٚڈے تہٕ ہوکھُے بیان تہٕ زن تہٕ کُنہ انفارمیشن
ڈپارٹمنٹ کہِ پریس نوٹُک اکھ اِطلاعاتی جملہٕ ہیوٚ۔ مگر کاشُر مصرعہٕ چھُ
اکھ ادبی تیہٕ عطا کران یہ کینژھا اَچھن ہنزن چھاپرن منز سیوٚدُے
وسیان چھُ مگر تمہِ اپور تہٕ خیالن ہندین پرستانن منز روزن وول ماگن
...... نظر نہ یوانے مگر بیاکھ بیاکھ پانٹھر انترتیب دوان تہٕ گندناوان
...... اکھ اَکس نشہِ بیوٚن تہٕ بدل ........ یہ وزِ چھنہٕ امہِ مصرعہٕ کِس
بلاغتس پیٹھ کتھ کرنہٕ خاطرِ مگر نوتہٕ چھُ یہ وَنُن ضروری ز اَمچ ادبی تہٕ
تواریخی اہمیت تہٕ چھنہٕ کینہ کم۔ اکھ منز چھپے کشیر ہنز ہمیشہ بہار تہٕ
زندگی آغوش کھوٚنہِ منز چھپے ہتس سائنس شاندار لگہِ ہتھیرٕ خاطرِ پانٹھر
ہش اِصطلاح اَسہ تام وأژمِش ...... یہ آسہے خبر کتی ہمنہ وِری بٔرد ہٕہ
لوٚکن زیوٚ ہیتین پیٹھ، اَختُے آسہے بأتَن تہٕ محاورن منز تہٕ، مگر نُند ریٚشن
مُبارک زیوِ امیُک ناو نورافروز گرٕژھن چھُ اکھ بُڈ سعادت ......
نُند ریٚش اُسی سانہِ عظیم تہٕ قدیم لگہِ ریواژٕ ستی لَل ماجہ ہند گوڈنکہ
موہہ دامہِ پأٹھی یکسان۔ تموٚ چھے کم از کم بیٚیہ اَکس جایہ تہٕ یہ ترکیب

اِستعمال کرٕ مژٕ

یِم گرِ گرِ ریٚشن لاگن

ییتھی پأتھر لاگن آنگنن منٛز

أسی ہیکو یہ کتھ وٕنِتھ زِ یِمن پأتھر بازن اوس تِھندین مُتبرک چیشمن ہُند نور تہٕ پلزان اوسمُت۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ نٔی زِ نُندٕ ریٚشن سِندِس تعویذ نما تھرزس تام واتنہٕ برونٛہہ تہٕ آسہ ہے یہ واریاہ سس کالس کشیر منٛز موجود تہٕ موجزن روٗزمژٕ۔ ہر گاہے پننہٕ کم سوادی کنہٕ أسی نُندٕ ریٚشن تہٕ زبان مبارکہٕ لِشہٕ آدا سپدنہٕ وِزِ بیٚھٹے امیک تاریخ ہیمو شمار کرُن لوتہٕ چھ ازِ یہ سٔتہٕ ہتہٕ ؤرش ژٕرٕ ہے۔ اَتھ زیٚٹھِس کالس سو کالس منٛز آو سُلطان زین العابدین سِند راجُک زوٗنہٕ پَچھ تہٕ تہٕ پتہٕ پہن شہمیری خاندان کہٕ لبُسہٕ پننہٕ پتہٕ دو درٛیک سوسرٛیک سُہ وقت ییلہٕ کلن أسی ہالہِ گندان تہٕ اُستخوانن ہندی کٕدلہٕ کوٗڈی گران۔

اَتھ زمانس پتہٕ پہن آو زن مرید نورالدین جہانگیر پننہٕ نازنین ملکانہٕ نور جہانہٕ ہنٛز پأٹھ پوٗرٕ ہنٛز لوٗنٹ کلس پیٹھ کھاٗوتھ۔ تہٕ تِہنٛز آشینہٕ أس شالہ مارکس ٲدٕس حوضس منٛز گولاب وٕتھرن ہند وُزن کرٕتھ پننہٕ نین جسمأنی اثاثن قلاے کران تہٕ عطر ملان..... اَمہ پتہٕ پہن کوٗر شاہِ جہان سِندی صوبیدار اعتقاد خانن اَتہٕ پننٕ پتہٕ مارنک سنٛز۔ مگر ییلہٕ پانہٕ شہنشاہ اور آو اَتہٕ کوٗر مشاعرس منٛز اَکی فارسی شاعرن اعتقاد خان سنٛزن بداعتمأدِین ہُند پردٕ فاش۔ اَتھ خدس

تام زِ سُخن شناس بادشاہ گو تیؤت نار و نار زِ دستی دِیُتنس کشیر منز دفع گرٕ ڈھنٛک حُکم۔ اَخیٚتۍ کرٕن تِمو سٕندی ظُلم نقش بر سنگ، یِتہٕ بڈاوٕن سرینگرٕچہ جامع مسجدِ ہِندِس بڈِس دروازس منز پیوست کٔرٕتھ۔ تہٕ تِمو چھہ از ساری ژورِ ہِنہٕ ڈیرِ تہٕ سولتس وو ہوان بے تہٕ رُسوائی ہُند کرٕہن آرٕ کو نَڈٕل نائی نراوان۔ کأشرِ لُو کھیٚتی اَمہٕ بیتہٕ عبداللہ خان الکوزے ہِندی قیچہ ٹاس تہٕ تِمہٕ سٕندس خانہٕ مأیس آزادخان ...... ہِندی غضب ناک تعزیر تہٕ۔ اکالی وقتس ...... منز بڈاوٕنہٕ بہاسنگھ اردلی ہِوہو کار گُزار و نہٕ کانہہ یرٕ گی۔ کأشرٕ ن ہِندی جسم، تِہندی گرٕ، تِہنز عصمت تہٕ تِہندی مذہبی مقام بنیہ تِہندہ ن وحشتن ہُند نشانہٕ تہٕ یِنہٕ وُہمہٕ صدی نِکھ نکھے لُبس ہم ڈوگرٕ وزیرِ ہنٛدون ٹُل، تِتھ بیان کرنہٕ خاطرٕ چھیِنہٕ لفظ لوشان۔ نہٕ تعداد کنہٕ تہٕ نہٕ زوراوری کنہٕ۔ اتھ گٹِس وقتس منز پیٚلہِ ساٖرے کشیرِ زٕن تہٕ ٹھہر ہِنز زیٹھہ زِ ہِیچے ستر نڈ بناونہٕ آس آمٕتہٕ تِتھ منز آس نہٕ کأشر قومک صالح تحمٕ بروٚنٛہہ یکناوٕن ڈیچھ کھٲہ۔ مگر ہر گاہے تِتھ نااُمیدی تہٕ بے سہٕ آسنس منز کأنسہٕ کُنہٕ حدس تام زِندہٕ روزنک تہٕ پنٕن ہُتھے تیتھے وجود قائیم بڈاوٕنک حوصلہٕ دِیُت تِتھ منز چھہ کیٚنٛژھا سأنین اولیاہن مثلاً حضرت شیخ نورالدین ولی تہٕ سید حسین سمنانی، بابم ریشی تہٕ زین الدین ریشی، جانبازہ صاب اسلام آبادکِس ریشہٕ مالی تہٕ بیٚیہ سرینگرٕکین شنش بقعن ہتی تِہند تعلق تہٕ یِمن بیٛٹھ تِہنز یرٕ ژھ تہٕ یرٕ ژھ ژِہند ژمر

...... اَمہِ علاوٕ ہرگاہے کاشرِ ن اَتھ گٕژھہٕ کارِس منٛز زندگی

کرُنک حوصلہٕ دِیُت سہٕ اوس پانٛتھرِ والین کاشین ہنٛز یاری تہٕ

یاوری۔ کاشری آسی دوہس ظلمہٕ کرٕ گژھان منٛز پھیٛنہٕ تہٕ غضبس چھہٕ تاوِ

منٛز تُونہٕ پوان۔ گرِ واتانٕے آسی بدنس لیڈرِ زمادٕ تہٕ پمپہٕ ژالن لاگتھ

دٔگ ژالان تہٕ دِلن ماجِن ہُند دعاے خاطرٕ بوٗزِتھ تہٕ آشنٛن ہندی

اَش ٹارِ دُوچھتھ مِہلام لاگان۔ مگر تِہنٛدِ اَمنک تہٕ لسنُک اصل ساماہٕ

اوس پانٛتھرِ گوٗر بانڈ بھگت ہِنٛد پوان۔ اَسہٕ کاشرِ ن ہُند محکم دعوی

چھُ زِ ہندوستانٕے کیاز دُنیاہکین عظیم ڈراما نگارن ہُند ماگُن......

کالہٕ داس اوس سانہٕ زمینہٕ پیٛٹھ وُوپدلومُت۔ یہ چھُنہٕ کانٛہہ ہوائی

لوٗنگ یا شوٗوِے بلکہِ اَمِکی ثبوت چھِ سانہٕ پرانہٕ تہٕ پاپرجا کاشرِ

زبانی منٛز موجود۔ اَتھ منٛز چھِ ، داہ در داہ لفظ، محاورٕ، ڈیٛپھ بیتر تہٕ

یہ وَنان دِنان۔ یہ کتھ ہِکو اعتبارٕ سان وَنِتھ زِ ہندوستان چھُ بینیہ کُنہٕ

زبانی منٛز چھُنہٕ کالیداس ثتہ کین لوکن ہندِس اجتماعی ژٕ یتہٕ وُترس

ثتہٕ چھہٕ مقامی زبانی ہندی پانٛڈ پیٛٹہٕ بستہ وا اٹھ...... کتھ چھُ کتھ زلوان۔

پرانہٕ کشیرِ ہندِ بختاوری ہنٛز کتھ کران چھُنہٕ اَسہٕ ہیٛو کانٛہہ جدی لوٗدی کاشر

---

ل؎ سرینگرٕ کشش بقعہٕ آسی درگاہ آثار شریف، مخدوم صاب، خانقاہ معلیٰ، درگاہ خانیار

درگاہ نقشبندیہ تہٕ جامع مسجد سرینگر۔ تہٕ یم آسی ہتہٕ وادن وُریٛن کاشرِن مسلمانن ہنٛزن

اُمیدن تہٕ آرزوین تہٕ کُنہٕ موچھہ تہٕ مرکزیتیک نشان تہٕ یتہٕ تہٕ رُودی یےٚ سانہٕ تحریک

آزادی تیل زالان تہٕ زُو زیتہٕ عطا کران۔ (م۔ی۔ٹ)

بلکہ جدید ہندوستانک عالمی سٹیجس پیٹھ ناماوار تہذیبی مُبصر مُلک راج آنند لیکھان زِ بھارت ناٹیم ناچ گوٚ جنوبی ہندوستانی یا دَکِنس منز تیار۔ یہِ ناچ ووپز لوٚد تہٕ کٔشیر منزٕ پھانپھلیوو تہٕ ییٚتی تہٕ پرٛیتھیوو تہٕ ییٚتی۔ ییٚتہٕ آیہ ووپرٛ ژوٚپرٕ تہٕ تموترووا اَتھ پنٕنۍ ٹھپہٕ ـــــــ بیاکھ کتھ چھ بھرت منی سٕنز ناٹیہ شاستر ہٕنز۔ کتاب آیہ اورےٚ لیکھنہٕ۔ مگر اَز چھُ اَمیُک کُنے نیب تہٕ لِشان عظیم کأشرس تمدُنی ماہرٕ اچاری ابھینو گُپت سٕنز سوٗٹیکا لوٚیِن تموٚ اَتھ لیچھمٕز چھےٚ تہٕ یتھ منز اَتھ وِژھنے بیتر کرنہٕ آمژ چھےٚ۔ پأٹھر چھُ اَتھ عظیم پوٚت فضاہس منز پنٕنۍ ساز ڈیٚہ منزراوان تہٕ ننۍ راوان۔

اَتھ اَنٛدی ٹِکی چھ تِمن سارِنٕے بڈٕ ین معاملن ہٕنز ژھایہ گرٛایہ جوٗمٕٹ کران تہٕ اَکھ بدلےٚ تہذیبی قأیلین تیار کران۔ گوٚڈٕ یہِ زِ پأٹھر چھُ سنسکرت لفظ۔ یہِ چھُنہٕ برابر لوان۔ پأٹھر چھُ لوٚت وسیع تہذیبی علاقہٕ گھیران زِ کُنہِ ہندوستأنی زبانۍ منز چھُنہٕ اَمہِ وِشال معنے مفہومچ کأنٛہہ ترکیب۔ میانہِ خیالہٕ چھُ یانہٕ انگریزی تھیٹرٕ تہٕ اَتھ نِش ژھوٗٹینگیہ تہٕ اوٚک ہوٗنگُے باسان اگر ہےٚ یہِ پزٕرے سنسکرت آسہِ تیٚلہِ کیازِ کرِہےٚ سوٚ بڈٕ زبان یانہٕ اَمہِ لوٚلوٗنہِ ترکیبہِ بدلہٕ ناٹیم ہیوٚ ووٚنٹ لفظ مُروج یُس یانہٕ پأٹھرکس سائنس تَل ییتھے بھرکھ تراوان تہٕ ییٚنٛن مَن باوان چھُ۔ دٕیوٚ زن تِمن آیہ نہٕ اَتھ وَتھ اَنٛزٕ ٹِک موتی لال کیموجی کیازِ کرِہےٚ اَتھ سأری سےٚ دفترس بھانڈٕ ناٹیم ناوٕ گرٕتھ ییٚنۍ پأٹھر

ترکیب دِلہٕ منز رد...... اَمہٕ تابعدآری ستی سپز، تمن دِلہٕ منز سنگیت
ناٹک اکیڈمی ہُندین ثقافتی کماندارن رنزٕ ناوِنس منز ضرور آسانی۔
مگر اَمی ستی کر۔ تموٚ کاشُر زبانی ہُند اکھ زوٗ تہٕ وُن فانوس وِتہٕ کرنٕچ
کوشِش۔ سانہن تمدُنی یادرین ہنز پرٛژھ کوشِشہٕ چھِنہٕ سائنس
تاریخس منز بدنام آسنہٕ کِس حدس تام عام۔ مثلاً کشیر ہندِ شمالہٕ
پیٹھ چھنےٚ اکھ وُہہ وِنی ندوسان...... چِھتر کوٚل...... اَکھ چھُ
پنُن یہ کاشُر چِھتر تہٕ پرٛنز آگرہٕ ہیٚٹھہٕ اندس تام پوشان۔ چھوٚت
کنہ بال چھُس آگر تہٕ اَدے ناوِ۔ پتہٕ چھُ یہ چِھتر بل کِس کھاٹس
بیٹھ پنُن سوٗرُے راش وِیٛتھہٕ حوالہٕ کران۔ چھتر ناو کوتاہ مضبوط تہٕ
معتبر چھُ، یہ چھُ اَتہٕ خشکی پیٹھہٕ اکہٕ مُلک ناوِنہٕ بٕنتھ موجوٗد......
چِھترٕ بل۔ مگر یِمو لُکو اَزی کِس زمانس "پاٗتھر" ناٹیم کوٚر تموٚ کوٚر اَمہٕ
بژونہہ بہن اَکھ کولہِ دُودھ گنگا ناو۔ گرٛیسی بایہ نہٕ رٛنج پتہٕ ہے....
گرٛیسی لتس نہٕ تمہٕنگ ییٚی مگر گیت گنگا چھُ لوتہٕ پوتھہٕ منز درج۔
حاٚرت چھُ ییلہٕ کرناٹک پیٹھ ہیوٚ لکہٕ حاصل یکشہٕ گان، کیرالہٕ ہُک
کتھاکلی تہٕ یوپی ہُند نوٹنکی پنہٕ نیوناوِ ستی تمدُنی رنگارنگی ہُند الگ
الگ رنگ ووکھناونہٕ خاطر ورتاوِنہٕ ین سائنس پاٗتھرس ستی کیاز
یہ دِنھقف تہٕ تہٕ دستار ہیوٚ سلوک۔ بہر حال ــــ یہ چھُ اکھ بوٚڈ تہٕ
الگ موضوع۔ مگر شاید چھُ اَتھ بیٹھ سارِوے کھوتہٕ دۆر تہٕ زبردست
تبصرٕ وٕنی لوتس یا لٹنہٕ عام خام کاشرہ لوٚکوے کوٚر مُت۔ چِھتر کولہِ تہٕ

تہٕ سنسکرت سامراجین ہنز دودھ گنگا یہٕ ہنز اَکھ لوٚکٹ بہن شاخ چھےٚ زوٗڑرٕ ہیوٚر یہن ہونزر نوگام لبنہٕ الگ گرٛھان۔ اَتھ چھہٕ مقامی لوٗکھ "اَیہٕ زیٛاہر" وَنان یعنی جھوٗٹی۔ تہندِ وَننہٕ موجوب چھہٕ اتھ بٲلنی آب آسان تہٕ لعضی یہٕ کَہنی۔ اَتھ چھُنہٕ کاشہ بےساہ۔ میٚنہٕ چھُ باسان زِ امہٕ ریژھہ ہندِس رۆلپس منز چھےٚ چھٹر کول سنسکرت لہون پھش دِنہٕ والین ہُند حال باوان۔

پاپھر چِہ شادٲبی تہٕ تازگی ہُند اصل راز چھُ یہٕ زِ پننہٕ بٔڈٕ خاندان تہٕ پھرکولاولی باوجود رود یہٕ عام لوکن ہتہندن دوہدشچین کاہن کیچن، تہٕ تہندِس سوکھس دوکھس ستی پَنُن واٹھ دوٗرتھاوتھ۔ یہٕ رُود تِمن ہنزن باکن ستی باکہٕ زھٹان تہٕ تہندِس اَسنس ستی پھٲہ پھٲہ رلاوان۔ یہٕ دراونہٕ بیون تہٕ ہیوٚر کنہ کھسنہ رُودِنہٕ پانس سرٛدا نان۔ امہ کنی گونہٕ کلاسیکی بندشن ہندن کنہ دیوارن منز زِ ہتہٕ۔ یہٕ چھُ پوٚز زِ کلاسیکی فارم تہٕ قالب چھ سانہٕ تہذیبکی سنگر۔ مگر یم گئے شروع عام لوکن ہندیو عام اظہار وِ لنشے۔ پتہٕ یہن آیہٕ قواعد لاگنہٕ وٲلی گنزرتہٕ فیتہٕ ہستہ یمن بناونکی قاعدہ ضابطہٕ تہٕ خاص طریقہ مقرر کرنہٕ۔ یمن آیہٕ گرامرکی شستر چل لاگنہٕ۔ یہٕ چھُ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ ہندوستٲنی کلاسیکی موسیقی متعلق دُرست۔ واریاہ پھٹر موسیقی مگر ووٚنی اَکِس مقامس پیٹھ وٲتتھ پانسے گتھ دِوان۔ حالانکہ اَتھ اوس دُسلابہ لگہٕ وَرتاوٕ ستی سۆد مُت۔ وُنہٕ چھُ راگ پہاڑی

اَمہ کہِ اصل خصلتُک نیب ہیتھ۔

پائتھر ہش رِسپہ تہٕ ہمہ گیر اصطلاح چھِنہٕ شاید ہندوستان چہ کُنہٕ زبٲنی منز۔ یہِ تماشہ چھُ کٲشرِ ہنز زندگی سٟتۍ کھسان تہٕ وسان۔ اَمہِ کِنۍ وار یاہن روپن منز مثلاً درزہٕ پائتھر، راز پائتھر تہٕ بُہری پائتھرن منز نہ چھُ کانٛہہ مُستقل سکریپٹ تہٕ نہ وٕلِٹسی گاٮ۪ہتی ڈائیلاگ۔ اَمیک کھٕلہٕ ڈُلہٕ تہٕ ڈیوٗل ڈیوٗل سانٛچہٕ چھُ اَمہِ خاطرٕ یلہٕ آسان زٕ اَتھ منزٕ ین مفہوم تہٕ معنے، واقعات تہٕ وطیرٕ، ینہٕ لوٗت منظر حسابہٕ ژوٕ ینہٕ تہٕ چُست کرنہٕ۔ یمن چھِ نزدیکی معاملن تہٕ تازٕ حالاتن سٟتۍ لوٗنٹ وائتھٕ آسان تہٕ توٗے چھُ وُچھن بوزن وٲلس نٕرتھ گرٛتھان تہٕ ووٕٹہٕ انان۔ پائتھر چہ اَصل لُکہٕ خصلتُک تہٕ برجستگی ہُند اکھ ثبوت چھُ یتہٕ زٕ اتھ چھُنہٕ کانٛہہ باقاعدٕ یا مقرر کوٗرمُت سٹیج یا منٛچ تہٕ آسان۔ کشیر ہندِ قدرتی سٹیڈیمُک کانٛہہ گوشہ (یاد پاوٕ زٕ گوشہ چھُ "منظر" خاطرٕ اَمہِ زبٲنی ہُند موٗلا دار لفظ) ہیکہِ اَمیک رنگ منٛچ بنٕتھ۔ کُنہٕ لوٗنہٕ ہُند شہجار، وُڈرٕ ہُند دامن، کُنہٕ لرٕ ہُند لوٗت آنگُن یا کُنہٕ باغس منز بنیومُت کانٛہہ کھوٗنڈ پھُٹ چبارٕ یا ڈلوٗنگ (ولیسے چھُ ڈلوٗنگ تہٕ تمیُک تصغیر ڈینگچ سٹیچہ خاطرٕ موٗلی کٲشُر لفظ) ہیکہٕ امیُک چوگان بٕنتھ۔ سوٗرنے ہنٛز لہر وُژھ یا دمامہٕ ژنٛجہ ہُند دُب دُب گوزِ اکِھ گِندن وٲلۍ گے شروع۔ سیٹھاہ کم سٹیج PROPERTY ہیتھ۔ یلو دلوٗ تہٕ عام زٕندگی ہندی۔ اِسٹری بھِشتہ لغإرے۔ مگر یِتھے مسخرٕ لبوٗ تہٕ

دار دروازٕ و بغاٮر گٮندن واٮلس عرصس منز واتان چھُ سورُے آسمان زن چھُ اُتھی سُنٛب موژان تہٕ سأرٕے بُتھل زن اُتھی منز اَژان ۔ موتی لال کیموتہٕ بٮ۪یہِ کیٚنژو تحقیق لگارٕو چھُ لیوٚکھمُت زِ یم پاتھر آسی یوٚت کالہٕ راس لیلا، رام لیلا یا دھارمِک لیٖلہٕ لاوُن ہنٛز آیینہٕ داری کران ۔ مگر یِتھہِ صورتَس منز یہٕ رِوایت اَسہٕ تام واتٕنٕژ چھےٚ سو چھےٚ ہر لحاظٕ سیکولر ۔ تِتھہٕ ڈٕندرِ یبھٹھ پکان یورٕ نہٕ دِینٕ دھرمکی ہگرٕے کھسن وَسن ۔ باسان چھُ زِ دھارمِک وٮ۪ژارن ہندِ خاطرٕ رِوایت آسہٕ ہےٚ سرکارن تہٕ دَربارن ہنٛزراہ پہ ترایہ پکان تہٕ تھنزٕ ہارٕ دیار وَٹان ۔ مگر یہِ آسہٕ ہےٚ لُکن لِنٛشہٕ دوٗر۔ پاتھرس یوسہٕ رُوٗپ ریکھا تہٕ ہوسہٕ راے چھےٚ تمہٕ تلہٕ چھُ صاف ننان زِ یہٕ آسہٕ ہےٚ سرکاری دربارن ہنٛزٕ و تیز تاپہٕ کرایو واریاہ دوٗر لگہٕ ولو ہارٕ کس کوٚمل تہٕ شفیق اَندِس ایٚکھس منز ینٛنہٕ ناٮٹھ واہراوان ۔ اَمہِ کِس موجودٕ خزانہٕ لو ینِس منزٕ و چھُ لوٚکم کم لگہٕ سانیٚن چھےٚ ساٮمبھ تہٕ سلامتھ ۔ واٮنِل پاتھر، آرمی پاتھر، تلہٕ واٮنِ پاتھر، ناٮید پاتھر، بوٹہٕ پاتھر، وٮنٹہٕ پاتھر، موغل پاتھر، لبنہٕ پاتھر، انگریز پاتھر، بکروال پاتھر، ہٹہٕ پاتھر، سکھہٕ پاتھر ڈوگرٕ پاتھر، خوجہ پاتھر، گریسی پاتھر بیتر بیتر۔

نَہٕ وانٕے چھُنہٕ یمن منز کانٛہہ دھرم داسی ہیو پاتھر۔ بلکہِ چھِ یہٕ زندگی ہُنٛد رنگا برنگ رُوٗپ سروٗپ تہٕ دُلتہٕ وریٚیک اکھ نژوٗن اَنٛنہٕ یوٚٹ بٕیس معاملن تہٕ مسلن اندر اٮژھ تھنڈ باٹنگ عالم مُژراوان

تہٕ ہاوان باوان چھُ۔ پاٹھرس منز چھےٚ یِمن طبقن ژُمچہ تہٕ ہیٚنہٕ پیوان تہٕ دَب تہٕ والنہٕ پیوان۔ مگر سورُے اسان اسان نٕے توتہٕ اسوٕنہٕ ہوٚنجہ تہٕ اَسوٕنہٕ راپہ ترٛاپہ۔ اَتھ منز چھےٚ زندگی ہندٮ۪ن وِکھتیٚن معاملن ہنز ترجمانی تہٕ پیوان کرنہٕ۔ اَمہِ چیٚن چارٕ پھیٚاری وۆتل بُجن ہُند تلاش تہٕ پیوان ژُلنہٕ۔ مگر اَمہِ چالہِ زٕ تہندٮ۪ن دِماغن گژھن نہٕ گرٛنٹہِ کنہٕ نألی۔ کنھ وَنہٕ پیوان، لوٗس ژُلنہٕ پیوان مگر لوٗ تہٕ وۄٚے لوٗ تہٕ وأے۔ میُٹھ نہٕ تماشہٕ تہٕ تفریح کس بہروپس بہٕژ اَنٛز۔ یہ کیاہ چھُ کرنہٕ یوان؟ تکیازِ پاٹھرٕ چارٕن والیو مولا دار ماگنو اوس اَکہِ سفوٗنک اوپ ژٕوپ تیار کۄرمُت۔ یُس اَسان گندان وُچھن والیٚن ہنز سایکی ہندٮ۪ن رتہٕ گنڈن تہٕ پھیٚرن دوا لاگہٕ ہیٚہ۔ تژٕ چھےٚ ہش کتھ زٕ راجستھان، گُجرات تہٕ تھٕ سنکہِ لہٕ کس سِندھ علاقس منز یِنہٕ ژۆوا پاسے سکھے سکھ، ہوٗ ہیو تہٕ میٚتر رنگے یوت چھُ، ئتہٕ گژھن تمہ اندر گژھتھ انتہاہی رنگدار پوٚشاکھ وونہ۔ تِمن لوٗ کچہ چوٗنہٕ تہٕ بچہ رُوٗنہٕ تام جرنہٕ۔۔۔۔ تہندی ہیٚو رنگین عوامی پوشاک چھِنہٕ زیادٕ آباد جاین نظرے گژھان۔۔۔۔

یہ چھےٚ ماٗنی مژ گنڈٕنی زٕ مسخر چھُ دُنیاہک سارِوے کھوٚتہٕ غم زدٕ تہٕ دِیٖن وول شخص آسان۔ تہٕ تِتنز ساٗرے مسخری چھےٚ اَمہِ دۆگنہٕ چارٕ جوئی تہٕ زٕ بُھی آسنک پرٛدٕ آسان۔ کاٗشرٕ مسخرٕ سُند کھوٚتہٕ آسہ نہٕ کینہہ اَمہِ پیٚرزٕ ژُک یوٗت اَصل ماڈل۔ توٗے چھُ مسخرے پاٹھرٕ اوڈیسی ہُند اصل ناچیک تہٕ یولیسیز آسان۔ تہٕ ساٗری سے چھُ تسُندے لس شہلن

پریڈان آسان۔ مگر پاٹھرک سمسار چھُ راد تیوٚتے زلوٚٹھ تہٕ ہونٕہ تیوٚتے کھوٚل آسان، ییٚژ زندگی ہِنٛزٕ ٹِنٛس وِراٹھ روٗپس منز ژکنس جاری تھاوان چھے۔ اَتھ منز چھُ نژُن تہٕ، سوٚرنے تہٕ، لگاہٕ تہٕ ڈولک جوش تہٕ یِتھ بیٛٹھ آدم یدی نژان چھ۔ یِمن ہُند تاثیر گیاو اَسی تھٔے یمن ہُند مُدعاتہٕ چھُ یِ آسان زِ وُچھن وول ہرگاہ نٔے بیٛھِ تہٕ مگر توتہٕ گرِتھ مُشراوُن۔ یہ وُچھن وول اوس راتھ دوہ تقدیرٕ، حکومت، گاٚیلات تہٕ حیوانی زُرکین ہِندِ ہاپت ییٚجن منز یمہ آیہ پِشنہٕ لوان زِلسِند روٗم روٗم اوس اَکھ خود کفیل دوزخ بنیومُت آسان۔ پاٹھر چارن وول کُس اوس، اَمی سُند چار کرنس۔ تس اوس تماشک دار وٕ بے ہوٗشی اَمس کیتھن تام برژن لحظن دگ مُشراونہٕ خاطرٕ تہٕ تُر نِشراونہٕ خاطرٕ۔ تس اوس زندگی ہُند ٹیٚچھر مانترٕ ہیوٚ لوان.... اَتھ وقتس منز اَسی کیشہ زندگی ہِسٕ بیٚیہ اَتھِ رلاٚوِتھ زور آزمائی کرنک حوصلہ لبان۔ تِمنٕز اَندرِمہ بیٹریہ تہٕ آسہ چارج ہیوٚ ہیوان گژھنہٕ۔ ظاہرا ماآسہ ہے اوٚ ے از بروٗنٛہ ہٕتھ سوا دہنٛہ وٕری کاشرِن ہِنٛز دگ محسوس کرن واٚلی سر والٹر لارنسن یمن فنکارن ہُند کھیل وُچھتھ تبصرٕ کوٚرمُت "یم چھ کشیرِ ہِنٛز گامی زندگی ہِنٛز غمناکی دوٗر کران"۔ فن چہ پٕزسحر کاری متعلق اَمہ آیہ سوچُن تہٕ وِہوٗار کرُن چھُ اَکھ بوٚڈ باج خراج تکیاز یِیلی فنکار اَسہ خوشی خویشی عطا کرِ۔ اَدے ہیٚکہ سہ سون وانٛجہ گاش پٔرزنلاٚوِتھ تہٕ پٔرزِنٛگ نیب کڈِتھ۔

معنے تہٕ مفہوم کس روشن ژانگی تارس تانی اکھ پلہٕ ناوہٕ خاطرٕ چھ تفریح تماشہٕ چھ ہیرٕ قدیم یونان پیٹھٕ از تام خبر کیتہٕ لٹہٕ خبر کمو کمو زیرک شاہو استعمال کرمژٕ۔ میرزا غالب سند یہ شارٕ تہٕ چھ زن امہِ کئے شروٗنی ہیکہٕ ناوان ؎

گر بہ معنی نہ رسی جلوہ صورت چہ کم است
خم زلف وشکن طرفِ کلاہی دریاب

(متیا! معنیس نے واتان چھکھ یہ روئے زیبا چھا کینہٕ کم پہن، زلفک خوبصورت ؤرٕ وچھ تہٕ ییتہٕ زٕ بجہ میٚنگہٕ گنڈتھ کلاہ کیاہ دٕھم چھ ٹلان، تتھ ٹل لطف)

پاتھر ہیکہٕ ہوٕنے تہٕ کاشرس گرہسی سنٛز زندگی لنشہ بیوٚن کڈتھ، امِچ اکھ گواہی چھے لارن صاب سند قول زِ مہاراجہ گولاب سنگھن کور رعیتس پیٹھ سرکاری ہرکارن ہندِ ستم رانین ہندا اصل احوال یِم پاتھر وچھتھے معلوم۔ اختے تمن وٚلن ژھلن ہند تہٕ یِم عام لوکھ رشوتن تہٕ ٹیکسن کوچہ پھیر کرنہٕ خاطرٕ آزماوان آسی۔ امہٕ کھوتہٕ بڈٕ شہادت چھے یہ زِ کاشرِ ہنٛز عام تہٕ اندرمہٕ زندگی ہندی ہیتی لیکھی پاتھرس منز پھٹان چھ تیتی چھنہٕ ییٚیہ کنہٕ شایہ ــــ شاعری آسیتن یا داستانہٕ تہٕ دلیلہٕ، نوار یخکی ہوکھے ہو دے تہٕ چالبازہٕ بوٚستی رٕنگتھ ورق آسی تن یا پرچہ نویسن ہندی مخبری ہندی رپورٹ، تم چھ ہیرِ ہیرے واقعاتن ہنٛز تم سٲرِ تھ ہیکان۔ کشیرِ ہندی غریب تہٕ بے کس النسانن کیتھہٕ کٲنہٕ ہیوک زندہ

رۄزُنک ٹٔنز کرٕتھ، تمیک پوٗز اگرچہ وارِیاہ جِگر دوز پہلو وٕے آسہٕ
سمجھُن تیلہٕ کرِو ڈٔرزٕ پأٹھۍ اَکھ ولیوٚہ یاد۔ ماگُن چھُ مارکُس منٛز
اَژان تہٕ اَژِو وُنے مسنجرس۔ بچأرِس تازہٕ دَب والان۔ مسنجرس زِن تہٕ
چھُنہٕ پشُش تہٕ بیٚیٹھۍ پکان۔ ماگُن چھُ کیٚنٛہہ تام ہیوٚ گژھتھ مسنجرس
پرژھان "ہیٚتوژ نے کھوٚ گوٚوے..... ژٕ نے لوٚگیٖ نا..... ژٕ کونا
کرِکھ کراں..... ژٕ نے چھے نا دَگے ووتھان"۔ مسنجرس چھُس دولہٕ
نظراہ کراں تہٕ وَنان "دگ..... ہے کرژھ سادگ" ماگُن چھُ ووٚنۍ
ژکھ بیٚیتھ زورٕ پہن تازہٕ دَب والان۔ پیٚتہٕ پانس ہیتی اَسان تہٕ
دریافت کران "ؤنۍ لوٚ ووٚنۍ..... ترژِ کُشنگہٕ ووٚتھا کِنہٕ نہ؟" مسنجر
چھُنہٕ اُچھ ٹٕٹہٕ وار تہٕ کراں تہٕ جواب دِوان "ترٕ..... کیٚنٛہہ ساتہٕ سٔنۍ
چھ اَمہٕ کھوٚ تہٕ ووٚکھ قمچہ دَب ژالنُک عادت..... اَسہٕ کیا سا.....
قمچہ لاین وأرلس تھکن پانے ترٕ۔ تہٕ پیٚتہٕ کیا کرٕ۔ قمچہ پیٚیِس بیٚیتھ تراوُن...
بیٚیتھ کٔنۍ کانہہ اَتھہٕ منٛز سٕرِپھ دأرِتھ دِوان چھُ..... تہٕ وُچھن وأنۍ تراونس
اَسن کھنگالہٕ"۔

یہ چھُ پنزی سیدان..... یِتھس مقامس پیٚیٹھ چھ وُچھن وأنۍ
پنزٕ کھنگالہٕ ترأوِتھ ظأمِس کنہٕ باران کران۔ مگر یِمو اَسن کھنگالو پیٚتہٕ کنہٕ
دِہی لمبکھ چھ زندگی ہنٛز خوفناکی ہیوٚر کھسان۔ تِم چھ وُچھن والین تہٕ
ژم کوٚرِتھ نأرِن منٛز نیلان تہٕ اَندری کنہٕ خبرٕ کتی اوٚبرٕ ژٔنگی دورٕ ناوان۔
تہٕ پیٚتہٕ اَکہٕ لوٚ موسمک ولستار وُزناوان۔

پأٹھر چھُنہٕ کانٛہہ روٗزِتھ گوٚمُت ڈوٗنٛھ یا ڈٕمب۔ بلکہ یِہ چھِے
اَکھ پکہٕ وٕنی تہٕ ژٕلہٕ وٕنی، وُنہہ وٕنی تہٕ ڈٕلہٕ وٕنی نہ۔ یِمے کِنہٕ کھمبرٕ بوٗ منٛز
تہٕ پکہٕ تو تہٕ چھِے ہمن لچھ ٹاس دِوان تہٕ بٕروٗنٛہہ نیران۔ ہرگاہ یہے
گُلشنس منٛز واتِہٕ تِتہٕ چھِ پوشہٕ چمن سگہٕ ناوان۔ اَمکۍ فنکارن چھِ
یژھ حالس منٛز اَسُن تہٕ لسُن ہیوٚ چھمُت۔ اَمیُک محاورٕ تہٕ وَنُن دِیُن
چھِ زندگی ہُند بھوہریر تہٕ دژانچھ رٕستی پکہٕ ناوان۔ اَمیُک یوٚ ہے
گاینُن تہٕ گنوٲری لہجہ چھُ اَمہ کہ اَصل خصلتُک بیاٗکی توٗلُل تہٕ اَمے
رٕستی چھُ اَتھ اعتبار۔ اَسنُک مأل یِمنے SENSE OF HUMOUR
چھُ اَمیُک سارٕوے کھوٚتہٕ طاقتور اِنجن۔ پأٹھرس چھُ کأشرِ ین
گامَن ہٕنز میٚنز ہُند مُشک اَڈرأوِتھ تہٕ اَلباسأوِتھ۔ اَوے چھُ یُس
دربارَن تہٕ بازارَن لِنشہٕ لوٗب گام کین ہٕنزٕ بوج تہٕ نالکہٕ ہار زندگی
ہُند نموونہٕ۔ یوٚ ہے چھُ اَمہ کہ عوأمی خوٗ ے خصلتُک وجہ تہٕ تہٕ نیب
تہٕ۔ یِہ وُچھ مہاراجو تہٕ، وزیرو امیرو تہٕ۔ ذیلدارو تہٕ جاگیردارو تہٕ، گُٹہٕ والو
تہٕ تہٕ ٹھاہٕ دارو تہٕ۔ اَمیُک رَس نبنگلاوِتھ مُترأوِتھ بینہٕ نہن اَندریٹھن
تأری تہٕ گوٗنہن کاٗسِتھ کھے تہٕ زیے۔ مگر اَتھ ہیکی تہٕ زٕ ہے
کھٕلن کٔرِتھ یا وٕتھ راوٕرِتھ۔ یِہ چھُ واقعی عام تہٕ پرولتارکأشرِ
زندگی ہُند درشن تہٕ تہٕ درپن تہٕ۔ نوٚبو دولت مندو تہٕ تہند لویلغارو،
ٹرانسپورٹکی INFILTRATION تہٕ کاروبأری میڈیاہکی بے شرمانہٕ تہٕ
خودغرضانہٕ تکہٕ تارَن چھُ اَتھ فنس پنُن مانٛڈ تہٕ مسکن ٹھپہ نیوٚمُت۔

بتم چھ اَمچ آمت، اَمچ ترے ہٕز دگ تہٕ اَمیک لسن ہاوس
گاہٕ بازرٕ کِہن کھوٹن پوٗنسن کِنِتھ کشیرٕ ہنز بے کسی ٹاو تُلنکی سنز
کران۔ مگر وُہمہِ صدی ہندن اخری وٕری ین کوٗر اکنگاہکو محمد سُبحان
بھگتن اَمیک مرتبان نوٗ مفہوٗمک تہٕ تازٕ محاورُک رس برٕتھ بیٚیہِ
زِندٕ۔ سائنس تہذیبی بنہٕ ڈنڈس پیٹھ کوٗر اَمہِ چو زٕنٛٹو اکھ عجیب
جشنٕ۔ کلچرل اکادمی کرٕ اُتھی لوٗزُک مرحلس پیٹھ اکھ اکھس تھپھ
اَمہِ کِہن فنکارَن، یمن ہٕ زمین زراعت تھاونس سرکار لوٗژُرے ہٕ
زانٛہہ، آو کم کاسہٕ مدد کرنہٕ، یمن آیہ کاسٹیوم کرایہ بیتر خاطر کیٛشہ
پوٗنسہٕ دِنہٕ۔ تہٕ سورُے کشمیر وۄل اُکی زُلف خمن۔ مٕے چھ اَمہِ کس
تماشس منز داہ داہ ساس لُکھ موجود وُچھمتی۔۔۔۔۔ ژرٕ پیٚی کران ہٕ
شُرنین ہندی ساز وایان۔ میانہٕ خیالہٕ چھ یہ سکیم زِندٕ کرنک وَقت
بیٚیہِ آمُت۔ اختیٚ گرٕدھ اکھ زمانہٕ حسابہٕ ہرٕ ہٕ کرنہٕ تہٕ ژربرنہٕ۔ وُنی کِہن
چھ یہ مکمل تہٕ عظیم سایبانہٕ ہیوٗ، تھیٹر پٕنہٕ نین واریاہن رِوایتی مرکزن
۔۔۔۔ سوٗ پہ ٹگ، واہتھور، اِمام صٲب، بلہٕ پوٗر، اکنگام، لال پوٗر، دروٗگہٕ
مُل، ویٚجہٕ بیوٗر، ہُمہِ تہٕ بیٚیہِ واریاہن جایَن منز نہٕ وانتہٕ کینز ہکی لگنس
پیوٗمُت۔ بھانڈ گرانن منز چھ وُنہٕ باصلاحیت تہٕ قابل فنکار۔ مگر
یٕژٕ ھن چھکھ صرف دِلھف تہٕ نہٕ دستار کرن وٲلی ڈامبہ گری۔ یمن
بچارَن چھِنہٕ وۄنی مانگے تہٕ بہٹان تکیازٕ جشنک تہٕ پاٹھرک وۄرٕی
وان چھ بیتھ گومُت۔ یہ کم از کم ساسہٕ وُہُر تھیٹر بچاوُن چھ اکھ

تہذیبی فرض۔ اَمیک جوٗر چھُنہٕ برصغیرس منز کُنے تہٕ اگر یے
موکلیوو سانہٕ قومی گُلا ہہٕ ہُند اکھ رنگہٕ پھیوٗت پیٚیہٕ وُسھ۔ یا پھر
چھُ اِلنسائی کمایہٕ علاوٕ کشیرِ ہنٛدِ تہذیبی ڈیگی جل آسنُک خود کفالتُک
تہٕ خود اِظہارٕچ ہنٛد اکھ مقبوٗلِ عام جشنہٕ۔ اَمِچ نرمی تہٕ لچک دائری
چھ اَمہِ کِنہِ شاندار اِمکانن ہنز پارے دِوان۔ کینٛہہ لوٗکھ چھِ اَتھ
غیر شریف لوٗکن ہُند طریقہٕ مانان مگر یہ چھُ دراصل اکہِ عوام آزارٕ
تہٕ تکبرُک اِظہار، نتہٕ پاٹھر پسندِ مسخر کیٚہتہ چھِے شریفن رزیلن سارِنے
ہنزن نوٗشن کوٗرن ربتہٕ وار ہوٗرے گرٛھان۔ ضرورت چھے یہ ییہٕ
نہٕ موٗل پرٛاٹھ کینٛشن ہارِ والین تہٕ حکمہٕ والین ہنٛدین ہیرٕ پاوِن
پیٹھ گمٕلن منز سجاونہٕ۔ اَتھ گرٛدھ پنٛنہِ میٚثرٕ ستی پیوند کرنہٕ یِن تہٕ
پیٹھ برُشہٕ پھُش دِنہٕ یِن۔ وُنی کِنہِ چھے حالت یہ زِ دِلہٕ تہٕ بمبیہ
تہٕ دوٗمیوٗ مرکزوٕ پیٹھ ییہٕ والی ٹھوک فروش چھِ اَمہِ عجیب تہٕ نُدرت
کسہِ ذائقٕ ہنٛدی وُستہٕ خوان ییہٕ نہن پالی بھتین لفافن برابر تہٕ نیران۔
پیٹھ کُنی کائنسہٕ غریبس کینٛشن ٹنگن بوٗکہٕ وُٹ چھ ژلان ہیتھ۔ ییہٕ
چھُ تِم اَمیک اکھ اکھ فوٹو مو ہرن تہٕ ڈالرن کِنان تہٕ پنٛنہٕ اِفلاطونی
ہُند انعام اوارڈ تہٕ الگ وٹان۔ پاٹھرِچ قدیم رِوایت، اَمیک تخلیقی
گیتہٕ گنتھ، اَمکو بے پناہ اِمکانات تہٕ اَمِچ عوام پسندی چھے ہکہٕ کرٕ یکھ
لایان زمے کرِہی تو پوسٹر مَرن والین تہٕ ہاپیت نرٛناون والین بازٕی
گرن ہنٛدِ ظلمہٕ نِشہٕ آزاد۔ یم اَمہِ کِنہِ بناوٹی آکارن ییہٕ نہن مفادن

ہندی سۭہہ چھہ نکھس کھالان ۔ اگر چِنائی ہنز رُکمنی دیوی پتہٕ لٔس کلاکھیتر س منز ہندوستانکی قدیم رقص زندٕ کرنہٕ خاطرٕ استعمال کرٕ مژھ ہیٚکہ تِیٚلہٕ کیاز ہیٚکن نہٕ اکنگا ہکی علی محمد تہٕ واہتھورٕکی غلام علی ہوی فنکار اتھ نُو زندگی دِتھ۔

پاٗتھر آنکونہٕ کِس سِلسِلس منز چھےٚ اکھ ژکتھ دمہ اگس منز کھاونہٕ ضروری ۔ افغان تہٕ سِکھ اٗسی یِمنہٕ ظلمہٕ کِس گرٕٹہٕ کارس منز سوٗرے منساوان ۔ تُوے گو تِہند وقتہٕ پاٗتھر سیٚٹھاہ مانہٕ پرورتہٕ لُکہٕ سوو۔ افغانن اٗس نہٕ کانٛہہ زبانے تران فکرٕ ۔ شاہ قاضی بنو پاٗتھرن شاہ گھاٗسی تہٕ ژٔڈہس لٹنہٕ ۔ سِکن تہٕ اٗس زیادٕ جبہٕ جٹ تہٕ فرصت تہٕ کمے ۔ تِم سِنی یی نہٕ اتھ زاہ ۔ مگر ڈوگرہٕ ہیٚتِن اتھ اَنزِی مُنزِی گرٕتھی تہٕ گُلاب سنگھہ تہٕ پرتاپ سنگھن پاٗتھر وچھِن چھُ ثابت ۔ بہر حال تِموٚ ہیٚتی بانڈٕسوی کرٕنی تہٕ تِمن مِٹھہٕ مِٹھہٕ دیُن ۔ نتیجہ دراو زِ تِہنٛد ذکر چھہ نہٕ صرف جان انداز بلکہ کُنہٕ حدس تام چاپلوٗسی سان تہٕ کرنہٕ یوان ..... غلام قوٚمچ مجبوری ..... باسان چھُ ڈوگرن آسہٕ ہے یتہٕ نوانگریزٕ افسرو تہٕ اَمیک طاقت فکرٕ توٗرمُت ۔ یتہٕ اوس بخشی غلام محمد (۱۹۵۳ - ۱۹۶۳ء) بانڈٕن باقاعدٕ پاٗنس سیتی نِتھ جشنہٕ لاگان ۔ یانہٕ تہٕ اَسان، لُوکن تہٕ تمدّنی THERAPY کران ۔ مگر بےٚ شو نکی پاٗٹھی اَتھ لُکہٕ فنس تیٚنتی تہٕ پینتی تہٕ موٗنڈٕراوان ۔ پاٗتھر چھُ سانہٕ صوفیانہٕ موسیقی ہنز تہٕ اکھ چھیٚن جاے تہٕ سایبان ۔ بانڈٕن منز اٗس صوفیانہٕ موسیقی ہنز باقاعدٕ تعلیم دِنہٕ یوان تہٕ اَز تہٕ چھُ یِہند مانٛژھ پٔھلی متی سٕہی ..... وُنہٕ اَمچ لے

لّلناوان۔ "ہند پوش" مقام چھُ مےٚ صِرف پانٛتھرس منٛز ےوت کنن گومُت تہٕ یہِ اوس خاص کاشُر بیٚیہ اوس پانٛتھرن منٛز اَزی کہِ ماحولیاتک تہٕ ECOLOGY ہُند باس تہٕ۔ شکار گاہ چھُ امیک شاہد۔ مگر باقے پانٛتھرن منٛز تہٕ چھُ اَمیک ناوکنن گژھان۔ بانڈ آسی پننٛ سورُے سامانہٕ۔۔۔۔ بلوٗدلو، ساز سیتار، مکھوٹہٕ تہٕ عاصہٕ بیتر پانے بناوان تہٕ کانٛسہِ آسی نہٕ محتاج۔ بیٚیہ چھُ بانڈ پانٛتھرس منٛز کاشُر زبانٛنی ہُند اصل تہٕ پھُہر COLOQUIAL رۄپ تہٕ بھرپور موجود۔ ہر گاہے اَتھ فنی وسعتس دۄ دُرِ تاو کاشرِس تہذیب سۭتۍ کیازِ کاشر زبانٛنی تہٕ گژھِ لۄبھ تہٕ سۄن بپیوٚد تہٕ بیانٛلہِ منٛزک لفظ راش تہٕ گژھن چھانگرٕ۔

---

یہ مضمون آو 24، جولائی 2006ء شیر کشمیر انٹرنیشنل کنونشن کمپلیکس منٛز مُنعقد نیشنل بھانڈ پانٛتھر سیمی نارس منٛز کلیدی خطبہ کہِ حیثیتہٕ پرنہٕ۔ یہ اوس کلچرل اکادمی تہٕ سنگیت ناٹک اکادمی ژلبتھ آراستہٕ کوٚرمُت۔ صدرِ محفل تہٕ ڈپٹی چیف منسٹر مظفر حُسین بیگن وۄن خطیبس کُن اِشارٕ کران زٕ ٹینگ صابُن خیال انگیز خطبہٕ بنیو وۄنی سانہٕ ادبی تاریخُک حِصہٕ تہٕ مےٚ چھ اُمید زِ یہ روزِ واریاہس کالس زیرِ بحث۔ تمۄ وۄن زِ یہ کرِ اَمہِ کہِ تھدِ سیتھرِ بوٗن لوٗنے پنٛنٕ کلامہٕ۔

# سرینگرچہ آورِنہٕ

سرینگرس منز چھُ از بٹن ہُند تعداد ژھوٗکیومُت۔ اَمہِ کنہٕ چھ از ہیٚتہٕ چہٕ کُنہٕ آورِنہٕ ذراگجر تہٕ مندی۔ یہ چھ کرن نگراپور پہن بٹہٕ مالیٛژن سٹرکہٕ لسنہٕ۔ یہ آیہ اور ژٔنہٕ مہٕ صدی ہندین ڈسلابہ ڈٕہی لین منز مُنتقل کرنہٕ۔ یلہٕ شہرٕچ پراچین تہٕ ئبڈٕ آورِنہٕ آیہ ہائی کورٹ عمارت بناونہٕ ستی اُتھ تل۔ یہ اُس اَزِکِس بنڈس تل لال منڈی دوٚیمہ طرفہٕ وِبتھہِ ہندِس بٹھس پیٹھ۔ پیٹھن ڈریاوس اَکھ توٗڈ خم چھُ اژان تہٕ یہ چھُ امیراکدل کُن پکان۔ اَمہِ آورِنہٕ ہُند کُن نیب چھُ وونی تہٕ لوکچہ عدالتو ہندِ حاطہٕ نبر کنہٕ کاوٗج محلہٕ کِس صورتس منز موجوٗد۔ کاوٗج گےٚ تم کارکُن یِم شمشان ئندراونہٕ پیٹھ اِلنسانی شوبھسم گژھنس تام اتہٕ زیٛنہٕ لاگان، تِمہٕ وُتشاونہٕ خاطرٕ زاژن (گیو، میژتیل، پیٹرول بیتر وقتہٕ کہِ رلواجہ مطابق) تراوان اُسی۔ تہٕ شوٗس پھری بیتر تہٕ دِوان تہٕ ییتہٕ اُسرکھ ژارلس منز تہٕ مدد کران مُسلمانن ہِندِ دورٕ ییتہٕ اُسی یِم تقریباً کُلی طور مسلمان آسان۔ سِکھ تہٕ ڈوگرہ قبضہ کہِ وقتہٕ تہٕ۔ اُتھ شمشان گھاٹس پیٹھ آیہ ہتہٕ بدہن وٚریَن ہندِس

وَقتس منز بٔڑی بٔڈہ حاکم ۔ ودھوان تہٕ فنکار اوگنس پُشراونہٕ ۔ اَتھ
سازٕ سے وَقتس منز اوس یہ علاقہ آبادی بٔنٛنہٕ تہٕ مچھہٕ تہٕ اِتہٕ آسہِ یا
مکایہ ڈارٕ نہٕ تُلہٕ کُلہٕ وَن بیسترٕ ۔ یوٗ نام میدانِ مائسمہ ہس منز انگریزی / ڈوگرٕ
فوجن تہٕ کأشرٕ ہن درمیان ۱۸۴۶ء منز اُخری لڑاے گے تہٕ کأشر ہور
جنگ مگر ڈوگرٕ فوجک سالار وزیر لکھپت مارنہٕ پیتہٕ ۔ تسنز لوکٹ
سمادھ چھےٕ اَز تہٕ وزیرِ اعلیٰ سِندِس بنکوئیٹ ہالُس کھوورطرفہٕ موجود ۔

کرٕن نگرچہ موجودٕ ژینتاپہ منز آیہ سانہِ فکرٕ منز پنڈت درگا
پرشاد در (۱۹۷۵ء) پنڈت رام چند کاک (۱۹۸۳ء) تہٕ پنڈت دینا ناتھ
نادم (۱۹۸۸ء) ہوٕ بن ناماوار تہٕ بڈٕ ہن بٔڈہ کأشرٕ ہن داہ دِنہٕ ۔ پنڈت رام چند
کاک اوس ڈوگرٕ دورٕس منز جموں و کشمیر ریاستُک اکوے کأشُر بولن وول
وزیرِ اعظم رودمُت بٔنیہ چھ تااین دَم کشیر ہُند سارٕ وے کھشو تہٕ ممتاز
آرکیولاجسٹ تہٕ آثار شناس ۔ کاک صاب اوس ۱۹۴۷ء منز وزیرِ اعظم
تہٕ تسُند خیال اوس زِ کشیر گژھ اَتھ آزاد تہٕ خود مختار ریاست روزنی ،
یُتھ نوٕ بن ہمسایہ ۔۔۔ پاکستان تہٕ ہندوستانس ستی دوستانہٕ مگر برابری
ہندی تعلقات گژھن روزنی ۔۔۔ یِیلہٕ ہندوستانکین نوٕ بن حُکمرانَن رام چند
کاک ہندی کیرٕن لوٗس تُلنہٕ لگی ، تمو سوز پانہٕ مہاتما گاندھی یور (۱ اگست ۱۹۴۷
گاندھی گے بذاتِ خود گُپکار پیلیس مہاراجہ ہری سنگھس سمکھنہٕ ۔ تسنز مہارانہٕ
تارا دیوی اونکھ سوٕنہٕ سِندِس تھالس پیٹھ تھاوِتھ روپہ سِندِس
کھاسِس منز دوٕد پٔژھ ھلأزی پٔژھ ۔۔۔

مگر کیپرشادن یتہ لنگوٹس منز ڈلیتھ اڈ ننگہ فقیرن دیت اکھ دوٗل

تہٕ ووٗنُن "گاندھی چھُنہٕ تس رازٕ ستھ گریٚک دودچیوان، یُس پنٕنی

پرزا(رعیت) غصبی آسہٕ گامٕژ۔"

بیٚلہٕ اَمہٕ واقعہ پتہ صرف دٔہ دوہ یعنی ۱۱ اگست ۱۹۴۷ء

رام چند کاک برطرف کٔرِتھ شیر گڈ منز پننہٕ دفترٕ نیبر کنہٕ گرفتار

کرنہٕ آو۔ تمہٕ وزٕ سپُد احساس زِ گاندھی جی رنز ناوُنگ اصل طریقہٕ

کیا اوس تہٕ مہاراجن کیا باج اوس تمن لوکچہٕ گوٚنڈمُت۔

رام چند کاک آو ۱۹۸۳ء کس وندس منز شیرتھ سکھرتھ دِلہ بیہتھ

سرینگر۔ (سہ اوس وُری ہابیہتھ وند کشیرٕ نیبرے گذاران) تہٕ ستی دیُتن

اَمانت۔ ظاہر پننہٕ اَمہٕ امارٕ خاطرٕ زٕ تس ندِ آدم مُرچی میٚنز گرٕتھ بیٚتھ عظمتہٕ

واجنہٕ کشیر ہندِس خاکس ستی واصل تہٕ یکسان سپدٕنی۔ کاک صاب یٚیلہٕ

گُذرے یہ تس نز وائنس اُس ۸۸ وُری۔ ڈی پی درگذرے پہ دِلہ مٔژ ییٚتہ تم

ہندوستانی سرکارکی بڑی مُعتمد اُسی۔ تمن آو خود وزیراعلیٰ شیخ محمد

عبداللہ صابٕس ڈیشماں داہ دِنہٕ۔

کاشُر زبٲنی ہندی عظیم شاعر دینا ناتھ کول نادمؔ گیہ ۶ مہ اپریل ۸۸ء

جمہٕ سورگہٕ واس مگر تہند شوٗ آو سرینگر اَنہٕ تہٕ کرن نگر آو رٕنہٕ بیہتھ آو تمن

انتم سنسکار کرنہٕ۔ اَتہٕ اُسی مرزا عارف، کلچرل اکادمی ہند سیکریٹری محمد

یوسف ٹینگ تہٕ تہندی سرکاری رفیق ـــ پران کشور کول ـــ سومناتھ زتشی

تہٕ بیٚیہٕ داہ باہ نفر ـــ ییٚنہ واجنہٕ ملی ہٹنی ہُند اڈرٕ لوٚنگ اوس یکیھ مُٹرٕاوان

تہٕ اَتھ شاپہٕ پیٹھ تہٕ اَس اَچھ ٹھاے گژاپہٕ ماران۔ کشیرِ ہنٛز میٚنٛز ہُند مارٕ موٗت کوتاہ اوس سانِہن بُزرگن، تمہٕ خاطرٕ پیٚیہ اَسہٕ پرٛوفیسر جیالعل کول سُند مرُن یاد کرُن۔ کول صاب (پرنسپل۔ اُستاد کلچرل اکادمی ہندی سیکریٹری) آسی واریاہ کالہٕ پیٹھ ڈٔلی۔ تمن اوسکھ ہٹہٕ منز ژٕ تان کوڈمُت ییمہٕ ستی کیٛتھ کران چھِ۔ مگر تم آسی مردانہٕ آیہٕ زُوان۔ ۱۹۸۶ء منز آے تم بینبر پیٹھ، بیٚیہٕ تمن اِقبال مند فرزند روزان آسی، گٔنے زٔنی کشیرِ۔ تہٕ کیاز تمن ما آسہٕ ہے دُنیا تراونک نیب پننی ژینتن دیُتمُت۔ سارِنے آسہٕ یاد زِ تمہٕ وِزی یہٕ کیٛتھ گُذر تہٕ ظالِم وندٕ کوٚرُن، شیٖنہٕ غضبانہٕ پیوو ــــــ مگر تم روٗدی ڈاڈ کرٕتھ۔ آخر گے تم ۲۶، دسمبر ایکس چینج روڈچہ پننہٕ کوچھِ منز یہٕ عالم تراوتھ۔ تسُند شُو آو بہ ہزار دقت کرن نگرچہ آور پیٚنہٕ پیٹھ واتناونہٕ۔ یتھٕ کنٕز ع

پہنچی وہیں پہ خاک جہاں کا خمیر تھا

مگر میٚنٛز ہنٛز یہ کٔشِش چھِ وۄنی تنان تہٕ کمزور گژھان۔ ع

نہ وہ غزنوی میں تڑپ رہی نہ وہ خم ہے زُلفِ ایاز میں

یِیلہٕ شُتہ بہٕ صدی عیسوی منز راز پرورسینن ہار پربتس اَندی اَندی پننی راز داٗنی پرور پور بناو، تمہٕ وِزِ اَس اَمہٕ نوٚ شہرچ بُڈ آور پیٚنہٕ اَزی کِس کہنہ (ایرون) کھن قدیم مندرس اپور یہن شمہ جایہٕ پیٚیتن از رتن رانی ہسپتالک احاطہٕ تہٕ چھُ۔ یہ اَس تمہٕ وِزِ ژٕ وٚشٹھی کول تہٕ ونیتھ ہندِس سنگمس پیٹھ کنہٕ ــــــ یُتھ سنگم چھُ بٹہٕ پرمیرا یہٕ رٕکنی اَنتم سنسکارٕچ

آدرش جاے آسان ــــــ بیٚیہٕ اُس یہ شہر بدون پہن تہٕ اور اُسی اَرتھی دریائی ناؤ وکنۍ واتناوِنہٕ یوان۔ یہ روز قرین اُٹھن شتن وٕری ین مہاشمشان۔ خبر رازٕ وتہٕ حاکمو علاوٕ ماآسن ترکاشاسترک بانی کار واسوگپت، عظیم فلسفی تہٕ ودھوان مثلاً آنند وردھن، سومانند، اُتپل دیو تہٕ ممٹ تہٕ بیٚیہٕ وارِیاہن زبردست ادیبن ہندی جسم تہٕ ما آسن اَتھی جایہ کشیرہٕنزٕ میٚنزٕ منز واپس شرٕ یمتۍ۔ یہ آور یٚنہٕ آیہ ژرک دورس منز ہیٚو میدان ماتسمہ منتقل کرنہٕ تہٕ کیازِ یوسف شاہ ژکن اوس حبہ کدل علاقس منز پنُن محل خانہٕ بیتر بنوومُت تہٕ اَتھ علاقس تام اوس آبادی تہٕ آورِ ژرک ژبل کھبل ووتمُت۔ امیک نیب چھُ اَز تہٕ کہنہ کھن مندرس اندر یہن سمالہٕ کنۍ لیٚسخ کاوِج محلہٕ کِس صورتس منز ژتھر تھ تہٕ کیٚھ کران۔ شاید چھُنہٕ تتہٕ کہن اَزی کہن لیٚسکینن بیٚی زٕ تہند لو اَسلافو ہندلو اَتھو کیتیاہ عالی دماغ بُزرگ تہٕ ژٕ نۍ پوشہٕ بدن تھاوِن واجبہٕ سوندر چھےٚ ناوِکرٕ ھتھ ونکھڈ نگرکس پوشہٕ باغس منز سوزنہٕ آمژٕ۔

کرن نگرچ موجودٕ آورہٕ تہٕ چلے جاو لگنہ بروٚنہہ اُس چھتہٕ بلیچ آورنہٕ سبٹھاہ اہم۔ یہ چھ وُہمہِ صدی ہندین گوڈنکین شتن وٕری ین ہنز دلیل۔ یٚیلہٕ 1931ءس منز شہر دار بٹن تہٕ مسلمانٔن کینژن کالس وُرشے یہ۔ شہر خاصکی اَکھ بٹہٕ گرن ہیچ تہٕ ییٚنۍ موردہٕ کور ژینتایہٕ تام واتناوِتھ۔ تمہ گڈ آو شیخ محمد عبداللہ سٕنز غیرت تہٕ اَکس ناوہ منز واتہٕ نوون جسد چھرٕ بل کس شمشان گھاٹس تام۔ یانہٕ رود لوٚر یتھ ناوِ منز ووڈنۍ تہٕ قومس یُس لیحاظ تمن ہُند اوس تمہٕ کنۍ سپز نہٕ کانہہ مزاحمت۔

# ایرانہ ایور چین

کشیرِ منز چھُ اَز پیپر میشی سارِوِے کھوتہٕ رنگین تہٕ نقشو بٔرِتھ آرٹ یا کسب۔ اَتھ چھ عام طور ایرانس سٕتؠ کٔڑاٗنؠ ہانکل رلاوُنہٕ یوان یہٕ چھ اَکِس حدس تام دُرست زِ شیٚتھ ہتھ وٕری برونہہ ہیوٚت چھ یہٕ اَسہِ ایراٗنؠ اُستادَن ہِنٛشِہ۔ مگر یہٕ چھُ پننہِ خمیرِ کنہِ چیٖنک ایجاد۔ پیٚلہِ عیسیٰؑ سِنٛزِ گوڈنِچہِ صدی منز ٲسہٕ کاغذ بناوُنہٕ آمُت۔ تمہِ مصالحہ سٕتؠ لوگ پیپر میشی تہٕ سنگ۔ چیٖنکؠ سٲری رنگ تہٕ طرح شولے یہٕ اَتھی لوٗس میدٕمس پیٚٹھ تہٕ پٔتہٕ کوٗر کھ سٲری سٕے اَندی پکھس زوٗل۔ شہرہٕ آفاق چیٖنی PORCELAIN اِکؠ گوڈنِکؠ مرتبان بیتر آیہِ اَتھی منز بناوُنہٕ۔ منز ایشیا تہٕ ایران ووت یہٕ خبر کنہِ ہتھ وٕری گُذرِتھ۔ لہاذا چھُ یہٕ اَسہِ ایرانکہِ لأرِ کنہِ سہی پٔتہٕ اصل آگرس تہٕ لاہورس یعنے چیٖن سٕے سٕتؠ ڈٔسر لوٗسی کرناوان۔

اَتھ خیالس چھ پنڈت جواہر لال نہرون تہٕ لیٚشنہِ کرمُژ۔ سُہ آو 1940ء کِس رِیتہٕ کالس منز کشیرِ سٲل کرنہٕ تہٕ ییٚتہٕ گُزرٕ وُن یِچھ کھنڈ۔ تمہِ پیٚلہِ ییٚتہٕ کاشرِ ہِن اَتھ کاہِن خاص کرِتھ پیپر میشی شال دوزی، قالین سازی بیتر منز رنگن تہٕ طرحن ہُند کمال تہٕ جمال وُچھ، تمہِ لیوٗکھ زِ یِم رنگ تہٕ یِم طرح چھ سٕے صِرف چیٖن کِہن کسبن منز وُچھمتؠ۔ کشیرِ تہٕ ما آسن یِم رنگہٕ رٲٹھ چیٖنہٕ پیٚٹھے حاصِل کرمٕژ۔

(وُچھو۔ سفرنامہ کشیر۔ جواہر لال نہرو۔ نیشنل ہیرالڈ 26 جولائی 1940ء)

# لفظہ راش تہٕ واٹنجہ گاش ۔ 3

ایمہِ مضمونکیٚ ژٕ قسط چھِ راقم سٔنزٕ 'راش' تہٕ
شش رنگ کتابہِ منزٕ گاشراونہٕ آمژ )

آگر پٔچھنی :-

کاشرٕ ین داستانَن / دلیلن منز سمکھن وول بار ستہٕ ، عجیب پُراسرار تہٕ اسطوری پرندٕ ۔ آگر پٔچھنہِ ہُند ناوٕ چھ کاشُر زبانٕ ہندِ زیٹھ یاد داشت تہٕ بجہِ نظرِ ہُندٮ۪ دِوان تہٕ بیٚمہِ ہیوٚ ناو چھُ بیٚیہ خالے کٕنہٕ زبانٕ منز برونہہ کُن یِوان ع

آگر پٔچھنے تابیا چھ جن تہٕ النسانے

(وہاب کھار)

عام طورِ چھ بڈین تہذیبن تہٕ کلچرن پننہٕ خاص پنکھ پکھشی تہٕ پٔرژنٹھ تھاوَن وألی جانا وار آسان ۔ مثلاً فارسی کِس عظیم تہٕ قدیم تہذیبس چھُ سی مرغ ۔ یُس نصیر الدین فردوسی ین پنہٕ نِس زبردست شاہنامس منز تمہِ آیہ پکھن واش کڈٕ نو مُت چھُ ژِ سارے ایرانی تہذیبک وِشال منظر

چھُ اَتھ تلہٕ کٔنہٕ شوٗلان تہٕ شوٗبان۔ عرب اسطوٗرس منٛز چھےٚ عفریت ناوُک درِندٕ کھمان تہٕ کھوژناوان تہٕ تہندۍ لُکہٕ قصہ چھہٕ اَمی سۭنٛز تٔھایہٕ ستۍ سیکہٕ لِبن شامتھ انان۔ اَمہِ آیہٕ تراپہٕ ہُند سارِوے کھوتہٕ شوٗبہٕ وُن جاندار چھےٚ یوٗنانی دیو مالایہٕ ہُند سنتوٗرہٕ (CENTOUR) اَمس چھُ زنانہٕ ہُند کلہٕ، نٔرہٕ تہٕ جسم آسان مگر گرِ ہٕ سۭنٛز زنگہٕ، تہٕ اَچھ چھس تارکن ہندۍ پاٹھۍ نِژترِاوان۔ مگر سارِوے منٛز چھُ چینٛک ڈریگن (DRAGON) سَرس۔ یہ چھُ چیٖنی تہذیبُک فرؤژ علامت بنیومُت۔ ڈریگن چھُ چیٖن کین فنوٗن لطیفن منٛز گرایہ ماران۔ خواہ سُہ مُصوٗری آسہٕ یا مجسمہٕ سازی، اَخِتے چھُ یہ فنِ تعمیر، رقص، پوشاک کین ڈیزائنن ہٕنہ اَتھہٕ کسبن تہٕ واریاہ شوٗب تہٕ شان بخشان۔ اَمس چھُ سہہ سُند بُتھ تہٕ شاہ مارسُند جسم آسان تہٕ دپان یہ چھہٕ اَمس منٛز اَکس بے بہا لالس رٔچھی کران آسان۔ رحمان ڈار چھُ ظاہر یا امی دلوانیچ ژیٖنہٕ وَن دِوان ع

اَجدرا اَمِہٕ منٛز لال کڈانے

یہ چھُ پکھہٕ واشہٕ ستۍ واوٕ طوٗفان تُلتھ ہیکان تہٕ اَمہٕ کِنۍ برہہ ماروِنۍ نارٕ لمبہٕ تراوان۔ چیٖنی لُکھ چھِ اَمس پنُن بۄن سوکھن ہُند رٔچھ در، الاین بلاین لارکرن دول تہٕ خوش نصیبی ہُند نوبت کار زانان۔ دپان یہ چھُ ماقبل تاریخ کین (PRE-HISTORICAL) زمن دیوٗسارن ہُند سایہ یم زمینہٕ پیٹھ تہٕ ژلان اَسی تہٕ وُڈوتہٕ کرِتھ ہیکان اَسی۔ ہومر سٕنٛز یوٗنانی ایلیڈ (ILLIAD) منٛز چھُ اگامیمن (AGAMEMON) سٕنٛز ڈھالہٕ پیٹھ اَمی سُند طغرٰی باونہٕ آمُت

یہ چھ چینک قومی نشان تہٕ ٹاو دھرمک اکھ برگزیدہ حصہٕ۔

چینہٕ کہ رلوایت حسابہٕ چھ اَمس تُور پنجہٕ آسان۔ مصرک ابوالہول یعنی SPHINX تہٕ چھ اَز پانژ ساسو وری پیٹھٕ غیزاکین اہرامن نش مُدے گنڈتھ۔ اَمس چھ انسانہٕ سُند کلہٕ تہٕ سہہ سُند جسم تہٕ یہ چھ سارے دُنیاہکین علامژن (IMAGES) منز واریاہ قدیم شانہٕ۔

اَکھ پۄت منظرس منز چھے کأشر آگر پھٔژ اَکھ عجیب اسرار تھاوان۔ دیوسار دپان چھ پرندن ہُند اصل جد۔ اَمہٕ حسابہٕ آگر پھٔژ ناوے چھ خبر کتھ معنے وۄ تلاوان۔ یمس لشہ ساری پرند دژاے یعنی پکھشین ہُند آگر۔ اَسہٕ چھےٚ ساری داستان پورہٕ پأٹھی زٕتھر بھتہ نہ چھ آگر پھٔژنہٕ ہُند پورہٕ خول خط لیوٚد۔ مگر یہ چھ سانہٕ ناپرساٚنک نتیجہ۔ تکیازِ اَکھ بیٹھ چھےٚ وۄنہٕ کانہہ کام سپزمژ تہٕ نہ چھے داستانٕن یا دلیلن پۄرہٕ وۄن دتھأمی سُند اَنہار یا خصلت پورہٕ پأٹھی پرٛزناونہٕ آمژ۔

یہ کتھ چھےٚ خود بذات کأشر تہذیب تہٕ زبأنی ہنز آٹونامی ہنز دلیل زِ اَسہٕ چھ اَکھ بیوٚن اسطوری پرندیس ناو تہٕ پنٕنی تہٕ شوٚد کأشر چھ۔ ہرگاہ اَسی پنٕنہٕ داستانٕن وارہٕ پأٹھی تلانی کرو، اَمی سُند آکار اَنہار تہٕ گرزھ آشکارا تہٕ سأنس کأنسہ مُصوٚرس تہٕ پیہ تتھے کٔنی اَمی سنز شبیہ بناوٕنس وارہ بنادہ ییتھ کٔنی چینی تصویر کارن فوراً ڈرگین بناوٕن وۄشان چھ۔

کأشرین چھ اَکھ معاملس منز اسطورک واریاہ سنہر تہٕ وضاحت

ڈکھس۔ خود کشیر ہُند وجوُد چھُ اَکِس پکھشی ہندِس ڈُسلاب ٹلنس سِتۍ وابستہٕ۔ یوسہٕ ہٲر (شارکا) ستی سرکس دزانہٹال جلدبوس گالنہٕ پکھ پھٕٹراوِتھ وُڈھ تہٕ ہارہ پربت بالک "کنہٕ پھوٚل" (وُچھو کوتاہ لوٚتہٕ وٕ چھُ) لَس تالہِ پیٹھ سیٚزراوِتھ دزلے۔ جلد بوگوٚل۔ کشیرِ ہٕنٛز نازنین وُڈھ سرٲن کرِتھ آپہٕ ٹھٲلہِ منٛز تہٕ مَس یلہٕ تراوِتھ تہٕ نازکران کران ہیوٚتُن جلوٕ ہاوُن۔ خبر سائنس لاشعورس منٛز ما چھےٚ یہے آگر پچھنی بٕنتھ رنگ بدلاوان تہٕ اَسہِ دیوٚمالاچہٕ وُنلہِ منٛز کینہٕ مُتھٕ بٕتس معاملس کُن ظوٚن بھران۔

کاشکے گُل کنی چراغ خرد

در اساطیر آشکار منم

(ترجمہٕ: تلہٕ ساعقلہِ ہُند ژونگ زٕ ھن زٕھپتہٕ کرِتھ ٕ یہٕ چھُسےٚ اسطورن منٛز گراپہٕ ماران)

ڈسکوری DISCOVERY چنلہِ پیٹھ آو 7 اگست 2006 ہٕ پیٹھ ڈریگنس مُتعلق اَکھ خاص پروگرام نشر کرنہٕ، یتھ منٛز وَنہٕ آو زِ یہٕ اوس ڈینوسار وبرونہہ تہٕ زمین پیٹہٕ تہٕ روُد۔ آگر پچھنی چھ تِوے اعتبارس تکھ یوان۔



## زڈ کڈٕنی:۔

اِصطلاحاتی معنے ..... پنُن غرض پورٕ کرُن۔ کم کسےٚ پیٹھ گذارٕ کرُن۔ پنُن حاجتھ کڈُن.....

زڈ چھ دراصل جڑ۔ یعنے موٗل۔ ج چھُ کأشرِس منز 'ز' بنان۔ زل (جل)، زٔج (جزیہ) زگت (جگت) بیترِ۔ جڑ چھِ قدرٕچ اکھ ترٕتھ ترکأری، سبزی یا دوا یوسہٕ میٛژ منز آسان چھےِ کیٚنژَر منز اوسہٕ گاہے کھیوٚن کیٛت بنان۔ تہٕ بٕہ اُسی تاوٕچن لگیتھ وٕنن، مأدانن بیترِ منزٕ یمن جڑن کُن کل کران۔ اَکھتے اُس یمن منز کیٚنہہ چیز تہٕ ہیٚڈر ہوی خودرو غذأیی دوٗپھہ تہٕ کیٛڑ تہٕ پوان۔

رام چند کاکن چھُ لیوٗکھمُت[1] زیٚیلہٕ سُہ وُہمہٕ صدی ہندِس ترٛیہمس دٔہلس (TWENTIES) منز مرٛٹو واڈوٚن دورس پیٚٹھ گوٚ تہٕ اُسی لوٗکھ یم جڑ کڈان تہٕ کھیوان۔ بوزوٚے تہٕ گأنز تام چھےِ اکھ یژھے جڑ مانٛنہٕ یوان یوسہٕ کھینہٕ والین یٔڑ بران اُس۔ اگرچہ یہ چھےِ سوئیزرلینڈ تہٕ جرمنی ہنز مقأمی مانٛنہٕ یوان۔ مگر یہ چھِ واتان واتان سأری سے عالمس منز عام گأمژ (وُچھو -UNE SCO - HISTORY OF MANKIND) گوٚ کیٛنژ اُس فرعونی مصرس منز تہٕ ویٛژ۔ کأشرِ ہن وٕنن منز چھےِ یژھ کھینہٕ ساوی جڑ واریاہ تہٕ کأشر اوس لوتہٕ پیٚٹھ ونان زہے مے کڈس پیٚنز زڈ۔ یعنے یُھتھےِ تیتھےِ رزق۔ یا آہار لوٚبُم۔ وونی چھہ زیادے اِصطلاحأتی معنیس منز ورتاونہٕ یوان۔

—— ○ ——

چھ:

دہلکہٕ سان دوہٕ دِگنہٕ۔ ماجہ دوہ دچینہٕ وول کیٚہ پوت۔ سنسکرتس منز 'کھ' لفظ 'ز' چھہ ورتاوان...... 'کھ' یا 'خ'! لچھمن نتہٕ چھُ لچھمن بنان

---

[1] وُچھو لتند وأڈونک سفرنامہ

چھُ)

یوٗسہ دوٗدٕ دھار ژھاوچہ یاگبہٕ، اَختےٚ گاوٕ ہنزٕ و بَوٕ لنشہٕ چاوِنہٕ وِزنیران چھےٚ، اَتھ چھہٕ سنسکرِتس منٛز کھرتہٕ وَنان۔ لیُس پئتہٕ کھپر (دوٗدٕ وِگرٕ) تہٕ کھپر بھوٲنی (دیوی) ہندِس مندرَس منٛز تہٕ مُکرّر سپدان چھہٕ۔ کٲشرِ زبٲنۍ چھہ امِک دوٚیُم پھوٚر چھہٕ، قبول کوٚر مُت۔ تہٕ اَسی چھےٚ اَتھ چھِھ وَنان۔ 'چھِر' چھُ ہتھ تل چہ دوٗدٕ راٚٹھ علاوٕ دوٗدٕ ماسس کٕٹہٕ پوٗتس تہٕ وَنان۔ یہ چھُ اِنسٲنی شُری سِندِ ہِن تَمن دَندن سیٚتہٕ وَرتاوِنہٕ یوان یِم لتَس وٲری شُن ہیوٚ گرِ ھٕھہٕ یوان چھہٕ تہٕ موم چیٚنہٕ کِس زمانَس منٛز روزان۔

..... چھِر دَند۔ کشیٖرِ منٛز پکھر پوٗر، راجپوٗر (پُلوٗوم) کین بڈٕہِن گامَن أندی ٹکی پرگنَس چھُ پرٕوٚن ناو چھِراٹ۔ ظُہرا اَسی اَتہٕ واریاہ تیٖری گُپن بییِٚرِ آسان۔ تِکیازِ یہ چھُ جنگلی علاقہٕ ہیوٚ تہٕ اَتہٕ چھہ واریاہ نٮ۪ر تہٕ نٮ۪ری لیوٚہٹ لبنہٕ یِھےٚ۔ پلوامِس منٛز چھُ اَز تہٕ کشیٖرِ منٛز سارِوٕے کھوٚتہٕ زیادٕ دوٗد حاصل سپدان (سرکٲری اعداد و شُمار)..... چھِر چھُ دوٗدٕ خاطرٕ فارسی لفظ "شیٖرس" تہٕ نکھہٕ۔ تِکیازِ فارسی چھہٕ ژنداوستھایی رِلِس منٛز سنسکرِتس نکھہٕ۔ توٚے چھُ مثالے فارسی لفظ میغ (اوٚبُر۔ بادل) کہ خاطرٕ سنسکرِتس منٛزامی پھوٚرُک لفظ میگھ (کالی داسنہٕ بٲت میگھ دوٗتس تہٕ چھُ یوٗہے برسر) فارسی شیٖرِ منٛز چھُ شیٖرین تہٕ دٔرامُت لیٚیمے میوٗٹھ تہٕ کٲشرِ شیٖرانٛز تہٕ یوٗسہ مھرانِہ مھرِنہٕ چھکِتہٕ یِھےٚ یوان۔

## کبرگا

اکاشرِ بٲتہٕ ہنٛد ضیافتُک اکھ مزدار سیٖن۔ یُس عام طور کھٮ۪ڑٲژہ ہاوٕلی سٕنٛز لر کانٛہہ نکہِ راوِتھ تیار چھُ یوان کرنہٕ (کبرگا چھُ بٹہٕ دعوژہٕ ہنٛد اکھ مزدار سیٖن۔ یہ چھُ مازہاری NON – VEGETARIAN) بٲتہٕ وارِیاہ پسند تہٕ تہنٛد بِھتہٕ کھینہٕ کِس اعزس منٛز یوان۔ یہ چھُ کانٛہہ پیٚٹھ موٚٹہٕ مازُک آسان۔ یُس گٕمیوٗس منٛز وارٕ پٲٹھۍ تلنہٕ چھلنہٕ چھُ یوان تہٕ پتہٕ چھُ بتہٕ کِس اعزس منٛز اٹھو بتی ژٲٹھ تہٕ ڈنٛڈو بتی ژٲپتھ کھینہٕ یوان۔ مُسلمانٛن ہنٛدِس وازٕ وانٛس منٛز چھُ طلبکھ مازٕ اٹھ ہتی ہشر مھاوان۔ مگر یہ چھُ تمہٕ کھوتہٕ بوٚڈ پہن آسان تہٕ بدل طریقہٕ تیار کرنہٕ یوان۔ اَخہِ چھُس مزہٕ تہٕ بدل آسان۔ یِیلہِ راقم الحروف 1987ء منٛز ووٚنی ختم شُدہ سوویت یونین گوو تہٕ تتہٕ سپُز قازقستان کِس کراگنڈا شہرس منٛز سانہٕ تمدنی وفدٕ کِس اعزازس منٛز بٔڈ دعوت۔ یہٕ پٲٹھۍ اہم زٕ تمن دوہن سوویت یونینس منٛز ہندوستٲنی سفیر ٹی این کول تہٕ آو ماسکو پیٹھٕ دوٗر درازٕک سفر کرِتھ اور۔ اَتہٕ سٕیدٕ تمدنی وفدس مٔلیک خاطر مگر کول صاحبس، یُس پانہٕ اکھ کاشُر بوٗزُن وول بٹہٕ اوس، آیہٕ الگ دعوت کرنہٕ۔ تمیٚوٚس پہ تہٕ پانس ستی تتہٕ آسی اَتلکی کینٛہہ وزیر، امیر تہٕ۔ کھینک اوس زِیادے خاص اِنتظام ضیافت کِس اعزس منٛز تتہٕ پھوٚکران (SIZZLING) سیٖن آو تہٕ تمو

وۄن کوٗل صائبس زِ یہ چھےٚ تِہُنز خاص DISH یَتھ اَتھ چھِ کبر گاونان۔
اَسہِ دوٚشوٚنی اوس اَمہِ چہ شکلہِ تَلے سوٚنگُت گوٚمُت مگر یتھٕ یہ ناووٚنہٕ
آو اَسہِ زَن گے اُچھ بَیہِ ہَن کُشادٕ آ۔ اَسہِ پُرٛژھ تِمَن اَمہِ ناوُک
مُطلب۔ تِمَو وۄن یہ گو اُڈی چہ ماز، یہ واقعی یہ آسان چھُ۔ کراگنڈا چھُ
ایشیائی پاٚدی پاتھلین (STEEPS) ہِندِس نٲرِس پیٹھ، سائبیریا کِس
اَندی پَکِس منز۔ اَتھی نزدیک چھُ امیٚک مشہورٕ عالَم آسمٲنی اُڈٕ____
(COSMO DROOM) لوپ نار یَتہٕ پیٹھٕ دُنیاہچ گوڈنچ زنانہٕ خلاباز
ویلنٹینا تاراشکواشنس کُن روانہٕ گے۔ خیال چھُ یوان کرنہٕ زٕ اَز برونٛہہ
ترٛٮ۪ے ژور ساس وُری آیہ یمَو اَندو پیٹھٕ آریہ ہَن ہِنز کینٛہہ چھو کہِ ہندوستان
تہٕ پتہٕ اَکھ چھو کھاما اَسہِ کشیرِ تہٕ وٲتہٕ منز۔ یمو یہ سیٹھ پالس ستی اوٚن
تہٕ پتہٕ رۄد یہ تِہندِ ین زیادٕ قریبی وٲرِث بٔنِتھ ہِندِس ضیافتی نظامَس
منز تہٕ مؤجود۔ یہ پراچین تہٕ معنہٕ سٲو ترکیب چھےٚ صرف کاشرِس CUSINE
منز ژھرِتھ پیٹھس بُڈِس کالہٕ سٔدرس تہٕ بُتلہِ پاتھلس اَکھ اَکِس ستی
واٹنک سۄن پتہٕ داوہش اوٚیزان۔ کشیرِ منز اوس قدیم زمانہٕ پیٹھےٚ مازہ
کھینٛک چلن۔ یَتہٕ چھےٚ بُدھ دھرم کین ارہتن اُڈی چہ میٚنز وارِ ین منز
ہتاٚو یتھ لبنہٕ آمٕژ۔ تہٕ تِہندِ ین دَندَن ہِنز کیمیٲئی جانچ کرنہٕ پتہٕ چھُ یہ
کَڈنہٕ آمُت زِ بُدھ دھرم کین مازہٕ کھینہٕ کین بنیادی اصوٗلن انحراف کرٕتھ
چھِ یِم ارہت تہٕ گوشت خورٕ آسی مٕتی۔ کاشرٕ لو بُٹو کورٕ تہٕ کُنہٕ وقتس منزتہٕ
مازہ کھیوٚن ترک۔ حالانکہِ تِم چھِ برہمن ہِندِس سابہٕ وے کھوتہٕ اعلیٰ طبقس

ستی تعلق تھاوان۔ یوہے وجہ چھُ زِ ہیلہ اردأہمہ، کُنوہمہ صدی منز تم

ہندوستانٔی شہرن کُن ہجرت کرِتھ گےٚئی تہٕ اَسی تمن تھدِ پایہ شاکاہٲری وُستھ

پایہ برٲہمن ہیترِ یمن ہُند مازٕ ہٲری آسُن وُچھتھ بجِہ نظرِ وُچھان

تہٕ یمن ستی رَس بلہِ وَن کرِنس پتھ روزان۔ وُچھو :

KASHMIRI PANDITS, A STUDY OF CULTURAL

CHOICE IN INDIA; BY HENRY SENDER.

کاشِر شیوتنترک عظیم فلسفی ابھنو گُپت چھُ اَکھ باضابطہ اصول بناوتھ

لیکھان زِ ہرگاہ ماز تہٕ مَس کھینس ناجائز وَتو تیلہِ پیٚیہ اَسہِ وِہدن ہندن

دیوتاہن تہٕ پہ چھُہ کھالُن تکیازِ تم تہٕ اَسی دوشوے چیز ورتاوان۔



سرآسنی :۔

(اِتھ پٮ۪ٹھ سَر : تاس ( PLAYING CARDS ) چہ کھیلہِ منز اَکھ ترکیب)

سر چھ کاشرِس منز باضے کلِس تہٕ وَنان تہٕ لعضے کاتھہ مُشکل ہیل

انہٕ نس تہٕ۔ ہٲرنس تہٕ زینہٕ نس تہٕ۔ مثالے سَرن ستی چھُ سرداری۔ یامے

کرٕ سو چرٹھاے سَر (اَتھ معنیس منز چھُ فارسی۔ اردوُک زن ترجمے

آسان)۔ مگر تاس گِندنس منز چھُ اَتھ اکھے مفہوم۔ سَر گۓ سہ تاپہ

پوٚٹ یُتھ نہ مخالف بوج یا دوٚر زِ ہنتھ ہینکہ ہے۔ تَوے چھ وَنان ہے

"چری نہلے ہسہ گرِ دہ سَر" یعنے کُنہ چھُ ترُپ یعنی رنگ تہٕ باقے ترین

رنگن ہندی ئٹھ اُکھتے یکہِ تہٕ بادشاہ تام کھسھ ہیکان۔ دراصل چھ انگریزی TRUMP لفظک ہندی رۄپ یُس کأشرِس منز تہٕ چلیو مُت چھُ (وُچھو فرہنگ روزمرہ، از شمس الدین فاروقی) عام طور چھُ ترپہٕ پوٚٹ اَسر آسان یعنی TRUMP CARD ۔ تاسہ کہٕ ذریعہ چھ کأشرِس منز بیٚیہ کینہٕ لفظ تہٕ رأیج گأمتی۔ یمن تاسہٕ بازِ گنڈنہٕ وزِ معنی چھ نیران۔ مثلاً پیس۔ چھانٹ دِتُن۔ نوہتھ۔ پوٚٹ ژٹُن۔ کوکھ کرُن۔ کوکھ پھٔراوُن۔ رنگ کرُن، بدرنگس لگُن، پیس لأگنِ۔ پیس کڈٕنی۔ سرہانٕی۔ بازگٔرٕھنی۔ بازلأگنِ۔ باز زینٕنی۔ پوٚٹ ہاوُن۔ پوٚٹ کھیوٚن، سر کھینٕ بیتر۔

## شالہٕ مار۔ شالیمار:۔

(اصل شالہٕ مر۔ (شالہٕ سنز جاے) سرینگر کِس مشرقس منز واقع زبرٚون بالہٕ کِس جنوبی دامنس تلہٕ کُنہٕ مغل شہنشاہ جہانگیر سِندِ وقتہٕ (1627 -1605ء) بناونہٕ آمُت مشہور باغ)

شالہٕ مار باغ کِس تعمیرِس مُتعلق چھُ وار یاہ پتاہ۔ "تاریخ حسن" چھُ وَنان زِ جہانگیر بادشاہن بنوویہ 1620ءمنز تہٕ ناو تھوونس "فرحت گاہ شاہی" (اکہِ اعدادے جمع کروکھ اَمہ کہٕ بنٕہ ٹنک ابجدی تأریخ چھُ نیران) مگر یہ فارسی ناو درپوٚس نہٕ کینٛہ۔ اَتھ روٗدی شالہٕ مار وَنان تکیاز؟ اَتھ چھے حسن شاہن پننہٕ حسابہٕ پھُٹ گٔڑمٕژ۔ ظأہر آسہ ہے تمی یہ لُکہٕ دلیلو لِنشہٕ اخذ کوٚر مُت۔

دپان سرینگرکس برونہہس شہر پرورسین پور کی بانی راجہ پرورسین
ہند وقتہٕ اوس اکھ نکھے ہاروَن اندی ٹکھی اکھ عابد مرتاض ڈیرٕ دِتھ یس
سوگرام سوامی ناوٕ اوس۔ راژٕ اوس اَمس سمکھنہٕ خاطرٕ اکھ جایہ پوان تہٕ لوان۔
دپان پننہٕ بہنہٕ کرنہٕ تہٕ لوکن ہندِ تم دِنہٕ خاطر بناوتھٕ اتہٕ اکھ زبر محل خانہٕ
ہش لرٕ۔ اَمہ چین لبن بیترِ بناونٕ وِن دیوی دیوتاہن ہنٛز تصویرٕ اَسہٕ خٕتے
برونہہن پادشاہن ہندی پیکرتہٕ۔ حسن چھُ وَنان زِ یہ بنیو وِ یوہے
لنگارخانہٕ چین ہیوٕ تہٕ اَتھ پھوڈن ناوٕ شالامار ..... اَتھ ترکیبہ وِشرٕھ ناوِتھ
چھُس وَنان ..... شال بزبانِ سنسکرت گوو دھرم شال تہٕ مار گو لولہ
کس دیوتا کامہ دیو سُند ناو۔ مطلب زِ لوٕ یہٕ وُن تہٕ سوندر۔ زن تہٕ کام دیو
سُند گر ..... مگر کالہ تپالہ لگیتھ گٔے اَتھ تہٕ کھرٕ لس وَزِھان۔ پتہٕ روٗدُ شالہ مار
ناوٕ اکھ گام۔ اَمیک نیب ہیوٕ یُس اور پتہٕ گرٕھنہٕ بستی آباد گومُت اوس
..... حسن چھُ لیکھان زِ مُغلن پتہٕ گو یہ باغ تہٕ ناپرُسانی کِنز وِجارٕ۔
مگر تیوٕت کرٕتھ تہٕ پتہٕ ڈوگرٕ راژٕ رنبیر سنگھ نِس وَقتس منز تسندی صوبہ دار
وزیر پنون (یہ شخص موٗد 1880ءٕ منز سرینگر کس حضوری باغس منز دشہارٕ
وُچھان وُچھان) اَمہ چہ بالادری جڑرِتھ قیمتی لال جواہر (SEMI PRECIOUS
STONES) ہمو منز کھٔنِتھ بنیر گڈری ______ یمن ہند وزن اوس اکھ کھار۔
(خروار) تہٕ ہُرے۔ وزیر پنون بٔری یم زِ دِ کٔرتھ منکہ پھٔلی چھپان کرٕتھ ع
فکرِ ہر کس بہ قدرِ ہمتِ اوست
جہانگیرس پتہٕ کورٕ تسندی جانشین ظفرخان احسن، یُس پانہٕ اکھ باکمال

شائعٕ اوس، یہ باغ وسیع ترٕ۔ اَتھ بنوٗن بوٚہٕم طبقہٕ۔ سہٕ رلوٗن ڈلہٕ سرس ستی تہٕ اَندی اَندی بنوٗنس خوبصورت تعمیر۔

بہرحال۔ یہ ہیٚر کنہٕ لیکھنہٕ آوتہٕ چھُ سانہٕ نے معلوم۔ اَز چھُ یہ باغ ہنا ژمیوٗمُت تہٕ اَتھ چھُنہٕ ڈُلس ستی وونی سیوٚد واٹھ مگر توتہٕ چھُس اصل ہیئت واریاہ موجود۔ البتہٕ چھےٚ اَکھ نہٕ کتھہٕ نوٚ سوچنُک وُتش دِوان۔

۱۔ اَتھ چھُنہٕ وونی کانہہ باغ فرح بخش تہٕ نہٕ کانہہ باغِ فیض بخش (ظفر خان نہٕ طبقُک ناو تہٕ تاریخ ۱۶۳۳ء) یہ چھُ مقامی کاشرِ زبانی ہنز ووپرِ فارسی زبانی ہندِس سامراجس پیٹھ فتح۔

2۔ یہ کتھ چھنہٕ ہٕٹہٕ وسان زِ شالہٕ مار..... چھُ شال مار یا کیشٕرن تگن گری گرن والین ہنز کتھہٕ مارشالا۔ کامہہ دِلو ہندِس ناوس پیٹھ لبہ ناو ٹھوٗنک یہ پیرایہ چھُ پیٹھےٚ بانہٕ وکھٕت تہٕ وُکر باسان، تہٕ پیٚنہٕ گوٚرمُت خیال۔ 'مار' چھنہٕ کاشرِ وَنان۔ البتہٕ شاین تہٕ جاین، مقامن تہٕ مرکزن اَسی کاشرِ 'مر' وَنان۔ زوٗنی مر۔ دیدہٕ مر۔ بلدیمر۔ اَنزِ مر بیتر بیتر۔ دراصل اوس سنسکرت 'مٹھ' کاشرِ پاٹھی۔ بیٚیہ چھُ سنسکرت چہ وش' آوازٕ کاشرِس منز 'دھ' آواز گژھان۔ مثلاً شاکھ، ہاکھ، پاٹھ شالا، ژاٹہٕ ہال۔

'شال' چھُ میانہٕ خیالہٕ اصل شالے (وُنگن وِل لُٹہٕ زیٚوٹھ جانور) یَس مُتعلق کاشرِ پاٹھی کیٚہ یا محاورہٕ تہٕ گنڈتی چھےٚ۔ شالس لوٚٹ زیٚوٹھ بالس ژلیا ترٕ۔ شال شال بیوٚن وُنگہٕ وِزِ گُنی، بیتر۔ بوزٕ وے تہٕ برأری سِندی پاٹھی اوس شال پرانین کاشرِن نشہ شژدھا یہ ہُند اَکھ نشانہٕ

شایَد ما آسہٕ ہے یہ آرین ہندِ یور پینہٕ بروٚنہہ ساہن آدِ واسین یا
PAGAN پرٛژھن پرٛژھن ہُند عکس ۔ اَسہٕ چھےٚ کشیِر منز شال ناوٚس بیٚٹھ
واریاہ شایہٕ ۔ شُپین طرفہٕ شال لوٚٹ (گام) ۔ کیٛژٕ کولہِ بیٚٹھ شالہٕ کُدل ۔
شُپینہٕ ژنجہ آرہٕ بٔٹھس بیٚٹھ شالہٕ کھاٗر (اکھ خیابان یُس مُغل سٹرکہ پیٚٹھ
واقع چھُ ۔ شالہٕ ہوم (ہوم چھ کاشرِس منز بدھ وقتُک زن تہٕ 'شریف'
یعنی خانبار شریف بییتر ہیوٚ اوسمُت ۔ اَتہٕ اوس کانہہ آستان آسان ۔
کانہٕ ہوم ۔ وَندہٕ ہوم ، آرہٕ ہوم ، مازہٕ ہوم بییتر تہٕ بیٚھتی) سوپورُک محلہ شالہٕ پوٗر ،
شالہٕ ٹنگ بییتر ۔ میانہٕ خیالہٕ چھُ شالہ مَر تہٕ بیٚھتےٚ ۔ بیٚھ پتہٕ پاٗرم کاٗکل لگنہٕ
ہتیٚ شالامار گو ۔ بیٚھ کُنہٕ وَرٕلِس ..... بار ہمولا بییتر ۔ یہ چھےٚ سیٚود کاشُر
ترکیب ۔ شال اوس براٗرِس کِہ پہن مگر لوتہٕ قدیم مصرِ کِہن لوکن لنشہ پوٚتر ۔
تہٕ تِمن ہندین تصویرن منز چھُ شالہٕ سُند کلہٕ تہٕ نمایاں ۔ لہٰذا آسہٕ ہے
کشیِرِ منزتہٕ براٗری ہندی پاٗکھٹی اَتھ یہٕ نسبت ۔

ح ۔ شالامار چھُ کشیِرِ ہنز سوگند ژھٹان تہٕ ساری ہے برِصغیرس
منز کشیِرِ ہُند اَصل اعلان کران ۔ یہ چھُ شاعرن ہُندتہٕ لوٗٹھ موضوع ۔ بییہ
چھُ ہتہٕ بدِین مقامن تہٕ مصنوعاتن شالیمار ناو کرنہٕ آمُت ۔ موغل بادشاہن
ییلہٕ شہرِ سرینگرٕ شالہٕ مار آراستہٕ کوٚر تِمن آو لوٗب ہیوٚ ۔ تِم گےٚ اَتھ مُشکنہٕ
دارِ منز ہتیٚ سیری زینہٕ نین ماتحت اہم شہرن منز کرٕکھ واریاہ شالامار تعمیر ۔
یمن منز چھُ لاہورُک شالامار باغ سارِوے کھوتہٕ زیاد مشہور ۔ تہٕ لاہورکے
یوت تہٕ بلکہ ساری پاکستانچ لنشتہٕ ہُند روٗنگ بنیومُت ۔ تِمن ہندی

بڈی بڈی شاہی سال پلال چھ اَتی سپدان۔ یہ چھُ تتہٕ وَتہٕ گژھن ہُند
سارِوے کھوتہٕ دِل پسند مانٛژ۔ سانہٕ ریاستہٕ کِس جیٚمہِ شہرس منز چھُ از
شالامار اَکِس وَتہٕ پڑاوس ناو۔ تُمِس سٹی چوک تہٕ نیو سیکرٹریٹس منز باگ
یوان چھُ۔ مگر اَتہٕ اوس گلاب بھوتہٕ ہیوٚر یُہن اکھ خیابان یِتھ سرو صنوبر سارے
شوٗبان تہٕ شولان اَسی۔ مگر 1947ء پتہٕ ووت نہٕ اُتھ کانہہ تہٕ یہ نیوُکھ بگار۔
جیٚمکۍ وانٛسہٕ باشندٕ چھِ اَز تہٕ امہٕ وُجرے مِتے مگر توتہٕ شاداب باغکۍ
تعریف کران، تہٕ وِدش تراوان۔ یِتھے کنٕ چھُ شمال مغربی دِلہ منز تہٕ
شالامار ناو موجود۔ اَز چھنہٕ اَتہٕ باغ۔ مگر یہ چھے اکھ بٔڈ بستی، گارڈن
بسن بیتر ہُند اکھ اہم پڑاو۔

مےٚ چھُنہٕ بیین شہرن ہنز پتاہ مگر گمانہٕ چھُ گژھان نہٕ ہرگاہے نظر
گُذرِ نہٕ یِمہ موغلن سٕتی وابستہٕ بیین کینٛہہ شہرن منز تہٕ آسن شالامار۔
یِم وونی زمانہٕ کِن گردِ بُشنگن تل اولُودی سپدی مِتہٕ تہٕ کُنتر ہَن سٕتی گامٕتی چھِ۔
باسان چھُ سرینگر کِس ہارُون گامُس لُشہ یِمہ شالامارُک ذکر حسن کران
تہٕ تتھ پرورسین ہنز پادشاہی ہنز ٹینٹھ کھالان چھُ سُہ آسہ ہے شالہٕ مر۔
یعنی شال دیوتاہس سٕتی وابستہ کانہہ اِستھان بیتر۔

اَخرس ییٚتھ چھُم وَنُن زِ 1980ء بیٚیلہ یہ اکہ دوہہ شیخ محمد عبداللہ ہس
سٕتی چشمہ شاہی گیسٹ ہاوسس منز اوسُس تہٕ اَسی دوشوٕے اَسی ڈل
وُچھنس منز مست۔ مےٚ کوٚر تمن عرض زِ ڈل چھُ انگریزی لفظ DULL یعنی
یِتھ نہٕ منز تہٕ مُشکل چھُ اَتھ ہے جھیلِ شالامار ناو کرو یہ لاگہ وُچھن۔ تمو

ووٚن، کیازِ؟ میٚے ووٚن ژمن شالامار چھُ ووٚنی اکھ انٹرنیشنل پہچان بھاوان۔ آغا خان پرنس علی خانن چھُ پننہِ کورِ شہزادی شالامار ناو تھوومُت بیتر بیتر۔ مگر شیخ صابن کوٚرہ یہ ناو نامنظور تہٕ اَز چھُ میٚے فکرِ تران زِ تمےٚ اُسی اَصلس پیٚتھ۔ مشہور انگریزی ادیب سلمان رشدی، یُس رٚگن منز کاشُر زِ تھ تہٕ چھُ، چھُ تازٕ ناولس منز اَکِس کِردارس SHALAMAR THE CLOWN ناو تھوومُت۔

## نہرو .... اَبی کِنہٕ خاکی :۔

جواہر لال نہرو تہٕ تمیٚ سٕے ہوٚن بڈٕ پایہ کاشرٕ ہٕن ہنز نہرو کرامہ مُتعلق چھےٚ بٔنیہ کینہہ کتھہ روشن گامٕژ.... کاشری پاٹھی چھہٕ CANAL لفظس نہر وَنان۔ ہرگاہ کشیرِ منز یژھ ہش کانہہ نہر آسہ تہٕ سو آسہ ہنھ وٕری کمےٚ پرانی۔ کاشری پاٹھی چھہ اَتھ کول وَنان۔ شاہ کول، کٕٹہٕ کول، چھٕنز کول بیتر بیا کھ ناو چھُس لاد.... اَمیک اَکھ ناو اوس نَد تہٕ تہٕ لل دیدِ ہُند مصرعہ چھُ ع

دمی ڈیٹھم ندُو ہہٕ وٕنی
دمی ڈیوٹھم سُم نہٕ تار

اَمی منز چھُ چوبِ ڈل یعنی انگریزی LOTUS STEM کشیرِ منز ناو پژاوان.... ندُر۔ یُس ند منز دٕرامُت آسہ۔ ظاہر چھُ زِ یہ تہٕ چھہٕ 'نہرو' کرامہ ہُند آگُر یا مصدر۔ اَصل کتھ چھےٚ یہ زِ زٕ ووٚڈُر تحصیلس منز چھُ اَکھ گام بُور سیتھ ادی ناروتہٕ لیکھان چھہ — باسان چھُ اَتھی چھہ بالہٕ اپار گوڈٕ

کأشرِ عادتہٕ کنِہ نارِ و گومُت ۔ تہٕ اَدٕ بگڑان بگڑان نہرو ۔۔۔۔ نہرِ چھُنہٕ نہرو
لفظس ستی کانٛہہ سیوٚد واسطہٕ باسان یہِ جواہر لال نہرو وَنان چھُ ۔ دوٚیِم
کتھ زِ حال حالے چھ نہرو خانوادس مُتعلق جامعہ ملیہ اسلامیہٕکۍ سابق
وایس چانسلر پروفیسر مشیر الحق صاَبن سیٹھاہ خوبصورتی سان چھاپمٕژ ۔۔۔۔
"NEHRUS - THE PERSONAL HISTORIES" کتابہِ منز چھُ وَننہٕ آمُت زِ
جواہر لال ہندِس مألِس موتی لال نہروِس (وفات 1930ء) تام اُس
خاندانس منز کأشر زبان پرٛژھے تٕرٕژھے چلان تہٕ اَکھتُے اوس موتی لال پانہٕ
تہٕ یہِ زبان بوزان شوزان تہٕ یکہٕ ناوان ۔ الہ آباد چھُے یہِ رِوایت موجود
زِ بیلیہِ اکبر الہ آبادیَن پننِس مکانس عشرت منزل ناو تھوو تمہِ پتہٕ بنوو
موتی لال نہروَن پنُن مشہور محل نُما مکانہٕ تہٕ تھُو تھوٚوُن آنند بھون ناو ۔
یہ عشرت منزل کُے ہندی چھُ ۔ جواہر لال نہروِس سُنٛد 1915ء منز دِلہِ
ہندِس چاندنی چوکس منز اَکس کأشرِ بٹہٕ کورِ کملایہِ ستی خاندر ۔ خاندرُک
دعوتی کارڈ اوس اُردو زبأنی منز چھاپنہٕ آمُت ۔
راقمہٕ سُنٛد مضمون یتھ منز گوڈنکہِ لٹہٕ وننہٕ آمُت اوس زِ جواہر لال نہرو
ہنز یہِ کرام چھ کرٕ ۔ تہٕ سُہ اوس دراصل نارو ۔ یعنی تمن بزرگن ہُندٕ اولادٕ یم کُنہِ
وقتہٕ کشیرِ ہنٛد ناڑی گامہٕ روزان آسہن ۔ اَزوُری یہِ واد گُذرِتھ چھُ اَتھ اَکھ
کشمیری پنڈت سکالر ڈاکٹر ریشی کُمارن بنیہِ ہَن واش کوٚڑمُت ۔ تِمٕندی کنہِ
گو جواہر لالنٛ بُڈی بب راج کول ایَسُند ۔ جواہر لالنٛ پننہٕ سوانح عمری منز
ذِکر کوٚرمُت چھُ ) یُس ' نارو ' NARU اوس ۔ حبہ کدلہ کِہ برٛیہِ کِھجن محلہٕ بیٹھ

[1] کو کرِنگ بشہِ تہٕ چھُ اکہِ نارو گامُک نیب آمُت ۔

دولت تہٕ شہرت ژھارنہٕ کشیرِ نیبر" (ہفتہٕ وار کشمیر سینٹی نل: جموں، جُلاے 2006ء)

# لال منڈی:

(سرینگر عجائب گھرٕچ موجوٗدٕ عمارت۔ ویتھِ بٔٹھس پیٹھ)

منڈی چھُ ڈوگری لفظ قصر یا محل خانہٕ موکھہٕ۔ حالانکہ اُردوٗس منز گوٚیہ بوٚڈ بازر۔ جیٚمہِ چھُ میاں راجپوت ڈوگرٕ مہاراجَن ہُند پیلس، یتیٚتہٕ پتہٕ یہَن ریاستی حکومتکۍ دفتر آسی، منڈی مبارک کہِ ناوٕ موجود۔ اَمہِ لوٗن یہَن اَزی کس پریڈ گراونڈس نِشہٕ چھےٚ پرٲنی منڈی، یوسہٕ 18 ہمہِ صدی ہندِ ین راژن ہُند محل اوس۔ سرینگرٕچ لال منڈی آیہٕ رنبیر سنگھ (1885 — 1858ء) ہندِس وَقتس منز بناونہٕ۔ بنیأدی طور اوس تمہِ وقتہٕ کس ڈیوک آف ونڈسرس یعنی برطانیہ کہ تختہٕ کس وأرثس، یُس ملکہ وکٹوریہ ہندِس مَرنس پیٹھ تتینٛگ شہنشاہ بنیوو، کٔشیرِ یُن۔ تَسندِ روزنہٕ خاطرٕ آس نہٕ سرینگرس منز کانہہ رٔژ تہٕ مناسب عمارت موجوٗد۔ انگریزَو آس ڈوگرٕ مہاراجس کٔشیرِ ہنز سبز زری پیٹھ پیٹھ تُلیتھ کینژن کھوٹین پائنسن بدلہٕ حوالہ کٔرمٕژ۔ ڈوگرَن اوس اَمہِ احسانہٕ کھوتہٕ تہٕ تہنز پاسبانی تہٕ نگہبانی ہنز لادن تہٕ لَوے آو یہِ محل اَتھ دری تیار کرنہٕ۔ اَتھ آیہِ تالوٗس تہٕ لبن بیترِ پیپر ماشی ہندی سٕبٹھے زیبا نقش ووتلاونہٕ، تہٕ پننہٕ وقتہٕ اوس یہِ سرینگرُک سارِوٕے کھوتہٕ خوبصورت تہٕ تازٕ تازٕ محل بنیہِ نوٚطرٕچ اکھ بہترین بلڈنگ یتھ اَز سوادِ ہتہٕ وُہری تہٕ سرینگرس منز جورٕ چھُنہٕ۔ اَتھ اوس نیٚبری کِنی ووزُل رنگ کرنہٕ آمُت۔ تہٕ لَوے گو اَتھ حکمرانَن ہنز زبانی منز

لال منڈی ناو مشہور۔ یتھ کٕنہ مثلاً لال حویلی۔ اَختہٕ واشنگٹن امریکہس منز صدر امریکہ سٕنز رہائش گاہ وہائٹ ہاوس تکیازِ سو چھ سفید رنگٕ بوزنہٕ یوان۔

لال منڈی رؤد پتہٕ ڈوگرہ مہاراجن ہُند اَکھ مہمان خانہٕ ہیوٚ۔ اَمہِ چین زیچھین رَونق منز آسی ڈوگرٕ مہاراج والسرائے تہٕ بنبیرٕ ہیٚتھ آمتین لازم دارٕ ژھین سال کران تہٕ ضیافژ کھیاوناوان۔ بییہِ اَسیس بیاکھ کأم ہیوان۔ ییلہِ تِم وَنہٕ گُذرنہٕ پتہٕ آسہ رٕتہٕ کال چھاونہ کشیٖر تران، تِم آسی نہٕ سیٚوٚدٕے اَصلی پیلیس لیعنی شیرگڈِھ گژھان۔ تِم آسی گوڈٕ لال منڈی منز قدم ٹھہراوان تکیازِ سیٚوٚدٕے شیر گڈھ گژھنس اَس تِمن شَنگ گژھان۔ پتہٕ آسی تِم پننین جوتشن ہندِ ذریعہٕ ساعتھ وُچھناوان تہٕ شگونہٕ حسابہٕ اَتہِ پیٚتھٕ شیر گڈِھ تران۔ وُہمہِ صدی ہندِس ابتداہس منز ییلہِ سری نگر سری پرتاپ میوزیم بناونک فأصلہٕ سپُد، آوا اَتھ منز پرانین آثارن ہند عجایب گھر بناونہٕ۔ مگر محل خانہٕ کہِ حیثیتہٕ یوٚسہٕ آرائش تہٕ سجاوَٹ اَس اَتھ سپدان روزان تتھ کُن رؤد نہٕ دیان۔ اَتھ آسی فرشس پیٚٹھے دِرٛوٚگرٕ تہٕ عالی شان قالینہٕ وۄتھرتھ تہٕ تالوٚس شاندار فانوس اوٚیزان۔ تِم نِہ آیہٕ ہٹاونہٕ۔ وارٕ وارٕ گۍ اَمہِ کہِ تالہٕچ رنگدار کأم مسدوٗد یوٚسہٕ وُچھن وألس راوِ متہِ خزانک احساس تُلِتھ وارٕے دَگ چھِ تُلان۔ یہِ بلڈنگ چھِ وۄنۍ غأرمحفوٗظ تہٕ قرار دِنہٕ آمژ۔ اَتھ محل خانس ڈُچھنہٕ انداوس اَکھ سیٚٹھے خوبصورت باغ بناونہٕ آمُت۔ یتھ منز انگریزن ہندِ مزازٕ مطأبق گُلی کٕٹٕ تہٕ پوشہٕ ذأژ، دوٚہ پھ وَ غأرٕ لاگنہٕ آسی آمتہٕ۔ یہِ رؤد وُہمہِ صدی منز لوٗکن تہٕ رنزٕ ناوان مگر وۄنۍ چھُ اَتھ فوجک اُجدرٕ ژوٚ واپأری اُرٕ کرٕتھ۔ ۱۹۴۷ء منز دِژ اَتھی باغس

منز کشیر ہندی اَکی مہاراجی دورِ کی وزیر آغا سید حسین صابَن محمد علی جناح صابس اَکھ شاندار دعوتِ عصرانہٕ یتھ منز تمہٕ وقتہٕ کیٛن بپسو، امیرو تہٕ وزیرو تہٕ شرکت کٔر۔

لال منڈی چھُ مہاراجو ولایتک اَکھ کُل لوگمُت یُس شاید کم از کم ریاستس منز کُنے چھُ —— TINCOBILOBHA - امیُک رَس چھُ اَکھ کُشتہٕ ہیوٗ مانہٕ یوان۔ امہٕ کیٛن پترن چھ کیٛنہہ لُوکھ تتس آبس منز گرٛکھ اَنہٕ چیوان۔

اَتھ چھُ APHRODISIC ہیوٗ زبردست تاثیر۔

## کھنہٕ بل :-

(بدنام کوٗر ٹھس کھنہٕ بل کِس گاٹھس ..... رسول میر)

یہ مصرعہٕ چھُ بیٛھتے بانہٕ وزن برابر کرنہٕ تہٕ شلہٕ وتس گلہٕ وتھہٕ ستی وَنُن ہیوٗ باسان۔ خاص طور پیٚلہٕ یہ پوٗرٕ شارہٕ وُچھہ ہون ع

سُلہٕ وُٹھی ہتے زٔیری دڑایہ کھٔے کاٹھس

بدنام کوٗرٹھس کھنہٕ بلہٕ کِس گاٹھس

مگر یمہٕ وقتہٕ یہ وَنہٕ آمُت چھُ تمہٕ وقتہٕ چھ کشیر ہُند اَکھ تیٚتھ پزر چھُ اَتھ منز گُبھہ یتھ کُن نہٕ وونی ظومنے گرٛھان چھُ۔

کُنو ہمہٕ صدی ہندِس سورِنس بلکہ وُہمہٕ صدی ہندِس گوڈنکس ژوباگس تام اُس وبھنہ کشیر منز اورٕ یور گرٛھنک نزنک تہٕ ٹرانسپورٹُک اَکوے قابلِ اعتبار وٗسیلہٕ۔ اَمی ذریعہٕ اُسی ناوِن، کھچن، بحرن، ڈُنگن بیتر منز لُوکھ

اوڑ یور یوان گژھان۔ اَکھتُے جنسن چیزن تہٕ ساران تہٕ ڈٕلاے کران۔ یہ اوس پرٛانہٕ کالہٕ پیٹھے۔ تاز کیتھے چھے نہٕ بیٚلہٕ حضرت مخدوم حمزہ صابُنۍ آدن خلیفہ بابا داؤد خاکی دِلہٕ پیٹھ شہر یوان یوان 1587ء کس وندس منز شیٖن پیٚنہٕ کنہٕ اِسلام آباد بند گئے، تم گے تتہٕ ڈیٚلو تہٕ پتہٕ کوٚرُکھ تتیٚ اِنتقال۔ کیٚنژن کالی بیٚلہٕ شیٖن پیوٚن بند گو تہٕ دٔریاوس تہٕ شُشر کملیو و آیہ تم پننہٕ امانتی قبرِ منز کڈتھ ناوِ منزے شہر واتناونہٕ۔ یتیٚ تم آستانہٕ مخدومس منز پننہٕ نِس مرشدس پوٚرۍ کنہٕ لر لوٚر ساونہٕ آیہ۔ یمن دۄہن اُسی ویٚتھِ گاٹھ از کل کین بسہٕ اَڈن یا ہوائی اڈن ہی یور سارۍ واتان، پرٛاران، ناوِ وسان تہٕ ناوِ کھسان۔ اَکھتُے والیٚن وسان تہٕ گاٹھ کھسان اُس اور اُسی سوداگار، خاندر گرٛاکھ، سوٚنی سامٹ، بیمار تہٕ تھندۍ سیٚتۍ وأل، لڑکہٕ تہٕ لڑکیہٕ، نکی بڈۍ سارۍ واتان۔ اکھ گیو و سفر کرنہٕ بیاکھ گو کأشرِ ن ہندِ عادتہٕ موٚجوب تمن رخصت کرنہٕ تہٕ سیٚتی پیٚنہٕ، یم گاٹھ تہٕ خاص کرِتھ نہٕ بلکہ زن اُسی سوداکرنکۍ مال چُکاوان، مہرازٕ مہرینہٕ ژارنکۍ تہٕ اَکھتُے دربار کرنکۍ تہٕ بوس لوٚژراونکو مانٹھ ہی بنے متی۔ یتیٚ دوے ہش آسان اُس۔ اسلام آبادٕ کو اُسی من رٔنزٕ ناونہٕ تہٕ ووش کرنہٕ خأطر اور ژٔر وأر ہش کرنہٕ تہٕ یوان۔ اتھ دوسہٕ دژ دسہٕ منز اوس یارن دوستن اَکھتُے عاشقن، معشوقن تہٕ ژھپیہ ژھأرِ اُس گِندنُس وار بنار ہیو یوان۔ یہ زن بُنیأدی اِلنسأنی جبلژن ہنز منگ آسان چھے۔ دیٚتھی ہوی چیز چھ خاندرن کھندرن بلکہ عُرسن بیتر پیٹھ تہٕ سیدان روزان۔ پیٚوو امام الدین محمور صابُن مصرعہ "گل دژایہٕ آستان" یاتھ ژہش۔ باسان چھ رسول میرنی لولہٕ پرش چھے زن تہٕ اور تہٕ وأژمش۔ شاید آسہ ہے

اُمِس ئہلہِ کوٗرِ ہُند کھنہٕ بَل گاٹھ واتہٕ ہستی لگہٕ پھسرارے نیرِ مژ۔ یہٕ اوے پیوٗ وتِس ڈھکس ژٕ ئنڈ دِتھ وَنُن "بدنام کوٗرِ ہتس کھنہٕ بلہٕ کِس گاٹھس" یعنی ٹٹارس کھور ہتس یہٕ میون لول کھوٗت نایہ ڑٕ کہن نٹن۔ کھنہٕ بل اوس سِکھ یہٕ ڈوگرِ وقتس تام یؤت اہم تجارتی گُذرگاہ زِ امیک ذِکر چھُ یمن مہالاتن۔ TALES منز یِوان یِم کاشرِ ین حکمران لسہٕ والان والان ہیوان اُسی۔ تاریخ کلان (سِکھ دوٗرک۔ سرکاری) کہن 33 ہِن مہالاتن منز چھُ 24 مس نمبرس پیٹھ درج یہٕ اُتھ اُسی وَنان گاٹھ داری کھنہٕ بل (فولیو 79)۔ اُمکی ترجمہٕ کارن چھُ انگریزیس منز امیک ترجمہٕ یِمہِ آیہ کوٗرمُت :

LOADING AND UNLOADING TAX ON THE BOATS IN KHANABAL.[1]

سرینگر اوس اُمہِ دریائی سفرک بوٗڈ گاٹھ اَزیک اَبی گُذر۔ اَمِچ بلڈنگ چھےٚ اَزتہٕ وَسوہٕ یہٕ گتھہٕ منز کرسیچن مزارس بون پہن موجود۔ اَتہٕ اوس جنسن بییتر بیاکھ گُذر پائنسہٕ ہینہٕ یِوان۔ یپیٹھہٕ کہنز اَز بہٕ وار لسہٕ سڑکہٕ پیٹھ پکن واجنین گاڑین، ٹرکن بییترِ ہیوان چھِ۔ گاٹھکہٕ آمد و رفتن چھ کاشرِ س کیتہٕ خوبصورت ڈیپھ دِتی متہٕ۔ مثلاً ناوِ والِن ہُن ؏

"اُمی یاری وائے جنس لولہٕ ناوے سورے سامانے"

باسان چھُ زِ گاٹھ پیٹھہٕ کہن گکہٕ اَرساتن منز آسہٕ ہن کینہٕ تھتی یہٕ ترُکھ عاشق کوٗرِ ہن بر ہم یہٕ ہیکان دِتھ۔ یہٕ کتھہٕ کتھے ناوِ وائلتھ بنیس گاٹھس پیٹھ

---

۱؎ کشیرِ منز چھُ اَز یہٕ مہالدار صِرف بٹن ہنز اَکھ کرام۔ یمن ہندی برُکھ آسہِن مہالات وصول کران۔

واتہٕ ناوان ۔ ناوِ والنٕک مطلبے چھُ یتھٕ منز فریب ہیوٗ آسہٕ۔ اَکھنےٚ اُسی چالاک تہٕ ٹھگ تہٕ زیٛوٗ گلہٕ ناوان سیدِ ہن ساد لۆکن ناوِ والن۔ یوٗسہٕ وُنہٕ خاکی اُس آسان تہٕ اُسکھ لورِ بیٹھِ سر کیٚہ تارِکھ پاٗنسہٕ بییتر وطان ...... اِنسانٕن ہنٛد پیٚنہٕ گرٛ ژھنگ پہ سلسلہٕ بند گرٛژھنہٕ ستیٚ چھُ یمن طریقن تہٕ سوارِ ہن ہُنٛد نیب موکلیوٗمت۔ مگر یم محاورٕ، ڈیچھ بییتر چھ ژھوپہ کرٕ یکھے پنٕنٛ زمانہٕ ٹیٛہٕ راوان۔ کاٗنسہٕ ہے کٔن دِچ مُہلت آسہٕ۔ بۆمٕٹھ کھاٗنٛ، واو وٕچھتھ ناو تراوٕنی، ناو نیرِتھ گرٛژھنی، ناوِ تارس کیٛتٕ تہٕ کیٛنہٕ آسُن، ناو پھیرٕنی، ناو پھٹٕنی، ییبرٕ وٕنی ناو گرٛژھنی، ناوٕ تار دیُٚن، بییتر۔ لل دیدِ ہنٛد مصرعہٕ چھُ ے

وٕچھم چیٚندس ہار نہٕ اَتے      اَتھ ناوِ تارس کیا دِمہٕ بو

کھن چھُ پرانہٕ کشیر ہُنٛد مرغوب ناو اوسمُت۔ کھنہٕ بَل، پرٛوٗن کھن، گوٗنی کھن، کھےٚ یار، اکھے گئ خندق)، تہٕ ظاہرا شہرُک خانیار...... یار چھُ پرٛوٗن پیٚتہٕ لوٗگ دزاو ڈستاہٕ تہٕ تہٕ کشیرِ تہٕ مثلاً شمش یار، بُڈی یار، سُرس یار، گنپت یار، سہہ یار بییتر۔ اَتھ ستیٚ خان، ہیو مقابلتاً نوٚو تہٕ دراصل وۄپر بروٗنہہ لوٗگ چھُنہٕ سوٗم پوان۔ میانہٕ خیالہٕ چھُ یہ اوسمُت کھن یار (یار چھ آبٕس ستیٚ آسان تہٕ خانیارٕ اوس اکِہ وقتہٕ آبے آب)۔ اَتھی گوٚ پیٚتہٕ خان یار بیہتھ کُنہٕ جواہرنگرس لنشہٕ پارسی باغس پارسا باغ تہٕ سُئ واٗرس سوٗنہٕ وار گو۔ تہٕ ووٚنی پانٕتہٕ چھو کس بنٕنچا چوک۔

## راتہٕ موٗنگُل (راتہٕ موٗغُل : اُلو (اردو-ہندی)، بوم (فارسی)، OWL (انگریزی)

کاشرس منز چھُ اکھ صوتیاتی لرٕ پھِرہٕ نوٗستی مُنز ژُم 'ن'، پٕرِنوٗمُت تہٕ تِنیوٗمُت تہٕ عام طور موٗنگُل بنیوٗمُت ۔ ییٚتہِ کینہہ دوست پیٚنہٕ نِش غلط اندیشہٕ ہُنند ابوس مُلبہٕ موٗغُل پران چھہ۔ تہٕ اَوے راتہٕ موٗغل، شِنیاہ موٗغُل، پوٗگہٕ موٗغل بیتر۔ اَخنیٚ چھُ یِم اکھ لِسانی پٕرکنہ چھکنہ پوٗرٕتو اَریٚجی پٕلو لاگِتھ یہِ لفظ کشیرِ پیٹھ راج تاج کرن والین موٗغل بادشاہن ناکِ پٕژھنان۔ تِہند اِستدلال چھُ زِ موٗغل اَسی کشیرِ پیٹھ حملہٕ کرِتھ اَکی حاکِم بنے متی۔ یِمو کرٕ ہِتن (کاشرِن) سِتی واریاہ زیادتی تہٕ تِوے بھُقو کاشرٕ لو یہِ ناو اَکِس تِہِنس پکھشی ییٚس ییٚس ڈٕلیٚ گاشس ژھیپہ دوان تہٕ راژٕ گٕٹس منز نٕژان پھیٚتران تہٕ بولان چالان چھُ۔ اَخنیٚ چھُ شِنیاہ موٗغل تہٕ پوٗگہٕ موٗغل ہی ناو تہٕ اُکھی کھالِتھ تِل اَنہٕ آمتی ۔ اَکھ ترکیبہٕ پیٹھ ہرگاہ ہِن کھنڈ تہٕ غور کرَو یہِ سوٗرِے لداو تہٕ پٕشاو چھُ وٕستھ پیوان۔ موٗغل اَسی اُزبِکہ اُزبکستان کِہ اندی جان علاقہٕ پیٹھ وٕتھی متی تہٕ کھیٚتی متی۔ ہندوستانس پیٹھ کوٗر تِہندی اَکی ناماوار زِنھیٚ بابر بادشہن 1526ء منز حملہٕ تہٕ قبضہٕ تہٕ۔ کشیرِ وٕاتی یِم حکمران حیثیتہٕ اَمہٕ پتہٕ پوٗرٕ شیٚتھ وُہری، یِلہِ بابرٕ سِندی زُری ۔۔۔۔ اکبر بادشاہن یہِ کیٚنژھا فوجی طاقتہٕ تہٕ کیٚنژھا تدبیر تہٕ تدبُرٕ سِتی زیٚنی ۔۔۔۔ اَخنیٚ اَس یِمن کشیرِ ساپنیٚ دعوت تمہ وَقتہٕ کیٚو کیٚنژو سیٹھاہ مُعزز، بُزرگ تہٕ اکابر کاشرٕ لو دِرژھمٕژ۔ اکبر سِندیو لوٗہتو پوٗہتو کرِ قریباً اَکھ ہتھ تہٕ سٹھ وُری ہیٚوٗ حکومت یِمن منز اَسی

جہانگیر، شاہ جہاں تہٕ اورنگ زیب ہوی گیتی پناہ تہٕ۔

موغلن ہُند ناو راتہٕ موغلس ہِوس منحوس تہٕ ردِ خلاٲیق جانورس سۭتۍ واٹن وأٲلۍ چھ پیٚنہٕ نین اندرٕ ٹٔن لیُشنے کرنہٕ خاطرٕ یہِ ناو اکھ لسأنی نیب بناوِتھ پیش کران یُس اکثر صوٗرتن منز شۆعتہٕ تہٕ پکہٕ آسان چھُ۔ مگر یِہ چھُ سورُے ہَن کھنڈ ظوٗنس واتنہٕ سۭتۍ وُکرِتھ پوان۔

زیرِ بحث پکھشی چھُنہٕ کشیر موغلن سۭتۍ آمُت بلکہ بیَنہٕ پیٚنٹھ پیٚتہٕ لساولساوشروع گو۔ اُمی سِندِ بیٚیہ کُنہ ناوُک چھُنہٕ کأشرس منز کانٛہہ پَے موجوٗد۔ موغلَن گےٚ کشیر آمتس بُس تٕورہتھ پیٚنٛٹھی پہَن وُری۔ اگر یِہ ناو معتبر مانٛنہٕ یِیہ تیٚلہِ بیٚیہِ یِہ گُلےٚ غلط کتھ تہٕ مانٛنہٕ ییٚلہِ یِنہٕ موغل یور وأتی مِتۍ اُسی تمہِ وِزِ تہٕ اوس یہِ جانور تہنٛدِ ناوٕچہِ کمندِ منز گنڈ ٕتھ صنِتھ گلہِ ناو نہٕ پوان۔

یِہ کتھ چھےٚ پھُٹےٚ بأنہٕ نہٕ وِتران تہٕ نہٕ بہان۔ دراصل چھُ یہِ راتہٕ مونگُل۔ جان پلیٹس نہٕ ڈکشنری منز چھُ مُنگل سنسکرت لفظ ہاونہٕ آمُت۔ یمیُک اکھ معنی مہرازٕ یعنی دُلہا تہٕ چھُ۔ ہیٚندی خاندرُک اکھ مشہور زیور منگل سوتر چھُ اُتھی مفہوٗمس سۭتۍ وابستہ۔ یعنی سہاگن آسنُک نِشانہٕ۔ جنگل میں منگل محاورس تہٕ چھےٚ یہۍ یانٛش تہٕ چاش۔ "اُلو" چھُ دوہَس زِیہٕ تہٕ زولہٕ کران تہٕ راتی گٹس منز ژھوہ ماران۔ اَوے بنیو روت مہرازٕ یعنی راتہٕ مونگُل۔ یِہ چھُ بے شک اکھ اِستعارأتی ناو یُس اُمی سِنزِ امہِ عجیب خصلژٕ ہنز ژینہٕ وَن دِوان چھُ۔ مگر یتھی ناو

چھِنہٕ زبانن منز کاٛشہٕ لفظ درٕتھ۔ مثالے کاشرِس منز پوشہٕ نوٗل۔ یہِ چھُ افریقہ پیٹھٕ یورپ تران تہٕ سونتہٕ کالس منز ییلہِ ییتہِ پوشہ پھُلے چھے آسان۔ تہٕ اُوے پوشہ نوٗل یار راتہٕ کرِیل۔ انگریزی ہشہٕ وونی بُچہٕ زبانی منز چھُ KING FISHER یُتھے اَکھ ناو۔ یہِ جانوٗر چھُ گاڈ گرٕن رٹنس منز طاق۔ کاشرِس منز کولہٕ ٹوٗنچ۔ دپان اَکھ پیر صاٛبا اوس اَکِس کولہٕ سبزارِس پیٹھ بیٹھِتھ پننِس مریدن سِتۍ کتھن میٹھ یومُت۔ کولہٕ ٹوٗنچ آو تہٕ اَکے دِگہِ بنوٗن گرٕن توٗنتہٕ منز تُلِتھ۔ مریدو پرٛژھ ہس سادگی سان۔ پیر صاٛبہ اَمِس جانوٗرس کیا ؤنان؟ تِس ما آسہِ ہے نہٕ پے۔ مگر ریش اوٗسُس گٔلہٕ ناوٗن۔ دَم دِتہٕ ووٗنکھ "گرٕو چھہ کرٕ دِن گاڈ"۔ ...... یوگہٕ موغل ریٛژھ بناوتھ بییش کرن والین پرٕ دپان دیٚنٕ زہِ ہندو پرمپرایہِ منز چھُ یوگ (شنکھ) وائن مرنہٕ علاوٕ شاٛدی یانٛک اَکھ ساز تہٕ۔ تہٕ اَز تہٕ چھُ ہیٚندی مہارازن ہندِ مہرِینۍ اَنۍ خاطرٕ نیرنہٕ وِزِ وایان۔ تہٕ تَوے منگل لیفنے شاٛدی یانس سِتۍ وابِتھ۔ بیٚنیہ چھُ ہیٚندِین ہُند اَکھ جان تعداد اَمِس جاناوارِس وارِیاہ گنُوان مانان۔

اَمی ہِندِین صفتن تہٕ کاروٗاَسنس پیٹھ چھُ 'اُوتنتر' نامی اَڈ پُستک تہٕ موجود۔ ہر گاہ اَکِس کلچرٕس منز کاٛشہ جاناوارٕ شاٛپھٹے مانٕنہٕ یوان چھُ بیٚییس منز ہیٚنکہٕ سُہ فرٕیژ رُک تہٕ ریٛژ رُک ہوٚنز رلاگِتھ پکھن واش گٔڈتھ۔ راتہٕ مونگل چھُ اَمیک اَکھ پرٛتو۔

مغل شاٛہی سِتۍ اَتھ پکھہٕ گنڈ کرٕن چھُ اَکھ وشفہٕ۔ کشیر منز آیہِ مغل وو پرٛ آیہِ۔ مگر پننہٕ حکومت کِس زیادٕ ترٕ حصس منز رُودی رٕتم ییتہٕ

اکبر بادشاہ سنٛز ترکیبہ مُطابق 'نرم پرم' اَنٛنہٕ. (یہِ اوس شاہ توتہٕ کہِ اکہِ پارِ چَک ناوہ) عام طور روزٕ کٲشِر تہنٛدِس وقتس منٛز بَسنہٕ تہٕ پاپر جا. تمو دیُت یِتہٕ کسبن تہٕ حرفن ووہ پھۄلو. اَختے کرِ بکھ تمہٕ FINE TUNE تہٕ. کاٗنی شالک جامہٕ وار شاہ پسند کھۄت تہنٛدے وقتہٕ دورٕ. تمو دیُت موسیقی، مُصوری، خوش نویسی تہٕ شاعری ہۄبن فنوٗن عروج تہٕ یمن منٛز دِژایہِ کاٗشرِ ہنٛدی کمال نۆنہٕ. تمو لاگی ویر ناگ، اَچھ بَل، چشمہٕ شاہی بیتر ناگن اَنٛدی رنگہٕ وارِ ہنٛدی حاشیہ تہٕ فموارن ہنٛدی گاشہٕ چھالار. تمو سجاوی زبروٗن دامنس تہٕ ڈل ذٕہس پیٹھ نشاط تہٕ شالہٕ مار بحر آرار تہٕ ناگر نگر ہی فردوس نمثال چمن. جہانگیرس اٗس کشیرٕ ہنٛز پژھ مالے گۄنٛزرٕ نمٕ اٗس وصیت کرِتھ مِتھاوِ مژ زِ سُہ گژھہ مرِتھ ویر ناگ چہ پُتر لو پچہ تل ساوہٕ نہٕ یُن. مگر تسنٛز بیگم نور جہانہٕ یوٗژھ تُند مورِدٕ جسم اکہِ جنگی ہتھیارِ کی پاٹھی وَرِ ناوٗن تہٕ پنہٕ نس گوڈنکس خاوندس نشہٕ جہانگیر سنٛدِس ووہِ ینٛچوس خسرو سنٛز پیٹھو ولی قایم کرنی. زن تہٕ زر چھا کانٛہ سنٛدی؟ تمن کیاز کرِ ہن کاٗشرِ یتھ وکھۄٹ ناو. حالانکہ تہنٛدِ کھو تہٕ پزی کھوکہٕ براری ہوی حکمران .... افغان، خالصہ، تہٕ جموال چھ پنہٕ نو صحیح ناوٕ وسی یاد کرِ نہٕ یوان. یمو ترییٚو حاکمو کر کاٗشرِ لارنہٕ تم لاگِکھ علابن تہٕ مگر تہنٛدی پالنس کری ہتی ناو چھ یِنہٕ مُروّج.

یتھ جایہِ روزِ یہِ وَنُن بر محل زِ کاٗشرِ لو چھ کم اَز کم اَکِس غنیمس ناوٕک قمچہ وایتھ پنیٛنہٕ زکھ کڈ مژ. اصل ناو سر سو لوٚت مگر تمہٕ کس

مفہوٗس تہِتھے کُنہٕ ٹیٚچھر تہٕ زہر وٗرکو وٕمُت یِتھہٕ کُنہٕ سموٗسس منز قیمہٕ بران چھ۔
ییم گےٚ ہُن (HUNS) - ییم آیہ عیسیٰ ہِندِس شیٚیمہ صدی منز کشیر وٗکریتھ۔ یِہند
اکھ بادشاہ مہر گُل 520ء) دِیان سُہ اوس ییتِھن لوٗکن قتل کران زینِلہٕ
سُہ کُنہٕ طرفہٕ کُن نیرِ ہے اسماںٔز جانا وار مثلاً گر بدِ تہٕ کاو تہٕ اُسی لوٗر کُن
گرشھان۔ یُتھ مارِی مِتین ہُندِ آدمی ماز کھسِتھ ییڑ برِن) چھ کشیرِ منز اَز تہٕ
پننِہ سنگدلی تہٕ سفاکی خاطرٕ بدنام۔ دِیان ییلہٕ پیر پانژالہٕ وَتہٕ سُہ کشیر کُن
وسان اوس اُکس وانہٕ کھ بالہٕ وَتہٕ ییٚمھ گےٚ تِہندِس اُکس ہِسی لتہٕ رِکنہٕ
تہٕ سُہ گو ڈٕلہٕ (وُچھو تاریخ حسن)۔ ڈُلہٕ گرشھان گرشھان کرِ تمہٕ واریاہ ژینتہٕ
تہٕ تِہندِ جسم ووت ولہٕ گیتنہٕ دوان دوان بوٕن۔ مہر گُلس آو یہ اَہر بہناوُن
وول منظر یوٗت پسندٕ زِ تمہٕ تراو ناوٕ ہتھ شِتھ ہسی اَمی آیہ ڈُلہٕ تہٕ رُود
تِہندی ولہٕ گیتنہٕ وُچھان وُچھان مٔاہ مٔاہ کران۔ اَتھ وَتہٕ ییٚمھ چھےٚ یہ جاے
"ہسی وٗنز" کِہ ناوٕ اَز تہٕ موجود۔ یمن چھ کاشرِ لو "ہُنہٕ" لفظ نالِ ترو وٕمُت۔
یمیُک مطلب منحوس، ہُندر، بدخصلت تہٕ آدم بیزار کرنہٕ یِوان چھ۔ اَصل
ناوٕ پننہٕ نے شکلہٕ منز مگر اَتھ کاشرِ بن ہندِ نفرت تہٕ دِ یہ ہُمند لہوٗن پھٕش تہٕ
دِتھ۔ کاشرِی بیٚلہٕ کاٗنسہٕ شنگرٕ کرٲن تِہُند ہاو باو چھ یوٗہے طرح رٹان۔

راتہٕ موٗنگلہٕ کِس معالس چھےٚ بیاکھ کتھ تہٕ۔ فارسی پٲٹھی چھ اُمِس
"بوم" ناو تہٕ کاٗشری ہِکہٕ ہِن بُلبُل کِس طرزس ییمھ اُمِس یہ ناو تہٕ گریتھ۔
مگر اَتھ سیتی ییم واریاہ کلاسیکی خیال منسوب چھ، تمو دِژنہٕ تمن یہ کرنس

اُتھ وَتھ۔ حالانکہ 'بوم' ہنز منحوسی تہٕ بدشگونی ہُند مفہوم اوّن تِمَو پیٚہہ تہٕ 'بوم'

بومہٕ لدٕ، بوم وَسان ہی لفظ گرٕکھ اَمہِ کیفیتہٕ خاطرٕ۔



## سوٗنزل :

### ع آبس بنان چھُ گوہر

اِنسانی تہذیب چہٕ کامیابی تہٕ سرخروئی ہنز خدائی علامت چھِ سوٗنزلے۔

پیٹھہٕ کنہٕ شِشہ رنگ کس تبصرس منز رسول پوٗمپر صابُن چھُ میانہٕ مُشرقی

نشاندہی کران لیو کھُمت زٕ انجیل مُقدسس موجوٗب بیٚلہٕ طوفانِ نوح وُسُن

ہیوٚتُن تہٕ زندگی تہٕ حیاتُک ہوش تہٕ جوش ہیوٚتُن بیٚیہٕ ڈٕنجہ ییٚن آسمانس

پیٹھ ڈشولے یہ اورٕ یور سوٗنزلہٕ رنگہٕ دار بُمہٕ کمان۔ یہ اوس بنی آدمس قوٗدرتُک

مُبارکھ تہٕ زندگی کرنچ خوبصورت بشارت۔ (وُچھو انجیل OLD TESTAMENT)

کأشرِ بن شاعرن چھُنہٕ وُہمہِ صدی ہندس نصفس تام سوٗنزل پننہٕ کلامہٕ

کِس آسمانس منز واہراونس تہٕ شولہٕ ناوُنس خبر کیا زٕ وار بنأیے آمُت۔

شاید چھُ سوٗنزل لفظ اَمے زمانُک۔ اوّ تام اَسی اَکھ رام رام بدرٕ نی دھوٗنی یا

علی صأبنی کمان ونان تہٕ یہ ترکیب کلامس شُراونس منز اوس تِمن

ظاہر یا قوس ہیوٚ یوان۔ یمن ارسرن ہُند اَکھ نموٗنہٕ چھُ اَسہ مہجور

صأبنس کلامس منز نظر گژھان۔

"گُلشن وطن چھُ سوٗنُے"... ہیوٚس شاندار قومی ترانس منز چھُ

شہ واتان واتان اہربل آبشار واتان۔ اَز چھکھ اَکھ تراش ہیٚر ہژٕ تہٕ

سُمہٕ ڈائجسٹ۔ مگر وُہ پنژہ وُری برونہہ تام اوس یہ قوٗدرتُک اکھ اہر
بہہ ناوَن وول تہٕ پُر جلال منظر پیش کران۔ وٕنیشو ہیو پہاڑ ی آرُک
آب چھُ اَتہٕ اکہِ نوٗداہ فِٹہٕ سنگین ووٗگہٕ کنہٕ وسان تہٕ 25۔30 فِٹہٕ بوٗن
ہٕٹاسوٗ یہٕ پیٹھ اکھ زبردست آبشار بناوان ـــــ ییٚلہِ تاپھ ہیوٗ آسہ
اَتھ چھے زنتہٕ اکھ سوٚنزل رنگین موٗختہٕ مالہ ہندی پاٹھی وٕلیتھ آسان۔ یہ
چھُ فزِکس کہِ اکہِ قاعدُک نتیجہ۔ ییٚلہِ آفتابچہ زٕژ لچھہ بدٕن آبہٕ پھیرٕ ین
منزٕ تکہِ تارٕ تران تہٕ پینہٕ نٕہن ستہٕ ؤنی رنگن زٕن تہٕ شیش محل کِہن آبہٕ
کھنجن منز شولیتھ نوٚن کڈان تہٕ پرہٕ ناوان چھُ۔ اتہٕ چھُ اَکس عام النّاس
تہٕ منظر ووٚسنس اَنان۔ ووٚنی وُچھی تو مہجورُن بیان ع

گٔرِھ اہربل زٔلی شٔر        وُچھ قوٗدرٕتُک سُہ منظر

آیس منان چھُ گوہر        گُلشن وطن چھُ سوٗنے

آیس گوہر بٔنِنْ گو ٹھیک۔ تہٕ چھُ پرہتھ دٔریاوس منز آبہِ روانس گٔرِھان
ییٚلہِ سُہ آرٕبلین چھُ چھاوٕنہٕ یوان۔ ساپٕہ بٔدی قطرٕ۔ پوٚس۔ تہٕ ہٕنیہ نٕیہ
کٔروٗنی پھیرٕ۔ اہربل چھُنہٕ گوہرٕ ےیوت بلکہِ لال، جوہر، یوقوت،
زُمرد بیتر بیتر رنگین کٔڑاو کٔرِتھ سوٚنزل ووٚنان۔ مہجورٕس چھُنہٕ اَمہٕ خاطرٕ
ہیوٗ یا باوَن ہار لفظ بہٕٹان تہٕ یہنتھ کٔٹہٕ عجز بیان یادٕ گٔرِھان۔ یم لوٗکھ
اہربل گٔمتی آسن تِمن ما اَنہٕ یہ بند اصل نظارٕ اَچھن تل۔ مگر یم نہٕ گٔمتی آسن
تِمن ما ہیکہٕ یمو گُرٹو لفظو منز رنگن ہنز سو کراماتھ ہاٚوِتھ یوٚتھ یوسہ اہربل کِس
آبشارٕس نٔرہِ آلوٗتھ روزان چھے۔

# کھَنہٕ پیوٚن :- (بچہٕ زیوٚن ۔ شُری سُند زنم لبُن)

## ع کھَنہٕ پیٚو و ماجہ لِنشہٕ زن کاجہ کےٚ زو

(مقبول کرالہٕ واری)

بچہٕ زٕہنس چھِ کأشرِ پأٹھۍ 'کھَنہٕ پیوٚن' وَنان ۔ اُردو پأٹھۍ چھِ اَتھ 'بچہ پیدا ہوا'، ہندی پأٹھۍ 'بالک نے جنم لیا'۔ فارسی پأٹھۍ 'تولّد شُد'، تہٕ انگریزی پأٹھۍ "IS BORN....." وَنان ۔ مگر کأشرِس منٛز چھُ اَتھ کھَنس ستی واٹھ کرٕنۍ ۔ کھَن، یہ سارِنۍ پتاہ چھُ کیہ بَنہٕ یا چار وأے سُند وُے، مثلن کھَنہٕ تالُک ۔ تقریباً چار وأینۍ ستی استعمال سپدان ۔ (امیک پیداوار تہٕ کھَنۍ، یعنی کھَنہٕ منٛز) ۔ زنانہٕ ہنٛزن بٔپن ہندِ خاطرٕ چھِنہٕ زٕٹھیے ورتاونہٕ یوان ۔ مگر فرض کرو تیتہٕ آسہٕ، لوتہٕ کھَنہٕ منٛز بچہ نیرُن چھُ بدٕلے محاورٕ ۔ کھَن زنانہٕ ستی استعمال نہ سپدنہٕ علاوٕ چھِنہٕ زنانہٕ ہنٛز ANATOMY تہٕ اَتھ کانٛہہ ڈکھ کران ۔ تہٕ لوٚوے چھُ سورُے ناقابلِ فہم باسان ۔ ژکہِ چھِیے کتھ زِ یہ چھِنہٕ کھَن، بلکہٕ "کھان" یتھ کأشرٕ لوصوتی صنابطو رٕنٛز "ا" وٕسی چھُ پیوٚمُت تہٕ کھَن بنیوٚمُت ۔ کھان گو سنسکرتس منٛز خاص جاے ۔ برکتہٕ واجینٛز جاے، تہٕ انگریزی پأٹھۍ "THE PLACE" استھان، ہِیوٚس پوٚرتر لفظس منٛز تہٕ موجود ۔ کھانُک مطلب چھُ اَتھ جایہ زنانہٕ ہُند اندامِ نہانی یتھ کلام پاکس منٛز فرج وَننہٕ آمُت چھُ ۔ کأشرٕ فلسفہٕ رٕنٛز چھُ یہ زندگی ہندِ الغامُک آگر

تہٕ اَتی بیٚہتھ چھ حیات زٕہوان تہٕ اَدٕ زُوان ۔ یوٚہے چھ اِنسانی ذاتھ ہنٛد
وبیٚہتھ ووٚتُر ۔ اَتھ مۄقان یعنی مقام ہیوٚ شابیتہٕ لفظ وُنہِ چھ کأشر تُرٛ کافلسفہٕ
پٔنُن سہٕہز وبٔزار نوٚن کٔڈان ۔ یتھٕنہ ہیوٚن گوبقانہٕ ہیوٚن تہٕ یوٚہے چھ آدم
زادٕ منٛز زندگی ہُنٛد گوڈنیُک پٔرٛوٚ آسان ۔

غلام رسول سنتوشن اوس شو تنتٕر پٔنٕنہ مُصوورانہٕ تگ وناژُک مقام، محور تہٕ مرکز بنوومُت ۔ لسٕنڈرن بے شُمار تصویرَن منٛز چھےٚ ییٚمہٕ جاے پرکاش تہٕ شردھایہ ہُنٛد آگر بٔنِتھ بروٚنٛہہ کُن یوان ۔ زنانہٕ پیکر چھُ مایتھن نہٕ زایُن کِس صورتس منٛز اُبران ۔ تہٕ اَتھ چھ ترو گن آکار آسان ۔ اَتھ خاص جایہ منٛز چھُ کُنہٕ گاشہٕ فموار ووتلان تہٕ کُنہٕ لِنگم ہشہٕ خاص ترایہ منٛز شکتی ہیوٚ سحر وُزناوان ۔ "دبستانِ مذہب" کتابہٕ منٛز یِتھ کینہہ عالِم کأشرِس دانشور ملا محسن فانیس سٍتؠ چھ منسوب کران، چھ کأشرِس شو تنترس پیٹھ سارِوٕے کھوٚتہٕ تفصیلی لمبکھ یتھ منٛز چھُ وَننہٕ آمُت زٕ اَمہ دھرمہٕ حسابہٕ اوس 'مھقان' یوٚزایہ ہُنٛد اَتھ اَستھان تہٕ ..... شاید آسہ خالے کُنہٕ زبانی منٛز ولادتِ آدم کِس اِنتہائی اہم وقوعس متعلق یِرٛتھ ہِش تہذیب یافتہٕ باوتھ ۔

کأشر شومُت چھُ کائینات کِس زنانہٕ (FEMININE) اصولس یعنے شکتی حرفِ آخر مانان ۔ تہٕ مکتی ژھانڈنہٕ کِن یانٹرن مکرن MACCRAS منٛز چھُ مایتھن یا زنانہٕ سٍتؠ وصل اَتھ اہم وسیلہ ۔ دبستان

مذہب کہ ییمہ اقتباسہ ستی تہ چھُ طبقہ شاکتی ہُند اکھ نظریہ بروٚنٛہہ
کُن یِوان ییتھ ستی اِتفاق کرُن ضروری چھُنہ :

"پوجا یعنی پرستش و بھگ فرج را گویند ...... عقیدہ ایشاں
آنست کہ محراب مساجد اسلام بہ بھگ است و مینار عبادت از
لِنگ بود۔ بنابریں محراب و مینار باہم مییاشند"

(دبستان قلمی نسخہ)

تہ اَمہِ کتابہ ہنز یہ سطر ...... وازآں پس مقانِ بھوانی محل ...... و
بھوانی نام زن مہادیو است"



کریوہ :

(اوُڈر۔ عام مأدانہ ہیوٚر زمینک تھزریُس تالہِ پیٹھ سوٚتُر آسان چھُ)

کریوہ چھُ تہ کہ کأشر زبأنی ہُند اکھ تیٚتھ لفظ یُس ووٗنی عالمی سطحس
پیٹھ علم الارض یا GEOLOGY تُلمُت چھُ تہ اَمہِ خاص زمینی
اُنہارِ تہ ولوہارِ خأطر چھُنہ اکھ علمس منز ییٚتھ ہیوٚ بییہ کانٛہہ معنہ
سوو لفظ۔ یہِ کوٚر گوڈنیتھ 1878 ہس منز لیڈیکر LYDEKKAR ناوٕکی
یوٗرپی مأہرن استعمال تہ ووٗنی چھُ یہ جیالوجی ہنزِ عالمی کرنسی منز
مُروّج تہ مقبول۔ کشیرِ متعلق چھُ زانن والین پتاہ زِ یہ اوس اکھ بوڈ سر
...... مگر پتہٕ پہن سپُد جیالوجی ہندِ اکہ عملہِ کِنی اکھ کھادن یارِ لنشہِ

شگاف تہٕ اُمیک آب ہیوٗتُن ویتھہٕ ہندِس صوٗرتس منز ہبر نیرُن ۔ (دیو مالایہِ کنہٕ کوٚر کشپ ریشی یہ چمتکار) ۔ بہر حال اَمہِ برو ٹھہ اُس ساسہٕ بدٕ ہن وٕری ین اَتھ سَرس منز کیشنٛن جائن میٚیٛژر، کنہن تہٕ باقی زمینی عنصرن ہندی ٹھرز ووبر یمتی ۔ یِھتے یِھتے آب گونیران، یمن وُڈرن ہندی سیٚتھری گےٚ نٛیِ نیران تہٕ ہو کھان ۔ یمن پیٹھ گےٚ یہ کشیرِ ہنٛز گوڈنیُک بستی آباد ۔ مٲہرن ہندِ حسابہٕ چھُ کشیرِ ہُند نصف یمنٛے وُڈرن ہندِس صوٗرتس منز یمن منز چھِ پانپۆر وُڈر، دامودر وُڈر، برزہٕ ہوم وُڈر، خام پور وُڈر، ہٲب وُڈر، مٹن وُڈر، پٹن وُڈر تہٕ پٔتھے وارِیاہ ۔ 1939ء منز کوٚر بدلہٕ دوٚیو یورپی مٲہرو ڈی ٹیرا تہٕ پیٹرسنن یمن مُتعلق بیٚیہ وارِیاہ واشگاف مگر بموتہٕ کوٚر یوہے کٲشُر لفظ استعمال ۔ کٲشر زبٲنی ہندِ اکہِ لفظُک دُنیاہچن مُستند سائنسی کتابن منز سکہٕ بند گژھُن چھُ ہاوان زِ کشیرِ ہندِ کرشماتی زمینہٕ تشکلہٕ ہُند رازدار بننہٕ خاطرٕ کوتاہ ضروری چھُ اَمہِ زبٲنی ہندِس دامنس چیر کتھ کرٕنی ۔ بیٚیہ پیٹھ زِ PLATEU کہِ اَمہِ لفظہٕ خاطرٕ چھُ اَسہِ کریوہ علاوٕ وُڈر، ہیو باوَن ہار لفظ ۔ مفہوم تہٕ فصاحتُک پُٹھ ہیوٚ لفظ چھُنہٕ بیٚیہ کُنہٕ زبٲنی منز دٔسی یاب ۔

دریان بیٚلہِ ستی سَر موٗژُن تہٕ موکلُن ہیوٗتُن گوڈنیُک وُڈر اَس کو لگامہٕ بِنشہٕ نٔیٛ درامُت ۔ تتہٕ زایہ تہٕ درایہ گوڈنکی گُلی کٹہٕ ۔ کٲشر زبان چھِ اَتھ اَنہٕ تہٕ آدوٗنی (پرگنہ آڑوٗنی) وَنان ییمنہٕ آدنک جنگل کھوٚت ۔

# چھٹن (ربوخہ: وصلک لذت۔ تانہ میچھر۔۔۔۔)

زنانہٕ مردٕ ہندِس یکسان گژھنَس ییٚلہٕ لٕسندہٕن خاص جنسی تانن چھاو پوان چھہٕ تہٕ یہٕ تکھ چھُ تمن لطافت تہٕ لذت کس تھٕد عروجس پیٚٹھ واتہٕ ناوان ییٚتھ برابر بیٚیہ کانٛہہ جسمانی نعمت دُنیاہَس منز موجود چھُنہٕ۔ یہٕ چھ فطرت ینٕہ غرض مندی باپتھ کران تہٕ ینٕہ نس نِنھٕتس ژوٚنگ زالِتھ۔ سو چھےٚ یُنٛ اصل مقصد یعنے تولیدک ژُکھر برونٛہہ پکناونہٕ خاطرٕ انسانَن اَکھ ناقابلِ بیان لُطف تہٕ لذژنک میچھر پیش کَش بھاوان۔ یُس تِھندٕ جسمن تہٕ رونکھن درمیان وۄلسان آسَن چھُ تہٕ تِہنٛز جنبشہٕ ہُند موحتاج۔ یہٕ چھُ تولیدِ نسل کہٕ خاطرے لیوٚہے اَکھ انعام بلکہٕ کوٚژھ ہیوٗ۔ فارسی زبٲنی منز اُسی اَکھ پرانہٕ وقتہٕ ربوخہ ونان یتھ 'زُفان گویا' یہٕ تشریح چھُ کران۔

"خوشی و ذوقِ جماع تا بہ وقتِ جماع بہ انتہائے خوبی رسد گو بند ربوخہ شُد"

(ترجمہ: سو خوشی تہٕ لذت یوٚسہٕ مرد و زن باہم گژھنہٕ ستی سیدان چھےٚ۔ ییٚلہٕ مرد تہٕ زنان پننین بدنن چھونپھ دی دی لذت کس طیٚس چھ واتان، اُدٕ چھ ونان 'ربوخہ شُد')

کٲشرس منز چھ اَکھ خوشی کرٕنی، خوشی بوزٕنی تہٕ ونان تہٕ کیاز بظاہر چھُ اَمیُک منزل یوٚہے۔۔۔ خاندرس چھ شادی تہٕ انگریزی پاٹھی

وَنان MARRIAGE ۔ یہ زَن خوشی ہُندِ ترجمہٕ چھُ ۔
یہ عمل چھےٚ ہتمن میٹھٕن بزٕ نژن (میوٗ ٹھ لفظ استعمال کرٕ نی چھ زبانٕنی ہنز لاچارٕی تہٕ ساٗنی مجبوٗری ۔ تکیاز میچھر ٹیچھر چھُ ذایقہٕ یا زیوٗ ہنٛدِ مزٕ ک اکھ قسم ۔ ربوٗخس منز چھےٚنہٕ زیوٗ کُنہٕ شامِل بلکہٕ چھُ ساٗرٕی سے بدٔنس کلہٕ بیٚپھٕ ژلس تام اکھ دٔن ہیوٗ لگان تہٕ پیٚتہٕ اَمہٕ ناقابلِ بیان لذتہٕ ہٕ مستی چھ زٕگہٕ رٲتھ وٕلہٕ یوان تہٕ سُہ چھُ کینژن لحظن منز سیٚہی اَتھ مانچھ ملرس منز زن مست تہٕ بے حِس گژھان ۔
دٕیان جوان زنان تہٕ مَردن چھُ تہند بدنکۍ HARMONES قاصد ژُرِس ژُرِس دِتھ یہ کرٕ نہٕ کس جیرس تام واتہٕ ناوان ۔ اتھ چھ ہندی اُردو شاعری منز ”نچ لوٗ پہ“ ہنز تشبیہ دِوان ۔ مگر فطرت چھےٚ پنٕنہٕ حسابہٕ اِنسانن ییٚژان ۔ تازٕ سایینسی تحقیق چھُ یہ زِ ساٗری سے وٗمبر چھُ اکھ مرد اَمہٕ مزٕ مستی ہنٛد زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ داہ یا باہ منٹ پراٗوِتھ تہٕ چھاٗو ہیکان ۔ ۔ ۔ دیتے ہیں قدح ظرفِ بادہ خوار دیکھ کر ۔ ۔ ۔
وقتہٕ کہٕ اضافیتک (RELATIVITY) راز نوٗن کڈٕن واٚلۍ البرٹ آیینسٹاینٕن چھُ ووٚنمت زِ امیک ثبوت چھُ معشوقس لرِ لوٗر آسنہٕ وِزِ پیٚتہٕ لگان ۔ تس لبنہٕ چھ گٔڑی دوہ تہٕ بژنزی ہوی باسان ۔ اکرٕ مقابلہٕ ہیے کانٛہہ کُڈٕ ر دگ اگادِ گژھ بژنزی تہٕ ژٹہٕ وار چھ ؤری واد باسان ۔ امیر خسروٗ سُند مصرعہٕ تہٕ چھُ پٔرتھے ہمش شیٚچھی باوان ۔
ع شبانِ ہجراں دراز چوں زُلف، و روزِ وصلش چہ عمر کوتاہ

اَمہِ لذتہٕ خاطرٕ کیاہ کوٚرٕ نہٕ انسانن۔ دیان بابہٕ آدم تہٕ ماج حوا گے اَتھی پیٹھ جنتہٕ منٛز خارِج۔ اِنسانی تاریخکی کینٛہ سارٕی بٔڑۍ کھوٚتہٕ بٔڈۍ تہٕ طاقتور لُکھ، زنہٕ تہٕ زنٛی، دوشوٚے چھِ امہِ لذّت طلبی ہندی طلبگار اَسنہٕ بیمار آسمِتۍ۔ یمن منٛز روٗمن ڈکٹیٹر جولیس سیزر (وفات 44ء) قلوپطرہ (وفات: 30 ق م)، چنگیز خان (وفات: 1227ء) تہٕ روٗسُچ ملکہ کیتھراین اعظم ہندناو چھُ یوان۔ دیان تس گوٚژھ پرٛتھ شبہٕ نوٚو مرد آسُن۔ یہٕ دوٚیمہٕ دوہہ اوس سُہ غائب سپدان۔ اٹلی کہِ وینس شہرُک کیسینووا (1779ء) چھُ امیک عالمی سمبل مانٛنہٕ یوان۔ یمس آسہِ زنانہٕ پونپرٕ ہُن ہندی پاٹھۍ گنٛڑ کران تہٕ شمار اوس نہٕ یِنہٕ ینٛن عاشق نازنینن ہُند۔ اَمہِ چھِ بعضے شاہی کھیل یا ROYAL SPORT تہٕ وَننہٕ یوان تہٕ زمانک عطر یعنی ESSENCE OF TIME تہٕ۔

**لوٗلی:-** (کاشُر گیون واجنہٕ ۔۔ نازنین گنٛڑ رینٛہ)

راقم الحروف سنٛزِ "شش رنگ" کتابہٕ منٛز چھُ لوٗلی تہٕ تٔہنٛدیٚن معاملن متعلق ویرٛتھیٚن سان لیکھنہٕ آمُت۔ (مضمون: حافظ شیرازی تہٕ کشیر)۔ اَتھ موضوعس پیٹھ آوٕ مےٚ 'دبستان مذاہب' ناوچہِ کتابہٕ منٛز اَکھ اہم حوالہٕ اَتھہٕ۔ اَتھ سٕتھیٚے اہم کتابہٕ چھِ کینٛہ عالِم عہدِ شاہجہانی (1627- 1656ء) کِس نامور کاشرِس دانشور تہٕ سکالر مُلا محسن فانی یَس سٕتی منسوٗب کران۔ اَمہِ منٛز چھُ کاشرِس شوٗتنترس

مُتعلق سیٹھاہ تفصیلہٕ سان لیکھنہٕ آمُت۔ یہٕ کتابہٕ ہنٛدِس اَتھ لمبکس چھُ عقیدہٕ شاکتیاں عنوان تھاونہٕ آمُت۔ تِکیازِ کأشرِس شوٕ مَتس منٛز چھےٚ شکتی ساریوٕے کھوٚتہٕ تھٔزٕ جاے۔ یہٕ اَتھ چھُ شکتی پوجا وَنان۔

لل دٕیدِ ہُنٛد درشُن چھُ خوبصورت ع

”ؤچھم شوٕس شکتھ میلنہٕ“

’دلبستانِ مذاہب‘ مہادیوٕ یعنے شوٕ شنکرس وَنان۔

”ترلوچن فرمود یقین کُن کہ پیوستہ از من جُدا نشوند چہ وریں کیش بالوس آمیزش ستووند تراز دیگراست لاجرم ایشاں رادیوکنیاں گویند یعنی دخترِ فرشتگان“

’دلبستان مذہب‘ عقیدہٕ شاکتیاں، مطبع نولکشور ١٩٠٤ء

لولی ین ہُنٛد کشیرِ ہنٛدِس شکتی تنترس سیتۍ تَنکھ آسُن یہٕ بیہٕ ترلوچن (پایہٕ شوٕ جی) سُند یمن دیوکنیا یا ملکن ہنٛز کوریا اژھ رژھ وَنُن چھُ یمن سٕہ خاص دیوٕ مالائی چیہ کاتھ عطاکران یِیمہٕ سیتۍ یمن کشیرِ ہنٛدِس سرزمینس سیتۍ باہم آسُن یہٕ بنیہٕ پَتہٕ یمن اکھ پاک نسب عطاکرُن چھُ یمن مُتعلق وارِیاہ شکوٕکن مأنتراوان۔ شاید اَمی رِلوأیتہٕ ہُنٛد شاپھ اوس یِیمۍ حبہٕ خوتوٕنہٕ ہُنٛد گوڈنیک تحریری ذکر کرن وألس عبدالوہاب شایق ہنٛدِ قلمہٕ لتس عارفہ لقب دیُت۔ (ؤچھو تاریخ شایق ١٧٥٥ء، منظوم) لوٕلی یورٕ ہنٛز گرٛند چھےٚ ہرُان۔ اکھ ناگمہٕ ہیوٕر پہن بیا کھ کھاگ اَندس۔ تریم بلواہمہٕ پور پہن یہٕ اکھ کوٕپوأرٕ تحصیلس منٛز۔

## دالہِ بٹہٕ :۔ (کاشرِ بٹن اکھ رشکہٕ ہوٚت لقب مگر یتہٕ پیٚہن تہنز ربٕژھ ہش)

دال چھِ کاشُر لفظ تہٕ امہِ خاطرٕ چھِنہٕ اَسہِ کانٛہہ بدل تہٕ۔ دالہٕ ہُند چھُ سائنس لکہٕ اُدبس یا پرائنس کلامس منزٕ تہٕ خالے کُنہِ ساعتہٕ ذِکر۔ دراصل وائژ پہ کشیرِ پتے پیٚہن۔ یہ کیتھ تہٕ چھےٚ کُنہِ ہس واتناوان زٕ دالہِ پھلن ہندی کاشری ناو چھ عنقا۔ مثلاً راجماش[1] (رازٕ ماہ)، موونگ (موٚ نگ)، مسور (موٚ سُر)، چھولے (چھولہٕ)، چنا (چنہٕ)، ماش (ماہٕ)۔ باسان چھُ زِ پرٛانہٕ کشیرِ منزٕ آسہٕ ہَن نہٕ دالہِ پھل (LENTELES) وو پداونے یوان۔ اَمہ اوس آب تراوُن پیوان تہٕ زیادٕ آبس گوژھ ژوٚر نوٗن تہٕ آسُن۔ کشیرِ منزٕ اوس نوٗن کانٛہہ تہٕ نالوٗد۔ یہ اوس بوڈ مسالہٕ مگر نیبرٕ پیٹھٕ اَنہٕ یوان۔ أزی کہ پاکستانی پنجاب کہِ کوہستانہٕ نمکہٕ چھو کھیوڑا کانٛہ پیٹھٕ ..... ہر کہ در کانِ نمک رفت نمک شُد ... یہ اوس بھمبر، نوشہرہ، رازویرٕ تہٕ پیر پانژالِ وَتہِ یور واتان گُربن، خَرن تہٕ انسانی کھٕر کنڈ بن پیٹھٕ۔ اَوے چھ اکھ کھٕہِ مہِ صدی ہُند کاشُر سنسکرت شاعر کھیمندر 'لوناسرنی' (نُنہٕ وَتھ) وَنان۔ اَمہ بدلہٕ اَسی کاشری بنفشہٕ پوش دِوان تہٕ توٚے چھُ امہِ پوشُک کاشُر ناوے نُنہٕ پوش بنیومُت۔ نوٗن اوس کشیرِ منزٕ لوٗت قیمتی زِ جہانگیر چھُ پننہِ تُزکِ منزٕ لیکھان نوٗن ئلی ہیٚنہٕ خاطرٕ اَسی کاشری کوٗنگ (زعفران)

---

[1] یہ ووت تُروُاہمہِ صدی منزٕ امریکہ پیٹھٕ یورپ۔

تہٕ کرنسی بدلہٕ اِستعمال کران ۔ چونکہِ دروٗگ مسالہٕ ہیوٚن اوس نہٕ پرٛتھ کاٗنسہٕ ہُنٛد بٔژ ۔ لہٰذا اٗسی عام طور ڈیگی جل بَیٹھ ہیوان زِتہِ اٗسی کاٗشرٕ ہِنٛز ہِندی یا پرجا طبقہٕ ۔ لہٰذا اٗسی تِہنٛدۍ گرٕن منز زیادٕ لوٗن گاڑن وا جینٛہ دال گٔژھنہٕ پِوان ۔ یِمیُک مطلب یہِ گوٚو نہٕ مُسلمانٕن ہِندی جاگیردار یا دولت مند طبقہٕ کیا آسہِ ہے نہٕ دالہِ پاکھ دِوان ۔ مگر عام لُکو تہٕ خاص کر غریب گاٹہٕ کیو پیٚلہِ بَیٹھ یوت دال رنان وُچھ تِموٚ کوٚر تِمَن دالہِ بٕٹہٕ ناو ۔ یِتھ منز کینٛژھا رشک تہٕ کینٛژھا ازروُن چھُ ۔ یندیارِ تہٕ آسہِ ہے منٛتھ گرٛژھان مگر لوٗن کتہٕ انہٕ ہٕن ۔ لوٗن گو 1947ء منز تہٕ کشیرِ نایاب پیٚلہِ پاکستان کہِ طرفہٕ کٔشیرِ ہنٛز وتہٕ گٔے بند ۔ یِنٛتہٕ ووٚتھ نُنہٕ دٕراگ ۔ ایمرجنسی ایڈمنسٹریشن اُس چیٚندہِ بیٚبھٹ کیٚنہٕ توٗلہٕ لوٗن دِوان ۔ تہٕ لُکن اوس اَمیُک ہیٚہہ گوٚمُت ۔ تہٕ کیازِ رایہ رایہ لوٗن تیل باگراوَن وٲلۍ اٗسی تِمَن زیادٕ بِہن میٚنٛز لوٗنۍ دوان ۔ مےٚ چھُ یاد زِ تِمَن دوہٕن اُس نہٕ کُنہِ گرٕس منز دال سینٛخس کھسان ۔ اَمیُک سوادٕ ے اوس مُشتہِ گومُت ۔ وُنی کین تام تہٕ چھےٚ مُسلمانٕن ہِندِ کھوٚتہٕ بٕٹہٕ ہے زیادٕ جان دال بناوٕنی لگان ۔ تہٕ کیازِ پرٲنی پرمپرا چھُکھ ۔ بہرحال پتہٕ پیٚلہِ ہِندوستانہٕ بیٚبھٹ یِیتہٕ سمندری لوٗنہٕ پھیٚلکھ وٲنہٕ کاٗشرٕن کھوٚت نہٕ واریاہس کالس یہِ ٹارے تہٕ تِم اٗسی وَنان زِ اَمہِ ستۍ پھٔہلے یہِ بیمارِ تہٕ شُرۍ زہٕ پنس گٔے ووٗگہٕ پلہٕ ۔

ترٛلہٕ لوٗنُک چھُ وُنہِ کاٗشرِس منز لوٗت رغبت زِ بعضے چھِ سیاستدان الیکشنہٕ وِزِ ازھن منز نُنہٕ پھوٚل ہاوان ۔ یُتھ ووٹ دِنہٕ وٲلۍ گرٕس پِن ۔

کأشِرس منز چھُ پرٛوٚن محاورٕ تہٕ "ننٕہ پھوٚل ہاوُن" تہٕ "اَکس مشرٕ بھاوُن"۔"

**دبل :** (دپلو۔ ژم۔ کُلبن ہندی دبلر)

ع تیلہِ لل ناوٕ پیوٚم ییلہِ ڈٕلی ترٲوی مَس"

مےٚ چھُ بُروٚنہہ تہٕ یہِ خیال ظٲہر کوٚرمُت زِ اَمہ مصرعس منز چھُ لفظ ڈُلی، شاید نقل کرن والیو ہِندِ ڈُسی یا تہٕ وٲشہِ سان نقل سپُدمُت تہٕ پرن والین ہِنزِ لایہٕ وٲہی کنہِ غلط پرنہٕ آمُت۔ 'ڈُلی' لفظس چھُ کراہت۔ میر غلام رسول نازکی ہِندِس یتھ مصرعس منز چھِ یہِ کراہت ہِنٛز سورُے تَمُن ہیتھ بروٚنہہ کُن یوان ع

کرن اولوٚدِ دوٚل معصوٗم حوٗرن

ڈُلی ترووُن چھےٚ خوٚد بذات کأشِرس منز اَکھ بچھ ترکیب۔ حکیم تہٕ ڈاکٹر تام اَسی اوترٕ اوترٕ تام وَنان زِ قبض گژھہِ کمس صوٗرتس منز گژھہٕ یہِ دَوا دُلس منز بھاوُن۔ زنانٕہ ہِنٛز زلیوٚ چھُ یہِ زیادٕے ہیُن وکھُت باسان تہٕ توٗے کرٕ ہے نہٕ لل مأج یہِ استعمال۔ اَمہ مقابلہٕ ہرگاہ اَتھ دبلی پرو، صوٗرت چھےٚ یکدم رنگ ژھٹان۔ اَکھ زِ دبل اَسی پرأنی واقعی سترپوشس تہٕ اَخنتےٚ سارِنٕے بلون وَنان۔ للہِ ہُند ننگےٚ نرٛژُن چھُ تٕلند یہٕ نےٚ ارشاد۔ تہٕ وُدبل ترادنٕہٕ ستی چھےٚ اَتھ لُشنٕے گژھان۔ دوٚیم کتھ چھےٚ زِ ڈُلی ترٲوِتھ بیہُن، چھُ بے حرکتی ہاوان۔ تکیازِ تتھ چھُ بیتھ روزُنگ مطلبٕے نیران۔ مگر

"ڈیلی تراٹوی مس تٔی" چھُ باوان تہٕ ہاوان زِ ظاہر داری ہنز زچہ تٔی تراوِتھ دژاپہٕ لَل نیرِ نہٕ پھیرِنہٕ تہٕ یتھ وِشال زگتس گتھ کرِتھ پنٕز پراونہٕ لَلہٕ ہُتھ یہ SEMINAL واکھ چھُ امہ سازٕ ہسے تائید کران تہٕ پرہٕ زلاوان ع

گو رن وونم کُنے وژُن — نیبر دوپہم اندر اژُن
سُے مے لَلہ گو واکھ تہٕ وژُن — توے ہیوتم ننگے نژُن

**اٗلہٕ پٔتھر :** اگُلمرگہٕ جنوب مغربس منز بالہٕ کِس ڈٔھلنس پھیکس تل
اکھ لوڈ ناگ ۔ 12 ساس فٹہٕ تہٕ زیادے تھزرس پیٹھ)

گُلمرگہٕ چھُ قودرتن حُسن وجمال پھری پھری ژھنمُت۔ معشوق ینز نٔتہٕ پیٹھ شوبہٕ وِنہٕن رُمہ والِن ہیوٗ نرم تہٕ لوٗبہٕ وُن سبزار۔ تسندے بدنہٕ کِین خاص تانِن پیٹھ پھوجمژ پوشن ہنز پھلے تہٕ۔ اندی اندی زن بقولِ شمس فقیر گاہ زھٔہٕ دِوان گاشہٕ انبر ہی کوہ ٹھنگی۔ ستہٕ رازٕ ہنزِ مخملی پنجہ پیٹھ بیھتھ مہرنزٕ تہٕ تسندین زھوپہٕ کرِتھ مگر رنگہٕ وانہٕ ستی شرابور ارمانن ہیشہٕ گُلو تندلہ۔ ییم پیٹھ نو اندرمیو وُتشوٗ کٔنز شرمہ داوِ ستی مُنزی مُنزی واو کران چھ۔ فردوسی ینزِ شاہ نامہٕ کِین الگ الگ بیانن ہندی پاٹھی ماری مُندی سنبرِ تہٕ ووگُنیار۔ مگر تمہ مارنچ وِشرھے یتھ آبہٕ بدلہٕ آب حیاتے خاصیت تہٕ خصلت چھےٚ۔ وونی ژھنس اکہٕ کِتہٕ تلاو لوٗرمُت، مگر سُہ چھُ چھوکھ ہیوٗ لوزنہٕ یوان بہرحال گُلمرگ بالہٕ کِس ڈٔھنس پھیکس تل چھےٚ اکھ خوبصورت تہٕ گتہٕ مارُون ناگہٕ سر۔ یتھ منز آسمان کاٗنسہٕ نازنینہٕ ہنز آنہٕ واجہ ہندی پاٹھی یِنٔن

اَنہار ڈیشھ کرِ یشان آسان چھُ ۔ تہٕ راتھ کیُت ما آسَن بنکی نارکھ
اَمہِ کِس نیلِس تہٕ زلال آبَس منز سران کرِنہٕ تہٕ ژھانڈ وانہٕ تہٕ وسان
تِکیازِ تمہِ وِزِ وُچھِکھ نہٕ کہنی ژٕ تہٕ بڈینہٕ ژن ۔ اَتھ ناگس چھُ وونی اَمہِ
پیٹھٕ اکھ غلط العام ناو گومُت تہٕ کینہ لوکھ چھِ حٲران گژھان زِ اَتھ
کیازِ چھے اَمِن ہنز نسبتھ تِکیازِ یہِ مُشکہٕ بوسنتور ہیو مسالہٕ چھُ ہندوستان
کِس براِبرِ اَمہِ خری جنوبی انڈیس منز کیرالہ ریاست کِس لنگارڈی علاقس
منز یُدِسیدان ۔ دراصل چھُ یہِ کینژھا کشیر ہُند آدکال مشریٖمُت
گژھنک تہٕ کینژھا اَمہِ کِس اصل پھورِس شاپھ دِنہٕ تہٕ نہٕ واتنہٕ کِنی
گومُت ۔ اَتھ اوس اصل ناو "البیتھر" (AL PATHER) ۔ یہِ اوس
کشیر ہندِ بن آدِ واسِبن ناگ لوکن ہُند اَکھ بارٕ دیوتا ۔ یِیتھٕ کِنی تکھشک،
نیل ، شُشرم بیترِ ناگ اَسی ۔ یِیلہِ حملہٕ آور آریو یِیتہِ پننُ سیاسی
قبضہ تہٕ غلبہٕ کوٚر تِمو کوٚر تِہند قومی وجود گالنس ستی تِہندِ بن علامتن
تہٕ آثارَن تہٕ لِترِ لاگنچ کوشش ۔ مگر ناگن تہٕ آرین درمیان اَکھ CON-
CORD معاہدس تُلنے ہیوٚ کرن وول سوٚن سارِوے کھوتہٕ قدیم
"پُران" نیل مت چھُ اَمیُک ذِکر کران تہٕ اَمی شبدٕ ژانگہِ چہٕ گاشہٕ لیہ
ستی چھِ اَسی اَمیُک اصل خولہٕ خط پرٕزناوان ۔
"البیتھر" ناوس پیٹھ چھ از بروٚنہہ ژیجھہ پانژاہ جی وٕری
اُردو شاعر غلام ربانی تاباں اَکھ بُڈ نظم تہٕ لیچھمٕژ ۔ تتھ منز چھ اَمہِ کِہ
اَندی پکھی کِس حُسنس زبر عکس تُلنہٕ آمُت ۔ مگر اَمیُک دیومالاٸی مفہوم

چھُس غائب۔

## سِسَر : (حبس ۔ انگریزی HUMIDITY)

یہ لفظ چھُ کأشرِ زبأنی ہندِ فصاحتُک سیٹھا نُندٕ بوٗن ثبوت۔ ییٚلہٕ گرٕشمہٕ ژٕنجہ ہِندِس موسمس منز کأشرِ ین گُمہٕ پھٹان چھےٚ، ٹہٕ کأنسہٕ کأنسہٕ پھولُن تہٕ نیران چھُ تَمہٕ وِزِ چھِ اَتھ موسمہٕ وٕہِس ٕسِسَر ' وَنان ۔ یعنے زَن ٕتہ سوٚت سوٚت اوٚگُن دِنہٕ ہتی آسہٕ دٕلِگِلِس ٹھانڈٕ تل، لوٚٹھ لوٚٹھ گرِکھ (سِسَر گو گُجہ ہِوِس کأشرِس سِبِنِس (DISH) منز تہٕ چھِ پی عمل سپدان ۔ اَتھ مقابلہٕ چھُ انگریزی HUMIDITY تہٕ اردو حبس زَن تہٕ گِلی ٹہٕ ژٕری لوزنہٕ یِوان ۔ سِسَر چھےٚ نیہہٕ (VAPOUR) بناوان تہٕ یُوہے آدمس گُمہٕ سٕران گران ۔ زِیمِن ساعتَن چھُ گُلِہن پَن تام نیتہٕ مُمٕن گرٕژھان ۔ یِھتےٚ تَمن ہوش ہیوٚ یوان چھِ واوٕ گژایہٕ چھےٚ وٕوٕتھان ٹہٕ سِسَر ڈیٚچ گرٕژھان۔

ہندوستانُک موسمی رۆدلیُس ہار، شراوٕن، بادرٕکن رتن منز کیرالہ پیٹھٕ پنجاب تام آسہٕ ٹہٕ ٹہٕ رایہٕ ٹہٕ ژٕدِ رأٹھ وٲلان چھُ، چھُنہٕ مجموعی حیثیتہٕ کشیر واتان ۔ اَمیُک ثبوت چھُ از ییٚلہٕ راقم الحروف لوٚبہٕ سطر لیکھان چھُ (26 جولائی 2006ء) ییٚتیُک موسم ۔ جۆمہٕ، دِلہٕ بیتر چھےٚ دوٚہس خبرٕکتی رۆدٕ ژھٕلی یوان۔ مگر اَسہٕ ووت سخت گرمی آسنہٕ باوجود پچھِ کھنڈ رۆدِس پٕژاران ۔ آسمانَس مُدےٚ گنڈِتھ وُچھان ٹہٕ اَچھ پیٚتنہٕ کران۔ مثلاً از 26، جولائی 2006ء جۆمِہٕ تہٕ ییٚتہٕ قریباً ہوٚےٚ ہوٚےٚ تاپہٕ ژٕٹرٕ سرینگر

32 ڈگری سینٹی گریڈ، جوٗنہٕ 33.4 ڈگری)۔ اَتھ معاملَس مُتعلق اَز بروٗنہہ اَکھ ساس وٕری چھےٚ عظیم خاور شناس البیرونی بڈٕ سَنہٕ وِنی باوتھ کٔرمٕژ۔ سُہ چھُ لیکھان زِ بیٚلہِ موٗن سون چھ اوٚبرٕ ہٕسی اَسمانٕی وُڈان وُڈان پانژال چھ گگن گیر قلایہ لِنشہٕ واتان چھےٚ تِم چھےٚ اَمہِ کَس وٕچھس ستی ٹھاسنہٕ یوان۔

تہٕ یہ روٗدداہ پوٗنیاہ پینہٕ نِبن گاگربن منز ژرلوٗمُت آسکھ تِتھ چھ نیٚبو نچورٕ ہیوٗ کوہ دامَن جیران تہٕ اَدٕ پھیانان تہٕ ہانٹھ بناوان۔ نتیجہ چھُ زِ تم چھ بیٚنُن سورُے زل مل اپارے دوشہٕ راوان۔ اَوے یِیٚلہِ جموں سرینگر سڑکہِ پانژالہٕ اَپارِ روٗدٕ شرانوٗ ستہٕ اَڑمہٕ تام پیسِن ستی ڈَستھ یوان چھےٚ تہٕ یٕرے اَدرٕ کھل چھےٚ گژھان۔ پانژالہٕ یپور وادی چھےٚ ہوٗدٕے تہٕ ہوٗچھی روزان۔ بامے کیٖشہ کھتہٕ پھوٗہر ہٕشہِ سفید اوٚبرٕ لِنشہِ آسی تِتن اَسمانٕی لِکان تہٕ گُلی موٗران روزان۔ مگر اَمیُک مطلب گوٚنہٕ زِ بنجرس کیا چھنہٕ کانٛہہ ترٛوے یا دٔرزٕ آسان۔ بعضے چھُ تیٚتھ اوٚبرٕ طوٗفان متان زِ اَمہِ زورٕ تہٕ جوٗشہِ ستی چھےٚ کینہ اوٚبرٕ مَشکہِ پانژالہٕ ہیٚورِ تہٕ لاینہٕ یوان۔ تہٕ بیتہٕ وادی منز پینٛز مشکیٖز لوٗزراوان۔ مگر یہ چھُ سیٹھا کم سپدان۔ تہٕ یہ چھُ زیادٕ اَمہِ موسمک وَشفہ تہٕ آسان۔ البتہ چھُ خدایہ سُند نب کٔھرہ لوٗکٹھا کوٗلِنشہِ آزاد۔ اَتھ موسمس منز بیٚلہِ اَسہِ ژوٗواپارٕی آرٕ گرمان تہٕ تَتان چھُ، چھےٚ کشیٖرِ منز تہٕ زمین گرمان تہٕ ہواوُشنان۔ اَتھ چھ واہراتھ وَنان۔ بیٚلہِ نَم تہٕ اوٚدرٕ ہوا لگنہٕ ستی اَسہِ یَلون دَلوٗن واہراتھ لگان چھےٚ۔ واہراتھ چھےٚ کشیٖرِ منز بیشتر کم آسان زِ اَتھ متعلق چھ سانی گُکہٕ ڈٕیی دلکش امیجری

منز حال وَنان۔ مثلاً واہراٗتھ ہُند رۄد پیوٚو داندَس اَکِس کَنِس تہٕ
بیٚنِس تہٕ کھنی۔ یا دۄن باژن ہنز لڑاے گیٚ واہراٗتھ ہُند رۄد
(بِہرزس منز گژھان تہٕ ژٕہس منز لوٚتان)، پَلون چھےٚ واہراتھ
لجن۔ یتہ چھُ دلچسپ زِ یِتہٕ پانژالہِ اپار رساوَن تہٕ بہدرون عشقہٕ شاعری
ہُنداَکھ گُہل تہٕ تُشہل موضوع چھُ۔ کاٗشر لکہٕ باوٕژ منز چھِ اَکھ کیٚہہ رسید۔

**شونی :** (رۄد یتھ شیٖنہٕ تھوٚسہٕ تہٕ مِلہٕ مِش آسن)
رۄدِ شیٖن (شیٖن + وۄنی)

کشیٖر ہُند کریوٚتھ تہٕ کرٕاوار وَند چھُ وۄنی پرانہٕ پیٖن ہیندِ بن
یادِ وُترِ بن منزے۔ پوہ تہٕ ماگھ اَسی ڈاڈِ شِشر کِ رِیتھ آسان۔
پیٚلہِ کھٹہٕ کوٚش تہٕ ساری سے ہکر کران اوس، شِشر گانٹہٕ آسہٕ اوِیزان گژھان۔
تہٕ ٹُلہٕ کتُر اوس سارِ سے زمینس شیٖشہٕ خانچ باش کران۔ مگر پھگنس منزے
اَسی گریٖسی گنڈتی مطابق زمینس گوڈنچ جمبر پھوان تہٕ اوٚند پوٚکھ اوس
کُملُن تہٕ اَدرُن ہیوان۔ کلہن پنڈتن چھُ شاید اَمے سمیک ذِکر کران
وۄنمُت زِ لوٚو شیٖن چھُ پرانِس شیٖنس گالان۔ ژِتھر (بکرمی چیت) یِس
کاٗشرِ تقویمہٕ حسابہٕ برونہہ پہن یوان اوس، اوس دُل بلیک رِیتھ آسان۔
بُڈی بُڈی شیٖنہٕ تھوٚسی اَسی وَسان روزان، یِمن متعلق کاٗشرِ دِپان چھُ "ژِتھر نی
تھوٚسی ہُڈ پیوٚو وَسی" دراصل اوس فِضا تہٕ وۄنی وُشُن ہیوان تہٕ اَتھی
منز اَسی رۄدِ پھیری تہٕ شیٖنہٕ تھوٚسی یکہٕ وَٹہٕ وَسان۔ اَتھ اَسی شیٖنہٕ شونی وَنان

یعنے شین + آب ۔ یہِ خوبصورت ترکیب چھےٚ کأشرِس اَدبَس منز خاے
نظرِ گژھان ۔ تہٕ شاید واریاہَن علاقَن منز چھِہٕ رائج تہٕ ۔
انگریزی یَس منز چھُ اَمیُک مترادف SLEET ۔ شۄنی چھُ شیٖن علاقَس
منز تمہِ شیٖنہٕ وانیُک باران ییٚلہِ زمیٖنس جمبر چھےٚ بیمژ آسان تہٕ ہواوُنہٕ
کُملے ہیٚتی آسان ۔ کأشرِس ما آسہِ خال کانٛسہِ استعمال کوٚرمُت مگر مروج چھُنہٕ
حالانکہِ لگہٕ ہار لفظ چھُ ۔ کینٛہہ شاعر چھِ امہِ خاطر باضابطہٕ زِ لفظ ورتاوان ۔
مثلاً نی توٚن یہِ مِصرعہٕ :

"یہِ ییٚو پاں شیٖن ٹٕنگہٕ گُلو ژسہٕ تہٕ وائلِن" (موتی لال ساقی)

## وونی : (آب ، زل ، پونی)

کأشری پأٹھی چھِ اَز پانہٕ خاطرِ زیادٕ پہن آب تہٕ زل ونان ۔ مگر اصل
کأشُر لفظ چھُ وونی ۔ شِنہٕ وونی ، رُدٕ وونی ۔ ناگہٕ وونی ، اَدراوونی ، بیترِ بیترِ ۔
اَتھے چھِ اَتھ کینٛہہ نُندبأنی مرکّب تہٕ ورتاوَس منز موجود ۔ مثلاً شۄنی اُس
رُدٕ ییٚتھ شیٖن رلہِ ییٚلہِ آسان چھُ ) اَتھ چھِ انگریزی لفظ SLEET تہٕ یہِ چھُ عام
ژِ ہٕتر رتھس منز پہوان ۔ یہِ لفظ اگرچہ واریاہ مانہٕ سوو چھُ ۔ مگر زیادٕ پہن
چھُ گامَن منز موجود ۔ شہرِس منز ہٕ کینٛہہ ۔ وأنس ہمسایہ تہٕ ہم بھور بیٚنیہ
تہٕ کینٛہہ لفظ چھِ کأشرِس منز ۔ مثلاً ییٚلہِ رُدٕ بیٚنیہ ۔ ہرگاہے لرِ ہُندیُش
بُرزُک یا ژھینیہ ہُند آسہِ ( یہِ پنژاہ شیٹھ ؤری برونٛہہ زنہٕ تہٕ سأری ہے
کشیرِ اوس ) مکانس نیٚبر یعنے بامہٕ چین ڈندرِن یُس آب زمیٖنہٕ ییٚتھ

وَسان چھُ تھٕ چھ وڈٕج وَنان (واریاہن بجن زبانن منز چھُنہٕ اَمہِ قسمہٕ کین لفظن ہُند یہ لوٗزُکھ بھیرِ موجود ییمہِ کنی کأشُر زبأنی ہُند وُسہ جارٕوک تہٕ وسمتک احساس گنان چھُ) اوٗشُن نراوہٕ خاطرٕ چھ کأشُر لفظ وَدُن تہٕ اَتھ منز چھُ یہ آواز ہشُر۔ زمینہٕ منز آب نیرنہٕ خاطرٕ وُزُن یا وُزنی لفظن تہٕ چھے یِہے باش۔

کأشرس ووٗنی لفظس مقابلہٕ چھُ رُوسی زبأنی منز 'وودا' لفظ۔ یہ زِن آبے گو۔ اَمی منز چھُ روٗس کہِ مشہور عالم شراب 'وودکا' VODKA ہُک ناو دِژامُت۔ تکیازِ یہ چھُ کُنہِ رنگہٕ بیتر نشہٕ مُچِھ آسان تہٕ بوتلن منز تہٕ چھُ یہ آب 'وود' کہِ پأٹھی بوزنہٕ یوان۔ آبہٕ خاطرٕ انگریزی لفظ WATER تہٕ چھُ 'ووٗنی' لفظس ستی پھوٗرِ کنی واریاہ قریب تہٕ زِن پانٕے اَکھ خاص زِینہٕ وَن دِوان۔

کأشرِ چھُ بأرِش RAIN ہُند خاطرٕ تہٕ اَکھ عجیب لفظ پانٕہ نوٗومُت۔ اَسہِ اَندی اَندی زبانَن منز چھ اَکھ برکھاہ، ورشا، باران، برسات بیتر بیتر وَنان۔ مگر یِمو لفظو منز بعضے کانٛہہ کانٛہہ لفظ ورتاوٕنہٕ باوجود چھُ اَمہِ خاطرٕ ٹکسأ لی لفظ روٗد۔ رود چھِ فارسیس منز دریاوس وَنان۔ مثلاً مُرک روٗدِ نیل یا علامہ اقبال نہٕ کیتھ ع

"اے آب روٗدِ گنگا وہ دن ہے یاد تجھ کو"

راجستھانس منز چھ رینٹہٕ گرٕ لیعنے یوسہ مرضی بیٹھ اوٗش نٹہٕ تہٕ نارہ تراوِتھ ہینکہ 'روٗدالی' وَنان تہٕ اَتہٕ تہٕ چھِ روٗد آبہٕ کیٚسے مفہومَس منز۔ کأشریک اَکھ اِنتہائی اہم نبہٕ سوغاتس متعلق یہ لفظ قبول کرُن چھُ خیال انگیز

# وۄل ٹیۄنگ : (ناروٲو، قاضی گنڈ علاقس منز اکھ خطرناک لامن واسکھ ناگ تہٕ چھُ اکھ لیۄٹھ)

فروری 2004ء منز آو کشیرِ منز اکھ شینہٕ طوفان۔ییتھ پتہٕ SNOW TSUNAMI ونہٕ آو۔ دوہس رانتس آونب ژٔنبھتھ تہٕ باہہال بالس نکھہ قاضی گنڈ علاقس تہٕ خاص کونڈس منز تیوٗتاہ شیٖن زِ گامن ہندی گام گےٚ اُجارٕ۔ ہتہٕ بدی لوٗکھ موٗدی گرٕ نے منز تہٕ مکانن تہٕ مالک بے پناہ نقصان سپُد۔ خاص طور پانژالہٕ دامنس تل وول ٹینگس منز۔ اَتہٕ گوٗ کامک گام شینہٕ بُزی۔ گرن منز بچوونہٕ اکھ بأژتہٕ تہٕ واریاہ کألی گڈھ تِم بِستران منز ڈاف تراوی بھتے موردٕ۔ یہٕ چھُ ہاوان زِ کأشرِ زبأنی منز کیاہ چھُ گاٹہٕ جارُک گاچ۔ وۄل ٹیۄنگ گوٚسہٕ تبریُس وولہٕ۔ شینہٕ طوفانُس منز وولیو۔ بیٚنیہٕ خبر کیتہٕ پھِر۔ تکیاذِ پرانہٕ زمانہٕ کِین ہیتھیٖن وأرِ داتن ہُند چھُ کشیرِ منز حساب گأل کھالتس تکیاذِ تِمن أسی یِم درانھٹاک أس واہرأوِ بھتے آسان تہٕ حساب کوٗتاہ بھتاوِہن ؟ وۄل ٹیۄنگ چھُ ڈلٕہ گوٗن دِہتھ پننہٕ خوٗں ریزی ہُند بیٚنیہٕ اکہِ لٹہٕ اعلان کران۔ میری سُنو جو گوش نصیحت نیوش ہو۔ سائنس وولرسَرس تہٕ چھےٚ ہےٚ خصلت تہٕ اوےٚ چھِس وولرٕ ناو۔ یعنیٚ یُس وولان تہٕ دولان آسہٕ۔ یِم حرف لیکھن وألی چھِ اُتھ کُن بروٗ نھےٚ تریٖنہٕ وَن دِژمِژ۔ (وُچھو راقم سٕنز کتاب ’راش‘ یوٚسہٕ 2000ء منز چھپیےٚ پیٚہ۔ صفحہ 61)

بہر حال یُہس 2006 ءس منز یئلہِ مئی رہتس منز اُمی جل دیون ہندوارکی زُدرجن معصوم مدرسہ شُری تہٕ تہنز اوستانی جی بے رحمی سان ننہٕ نگلاوِ۔ اَمہٕ کہ خوفناک ناوُک بیا کھ کھوژناوَن وول ثبوت آو بروٚنہہ کُن۔

## بشتہٕ... 2

بشتہٕ کس مِصری پلہِ وَس کُن چھ میانہٕ "ششِ رنگ" کِتابہِ منز کینہہ اِشارٕ کرنہٕ آمتی۔ مگر نوِ نوِ کینہہ معلوم گژھنہٕ ستی چھُ پے لگان زِ یہ کوتاہ پرُون چھُ۔ قدیم مِصرس منز اُسی براُرس مُقدّس زانان تہٕ BABISHTET چھ تہنز دیوی ہُند ناو۔ کأشرِ لُکو رہ یہ نیوٚت قبول زِ ینہٕ نِہن سارِ وِے کھوتہٕ پوٚتر بھگونٕین مقوٗوکھ 'برور' زن تہٕ نم تہٕ ماز ہیوٚو اُٹھ۔ تلہِ مُلہِ چھ راگینیا دیوی (کھیر بھوانی) ناوُس وأے بیہٕ ڈوگرہ مہاراجو ڈابر۔ تس چھ رانہٕ براُروَنان۔ موج میأنی رانہٕ براُری۔ ظأہرا چھ راگینیا ترکیبہ رأنی بھور گوٚمُت۔ پربت چکر بشوری چھ ہارِ براُرتہٕ وَنان.... ہارے تروو جلدبوس کلس پیٹھ پربت توٗوے.... بیٹھے کُنٛ چھ کھربو چھ زالا دیوی تہٕ زالہٕ براُر وَنان۔ برنگ کس اُکس پوٚتر ناگس چھ سینٛد براُرتہٕ ہرموکھ پیٹھ وَتن وأیس آبہٕ دریاوَس گنگہٕ براُروَنان۔ براُرانگن چھُ شہرتہٕ کشیر منز اوربہ یورتہٕ دھرمہٕ داستانَن ستی وابستہٕ۔

## زِندہٕ شاہ، شاہ زِندہٕ

واریاہَن اَصل تہٕ قدیم یونأنی تہٕ مِصری لفظن بیتر ہُند کأشرس منز

موجود اُسن چھ باوان زِ سکندر مقدونی ییلہِ برصغیرس پیٹھ حملہ کرِتھ (325-329 ق م) بانبر چھانبر وٲپس ژٔول، تس سٟتۍ آمتۍ کیٛنہہ یونانی، مصری سپاہ بیتر مارٕ ووٚدۍ کشیرِ ہُند سازگار موسم وُچھتھ ییٚتی۔

سری نگر رٕنی وارِکِس نہرو ہسپتالس نِشہ ہیٚے حضرت بَل کُن نیٚرو فرلانگ کھنڈ گژھتھ چھےٚ ڈٟچھنِس کَنہِ زِندہ شاہ مشہد یوان۔ یہ آسہ ہیٚے اکہِ وقتہٕ کشیرِ ہندِس سارِوٕے کھوٚتہٕ بٔڈِس مزار ملہٕ کھاہس سٟتۍ مگر ووٚنۍ چھُن سڑکہِ منز باگ یمن قط دیُتمت۔ ملہٕ کھاہ چھُ ووٚنۍ تارہ بند۔ زِندہ شاہ ناو بوٚزِتھ چھُ اُزبکستان کِس مشہور شہرہٕ تہ اکہِ وقتہٕ امیر تیمور (وفات 1405ء) سِندِ عالمی سلطنتُک دارالخلافہ۔ سمرقند یاد پیوان۔ سمرقند چھُ کشیرِ سٟتۍ پرٲنۍ پٲٹھۍ گژھن۔ تاریخی تہٕ تہذیبی رٔس ملہٕ وٲن۔ امیر کبیر میر سید علی ہمدانی آیہ اَمہِ کے اٲندٕ ٹھِکھ پیٹھہٕ کشیرِ تہٕ ییٚتہِ کٔرِکھ مسلمانٕی ہندی مُشکنہِ دارحاری۔ ڈیان بڈشاہ اوس پنہِ شہزادگی ہندِس بیٚہہٕ نارس اتہ وٕرۍ یہ وادن روٗدمُت تہٕ اَمہِ کِہ تہذیبک حق نمک گومُت۔ منز ایشیاہکی کارکسب تہٕ خوبصورت ہونرٕ اُنۍ علامہ اقبالؒ نہِ کیتھہ شاہ ہمدانؒ صابن پانس سٟتۍ تہٕ تِمن ہیٚے کیٛنہہ پٔرہ اوس روٗدمُت بڈشاہن اوٚن سُے پنہِ نین چشمن ہنزن رنگہٕ شکارن منز۔

سمرقندس چھ لوٚ تاریخی آثار گونہو گونہو مگر ترٚیے عمارژ چھےٚ عالمی وراثت چہ (WORLD HERITAGE) کھوٚتہٕ منز شویُبان۔ گورِ امیر، یعنے تیمور لنگ سُند مقبرٕ۔ (سانہ گرٕ گاڈی محلک ناو تہٕ چھُ اَمہِ کو منبہ ہُند یعنے

یِیتہٕ بڑٕ وٕہہ یِہِن قبرٕن ہِندی پہری گران اٲسی ) مدرسہ کمپلیکس تہٕ شاہ زِندٕ استان۔۔۔۔ یہ چھُ کیشرٕن عمارتن ہُند سمُت تہٕ سارِنٕی منز عالی شان۔ دپان خلافتِ راشدہ کِس وٕری یِن منز آو اَکھ صحابی حضرت ہشام سمرقند اِسلامُک شمع روشن کرنہٕ۔ اتہٕ گیہِ تِم تمہٕ وقتہٕ کہو حکمرانو کِنی قتل۔ مگر مقامی لُکہٕ رِوایت چھےٚ زِ تِمن یِیلہِ کلہٕ ژھٕونٹکھ، تِمو ٹِیل سُہ پَنٕنِس ڈٕیکس اَتھس منز تہٕ وٕتھی نزدیکی کُہِرس منز۔ یِیتہٕ تِم زِندٕ تہٕ حالے حیات چھہ۔ عمارژ ہِنز اَکِس لبہ پیٹھ چھُ بقولِ راوی اَکھ حدیث درج یِتھ ۔۔۔۔ منز حضورِ سرورِ کاینات ﷺ سٕتی یہ قول منسوب کرنہٕ آمُت زِ میانِو اُمتَو منز اٲسی حضرت ہشام میانِہ شکلہِ سٕتی قریبی ہشر کَھاوان۔ بیٚیہ چھُ یہ قول زِ شہید چھنہٕ زِ نٕہے مران، لہٰذا یہ ڈیٚلو تِمن موردِ۔۔۔۔ اَوے چھُ یِمن حضرتن شاہ زِندٕ ناو۔ عمارژ چھ اَندرِ کنی سیٹھا خوبصورت نقش وو تلاوِ تھ، یِمن تہٕ چہ زِباٲنی منز کراگچھ چھ وَنان (اَکا ٔثر گچھ چھ پیوان نظرن تل)۔ زیارژ تام واتنس چھ واریاہ ہیر یاوٕی۔ دپان ہر کاہے دوہ یِہ لٹہٕ کھسنہٕ پتہٕ شُمار کٕنی بیہہ تہٕ ٹھیک نہٕ گژھہ پٕزٕ تھ ہیر یاوٕس موژ کرنی تہٕ اَدٕ اَستان اندر اژن۔ مےٚ گٕنژراوے اَکی لٹہٕ 40 آیم تہٕ پتہٕ رٕوزم نہٕ ہیکھتے۔ بہرحال سوویت یونین کِس دورس منز آو تیمور شاہس سٕتی اَمیک تعویذ مزارتہٕ کھننہٕ۔ یِیتہٕ اَڈٕی جہ کڈنہٕ آیہٕ۔ تیمور شاہ سُند قلمی تصویر تہٕ آو اَڈٕی جو ہِندِ اٲنکہٕ وٕنی کِنی بناونہٕ۔

مےٚ چھُ خیال زِ سانہٕ زِندٕ شاہ مُشیدِ تہٕ آسہن گوڈٕ شاہ زِندے

وَنان مگر پتہٕ کوٗر کأشرِ عادتن زور..... اَکھ کیا چھُ سمرقندکِس شاہ زِندٕ ہِس ہیتِ واٹھ یا چھُسا نہٕ کینٛہ تتھ مُتعلق چھےٚ تواریخ خاموش، مگر سوال چھُ موجود۔ شاہ زِندٕ چھُنہٕ عربی بلکہ عجمی ترکیب۔

## لوٚہ بٔگأری، لشہٕ بٔگأری

کأشرِ بیٚیلہِ افغانن، خالصن، تہٕ ڈوگرن ہنٛز غولأمی اَسی کران تِمن اَس زندگی اَکھ مسلسل بٔگأری بنٛیمٕژ۔ ڈوگرٕ فوجن ہُند وولہ بور ہیتھ چِلاس، ہونزا، گلگت بیتر گژھن اوس اَسی پیٚوان۔ یِمنےٚ جایِن شایِن منٛز بٲگ چھُ بھونجی تہٕ اکھ مقام۔ اَز تہٕ کأشرِ پاٹھۍ کأنسہٕ کرٕ اوار ڈنڈ دِنہٕ کِس معنیس منٛز وَنان..... جلدٕے سونٛنا وٕتھ ژٕ بوٚ وچھ..... یمو خوفا و منٛز اوس خالی کاتہٕ واپس زِندٕ یوان۔ توٗے ہےٚ راز دانہٕ بالہٕ پیٚتھٕ گلگت شہرس تام وُچھو کأشرٕ ہِن مظلومَن ہنٛزن اَڈِجن ہٕنٛدی سوٗمی تہٕ سوٗتھی ہِن اَز تہٕ وَنہٕ کڑٕ نہٕ۔

بہرحال بٔگارِ ہِن ہنٛزن یِمن وولکھ بلایِن منٛز آسہٕ نہٕ پننہٕ قسمہٕ چیٚر لوٚ دٕر پیٚتھےٚ تہٕ شاید چھُنہٕ وونی کأنسہٕ یِمن ہُند ظون۔ گوڈٕ پنٛج گیہٕ لوٚہ بٔگأری..... بیٚیلہِ راجن مہاراجن ہٕنٛدی لشکر گرٕ ہِن لاکہٕ چایہٕ تھ نوٗو علاقہٕ زینٛنہٕ خأطرٕ یہٕ عام لوٗکن کھُل والنہٕ خأطرٕ تیران اَسی۔ تِمن ہندٕ ہِن گرٕ ہِن اَس یڈ بٔرنی تہٕ آسان۔ چنانچہ پڑاو پتہٕ پڑاو بیٚیلہِ تِم قرار اَسی کران۔ گرٕ اَسی کھیاوٕنی چاوٕنی آسان۔ عام لوٗکن اوس حکم زِ تِم روزن لوٚہ ہیتھ حاضر

تہٕ گرٕبن کرٕن خاطرٕ داری۔ تمن اوس نہٕ یمن ہندِ خاطرٕ کہنہٕ معاوضہٕ میلان۔ اَختُے ہیٚے کینہٕ سرازیری گژھ ہیکھ ننتہٕ اَسِکھ نقد و نقدٕ ٹاس تہٕ ٹوسی دِنہٕ یِوان۔ کشیٖر چھ وندس تیٖری گژھن یمنے گاسہٕ لون بیٹھ پلان پژھان۔ تِم تہٕ اَسی محروم گژھان تہٕ چھپہٕ لگان۔

لشہٕ بیگاری تہٕ اَس پژھے ہش شولہٕ مارٕ وٕنی کرٕاے۔ فوجن اوس راتھ کیٛت جنگلو منزٕ یا پچھمبو چھارٕ و ہیر بون پکُن پیوان۔ تمن ہنز وتھ زوتہٕ ناوِنہٕ خاطرٕ تہٕ اَمہٕ خاطرٕ زٕ تمن گوژھ نہٕ کانہہ کھوند کھر وو لگن اوس یمن علاقن منز بسن والین لوکن فرمان زِ تِم گژھن وتہٕ ہندین ددن طرفن لشہٕ دزٕ ہرنا لِتھ کھڑا روزٕنی۔ تمن اَس راژن ہنز بندر تہٕ نبہہ راوان تہٕ ہرگاہ صُبحس زُوٕ زٹ ہیتھ واپس گرٕ واتہٕ ہن شکرانہٕ اَسی کران۔

یلیٚتھ : (ایتو : کشیٖر منز رائج اَکھ معززٕ گرام)

دراصل آفتاب پرست پوٗزٕ اَری۔ سنسکرت زبانی منز آفتابکہٕ اَکہٕ رِپی آدتیہٕ ہک مُکشر میتھ مُنزٕم 'د' چھ وٕسی پیوٗمُت۔

اِتی چھے کیشرٕ منز اَکھ ویٚرٕ تہٕ معلوم ذاتھ یا گرٕام۔ شہمیری خاندان کِس ساز نواز سلطان حسن شاہ سُند وزیر اعظم اوس ملک احمد ایتو۔ اَمی سُند مزار چُھ شہرِ خاصس منز ملک صائبن آستان ناوِ مشہور۔ یہٕ گرٕام چھ کمنے یہن لوٗکن مگر لوتہٕ نٕنز۔ 1946ء منز دژاو دیالہٕ گامہٕ اسلام آباد عبدالسلام الیوٗتن، پیمی پریم ناتھ بزازس ستی اَتھہٕ واس کرٕتھ کسان کانفرنس بناو

تمہِ وَقتہٕ چھ مقبولِ عام نیشنل کانفرنسہٕ خلاف لوگُن مورچہ تہٕ اَمہِ کِس ٹھنگِس مرزا محمد افضل بیگس ترٛاوِ ناوٕن دِیالہٕ گام یِنہٕ وِزِ ووکھ مالہِ یُس گو پتہٕ پاکستان تہٕ تتے لوٗس۔ اَزِ کِس وقتس منز چھِ سکینہ ایتو دُمحال ہانز پور، نور آباد چ ناو ہینس لایق۔ یہ روٗزٕ 1996ء پیٹھٕ ڈشنٕ وٕرِ یِن سٹیٹ منسٹر تہٕ اَز کل چھےٚ ایم ایل سی۔

کشیٖرِ منز آس آفتاب پرستی پرانہٕ زمانہٕ پیٹھٕ وارِیاہ مضبوط۔ تہٕ ایتو اَسی یمِنے سوریہ مندرٕن ہندک پۆزٲرٕ تہٕ پرٛدھت۔ یمن ہُندے پتاہ چھُ اَتھ کرام منز ساںہٕ زبٲنی ہقومُت نٕژھر کھ۔ آتھ وار (ایت وار) گو آفتابُک دوہ یعنے SUNDAY۔ سرینگرس منز چھُ گپکار روڈ کِس مشرقی کونس منز طالع مٕنزلس بوٕنہٕ کنہٕ زبرون بالس منز اَکھ لوکٹ ژھین۔ اَتھ چھِ اٰیتہٕ گنج وَنان۔ شاید اَمہ سببہٕ زِ پرگنہ بھاگ کِس اَکِس حصس چھُ آفتابُک گاش یِہن رٕہتن منز اَکِہ موسمہٕ اَپارِ کِنہ یتہٕ واتان۔ برونہہ اوس نشاط، شالہ مار بیتر گژھنُک اصل راہ گُزرِ یوہے یِتو تانی یٕژ مہ صدی ہندس ترٛیمس دٔہی لس (THIRTEES) منز مہاراجہ ہری سنگھن ڈل جھیلس پیرس، فرانس کِہن بولیوارڈن (BOULEWARDS) ہندِ طرزُک سوٚتھ گونڈ تہٕ اَکھ پوختہ سڑک کٔرن تعمیر۔ دیان ییلہِ شیخ نورالدین ولیؒ "کشیٖرِ پھیوٚر اندس اندس"[1] اٰیتہٕ گنج لِتہٕ ووت یمو سنبول قدم تہٕ برونہہ پکُن کوٚرکھ بند۔ ستہ مُریدو پرٛژھکھ "حضرت برونہہ

---

۱ یہ چھُ نُندرِیشنِ مصرعہ

پکونا؟ ژیر گرٛژھ"۔ لکھ ٕ رٲوایتھ چھےٚ ننٛدرٕ ریٛتی وونکھ "بس کھوٗر پھیرٕ واپس" امہِ اپور چھُ دُنیہک جنّت۔ ہرگاہ اُسی بیٚیتہٕ اور ژاپہ، لیٚگاہ کُس دِیہ آسمانٕ نیٚتہٕ ابدی جنتس منز اژن"۔ اُزی کس آلاٗیشوٕتہ عفونتوٕ سیٚتی برپوٗر دورٕس منز تہٕ چھےٚ امہِ علاقچ یہ خوبصورتی شتٕلی مُسر گرٛژھنہٕ باوجود وُنہِ پننہٕ اصلیٚژ ہُند نیب دِوان۔

کمراز چہ اُتہٕ مُل جایہٕ منز چھُ امہِ پوٗزاگری ہُند اِشارٕ موجود۔ اُتہٕ مُل یعنے ایتہ مُل گو ہسرکی یہ مندر یمِتھ کُنۍ ورٕمُل گو دٕشہِ او تارٕن منز اُکس وراہاسُند مندر یا دروٕگہٕ مُل گو دُرگا بھگوتی ہُند استھان۔

کاشُر زبانۍ منز پراچین روایژ ہُند یہ نیب چھُ باوٕن ہارٕ تہٕ تکیازِ پُژر تہٕ چھُ ظون وُتشاوان زِ کاشرن بٹن منز چھُنہٕ کانسہِ اُتی سُند کانہہ سُراغ بہٕٹان۔ بیاکھ اہم کتھ زِ قدیم مصراوس آفتابس رٕٹن، کہِ ناوٕ پوٗزاکران۔ اُتھ چھُ آدیتہٕ سنز پھوٗر تراے تہٕ۔ اُختۍ چھُ ہتن فرعون سندِس ناوا کھنارٕٹن منز تہٕ یہ اہتی ہٕندی پاٹھۍ موجود۔ اکھنارٕٹن اوس فرعونی مصرچہ مشہور مُلکانہٕ نفرالیٹی ہُند رٕوٗن۔

قزاخ تیر : ع "پٔہلی کوٗری قزاق تیری
مالیٚن چون رایہ نیری لو" (رسول میر)

قزاق چھُ جنگ جو نسلہٕ ہُند اکھ قوم۔ یُس جنوب مشرقی چین تہٕ اُزی کس قازقستانس منز روزان چھُ۔ یہ اوس سوویت یونینُک اکھ صوبہٕ

تہ ازکل چھُ امیک صدر مقام الما اَتی ۔۔۔ قزاقن چھُ ترُکی زبانن ہندِس
سلسلس ستۍ واٹھ تہٕ یِم چھ ترُک زبانٕی ہُنز اکھ ہیئیت ( FORM )
بولان ۔ قزاق اُسی بنیأدی طور خانہٕ بدوش تہٕ زیادٕ پہن چارٕ وُٲے تہٕ مال
مولیشی رٔچھتھ پلان تہٕ گزارٕ کران ۔ یِمن اوس پیٛنہٕ نٔبن ریگستٲنی تہٕ بیابٲنی
سفرن منز دُشمنن ہُند بیم آسان تہٕ تَوے اُسی یِم پننٕ رٲچھ کرنہٕ خٲطرٕ
سلاح ساما نہٕ ہیٛتھ آسان ۔ یِہندی تیر اُسی خاص طور واریاہ طاقتوٗ تہٕ بے خطا
آسان ۔ سیٛدٕ سیٛود دپہ ساپہ ۔ تَوے گو "قزاق تیر" مشہور تہٕ پتہٕ بنیوو یہ
منز ایشیاء تہٕ اَتھ ستۍ لَچہ واٹھ تھاوَن والین علاقن منز گِکہٕ باوَنہٕ ہُند حِصہٕ
بٔنتھ ۔ کٔشیرِ اُس قزاقن ستۍ پرٲنی اُشناۓ
۔۔۔۔ تازٕ تازٕ یعنے 44-1943ء ییٚلہٕ ماوزےتُنگ سنز پیپلز آرمی سنکیانگ
وأتژ ۔ تتہٕ بَسن وٲلی قزاق آیہ ژٔلِتھ ۔ یِم وٲتی لداخ چہ وَتہٕ کشیرِ ۔ ییٚتہٕ کیٚشرِس
کالِس یِمن مہاراجنہٕ حکومتن چھیپن جاے ( ASSYLUM ) بہم کوٗر ۔ یِم بیٚہٕتھی
سری نگرکِس عید گاہس نزدیک بوڈٕ سرایہٕ منز ۔ ییٚلہٕ شیخ محمد عبداللہ صابُس
یِمن کاشرٕ بن لوکن ہندِ طرفہٕ استقبال کوٗر تہٕ پتہٕ گٔے کیٚشرِ کٲلی یِم ترُکی (الفرہ)
روانہٕ ۔ قزاق تیر ہش تشبیہ چھِنہٕ اُردو شاعری منز تہٕ ییٚتھ منز "مرزبان زادہ
سمرقند"[1] مرزا غالبن شاعری کرٕ تہٕ موجودٕ کاشرِ شاعری منز یہ تشبیہ موجود آسُن
چھُ ہاوان زِ اَسہ کأتژاہ نزدیکی چھے اَتھ تہذیبی دأیرس ستۍ اَسۍ ۔۔۔۔
بیٚنیہٕ امیک شاعرانہٕ لُطف چھُ واقعی تمہٕ وزِ شولان ییٚلہٕ کانٛہہ سروقد
نازنین پیکان وُچھون ۔ ع " قدچون ڈیشتھ ویر برمان ، تیر گژھان خم "

[1] "مرزبان زادہ سمرقندیم" (مرزا غالب) مرزبان گو بڈ گریوٗس ۔ زمیندار

## مَس میوٚل :

مَس میوٚل چھُ کأشرِ یک اَکھ مزِدار اِصطلاح۔ییلہِ زنان تہٕ مَرد رِوٲیتی طور طریقو ہنٛز رکھہِ منٛز رنگ ہٮ۪بر گژھن اَکھ أکِس ستی روٗمانی رشتس منٛز پھسن۔ کُنہِ ساعتہٕ چھُ اَکھ نِکاح تہٕ منزِل یوان تہٕ کُنہِ ساعتہٕ پیٚچھے کُنہٕ چلہٕ وُن روزان۔ مَس چھُ اَکھ نشہٕ آور مشروٗب تہٕ یہِ اَکھ أکِس ستی رلاوُن تہٕ پِیُن اَکھ جنسی شہلُن کھارُن چھُ خوبصورت بیان۔ اَکھ سِلسِلس منٛز گژھہ "پرمَس" مُحاورہٕ تہٕ یاد کرُن۔ یہ گو خاندر گراکن.... زنان یا مرد.... سِندِس بأژ سُند جأیز رشتہٕ ہٮ۪بر گژھِتھ مخالِف جنسہٕ کِس زنانہٕ یا موہنوِس ستی وارِیُن۔ (کأشر ترکیب زنانہٕ موہنیو تہٕ چھ نأدرہِ دوشونٛی منٛز چھ مخالِف جنسکی ہارمون تہٕ آسان) یہِ انگریزی پاٹھی ADULTRY ونان چھ تہٕ یتھ پہ ڈیٚپِز تہٕ پرٛتھ مذہب رِکچہٕ نظرِ چھُ وُچھان۔ مہجوٗر سُند شار چھُ ع۔

لوٗگمُت کمِس چھُ پرمَس کیا ہتام میون ووٚنہِس
نتہٕ وَنتہٕ بے سَبب لس چشمن خمار آسیٚا

"مَس میٖل ویژھناوان چھُ فارسی / اُردو ترکیب" "ہم زُلف" تہٕ وِژان۔تہٕ گو ییلہِ زنہٕ مَرد دوٚن سخ بہن نین ستی خاندر کرن۔یعنے اکے آگرہٕ کِہن دوٚن زُلفِ ظُلماتن چھاوُن ہِن۔

نالہٕ متیٚن تہٕ نتہٕ تن رلاونس اگر سہ کُنہِ تانٛک ہشر دِنہٕ پیہ ہے

خبر سٕہ مابنہٕ ہے مند چھ ہیوٚ۔ مگر مٔس میٚول چھُ مانہٕ سوو آسنہٕ باوجود شائستہٕ اظہار۔

## گأنی

کأشری پأٹھۍ سمارٕک سارٕوے کھوٚتہٕ پرٕوٚن تہٕ آدٕنک پیشہٕ کمناوَن واجینۍ زٕنی۔ اَمہ چھےٚ سنسکرت ترکیب ''گانیکا'' ستۍ تہٕ وانکھ پَن گُنڈِتھ۔ گانیکا چھےٚ مہرشی واتسایَن سٕنز عالمس منز مشہور کتابہ ''کام سوٗترٕچ'' ترکیب۔ یہ کتاب چھےٚ زنانہٕ تہٕ موٚہنوی سُند اصل تہٕ وصل وِشھناوان۔ تہٕ تمہٕ مُدرٕ جسٕنکی سأری وِہ تہٕ ژٕہی وہراوان۔ گانیکا گۍ سو جوان زنان ییمہٕ گیوٚن نژُن ہیوٚ چھمُت آسہ۔ تہٕ یم کسب ہأوِتھ تہٕ بأوِتھ آسہ دیار وٕٹان۔ ظأہر چھُ زِ یم ہاو باو چھہ وُچھن وألس ہٕذٕٲتی رٕنز ناوان۔ مگر اَتھ ستۍ ییلہٕ زنانہٕ جسمٕک کھربا تہٕ تمۍ سٕندٕ نازن نخرٕن ہٕنز مُشکہٕ تجہٕ تہٕ مأنھرٕ ژھٹن، وُچھن تہٕ بوزن وألس مرٕدس چھےٚ رٕتس گزٕنکھ کھسان۔ تَوے چھُ گیوٚلنس تہٕ نژٕلنس عام طور اصل منزل وَصلے آسان۔ عربی زبأنی منز چھُ غُنیہ لفظس تہٕ یُتھے مانہٕ مفہوم۔ غنائیت گۍ موسیقی رٕنزی۔ تہٕ غنیہ اَمی منز وٕتلے ہٕژ گیوٚن واجینۍ۔ مگر تتہٕ تہٕ چھُ گیتہٕ گیوٚر تِتھے تہٕ آوٕلن تہٕ بے پناہ۔ کٔشیر منز چھےٚ یہ پرمپرا وارِیاہ زٕبیٹھ تہٕ بترٕتھے میٹھ اَمۍ جنس پسندی ہٕنز سمبٹھاہ پرأنی تہٕ نٔو کتاب ''کوک شاستر'' لیکھن وول تہٕ اوس کأشر کوکہٕ پنڈت۔ اَتھ منز تہٕ چھُ زنانہٕ

جسمہٕ کِہن قوسَن تہٕ لوسَن، نیرہٕ بَن تہٕ نارَن، ہیرن تہٕ ہیرَن، باغن تہٕ تراگن، سبزَن تہٕ ووہ گنیارَن بیتر رَس ژہنکی تہٕ رنگ گہنکی سارَی وَل تہٕ ژہل ووکھناوُنہٕ آمتی۔ تہٕ سپد ہے تیلی ییلہٕ اَتھ لگہٕ زندگی منز دَرہٕ تہٕ اَر روایت آسہٕ ہے۔ دامودر گُپتاہَن لیچھ اٹھِمہٕ صدی منز کُٹنی مہاتایم.... کُٹنی گے سوزَنی ییمہٕ پلنگکی سارَی لُطف، لذت تہٕ لوزیات چھاوِی مَتی آسَن مگر ووہ نی آسہٕ شریر پرنہٕ تنہٕ تہٕ ژھینہٕ کنی تخت پوشہٕ بوَن وُسِتھ اَمہٕ کار کبیچ ووستہٕ کار بے ہش۔ گاہن ہنز زیٹھ تہٕ بییش کار ییمِس بائی تہٕ اَزی چہ ممبیہٕ منز MADAM ونان چھہٕ۔ تمِس چھ پینہٕ زینہٕ مینہٕ کنی اَمہٕ کار گسبکی سارَی نزاوی جار تہٕ وَل فکرِ تری مَتی آسان۔ سوچھے پینہٕ نَن تازہٕ رنگروٹھ کورہٕ تعلیم کران زِ تِم کَتِھ والَن خریدارَن پینہٕ نَن شیشن منز تمَن کمہٕ آیہٕ تنبہٕ لاوَن تہٕ چھندراوَن تہٕ پتہٕ کرنکھ یلہٕ دلو تام ہُنز راولنس پیٹھ آماد۔ اَتھ حدس تام نیٹھ ہاوِتھ ژھوٚرے چھوَنے واپس کڈِتھ تہٕ بھاونکھ پرکل باقیتی۔ مہجورَن چھ اَمِس یھاہ پھاہ کُٹنی ووَمنت تہٕ یہ چھ اَز کاشرِس محاورَس منز۔ اکبر بادشاہَن ییلہٕ 1586 ہس منز کشیر زِیِنی، تمی سِندِ لشکرِ تروو تِتھ جایہٕ ڈیرِ ییتھ اَز اردو بازار ونان چھہٕ۔ یتھی اردو بازَر چھ تمَن شہرن منز یمن موغلو تھپھ ژھَنی تہٕ اَتہٕ چھہٕ لامحالہ حسنک بازر شولان۔ اکبر بادشاہ ییلہٕ سرینگر آوُسہٕ ووت اَتھ شایہٕ یانہٕ نہٕ۔ اَتی آو سرینگرک سارِی وِے کھوٚتہٕ مشہور بازارِ حُسن.... تاشہٕ وان.... بارسس۔ ییٚنچ روٚنہٕ دِوے تہٕ مدِر

سلسبیل سارٕن ترٕن ہتن وٕری ین تہٕ زیادٕے کشیرٕ ہندٕن شوقہٕ والین دگ شہلاوان روز۔ یمہٕ کنیٚ رنجیت سنگھ نہٕ لاہورس پیٹھ قبضہٕ[1] (1799ء)

پتہٕ تتہٕ کرِ مشہور گانہٕ بازر ہیرا منڈی ڈٕسلاب سپُد۔ اُتھ اُسی شوقہٕ والیٚ پانہٕ نیار

کنیٚ ٹبّی (TIBBI) تہٕ وَنان۔ اَکھ مشہور شار چھُ[1] ےٚ

ٹبّی میں چل کے جلووٗں میں پروردگار دیکھ

ہے دیکھنے کی چیز اِسے بار بار دیکھ

کوڈُر : (اکاڈٕن ہُند بُرٕ..... ذہنی اُپج، اکھ ذہین خیال)

کوڈ چھُ کاشُرس منز وۄپر لفظ مثلاً دماغ، (BRAIN) مغز، ذہن بیتر ہوٕن لفظن ہُند مترادف۔ مگر زیادٕ پہن انگریزی CEREBRUM لفظس نکھہٕ، یُس علمِ حیاتیاتک اَکھ اِصطلاح تہٕ چھُ۔ کوڈُر چھُ میننگن ہٕندِس تتھ سروِیس وَنان یینلہٕ تمہٕ اَکھ کُل بناوِتھ سوچنُک عمل لاگان تہٕ پورٕ کران چھِ۔ کوڈُر چھُ شکلہٕ کنیٚ تہٕ اکھ گُلانہٕ ہیو..... یہ چھےٚ پزٕے کاشُرچ نوزُک خیالی زامِہ چھُ کنہٕ ذہین یا INTELEGENT خیالس یُتھ ہیو اصل دیُتمت۔ انگریزی زبان چھےٚ اَکھ BRAIN WAVE وَنان۔ مگر یوٚتام ہیکر وۄتلاوُنک عمل چھُ، کوڈُر چھُ زیادٕ فصیح تہٕ مانہٕ سوو۔ اکھنےٚ انگریزی دوٚن لفظن ہُند مُرکب آسنہٕ بجایہٕ اکوے تہٕ مگر باوَن ہار لفظ۔

---

1. LAHORE - ACITY OF SIN & SPLENDOR ; BY, BAPSI SIDVA

اَکھ ہے انگریزی مترادف ژھانڈو، اَسہٕ پٔنِنہٕ MENTAL SPROUT وَنٛن۔
یعنے یُس کاڈِ منز ووٚپدہٕ۔ اَمیک اَکھ معنہٕ گو IDEA یُن تہٕ یہ چھُ اِنسانٛی دماغ
کےٚ بوٗت کرامات۔ کاشُر زبانٛی چھُ عادت پیٚھٕ ہوی لفظ گرنس ژرٛلنس مثلاً
ندُر، یِتھ فارسی وٲلۍ زبوٚ لیٚھ وان لیٚھ وان چوب ڈل ہیوٚنہٕ واتن وول تہٕ
اَختےٚ وٚلکھُت ناو کران چھِ۔ انگریزی ہش یاوہ میڈو نازلوٗ چھِ اَکھ LOTUS
وَنان ـــــ کاشُر ندُر گو ندٕ ہُند ووٚپزاو ـــــ پیوللہ ہشُر
وُہہ وٚنی ندیاد؟ دیان یہ چھِ تِتھ شاپہٕ آسان ییٚتہٕ سَرس منز آب اور یور
دوران آسہ ـــــ بالکل منزس نہ کھنٛی ـــــ جھیلہ ڈٔلک عشایی باغ کدل
اَنہ ہوٗن نظرِن تل ـــــ کاشرس منز چھِ پیٚھی ہوی واریاہ لفظ ـــــ
ہیڈُر، دَتُر ـــــ(دتُر چھُ دتن وَتن پیٚھٕ کھسان) خبر اَمیک بناتاٗتی ناو
DATTURA ما چھُ کاشر پیٚھےٚ گوٚمُت ـــــ بہرحال کوڈُر چھُ پرٛتس
مانِنس منزے ورتاونہٕ یوان ـــــ یِتھ پٮ۪ہٕ ذہانت یا تیز سوچنٛچ زٕتِنز
آسہ۔ تہٕ یہ چھُ ہاوان زِ کاشُر زبانٛی ہندی پرانٛی آسی النسانٛی انگن تانٛن تہٕ
تمن ہِنزن خاصیتن ہُند پوٗرٕ گیان بھاوان تہٕ تِہنز زبانٛی اوس تِہند
گیان دھیانکی تیز زتہٕ تِژر پٮ۪نٛزاونک رُت بانہٕ بتُر ـــــ انگریزی
پانٛٹھی چھِ سبھٹاہ رُت سوچنٛچ بھاوَن وٲلِس وَنان HE IS VERY
CEREBRAL تہٕ یہ چھُ اَکیسے لفظ ’کوڈرس‘ منز ووٚپیٚتھ۔ کوڈر
دوبھٕن کوتاہ سِپہٕ بیان چھُ۔ زنٛ تہٕ کاڈی گملہٕ منز گلالہٕ ووٚپزہٕ نہٕ تہٕ
اَکہِ لوکٕٹہٕ چمنہٕ منز اَکھ چھہٕ لوٚنٛپر ووٚپھن وار کرِ۔

ژٙنڈُن : داکھ مُشکہٕ وول دار۔ کرناٹک تہٕ تامل ناڈو کین گرم تہٕ خشک علاقن منز بوٚوان۔ سبھٕہاہ قیمتی۔ اَمہ چھہٕ وارِیاہ عطر تہٕ دوائیات تہِ بناونہٕ یوان۔ عربی پاٹھۍ صندل۔ یُس انگریزِ یس منز SANDAL WOOD ہینومُت چھُ۔

ژٙنڈُن چھُ کأشرِ لُکہٕ تہٕ صوفی ادبَس منز تیوٚت مُکرّر سپدان زِ واقعی چھےٚ حأرأنی گژھان۔ بوزوٚے تہٕ کشیرِ ہنٛدِ آدن لسا وبسا و پیٹھہٕ چھےٚ کشیر زٕن صندل دان تہٕ ژٙندن نٕرٕ۔ ہٹہٕ مایتھالوجی MYTHOLOGY موجب ییلہِ بھگوان شنکرَن پننٕ تریشول ویرناگہٕ ہنٛزِ زمینس منز ژھوٚپس، اَتہٕ لٕج وٕلنسا بُرہٕ راے کران وُزنہٕ۔ دپان امہٕ پتہٕ بیوٚٹھ اَتھی جایہٕ شنکر گیان دھیان کرنہٕ تہٕ امہٕ وِزِ اوس لٕتس اَکھ ژٙندن کُل تہٕ شہٕہل کران۔ (وُچھو بشیراز عجائبات نمبر) کشیرِ منز شیو شنکر ہنٛدِس سارِوٕے کھوٚتہٕ بٔڈِس تہٕ پراکرت تیرتھ امرناتھ ... یتھ کیٛتہٕ بٹہٕ منڈٕل زیٚٹھر اوٚسمُت چھُ سارے کشیرِ امریشور ونان، چہِ وَتہِ منز چھُ ژٙندن وورازٕ تہٕ اکھا ہم پڑاو۔ بلکہ چھُ بیٚین کأشرِن گامَن تہٕ ژٙندنس ستی واٹھ۔ والٹر لارنس چھُ کُنوٕہمہٕ صدی ہنٛدِس آخرس پیٹھ دندن ٹَل اوٚنگ ترٲوتھ لیکھان زِ کأشرِن چھُ پوٚزٕ باوَر زِ ژٙندن کُل چھُ کشیرِ منز موجود۔ ژٙنڈُن اوس کشیرِ منز مُشکہٕ خأطرٕ ورتاونہٕ یوان۔ مگر اَتھی اَسی بیٚیہِ تہِ وارِیاہ مَصرف۔ مثلاً کہٕہِمہٕ صدی ہنٛد کأشُر سنسکرت شاعر بِلہن ییلہِ دٕراو ڈستانس

منز وطنہٕ دۄر درباری شاعر بنیو وُنس وۄنھ پننہِ نندٕ بانہٕ وطنک وٲراگ۔ تہٕ تمیٚ لیچھ امیک یاد تازٕ کران پننیٚ مشہور نظم "وکرما دتیہ مالنس چیرِم" تتھ منز یمن کتھن ہندس ہرِ چھُ ٹلان تمن منز چھ یہ کتھ زِ میون وطن گوشہ پیٹہ خوبصورت زنانہٕ پننہِ نبن جوان تہٕ طوفان ٹلن والین وِچھ کھرِ زَن ژندُن تہٕ کونگ لیپ (پھش) کران چھ یتھ زن تِم پانہٕ تہٕ مُشکہٕ سٟرِ گرتھن تہٕ پنہٕ پیلہِ تہندی عاشق تمن تنہٕ مُشرٲوتھ چھاوُن ہِن تمن کھاتِر یمہٕ مُشکِہ دار نشہٕ تہٕ مستی ـــــــ کٲشرِ بڈٕ ٲسی اویٚڑ اوتر تام پننہٕ نبن ڈکن اَختےٚ کِنہٕ پھشرن ٹیکہ کران ییٚمہِ کِس مسالس منز ژندُن تہٕ کونگ تہِ شاملٕ ٲسی آسان۔ سون تقریباً ہم کال شاعر مہجور تام چھُ اَمہِ بڈٕ سان کشیر منز ژندن کُل موجود آسنک ذِکر کران زن تہٕ تمیٚ پانہٕ وُچھمُت چھُ یازَن تہٕ چھُس پیرِ سُند دوٗپ۔ پنہٕ نِس قومی ترانہٕ "گلشن وطن چھُ سونےٚ" منز چھُ سُہ نغمہٕ سرا۔

وُچھ یار وَن ژندن کُل ہی مالہِ ہندُسہ منزِل
ڈیشتھ پھولی دِلک گُل گُلشن وطن چھُ سونےٚ

ذِکرٕ چھُ یہ کشیر منز گر گلی لِکہٕ کتھ "ہی مال ناگرایک" اَکھ اشارٕ۔ دپان پیلہِ ناگرائے ہی مالہِ ہنز مایہ مہرازٕ رخت لاگِتھ تیٚہندِس پرنگہٕ کھتِس منز ووت، تتہ اوس تیٚہندِس ماَلِس سُند مقرر کورمُت سوداگر مہرازٕ ووتمُت۔ سُہ ووٚتھ تہٕ کرِن اَمِس سٟر پھِر کا یا یہ ہندِس مٲتِس عاشقس گِنہٕ۔ یِتھےٚ یہ کوٚ خبر ہی مالہِ وٲژ نِس گوجگرس پارٕ پارٕ۔ بہر حال

ژٕ ٹُلہٕ لوو ناگراے بھوٚد۔ تس کیٛت کوٗرُن بلہٕ پور کس نزدیکی جنگل یارونس

منز اکھ منزٕل تیار۔ یہ تراوٕلووُن تَتہٕ موجود اَکس ژندن گُلس منز

اویزان۔ چھوکہٕ لدٕ ناگراے آو اَتھی منزلس منز تراونہٕ۔ اَکھ اوس

واوٕ رٕنگو ہستی گوٚر گوٚر گرزھان تہٕ رَتہٕ داوی ناگ راِیس اوس زن تہٕ

قرار ہیو یوان۔ ڈپان ژندن دارس چھُ شفاتہٕ آسان۔ خبر اَمہٕ ہستی ما

آسہٕ ہے ناگ راِیس انگ یوان۔

حال حالے چھُ پانپرس نکھہ گالندر وُڈر پیٹھ اَکس ہٕسی سُند

وُٹس (FOSSIL) زمینہٕ تلہٕ نمودار سپُد مُت۔ ڈپان یہ چھُ واریاہ

واریاہ پرٕون۔ تمہٕ زمانک پیٛلہٕ پانژٕ ال بال وُنہٕ ہیوٚر کھسنے اوس۔ ڈپان

تمن دوہن اَس وبھ ڈیچھن کیٚنژُ وسان۔ یعنے اَزی کس باہہائس

کُن۔ ڈپان اَکھ وقتس منز آسہٕ ہے کٔشیر منز تیٚتھ ہیو آب وہوا یتھ منز

ہٕسی باہہٕ صآب۔۔۔۔ کأشرِ لوٚ چھُ یہ گالندر کس وُٹس ناوکوٗر مُت

—— اَختے چھ اَتہٕ ٹھہرتہٕ باگراوان —— اورٕ یور لیکان زیوٚ کھٹ کرٕ

لہراوان تہٕ رٕبہ سران کران۔ اگر ہوٚس آسہٕ ہے تنیلہٕ لسند ہم فضا

ژندن گُل کیا زِنہٕ۔۔۔۔ کرناٹکہٕ چھ ازکل ہٕسی تہٕ تہٕ ژندن گُلی نہٕ۔۔۔۔

خبر ژندن گل ما چھُ اَمے سانہٕ اِجتماعی ژہتہٕ وُتریک حِصہٕ بنیو مُت

نہٕ آسہٕ سانین شعورَن منز موجود۔۔۔۔ کأشرس لکہٕ اَدبس تہٕ صوفی شاعرن

نِشہٕ چھُ ژنڈُن زوشہٕ نی طرفن۔ اَکی ٹال چھُ لگہھ۔ وُہاب کھارن چھُ

اَکھ پوٚرٕ نظم ژنڈُن گُل لیوٚ کھمُت۔ بیٛیہٕ کیٛشہ شاعر ع

اَژگ، ژنڈُن، پوشِ، پوٗنی ژِیّے

(لل دید)

وانڈُر ژنڈُنک مُشک کیا زانے

(اَننِد ریوٗش)

ژنڈن اَر کھلِس ستی مارِلہٕ        ژنڈُن ڈیوٗ کھُم ہر دربار

(لنعمہٕ صاب)

روٗ پیہٕ روٗ نہٕ اَنزوٗلے، شروٗ نہٕ دار منزوٗلے
ژنڈُنک بہٕ گاٗرا یوٗ، ووٗلہٕ گوٗر کراٗ یوٗ

(وازٕ محمود)

لۂ موٗ چھُلیا ازٕ ژنڈن گلو ہے        ژنڈُن چھُ اصل ذاتھ

(وہاب کھار)

ژنڈے ہا ژنڈَن دارِے        لوٗلہٕ نارِے ہا بہٕ زاٗ جیتھس

(رحمان ڈار)

ژنڈُن زاٗلتھ پاکہٕ وُم سوٗن        کہوٗ چھہٕ کھوٗلنم اُستادَن

(شمس فقیر)

کلہٕ نیلہٕ رنگہٕ گوم صندلس پیوم رنگِ زعفران
گلہٕ زیوٗ گیہٕ بلبلس، سٕے مٕے دِنس کان

(احد زرگر)

نار گوٗنڈنم ژنڈن دارِس        زاروٗ نہٕ ہاوِتھ بے عارِس

(شاہ قلندر)

اَرِ کھلس پیوندِن دِوداُرک
وُپرِ ہیچہِ آے لگہِ ژندن داُرک

(مہجورؔ)

رُوٗٹُم سوٗنتہٕ شبنم مےٚ گلہِ ٹوٗرِ نےٚ منز
دِلکو داغ ژاُلِم ژندان زوٗرِ نےٚ منز

(دینا ناتھ نادمؔ)

یہ کتھ چھےٚ ژٕ نتس پیوان زٕ واریاہ وارِیاہ پروٗن کاتھ واُردات تہٕ واقعہ یتھ نہٕ کتابہِ ہندِ شہادژ پیٚشنےٚ آسہ، کیتھٕ کنۍ چھےٚ قومن ہندِس اِجتماعی یادداشتس منز ژٕھرتھ آسان تہٕ پتہٕ کنہٕ زیرِ سیرِ ستۍ یکدم اُمہِ منز بٕکھِ دِتھ نیران۔ علم جیالوجی چھُ ثابت کوٗرمُت زِ ہندوستانی زمینہٕ پاتھٕل اوس اکہِ وقتہٕ افریقہس ستۍ پیوستہٕ، مگر کمہِ تام ذکہٕ درہ ستۍ آو تمہِ بلِنشہ ژھینہٕ تھ، پتہٕ رووٕ یہ کرور بدن وٕری سمندرس منز کُس تام باورٕ سندی پاٹھۍ ڈولان تہٕ ڈلان چھپکرس آوازی کس چین کس زمینہٕ پٕھس ستۍ چھاونٕ۔ اُمہِ طوفانی ذکہٕ ذکہٕ ستۍ کھتۍ اُتھ رلاوٕن والس بتلہِ کاوس بلِنشہ زمینہٕ ہندی کیشہ جھپہِ ہیوٗرتہٕ ہمن بنیوو ہمالہ پہاڑ.... یہ اوس دوٕن براعظمن ہندِ غضب آور ٹھنکہِ ستۍ سپُدمُت تہٕ سمندرک ژوٗک اوس آسمانس ستۍ دند لکان ٹکان کھوٗتمُت۔ اَمی طوفانی واُرداتُک عکس چھُ نیپالی زبانی منز اَز تہِ موجوٗد۔ یم چھُ ایورسٹ کس بالہٕ ٹھنگس

"ساگر ماتھا" وَنان یہ زَن سمندر منز ہیوٗر کھسِتھ ڈٔکہٕ بڑ چالہِ ژۄزاوٕنہٕ آمُت آسیہِ۔ یہ ناو گرنہٕ وِزٕ اوس نہٕ نیپالی زبانی امہِ پرانہٕ کھوتہٕ پرانہٕ پھٹوٗلِ پھٹوٗلہِ ہُند کانٛہہ علمی ثبوت مگر اِجتمٲعی ژٔپہٕ ووتراوس اَتھ لوحِ محفوٗظس پیٹھ کھنٕنہٕ آمُت۔

## آدٕوُن: (پرگنہٕ)

کٲشُر زبان کِتھٕ کٔنۍ چھِ کشیٖرِ ہُند سورُے بَنُن گُدرُن پیٚٹراوان تہٕ ژۄزراوان، تمیک اَکھ اندازٕ گرٛژھہ پرگنہٕ آدٕوُن کہ ناوٕ سٕتۍ۔ یِم پرگنہٕ چھِ اَسہِ تام موغلن ہنٛدِ مالگذٲری ہنٛدِ اِنتظامہ کِنۍ وٲتۍ مٕتۍ۔ مگر گرٛژھن رِتم واریاہ پرٲنۍ آسنۍ۔

پرگنہٕ آدٕوُن چھِ وِلبسہِ ہیوٗر کولگٲمی وُڈر تہٕ اَتھ سٕتۍ دوٕن ہتن زیادٕ گامَن پیٹھ مُشتمل۔ آدٕوُن گو گوڈنیک 'وُن'... آدنک جنگل۔ بیٚیلہِ سِتۍ سر منز آب ہیوٗتُن نیرُن، واہ واہ ہیوٗتُن امہِ رُکس سیٚھتھرس تل زمینہِ ژٔکل لوٗن نیرُن۔ یِمن منز چھِ سانہٕ واریاہ وُڈرس۔ بالو لبغار اُس کولگامہِ نکھہ یہ وُڈر۔ تھزرس پیٹھ تہٕ آبہٕ چھِ وسوٗنہٕ گیتھ منز زَن تہٕ کھہ مالہِ ہنٛد پیٚٹھم ڈٔر۔ امہِ پتہٕ گو آب وسان تہٕ باقی وُڈر بیتر ہیٚرن آمِن ٹاکین ہنٛدی پأٹھۍ خوشک گرٛژھنہ تہٕ ژٕنہ نیرنہٕ... مگر گوڈنچ اُس آدٕوُن چی۔ آب نیرتھ اوس نہٕ یکدم آبأدی ہنٛد لساو بساو ممکن۔ لہاذا کھٔتۍ یِمن ووپرٲے تہٕ بوجن

وُڈرٕن بیٚہٕ کُلی گٔہلی۔ یعنے وَن تہٕ جنگل۔ یُتھ گوٚ ڈنیگ وَن اوس آدوٚنہٕ ہُندُے تہٕ یُہَے زنتہٕ چھُ کشیرِ ہندِ بدٕنک ڈٔکہٕ.... ہیٚورکُن تہٕ ڈٔسلابہٕ سے نوٚن۔ کأشرٕ زبأنی ہُند اکھ اِشارٕ چھُ لچھہٕ بدٕن وٕری یَن ہُند پٔزر پھُشان تہٕ پٔزراوان...... علاقہٕ اوس لوٚ کٕٹؠ بہن لہاذا آس وُزٕ وَنہٕ.... وَن یعنے پوٚرٕ جنگل نہٕ کینہٕ۔

## ڈل کاوٕ لاگُن : (مسکین لاگُن، گوٚش دِیُن، بے خبر لاگُن بیترٕ)

یہٕ ڈٕبیوٚتھ یوٚتاہ وَرتاوُن ہار چھُ، تیوٚتُے چھُ امیُک اصل معنی تہٕ مفہوم کمنے معلوم۔ اَمہٕ چھُ محاورُک معنی ژھوٚپ دھوٚپ لاگُن۔ تیٚتھ یَس نہٕ پیٚتہٕ ہے آسہٕ۔ عام طور چھُ اَمہٕ منٛز کاو لفظ ظوٚن ڈالان تہٕ اَصلَس وٲتنس روٚٹ کران۔ ڈل کاو چھُ سیدِ سیوٚد سأنس مشہورِ عالم ڈل جھیلس منٛز وأتھٕ۔ بیٚلہٕ اَمہٕ منٛز کانٛہہ بٔڈ ناو، بجرٕ، ڈُنگہٕ بیترٕ اَتہٕ نیبر کڈٕنٕچ ضرورت آس پیوان، اَمہٕ گوٚژھہ بٔھٹس بیٚہ لمنہٕ خأطرٕ آدم ذاتھاہ تہٕ آسُن۔ ہأنز اوس ہمہٕ ٹُل تہٕ ورتاوان تہٕ پھیوٚہ تہٕ وایان۔ مگر ناو بٔڈ آسنہٕ کِنہٕ تہٕ اَمہٕ منٛز باردانہٕ آسنہٕ کِنہٕ اوس ہٕٹِہ پیٚھٹُک مُہنیوٚ رٕز نألی نرأوِتھ اَمہٕ لمان۔ خاص طور اگر ہے ناو کھسہٕ وٕلنس آلس کُن نِنہٕ آسہٕ ہے۔ کیٚشیر منٛز اُسی ژٕجیہہ بنٛزاہ وٕری برونٛہہ تام ناو بھل پھوٚل تہٕ باردانہ سامانک اکھ بوٚڈ وسیلہٕ، لہاذا اوس یہٕ سیدٕ دُنے روزان۔ ہٕٹس بیٚہ لمن وألس اِنسانس اُسہ ڈل کاو وَنان بلکہ چھُ یہٕ ناوأنہٕ تہٕ وَرتاوس منٛز تہٕ مُنزی مُنزی زندہٕ

جاوید بہٕ۔ ڈل کاوس اوس لمنک زور لاگنٕ پیوان بہٕ سخ مشقت کرٕنی پیوان۔
لہاذا اوس سہ پنہٕ لنبے حالس ستی آسان بہٕ اٗندی پکھی اٗسس کیٛ خبر تہٕ
روزان۔ اٗمی سےٚ اٗسی ڈل کاوٕ نان۔ لوٗمہ سطر لیکھن والس چھ یہ سیٹھاہ
معنہٕ سوو محاورٕ عملاوُنک تہٕ سنزاونک تجربہٕ سپدمت بہٕ ڈل کاو بنٕنک تہٕ۔
الحمدُ للہ۔ ییٚلہٕ 1954ء منز یہ ویلج لیول ورکر بنیوس۔ ساٗنی گوڈنچ تربیت
گاہ اٗس لنشاط بہٕ شالہ مارس منز باگ اِشبر۔ اَتھ اوگرٕ بتھو گرا اکادمی اوس
پرنسپل آغا اشرف علی صاٗب۔ پتہٕ سپدُ طےٚ زٕ گرام سیوکن عملی ٹرینگ دنہٕ
خاطرٕ گژھن بمہ پدگام پورٕ (وٗنی پورس نکھہ) سرکاری فارمس منز بنہٕ۔
تتہٕ اوس بہٕ کاشہہ مکاناہ بیتر۔ لہاذا ورکرن ہنٛدِ شونگنہٕ بیتر خاطرٕ آو شہر
بیپھہ ناوٕ لتور کھارنک فاصلہ کرنہٕ۔ یمن اوس آپہٕ کس بہاوس ستی لرکرٕ تھ
ہیوٗر تکنُ۔ لہاذا بنا وکھ گرام سیوک وارٕ پتہٕ وارٕ ڈل کاو۔ یم اٗسی
وہمہٕ بٕھٹی بٕھٹی گردنہٕ منز گدوم تراٗوِتھ ناوٕ لمان۔ میٛنے آپہٕ واٗری کدلہٕ بل پاپر
لنشہٕ۔ بہٕ پنہٕ رٗودُ اٗسہٕ چہٕ لل ماجہ ہنٛدی پاٗکھٹی مےٚ کاچہ وٗٹھ وٗمبرٕ وٗمبران لکہٕ وٗنے۔

## ضُحکہٕ : (نیک۔ ززر یومُت ہیو آدم)

کاٗشری ییٚلہٕ کاٗنسہٕ مُتعلق وَنٛن زٕ سہ چھ ضحکہٕ ہیوٗ، تمیک مانہٕ
گوز سہ چھ نیک، کرٕ ٹیومُت بہٕ تنیومُت۔ دراصل چھ یہ فارسی شاعر
ابوالقاسم فردوسی ہنٛدِ شاہ کارٕ شاہ نامہ، کس اَکس کردارس کُن اِشارٕ۔

چناں بد کہ ضحاک خود روز و شب
بہ یادِ فریدون کشادی دو لب (فردوسی۔ شاہ نامہ)

ضُحاک اوس اکھ بادشاہ یُس پٔرتھ دوہہ صبحن روایتہ کنۍ زٕ شُر پھٕ ینہٕ نیوو دوٚیو پھیکبو پیٹھٕ کلہٕ ژٹلان تہٕ دون ہنگن لڑٕ پہ دِوان آسی۔ سہٕ اوس امہٕ عذابہٕ ستی چھۄندران، آوسان تہٕ سوسران۔ کأشرس منز امہٕ محاورُک موجود آسُن چھُ ہاوان زِ فارسی ربوایت تہٕ شاہ نامُک اثر کیتھہٕ کنۍ چھُ امہٕ کِس وجودس اندر سینومُت تہٕ سزیوٚمُت۔

## ہار :

یہ اُس اَکہٕ وِز کشیر ہنز نقدی یا کرنسی ییتھ کأتہہ جنس یا باقی چیز مُلی اَسی ہیوان۔ دراصل سمندر چھِن زۄ ذاژن ہُند صدف یا گَنڈ۔ کشیر منز اَسی واریاہ کم ہیٹان تہٕ کیازِ سمندر چھُ ییتہٕ پیٹھٕ واریاہ دور تہٕ پرانہٕ وقتہٕ ییلہٕ کشیر بالن ژھایہ اُفتادٕ اُس تہٕ ینہٕ گژھنک ذرالیعہ اَسی کم، تمہٕ وِزٕ اَسی کیٛہ لوکھ ہارن تام پلن ہکان کٔرتھ۔ کأشرس منز چھ اُمکی محاورٕ ازتہٕ سکہٕ رائج الوقت مثلاً ہارٕ کھار ہیتی، ہار تہٕ نہٕ لوُن، ہارٕ وول آسُن، کھنجہ ہارٕ مُلی ہیوٚون۔ جارج فورسٹر یس 1783ء منز کشیر آو چھُ لیکھان زِ تمہٕ وقتہٕ تہٕ اوس کُنہٕ کُنہٕ جایہ یہ چلان۔ سُہ چھُ اکھ کوڑی، ناو دِوان۔ مہجور ہیوٚ تازٕ شاعر چھُ امیک ذکر ینہٕ ہِنن شارن منز کران تہٕ وَنان ع

عاشقو دِل دیُت لولہٕ دوکانن
بوٚلی لج حُسنہٕ دوکانن منز
ہارٕ ہیتی کاہ کاہ نارہٕ پستانن
جائے تمیٔ ژٹ پرستانن منز

ہارِ تہٕ برو ٹھہٕ اٗسی کشیرِ منز وِرٛنی تہٕ ورتاوٕ چھِ سبیل۔ وِرٛنی چھ اکہ نادِر رِگر اَنٹ تہٕ اَمِچ کمتی تہٕ نایابی چھُ امیک جواز۔ نرٛام ،سرتل ، ردٕ پھۄہ تہٕ سون آیہ واریاہ پیٚتہٕ۔ وِرِنہٕ متعلق تہٕ چھِ کاشرِس منز محاوٕرٕ ـــــ وِرٛنی تہٕ لیہ تہٕ بیترٕ۔

# کیٖلی پھمب ـ پشمیٖنہٕ

لداخہٕ چھ اکہِ ژھوٚٹہٕ قدٕچ ژھاوج رٔچھنہٕ یوان یُس KEL ونان چھ۔ اٗمِس یُس نٕنہ ہیوان چھ تٔمی چھ بیٚیہٕ پشمیٖنہٕ بنان۔ یٖیلہٕ یہ وُنہٕ پھُہرے تہٕ کنگلے کرنہٕ چھُ آسان۔ اَتھ چھ کاشرِ کیٖلی پھمب ونان ، یعنی کیٖل ژھاوجہ نِشہٕ حاصل سپدمُت۔ پھمب اَمہٕ کنہٕ زِ یہ چھ نرم تہٕ پھُشِل آسان۔ یہ زن پشمیٖنچ خاصیت چھ۔ پشم چھ فارسی پیٹھہٕ آمُت تہٕ تتھی چھ پشمیٖنہٕ بنیومُت۔ کاشرٕ ناو چھُ اَصل چیٖزِس نکھہ ـــــ پشمیٖنہٕ کٔنِن واٗلِس اٗسی کاشرِ پےٚ وونی وَنان۔

کیٚوٚس : دکسی بطخ۔ سونتس منز کشیرِ ینہٕ وول پھچھن یُس شکار کرنہٕ یوان چھُ۔)

سونتس منز ییلہٕ کشیرِ منز شینہٕ کال سوران چھُ تہٕ ہواوَن منز وُشنۍ گہھہ گرٛایہ مارنہٕ لگان چھُ ، چھ سائبیریا تہٕ باقی علاقو پیٹھہٕ جاناوار یورِ ہیٚوَن یوان۔ خاص طور سٕرن ، تلاوَن تہٕ آبہٕ ڈلن منز وسان تہٕ پھل پھوٚل ٹلن ہیوان۔ اَمی وَجہٕ اٗسی شکاری بندوقو بیترِ ستی یمن شکار کران تہٕ یہ پچھن

اوس چاوٕ تہٕ شوقہٕ سان رنٕنہٕ تہٕ کھینہٕ یوان۔ کیٛوٚس چھُ دراصل ژنداوستایہٕ ہُند لفظ تہٕ امِیُک مطلب گولوک یا کم بار چھُپن۔ اکأشرِ پأٹھٕ چھِ اَتھ چہ پأنژمہٕ لوکچہ اوٚنگجہ کس وَنان، اَتھی معنیس منز) چھُتہٕ تہٕ سی (پالتو لطخس کھوٕتہٕ وار یاہ نیک آسان۔ چونکہ یہٕ چھُ ایرانہٕ پیٹھٕ تہٕ پورواتان لہاذا چھُن پانس ستیٖ اَتیک پرون ناوتہٕ پکھن گنڈِتھ یوراوٕ نمُت تہٕ یہٕ چھُ ہاوان زِ ایرانس ستیٖ کوتاہ پرٕون رِشتہٕ تہٕ رأبطہٕ چھُ کشیٖرِ۔

پاٹھینز : ع امہ پاٹھنہٕ دِل تنبہٕ لوونم
کتہٕ کھوونم ساوینزے

ساوینزگے کأشرِ پأٹھٕ کھُرہ ذأژ ہنز شریف زنان۔ یعنی ساوٕ۔ اَتھ مقابلہٕ گے پاٹھینز عام تہٕ لوکچہ ذأژہنز۔ یعنی یوسہٕ وتہٕ پیٹھٕچھی آسہ۔ پاٹھینز چھِ پتھ لفظہٕ منز درأمُت تہٕ پتھ گے عام جاے یا مأدان۔ اَمے منز چھُ پتھر (گوکچہٕ پتھر، مجہٕ پتھر بیتر) تہٕ۔ کمال چھُ یہٕ پتھ اردو ہندی یس تہٕ ہیتھےٕ یعنی پتھ، سڑک۔ یُس جن پتھ تہٕ راج پتھ ہوٕن ناوٕن منز تہٕ چھُ۔ یوز وَے تہٕ پانی پت، سونی پت، باغپت، ہشن جاین منز تہٕ چھےٚ اَمہ چی اَتھ صورت۔ بروٚنہہ کُن ہے نظر تراوو انگریزی زبأنی منز تہٕ چھ اَتھ یوہے پھور تہٕ یوہے معنی۔ یعنی PATH گوو وَتھ۔ سڑک بیتر۔ یہٕ چھُ زبانن ہنْد پرٕون سرٚو لفظ راشس ہاوان۔
کأشریک یُس شار ہیٚر کنہٕ درج چھُ کرنہٕ آمُت اَتھ منز تہٕ چھُ وَنن

وول یوہ ہے شرمندٕ ہیوٗ گژھتھ باوان زِ کرِ کیا اَمہ عام نازنینہ دِژٕم دِلس

کھٕچھ یِتہٕ چارٕے رٕوٗدم نہ کینٛہہ نتہٕ پیتہٕ ساوٕ ہنہ لشہ دِلُک نیب ژھانڈان۔

ٹھوٗر : ۶ فقرٕ چھے دوزخس وُرن ٹھوٗرو

(اَنٛدٕ ریوٗش)

کاشُر زبانی ہنٛزٕ دولت مندی ہنز اکھ دلیل چھ یہ تہٕ زِ اَتھ منز چھُ ہیوٗ نے ہیوٗ نے چیزن متعلق تہندِ کاڑٕ، جسامتہٕ بلکہ رنگہ حسابہ الگ الگ لفظ۔ کشیرِ ہندِس پاتھلِس منز یِم تھزر چھے، تِمن چھُ بیوٗن ناو تہٕ پننہٕ حسابہ تہنز کانٛہہ الگ خصوصیت نٕراونہٕ باپتھ۔ اَسہ چھ یینہٕ پربت تہٕ (ہارِ پربت) تہٕ سنگر تہٕ (کرالہِ سنگر، سنگرِ وٕنی بییتر) ٹینگ تہٕ (شاہِ ٹینگ۔ سلیمان ٹینگ۔ آلسی ٹینگ بییتر) اَمہ علاوٕ لبُر۔ لامن، چھمب۔ وُڈر بییتر یِمن منز تھزرُک کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ حساب چھُ۔ ٹھوٗر تہٕ چھُ یِتھے اکھ لفظ۔ ٹھوٗر گو لوکٹ بال ہیوٗ تھزر، یُس الگ آسہ تہٕ کُنہ بالہِ ہالکہ ہُند حِصہٕ تہٕ۔ اَسی ہیکوٗ نہٕ سلیمان ٹینگس ٹھوٗر وٕنتھ تہٕ کیازِ یہ چھُ زبرٕوٗن سِلسِلُک اکھ کوٗر۔ بادامی باغس دِچھنہٕ کنہٕ یہٕ تہٕ گُجی چھ اکھ کٹھ یعنی اِنسانی اَتھو بنوومُت ژھپین باسان) ٹھوٗر چھُ بالکل بدوٗن آسان۔ مثلاً شوپیینس لبشہ لہن ٹھوٗر — یُس مرازس منز تبوٕت لون چھُ زِ ہوائی جہاز پیٹھٕ تہٕ چھُ صاف بوزنہٕ یوان۔ نُندٕ ریٛشی سندِس مصرعس منز تہٕ چھُ اَچھ الگ باگنے ہُند احساس گژھان تہٕ یَیلہِ یہ مینٛژ ٹھوٗر جہنمس وُرنہٕ ییہ سیٛزٕے کنتھ چھ زِ تتھ گژھ ناپہٕ جم جم ووتہٕ ہیوٗ۔

## شنگل : انگریزی SHINGLE

یہ چھُ تیتھ انگریزی لفظ یُس کنُوہمہِ صدی میلادی منز انگریزو تمہ وِزہ پانس ستی اوٚن ییلہِ پنجاب نٕ زینہٕ تہٕ کشیر گولاب سنگھس کِنہٕ یِتہٕ تمن کشیرِ منز آوٚن جاوٚن لوٗگ اَخنٕے ہیوٗ تکھ یِیِتہٕ لسُن بسُن تہٕ یِییہٕ اُسی یاتہٕ بُرزہٕ پیش آسان نتہٕ ژھیٚیہِ پٔش ۔ تمن اُس نہٕ تمن ستی برابری ، تہٕ تموہیوٚت رام منشی باغ ، شیخہ باغ جاین ، یِیِتہٕ تہندی گوڈنکی بنگلہٕ شیرتہٕ آیہ ۔ شنگلہِ پٔش دِیُن ـــ شنگل گے انگریزی ڈکشنری موجب تم ہچہ ٹکرٕ ، یم ہموار تہٕ مربع چالہِ آسن ۔ یم چھ اَز تہٕ سرینگرٕ تہٕ کشیرِ ہنٛدین گامن قصبن منزٕ رتین مکانن دِکھ ۔ یم اُسی نہٕ وُنکہ اندر وسنہ دِوان ۔ اَخنٕے اُسی پٔشلی تہٕ آسان تہٕ شین اوس یاتہٕ رکنہٕ پانٕے لوٚن لاینہٕ پوان نتہٕ وٚوج بٔنتھ نیبری کنی لوٚن ہاتان ۔ یہ بنیوو وُہمہِ صدی منز دولت مندی تہٕ فیشن پسندی ہُند نشانہٕ تہٕ توٚے اوس امیرن وزیرن ہنزن لرن پیٹھٕ لوزہٕ پوان ۔ اَخنٕے ہاوس بوٹن ہنٛدین حسن تہٕ ـــ مگر پتہٕ پہن ییلہِ ٹینہٕ پٔش تہٕ آو کنکریٹ چھت عام گے سنگل ہیُنٛن کم گژھنی ۔ ٹکرِ ہُند دژوگ آسُن تہٕ گوامچہ کمی ہُند اکھ وجہ ۔

## وُترٕ بنیٚل : (یُس زلزلہٕ شمال کہ اندٕ ییہ)

کاشری پاٹھٕ چھُ وُترٕ بنیُل اکھ محاورٕ ۔ وُترٕ بنیُل یُن ، یعنی سخ زلزلہٕ گژھُن ، زبردست حرکت سپدٕنی ۔ بنیادی طور چھُ یہ کشیر ہنٛد اکہ جغرافیائی

پٔزٕرٕک اِظہار۔ بیٚیہٕ چھ زمیٖنہٕ چہ FAULT LINES زیادٕ پہن شمالہٕ کُن۔
چنانچہ اَمی اندٕ چھ تباہ کُن بُنیلی یوان یمن منٛز 2005 ہُک سُہ خونین
بُنیُل تہٕ چھُ، یتھ منٛز قریب قریب اَکھ لچھ لُکھ موٗدی۔ مظفر آباد تہٕ
بالاکوٹس ہیوٚن شہرن سیٖدٕ سیمہٕ سوٗتۍ۔ اَمہٕ برونٛہہ تہٕ چھُ لتاریخ کشیر
منٛز ڈاس کرٕ ونہن بُنیلن ہندٕ تذکرٕ ہیتو ئژنتھ ـــــ ووتُر چھُ ہندیُک
اُتر تہٕ گو شمال یتھ کنٛی دکن یعنی جنوب کاشرِ پاٹھی ڈیچُن گو۔ کھوور
(شمال) چھُ اڈ برس تہٕ ترٕ ہستی ہم آہنگ مگر ڈیچھن تا پیٚس تہٕ وُشنیرس
ہستی۔ کاشر ترکیب چھ کاشر باخبری ہنز پارے دوان۔



پننہٕ نِس محترم دوست

خواجہ محمد یوٗسف ٹینگؔ صاۓبس

نہایت احترامہٕ سان نذرانہٕ

یِمو بہٕ پٔتھرٕ پیٹھٕ تھوٚد ٹُلُس

تہٕ پکُنُک حوصلہٕ دیُتہَم

پروفیسر شفیع شوق ....................

13-6-2005



Mohammad Yusuf Taing is one of the outstanding pioneers of the modem literary renaissance in Kashmir that began with Mehjoor and Azad. Stalwarts like Nadim and Rahi. represent this renaissance on the poetic side. Mohammad Yusuf-Taing represents this almost single handedly, on the critical side. It is not that the criticism received less attention, a host of writers is still seriously engaged in the critical task, but Mohammad Yusuf Taing looms large on this horizon than that of every one else after Azad.

Considering the seminal importance of criticism in generating an intellectual and aesthetic atmosphere conducive to the genuine creative literature, the significance of Taing's accomplishes needs hardly be over emphasized.

Taing's achievement is not confined to pursue literary criticism, but includes his original and authoritative research on aspects of Kashmir's history, culture and language. Kashir Kitab offers a panorama of Taing's multi-coloured, scholarly, work.

Prof. Ghulam Rasool Malik